# نثرٕچ کِتاب

ترتیب کار

ڈاکٹر رتن لال شانت



# نٔثرٕچ کِتاب

ترتیب کار

ڈاکٹر رتن لال شانت

کأشُر ڈِپارٹمَنٹ، کشمیر یوٗنِوَرسِٹی، سرینگر

# عرضِ ناشر

کأشرِ نثرُک تواریخ یوٚدوَے واریاہ موٗختصر چھُ تہٕ کأشرِ نثر اگرچہ اِزتام تہٕ بیشتر تألیمی اِدارن منز پرنہٕ پاٹھی پرناونہٕ خأطرٕ ورتاونہٕ چھُنہٕ آمُت، توتہٕ رُود یہ پھبان تہٕ ارتقا پراوان۔ وونی چھُ کأشرس منز افسانو، ناولو تہٕ ایسے ہوٚ علاوٕ باقے عٔلمی مضموٗنن متلق تہٕ واریاہ نثری سرمایہ موجوٗد۔ سائنس، سیاسیتھ، سماجیاتھ، سفرنامہٕ، ترجمہٕ بیترِ چھِ کأشرس منز مسلسل لیکھنہٕ یوان۔ یہ چھُ کأشرِ زبأنی ہندِ زِندٕ آسنُک تہٕ امہٕ کِہ باوُژبلُک ٹاکارٕ ثبوٗت۔ کأشرِ نثرِچ یہ سوٚمبرن یوٚدوَے نصأبی مقصد نظرِ تل تھأوِتھ تیار کرنہٕ چھےٚ آمٕژ مگر یہ ہیکہِ پرٚن والیس کأشرِ نثرِچہ رنگ لبنہٕ گیہِ ہنز تہٕ ژینہٕ وُن دِتھ۔ اتھ منز چھِ کأشرس نثرس منز موجوٗد الہ پلہ سارنٕے ذأژن ہندی نموٗنہٕ شأمل۔

طألبہٕ عٔلمن ہندِ خأطرٕ چھےٚ پرتھ تخلیقہٕ برونٹھ اکھ زان دِنہٕ آمٕژ تہٕ تخلیقہٕ پتہٕ اکھ پوٚت سام۔ ووٚمید چھےٚ زِ بی اے کلاسن منز روزِ یمہٕ کتابہٕ ہُند مطالعہٕ 'نوشارٕ سوٚمبرن' ناوچہِ کتابہٕ ہِندِس مطالس ستی ستی طألبہٕ عٔلمن ہندِ بأپتھ سیٹھاہ مُفید یتھ تمہٕ کأشرِ ادبُک سنجید مطالعہٕ کرنہٕ خأطرٕ تیار سپدن۔

یقین چھُ یہ وُنی ضروٗرٕ ژی باسان زِ کأشرِ نثرِچ یہ سوٚمبرن چھِنہٕ سارنٕے کأشرین نثر نگارن نمایندگی دِنہٕ خأطرٕ بناونہٕ آمٕژ۔ نصأبی ضروٗرژ مطأبق یوٚواسہٕ ترتیب کارٕ ہندِ ترتیب دِنہٕ آمٕژ مواد منز تہٕ کینہہ حصہٕ ترٚاوُن۔ خیال چھُ زِ سوٚمبرنہٕ منزٕ ہرلومُت حصہ تہٕ بیہ ضروٗرتہٕ وِزِ شایع کرنہٕ۔

کتابہٕ اندس پیٹھ چھُ کأشرین صدأوی آوازن ہنزن علامژن ہُند اکھ ضروٗرٕ ژی جدول تہٕ دِنہٕ آمُت۔

رحمان راہی

# ترتیب

ڈاکٹر رتن لال شانت



# سَرنامہ

## ۱۔ نثر

### کتھ باتھ

نثر چھُ مولہِ عربی لفظ۔ لوغوی مانہِ چھُس جادِ بولُن یا چھکراوُن۔ اَسی ہیکو وَنتھ کتھ چھکراونہِ۔ انگریزی زبانی منز چھِ اتھ پروز وَنان تہٕ مانہِ چھُس بے وایہِ سیدِ سیوٚد کتھ باتھ۔ انگریزو چھُ یہ لفظ لاطینی زبانی ہندِ پروزا PROSA یا پرُورسا اریشیو PROVERSA ORATIO نِشہِ نیوٚمُت۔ تتہٕ چھُ اتھ مانہِ ـــــ سیدِ سیوٚد گُفتگو یا کتھ باتھ یا لو کُٹ تقریر۔ سنسکرتس اندر یمہِ نِشہِ یہ لفظ ہِندی تہٕ بیٚیہِ وارِیہو ہِندُستانی زبانو نیوٚمُت چھُ، چھِ نثرس گدٕیہ गद्य ونان۔ یہ لفظ چھُ گد مصدرِ منز درامُت۔ گد گو ولوبُن تہٕ گدٕیہ گو وِیہ بولنہِ یِیہ۔ یمِو دوٚیو تریٚیو تارِیفو تلہِ چھُ اَسہِ نَنان زِ نثر چھُ سارنِے زبانن اندر تقریبن کُنے مانے تھوان۔ یلہِ نثر گو وکتھ باتھ یا گُفتگو یا تقریر کَنہِ زبانی اندر قلم بند کرُن۔

### نثر تہٕ نظم: فطری مخالف

نثرچ فطرت سمجنہِ خاطرِ چھِ اَسہِ نظم تہٕ سمجنچ ضوٚروٚرتھ۔ نظم چھِ اکھ نظام اکھ رابطہ تہٕ ضبط منگان۔ نثر چھُ امہِ مقابلہ آزاد کتھ باتھِ ہیٚنٛدِ مینی آسان تہٕ یتھہِ کنہٕ نظم مو سیقی لارہیکہ آسِتھ تہٕ تمہٕ کنہٕ جُملہِ بندی تہٕ ردیف

قافیہٕ کین بندی شن اندر گنڈنہٕ بییہٕ تتھے کنہٕ چھینہٕ نثر کنہٕ بند۔ یہٕ چھُ تقریبن کتھ باتھ ہندی پاٹھی جملن کانہہ تہٕ زیچھر
دِنس موختار، تقریرکی پاٹھی کُنہٕ تہٕ لفظس یا لفظہٕ ترومبرِ پیٹھ زور دِنس مجاز، کُنہٕ جایہٕ تہٕ ٹھک دِنہٕ خاطرٕ آزاد۔

## نٔیلہٕ گی نہٕ گنڈ

مگر نثرٕ ہیکہٕ نہٕ کتھ باتھ ہنز بے راہ رَوی پانہٕ ناوتھ سأنی کتھ باتھ ہیکہٕ لوکٹین جملن، شورٕ وکری متین
جملن، اَتی زوردار لفظن تہٕ اَتی نیم زندٕ محاورن پیٹھ مشتمل آستھ۔ یہٕ آسی لولان چھ تہٕ نہٕ چھُ نثر تہٕ نہٕ نظم آسان۔
جدید نظم گأرتاہ کھنڈ پھٹ تہٕ چھکرنہٕ آمژ ہش یی تن بوزنہٕ مگر تو تہٕ چھُ تستھ ینٕ نظام آسان تہٕ تو تہٕ ہیکہٕ نہٕ سو کتھ باتھ
ہش آستھ۔ تہٕ کرتھ تہٕ چھُ نثر کتھ باتھ نزدیک آسان تہٕ کتھ باتھ ہند سبزرتہٕ شوزر چھُ نثرس مأری موند بناوان۔
باضے چھُ نثرس اندر نظمہٕ ہنز ہش موسیقی تہٕ موجود آسان یوسہٕ تتھ خوبصورتھ بناوان چھیہٕ۔ یتھٕ کنہٕ ہیکوا اسی ونتھ
زِ نثر چھُ کتھ باتھ تہٕ تیوتے نزدیک آسان یوتاہ نظمہٕ مگر اتھ اندر نہٕ چھِ کتھ باتھ ہنز ہش یلگی تہٕ نہٕ نظمہٕ ہند اندرونی
یا بیرونی نظام۔

## زباأنی ہندینٕ سمژار

"انسائیکلوپیڈیا برٹینکایہٕ" مطابق چھُ نثرٕ کی عام تأریف یہٕ زِ نثر کتھ باتھ سیتھہٕ نہٕ نظمہٕ ہندین ضابطن
ہُند ضرورتھ بییہٕ گو ونثر۔ امہٕ ستہٕ تہٕ ونس تأنی ہیرکنہٕ ورٕ ہٕھنے کرنہٕ ستہٕ چھ اکے کتھ واضح گژھان، سو گیہٕ زِ یہٕ
نہٕ نظم چھُ تہٕ آسہٕ نثر۔ ووذی گو ونظمہٕ تہٕ نثرس چھنہٕ سخ حدبندی زانہہ آسمژ۔ تہٕ از کل چھ کیم اکھ اکس سیٹھاہ نکھہ
آمتی۔ تہٕ کرتھ تہٕ چھ کیم بیون منظوم نثر یا شاعرانہٕ نثر تہٕ نثری نظم چھیہٕ زِ الگ صنفہٕ ادبس اندر ماننہٕ یوان۔
اتھ اندر گژھِ تجربہ بطور اکھ واقعہٕ یا منطق موجود آسُن۔ یہٕ تجربہ گژھِ سیدٕ سیود تہٕ صحی پاٹھی باونہٕ آمُن آمت
تہٕ اتھ گژھ خیالس زباأنی لفظہٕ ورتاوس اندر سمژار تہٕ وزن تہٕ اگرے پلہٕ تہٕ ترنم تہٕ آسُن۔ تیتھ ہیو ترنم (لے)
نہٕ یُس یکدم پرزناوتھ ہیکون تہٕ بحرن گنڈتھ ہیکون۔ گرٕ کمر گژھ ہس صحی آسُن۔ سنجید کتھ گژھ سہل و نتین
اندر تہٕ لوتہٕ واے کتھ سنجیدہٕ ونتین منزٕ وَنمژ آسنی مزاح تہٕ طنز چھُ نثرس (EXPRESSIONS)

شوٗبہٕ راوان۔

## ادبی نثرٕچہ قسمہٕ

نثری صنفن اندر چھ یِم کُنہٕ ژٕ رٕنہٕ یِوان

**ڈرامہ:** مکالمن پیٹھ مُشتمل کتھ یتھ اندر انسانی کردار ہاوٕنہٕ ییہٕ تہٕ دماغہٕ اندرِم تہٕ جسمہٕ نیٚبرِم انفرادی یا جماعتی کشمکش ہاوُن ییمیُک مقصد آسہٕ۔ یہٕ ہیٚکہٕ آسِتھ اوٚک اوٚنگ (یتھ اندر جایہٕ تہٕ کالہٕ حسابہٕ اکاے اکاے نہٕ آمرٕژ آسہٕ)۔ ژوٚ اوٚنگ تہٕ اوٚنگ بیترٕ یُس نہٕ اوٚک اوٚنگ آسہٕ تہٕ اکہٕ کھوتہٕ جایہٕ تہٕ کالہٕ اندر واہرٕ اوتھ آسہٕ) ریڈیو ڈرامہ (یُس صرف آوازِ پیٹھ مبنی آسہٕ تہٕ امہٕ کی تیٚلہٕ تراوتہٕ ہشران ہشرٕ ذرِیہ۔ سٹیج ڈرامہ یچ ہش رنگارنگی پیش کرِ) (مونو) اوٚک ڈرامہ (اکوے کردار آکی سے یا امہٕ کھوتہٕ زیادٕ انسانن ہُند رول کرِتھ ہاوِ) مانولاگ (اوٚک بوش (اکوے کردار صرف آوازِ ہُندِ بدلہٕ ستی اکی سُند یا اکہٕ کھوتہٕ زیادٕ کردارن ہُند رول کرِ) اوپیرا (یتھ ڈراماہس اندر مکالمہٕ نہٕ صرف منظوم آسن بلکہ شاعرانہٕ آسن تہٕ ڈراما کانہہ شاعرانہٕ کیفیتھ پادٕ کرِ)۔

**افسانہٕ** ۔ زندگی ہُند اکھ واقہٕ، اکھ تصویر، اکھ لوٚکھ آکس یا اکہٕ کھوتہٕ زیادٕ کردارن ہنز دماغہٕ اندرِم یا نیٚبرِم کیفیژ پیٹھ مبنی بیان یا صرف مکالمہٕ یا دوشوے چھ افسانس زنم دِوان۔ افسانہٕ ہیٚکہٕ سیٹھاہ زیوٗٹھ یا سیٹھاہ ژھوٚٹ تہٕ آسِتھ۔

**ناول** ۔ زندگی ہُند اکھ یا اکہٕ زیادٕ واقہٕ اکھ یا اکہٕ زیادٕ تصویرٕ یمن اندر عام پأٹھۍ اکہٕ زیادٕ کردار آسن تہٕ کانہہ تہٕ انسانی کیفیتھ ورٕژھ ناون گیہٕ ناول۔ ناولہٕ ہُند پلاٹ چھُ افسانہٕ کہِ کھنواس کھوتہٕ وسیع آسان۔

**خاکہٕ:** یہٕ چھُ صرف کانہہ کردار یا واقہٕ پیش کران تہٕ تمچہٕ ساری نیٚبرِم تہٕ اندرِم حدٕ ژھوٚرٕ رٕ آوتھ صرف اکھ لوکُٹ دأیرِ پیش کران۔ عام پأٹھۍ چھُ یہٕ افسانس تہٕ ایسےہس منز باگ تھونہٕ یِوان۔ خاکس نہٕ چھیہٕ افسانچ بندش آسان تہٕ نہٕ ایسے ہچ ہش آزادی۔

**ایسے:** ۔ کُنہ تہٕ من مأفق موضوعس پیٹھ منہٕ موٗن زبأنی اندر کھُلہٕ ڈُلہٕ بیان یتھ اندر سنجیدٕ یا لوتہٕ دٲے

مضموٗن تہٕ تُلنہٕ ین۔ شرط چھُ زِ لکھٲرۍ گژھِ تمن ستۍ مُنکِ رشتہٕ واٹھِتھ ہیکُن تہٕ تمن خوشِک واقعہٕ بیٲنی بنہٕ
نِشہٕ بچاوُن۔

رپورتاج۔ کُنہٕ موٗہشوٗر یا موٗموٗلی واقعُک اخبٲری آیہٕ رپوٹ یُس اخبٲری نثرکہٕ بلے لاگ تہٕ رنیارہٕ
نِشہٕ بچیتھ آسہ تہٕ افسانہٕ یا ڈرامہُک ہیوٗ ادبی حُسن تھاوان آسہ۔

سَفرنامہٕ۔ کُنہٕ بڈٕ یا لوکٕٹہٕ سفرُک حال۔ رپورتاجکۍ پٲٹھۍ چھُس شرط یی زِ افسانہٕ یا ڈرامہکۍ پٲٹھۍ گژھ اتھ
اندر منظر نگٲری تہٕ کردار کشی کرنہٕ ینی۔

سُمرُن۔ سُمرن گوو یاد نامہٕ۔ کانٛسہٕ زٲنۍ متس مٲنۍ متس شخصس مُتلق پننہٕ نین ذٲتی تجربن تہٕ تس
شخصس ستۍ سپدۍ متین مُلاقاتن پیٹھ مبنی افسانہٕ نُما کتھ باتھ گےٚ سُمرُن۔

اوَحال نامہٕ۔ کانٛسہٕ موٗہشوٗر یا اہم شخصیژ ہنز زندگی ہُند اکھ یا اکہٕ زیادٕ واقعہٕ یا کُلہم زندگی ہندۍ حالاتھ
ٲلیس بیٲنی اندازس اندر لیکھنۍ۔

ذاتھ نامہٕ۔ پننہٕ زندگی مُتلق پانہٕ لیکھُن۔ پننین کامیٲبین ناکٲمین پیٹھ کُنہٕ پس پیشہٕ ورٲے ایترافآر
ترایہٕ اندر لیکھُن۔

تنقید یا ادبی تنقید۔ کُنہٕ ادبی تخلیقہٕ ہندۍ گون تہٕ اگون ژارُن۔ ترجمہٕ۔ موٗلہٕ تخلیقہٕ وفاداری سان
بیٚیس زبٲنی ہُند جامہٕ ولُن یُتھ زِ موٗلہٕ زیوِ ہُند حُسن تہٕ روزِ موٗجوٗد تہٕ بیمہٕ زبٲنی ہُند طاقتھ تہٕ بیہٕ استیمال
کرنہٕ۔

یمو باہو صنفو منز چھِ واریاہ بییہٕ تہٕ لنجہ دراممژ۔ یہُند شجرہ ہیکو آسی یتھ کنۍ لیکھِتھ۔




## ب۔ کأشرِ نثرٕچ توأریخی سام

کأشُر زبان :۔ کُنہِ تہٕ ادبُک توأریخ جان پأٹھی پرنہٕ تہٕ سمجنہٕ خأطرٕ چھےٚ ضروٗری زِ تتھ کرِو یاتہٕ زمانہٕ لحاظِ یا تہٕ اَدیبن تہٕ ادبچہٕ نہجہٕ مُطابق حصہٕ باگے۔ زندگی چھےٚ بدلان۔ اتھ مُتاثر کرن وألی سمأجی تہٕ سیأسی حالاتھ چھِ بدلان۔ اگرے اَسی تنہٕ پیٹھٕ چہٕ کشیرِ پیٹھٕ نظر تراوٕ وینہٕ کأشُر زبان لُکن ہنز روزانہٕ کتھِ باتھ وِسلس آیہٕ اَسی وُچھو زِ ییتکی سیاستن تہٕ سماجن دِتی بٔڈی ڈُلگنی۔ بالن پیٹھٕ روزوٕنی ناگ تہٕ مأدأنی علاقن لبنہٕ آمتی آریہ، درِد، پشاچ، یہوٗدی، یوٗنأنی وغأرٕ رٲوٚدی خبر کتیس کالس پننہ الگ زبانٕ ورتاوان۔ آرین ہنز کلچرل برتری ہُند نتیجہٕ دراو یہٕ زِ ویدِ زبان بنےٚ یہٕ ادبی زبان مگر یہ گیہٕ تمہٕ زبانٕ نش دوٗر یوسہٕ گنگہٕ بٹھن پیٹھ روزن والین آرین ہندِ دٔسی استعمال سپدان اَس۔ ییٚتہٕ چہٕ زبانٕ کوٚر مقأمی تہذیبی کلچرل تہٕ جغرافیأیی اثر

قوٚلوٚل تہٕ پتہٕ کینژن صدی ین اندر رٹ اکِی پراکرتن[۵] بدل شکل۔ وق بدلیو۔ وادی یِژھاہ ہیٚنِدی مذہب
فکرِ تہٕ سونچ گنڈٕ آس ترٛژھے بنے پہٕ بود دریچ تہٕ فکرِ چ مرکز۔ لوکہٕ زبانٛۍ اندر پرچار کرنس پیٹھ زور دنہٕ کہ
بوٚد مقصد کنہ آسہِ ییٚتہٕ پالی تہٕ پھہلاوُنہٕ آمژ۔ بوٚد زن امہٕ نوِ زبانٛۍ ہُنٛد اگر مشرقی ہیٚندستان اوس)۔ خارٕ
ییٚتہٕ پراکرت آسہٕ امہٕ نوِ بود زبانٛۍ ستی بیٚیہٕ ہنا بدلے مژ۔ ستی مہٕ اِٹھمہٕ صدی عیسوی تانی ہیٚتژن اتھ پراکرتس
(سیٚھ کینہہ عالم بیشاچی پراکرت وَنتھ عالمانہٕ سنسکرت زبانٛۍ نش بیوٚن ہاوُن یژھان چھہٕ۔ مگر یہٕ رائے
چھیہٕ صرف اندازس پیٹھ دٔرتھ۔ امہٕ ناوکہٕ پراکرتچ کانہہ الگ کتاب چھنہٕ وُنِس تام حاصل سپدے مژ
صرف چھہٕ پراکرت گرٛیمرن اندر امچہ مثالہٕ یمہٕ کاشرِ کس پرٛانس روٗپس ستی کمے واٹھ تھوان چھیہٕ) ترٛژھے
ہشس وِنن گژھنہٕ یژھہ کاشرِس اندی پکھی چن زبانن مثلن پنجابی، پہاڑی، شرِنا یا درد زبانن گے تہٕ یتھ عالی مو
"اپ برنش" وٚون۔ گوڈنچہ کاشرِ تخلیقہٕ یا تمہٕ سنسکرت تخلیقہٕ یمن اندر کاشرکی آدن نموٗنہٕ میلان چھہٕ
(مثلن بانا سُرکتھا، مہاتے پرکاش) چھہٕ امی وقتکی یا اتھی اپ برنشس اندر لیکھنہٕ آمتی۔

نثرِ چ لکہٕ رلوایتھ :- کاشرِ زبانٛۍ تہٕ کلچرک یہٕ موخصر حوالہٕ چھُ امہٕ خاطرٕ ضروٗری تہٕ کیازِ یہٕ یژ اُسہٕ
ہمیشہٕ نظرِ تل تھوٗن زِ اَتھی وقتس زایہٕ پراکرِت تہٕ اپ برنشہ چہ تمہٕ ادبی رلوایژ یمہٕ پتہٕ کاشرِ شاعری یہٕ ژرہ داہمہٕ
صدی اندر موٗجوٗد تھو۔ اَتھی وقتس آسہٕ ہن تمہٕ لکہٕ رلوایژ تہٕ چلے مژ یمہٕ شاعری کھوتہٕ زیادٕ نثرس اندر
پژ تھان چھیہٕ۔ ادبی نثرس نہٕ بٔلکہ داستانن لکہٕ کتھن، محاورن، اپرژن تہٕ روزانہٕ کتھہٕ باتھہٕ ہندس نظمہٕ
انہارٕکی نثرس اندر۔ کاشرِ شاعری ہُنٛد تواریخ چھہٕ اُسی اتھن شوٗروٗ کران، مگر نثرک نہٕ حالانکہٕ شارہٕ برٛونٛٹھ
چھُ کُنہ قومس اندر کتھہٕ باتھہٕ ہنٛد لفظن ہنز تُلہٕ ترا وِہُنٛد اکھ واضح رنگ تیٚقہٕ گژھان۔ مگر شار چھُ ردیف
قافیس گنڈِتھ آسنہٕ کنی یادٕ وَترس ستی سہل پاٹھی نِتھی گژھان تہٕ تاحرپر ورآے تہٕ موٗجوٗد روزان۔ نثر چھُ
تاحریرس تابع تہٕ نثرک لُیس روٗپ (یا نے لکہٕ کتھہٕ بتیر) یادٕ وَترس ستی نِتھی گژھہ ہے تہٕ موٗجوٗد روزِ ہے

---

[۵] پراکرت: لفظی مانے لکہٕ زبان

سُہ چھُ یتھ پٔنٕن قدیم توأریخی رۄپ خاص زُرھ رتھ ہیکان۔ سُہ چھُ وٕنٕن وألۍ کتھ گرِ، داستان گو ویدلنس ستۍ ستۍ جُملہٕ گنڈلفظ وۄترِتہٕ ونن اسلوب یُس قدیمہ بدلان روزان تہٕ از تہ اُزی تھ مُت تازٕ تہٕ جدید ہیو آسان یُتھ از بروٚنٹھ ساس وری تمہٕ وقتہٕ حسابہٕ تازٕ تہٕ جدید آسہ ہے۔ یہ چھُ پٔنٕن سونُے توأریخی رۄپ سرِچھِ کرِ یژھکی پأٹھی دِنہٕ تراوان۔ گِنہٕ تہٕ ادبی صنفہٕ کر توأریخہٕ خأطرچھُ تمیک پرٛون لفظی توأریخ زانُن ضۄروری لفظک پرٛون رۄپ زانُن ضۄروری، سُہ چھُ لگہٕ کتھ اندرمسخ گومُت آسان۔

**کالہٕ باگے:۔** کأشرِ نٔثرک توأریخ ورٛتھ ناونہٕ خأطرٕ ییٚگ راوٕ وأسہ یہ ژٔر ون حصن منز۔

زلۆن کال (سنہٕ ۱۸۰۰ ہتس تام)

وۄتلن کال (سنہٕ ۱۸۰۰ پیٹھ ۱۹۰۰ ہتس تام)

پرٛہھن کال (سنہٕ ۱۹۰۰ پیٹھہٕ ۱۹۴۷ ہس تام)

پلوٚٹھن کال (سنہٕ ۱۹۴۷ پیٹھہٕ از تام)

عام پأٹھی چھُ شُمأیی ہیوٚندستان چن زبانن ہندِ نٔثرک توأریخ یتھے یاگن اندر باگرنہٕ یوان۔ صرف چھیہٕ اکھ فرق۔ ۱۹۴۷ سنہٕ پتہٕ یتھ کُنۍ کأشرِ نٔثر پوشھوپچ مثال چھیہٕ کمیہٕ ہٕن میلان۔ یہ باگے چھ ونیٹھ یوٚٹھ۔ یہ چھنہٕ سخ حدبندی۔ سنہٕ تہٕ وٕری ہنز یہاے حدبندی کیاز کرو، اتھ پیٹھ چھُ بروٚنہہ کُن تفصیلہ سان لیکھنہٕ آمُت۔

زلۆن کال:۔ کأشرِ شأیری ہندِس زلۆن کالس (ریانے ڈیٚہمہ پیٹھہٕ ژٕداہمہ صدی تانۍ) کیاہ شکل آسہ ہے کأشرِس نٔثرس یہ وٕنٕن چھُ مشکل۔ اتھ متعلق چھُ صرف قیاس آرأیی کرنہٕ یوان۔ ووٚن گو ویہ ہیٚکو وٕنِتھ زِ نٔثر چھِ رلوأیژ آسہٕ امہٕ وقتہٕ بروٚنٹھُے وۄتلان یوٚدوزن تہٕنز زبان کأشر آسن نہٕ۔ تکیاز تمہٕ وِزِ اوسنہٕ کأشر بطورِ زبان کُنی ییہٕمہٕ کتھہ ہِندی کینہہ توٚلوت چھُ میلان زِبود عالم ناگ سین آسن۔ ۲ صدی م ب (آسِنس بروٚنٹھ) ہس منز موشہور یوٚنأنی بادشاہ میننڈرس MEANENDER ستۍ لود مسلن پیٹھ بحث کرِتھ اکھ سوال جواب

کتاب لیچھ مژ۔ اتھ اوس "بٕلند بہنؔ" बड्डकहा ناو۔ یہ آسہٕ ہے پالی یا پراکرتس منز۔ اَکہِ مہٕ دوٚیمہِ صدی عیسوی
یَس منزٕ رے اوس گُناڈھیہ ناوٕک کاشُر داستان گو۔ یہ اوس آزٕ کس آڑلیہٕ کِس موشُور ساتوٕاہن خاندانہٕ کس بادشاہ
ہالس نِش بحثیتِ دربارٕ ادیب یا دربارٕ گو نہٕ ماتھ۔ تمۍ لیچھ تمہِ وقتہٕ کس مُروجہِ کاشرِس پراکرتس (جان وَنُن
گو وکشیرِ ہندس پراکرتس) اندر برہت کتھا ناوِچ داستان[۱]۔ وشنو شرماہن لیوکھ پنچ تنتر سنسکرت پاٹھۍ نوٚی مہٕ
دٔہمہِ صدی اندر۔ تہٕ اوس گُناڈھیہ تہٕ کیشمیندر سندی پاٹھۍ کاشُر۔ یتھہٕ کنۍ چھ اَسۍ صاف وُچھان زِ اکا ے
حقیقتھ چھِ ماننہٕ لایق۔ سو گیٔ یہِ زِ نثرس اندر افسانہٕ گوئی ہنز رلوٚ ایتھہ یتھہ کنۍ کشیرِ اندر چلان آس۔ تیتھہٕ کنۍ آسنہٕ
یہٕ دُرستس ایشاہس اندر گُنہ جایہٕ تہٕ۔ تمہِ وقتچہٕ بجہ دلیلہٕ مثلن سنسکرتس اندر رامائن، مہابھارت یا یونانی
لس اندر اوڈیسی تہٕ ایلیڈ آیہٕ منظوم شارن اندر لیکھنہٕ۔ عربی چہ الف لالہٕ ہنز داستانہٕ دپان برہت کتھامنجری
تہٕ پنچ تنترچہِ کتھے چھیہٕ شکل بدلاوِتھ۔ خارامہِ کتھ ستۍ چھُہ نہٕ یہِ ثابت گژھان زِ برہت کتھا کیا آس "پراکرتس
کاشرِس" اندر یا کاشرِس پراکرتس اندر لیکھنہٕ آمژ "بٕلند بہنہٕ"۔ کتابہٕ ہنز تہٕ چھیہٕ یہا ے کتھ۔ مسیحس بروٚنٹھ یا
مسیحس پتےٚ یانے ازٕ بروٚنٹھ قریب زِ ساس وَری چھُ یمِن دوٚن کتابن ہندِ تخلیق سپدنُک پے میلان۔
بہرحال چھیہٕ یمہِ کتابہٕ تمہِ وقتہٕ کس پراکرتس اندر۔ تیتھ پراکرتس اندر آسن ببیہٕ تہٕ وار یاہ کتابہٕ لیکھنہٕ آمژٕ۔

---

ل ملنے:۔ بوٚمبر پرژھش۔ یانے بوٚمبر چھُ گِن گِن لاگان نہٕ تیتھے کنۍ چھِ اُتھ اندر سوالن ہیٚنٹھ سوال۔ یا ماچھ مینڈرس
سنسکرت کرِتھ بٕلند وننہٕ آمُت۔ بہنہٕ لفظ چھُ کُنہٕ تہٕ شکہِ ورٲے پراکرت۔ یہٕ چھُ سنسکرت پرشن لفظس بنوومُت۔
اپرچ بناوٹ چھیہٕ یتھ کنۍ۔

پرشن > پیشن بہن > بہنہ

[۱] اتھ پراکرتس چھِ کیہہ ونان پیشاچی پراکرت تکیازِ وارہن عظیم انسان ہندی پاٹھۍ گیہ گُناڈھیس ستۍ تہٕ دلیوما لاکیتھ ادیزان۔
دوٚ نکھٕ ٹسہ اوس مو ردن ہنز وادی جو ستۍ چمرس پیٹھ لیکھان یہ بوٚزِتھ ژھُن بادشاہن کڈِتھ۔ مگر پنٕن تصنیف کانسہِ بوزناوِتھ
پتہٕ نارس اندر زالنۍ کہٕ اراد۔ ہیوٚتھ اکھ اکھ داستان پرنہٕ تہٕ ژاٹن بوزناونہٕ۔ کیتھن ہنز دلفریبی تہٕ خوبصورتی ہنز نتیجہ واتژ
راژس۔ تمۍ ژاپٕ تہٕ ژی مگر صرف ہیوٚکُن تمہِ وزِ امیک اکھ سیٹھاہ لوکُٹ حصہ بچاوِتھ۔ یتھ پتہٕ سنسکرتس اندر کشیمیندرن
ترجمہٕ کورمُت۔ موٗل چھُنہٕ کُنی۔ کشیمیندر چھُ اتھ "برہت کتھا منجری" یہ ترجمہٕ ونان۔ گُناڈھیہ سند ذکر کران۔

یُہُند جاپہِ تخلیق کشیٖر آسہٕ تہٕ یہِندی خاۄق کاشُر آسن۔ زبانِ ہُند توارٖیخ یا ارتقا وُچھتھ چھُ یہ سیٹھاہ غارٕ موٗلی زِ دوٚیمہٕ ترٕیمہِ صدی عیسوی ہس اندر یُس پراکرت کشیٖرِ اندر اوس تہٕ یتھ اندر ریٖیتہٕ کیٖنژھا لیکھنہٕ آو سُہ کیا چھُ کاشرِ زبانِ ستی کانٛہہ تولُق تھوان۔ زبان دانی مطابق گےٚ اَمہِ پتہٕ ستھ اَٹھ شتھ وری ییٚلہِ ہیٚوندستانی برٕصغیٖرس اندر پھٲلِتھ پراکرت بانٛہِ ہیٚتھ یتھ زِ تمن بنیٚ یہ اپ برنش تہٕ ادِ دراپہٕ دٲہِمہِ ہٲہِمہِ صدی اندر اپ برنشو منز جدید ہیٚوندستانی زبانٕے[1]۔ پرٛون کاشُر چھُ "باناسر کتھا" یا "مہانیے پرکاشک" کاشُر یمیک وق باہِم ترٛوٲہِم صدی چھُ تہٕ یُس پتہٕ ہتی وہری لل دیدِ تہٕ شیخ نورالدین سُند کاشُر بنیو۔ دوٚیمہِ صدی ہنٛدِس برہت کتھایہ ہندس پراکرتس ستی ہیٚکو نہٕ اتھ واٹھ دِتھ۔

**بڈشاہُن وق: کیٚہنہ اشارٕ:** کیٚہنہ عالِم چھِ آئینِ اکبری تہٕ راج ترنگنی (شری ور) اندر آمتین یمن اشارن زِ یوٗن آسی پیٚتہٕ چہِ (آئینِ اکبری مطابق) تہٕ سانہٕ (شری ورنہٕ ونیہٕ) زبانِ ہندی شاستر پران بدل مانٛے کڈان۔ خبر سانی ونیتھ ما چھُ شری ورن سنسکرتس کُن اشارٕ کران۔ آزاد چھُ قیاس کران زِ سوم پنڈتن لیوکھ زانہٕ چیرت شاید نثرس منز کاشرِ پاٹھی تکیازِ شری ور چھُ تس شاعر بدلہِ فاضل ونان۔ امیک تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ نوسخہٕ دٔسی یاب۔ توارٖیخ دان صوفی چھُ ونان زِ بڈشاہس پتہٕ آیہٕ زِ کتابہٕ کاشرِ پاٹھی نثرس اندر لیکھنہٕ مگر یہِنا کانٛہہ تہٕ نیال چھُنہٕ اتھ آمُت۔

---

[1] یہ کنھ تہٕ چھیہٕ بحث طلبے زِ برہت کتھا کیا آیہٕ کشیٖرِ ہند سیٹھ پراکرتس اندر لیکھنہٕ، تکیازِ دپان مہاراجا آل اوس پانہٕ تہٕ پراکرتس اندر لیکھان تہٕ پراکرت لِکھارٕ گُناڈھیہٕ اوس لیکھن برادری سبب دربارس اندر تھوومُت۔ اکھ پراکرتن ہُند قودرتی بہن بیٖیہ کشیٖر تہٕ اڑلیہٕ ہس منز باگ فاصلہٕ وُچھتھ چھُ یہ نتیجہٕ کڈُن غلط باسان زِ یمہِ زِ پراکرت آسہٕ ہن نزدیک اکھ آکس۔ کشیٖرِ ہُند پراکرت بنیو ۸۰۰ وری پتہٕ باناسر کتھایہٕ سُند اپ برنش تہٕ اڑلیہٕ ہُک پراکرت بنیو بُدھ گان او دوہا ہُک یا سرلا داسہٕ سُند مہابھارتُک اوڈیسی پراکرت۔

[2] یوٗن آسی گوڈ لۄکہ نابن تہٕ پتہٕ پتہٕ یِنہٕ تھو وِ پر مذہب کس ونان۔

**تحریرِک ژھانڈو :-** نتیجہ ہیکہِ یِ نیرِتھ زِ پوٚتِمِس کالس اندر یانے ارداہمہِ صدی تانٛی اگرٚے کیہنہ نثر لیکھنہٕ تہٕ آمٕژ آسہٕ سۄ چھےٚ وُنہٕ ژھارٕ گارٕ منگان۔ تحقیق چھہٕ چلان۔ اگرٚے ژٕ داہمہِ صدی پتہٕ رچی کانہہ کتاب یا تخلیق میلہِ ہے اَسی ہیکہٕ ہوٚنتھ زِ تواریخ شاعری ہندس تواریخس لرِ لوٚر کھر کرٕتھ۔ دہمہِ صدی پتھ کاشُر نثرٕ ژھُن چھہٕ صرف جذباتی ووتھ ژھانٹھ۔ یہ کام چھےٚ زبان دانن ہنز، کاشرِ زبانی ہنٛد مول ژھانڈان کو تاہ ہیکن پتھ کالس اندر گژھنتھ۔ ادبک تواریخ چھہٕ تحریرس پیٹھ درٕتھ آسان۔

**ووتلن کال :-** کُنہ وُہمہِ صدی ؤس ہیوٚندستانی ادبِ ہندِ خاطرٕ اہم۔ یورپی طاقتن ہنز کھوسہ اوس تقریبن فاصلہِ گومت۔ انگریز اوس بیشتر علاقن پیٹھ پننہِ قبضہِ در روومت۔ ۱۸۵۷ء کہِ جنگہِ پتہٕ گےٚ حکومت ایسٹ انڈیا کمپنی نِش نیرِتھ سیدِ سیوٚد برطانوی تاجس تل۔ یتھ ملکس پیٹھ پننہِ تھپھ محکم بناونہِ خاطرٕ تُلی انگریزو وارِیا سیاسی تہٕ انتظامی قدم مگر تمو زوٚن یتہٕ زِ کانہہ قوم زیر کرنہٕ خاطرٕ چھُ اوہوند کلچر تہٕ زبان ضروری۔ لارڈ مکالےہن ووٚن یہ صاف لفظن منز تہٕ ورتوٚون تہٕ۔ اکھ کرِکھ انگریزی سکول قایم، کلکتہ، بمبیہ تہٕ مدراسہ آد۔ انگریزی ذریعہ تالیم بناونہٕ سۆتھ انگریزی پرِمتی کلارک تیار گژھن۔ امہِ سۆتۍ گےٚ اَکس لوکٹس موکٹس طبقس انگریزی ادبک زان تہٕ گرحاکی من ستی وۄتھ بٹھہِ ستی رُودامیک رول پتہٕ وارِیہس کالس تانٛی موثر۔ بیٚیہ آیہ عیسائے مشنری یور یتھ لوکھ عیسائے مذہب زانن تہٕ مانن تہٕ ورگہ پاٹھی حکمرانن ہمدردی کرن۔ انگریزی ادب پرن والین گےٚ جدید انگریزی تہٕ تمہِ کی وسیلہِ کُنہ کُنہ یورپی زبانی ہندِ مولہ سرمایک زان تہٕ منزی منزی کرِی کانہِ کانسہِ ترجمہِ ہناتہٕ۔ نتیجہ دراو یہ زِ ہیوٚندستانی ادبن اندر تہٕ ہیوٚتن جدید نظریہ۔[1] امی وقتہٕ بیٚیہ بیتہٕ نثرٕ تہٕ نثرٕچہ صنفہٕ مثلن ناول افسانہٕ ڈراما تنقید، اخبار نویسی بتیرِ تھنہٕ۔ ہیاری کرِی عیسائے مشنری یو انجیل ہیوٚندستانی زبانن منز ترجمہ، پرسن کھولکھ تہٕ چھاپکھ تہٕ مفت باگراوکھ۔ ووٚن گوو یتھ کنہ انگریزی زانن والیو ہیوٚندستانی

---

[1] اتھ وقتو جدیدے یو دزن یہ چھےٚ حقیقتھ زِ یُس زِ پک غولامی تہٕ تمہِ برونٛہٕ ژھُم زِ پٹھ جنگ جدال نے آسہٕ ہے ہیوٚندستانی ادبس تہٕ زندگی تہٕ آسہ ہے پنٛنی رفتار پینہِ زنگہ جدید نظر دوہ تلے مرث۔ ووٚن گوو کُنہ وُہمہِ صدی اندر اوس یہ قوم سٹھاہ پس تہٕ یورپی عمل من اوٚن اتھ لوو گاش۔

ادبس خدمتھ کرتھ کٔنز کرنہٕ مشنری یو۔ مذہب پھہلاونچہ توٗہ تمبلی دیُت یہٕ تمن پننہٕ ہنٛ ترجمن ہنز فنی خوبی ژیرنس موقے۔ مو خصر ہیکو آسی وَنتھ زِ کُنہٕ وُہم صدی آس ہیوٚندستانہٕ خاطرا کہٕ اند سیاسی غوٗلامی ہند درٕ کرک تہٕ بییہٕ اندٕ نٔژی انقلابُک وق۔

**مشنری ین ہنز سوٚپ سرگرمی:** ۔ مگر کأشرس ادبس چھُنہٕ اتھ وقتس تہٕ خاص کیہنہ لاران۔ انگریزی پٔرن والیو کوٚرنہٕ ترجمن کُن زیادٕ۔ بییتہٕ گٔے انگریزی سوٚکوٗل (مشن سوٚکوٗل) کُنہٕ وُہمہٕ صدی اندر واریاہ ژٕپری (نوٗی مس دٔہی ہس اندر) قأیم۔ علیسأے مشنری یو کٔری ترجمہٕ تہٕ چھاپ کرنأوِکھ مگر یِیمہٕ ہُباوِ سان تمو باقے جاین کأم کرے یِہ سٕہ ہُباوِ ہوٗ وُکھ نہٕ بییٚنہٕ۔ تیتھ اوس اکھ وجہ یہٕ تہٕ زِ بییٚتہٕ آس تمہٕ وزِ سکن ہنز حوکومتھ تہٕ انگریز آسی صرف بیٹھوٗلی حأکمن ہنزِ حٔشیت زِ لیے منز لوان تہٕ بییٚتیک عٔلم زٕ ہاونڈان نہٕ گاران۔ اسہٕ چھُ ننان زِ ۱۸۰۰ ئس پیٹھے ہیٚتی انگریزو بییٚتہٕ چہٕ زبأنی تہٕ ادبس متلق تحقیقأتی مقالہٕ لیکھنی تہٕ کلکتہ چہٕ رایل ایشاٹک سوسایٹی ہندس جریدس اندر چھاپنی۔ مگر کشیرِ اندر کأشرس اندر ترجمہٕ کرِتھ مذہب پھہلاونُک جوش کم آسنہٕ موعہ کھہ رُوٗد کأشُر علیسأے ادب واوِلدے۔ بیتھ جایہٕ چھُ ۱۸۲۱ ہس اندر شری رام پور مشنری ہندس انتظامس تل انجیلہٕ کرنہٕ آمُت کأشُر ترجمہٕ اہمیتھ تھاوان۔ امِچ زبان چھیہٕ فارسی آمیز تہٕ یہٕ آو شاردا رسم الخطس منز چھاپ کرناوِنہٕ بٕ ۱۸۲۱ ہس اندر آو امیک دوٗیُم حصہٕ یانے نوٚو عہد نامہٕ تہٕ چھاپ کرناوِنہٕ تہٕ پتہٕ آیہٕ دوشوے حصہٕ یکجا برٹش بایبل سوسایٹی ہندِ طرفہٕ فارسی رسم خطس اندر چھاپ کرناوِنہٕ۔ یہٕ ترجمہٕ کرناوِلیو پادرِی وآڑے صاب سنز نظر گُذرِ تل یار محمد خانن۔ اتھ ترجمس اندر چھِ گوڈِنکہٕ پھِر فارسی حرفن منزی منزی زیر زبر لگاونہٕ آمتی یِیمہٕ عٔتی یہٕ چھُ ننان زِ کأشرین آوازن ہنز ادأیگی ہُند حلس چھُ لیکھن والِس اوسُمت۔ بس اتھی سِتی سپد بایبل ہندین ترجمن ہُند سلسلہٕ ختم۔ کأشرین ہُند علیسأے مذہبس کُن کُمے یہن زِ غلبتھ وُچھِتھ ما آسہٕ ہٕ یمن مشنری ین ہندی حوصلہٕ تہٕ پس گأمتی۔

**ترجمہٕ تہٕ تحقیق صدی: انگریز عألم:** ۔ اگرے انگریزی یا یورپی ادب پارن ترجمہٕ کرنک سِلسلہٕ شوٗروٗ گژھہِ ہے

پتہٕ سپدِ ہے ستی تصنیف لیکھنچ نہج تہٕ جوشہٕ سان شوٗرٕ وٗ۔ یہِ سِلسلہٕ چلیوٗ نہٕ خاطرٕ خاہ پأٹھۍ تہٕ موٗلہٕ لیکھنس تہٕ
لَچ نہٕ زیرٕ۔ انگریز آسی نہٕ ییتِکی سیٚدِ سیٚود حاکِم مگر انتظأمی عملس اندر آس تِمن چلیٚنۍ۔ ہیٚپاری پھیری تِمہ مُلکس بأنہٕ
بأنہٕ تہٕ اتہٕ وُچھِکھ کلا سِکی نہٕ لوٗکہٕ ادبُک قیمتی خزانہٕ یِم جدید نظرٕ نہٕ ووتلنہٕ سببہٕ موٗلوٗ تہٕ آسی نہٕ آمتۍ تہٕ اتہٕ گِژھ
منز آسی۔ ۱۸ اہِمہِ صدی ہِندی آخری وَری تہٕ کُنہٕ وُہمہِ صدی ہِندی ابتدأیی وَری اوس یوٗرپس اندر سائنسی ایجادن
تہٕ عِلمہٕ چین باقٕے لنجن مثلن زبان دأنی، آثار قدیم بیترِ عِلمن منز نوین موا ہاتن ہِندوف۔ امی وِزِ آو قدیم سنسکرت
لاطینی، فارسی، جرمن بیترِ زبانن ہِند لِسأنی تُلُق مشخص کرنہٕ۔ کلکتہٕ ہس اندر رایل ایشیاٹک سوسایٹی تہٕ پتہٕ
فورٹ وِلیم کالیج قأیم سپدنہٕ ستی لوٗگ ہیٚوندستأنی زبانن تہٕ ادبن ژھانڈو تہٕ انگریز موحقق ہٕیتی تحقیقی لیکھ
لیکھتھ چھاپ کرنۍ۔ امہِ ستی سپد کُل پأٹھۍ عالمی عِلمس بَرُزر تہٕ خاص پأٹھۍ ہیٚوندستأنی ادبن ہِندِ خاطرٕ رُوز
یہ عمل نہج ساز۔ رایل ایشیاٹک سوسایٹی ہِندس جریدس اندر یِم لیکھ کأشرِس ادبس تہٕ زبأنی متلق چھپییہٕ تِمو
منز آسی کینہہ تِتھۍ یِمو ستی نثر لیکھنُک ہوا نوا پادٕ گوو۔[1]

---

[1] مثلن آر سی، پی لیچ سُند مضمون "اے گرمر آف کشمیری لینگویج" (۱۸۴۴ء) کیپٹن گاڈوِن سُند مضمون "اے واکبولیری آف کشمیری بلتی
اینڈ انگلش" (۱۸۶۶ء) ایل بی باورنگ سُند مضمون "واکبولیری آف کشمیری لینگویج لِسٹ آف وُرڈز اینڈ فریزز" ۱۸۶۷ء
ڈبلیو جے ایلمی سُنز کتاب لنڈنہٕ چھاپ کرنأوٕمژ "اے واکبولیری آف دی کشمیری لینگویج" مع انگریزی ترجمہٕ (۱۸۷۲) جے ڈبلیو لیٹنر سُند
داستان شیخ شبلی کہِ منظوم ترجمہٕ اندر کأشری نوٗمونہٕ "اے سپیسی مین آف کشمیری لنگوِسٹک فرگمنٹس" (۱۸۷۲) جے ہنٹن نولز
سُنز لنڈن چھاپ میٚژ کتاب "اے ڈکشنری آف کشمیری پراورِبس (۱۸۸۵ء) یِہندے مضمون کشمیری رِڈلز (۱۸۸۴ء) یِہندزے
کتاب "فوک ٹیلز آف کشمیر" (۱۸۹۳ء) ٹی آر واڈے اے گرمر آف کشمیری لینگویج (۱۸۸۸ء) سر جارج گریرسن
(اسیز آن کشمیری گرمر (۱۸۹۹ء) اوٚہوندٕے "اے مینول آف کشمیری لینگویج۔
الیٚتر نوال سُنز کامہِ بیٚٹھہٕ سر جارج گریرسن تہٕ مہا مہو پادھیاے مُکند رام شاستری ین ترتیب دِژمٕژ کأشر ڈکشنری "اے ڈکشنری
آف کشمیری لینگویج" ۱۹۱۵ء۔ آرل سٹاین تہٕ گریرسن سُنز کتاب یوسہٕ لنڈنہٕ چھاپ گیہٕ "حاتمز ٹیلز" ۱۹۲۳ء یمن

۱۹ اَمہِ صدی اندر یمہِ کوشِشہِ کرنہٕ آیہ تمن منز گوو کاشُر نثرُک اکھ کرُن ہیوٗ تیار۔ نثرِ چہ لنگ لنجہٕ چھ آسان لفظ محاورٕ، کہاوَژ، لفظ ووٚترِ تہٕ جملہٕ۔ یمن سارنی گے انگریزو منز کوشُشو ستی آبیاری۔ مگر یہِ تہٕ چھ پزر زِ شود نثرُک توارِیخ ہیکوا آسی ۱۸۲۱ءٕ پیٹھ انجیلِ ہند ترجمہِ پیٹھ شوٗرو ماٚنتھ اتھ اندر کوٚر ترجمہِ کارو کاشرِ زبٲنی ہِندین امکانن ہند پوٗر استعمال۔

گوڈنچہ کاشرِ تصنیفہٕ:- کاشرِ نثرچ گوڈنچ تصنیف ہیکوا آسی نوولز صاٚبنی ۱۸۸۴ءٕ تس اندر ترتیب دژمٕژ ڈلیلن منز گوڈنچ کتاب "فوک ٹیلز آف کشمیر" ماٚنتھ۔ دوٚیِم چھپیہٕ امہِ پتہٕ آرل سٹاین تہٕ گریرسن صاٚبنز ترتیب دژمٕژ "حاتمز ٹیلز" ناوٕچ کتاب یوسہٕ ۱۹۱۱ہس اندر چھپیہٕ۔ اتھ اندر چھ حاتم تلہِ واٚنی سُند داستان گوٚیی ہند سٹایل صاف پاٚٹھی ننان۔ دراصل چھ کاشرِس نثرس دس تلنگ شرف سٹاین تہٕ گریرسن صاٚبنے حاصل۔ بایبل ترجمہٕ کرنچ یوسہٕ ابتدا عیسٲیو کرے یہ سوچ نہٕ کُنہٕ وِہمہِ صدی اندر برونہہ تہٕ کاشرِن منز سرد مہری کٔنی گے ختم نہٕ تُل کاشرِ لو انگریزن ہندِ عملٕکے خاطرٕ خاہ فایدٕ بلکہ کرکنیکھ پننہٕ مولکہٕ کتابہٕ تہٕ

---

کتابن اندر دژٕ وار ہیو کاشرِن لفظن ہنزٕ مثالہٕ رومن خطس منز۔ ایشر کول اوس گوڈنیک سُہ نفر یمی سنسکرتس اندر گوڈنیک کاشُر گرٚیمر شلوکن اندر لیوکھ تہٕ یہ گریرسن ترتیب دِتھ چھاپہٕ نوو۔ اتھ اندر دِژن مثالہٕ دیوناگری خطس منز تہٕ کاشرِ لوہ آواز وٕ خاطرٕ تراوٕی نس موزوٗن نشانہٕ۔ امہِ پتہٕ اوس غلام محمد خان اوپل زے گوڈنیک سُہ شخص یمی ۱۸۵۳ءٕ ہس اندر کاشُر گرٚیمر لیکھتھ تتھ اندر فارسی رسم خطس اندر کاشرِ مثالہٕ دِژٕ۔ یتھے کٔنی چھ ۱۸۵۳ءٕ ہس اندرے سیف الدین نا بلی سنز لیچھ مٕژ رسالے اصوات کشمیری یوسہٕ وُنہٕ چھاپ گژھنے چھ۔ ۱۸۷۶ءٕ تس اندرے لیچھے یہ راتم جودرن کاشرِ جامٹری یوسہٕ اقلیدس سنزِ جامٹری ہند ترجمہٕ آس۔ وُہمہِ صدی اندر تہٕ رُودیہ سلسلہٕ جٲری۔ پرہ فیسر سری کنٹھ توشخانی لیچھ "اچھر زان" تہٕ بٔنیہ حسابہٕ جہٕ کتابہٕ گریرسن وِید" ناوٕ کاشرِ پاٚٹھی۔ آنند کول بامزے نہٕ کاشرِن محاورن تہٕ پرژن پیٹھ لوکچہ کتابہٕ تہٕ چھپیہ ناوٕ ہنٕی لایق۔ یمو کتابو کوٚر کاشرِس نثرس حرف یہ مدد زٕ جملہٕ سازی ہنز رلو ایتھ کرکھ قایم۔ یمو ستی چھ یہ تہٕ عیاں زِ عالمن آس اورکن تہٕ کل زِ کاشرِ ما بنہ زانہہ تا کیہہ مُند زرٕی یہ تہٕ پرٕتھن کتابن منز ضرور ورتھ پٔنیہ۔

کلاسک انگریزن کھوٹین پونسن۔

پرٛتھن کال:۔ عیسائے مشنری ین ہُند سُپد اکوے فایدٕ کاشرِس نثرس۔ کاشری تہٕ گیٕ نہٕ عیسائے اماپوز ینس مذہبس پیٹھ ہیچھ کتابہٕ لیکھنہٕ یمہٕ پتہٕ وُہمہٕ صدی اندر کاشرِن کم کاس ادبی جلس دوان چھیہٕ۔ یہٕ جلس ینس اوس اوٚتاہ کھنی نہ تے ہتھ وری ژِ زیر گومُت تکیاز شمالی ہیوٚندُستانس اندر آو کُنہٕ وُہمہٕ صدی شوٚروٚ گژھوٗنے اکھ نثری انقلاب ییمیک ذکر کرنہٕ آو۔ یوٗرکیاز آو نہٕ یہ اثر تتھے کٔنی، اتھ چھُ شاید یہ وجہ زِ وادی اُس جغرافی لحاظٕ ژھینہٕ گامُت تہٕ وُنہٕ اُس نہٕ ییتہٕ تژھ سماجی یا سیاسی بیداری تہٕ گامُت لوٚسیہ پرٛس اخبار ریل سٹیج تہٕ مغربی کلچرکہِ چھُہ لگنہٕ ستی باقیٕ مُلکس اندر آمُت اُس۔ خارٕ لوٚسیہ زیٚہ کاشرِن عیسائے مشنری لو دِژ ترجمہٕ ستی پینیہ تم صرف امی رنگہ پایس زیٚ پانہٕ لیچھ مذہبس متلق کیہنہ کتابہٕ۔ وُہمہٕ صدی ہندِ ین گوڈنکین دٔہلین اندر درایہ کیہنہ کاشرِ کتابہٕ مثلن "کاشرِ مسلہٕ کتاب"۔ اتھ اندر آسی مذہبی سوال تلنہٕ آمتی تہٕ تمن گیٚ کڈنہٕ آمژ سہل کتھ باتھِ ہندس کاشرِس اندر۔ ییٚنہٕ درایہ قرآن شریف کین کیٚنژن سپارن ہِندی ترجمہٕ۔ مولوی یحیٰی صاحبن کوٚر عمہٕ سپارٕ ترجمہٕ تہٕ چھاپ۔ نہال پور کہ می الدین خانن کوٚر قرآنِ شریفکس اکس پٔدٕہس حصس ترجمہٕ۔ "رسالہٕ منصوبہ فی الفرایض" آو کاشر او نہٕ، حالانکہ یہ چھُ وُنہٕ دستاویزکس صوٗرتس اندر ے موجود۔ مولوی یوسف شاہ صاحبُن قرانِ شریفُک ترجمہ چھُ زبان تہٕ باوتھ لحاظہٕ نثری نوٚموٗنہٕ۔ یہ سُپد پاکستانہٕ سے اندر چھاپ۔

مُنظم کوٚشش ہُند دٔسی لابہٕ:۔ کاشرِ نثرِ پھوٚلراونچہ گوڈنچہ منظم کوٚششہٕ سپدے یہٕ ۱۹۳۶ء ہس اندر شوٚروٚ ییلہ ایس پی کالجکس پرتاپ میگزینس کاشرِ حصہٕ دژاو۔ یہ چھپیوٚ فارسی تہٕ دیوناگری دوشونی رسم خطن منز۔ میگزینہٕ خاطرٕ نثری مضموٗن لیکھنہٕ تہٕ لیکھناونچ یہ کوٚشش چھ تارٛیفن لایق۔ امہٕ پتے کینژ کاکی دژاو موہیوٚر صاحبن اخبار گاش ۱۹۳۹ءہس اندر ییمہ اکہ طرفہٕ نثرس حوصلہٕ افزایی کر بیٚکہ اندٕ صحافی نثرس تہٕ بُنیاد ترٛاو۔ یہ اخبار گوو پتہٕ جنگِ عظیم وِو تھٕہ کٔنی بند۔ یمہٕ منظم کوٚششہٕ سپدے یہ کامیاب بے

حالانکہ یِمہِ چلٕے یہ نہ واریاہس کالس۔ وۄنی گوو یہِ ذِنٛگھ ہاوِتھ زِ پتھ پیٚمژن زبانن ہینکہِ صرف رلہِ ملہِ کوشِشو سٟتۍ اتھہِ روٚٹ کرنہِ یتھ۔ یِمن مُنظم کوشِشن ہُند سِلسلہِ چھُ پتہِ کلچرل فرنٹہِ چہِ شکلہِ اندر شروٗع یہ پکان یِمیٚ نثرٕ سٕہ سٕٹھاہ برۄنہہ پکہِ نووٗ۔

**جمٲژ منگ: ڈراماتہِ ادبی نثر:۔** یہ کتھ چھےٚ اہم زِ امہِ وقتہِ چہِ ادبی کوشِشہِ چھےٚ مٕلہِ تلہِ جمٲژ یا اجتمٲیی نوٚوی نتیجہِ۔ تہِ زن گوو یہِ زِ امہِ وزِ کاشرِ موٗل لیکھتۍ شوٗعری شوٚرٕعات گیہ نہِ افسانہِ ناول یا ایسٕے سٟتۍ بلکہِ ڈراماہٕ سٟتۍ، ییٚمیُک فطرت جمٲژ چھےٚ۔ نندلال کولن ڈراما ستیچ کہوٹ (۱۹۲۹) آو سٹیج کرنہِ خاطرِ لیکھنہِ تہِ یہِ چھےٚ نثرٕچ گوڈنیچ بہلہِ پایہ شوٗعوری تخلیق۔ امِچ زبان چھےٚ شُتہِ تہِ بامحاورٕ کاشر۔ کردار نگٲری مکالمہِ منظر بٲگرن واقعٲتی کشمکش تہِ عوٗروجک چھُ اکس کوٚہنہ مشق لکھٲری سندی پٲٹھۍ خیال تھاونہِ آمُت۔ کتھ چھےٚ دلیو مالاے۔ ہرِ زِندراز چھُ ستھ پالان، تتھ اندر آمتۍ مشکلاتھ وتراوان تہِ آخرس امتحانس نیرِتھ ییندرازس پننہِ مثٲلی کردارٕ سٟتۍ ہارِ ناوان۔ لکھٲری چھےٚ یہِ کتھ تیژاہ کاشراومژ زِ یہِ چھےٚ نتیجۍ لکہِ کتھ باسان۔ ڈراماہس اندر چھُ تمہِ وقتُک پارسی ڈراما اوٚسلوٗب صاف نظرِ گژھان مثلن قافیہ بند مکالمہِ، جذباتن ہُند تھزر یا کھسہِ وس اظہار کرنہِ خاطرِ منظوٗم مکالمہِ، مۄنزِ کتھِ ہُند دوٚ کھلد توٚنٛژر کم کرنہِ خاطرِ جبتہِ یا مزاحی کردارن ہندی منظر بیترِ۔ امہِ ڈرامہٕ نک اثر پیو لیکھن نہجہ پیٹھ یتھ زِ تاراچند بسمل (سیتچ وتھ عُرفِ ہرِ زِندرِ ناٹک، اکِہ نندُن، پرتیچ کہوٹ، رام اوتار) نیل کنٹھ شرما (بلوا منگل) تہِ غلام نبی دلسوز (شودٕ ہلال مجنوٗن، شیرین خُسرو) ہیندی ڈراماگے تیتۍ مقبوٗل زِ یِم کٔری اکہِ گرامافون کمپنی یہِ رکاڈتہِ تکو ہیتۍ یسلہِ پٲٹھۍ تہِ ڈراما نگارن گی یتھی ڈراما لیکھنہِ۔ سری نگرس اندر کٔری سُدھار سمتی یہِ شیتیل ناتھ تہِ شوٗال مندر چن درم سالن اندر باضابطہِ سٹیج بناوِتھ بیۍیہِ تہِ واریاہ ڈراما سٹیج (مثلن ستیہ وان ساوتری، بھگت پرہلاد، شنکر پاروتی، کرشن جنم) یِم موضوعہٕ لیٚحاظہِ دلیو مالاٲیی رلو ایتھ برۄنٹھ پکہ ناوان روٗدی تہِ اوٚسلوٗبہ لیٚحاظہِ پارسی رنگ ییتین چھےٚ یہ کتھ اہم زِ اگرے

"ستیچ کھوٹ" گوڈ نیُک طبعہ زاد پارسی اۄسلوٗبُک کاشُر ڈراما اوس۔ نمی الدین حاجنی سُند گریسی سُند گرہ" (۱۹۳۸ء) چھُ گوڈنیُک حقیقتھ نگار طبعہ زاد کاشُر ڈراما۔ اتھ اندر چھُ نہایتھ حقیقتھ پسند انداز س منز تمہِ وقتہِ کِس کاشرِس گریسی تہٕ سینز لاچارِ تہٕ تِس نتیجہٕ ہیٚنہٕ والین چِکدارن تہٕ جاگیردارن ہنز مکاسی کرنہٕ آمٕژ۔ امیٚ زبان چھیٚ لول بوٚپچ کاشُر زبان تہٕ مکالمہ چھِ ڈرامایی واقعہٕ وۄتلاونس منز برجستہٕ مدد کران۔ کِردارن ہنز بِناوٚنی کاشر فطرتھ وۄتلاونس منز چھُ لکھارِ کامیاب گومُت۔ یہٕ ڈراما گوو گامن کُن مقبوٗل تہٕ بقولِ امیُک مصنف، اتھ درایہٕ زہ اڈیشن۔ یہٕ اوس تمہِ پارسی سٹیجہِ چہ رلوا بٔرنٔش بدۄن لۄیہٕ سرینگرس اندر چلان آس تہٕ لۄیہٕ پتہٕ بیٚیہٕ اِپ ٹ آ (IPTA انڈین پیوپلز تھیٹر آرگنائزیشن) ہیچ اکھ شاخ قایم کرنہٕ چِن ناکام کوشش بُنیاد بٔنیہٕ کلچرل فرنٹکی بلیش تر ڈراماتہٕ آسی کم زیادٕ پارسی اۄسلوٗبے ورتاوان۔ حاجنی صابن تہٕ لیوٚکھ نہٕ پتہٕ بیٚیہِ کانہہ ڈراما۔ تِم گٔی تحقیقس کُن۔

**ڈراما تہٕ اخبارِی نثر:۔** یتھِ کٔنۍ وُچھ اسہِ زہ پرہتھن کالس اندر چھُ کاشُر نثر باضابطہٕ ادبی شکل اختیار کران تہٕ بجی یا انفرادی کوششو کھوتہٕ چھِ اتھ پرہتھنس اندر اجتماعی ووجوہات زیادٕ مددگار ثابتھ سپدانِ۔ باضابطہٕ طبعہ زاد کاشُر نثر چھُ ڈراماکس صوٗرتس اندر تخلیق سپدان تہٕ جماتس برۄنٹھ کنہٕ پیش سپدان۔ بیاکھ کوشش یانے اخبارن ہند شایا سپدُن تہٕ چھِ امہِ ورِقیچ خوصوصیتھ تہٕ کاشرِس نثرس یہٕ صحافی روٗپ دِنیچ کوشش نہٕ چھیٚ فطرتن اجتماعی تکیازِ انفرادی کوششہِ باوجود چھُ صحافی نثر پرن والین ہندس ردِ عملس تابیع آسان تہٕ تمے پتھِ اتھ قوبوٗلِ عام بخشان تہٕ یتھہِ کٔنۍ امہِ کِس تخلیقی روحجانس وتہٕ ہاوِکی بنان۔

پرہتھن کالہِ پتہٕ یانے آزادی پتہٕ پوٚژھو نثر الگ الگ صنفن اندر نہٕ باضابطہٕ پاٹھی نہٕ آوے دِنۍ اتھ پوٚژھن کال۔

**پوٚژھن کال:۔** پوٚژھن کالس اندر کاشرِ نثرِ چِن الگ الگ صنفن ہنز سام ہیٚنہٕ برۄنٹھ چھُ یہِ نظرِ تھوٗن

ضوٗرٕ وٗری زٕلیو سٕہ کوشش اجتمأیی طرزس پیٹھ تہٕ منظم طریقس پیٹھ پرٕ سمھن کالہٕ کین پتہٕ ین وٗری ین منز سپدے یہ سو رٕوزٕ وٗنہٕ تہٕ جاری۔ ۱۹۴۷ء برونٹھے سپدے یہ "اپٹا" قایم کرنچہ کوشش یمہٕ تمہٕ وقتکیو ٹاکی مولوٕ پھٹنہٕ ذرٕ نہٕ مگر ۴۷ پتہٕ بدلیو سیأسی تنوظر۔ کشیرِ پیٹھ سپدیو قبأیلی حملہٕ تہٕ تکھ کلچرل سطحس پیٹھ اتھ مقابلس ٹلنہٕ خأطرٕ سپد کلچرل فرنٹ قأیم۔ بییہٕ اوس وونی شخصی تہٕ جاگیرداری نظامک بورٕ تلی کأشرٕ غریب گرٕ لیوس نالگار موٗزٕ وٗر روٗد وستہٕ کار پھٹ مت۔ سہٕ اوس وونی نوٕ عوأمی تہٕ اشترأکی دورکہ خابہٕ ستی پھوٚلہٕ راوٗن۔ امہٕ خأطرٕ سپدیو کلچرل فرنٹ قأیم سیٹھہ سرکأری حوصلہ افزأیی تہٕ میج۔ یہٕ ادارٕ روٗد پتہٕ کلچرل کانگرسس تہٕ کلچرل کانفرنس ناوٕ چلان۔ یہٕ ادارٕ چھ پرٕنی پأٹھی کأشر ادبچہ نوٕ زندگی تہٕ خاص پأٹھی کأشرِ نثرکہ نوٕ زنمہٕ خأطرٕ ذمہ وار۔ امہٕ ادارک "کونگ پوش" رسالہ چھ اتھ ضمنس منز سیٹھاہ اہم۔

**ادبی زبان تہٕ مروجہٕ بولی: ریڈیو۔** پتہٕ گوو ریڈیو کشمیر قأیم۔ أمی ادارن کری بییہٕ تہٕ واریاہ نثرنگار پأدٕ۔ ادبی سیأسی کلچرل تہٕ تفریحی مقصدچہ کتھ باتھہٕ نشر کرن والین ہنز اکھ پوٗ گے پأدٕ۔ خاص کٔرتھ ییم کلچرل فرنٹس ستی منسلک آسی تمہٕ لگی ریڈیوہس منز تہٕ بنے یہٕ پیشہ ور نثرنگار۔ ریڈیو ہن دیت کأشرس افسانس ڈراماہس تہٕ بییہٕ واریاہن صنفن حوصلہٕ۔ گووٕ ریڈیوٕ ہک مقصد چھنہٕ صرف کُنہ ادبس حوصلہٕ افزأیی کرنی، مگر ادب چھ ریڈیو دسی سیٹھاہ پھاپھلان۔ کینہہ صنفہٕ یانے ریڈیو ڈراما، مونولاگ یا مونو ڈراما ہلکہٕ پھلکہٕ مزأحی کتھ باتھ تہٕ سکٹ گے کأشرس نثرس اندر ریڈیو ستی پأدٕ۔ یہٕ چھ یاد تھوٗن ضوٗرٕ وٗری زٕ ریڈیوکہ نثری ذٕری یہٕ تہٕ اوکنی چھ یہ نثرس اندر کتھ باتھ ہندس محاورس تہٕ بولنس لفظس زیادٕ ورتاو بخشان تہٕ سیٹھہٕ کُنی نثرس مروجہٕ زٕلیو ستی واٹھ تھوان۔ ریڈیوک سپدسہ اثر کأشرس نثرس زاز تٕرہ ووہری تہٕ چھ وونہٕ سأنی واریاہ نثرنگار گوڈٕ ریڈیو لکھأری تہٕ پتہٕ بییہٕ کینہہ تہٕ واریاہن ہندس نثری اسلوبس پیٹھ چھ ریڈیو سٹایل حأوی۔

**ادبی رسالہٕ:۔** ۱۹۴۷ء پتہٕ لج جریدن ہنز تہٕ دوٚرے۔ "کونگ پوش" علاوٕ دٕرا وٕ ایس پی کالج کہ

میگزیٖنک کاشُر حصہ بیٚیہِ (یہ اوس ۱۹۳۶ء پتہٕ کیٚمہِ کالہِ بند گومُت) مُنزٕ دراو ہفتہٕ وار اخبار "گاش"
(یتھ مہجور صاب ایڈیٹر آسی) پتہٕ دراو "گلریز" (یہِ تہٕ گوو گوڈٕ کیٚمہِ کالہِ پتہٕ بند مگر پتہٕ دراو قریب دہہ وریری
بیٚیہِ۔ پتہٕ گوو بیٚیہِ بند) تامیر (یہ اوس محکمہ اطلاعات طرفہٕ دراصل اوٚردوٗ ہس منز نیران مگر پتہٕ ہین کینژن
وٕرین اندر دراو اتھ کاشُر حصہ تہٕ۔ واریاہس کالس چلیتھ گوو یہ بند۔ ازکل چھُ بیٚیہِ نیران مگر کاشُر حصہ
چھُس نہٕ) پمپوش تہٕ کاشُر سماچار (دلہِ اندر کاشرِ ہندِ دٔسی دراو یِم واریاہس کالس تہٕ وُنہٕ تہٕ چھہ
نیران) وطن (یہ اوس گوڈنیک کاشُر ہفتہٕ وار۔ وونی چھُنہٕ نیران) گاش (یُس الہِ پلہٕ ترٛین وٕرین نیران
رُود۔ اتھ آسی ایڈیٹ کران رشید نازکی) چمن (فیلڈ سروے آرگنایزیشنہ طرفہٕ دراوو یہ ہفتہٕ وٲری ادبی
اخبار جان پاٹھی۔ پتہٕ گوو بند) کاشُر اخبار (وُنی کیٚس نیران ہفتہٕ وٲری کشمیر کلچرل آرگنایزیشنہ طرفہٕ۔ خبرٕ دنہٕ
علاوٕ چھُ یہ کاشر تحریکہٕ تہٕ گوڈ بران) پراگاش (محکمہ اطلاعات مرکزی سرکارٕ طرفہٕ ہفتہٕ وٲری خبرٕ تہٕ اطلاعات
دِنہٕ خاطرٕ نیران) نیب تہٕ کاشُر ادب (یِم زٕ رٕتی تہٕ میارٕی رتہٕ وٲدی دراو یہ دون ترٛین وٕرین شوبہٕ دار
پاٹھی) سوٗن ادب تہٕ کاشُر شیرازٕ (وُنی کیٚس چھِ یِمے زٕ شوبہٕ دار تہٕ ہیٚنی لایق جریدٕ نیران تہٕ لوٚتے
لوت چھُ کاشر ادبُک باضابطہٕ نیرُن جریدٕ سرمایہ۔ "سوٗن ادب" چھُ دراصل سالانہٕ سومرن تہٕ شیرازٕ
دُرتہٕ واد نیران۔ کلچرل اکیڈمی چھپیہ یمن دوٚشوٕنی باضابطہٕ کڈان تہٕ یتھ کٔنی نثرس نہٕ زندٕ نہ اوتھ) انہار
(کشمیر یونیورسٹی منز کاشُر شوبہٕ قایم گژھنہ پیٹھ چھُ یہ سالانہٕ جریدٕ زیادٕ تر تحقیق نوعیتکی لیکھ شایع کران تہٕ
یتھ کٔنی میارٕی لیکھنس گوڈٕ بران) یِمو علاوٕ آیہ کینژاو انجمنو طرفہٕ وقتہٕ وقتہٕ کینہہ میگزین یا سومرنہٕ کڈنہٕ مثلن
آش (اننت ناگ) سمن بل (بنڈیپور) مشاہر کمراز، ادبی مرکز کمراز وولرکی ملر (حاجن) ناگہٕ راد (اننت
ناگ) وغارٕ وغارٕ۔ یوٚدوٕ زن یمن سارنے جریدن ہُند تلخ تجربہ اوس تہٕ چھُ بی زِ لیکھن وٲلی چھے زیادٕ غزل
گو شاعرے مگر یہند ین ایڈیٹرن چھُ یہند خاطرٕ مخصوص نثر لیکھناوُن ییومُت تہٕ خصوصی شمارو خاطرٕ
کاشرِ نثرِچ خصوصی نیچ پوروٚنس منز چھُ یہند دیت یاد روزُن لایق۔ زیادٕ تر جریدٕ دراے تنظیمو دٔسی

یوٚزان کیہنہٕ انفرادی طور تہٕ کڈنہٕ آیہٕ ۔ اِدٕ موکھ چھُ نثرس وۄتھبوٗدِنس منٛز ییٚمن تنظیٖمن ہُند تہٕ اہم رول ۔
یِمو سۄتِہ بنیوٚ خاصکر تنقیدُک ہوالو تہٕ کیازِ تنظیٖمن ہنٛزن ادبی بیٹھکن منٛز اوس تخلیقس پیٹھ تنقید سپدنُک
سلسلہٕ کلچرل فرنٹہٕ پیٹھے شروٗع گومُت ۔ یوٗت کٕر تھ تہٕ چھپنہٕ کاشرس اندراز کل خاطرخاہ نثری سرمایہٕ
ییٚمیُک وجہ ناکافی چھپن یا شایا گژھنکۍ وسیلہ چھِ تہٕ بییہٕ کاشُر زبٲنۍ یہٕ تالیم نہٕ بنُن چھُ ۔ وۄنۍ ہیمو آسی
نثری صنفن الگ الگ سام موٗخصر یاٚ کٕھٹی ۔ چونکہ کاشرِ نثرٕ چ شوعوٗری طبعہٕ زاد تخلیق سپنٛز ڈرامہٕ رنگۍ اوٚرِ کنٛز
کرٕ وٲسی ڈراما پیٹھے شروٗع تہٕ ییتِن اسہٕ اتھ پتٕ تراوٕ لیو وتی کروشروٗع ۔ یانے کہٕ کلچرل فرنٹہٕ چن کوشِشن نشہٕ ۔

## کاشُر ڈراما : ریڈیو تہٕ سٹیج :

۱۹۴۷ ءٕ پتہٕ کلچرل فرنٹ کس ایہتمامس تل آو پریم ناتھ
پردیسی سُند ڈراما "شہید شیروانی" لیکھنہٕ تہٕ جایہٕ جایہٕ گِندنہٕ ۔ اکۍ مکالمہٕ آسی سیٹھاہ زوردار یاتھ آسی
مہجوٗر صابس اتھ لیکھناونہٕ آمتی ۔ امہٕ پتہٕ آیہٕ "ڈالر صاب" ۱۹۵۳ ہوی کیہنہٕ ڈراما تمہٕ چینٛز لیکھنہٕ ۔ تمہٕ پتہٕ
چھُ دینا ناتھ نادم صابُن "بوٚمبُر تہٕ یمبرزل" لیکھنہٕ یوان ۔ یہٕ اوس اوپیرا تہٕ بڈٕ کامیابی سان آو بیٚنتہٕ
پیش کرنہٕ ۔ اَمی ڈراماہن دیُت تمہٕ وقتہٕ (۱۹۵۳ ءٕ ہس منٛز) ییٚتہٕ کس کلچرل تہٕ ادبی ماحولس سیٹھاہ
دیُت ۔ یہٕ اوس تمہٕ وزِاشترٲکی نظریہ سرس آسنہٕ سببہٕ اہم ۔ سٹیج ڈراما اوس اوٚتانۍ کھوٚرٕ دٕر راوان تہٕ
ییٚلی تتھ سرکاری یا نیم سرکاری سرپرستی میج یہٕ روٗد موثر رول اداکران ۔ "بوٚمبُر تہٕ یمبرزلس میج یہٕ سرپرستی
تہٕ اوٚے آوُسہٕ چکہٕ چاد سان کرنہٕ تہٕ مقبوٗل تہٕ گو و ۔ اوٚت نانۍ آسی ریڈیو کشمیرس قٲیم گامتِس پانژٕ وٕری
گامتی تہٕ نتہٕ آسن ڈرامہٕ پچ نیٚج بطور موثر صنف وۄتلنۍ ہیٚنٛز مرٕ ۔ تتہٕ اوس انتظام سرکاری تہٕ جان ڈرامایی
کوشِش سپنٛز پیش گژھتھ مقبوٗل ۔ اتہٕ کیٚن شروٗعاتی ڈراماہن منٛز چھِ نوٗر محمد روشن سٕندۍ لکھہٕ کِتھن
پیٹھ مبنی ڈراما "شب رنگ" تہٕ "مسکین بڈ" قابلِ ذکر ۔ ریڈیوہس پیٹھ سپد سنجیدگی سان ڈراما تیلہٕ
پنُن مقام حاصل کرنس اندر کامیاب ییلہِ آل انڈیا ریڈیوکس ڈراما مقابلس اندر سوم ناتھ زتشی سُند
"وجہٕ واو" نوٗر محمد روشن سُند "کاٹھ گر" تہٕ ایمن کاملُن "موٗمہٕ سرٛشٹ" تٔژن ییٚنامن ہنٛدِ خاطرٕ تارنہٕ آیہٕ ۔ شہ

خاصکرِ تھ "وِجہ واد" آو آل انڈیا ریڈیوکس قومی پروگرامس اندر شامِل کرنہٕ۔ امہِ ستۍ سپدۍ بیٚیہ واریاہ ادیب ریڈیو ڈراما لیکھنس کُن مائِل یِموٚ منز صوفی غلام محمد لشکر بھان تہٕ علی محمد لون خاص ناو چھِ۔ "بیچھ کتھ" (صوفی) "ہیرو وچامہٕ" (بھان) اگر آتش سورِ" (لون) آسی امہِ وقتکۍ اہم ڈرامایہٕ و ریڈیو ڈراما بطور اکھ زوردار تہٕ مقبول صنف قائم کوٚر۔ ۱۹۵۳ء ہس آس پاس آو دراصل کاشرس ڈراماہس اندر ہزل تہٕ مزاح بارسس تہٕ موضوعس ستۍ ورتاوس اندر طنزیہ لہجک استعمال۔ بیچھ کتھ تہٕ ہیرو وچانک سلسلہٕ چلیو ہیتہٕ تہٕ۔ وچامہٕ بنیو سلسلہ وار ریڈیو کردار تہٕ درجن جوٚرہ ڈراما آیہٕ بھان سندی دسی لیکھنہٕ تہٕ پیش کرنہٕ۔ ۱۹۵۵ء اندر آو سیلاب تہٕ بھان تہٕ لون سندی مذاحیہ سٹیج ڈراما آیہٕ جایہ جایہ کرنہٕ یمن منز "وِزِ چھیہٕ ساۍ" (لون) تہٕ "یاتن یاتڑاح" (بھان) قابلِ ذکر چھِ۔ ۱۹۵۶ء ہس اندر آیہٕ "جشنِ کشمیر" کس سلسلس تحت ڈراماہن ہندی مقابلہ کرنہٕ مگر امہِ ستۍ سپدی نہٕ زیادہٕ کاشرِ ڈراما تخلیق یہٕ زن سپدُن گوژھ۔ صرف لیوٚکھ نادِم صابن "ہی مال تہٕ ناگ راے" پننۍ دوٚیم اوپیرا۔ پتے لیوٚکھکھ "نیکی تہٕ بدی" اوپیرا یُس امن جنگ تہٕ ترقی ہوِس بینُل اقوامی موضوعس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت اوس۔ ۱۹۶۱ء کس جشنِ کشمیرس اندر لیوٚکھ اختر محی الدینن "لستہٕ ہُند سوال" یُس یونانی دیومالایہٕ ہنزاکِ کتھِ ہندِس خیالس پیٹھ مبنی اوس۔ کلچرل اکیڈیمی تہٕ ٹیگور ہال بنُن اوس کاشرِ ڈراما خاطرِ نیک فال تہٕ اتہٕ آو تمن دوہن اختر سُند "آپن ہور جنگ" گِندنہٕ یُس تمو پننِس اکِس افسانس پیٹھ لیوٚکھمُت اوس۔ ٹیگور ہالکہ بننہٕ ستۍ ہیتن سالانہٕ ڈراما فیسٹول سپدنۍ یموستۍ کینہہ نۆۍ ڈراما نگار بروٚنٹھ کُن آیہٕ۔ یِموٚ منز چھِ اوتار کرشن رہبر (تلاش، بہٕ چھس ژوٗر تہٕ بڈ شاہ)

موتی لال کیموٗ (حرم خانک آئنہٕ لل بہٕ ڈرالیس لولرے، ژھاے، نگروہ داسی، منزلی نکہٕ، تر نوو م سبجوٗ دسیلانی (زلُر، روہ پیہٕ رۆد، تا انتی کوٚر، گاشہٕ تارکھ کنج راتھ تہٕ گونہگار) بھوشن لیے تاب (مایہٕ منز ژھاے، بیٚیہٕ کھٹی بامن) علی محمد لون (تقدیر ساز، آدم حوا تہٕ ابلیس) بنسی نردوش (آکاش

پاتال۔ یِس اَکھ تماہ) سوٗم ناتھ سادھو تہٕ اوٗشکر بھان (گرینڈ ریہرسل، نوٗ نوٗش، چپاتھ) محمد سُبحان
بھگت (تقدیر، ہوس، منٛظرِ لیٚجہ، پانزُو، پاتھر ساز) ہری کرشن کول (ییٚلہِ وتن کھُر چھُ یِوان، دستار،
ناٹک کَرِو بند) رتن لال شانت (ییٚلہِ پن روو) بینہٕ ڈراما قابلِ ذکر۔ رادھا کرشن برارو ہن لیٚوکھ تہٕ کوٚر
گوڈنچہ لٹہِ ٹیگور ہالس اندر اکھ باتہِ پاتھری ڈراما "یاہو" یہ لنڈنج امہِ پتہٕ موتی لال کیموہن تہٕ محمد سُبحان
بھگتن۔ یِمو منزِ چھِ ستھاہ کم ڈراما تِتھی یِم سٹیج کرنہٕ علاوٕ پتہٕ کتابہٕ شکلہِ چھاپنہٕ آیہِ۔ مگر یِم سٹیجہٕ خاطرٕ
تخلیق گژھنک اکھ بوڈ وجہ چھُ کلچرل اکیڈیمی ہندی ڈراما فیسٹول یُس نتہٕ پیٹھہ وہ ؤنی امہِ ادارک اکھ
سالانہٕ واقعہ بنیومُت چھُ۔

پتہٕ ییٚن وُہن وَرین ہندِ کاشُر ڈراماہک ارتقاٗ وُچھتھ چھُ یہ وَنُن مناسب زِ یہِ چھُ شعوٗرٕ
کنی بالیغ گومُت۔ اکاڈمی فیسٹولن اندر آیہِ واریاہ مشہوٗر مُلکی زبانن ہندین ڈراماہن ہندی ترجمہٕ پیش
کرنہٕ تہٕ کیاژِ تیداد کنِ چھُ کاشُر ڈراما پتھ۔ ییٚتہِ آسن کُلہٕ درجن اوٚڈ درجن تتھی ڈراما ریڈیو خاطرٕ
لیکھنہٕ یِوان یِم پتہٕ سٹیجہٕ خاطر شیرنہٕ ہیکہٕ ہاتن یِتھ۔ الگ سٹیجہٕ خاطر ڈراما لیکھناونچ تحریک دنہٕ خاطرٕ
چھِ اکاڈمی دستاویزن ہُند تہٕ اکھ مقابلہٕ کران مگر تمہِ ستی لوٗگ نہٕ سٹیج ڈراما لیکھنس وُتُش۔ خاطر ترجموٕ
ستی تہٕ وَف گُذرنس ستی لیکھن والین ہُنز علمیتھ بڈنس ستی گو کاشُر ڈراما نوٚیس تہٕ بالیغ تہٕ کینہہ
جان مِیاری ڈراما آیہِ لیکھنہٕ۔ یِمو منزِ سپدی کینہہ صرف ریڈیوہس پیٹھ پیش تہٕ فنکہ تکنیکک ٹوٗ لوٗت
دِتکھ مثلن ہُرد (شنکر رینہ) بیٚیہِ سنز وآچھو (ہری کرشن کول) انہاری ارمان (ستار شاہد) رہبیہ
تہٕ آب (رہبر) ہے کیٛاہ گوم (موتی لال کیموٗ) کالہِ پاتھر (فاروق مسعودی) رُح تہٕ روتُل، میانہٕ جگرکہ
دادِ وہ تھ (لون) وبتھ روٗزِ لکان (اختر، زتشی، لون) اختر محی الدین (آدم چھُ عجب ذات، تیلہٕ مربہ لگاہ)
کینہہ ڈراما چھپیہِ مگر سٹیج سپدی نہٕ مثلن سُیا (لون) کالہِ پاتھر (مسعودی)۔ خاطر یہِ چھُ وقتک تقاضہٕ موٚولی
تبدیلی ستی ہیکہِ اکھ انہار تہٕ اکھ مقصد لیٚوکھمُت ڈراما ییٚکہِ خاطر استعمال کرنہٕ یِتھ۔ وہ ؤنی گوو بہٕ چھِ حقیقتھ

ے ۱۹۸۰ء تس منز کوٚر یہ سانگ اینڈ ڈراما ڈِوِجن پیش

زِ کُلہم پاٹھی چھِ کاشرِس ڈرامہس یمیتک ریڈیو ڈرامہ مُتاثر کران رُودمُت۔
موضوع باگے :۔ موضوعن ہنزِ نہجہ لحاظِ آیہ پتِمن وُہن وریِن اندر مختلف قسمن ہندی ڈرامہ لیکھنہ
تمہ گئے

(۱) توارِیخی ڈراما (مثلن سُیا، ژھاے، نگروِ دٲسی، بڈشاہ، ریہہ تہ آب)

(۲) سماجی ڈراما (مثلن تنتی کوٗرلل بہ ڈرالیس لولرے، لس اکھ طماہ، نوٗنوش، چپاتھ، ہیلہ وتن
کھر چھ پوان)

(۳) سیاسی طنزیہ ڈراما (مثلن حرم خانک آنہ، تقدیر ساز، ناٹک کرِ وبند مُنزِلی نکہ)

(۴) نفسیاتی تہ انفرادی کشمکشکہ ڈراما (مثلن رُح تہ روٗتل، میانہ جگرکہ داد دوٗتھ، بہ چھس
ژوٗر)

(۵) طنزیہ تہ مزاحیہ ڈراما (مثلن ہیر ومچامہ، ترنوو، بیچھ کٹھ، روپیہ رُود، دستار)

مولِجہ تخلیقہ :۔ اتھ وقتس دوران لیکھنہ آمتیو ڈرامہ ہو منز چھِ ساسہ ڈرامائی ادبہ خاطرِ کینہہ
مولِجہ تخلیقہ سپزمژ۔ موتی لال کیمو سُند "ژھاے" چھُ توارِیخی تنوٗظرس اندر راز کالکس سماجس تہ سیاستس
آزِکہ نظر بہ کنی سیٹھاہ جان وکھنے کران۔ انسانی وجوٗدکہ بنیادی مشلک سوال چھُ اتھ اندر فنی خوٗبی سان
تُلنہ آمت۔ علی محمد لون سُند "سُیا" چھُ کشیر ہندس تتھ توارِیخی واقعہس توارِیخ دان کلہن سُندی نظریہ
مطابق بنیہ زندہ کران یمی کاشرِس تخلیقی کردارس کُن ترٛوو۔ سُبحان بھگتُن "تقدیر" چھُ ساد روارٛلکہ
تجربس حقیقتھ لپسند لہجس اندر وننہ چ کوٗشش۔ اتھ چھیہ لکھاری سُند ذٲتی پانہ وستراوی مت
واقع مُشک لیوسہ اپنی خوٗبی چھیہ۔ ترنوو پتہ "منزِلی نکہ" چھ اسہ تمن امکانن ہند پے دوان یم خالص
عوامی تجربس ٹُکہ تھیرِ چھِ مُستند زان کاری ستی پادٔ کرنہ ہیکن یتھ۔ "آدم حوا تہ ابلیس" (لون) تہ کالیج
پاتھر" چھِ سٹیجہ تہ ریڈیوکین فنی امکانن ہندپے دوان یہند امتزاجہ ستی ڈراما وُستھ پراوِتھ ہیکہ۔

ڈراما پیشوراِنہ بناوِتھ چھ محمد سُبحان بھگت اتھ نوِ زندگی ہُند سگ دوان تہٕ ادبی ڈراماکس ضمنس منز چھیہ یہِ کتھ تسلا دِوان زِ بحیثیتھ لکھاری ہیوٚتُن تِہندِین ڈرامہن منز لکہ اسلوبُک شوٗعور تہٕ طرز استیمال یادِ گژھن یہ چھ تِہندِ "پاتھر ساز" ڈراما تلیہ صاف ننان۔

اَسی آسی آسی آسو :۔ ریڈیو سٹیج تہٕ فِلمہ ہند لو وسیلو ستی لُوگ کاشرِس ڈرامہس کانٛہ وُدھبوٚ یہِ آو ہیر کنہ ہاوُنہ۔ یم چھ ترٛے الگ الگ وسیلہ یمن اندر ڈراما الگ الگ ہیتھ پراوان چھُ۔ تر ڈیشوٗنی ہنز نوٗعیت چھ الگ تکنیاز ذٔری یہ چھکھ الگ الگ۔ مگر بیٚلہ باوتھ جہار تراوان چھیہ تہٕ گنڈتھ بیچانہ لوکٹ تہٕ موٚحدوٗد گژھان چھ ہیتھ چھ نوٗی حد پراوان۔ ازکل چھ مُلکس منز یمن ترن الگ ذٔرین (صِنفہ ولو کھہ نہ تکنیاز ڈراما چھیہ اکٲے صنف) ضوٗروٗرتہٕ مُطابق ملناونچ کوشش تہٕ سپدان۔ سانہ کشیرِ منز تہٕ آو یتھ اکھ تجربہ کرنہ یمیُک الگ ذکر ضوٗروٗری چھُ۔

کیہنہ کال برونہہ آو پربتہٕ (ہاری پربت) کس پاتھس روٚخس اکھ بوٚڈ سٹیج بناونہ، میل دو ڈمیل پہاڑی ڈلانس پیٹھ آو بیک وق اداکارتہٕ گاش تہٕ آوازِ ہند لو تکنیکی ذٔری یو ستہٕ اکھ وُسی ڈراما ہاونہ یتھ اندر سٹیج ریڈیو تہٕ فِلمہ ہندی کیہنہ نتہٕ کیہنہ عنصر موٚجوٗد آسی۔ یہِ ڈراما اسی اکی وقتہٕ دمہ ساس لُکھ وُچھتھ ہیکان۔ حکوٗمت ہندی سانگ اینڈ ڈراما ڈِوجنہ طرفہٕ پیش سپدنہ والہ امہِ ڈرامہٕک مرکزی خیال اوس کشیرِ ہندِ اژہِین توارِیخُک عظیم تہٕ وُسی پہلو کاشراوان۔ "اَسی آسی آسو" ناوُک یہِ ڈراما اوس دِینا ناتھ نادم تہٕ اختر محی الدین لیوٚکھمت تہٕ پیش کرن والین منز آسی بیٚیو شخصو علاوہٕ کاشر نامور ہدایتھ کار رادھے کرشن براڑ۔ کشیرِ اندر ڈراما تحریک زند تھوٚنس تہٕ اتھ بڈاوُنس اندر چھ براڑ صابُن دیُت ناقابلِ فراموش۔

کاشُر افسانہ :۔ فروری ۱۹۵۰ء منز لیوٚکھ سوم ناتھ زتشی ین پنُن افسانہ "بیلہ پھوٚل گاش" کلچرل کانگرس چہ محفلہ منز تہٕ امہِ ستی لُوگ کاشرِس افسانس کُن حالانکہ کینژن نقادن ہنز رائے چھیہ

زِ جوابی کاڈ" (دینا ناتھ نادم) چھُ گوڈنیک افسانہٕ۔ بیشتر ہن چھپیہ پُرٕ زِ رٕیم دوشوٕے افسانہٕ چھپے یہٕ رسالہٕ "کونگ پوش" کِس اَکِس سِے شمارس اندر۔ یِہ بنہٕ لِحاظہٕ (کُنہِ ادبی مجلسہٕ منز) چھُ "بیلہ پھوٚل گاش" گوڈنیک کاشُر افسانہٕ۔

گوڈنیک رنگ اشتراکی رنگ:۔ ۱۹۵۰؁ پیٹھ ۵۵؁ ہس تام چھپے یِہ نادمِ صابنِ بییہ کینہہ افسانہٕ (مثلن "شینہٕ پتھوٚ پتھوٚ" "رے") عزیز ہارونی "، "برم"، سوٚترا ویا (چیخوفہ سُند ترجمہ) نور محمد روشنُن "نیہہ گڑہ" میرزا عارف سُند "زے" رحمان راہی سُند "بیلہ سۄ تھنہٕ پپوٚ" (گورکی سُند ترجمہ) نور محمد بھٹ سُند "زوٗر" علی محمد لونہٕ سُند "یم لوکھ" ارجن دیو مجبور سُند "کولہِ وان" صوفی غلام محمد سُند "زرنہٕ زوٗر" بیتر افسانہٕ۔ حالانکہ یِہ اوس افسانُک زِ لون کال تہٕ وُنہٕ آسہٕ یہٕ آمی بینز کانہہ مخصوص شکل ترٹ کرتھ تمہ وقتہٕ یُس لول تہٕ حُب کاشرِن ادیبن پننہٕ زبانی ہند و تلتھ آمُت اوس تمی دِژ تمن لیکھنچ ترغیب۔ اکہ اندٕ پننہٕ ماجہ زیوِ ہندی لولن تہٕ بییہ اندٕ تمہ وقتکی سماجی کیو ہو سیاسی سوچن دِژ لکھارین لیکھنچ پرینچ تہٕ پتہٕ تتھ پیٹھ تنقید کرنچ تہٕ تحریک۔ تمہ وقتُک سیاسی سوچ اوس یِہ زِ حال حالے پراوِتھ آزادی یِہ گژھ صاف اشتراکی رنگ دِنہٕ یُن یتھ اکھ سماج وادی نظام قایم گژھتھ ہیکہِ۔ یِہ خیال اوس ہیوند ستانی تہٕ بیتہ چہ مقامی سیاسی تحریکہ اندر موجود۔ وون گوو ۱۹۴۷؁ پیٹھے اوسن مُلکہ کین دانشور طبقن ہنز سماج وادی نظام قایم کرنس اندر اکھ رول واضح تہٕ سرگرم بناوُنک جذبہ بِنا تیز لوٗمت۔ کشیرِ اندر تروٗد امہِ سیاسی سوچن نرایہ یتھ ادبس اندر ترقی پسندی تحریک ونان آسی۔ افسانہٕ لکارن زیادہ ہن اثر امہِ سیاسی خیالہ کہِ (دراصل کُنہ تہٕ سیاسی خیالہ کہِ) باوتھ خاطرٕ لوٚناہ فنی تجربہ آسُن گژھہ سۄ ہیکہِ ہے نہٕ بیتس کمس کالس کاشرس ادبس حاصل سپدتھ۔ اوِ کِنی چھُ نہٕ کلہم پاٹھی امہِ وقتُک افسانہٕ کُنہِ میارس واتان یوٚدوٚ زِن کینژن افسانن ہندی کینہہ جُز خوبصورت چھہ۔

ایماندار افسانُک دس:۔ ۱۹۵۵؁ ہس منز چھُ کاشر افسانہٕ باضابطہ پاٹھی جہار تراوان

تہٕ پننِس شخصیتھ قایم کرنچ کوشش کران۔ اختر محی الدین ییٚس اوٚتانی اوٚردوٚ پاٹھۍ افسانہٕ لیکھان اوس،
آوٚ کاشُرس کُن تہٕ "دنار ورزن" افسانہٕ بیوٚتھنہٕ۔ اَمی دیتٕ گوڈنکہِ پھِرِ ہاوِتھ زِ افسانہٕ نگار چھُ بذاتی پننہٕ
اوٚندٕ پکھہٕ چہٕ اَڈرنہٕ منز وۄدہ تلان، پننہِ ذاتھ بتراتھ زہاران وُچھان تہٕ باوان تہٕ تیوٚتے وۄہرِ وُن تہٕ طبہٕ زاد
بنان لیوٚتاہ کُنہٕ غلط سمجتہٕ سیاسی اوٚصوٗلہٕ نشہٕ آزاد روزِ۔ اختر سندین افسانن ہنز گوڈنچ سوٚمبرنہٕ "ستھ
سنگر" "ہند افسانہٕ "ذری یا بیہ ہند بیزارہٕ" چھُ اکھ خالص انسانی حالتژ ہنز وکھنے کران تہٕ کاشرِ افسانچہِ
لِوترا بیہ ہنز شیٚچھ ونان۔ یہند ستی گوو کاشرس افسانس اکھ نوٚو تہٕ ایماندار دور شوٗروٗ۔

تکنیکی زاوٕی جار تہٕ شخصیتھ:۔ اختر سندی افسانن ترٕ و تہٕ سندین کینژن تمن ہم کال افسانہٕ
نگارن ہنبھٹھ تہٕ اثر یم تمن برونٹھ ترقی پسندی تحریکہِ ستی کاشرس اندر لیکھان آسی۔ علی محمد لون تہٕ
صوٗفی غلام محمد چھِ یمن اندر قابلِ ذکر۔ خاصکر چھیہٕ یہٕ کتھ وننی لایق زِ صوٗفی سندِ "شیشہٕ تہٕ سنگستانک"
کینہہ افسانہٕ چھ پتہِ مہ تحریکہِ ہنز تھیپھ نشہٕ موکلے رِتہٕ انسانی دوکھ سوکھ باوان۔ پتہٕ گیہ یمن ستی
اُمیش کول ہردے کول بھارتی تاج بیگم، امین کامل تہٕ اوتار کرشن رہبر تہٕ شامل۔ یہند لوامہِ وقتکیو
افسانو منز چھُ "اَڈے کتھ" تہٕ "دِل" (اُمیش) "سِلہِ" تہٕ "تیہہ" (بھارتی) "نوٚو تاوون" تہٕ "کوکر جنگ"
(کامل) "یال مُتران تہٕ کھوکھس" تہٕ "نار گلی زرانیٔ" (رہبر) اہم مقام تھوان۔ یم افسانہٕ چھنہٕ ونتہٕ
ہاوِکی سندِ خاطرِ کانسہٕ سیاسی شخصس یا کُنہٕ سیاسی نظریس کُن عوٚضمان تکیازِ یمن چھیہٕ پننہِ وتھ پتاہ۔
موضوع چھِ یم پننہٕ اَندی پکھہٕ منزِ ژاران تہٕ یہند بیتھ تہٕ اسلوب چھُ پانہٕ پننہِ وتھ کڈان۔ مغربی کلاسکل
افسانہٕ نگار مثلن ڈِکنس، ماپاساں، او ہنری، چیخوف وغارِ چھِ یمن ہیٚتھ پننہٕ پننہٕ آبہ اثر ژاوان۔
واقعہ، کردار، بیان، منظر نگاری، مکالمہ، نوقطہِ عوٗروٗج ہوی تکنیکی زاوی جار چھِ افسانس اندر شعوٗری
طور وۄدہ تلان۔ زیادِ تر افسانہٕ چھ کانسہٕ کردارس اَندی اَندی اُبران۔ بیانس تہٕ منظر نگاری اندر چھُ
گاہے لگاہے لکھاری پننہٕ سوٗنچک یا نوقطہِ نظرُک بار ابیوٚتہ ردان۔ یانے تحریکہٕ تہٕ اشتراکی

فارمولایہ ہنز جاے چھیٖ ووٚنی افسانہٕ نگار سنز شخصیتھ رٹان ۔ تہٕ یہٕ افسانہٕ نگار یوٚت مزاجہٕ کلچر
تہٕ آڈرنہٕ کنٛی کاںٔشر آسہٕ تیوٚت چھُ افسانہٕ موٗلُل بنان ۔

ستیم ذہیل : نثر چھیٖ نوٚر زھا یہٕ ۔ پانٛژن اٹھن وریٚن کم قلیل لیکھتھ مگر کاںٔشرٕ افسانہٕ نیم
سیاسی تہٕ غار موضوعن ماحولہٕ منز کڈتھ ہیوٚت کینٛژو افسانہٕ نگارو (مثلن اُمیش کول، صوفی غلام محمد)
لوٚب مگر تقریبن ۱۹۶۰ء ہس اندر سپٕز نوٚن افسانہٕ نگارن ہنز بیاکھ پُے پاڈٕ یمن منز بنسی نردوش،
دیپک کول، غلام رسول سنتوش، ڈاکٹر شنکر رینہ، عباس تابش، غلام نبی بابا قابلِ ذکر چھہ ۔ یہ وق
چھُ کاشرس افسانس وُسیتھ دلس منز جان رول ادا کران ۔ کردار تہٕ منظر نگاری آس اکھ آمژ ے،
زبانٕی ہندی بلیہٕ کیہہ لوٚیہ شیٚڈ ہیتن اکھ ووٚتلنی ۔ بنسی نردوشنٕز رواں بیانٕی اندر اوس انسانٕی فطرژ ہند
اچھُہ کردار بینہٕ لوٚرِ انفرادیتھ (اجل، کاتُلسہٕ موراوِن شوٗرے پان، بیہٕ اکھ احساس) تہٕ وکھزار سان
ووٚتلان ۔ وکھزار بیہٕ زِمیوٚ تھیو انسانٕی تجربہٕ کینٛژن انہٕ گٹہٕ حانن کُن تہٕ امکانٕی حالتھ کرکھ فطرتی اندازس
اندر بیان (کھوژُن، میون مرُن) دیپک کولن ورتوو شاید اُمیش کولنہٕ زبانٕی ہند اشاریاتی SUGG-
ESTIVE محاورٕ (سفر تہٕ ستیٚ واٗلی) غلام رسول سنتوشن دیت نثر تہٕ نظمس منز باگ کین امکانن
ووٚن تہٕ شوٗدی رومانی افسانہٕ لیکھکھ ۔ (دُر جوٗر) تابش تہٕ بابا ہن دیت ہاوِتھ زِ افسانس اندر
ہیٚکہٕ کردار تخلیقٕ بیتھ اکھ خود کفیل اکاے آستھ تہٕ زبانٕی ہند سوٗرے ممکن طاقتھ چھُ کردار نگاری کران
کران بدکڈنہٕ لوان ۔ "رنگو منز بد رنگ" (بابا) تہٕ "کتھہٕ کتالین لشہٕ نجاتھ" (تابش) چھِ اکھ ضمنس
منز قابلِ ذکر ۔ یتھے کنٛی کر شنکر رینہٕ ہن زبان نوٚیہ لاوٚی ماٲحم تہٕ لوزک جذباتھ نگاری ہند اوٗیل
بوٗرتلنس لایق تیار ۔ پننہٕ پیشہٕ ہستی سپدِ یمن تمن گوشن ہند تجربہٕ حاصل ییٚنہٕ انسانس شنسزؤ دل کرتھ
لے لاگ ہلنٕ پیوان چھہ ۔ یمہٕ نین افسانن اندر تھاواوی مرحوم ادلین پننہٕ حساس شخصیتھ واضع
پاٹھی موجود ادای سند ونن اوس زاد چھُ ہیمنگ وے تہٕ چیخوف دوشوٗنی ہند اثر پانہٕ نوومت

(اکھ پرزل کینہ انسان، ووٕنی کھنہٕ وچھیہٕ وآری)

کاشرس افسانہٕ نگارس یوس تجربٕچ وسعتھ اتھ وقتس منٛز تمہِ سیتی سپدی ہیٚر درج کرمتۍ علاوٕ بیٚیہِ تہٕ کینہہ جان افسانہٕ تخلیق یمن منٛز گیہے تاپھ گیہے شہُل" (اختر محی الدین) آبنوٗسنک رُولر حکرِچ مشن ہلہِ ہُند دٕیہ" زبھارتی) اہم چھ۔ امہِ وقتکس (بانے ۱۹۶۰ ـــ ۷۰) افسانس اندر چھ سیٹھہِ کٕنز اُسر وُچھان بالیغ گژھنکی آثار صاف۔ اکہِ اندٕ چھے یہ زبانٕی تہٕ باوژ انسانٕی تجربہٕ کین انہٕ گٹہٕ کو نجن کُن نتھ نفسیاتھ تہٕ انفرادی کشمکش ہاوان بیٚیہِ طرفہٕ یمہِ کتھہِ ہُند باس دِوان زِ کاشُر افسانہٕ ہیوٚتن مُلکی تہٕ غٲر مُلکی افسانس ہم پایہٕ بنُن۔ امہِ دٲلہٕ کین پتمین وریٚین اندر چھ نوین افسانہٕ نگارن ہُنز بیاکھ جماتھ نوٚو پسِ منظرٕ تہٕ نوٚوی تجربہٕ ہیتھ یوان۔

۳۔ اٹھیُم دٲیُل : اثر تہٕ تجربٕچ وُسعتھ : نِو دہلیک (۱۹۷۰ ـ ۸۰) کاشُر افسانہٕ آو ازلے نوین تجربن ہُند وُشنیر تہٕ تازگی ہیتھ۔ کاشرِس افسانس نکھہِ آسی نہٕ ووٕنی صرف چیخوف گورکی ماپاسان تہٕ ہیمنگوے ہوی عالمی شوٗہرٕ کر افسانہٕ نگار وٕژھ ناونہٕ یوان بلکہ جیمز جوائیس، کامو، سارتر، ورجینیا وُلف، گراہم گرین، گنٹر گراس ہوی ہمکال لکھٲری ہیٚتن بحثہِ تہٕ پرنہٕ لیکھنکی موضوٗع بنٕنۍ۔ کاشُر افسانہٕ نگار ہیوٚک نہٕ تمہِ شوٗعورِ نش بے اثر روٗزِتھ یُس یمن لیکھن والین پٔننِس اوٚند پوٚکھ تہٕ بٕنیادی انسانی مسلہِ وٕژھناونس اندر وتھ ہاوان اوس۔ جدید زمانچ ہیتھ سیٹھہِ ازکلچ عالمی ادبی ہیتھ وُلو گئے کاشرِ ادیبن کُل پٲٹھی تہٕ افسانہٕ نگارن خاص پٲٹھی یادِ۔ گووکہ شنکر رینہ، بھارتی، اختر سندین افسانن اندر اُس یہ ہیتھ نٔنی درامژ ووٕنی گوو ۱۹۶۷ کس شیرازس اندر گیہ پیہ کینژن نوین افسانہٕ نگارن ہندِ ذٕسی شلیقہِ پٲٹھی کاشُر افسانُک شوٗعور بنتھ۔ سبٕٹھاہ موموٕلی (فاروق مسعودی) تاپھ (ہری کرشن کول) ژھایہٕ گتٕ (شانت) آسی امیک نیب دِوان۔

(۴، اٹھیُم) نٔتیُم دٲیُل چھ کاشرِس افسانس باضابطہ پراوٗت (اَچیومینٹ) اکہِ طرفہٕ گئے

موضوعن ہنز وسعتھ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ انسٲنی مسلن پیٹھ أزکۍ نظریہٕ وُچھنہٕ سعتۍ ہیٚژ ہندن نوٚین وتہٕ پدٕن ہنز تلاش شروٗع کٔرٕ۔ اختر محی الدین سندۍ "جاںٛدۍ زال"، "ژےٚ چھکھ ژےٚ چھکھ"، ہری کرشن کولنۍ "دہ آیہٕ شۍ آیہٕ" "عزیزیاں کتھ"، "بٹن ہنز دریہٕ کتھا"، فاروق مسعودی سندۍ "الفتح" "من تہٕ پوٚن"، "کوہ قاف پیٹھ پری جنن تہٕ ہیرٕ"، ہردے کول بھارتی سندۍ "زٕکرِ ولیوہ" "ہمزاد" رتن لال شانت سندۍ "ٹھوٗر "رادی میتی مانے" تہٕ گونج، چمن لال ہکھ سُند "جنگ" بشیر اختر سُند "کیہنہٕ پوٚز کیہنہٕ سنیپ" تہٕ رتن لال جوٗ سُند "ترلیش"، ہوی افسانہٕ چھےٚ واضح پاٹھۍ ہاوان دِوان زِ کاشرۍ افسانن چھےٚ وقتہٕ موجب پنٕنۍ جوٗ کاکھ ژھنہٕ آوی متہٕ تہٕ اسلوبس تہٕ اظہارس اندر نوی تجربہٕ کرنہٕ متی۔ أزیک افسانہٕ نگار چھُ أزکہن مسلن پیٹھ أزکہِ سوچہِ کہ آیہٕ ژیتھ دوان سیٹھاہ تیز نے تہٕ اکہِ جان رفتارس ہان چھیہٕ سٲنی زندگی بدلان۔ اقتصادی زنگی نے تہٕ سوچ تہٕ شعورِ زنگی کتس کاس ہیکہِ ازکل کانہہ تہٕ سماج پننس رلواتی غار سائنسی طرزِ سوٗنچس تھپیھ کرتھ۔ ادبی تہٕ فنی تجربن ہنز گتہٕ چھیہٕ دانش ورن دِنہٕ راوان۔ اکہِ طرفہِ پننہٕ لکہِ ادبچ تحقیق تہٕ بیٚیہِ طرفہِ نوٚ فکرِچ چھیم زِ عنصر چھےٚ افسانہٕ نگارس زبانی تہٕ باوتس پیٹھ اثر انداز سپدان۔ سٲنی کینہہ نوی افسانہٕ "وُکھتہٕ کس جوٗ کاٹھس منز" (بھارتی) "حالس چھُ رووتل" (ہری کرشن) "میانہٕ خودفیٚ کتھ" (گلشن مجید) تہٕ نوی کینہہ افسانہٕ نگار اقبال فہیم (اکھ ذاتھ) شمس الدین شمیم (وچھس تل مزار) ناصر منصور (آنہٕ) چھِ ییٚمہِ کتھہِ ہنز ضمانتھ دوان زِ أزیک کاشر افسانہٕ چھُ کاشرِس شعورس جدید زندگی سمجھنس منز مدد کران تہٕ بیٚیہٕ کاشرِس نثرِس میارِ ہلنس اندر امہِ چہٕ باقیو صنفو کھوتہٕ زیادٕ اہم رول ادا کران۔

باقی نثری صنفہٕ:۔ ڈراما تہٕ افسانہٕ چھ تم زٕ صنفہٕ یم کاشرِس نثرِس بُنیاد بنیہ بیہ۔ امہِ علاوٕ نثرِچن باقین صنفن اندر چھُنہٕ کُل پاٹھۍ تیوٗت لیکھنہٕ آمت یوٗت یمو منز اکس اندر چھُ۔

ناول:۔ ۱۹۵۷-۵۸ء ہس اندر سپز اختر محی الدین گوڈنیچ ناول "دود تہٕ دگ" شایع۔ امہِ

برونٹھ آسیہ تہٕ کوٗشش سپدٕے مژٕ۔ اکھ اُس پروفیسر سری کنٹھ توشخانی سُنٛز "زٕگرٕ پھیر" یوسہٕ ۱۹۲۳،۲۴ہس منٛز لوہور کِس اردوٗ اخبار بہارِ کشمیرس منٛزٕ نیرٕنۍ ہیژٕ آین مگر ژور قسطو پتہٕ بند گیہ۔ بیاکھ اُس حبیب کامران سُنٛز "ذاتھ بٕتر اتھ" یوسہ ۱۹۴۷ منٛز کونگ پوشس "اندر دون قسطن تانۍ دٕرایہ پتہٕ بند گیہ۔

'دود تہٕ دگ" چھیہ سانہٕ ساہِتہٕ کین دون یکھین وُمرن تُلان۔ اکھ یہ زِ زندگیہ ہنٛز مجبوریہ چھیہ اکھ بےکس تہٕ بےراہ رُو بناوِتھ ہٮ۪کان بیاکھ یہ زِ دم پھٹی کرٕ وٕنین رلوا ٮ۪ین چھُ قودرتی نزٕ جنسی تہٕ لذتھ پرستی منٛز نیران۔ یہ چھیہ اختر صابنہٕ تمہٕ فنی ارتقاہُک زان کرناوان یُس تمہٕ "ست سنگر" کہ افسانہٕ لیکھنہٕ وِزِ برووٗمت اوس۔ اختر صابنٕ دوٗیم ناول "زوٗ تہٕ زٕولانہٕ" چھیہ اخبارِ چمنس اندر قسط وار چھپیہ مژٕ۔ یہ چھیہ ہاوان زِ مین چھیہ کوٗڈنچہٕ ناولہٕ کھوتہٕ زیادٕ پوختگی آمژٕ۔ اپین کامل "سنٛز کٹہٕ منٛز کاشُ" چھہ قبائلی حملہٕ کس پسِ منظرس منٛز یہ ہاوٕنہٕ دوان زِ بٮ۪لہٕ تمکھ ژہ وٕاپٲرٕ فرقہ پرستی ہندس نارس اندر دزان اوس کشیرِ اندر کیتھہ کٕنۍ دیُت اکہٕ مسلمان ماسٹرن بایہٕ اکس پنٹس گرس) اندر پناہ۔ بٕتہٕ مودٕ تس بچاوان بچاوان تہٕ تمہٕ کورٕ تہٕ بٮ۪یس مسلمانس ستی اوکنۍ خاندرٕ ستہٕ رلوقبالن تٕرٕ۔ ناول چھیہ داستانی اسلوٗبس اندر لیکھنہٕ آمژٕ تہٕ واقاتن ہندس جتہٕ جوشس منٛز چھہ کردارن ہندی انفرادی روٗپ مُشخص کرنہٕ آمتی۔ امہٕ پتہٕ چھہ غلام نبی گوہر سنٛز بٕ ناولہٕ "مُجرم (۱۹۶۹) تہٕ مٲیل (۱۹۷۳) لیکھنہٕ یوان۔ "مُجرم" چھہ اکہٕ قتلہٕ واقعہ پوت کتھ ہیتھ لیکھنہٕ آمژٕ یُس پتہٕ عدالتس پیٹھ پیوان چھُ۔ عدالتس پیٹھ چھہ ناولہٕ ہندی بٔڑ ترحصہ صرف گامتی تہٕ تمے چھہ اپیٕ خوٗبی۔ "مٲیل" چھہ جوان موجبت تہٕ تمہٕ پتہٕ کھاندرٕ کین مسٔلن پیٹھ لیکھنہٕ آمژٕ۔ امیک پسِ منظر چھُ کشیرِ ہندٕ منٛز یم طبقہٕ تہٕ تتھ اندر بدلونہٕ قدرٕ۔ بنسی نردوشنی "اکھ دور" چھیہ ڈوگرِ دورس اندر زنانن ہنٛزن عصمت فروشی ہندین اڈن اندر کھولہٕ وِلس اکس خالص انسانی رشتس بٔڈ نفیس تہٕ چوبک دٔستی ساں پیش کران۔ منظر نیہٕ وقع نگاری

ساظ چھیٚ۔ یہِ ناوَل سپُد ہاہ مکمل۔ امرِ مالَوہی سِنز "ترلیشِ تہٕ ترپن" چھیہٕ سائنس سماجس اندر پیٚتھ ترپن وریین وہ تلے مرٕز جلسی بے راہ رَوی ہنٛز عکاسی کرنچ کوشش کران۔

سفر نامہ :۔ "گلریز" رسالس اندر دراو مرزا عارف سُند چینک سفر نامہ یتھ آسی گوڈنیک کاشُر سفر نامہ وَنتھ ہیکو۔ یہِ اوس امہ رسالکی ایڈیٹرن (مرزا عارف) قسط وار چھپوومت۔ اتھ اندر چھُہ افسانوی کردارِ کھوتہٕ منظر نگاری ہُند رُت عنصر موجود۔ اگرے علی محمد لونہ سُند "آسی تہٕ چھہِ انسان" ناولہ بدلہٕ سفر نامے مانو (پانہٕ لکھارِی چھہِ اتھ سفر نامے ونان) تیلہِ چھُہ یہِ پننہٕ قسمک کُن سہ سفر نامہ یُس الگ پاٹھی چھاپ گوو۔ اتھ اندر چھیہٕ نہٕ صرف منظر نگاری یا تہٕ بلکہِ افسانوی خصوصیژ تہٕ میلان۔ امی پاییک بیاکھ سفر نامہ چھُہ اخترمحی الدینُن "سلاو امر" یُس تمو پننہٕ روسکہِ سفرِ پتہٕ لیوکھمت چھُہ۔ کاشرس ادبس اندر کرِ یہِ صنف برٛز کرنہٕ خاطرٕ سون ادب ۱۹۷۵ء "سفر نامہ شمارٕ" کڈ تہٕ امکی ایڈیٹرابن کامِن قابلِ تعریف کام۔

تنقید :۔ کاشرِ تنقیدُک تواریخ چھُ ۱۹۴۷ء پتے شورٕ گژھان۔ نقاد چھِہ ترقی پسند آسی متی تہٕ اَوے ادبی تخلیقن اَتھی کھوچہ کھالان یتھا بر چھِہ پانہٕ شاعری تنقید کران افسانہٕ نگار افسانس کیتھ کڈان یہِ زن تقریبن ازتانی چلان چھُ۔ شاید چھِہ امہِ وزِ پروفیسر پُشپیٚ یم پانہٕ شاعر یا افسانہٕ نگار نہٕ آسِتھ تہٕ شاعرن پیٹھ تنقید لیکھان چھِہ۔ یمے یاتی آسی نہٕ ترقی پسند نظریہ مانن وٲلی۔ یتھے بیاکھ ناو اوس نور محمد بٹ سُند یمو شاعری متعلق کیٚہنہ مضمون تمہٕ پیٹھے لیکھی۔ امہِ وقتہٕ کلین تنقیدی مضمون منز چھِہ رحمان راہی سُند "مارکسی ادبی تنقید کیاہ گوو؟" اختر محی الدینہٕ سُند "افسانس متعلق بُنیادی کتھ" غلام نبی فراق سِندی اردو تنقیدی مضمونن ہندی کاشری ترجمہ تہٕ پروفیسر پُشپ سِندی لل دید، شیخ نور الدین، شمس فقیر تہٕ مہجورس پیٹھ تنقیدی مضمون ناوٕ ہیٚنٛز لایق۔ یتھے ترقی پسندی ہُند زور ہمو (۱۹۵۵-۵۶ء) نقادو ہیوٚت پننہٕ ذاتی تجربہ سٟتی ادب پرکھاونس پیٹھ زور دین۔ امہِ وزِ ہیٚتِن کلچرل

اکیڈمی یہٕ ہندی "شیرازہٕ" تہٕ "سون ادب" نیرن تہٕ امی ادارٕ ڈسی سیمنار تہٕ بحث منظم سپدن۔ امہٕ وزہٕ
چھ جیالال کول (صمدمیر) اختر (دُن باہ تہٕ افسانہٕ) رہبر (انگریزٕ) زتش (مہجور) ہندی مضمون نیران۔
محی الدین حاجنی ہنز کاشرِ نثرِچ کتاب "یتھ اندر کینہہ زیٹھ تنقیدی مضمون (کوشر نثر۔ اکھ سرسری جایزٕ،
ساٮ۪نہٕ ادبُچ زان، خابک عالم) درایہ چھیہٕ گوڈنچ پننہٕ قسمچ تنقیدی کتاب (۱۹۶۱ء)۔ امہٕ پتہٕ چھ فراق
سُند "فنک احساس" (سون ادب سنہٕ ۱۹۶۳ء) اکھ اہم تنقیدی مضمون یتھ اندر صرف کاشر ادب
نظرِ تل تھوٚوِتھ فنس پیٹھ بحث چھنہٕ کرنہٕ آمت۔ فراقس چھیہٕ باقی دُنیاہٕچی ادبس پیٹھ تہٕ نظریو سٕہ
تہنٛدیو مضمونو "روٗمانیتھ کیاہ گو" "ابہام تہٕ اشاریت" تلہٕ صاف وٕتلان چھیہٕ۔ حاجنی صابنہٕ دوٚیمہٕ
کتابہٕ "مقالات" (۱۹۶۷ء) اندر چھ کینہہ تنقیدی مضمون تہٕ کاشرس ڈرامس پیٹھ پران کشور تہٕ رتن
لال شانت ہندی، کاشرس افسانس پیٹھ امین کامل، رتن لال شانت تہٕ ہردے کول بھارتی ہندی
کاشرِ ناولہٕ تہٕ نثرس پیٹھ اوتار کرشن رہبر ہندی تنقیدی مضمون "راہی" ہنز تخلیق نظمہ پیٹھ اختر سُند
تنقیدی مضمون چھِ یہ ہاوتھ دوان زِ وُنی چھِ تنقیدس تہٕ امہٕ کین مختلف قسمن کُن کاشرین نقادن ہنز
کل بڈان۔ چمن اندر چھپے یہٕ اختر محی الدینہٕ سندی کینہہ رٕنی خاکہٕ۔ رحمان راہی ہنز کتاب "کہوٹ" چھِ
کاشرِ شاعری ہندین مختلف صنفن تہٕ کیٚچھن پیٹھ لیچھمژ اکھ تنقیدی کتاب یتھ اندر "زبان تہٕ باوتھ"
"ادبک مقصد" "تخلیقی ادبس منز رول" ہوی بہلہٕ پایہٕ تنقیدی مضمون چھاپ گامتی چھِ۔ یمہٕ چھِ دوان
ہاوتھ زِ از چھِ کاشر تنقید بالغ سپدان۔ عبدالاحد حاجنی ہنز "کاشرِ ادبس پیٹھ اکھ نظر" (سنہٕ ۱۹۷۳ء)
تہٕ غلام نبی ناظر ہنز "کاشر شاعری" (سنہٕ ۱۹۷۴ء) چھِ امیُک ثبوت۔ حاجنی صابن چھُ کاشرِ شاعری
علاوٕ ڈرامہٕ تہٕ تنقیدس پیٹھ پنٛنین مقالن اندر جان تنقیدی نظر وٕتلاومٕژ۔ ناظر چھِ عام پاٹھی شاعری تہٕ
امہٕ کس فنس رِوایتی تہٕ جدید لوٚقطٕ نظرٕ ستی زرزان۔ حال حالے چھیہٕ شفیع شوقنہٕ کتاب زبان تہٕ ادب چھپتھ آمژ،
یتھ منز تنقیدی شلن تہٕ ادبی اصولن متعلق تہٕ تخلیقی زبانی متعلق کینہہ مضمون چھِ۔

خاکہٕ :- وارِیاہ شوٗر٘ دٲتی کاشُرِ افسانہٕ آسہِ صرف خاکے حالانکہِ تِمہِ آسہِ نہٕ خاکہٕ نیٛتھ لیکھنہٕ آمٕتۍ۔ وونۍ گوو آسی ہیٚکو صوٗفی غلام محمد سُند لُوسی مٕتۍ تار کھ" خاکہٕ لیکھنس کُن اکھ شوٗعوٗری کوشش زانِتھ پیٚتہٕ لیکھۍ غلام نبی بابا تہٕ عباس تابش عمدن کینہہ خاکہٕ ہمیٚنس اندر چھپیے یہٕ اختر محی الدینہٕ سندۍ کینہہ یِرتۍ خاکہٕ۔ سوم ناتھ ویرن چھہٕ شب رنگ (۱۹۷۷ء) ناوۍ کینہہ خاکہٕ چھاپٕمٕتۍ۔ شوجی کریٚنڈۍ گامی سندۍ کینہہ خاکہٕ نُما افسانہٕ تہٕ چھہٕ زبٲنۍ تہٕ بیانہٕ لِحاظہٕ جان بنےمٕتۍ۔ کُلہم پٲٹھۍ چھہٕ یتھ صنفہٕ کُن ادیب لُوتاہ پز تیوٗت توجہ دِوان۔

السے :- السےٚ ناوۍ یہٕ کیٚتھہ ہاہ کاشرِس اندر لیکھنہٕ آمٕت چھُ سُہ چھُ تیوٗتاہ کم زانمیٚک کیاہ ذِکر کرو۔ ووں گوو یہٕ ظوٗن چھُ باضابطہٕ ادبی نثرُک تکمیل چھُ السےہس اندرے سپدان۔ دراصل بیٚلہٕ کُنہ زبٲنۍ ہُند نثر بالغ سپدان چھُ تتھ چھُ سنجیدٕ محاورس اندر لُوتہٕ وآے کیتھ تہٕ لُونہٕ وآے محاورس اندر سنجیدگیتھ وُنہٕ نُک بتھرِ لیوان۔ السے چھُ زنم ہیوان۔ کُل ہِل ہیکوٗ آسی اکھ درجن تخلیقہٕ تتھ ہٕ گڈِتھ یِم السےہس نکھہ آسن۔ کاشرِ السے ہُک ضوٗرتھ موجوٗس سپدنس چھُنہٕ داہ پنداہ وری زیادٕ گومٕت مگر یِتیس وقتس تہٕ چھُنہٕ کانہہ نثر نگار اور کُن دِنہٕ پیٚٹہٕ لوٗگمُت۔ روٗسُل پوٗنپُر (ییتہٕ چھُ بنہٕ وُن، نہٕ تھو نہٕ بتاہ، شُنی) حکیم غلام حسن تسکین (اِلٲہی یمولشہ نجات، ناوکنہٕ پرٕون ناو) رتن لال بجو (پرٕن) مکھن لال کنول (آرِپل) عبدالاحد حاجنی (مزر ہٕتیچھ) ہشہٕ کینہہ کوٗشِشہ چھپیہ اکھ کُن سپد بکرِ۔ بیٚلہٕ نہٕ لقادو تہٕ بیٚن محاورٕ تہٕ زبٲنۍ پیٚٹھ قودرتھ حاصل کرتھ ہیوٗک السے ہُک شوٗد نثر کنہٕ ہیکن لیکھتھ؟

امہٕ علاوٕ چھہٕ کاشرِس اندر کم کاس شُمر نہٕ تہٕ رپورتاج تہٕ لیکھنہٕ آمٕتۍ مگر یِم چھہٕ اونگجن پیٚٹھ گٕنز رنس لایق۔

# کٲشُر زَبانُک ہِند آگُر: مختلف نُقطہٕ نظر۔ زان

کٲشِرِ زَبٲنۍ ہِندِس آگُرس کُن چھِیِہ سارِوے برۄنٹھ سر ابراہم جارج گرئیرسنن عالمن ہِند ظوُن۔ کٲشُر زَبانۍ ہِندِس علاقس کوٚرتھ موتَرُو وے تہٕ امکی نوٚمونہٕ سوٚمبرٲوِکھ۔ تمن کوٚرکھ تقویٰلی مُطالیہٕ تہٕ پیتہٕ وٲتۍ سیٚتھ نتیجس پیٹھ زِ لیوٚدزن کٲشرِس لفظِ راشس پیتہٕ پیتہٕ سنسکرت لفظِ راشُک سیٹھاہ اثر پیوٚ نہٕ اتھ اندر سنسکرت لفظ امبار تیار گو و، یِہ چھِنہٕ ہُلہِ تلہٕ ترٛٹھے ہِش کانہہ آریاے زَبان آسمٕژ یِرٕتھ سنسکرتہٕ پیٹھِ دٕرامٕژ بیٚیہِ کانہہ شُمالی ہیوٚندستٲنۍ زَبان آس۔ بلکہ وۄن تموٚ یتہٕ زِ یہِ چھیہٕ دراصل دٕرد زَبانٕ منٛز دٕرامٕژ۔ دردی چھیہٕ وادی کشمیرس شُمالس کُن نگرتہٕ ہیوٚنزا علاقس اندر بولنہٕ یوان تہٕ گرئیرسن سنزِ رایے آس زِ ہِند یوٗرپی زَبٲنۍ پرِوارس اندر چھیہٕ درد زَبانۍ منٛز جاے سیٚتھے کینٛہہ۔

ہِند یوٗرپی زَبانن ہُند پرِوار

| | |
|---|---|
| ہِند ایرٲنۍ آریاے زَبانہٕ | یوٗرپی آریاے زَبانہٕ |

| ہیوٚندستٲنۍ آریاے | درد | ایرٲنۍ |
|---|---|---|
| سنسکرت، ہِندی، پنجٲبی، مراٹھی بیتر | کٲشُر زَبان | اولیتاے، جدید فارسی |

اَمہِ حسابہٕ آس کٲشرِ زَبانۍ ہیوٚندُستٲنۍ آریاے تہٕ ایرٲنۍ زَبانن منٛز یاگ ہِماے۔ یہِ نہٕ آس ہِند آریاے تہٕ نہٕ ایرٲنۍ بلکہ پیتہٕ ہیوٚ اتھ مذہبی تہٕ سیٲسی وجہو کنۍ یمن دۄشونۍ زَبانن ہِند لفظِ راشُک اثر اتھ شکل یادلے یہٕ۔ مگر ہُلہِ تلہٕ چھیہٕ یہِ درد زَبان۔

کأشرِ لوٗ مٕوٚ حقیقو منز کوٚر کینژو عالمو یہِ منظوٗر تہٕ کینژو کوٚر انتھ پیٹھ نوٚو سوٗنچ۔ کیہہ نوٚ حقیقژ آیہِ کاشس تہٕ کأشرِ زبأنی ہندس آگرس پیٹھ لوٚگ بحث۔ گوڈنیتھے تُل اوتار کرشن رہبرن پننہِ کتابہِ "کأشرِ ادبچ تأریخ" (۱۹۶۵ ء) اندر یہِ بحث۔ عام پأٹھۍ کوٚر یمو گریرسن سِنزِ رایہِ ستۍ اتفاق زِ کأشر چھنہٕ سنسکرتہٕ اندرِ درامژ مگر یہِ موٗنکھ زِ دردلوٗکھ تہٕ چھ آریأے یم بیییہٕ کھوٗ گوڈلب کینو ناگو تہٕ پیشاچو پتہٕ لوٗر آیہِ۔ تمو کوٚر ناگن ہنزِ نسلی جأینہِ ستۍ یہِ تہٕ ثابتھ زِ یم آسہن ملہِ تلہِ آسٹرک نسلکۍ۔ تم چھنہٕ یہِ مانان زِ لفظہِ راشہِ ہنزِ بُنیاز پیٹھ پزِ اسہِ کأشرِ زبأنی ہندس آگرس متعلق یہِ فأصلہٕ کرُن زِ یہِ چھیہٕ سنسکرت یا فارسی موٗلچ۔ یتھے کنۍ چھ یمو یتھہ نوقطہِ نظرس وژھنہٕ کرمژ زِ کأشر زبان ہیکیا عبرأنی موٗلچ آسِتھ تہٕ سارِنۍ نوٚلوٚتن تہٕ منطقی مقابلہٕ کرتھ یہِ نتیجہ کوٚڈمُت زِ یہِ ہیکہِ صرف درد موٗلچ آسِتھ لوٗسہِ آریأے چھ۔ یہِ رأے چھیہٕ تقریبن گریرسن سِنزِ رے تہٕ اتھ جوڑ محی الدین حاجنی صأبن ———— بییہِ ہن زِ عبرأنی اثر ہیکو نہٕ آسی یکدم بحثہٕ اندرِ خأرج کرِتھ۔ یتھ سلسلس منز چھ گوڈنیتھے تہنزِ رأے دنہٕ آمژ۔ لوٗسہِ تموٚ پننہِ "مقالات" کتابہِ (۱۹۶۷) منز درج کرمژ چھیہٕ۔ یمو چھیہٕ کشیرِ سیتھ ییتی روزن والین ہنزِ یہأے ترتیب مأنی مژ مگر یہِ تہٕ موٗن مُت زِ پشاچ آسی آریو نسلہٕ بیتاہ ژھنہٕ گأمتۍ زِ تم آسی بڑتھ رنگہِ الگ گأمتۍ۔ بییہٕ وُچھ آریو یمن نچہِ نظرِ تہٕ یہنزِ زبان گیہِ ویدی زبأنی نسلہِ الگ پأٹھۍ ووتلان۔ آریو (ہیندو تہٕ لودو) کرِ ژاپنتھ مأنتھ یمن لیتہ موٚنڈ تہٕ یہندِ کلچرِک نبال گولکھ۔ امہِ خیالچ بُنیاد کیاہ چھ یہِ چھنہٕ اتھ مضموٗنس منز صاف۔ حاجنی صأبُن ونُن چھ اتھ ضمنس منز یہِ زِ کأشرِ زبأنی پیٹھ ییو تقریبن پنداہن شتن وریین مصر پیٹھہ ژلِتھ آمتین یہوٗدین ہنزِ عبرأنی زبأنی ہُند اثر یتھ زِ تہند لفظہِ راش چھ وُنہِ تہٕ کأشرس اندر موٗجود۔ امہِ برونٹھ اوس سنسکرت تہٕ فارسی ہُک اثر رہبر صأبن تہٕ موٗن مُت تہٕ حاجنی صأب تہٕ چھ یہِ مانان اما پوٚز ییتین رہبر صأب لفظہِ راشہِ علاوہ لہجہ گریمر بیترِ تہٕ اہم مانان چھ حاجنی صأب چھ لفظہِ

راشس سیٹھاہ اہمیتھ دوان تہٕ رہبر صاَبس سٕنٛزٕ اتھن اختلاف ہاوان ۔ ڈاکٹر گنجو (انہار ۱۹۷۷ء) چھ گریرسن سنٛدس وِنہٕ لِنس خالص لسانی بُنیادن پیٹھ سام ہیوان ۔ خاص کرٕ ڈکھہ کرٕ ے (چھِہ) پننہٕ تحقیقچ بُنیاد بناوان تہٕ اکہ اندٕ ردتہٕ شِرینا زبانن ہندٕ لو نو مو نو ستر اتھ تہٕ کاشرس اختلاف ہاوان بییہ اندٕ کاشرس شمالی تہٕ مشرقی ہیوٗندستان چن زبانن ہنزٕ جماژ ستی واٹھ ثابتھ کران ۔ پشاچی زبانٕ ہند لسانی جایزٕ نتھ یہ ہاوان زٕ یہ اُس نہٕ کُنہٕ وقتہٕ کانہہ الگ آزاد پراکرِت ۔

یئمہٕ کنہِ چھ پیٹھن زٕ مختلف رایہٕ دِنہٕ آمٕژ ۔ وُنہٕ چھُنہٕ اتھ پیٹھ تحقیق کُنہٕ فاصلہ کُن ہتھس پیٹھ ووت مُت ۔ دراصل چھ زیادٕ تر جایزٕ تواریخی تہٕ سماجی لسانیاتہٕ کین اصولن پیٹھ کرنہٕ آمتی یہ زن ازکل قابلِ قبول چھُنہٕ ۔ ووٗنی چھ زبانٕ گرٕ تہٕ لسانیاتہٕ STRUCTURAL LINGUISTICS کین اصولن پیٹھ سام ہینٕہ یوان ۔ ڈاکٹر گنجو سٕند مضمون چھُ اتھ منزلس کُن اکھ قدم ۔

پروفیسر محی الدین حاجنی

# آمدم بر سرِ مطلب

یہِ کتھ چھیہٕ وۄنی مانہٕ آمٕژ زِ ستی بسرہۄکھ گرٕھنہٕ پتہٕ لگی کشیرِ اندر ناگ قومکی لۄکھ لبنہٕ ۔
یم کتہِ آے؟ اَتھ سوالس چھِ واریا اڈٕلیکی جواب دِنہٕ آمتی ۔ یمن ہنٛز کیاہ زبان آس؟ اَتھ سوالس چھُنہٕ اکھ اڈٕلیوٗک جواب تہٕ دِنہٕ آمُت ۔ اما پوٗز یہِ قیاس چھُ یقیٖنن دوٗرٕ ناگن ہنٛزی زبٲنی پیٹھ آیہٕ سانہِ وادٕ ورٕین پیوندس پیٹھ پیوند کھالنہٕ ۔ یمیک ییٚم میوٗرٕ سانٛی اَزٕچ زبان چھِ ۔ ممکن چھُ زِ یتھ ملکس "آسراز" "ناگالینڈ" وَنان چھِ، اَتی لۄکھ ما آسن تمی قومٕچ اکھ چھکرنہٕ آمٕژ تھُل مُل ۔ زانہہ کانٛہ یِلہ کانٛسہِ محققس موقعہٕ دِ ناگالینڈچہٕ زبٲنی تہٕ شُدکاشرس پانہٕ واٹی مقابلہٕ کرنٕچ فرصتھ ییہٕ، سُہ ماہا وِ سانہٕ زبٲنی منٛز وُنہٕ تہٕ گوڈٕ لبسن والین ناگن ہنٛز زبٲنی ہُنٛد کانہہ کانہہ لفظ یا لہجہٕ یُس سانہِ واد ورٕین ہنٛزِ گگھیہ پتہٕ تہٕ چلہٕ وُن رۄدمُت چھُ ۔

ناگہٕ یِمی تیٚن ہنٛز زبٲنی پیٹھے لج سانہِ زبٲنی ہنٛز برن کھسنہٕ تہٕ زمانہٕ پتھ زمانہٕ پوچھر لبنہٕ ۔ اَز اگرچہ ابتدٲیی لسانی دوٗرن ہنٛز صحی نشان دِہی کرٕنی قریب قریب ناممکن چھیہٕ، اما پوٗز یتیٚن ہِن قیاس چھُ صحی زِ اسلام یِنہٕ برونہہ چھُ ترییو قومو سانٛس تہذیبس خاص کر زبٲنی پیٹھ بڈٕ

سۆن اَتھ ترووُمت۔ یِم چھِ (۱) پشاچ (۲) یہوٗدک تہٕ (۳) آریہ۔ یِمن ترٛیٚن قسمن زبانن آسہٕ تہٕ یِم ترٛین الگ الگ نسلن ستۍ تولُق آسی تھاوان تہٕ یہنٛز وَزبانو ستۍ ناگن ہندِ عہدٕ رچ بوٗلی وار وار تِتھۍ کٔنۍ نالوٗد گییہ تہٕ زِن تہٕ یہ آس تہٕ یٔتیج ابتدآیی زبانٕے )

ناگو بیتہٕ ہتہٕ واد وٕری یَن ہُندتوآریخ چھُ یا تہٕ کلہٕ پیٹھے نالوٗد۔ تہٕ دلیو مالآیی قصن اندر تیوٚت ولنہٕ آمُت زِ زبانٕ ہندین ارتقآیی دورن مُتلق ہیکہ نہٕ اتھ عہدس کانہہ شقہ راے قائِم سپدتھ صرف چھُ یوٚت ہن قیاس ذرا دوٗر یہن زِ یتھے وادی ئج آباد سپدہٕ دردستانہٕ پیٹھ تہٕ لگی گلکھ بٔیتہٕ لیسنہ یمین مہٕنز پشاچ تہٕ یکش (تیٚچھی) زیادٕ نیاد س ہنٛز آسی۔ اگرچہ سرجارج گریرسنس علاوٕ بییہ تہٕ کیہنہ مُحقق یہ وِنان چھِ زِ پشاچ تہٕ آسی گوڈٕ گوڈٕ ایرانہٕ (یا وسطِ الیشیا) پیٹھے ژرامتۍ۔ امالوٚز یہ کیتھ چھِنہٕ وہنٛز الیق زِ یِم دہ لوٚے کیاہ آسی اکی آریآیی نسلکی زِ شاخ۔ پشاچ عہدس مُتلق لوٚسہ کانہہ شییٚچھاہ اَسہ لِسہٕ بھارتی آرین ہندِ دسنہٕ وآتہٕ تِتھ اندر آیہ پشاچ یِچھ، مگری کھاوٕ تہٕ چآری تہٕ ووٚنالہٕ گنٛز راوٕ نہٕ۔ مگر لوٚتام کاشُر زبآنی پیٹھ اثر تراونک تولُق چھُ، یتھ کتھ ہیکہ نہٕ ووٚنۍ کانہہ نِکار کرتھ زِ بٔیتہٕ کیٚن ابتدآیی لبن والین (ناگن) ستۍ زٕلتھ روٗد یہند لسانیآتی اثر کاشر زبآنی پیٹھ سیٹھاہ سوٚن تہٕ پایے دار۔

قیاس چھُ یی زِ ساتہٕ زبآنی ہندِس اپ ترٛنشی عہدس نام آسہٕ ہے دردی لفظن ہُند جان ذٕ غیر موٗجوٗد۔ امالوٚز سنسکرت عہدس خاص کرتھ ستہ مہٕ صدی عیسوی پتہٕ ہتہٕ واد وٕری ین ہنٛز ہندوٗ حُکمرانی منٛز آسن دردی لفظن بدل سنسکرت لفظ کاشرس اندر جاے رٔٹتھ بیٹھی متۍ۔ عوآمی زبآنی ہند لبٕ لہجہ اگرچہ دردی روٗد، امالوٚز دردن ہُند توآریخ نام آو نالوٗد کرنہٕ۔ ممکن چھُ زِ ساتنس تکہ ادلس منٛز۔ مانیرن یہندِ توآریخکی کیہنہ نشانہٕ۔ فلحال چھُنہٕ دُرزِ پاٹھر علاوٕ بییہ کانہہ یہندِ توآریخی نشاناہ لوٚن۔

دردی ہُنٛز یادٕ پیٹھ سنسکرتی اثرٕ مکہ ابتدآیی توآریخ (یا عہد) چھُ وُنہٕ راوِس تل۔ یِمہٕ

موجب آسی نھاوون اثر انداز زی اندر عبرانٔی زبانے برونہہ۔ اتھ برونہہ نھاوونک چھُ بیاکھ سبب
تہٕ۔ سہ گوو یہِ زِ عبرانٔی اثر سپُد از برونہہ ۳۲ ہتھ ؤری شورٗ تہٕ یہِ روٗد گوڈنچہِ صدی عیسوی تام چلان۔
اما پوز سنسکرتُک اثر روٗد پتہٕ آٹھمہِ صدی یانے اسلام ینس تام اکہِ نتہٕ بیکہِ نژاہ چلان ۔۔ ۔۔ ۔۔
یوٗدوے وارہین ملکن ہندین پرانین توٲریخن اندر چھُ یمہٕ واقفک سرسری ذکر آمُت زِ مصر
انپر یتھ کوسہ چھلہِ چھانگرِ گیہِ یہوٗدین۔ اما پوز ۱۹۵۲ء ہس تام آسی یم توٲریخی حوالہٕ تتھہ پاٹھی ژھکرتھ زِ تتہٕ
یہوٗدین ہندیہِ اخراج کانہہ بوڈ واقعی اوسنہٕ۔ امہِ ؤری یہِ بیلہ خواجہ نذیر احمد صاب لاہور "یسوع ارضی
جنتس منز" کتاب۔ JESUS IN HEAVEN ON EARTH ناو چھُ۔ یہِ موضوع آو پرتھ اندٕ
ویژھناونہٕ۔ تہٕ امہِ کتابہِ کٔر تمہ تھدِ پایکی انکشاف یمن ستی اتفاق کرتس وارہین جاین چھپنہٕ چارٕ
لگان۔ اتھ کتابہِ برونہہ کنہِ رٹتھ چھُ مانُن یوان زِ از برونہہ دوہ ہزار ترٕیہ شتھ ؤری آے حضرت
موسیٰ یہوٗدین ہنز آخری چھوکھ ہیتھ مصر پیٹھہ کشیر تہٕ تمہ پتہٕ روٗد البرونی سندس وقتس تام کشیر
پیٹھ یہوٗدین ہند آو جاو جاری۔ امہِ کتابہِ ہند مذہبی حصہ الگ تراوتھ تہٕ چھیہِ یتھ ضرور ؤرتاونہٕ
گژھان زِ حضرت عیسیٰ سندس وقتس تام اوس (ترٕیہ ہتھ شتن ؤرین) کاشر زبانٔی عبرانٔی زبانٔی منز
اکھ جان ذخیرہ وونہ زمتہ تُلمُت۔ ممکن چھُ زِ اتھ ذخیرس مُدتس منز ماآسہِ ہیے عبرانی زبانٔی ہند اثر زیادٕ
سوٗن۔ مگر کوشان عہدٕ پتہٕ یوسہ سرکاری سرپرستی سنسکرتس باگہٕ آیہ، تمہٕ نہہ ناوی عبرانٔی زبانٔی ہندی
وارِیاہ نشانہٕ۔ یوٗتام حال حالیے تام یہِ ظونِ اوس نہٕ زِ کاشرس پیٹھ چھُ عبرانی زبانٔی ہند تہٕ وونہٕ
اثر موجود۔ اگرچہ اتھ کتابہِ اندر چھُ زبانٔی متعلق مقابلتن کیہہ بحث کرنہٕ آمت۔ اما پوز یوٗت ہین
چھُ وضاحتھ سان ثابتھ کرنہٕ آمُت زِ کشیر ہنز وارِیاہ کرامہٕ تہٕ قبیلن تہٕ ذاتژن ہندی وارِیاہ
ناو چھِ دراصل یہوٗدی گرٗپ لیڈرن ہندی ناو آسی یمتی۔ مثلن گڈٕ کرہ، کار، لاوے، ماگرے،
منتو، نایک، پرے، ڈار، ڈانگر، ٹکو، وآنی، ہیتھے پاٹھی یمہٕ کرامہ اسہٕ کاشری پاٹھی چھِ
چھِیہٕ لبنہٕ یوان۔ مثلن داند، مثال، ہا بیتھ، زری، بیاری۔ یم سارے کرامہ چھِیہٕ عبرانٔی

زبانٛی منٛز خاص خاص انسانن ہندی ناوٕ آسی متی یہنز تھٕل مٕلہٕ یہ ناو کرام بنٲوتھ چلیہ وٕن تھوٚو۔
یمن علاوٕ چھیہ واریاہ کرامہ تہٕ زٕھ تہ یہند آگر چھُ عبرانی۔ مگر عبرانی زبانٛی ستی واقفیت نہ روزنہٕ
سببہٕ چھُ لوٚت واتنو یہند لسانٲنی نسب نامہ بیین زبانن نشہ ژھونڈمُت۔ یمن منٛز چھ رینا، کوترو،
نہرو، سپرو، ٹکہ، رینٛشر تہٕ شٕھمیری نام لیوان۔ یتھ لوت نہٕ ٹکہ چھ کٔشیر اندر در جنہ واد گام از تہٕ یہودی
آباد کارو فلسطین، مصر یا ملکِ شامہٕ چِن پرانین لبسی نین ہندِ ناوِ تھاوی متی یا کانسہ (شاید
بے اولاد) گرٛوپ لیڈر سندِ ناو۔ گامن ہندی یم واریاہ ناو چھ ییتنے آیہ رکودی متی۔ مثلن
اجوٗن، اکوٗن، ڈورو، برسوٗ، مٹن، گوترن تہٕ کہن۔ تہٕ کینٛشرن چھُ زمانہ برونہہ یکھ تلفظ بگرلومُت۔
مثلن اجس (عبرانی اجاہ) اشم (اشوما) برزلہ (برزلہ) ہارن (ہارن) پٹن (پڈن) تہٕ
وارین ابتدٲیی عبرانی گامہ ناون چھیہ اسہ مقامی رنگت دِژمژ۔ مثلن "تمن" جایہ "کوٹ" (قلیہ
بڑٲوِتھ) "تمن کوٹ" بنوومُت۔ یتھے پاٹھی بکر نشہ بکر پور۔ مدین نشہ مدین پور۔ "تما"
نشہٕ تمہ پور بنوومُت یتھے پاٹھی چھ سانو پرانو عبرانی "کرا" نشہ کر گام۔ "انر" نشہٕ "ازون"۔
"آرہ" نشہٕ آرِ گام، آرِ گنترو، آرِ ملا، کاشرِ بناوی متی ۔ کٔشیر اندر چھیہ از تہٕ کینہہ جایہ یمن
ہند لسانٲنی پیر وٕ وُنٛزِ چھُ بیک وقت عبرانی تہٕ سنسکرت زبانٛی ستی رلان۔ مثلن شوپیان۔
(سنسکرت) شیو + پیُن۔ عبرانی (شوہم) سولوپر (سنسکرت سویا + پر)۔ عبرانی (سایر) تہٕ سایئن
اکثر سہ جاین ہندی ناو چھ سراسر عبرانی۔ مثلن لیہہ (عبرانی لیہہ) کیرن (کیرن) اسٹور (اسوج)
چلاس (شلاس)۔

خاجہ نذیر احمد چھ یتہٕ ہاوان زِ "بال یایل" چھُ عبرانی لفظ، یمیک مانے آبہ چشمہ یا
کول چھ۔ تہٕ لیس لیس یہودی گرٛوپ لیڈراہ بیٹھ ناگس نشہ لبنہ لوگ تمی تھوو پننس ناوس ستی۔
"بل" ملیہ نٲو نتھ اتھ اشہ بل، گاندربل، مانوس بل، چتابل بتیر ناو، یمن آسی اچھہ بل، گاندربل
مانسبل، چھتہ بل تہٕ سمبل ونان چھ۔ زمانہ گزران گزران بنیو کاشر زبانٛی اندر "بل" لفظ

عبرانی ناگہ بدلہٕ جایہ ہِند ہیم مانِنے۔ تہٕ اَتھی مانِنےٚ لیس پیٹھ بنے یہ ساری کشیٖر ہِندی گھاٹ بار بل (یارس سمکھنچ جاے) پانپر گدلہٕ نزدیک "کدلہٕ بل" تہٕ حاجنہٕ جیلِ وولر گنڈُنچ جاے "گنڈ بل"۔

(امہٕ کتابہٕ ہِند مطالعہٕ سِتی چھُ کم ازکم یہ واقعہ ضۆرۆر ثابتھ گژھان زِ کشیٖر چھیہ دریٖنہ واد یہوٗدی بستیہ آسہٕ مژ۔ یِمن ہِندِ تہذیبک نشانہٕ وُنہٕ تہٕ چھہٕ موجوٗد۔ (وُچھو مقالہٕ کاشُر تہذیبکی کیٖہنہٕ تارٖیخی نشانہٕ) تہٕ یِمو نشانو منز چھہٕ کاشر زبانی ہِندی تِم لفظ تہٕ یِم وُنیکتام زِندہٕ رۆدی۔ مثلن کوشُر اوٚن عبرانی اوٚن۔ یِتھے کٔنی چھہٕ تقہٕ، اطور، لول، سب بتیرہ وُنہٕ پرانی عبرانی آیہٕ چلہٕ وِلی رۆدی متی۔ وارِیاہن لفظن چھُ تلفظس ہیر پھیر گومُت۔ مثلن کوشُر آتِشِن، عبرانی (آشاہ) اوٚش (اوشد) باک (بکا) ییور (تیبر) روٚپھ (رفا) مالیٖن (مالون) موٚتی (مین) نفھتھ (النقط) کرلوٚر (قور) وفُن (فن) گبُر (گبر) وغیرہ۔ ہتہٕ وادوٗری ین سنسکرتس متوازی چلنہٕ موٗجُب چھُ وارِیاہن کاشرِن لفظن بیک وقت دۆنہٕ وِلی زبانن اندر پیٚر وُتٕھر لان۔

مثلن:-

| عبرانی | سنسکرت | کوشُر |
|---|---|---|
| آصیل | آلسی | اَلُرشھ |
| ایم | یم | یم |
| شاس | شواس | شانش |
| لون | لووَن | یاوُن |

یِمن وُچھیتھ ییٚژہن تہٕ چھُ ضۆرۆر ثابتھ گژھان زِ ازبرونہہ قریٖب زِ ساس ؤری اوس سانہٕ زبانی عبرانی زبانی ہِند جان اثر فولیوٚمُت کوٚرمُت تہٕ یہ اثر گو زمانہٕ گژان گژان ترینو سببو موٗجُب ژمان ژمان (۱) یہوٗدین ہِنز بُڈ دلی روٗز کشیٖر منز تہٕ جاری ییمہٕ موٗجُب تِم ہیٚکنہٕ آریٖن مقابلہٕ سیاسی اقتدار لٔبِتھ (۲) محکوم بٔنِتھ ہیٚچ نہٕ تِمو پنُنی قومی انفرادیت قایم تھاوِتھ۔ (۳) چھیکرس سپدی تِم حالی من ہِندس نہندیس اندر رلہٕ ملہٕ (مدغم) ییمہٕ سِتی زمانہٕ گژان گژان

تِہنٛز زبانٛۍ ہندی نشانہٕ بٔڑنہٕ بجایہٕ ژَھان روٗدی۔ حدووت تیوٗت زِ اگر لدٲخی زبانٛۍ منٛز حضرت
موٗسیٰہسٕ "کاک" اوس وننہٕ یِوان۔ یہِ تھوواسہٕ ژٕھٹس یَرٕزنہٕ خاطرٕ تہٕ لیس۔

عبرٲنی تہٕ سنسکرت زبانٛن ہندین ارتقٲیی توٲریخن اندر چھِیہٕ یہِ کیتھ یادنہٕ وِنی لایق زِ
یِمن دۄن زبانن منٛز شوہرٔ آفاق ابتدٲیی کتابہٕ چھِیہٕ تورات تہٕ وید۔ از برونہہ دۄ یہ ترٛٹہ شتھ
ؤری یٮ۪لہٕ یہوٗدی کشیرِ وٲتی، تمہٕ وقتہٕ ٲس تورات نازِل سپنٕمٕژ تہٕ عبرٲنی زبان واریاہ کالیہٕ علمی
تہٕ ادبی زبان ماننہٕ آمٕژ۔ اتھ مقابلہٕ یٮ۪لہٕ ٲسی پروفیسر میکس مُلر سُند تحقیقات پوٗزٕ مانونہٕ یِنہٕ چھہٕ۔
وید حضرت عیسیٰہسٕ برونہہ اَٹھ شتھ ؤری یہ پٮ۪ٹھ اکھ ساس ؤری تام یا بالقول پروفیسر
مونیر ولیم ...۱ قبل مسیح پٮ۪ٹھہٕ ییٚنداہ شتھ قبل مسیح تام لیکھنہٕ آمٕژ۔ یِمہٕ ستی تِمن نقادن منٛز
یتھ رایہِ چھُ پانہٕ نٕترٕ یِدٕ گرٕ ژھالن زِ سنسکرت تہٕ زبان کیاہ چھِیہٕ عبرٲنی کھوتہٕ زیادٕ پرٲنی یا کاشرٕ زبانٛۍ
ہندی عبرٲنی لفظ کیاہ ٲسی سنسکرت زبانٛۍ پٮ۪ٹھے عبرٲنی زبانٛۍ وۄنہٕ زمی تُلہٕ مٕتی۔ توٲریخ چھُ گواہ زِ
توٗہن آبادین اٹھ نتہٕ اوس اندہٕ رٲسی تہٕ یہوٗدی یا تِہنٛز مذہبی زبان (عبرٲنی) سراسر اتھہٕ چھِنۍ۔ خاجہ
صٲبنۍ معٕرکہٕ آرا کتاب برونہہ کنہٕ ژٕھٹہ چھُ باننٛ یِوان زِ کشیرِ ہندی رسوٗم، عادت، لباس، شکلہٕ
نستہٕ وٕ نجرٕ پٮ۪ٹھہٕ کاشرٕ "تر دماغی" تام تہٕ آثارِ قدیمہ پٮ۪ٹھ اَزکین اطوارن تام چھہٕ ہیتہٕ وادتم نشانہٕ
یِم پرانین یہوٗدین تہٕ حال حالکین کاشرین سراسر شُرد چھہٕ روٗدی مٕتی۔ یِمہٕ نِیے پرانین نشانن اندر چھہٕ
کاشرِ زبانٛۍ ہندی تِم لفظ تہٕ، یِم وونیکتام چلیہٕ وٕنی روٗدی مٕتی چھہٕ۔

# پوٚت سام

۱۔ سَتی سر ــــــــــ کٔشیرِ ہنز وادی دپان اکھ بوٚڈ سرا ٲس یتھ سَتی (پاروتی ہُند اکھ ناو۔ یلہِ اکہِ زنمہِ سوٚ خاوند شنکرس مالِ دکش پرجاپتی سندِ دسی بے عزتی سپدنس پتہٕ نارس اندر وٕڈھ لٲیتھ سَتی سپنز۔ سوٚ ٲس ہِمالہِ سنز کوٗر۔ پاروتی بیوس بٔییس زنمس منز ناو۔ پاروتی گوو پروتن بالن ہنز کوٗر) سر وَنان ٲسی۔

۲۔ ناگالینڈ ــــــــــ ہیوٚندستان کِس دوٗر مشرقس منز اکھ پہاڑی ریاست یتھ یتِکی لوکھ "نگا" چھِ۔

۳۔ زانہہ کاڈی یلہِ کانٛسہِ موٚحقِقس ــــــــــ یہِ چھُ قیاس کرنہٕ آمُت زِ نگا لوکن تہٕ کٔشیرِ ہندین ناگن آسہِ کانہہ نسلی واٹھ۔ حاجنی صاحب چھِ حالس یہندین ناون ہُند ہشر بُنیاد مانان۔ تہٕ پتہٕ چھُنہٕ کانٛسہِ زبان دانن یمِن دوٚن نسلن ہنزن زبانن اندر کانہہ ہشر لوٚبمُت۔ زبان دان چھِ نہٕ صرف نسلن بلکہ زبانٕی ہندین جُزیاتن ہُند ہشر بیتر تہٕ وُچھان۔

۴۔ ناگو پتہٕ ہتہٕ بدٕ بٕن وٕریِن ہُند توٲریخ ــــــــــ ناگن ہُند توٲریخ تہٕ کتہٕ چھُ وُنہِ صحی پأٹھی لیکھنہٕ آمُت۔ حاجنی صاحب چھِ اقبال ناتھ ونیوہ سندِ (شیرازہ اگست سنہ ۶۵ء) مضموٗنہٕ پتہٕ ناگن مُتلق کیہنہٕ واقفات صحی کران تہٕ کٔشر ہاوٗ لکہِ ادب تہٕ لکہٕ رلوایژ وٕلشہِ نتھ یمِن

مُتلق اکھ دلیل بناوان۔

۵۔ پشاچ ——— سنسکرتس اندر چھُ پشاچ لفظک مانہ موکُر کھینہ وول۔ یکش گو ییس کاشری لُوچھ وتان چھ تہ بٹہ وندس کھیژاو سہ دوہ تسندہ ناوی کھژر کرتھ دور ٹلنکس پیٹھ کھوان چھ زراتھ کیت یتھ کھینہ۔ یہ چھُ صحی زِ یکش اُسی اکھ غار آریائے ذاتھ ہمالہ پہاڑس پیٹھ روزان تہ گوڈ آرین ستی جنگ کرتھ تہ پتہ ہارتھ رلییم آرین ستی۔

۶۔ اپ بھرنشی عہد ——— علمی تہ ادبی سنسکرت یتھ کنی عام لُکن ہنز زیو کھسِتھ بکریو تہ بدل شکل اختیار کرِن تتھ ووکھ پراکرِت (یکہ زبان) تہ پتہ پیلہ اٹھمہ نوی مہ صدی اندر پراکرت تہ بدلتھ بدل زبان بنے یہ تتھ ووُن سنسکرت عالمو اپ بھرنش (کو پاٹھ کھوٹھ گامُٹ) جدید ہیوندستانی زبانن ہند آگُر چھیہ یہاے اپ بھرنش تہ کاشر اپ بھرنشک روپ چھُ شتی کنٹھ سندِس "مہانے پرکاشس" (۱۳ صدی) اندر میلان۔

۷۔ دردن ہُند لوارچ تام آو نالوُد کرنہ ——— "ہندو حکمرانی" منز کنتھ کنی سپدے یہ کوشش امیک کانہہ ثُبوٗت چھُنہ لکھارس۔ یہ تہ چھا خبر زِ درد تہ ما اُسی لور یتھ ہینٛدی بنے متی۔ تہندِ الگ مذہبک کانہہ ثبوت تہ چھُنہ یہو دیت مُت۔ فلحال در زِ پاٹھرے یوت امہ استحصالک ثُبوٗتھ دِیُن چھُنہ کافی۔

۸۔ البیرونی سندِس وقتس تام کشیر پیٹھ یہودِین ہُند آو جاو جاری ———

البیرونی چھُ لیکھان زِ کاشری چھِ ہمیشہ اندراژنین وتن سیٹھاہ رٲچھ کران یہاں زا چھُ یمن ستی تجارتھ کرُن مُشکل۔ گوڈنکین وقتن منز آسی تم اکس دوہ قومن یہنہ زِنس ملکس اندراژنک اجازتھ دوان خاص کر یہودِین۔ (ترجمہ:۔ اوتار کرشن رہبر)

۹۔ اگرچہ اتھ کتابہ اندر چھُ زبانی مُتلق ——— خاجہ نذیر احمد زِ یہ کتاب چھِ

یہِ ثابِتھ کرنٕچ کوشِش کران زیٛہوٗدی اَسی کٲشِرِ لوان۔ امہِ سِتۍ ہیٚکہِ یہِ اندازٕ کرنہٕ یِتھ زِ یِہنز زبانۍ ہُند
اثر آسہِ کٲشِرِس پیوٗمُت۔ کیٚہن لفظ چھِ ہۄی دۄشوٕنی زبانَن منز۔ لفظن ہُند ہشر مانِنتھ چھِنہٕ اوتار
کرشن رہبر کٲشِرِس پیٚٹھ عبرانی اثر تیوٗتاہ مانان یوٗت حاجنی صاب مانان چھِ۔ رہبر صابنِ کنہٕ
چھِنہٕ زبان مُلہِ تلہِ لفظِ وۄترٕ بٕلکہِ کرٕے (فعل) مصدر، آواز تہٕ صوتی تبدیلیہِ، لب و لہجہ بتہٕ آسان۔

ڈاکٹر ٹی۔ این گنجو

# کاشرِ تہٕ آریٲیی زبانہٕ

اَسی ہیکو کٲشرِ زبٲنۍ ہنٛز علاقٲیی تصویر ییتھٕ پٲٹھۍ تھٲوِتھ۔ کَشیٖرِ ہِندِ شُمالہِ طرفہٕ چھیہٕ کٲشرِ زبان مٲترٕ گامس تانۍ۔ مشرقہِ طرفہٕ چھیہٕ زوجہِ بالس تانۍ۔ مغربہٕ طرفہٕ چھیہٕ لگاماہس تانۍ تہٕ جنوٗبہٕ طرفہِ ڈوڈٕہس تانۍ بولنہٕ یوان۔ موٗن زِمین علاقن منٛز چھُ بیٚین زبانن ہُند تہٕ اثر رُوسوٗخ مگر ویٚژھِہرارتہٕ ولوٕہارچھُ اَمی کٲشرِ زبٲنۍ ہُندے۔

سَرگرٛیرسنٕ[1] چھُ پننہٕ "لِنگوِسٹِک سَروے آف انڈیا" کتابہِ منٛز ونان زِ کٲشر زبان چھیہٕ سنسکرت باشہِ ہنٛدِ اثرِ باوٕجوٗد اکھ درد زبان یوسہٕ زَن دردِستانہٕ چہِ شژنیا زبٲنۍ نشہِ چھیہٕ دراَمژ یا اَکھی اَندۍ پکھی وٕ وٕپرِ تھ چھیہٕ بار سس آمژ۔ گرٛیرسُن سُند خیال چھُ زِ "کشمیر" پرٲپر نونس یا پٲپرِ ناوس "کَشیٖر" بنُن تہٕ چھُ دردِ زبٲنۍ ہُندے اثر تکیازِ ہُندستانچن پرٲکرژن منٛز چھُنہٕ اکثر منٛز یُم "م" ژھینہٕ گژھان۔ وننک مطلب چھُ زِ "کشمیر" لفظُک منٛز یُم "م" ژھینہٕ گژھُن چھُ دردُک اثر۔ مگر دردی شژنیا زبٲنۍ منٛز چھِہ ییتھۍ سیٹھاہ لفظ یمن "ش" تہٕ "م" ٹھولہِ کھٹولہِ رُوزتھ چھہ۔ ییتھٕ پٲٹھۍ زن "شرمیونہٕ"۔ اگر گرٛیرسنَن دردی شژنیا زبٲنۍ ہنٛزِ کیہنہٕ مثالہِ دِتھ یہٕ کتھ شژرٲومژ

[1] گرٛیرسن: لِنگوِسٹِک سروے۔ جِلد اٹھ۔ حصہ دوٗیُم۔ صفہِ ۲۵۱

آسہ ہے شاید گژھِ ہے یہ شکھ زِکتھ چھیہٕ اپز۔ مگر دردی شرٕ نیاز بأنٛی منز چھینہ یژھ کانٛہہ نزاے۔ اَوے چھیہٕ یہِ گرٕ ییرِن سینز ہیٚو چھپٕ قیاس آرأیی۔ خارٕ اگر اَسہٕ اَمہٕ کِتھہ ہندس زٕ آوی جارس سَنٛو سوٗرے رازٕ چھُ پرزلہِ وُن سِری یہِ ہیٚو نوٚن تیران۔ کشمیرٕ پرٕ ناوُک کُن چھُ "کشیرٕ دیھیتو" مۆلہٕ کنٛ وۆجوٗدس آمُت۔ یتھیمیک مطلب چھُ پرزلہٕ وُن تہٕ چمکہٕ وُن۔ تاجُب چھُ یہِ زِ از بلترتیب ستووُہ شتھ تہٕ پنٛژہ شتھ وری برٛونٛٹھ بیلہٕ زِن کاشہٕ کرٕتسن تہٕ پانہٕ نین گنڈٕ ولسرٕ یأمرٕ سنسکرت زبأنٛی ہند گرامر لیکھُن ہیٚوت تمہٕ وقتہٕ یم مۆلہٕ لفظ (ROOTS) تہٕ مۆلہٕ دات (ROOT OR STEM) مأنٛز تمے چھِ وُنہِ تہِ کأشرس منز مۆلہِ شکلہِ منز مۆجوٗد یتھٕ کنٛ زِن۔

پیرِ گتو — مۆل ___ کأشُر — ییرِ

پھُلہِ وِکسنے — مۆل ___ کأشُر — پھۆل

جیوٕ پرانہٕ نے — مۆل ___ کأشُر — زُو

اَمی ترٛایہٕ چھُ کشمیرٕ تہٕ کشرٕ یا کشیرٕ مۆلس منز وُنہِ تہٕ زِندٕ اگرٕ سنسکرِت گرٕ یمٕ کنٛ کشمیرٕ برٛارٕ پونس یا پرٕی ناوس لنجہٕ کڈو تہٕ کشیرٕ ہنز جغرأفی چھیہٕ ننٛ گژھان۔ تی دِموٚ ہأوتھ۔ ک۔ اشُم۔ بییرٕ۔ ک گو ولوِنٛ۔ "اشمہٕ" گنہٕ کنٛ۔ بییرٕ مطلب چھُ ییرٕ گو و۔ گو وزِن کنٛن منز تہٕ بالن منز پھسیومُت یونٛ گو ویرٕ پتہٕ بیوٚ تتھی ناو کشمیرٕ نیلہٕ متھ پُران چھُ ہنٛنس بیانس منز ٹھیک پأٹھی یہِ کتھ وِرژھِ ناوِمژ لِسأنیاتہٕ کہ اۆصوٗلہٕ کنٛ چھُ کأشرٕ زبأنٛی منز اکثر (ش) تہٕ (م) ٹھولہٕ ٹھولہٕ اوٗزِنھ (م) اچھرک وۆجوٗد یاتہٕ ڈالوا ڈول بنان نتہٕ چھُ (م) ختمے گژھان تِکیاز (م) چھُ دوہ لیو وُٹھوستی بولنہٕ یوان۔ بییہٕ چھُ باضے مس پھیرُ بتنتھ تالہٕ بیٹھ کھسان۔ گنہٕ پھیرِ چھُ نستہٕ کنٛ پرٕ نرٕ یوان۔ مگر (ش) چھُ دیہ تالہٕ یا (PALATAL) کنٛ بولنہٕ یوان۔ اَمہٕ کنٛ چھُ (م) کھٹنہٕ آمُت۔ یوٚ ہے دِموٚ مثالہٕ کنٛ ہأوتھ۔

| ویدِک | شامول | کاشُر | شال |
| --- | --- | --- | --- |
| | شامِل | | شوٗد |

گرئیرسن[1] چھُ کاشُر زبانہِ دردِ شُرنیا زبانن سٟتی وابستہٕ کرِتھ امہٕ کتھہِ ہُندا اشارٕ برٕتھان دِین زِ کاشرِ لکھ چھِ پرانہٕ کالہٕ کشیرِ ہندِ شمالہٕ مغرب طرفہٕ کشیر آمتی۔

پیتر چھُ پی زِ گرئیرسن چھُ پننِس بیانس منز پانے اورچہ یورپہ کتھہِ کرِتھ شکھ پادٕ کران۔ مانوہِ بلٕ سہٕ اتھ کاشرِ زبانی لیشاچی نِش نکھہِ تھوتھ چھُ ونان زِ کاشُر زبان چھیہ دردی شُرنیا باشہٕ نِش درامژ۔ امابہٕ لیشاچی پراکرت چھیہ کیاہ؟ اتھ متلق چھیہ سٹھاہ بیون بیون رایہٕ۔ پراکرِتن ہُند لوٗڈ عالم آرشپل[2] چھُ ونان زِ لیشاچی چھیہ کانہہ بیون پراکرتہٕ زِلو بٕلکہ چھُ گامہٕ آیہٕ بولنک اکھ انداز۔ میکیمولر[3] تہٕ ہارنلی[4] تہٕ چھُ اتھ کتھہِ گوڈِ ٹکھ ہتھ ونان زِ لیشاچی اگر کانہہ اکھ پراکرت آسہ ہے تیلہٕ آسہ ہے اکی سیے گنڈس تل۔ گنڈنہٕ آسنے چھُ یہٕ کتھ ثابتھ کران۔ زِ لیشاچی چھیہٕ پراکرت بٕلکہ چھیہ غلط بولنک اکھ رُوپ۔ آرشپل[5] چھیہٕ یِنہٕ مانان زِ گو ناڈ کیاہ اوس کو شُر یا تمیہ سینز بڈ کتھ کیا اُس کاشرِ زبانی منز لیکھنہٕ آمژ۔ خار آسہ کرو یہٕ کتھ سیرز زِ کاشر زبان چھا لیشاچی درس اندر یوان کنہ نہ۔ پراکرت گرامر بناون والی چھِ لیشاچی گرامرکی کینہہ اصول "پراکرت پرکاش" کتابہ منز دِتی متی۔

---

[1] گرئیرسن :۔ لنگوسٹک سروے۔ جلد آٹھ۔ حصہ دوٚیم

[2] آرشپل :۔ پراکرتہٕ گرامر : پیرا ۲۷

[3] میکیمولر :۔ لیکچرز آن فلالوجی صفحہ ۱۱۴

[4] ہارنلی :۔ ایسٹرن ہندی گرامر صفحہ ۲۰۱

[5] آرشپل :۔ پراکرتہٕ گرامرت پیرا ۲۷

پشاچی ۔ سنسکرت تہٕ کاشرِس اندر کمہِ صوتی تبدیلی چھےٚ یوان تِمن ہِنٛز مثالہِ چھےٚ ۔

I, سنسکرت [ ایک ] پشاچی [ ایگ ] کاشُر [ اکھ ]

" [ گگن ] " [ ککن ]

" [ گگن گرِ ] " [ گگن گیر ]

" [ گگن رو ] " [ گگراے ]

II پشاچی منز چھُ [ د ] کوٚل اچھر [ ت ] یس منز بدلان

سنسکرت [ دامودر ] پشاچی [ تاموتر ]

مگر کاشرِس منز چھُ [ د ] 'د' ہے روزان :۔

سنسکرت [ دامودر ] کاشُر [ دومۆدر ]

" [ دَمپتہِ بھکتہٕ ] " [ دَپن بتہٕ ]

III پشاچی منز چھُ اندگ [ ت ] ت ہے روزان :۔

سنسکرت [ پاروتی ] پشاچی [ پووتی ] مگر کاشرِس منز چھُ اندگ

[ت] [تھ] ہس منز بدلان ـــــ

منسکرت [ پاروتی ] کاشُر [ پاروتھ ]

" [ پرٛترٕ ] " [ پرٛتھ ]

" [ تت ] " [ تتھ ]

---

لہ ہیمہِ چندر : پراکرت دیاکرن ۔ ۸/۴/۳۰۷

۲ہ ہیمہِ چندر :۔ " ۸/۴/۳۰۷

IV پشاچی منز چھُ [ل] [ڈل] ہس منز بدلان:۔

سنسکرت [سَلِلم] پشاچی [سَلِڈلم]

مگر کاشرس منز چھُ [ل] باضے [ر] ہس منز بدلان تہٕ باضے چھُ

[ج] ہس منز بدلان یُس زن کاشرِ لسانیاتک بنیٚن مزاز چھُ:۔

سنسکرت [سلِلم] کاشُر [سَری] سَری گوس

〃 [انگُلِ] 〃 [اوٚنگجٕ]

〃 تُلِ 〃 تُج

〃 [شمبہٕ تُلِ[2]] 〃 [ہمٕہ تُل] یا [ہمٕہ تُج] ہیوٚندستانی [تِلی]

〃 [گندھک تُلِ] 〃 [گندھکھ تُج]

〃 [موٗلِ] 〃 [مُج]

V پشاچی منز چھُنہٕ [ت] اچھُر [و] وس مِتر بدلان مگر کاشرس منز چھُ

[ت] [و] وس منز بدلان۔

پشاچی منز چھُ موٗلِہ کرِ یہٕ ہُند ٹھہراو اگِے اکھ شکل بناوان یُس زن کاشُر موٗلِہ کرِیہٕ ستۍ واتھ

چھُنہٕ کھوان۔ یَہ آری چھِہ لسانیاتکۍ ماہرا تھ کتھ پیٹھ سیٹھاہ زور دوان زِ [VERB] یا کرِیہ

چھیہٕ کُنہٕ تہٕ زبانہٕ ہمیشہ پنُن روزان۔ اگر اتھ اکھ سرسَری سام ہیوٚ ظاہر چھُ کتھ نیر بییہ ہنا واش۔

بییہ باسہٕ زِ گرِبرِن ہنز قیاس آرآیی کاژاہ بے بُنیاد چھیہٕ۔

---

[1] ہیمہ چیندر: پراکرت دیاکرن ۸/۴/۳۰۷

[2] داتہٕ گوش: شمبہٕ —— شمبہٕ تہٕ "TO GO"

| اَز کال PRESENT TENSE | | موٗلہ دات ROOT | | ہس |
|---|---|---|---|---|
| کاشُر | | پیشاچی | | |
| واحد | جماہ | واحد | جماہ | موٗہنیو |
| اَسان | اَسان | ہسمہٕ | ہسمآ | گوڈٕ موٗہنیو |
| اَسان | اَسان | ہَسہٕ سے | ہَسہٕ ہآ | منز موٗہنیو |
| اسان | اَسان | ہسے نے | ہسہٕ ارے | اند موٗہنیو |

اُڈیسہٕ ہیچ "اوریا" بنگالیچ "بنگٲلؠ" آسامِچ "اَسمیاہ" شمٲلی بہارِچ "میتھلی" نیپالِچ "نیپٲلؠ" کماوُنِچ "کُماوُنی" گڈوالِچ "گڑوٲلؠ" بیٚیہ "پدروٲہی". کشتوٲری تہٕ ڈوڈٲہی۔ یاتہٕ آیچ تہٕ کشیر ہنز "کٲشُر" ـــــ یہ سوروے شمال مشرقک کوٗر (BELT) چھُ اکی زبٲنہِ مُند کوٗر بناوان. اتھ ہیکو اَسی (چھ) AUXILIAY LINGUISTIC BELT یا (چھ) ڈکھ کرِتھ ہنزن زبانن مُند کوٗر وَنتھ تکیازِ یمن سارنی زبانن منز چھُ ڈکھ کرے AUXILIARY VERB [چھ] ووٚنی چھئے انہٕ گُجراتیچ "گجرٲتی" مغربی سندرِ ٹھس کُن گٲمٕژ تہٕ مشرقی راجستھٲنی چھ الگ ڈینٛھ بناوتھ مشرقی راجستھانس منز شرٹھِ گٲمٕژ۔

گرئیرسن چھُ دردستانچن بولین ترن حصن منز بٲگراوان ۔ I کافر II کھووار III دردی بقولِ گرئیرسن کٲشر زبٲنؠ چھنہٕ کھووار نہٕ کافر زبانن ہنز ڈینٛھِ ستی کانہہ گنڈ واٹھ ۔ اما پوٚز دردی شُر نیاز زبٲنؠ ستی چھُ گرئیرسن کٲشر زبٲنؠ لہجہٕ واٹھ کرِتھ پکان ۔ اتھ کتھ کرو اَسی وارہٕ پاٹھی ژھانڈ زِ گرئیرسن سندس بیانس منز کوتاہ چھُ پزر۔ یوٚدوے اسہٕ چھنہٕ کانہہ دِیے تکیازِ لوسہٕ کتھ تمہٕ تِ سو آس پننہٕ سیمیچ اکھ بڈ کتھ مگر شرتہٕ ڈینٛھ وُچھنہٕ لگارے کرِتمی اتھ گنڈِ گنڈ۔

کتھ چھےٚ یہِ زانٛز کین ژھینہٕ گامژن "ISOLATING OR ANALYTICAL".

زبانن منز چھُ ڈکھ کرٕ اکھ اہم رول ادا کران۔ پرانین زبانن منز مثلن ہند یورپی شاخہٕ چھن۔

گریک، لیٹن، اوِستا، سنسکرت زبانن منز چھُ مولہِ کرٕ MAIN VERB ڈکھ کرٕ

AUXILIAY VERB بغارٕ کام سپدنا وان۔

گریک ۷ [دِآس] لاطینی ۷ [وۄنِم] اوستا ۷ [دوہات] سنسکرت ۷ [ددات]

مگر انٛز کین ژھینہٕ گامژن ISOLATED زبانن منز چھُ مولہِ کرٕ ڈکھ کرٕ ہندِ مدتہٕ سۭتی کانہہ تہٕ

جُملہٕ پور بناوان۔ ییتہِ ہیوٚند ستانی زبان (چلیتا ہے) کاشر (ژلان چھُ) دردشرنیا (اُچرییے ہوٚن)

مگر سنسکرت باشہٕ منز روزِ مولہِ کرٕ تہٕ ڈکھ یکہٕ وٹے سیتھ پاٹھی زن "چلتہٕ"۔

یہِ کتھ دژہینٛژ تھوتھ چھُ کاشرِ زبانٛہ ہنز ڈکھ کرٕ امیک زوتکیا زِ زوِ بغار ہینکہٕ نہٕ

کانہہ تہٕ زندہٕ روٗزتھ۔ یہ [چھ] ڈکھ کرٕ چھےٚ اوریا بنگلا، آسمی، گُجراتی، مشرقی، راجستھانی،

میتھلی، نیپالی، کُماونی، گڑوالی تہٕ کاشرِ زبانٛہ منز ہشی تہٕ کُنی ہرگاہ آسی یہ ڈکھ کرٕ۔ کاشرِ زبانٛہ منز نِشہٕ الگ

کرون نوٚن چھُ زِ کاشرِ زبانٛہ ہند یہ سوٚرٕ کرژ ییٚیہِ یتھ۔ تاجُب چھُ یمہٕ کتھِ ہُند زِ یہ ڈکھ کرٕ (چھ) چھنہٕ

دردستانچہٕ کُنہٕ تہٕ لولہِ منز۔ تہٕ زن گوٚ ییتھ پاٹھی۔ کھووار۔ کافرتہٕ دردی یمن منز چھنہٕ ڈکھ کرٕ [چھ] بلکہ چھُ [ٔ]

دردی شرنیا زبانٛہ ہنز ڈکھ کرٕ ییٚیہ ہُند ولستار چھ ییتھِ پاٹھی درِاسی [ہنوس] استوری

[ہنس] گلگتی [ہنس۔ ہنو] چھلاسی [ہنوس] نیل گریسی [ہون۔ ہین]۔ اُتی تھیےٚ تکو توبروٚنھ

کُن۔ ہیوٚندستانی ڈکھ کرٕ [ہے۔ ہوٚں]

یتھِ کنی زن آسہِ سیتھ کُن ہووز گزرمِن چھُ زانٛتھ مانٛتھ جغرافیائی لسانیاتکی دارِ برز زوٚپرٛتھ

انہٕ گٹس منز کاشرِ زبانٛہ ہند آگر ژھانڈنچ بیکار کوشش کرِتھ نہٕ صرف پانس برمراوان بلکہ چھُ ہیٚین

تہٕ اولنس منز تراوان۔ ووٚنی کرو اسی تمن کینژن ڈکھ کرِ ین ہنز مثالہٕ پیش یموسٚتی یہ کتھ صاف سپدِ۔

| | کأشُر | نیپالی[۱] |
|---|---|---|
| I | گوڈِ مۆہنیُو کھیوان چھُس | کھادونچھ |
| II | منیز مۆہنیو کھیوان چھُکھ | کھادونچھُس |
| III | اندِ مۆہنیو کھیوان چھُ | کھادونچھو |

| | کأشُر | گجرأتی[۲] |
|---|---|---|
| I | بگوان چھُ ونان | بگونتہ کہیم چھیم |
| II | منوش چھُ ونان | مَنُش کہے چھے |
| III | تھُہی کیاہ چھِوونان | سہ اوم کہے چھے |
| IV | بہ چھُس ژلان | ہُن چالوں چھان |

| کأشُر | بنگالی[۳] |
|---|---|
| بہ چھُسے وَنان | آیہ بَلِہ تے چھِ |

---

۱ مور لینڈ :- (GRAMMAR OF NAIPALI LANGUAGE) ورق ۱۳

۲ ٹی، این، ڈوے :- (A STUDY OF GUJRATI LANGUAGE) ورق ۴۹

۳ ڈی، ایڈ، یرکن :- (A MANUAL OF BENGALI LANGUAGE)

وونۍ وِچھو توٚ کِتھ پاٹھۍ چھےٚ [چھُ] ڈٕکھ کرنٕ یکان۔

| | |
|---|---|
| اُوڑیا | تِم پاکھرے بِہن آچھِ |
| بنگاٚلی | اپنار کا چھے بہن آچھے کی |
| اَسمیا | اپنارِ پہن آچھے نے |
| نیپاٚلی | اپنو پاسے بہن چھاوول |
| میتھلی | اوِ پہ تے بہن چھہن ہن |
| کُماوٚنی | اوپہ نےَ بہن چھوں |
| گرڑواٚلی | تمہارِ پاس بہن چھکہِ |
| مشرقی راجستھاٚنی | اُینہار بہن آنچھین |
| گُجراٚتی | آپنے پاسے بہن چھیکے |
| کاٚشُر | توہہِ چھُوِ بہن |

یِمہٕ مثالہٕ چھےٚ اَمہٕ ڈینچھٕرِ چےٚ زِنٕدِ ثوٚلوٚتھ زِ کاٚشرِ زبٲنۍ ہُند آگُر چھُنہٕ دردی شرٚنیا زبان ہٕ چھےٚ یہِ کِتھ شرٚ پوٚز زِ کاٚشرِ زبٲنۍ ہِندی بولَن واٚلۍ لکھ کیاہ چھِ کٔشیرِ ہندِ شمال مغربہٕ طرفہِ آمتۍ۔ لوٚ تام کاٚشرِ ڈٕکھہٕ کرنٕ ہِنٕد توٚلُق چھُ یہ چھے زیادِ نزدیکی شمال مشرقہٕ کین زبانن ہٕستۍ تھوان۔ وونۍ کرواسی اَمہٕ کِتھ ہنٕز سارٕنٕ زِ دردی شرٚنیا زبٲنۍ ہٕستۍ کوتاہ سناہ شرٚ چھُ سانہٕ کاٚشرِ زبٲنۍ۔

| یکہٕ وُن کال | یکہٕ وُن کال | زبان | موہنیو |
|---|---|---|---|
| وٲحد | جماہ | | |
| موٗلوٗ جیم ہونس | بے بوٗجون ہانس | شرٛنیا | گوڈٕ موٗہنیو |
| بہٕ چھُس گرٕہان | أسی چھِ گرٕہان | کاشُر | |
| تہٕ لوٗجے ہوں | ژھون لوٗجات ہاشت | شرٛنیا | منزٕ موٗہنیو |
| ژٕ چھکھ گرٕہان | تُہی چھِو گرٕہان | کاشُر | |
| سوٗ لوٗجے ہوٗن | سئے بوٗجین بان | شرٛنیا | اندٕ موٗہنیو |
| سُہ چھُ گرٕہان | تِم چھِ گرٕہان | کاشُر | |

شرٛنیا تہٕ کاشرِ جملچہ ترٛایہٕ منزٕ فرق :۔

شرٛنیا زبانٕ ہندِ جُملچ ترٛاے :۔

I شرٛنیا جُملس منزٕ چھُ گوڈٕ ینتھ کرن وول ( SUBJECT ) پتہٕ چھُیہ کام ( OBJECT ) اگر آسہٕ تو پتہٕ چھُیہ موٗلہٕ کرٕے ( MAIN VERB ) آخرس پیٹھ چھُیہ ڈکھٕ کرٕے ( AUX · VERB ) گرٕت ( STRUCTURE ) چھُ ہیوٗنٕ ہندُستانی زبانن ہیوٗے۔

کاشرِ زبانٕ ہندِ جُملچ ترٛاے :۔

II کاشرس جُملس منزٕ چھُ گوڈٕ ینتھ کرن وول ( SUBJECT ) پتہٕ چھُیہ۔ ڈکھٕ کرٕے ( AUX VERB )، تو پتہٕ چھُیہ کام ( OBJECT ) اگر آسہٕ آخرس پیٹھ چھُیہ مولہٕ کرٕے ( MAIN VERB ) آسان۔

اگر کاشُر زبان دردی شِنا منز آسہٕ ہے یا اَپُر لَنڈ آسہٕ ہے ظاہر چھُ زِتیلہٕ آسہٕ ہے
نہٕ جُملچہٕ ترزا یہ بیپھ فرق۔

وونۍ نِکو آسی گرٛندِ کُن یتھ ہیٚپھ گرٛیرسن لے چھُ ونان زِ کاشُر گرٛند شُبقہٕ پاٹھی درِد۔
تہٕ چھوٚ تِہی زانان کُنہٕ زبانۍ منز گوڈِ ژھانڈِ منز کوتاہ چھُ گرٛند ہُندر رول اہم آسان۔
سر جوٚلسن چھُ اَتھی گوڈِ تھیپھ دِنھ یوٗرپی زبانن ہُند آگرٕ وِچھنک اکھ بوٚڈ قدم تُلمت یَیلہِ سُہ اتھ
زانۍ منز مُطلین سُپدِ تیٚلی ہیوٚک تِمی اکہ بڈِ لِسانۍ تحریک قدم برٛونھ پکناوِتھ۔ توٚ پتے لوٗگ رایل ایشاٹِک
سوسایٹی کُن۔ چونکہِ گرٛیرسن سُند بیان چھُ زِ کاشُر گرٛند چھیہٕ دردِ منزے وِپدیا مرٛتھ۔ اَما یہٕ کتھ کاژاہ
وَزن چھیہٕ تھوان اتھ تہٕ ہیمہٕ ہوٚ سرتری سام۔

دَردِ شِنا تہٕ کاشُر گرٛند اکہ پیٹھہٕ دہَن تام

| | | | | | | | | | | |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| شِنا: | ایک | دو | چرِے | چار | پوٗنش | شَاْ | سَت | انشٹ | نوٗ | دَے |
| کاشُر:- | اکھ | زٕ | ترٕے | ژور | پانٛژھ | شےٚ | سَتھ | اَٹھ | نوٗ | دہ |

دِردِ شِنا تہٕ کاشُر گرٛندِ چھُ [ اکھ ، زٕ ، ترٕے ، اَٹھ تہٕ دہ ] تانۍ لِسانۍ (LINGUIS-
-TIC EVOLUTION) ارتقاہس منز سیٹھاہ فرق خاصکر تھ [ زٕ ] ہس منز۔

---

I. "THE KASMIRI NUMERALS ARE DECIDEDLY DARDIC"

LIGUISTIC SURVEY

PART II PAGE 248 VOL 8

اَمہِ پتہِ وچھتو وُہن تانؔ :-

| شِنیا :- | اکاے | باے | چِرُوے | چوٗدیٔز | پنُزلیٔنی | شرُونی | سَتاے | النشرُا اے | کُنی | بی |
|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|---|
| کاشُر :- | کاہ | باہ | ترُواہ | ژٔہ داہ | پنداہ | شُراہ | سَداہ | ارداہ | کُنہِ وُہ | وُہ |

صوتی ارتقا (PHONETIC DEVELOPMENT) چھیہٕ دوٚشہِ وِرِنؔ بیٚون بیٚون۔

سَرگرزیرسن سِندِس بیالس منز کوتاہ پرزر چھہ امیک اشارِ چھُ گرِ آہم بیلی پننہِ کتابہ (A GRAMMAR OF SHINA LANGUAGE) منز گوڈے بارو دِتھ کران

زِ گرزیرسن چھیہٕ کاشرِ زبان دردِ شِنیا باشہِ منز تھوٗمرِ تِیہ چھُ اکھ سوال، جواب چھُنہِ "
وِیٚبھی لوٚکھی یا ہٹی تھوٚو منے کاشرِ زبأنؔ متلق اکھ نوٚو سوٚنچ توہ ہیرونٹھِ کنہِ میہٕ چھُ اَمہِ کتھِ
ہُند پورِ یقین زاز تانؔ چھُنہِ یتھ زبأنؔ یا باشہِ پیٹھ اَمہِ ترایہِ یا آیہِ زانہہ سونچنہِ آمُت۔

# پۄت سام

۱۔ پڑاپر نوَن ـــــ اسم خاص ۔ خاص ناوُت۔ کتاب، کشیر، انسان گۍ ناوِ تِ نکیاز یِم چھِ ناو چیزن، جاین یا انسانن ہندی۔ مگر گیتا، قرآن، گلریز بیتر چھِ خاص کتابن، کشیر جوٚم دِل چھِ خاص جاین تہٕ رام رحیم رحِندر چھِ خاص انسانن ہندی ناو تہٕ اَوے کنی خاص ناوِ تِ۔

۲۔ کشیر دیپھتو ـــــ دیپھتو لفظُک مانے چھُ دیپُن یا پرزلُن۔

۳۔ کرتسن تہٕ پانِنی ـــــ کرتسن اوس ۲۰۷ ق م لیس منز تہٕ پانِنی تقریبن ۵۲۰ ق م لیس منز پرِتھوٗمُت۔ یِم آسی مشہوٗر گرامرزانن وٲلی تہٕ زبان دان یِموسنسکرتس پیٹھ شوہرِ آفاق کتابہٕ لیچھِ۔ کرتسن اوس کٲشُر۔

۴۔ موٗلہِ دات ـــــ کُنہِ تہٕ پہند (فعلک) اصلی روٗپ یتھ پتہٕ باقی لفظ بنان چھِ مصدر مثلن گژھان، گوو، گژھِ، گیاو، گوس، گژھ، بیتر چھِ دراصل گژھُن، موٗلہِ داتکۍ مختلف روٗپ۔

۵۔ یہِر گتو ـــــ "یہِر گتو" "گوو" یہِر داتُک مانے چھُ گژھُن"۔ (پانِنی)

۶۔ دوٗرتال ـــــ سانہِ آسہِ پیٹھ کُنیک تال چھُ بُتھِ دوٗرتہٕ پتھ کُن نرم آسان۔

۷۔ دڑی شُرنیا باشہٕ ______ شرنیا یتھ شنانہٕ ونان چھ۔ باش = زلو یا زبان۔

۸۔ پِشِل، میکسمولر، ہارنلی ______ کُنوُہمہ تہٕ وُہمہٕ صدی ہندی مشہور یورپی مُحقق، زبان شناس تہٕ عالِم۔

۹۔ [ د ] کوٚل اچھُر ______ لسانیاتس منز چھُ صوتم (موٗلہٕ صوتی جُزیا (PHONEME یتھلن بریکیٹن منز تھوٗتھ ہاونہٕ یوان [ ]

۱۰۔ کرٛے ______ کراوٕت (فعل) کام ہاون ووٚل لفظ مثلن گژھ، کھیہٕ، بیہہٕ، آس بتیر۔

۱۱۔ موٚہنیوٗ ______ ضمیر (یُس لفظ ناوَ تہٕ بدلہٕ استیمال سپدِ مثلن بہٕ، ژٕ، سُہ، بیہٕ، ہُہ) چھُ اکھ قسم شخصی ضمیر (یُس شخصہٕ یا موٚہنوٗ سِند بدلہٕ استیمال کرون مثلن بہٕ، ژٕ، سُہ) نتہٕ اتھ چھِ نژہ قسم یتھ گوڈِ موٚہنیوٗ "بہٕ تہٕ اسی" بنان چھِ، منز موٚہنیوٗ یا دوٚیُم موٚہنیوٗ "ژٕ تہٕ تہۍ" بنان چھ تہٕ اند یا ترییُم موٚہنیوٗ "سُہ تہٕ تِم" بنان چھِ۔

۱۲۔ ژھینہٕ گامژ زبان (ISOLATING OR ANALYTICAL LANGUAGE) تِمہٕ زبانہٕ یہندِ کرٛے لفظن بیوٚن بیوٚن گژھتھ زِ یا ترٛے حصہٕ گژھن ترٛاے آسہٕ۔ مثلن ہندی ______ چل رہا ہے۔ انگریزی ______ IS WALKING کأشُر۔ پکان چھُ۔ یمن اندر چھ کرٛے دون یا ترٛن الگ الگ لفظن پیٹھ مُشتمل۔ یمن وَنو تجزیاتی (ANALYTICAL) زبانہٕ۔ امہِ نِشہٕ مختلِف چھیہٕ سنسکرت، فارسی تہٕ عربی ہِشہٕ زبانہٕ یمن اندر کرٛے اکوے لفظ روزان چھُ تہٕ تتھ گردانہٕ وِزِ صرف اوٚندرُونی تبدیلی گژھان چھِ۔ مثلن سنسکرت "چلتہٕ" فارسی "روَد" تہٕ عربی "یمشی"

۱۳۔ مولیہ اودھار نے ـــــ مول گوو دارُن، وہتراوُن۔

۱۴۔ مولیہ پرتشٹھایام ـــــ مول گوو قایم کرُن۔ دِرِراوُن۔

۱۵۔ رایل ایشاٹک سوسایٹی ـــــ ہیوندُستانٕکی زبانن ادبن تہٕ تمدنس متلق تحقیق کرناونہٕ خاطرٕ سر ولیم جونزن بنٛگالکہِ دٔسی کلکتہٕ ہس منز (۱۹۰۳ عیسوی) قایم کرنہٕ آمٕژ اکیڈمی۔

## سوال نامہ

۱۔ کاشُر زبانٕ ہندِس آگرس مُتلِق یِم نظریہ پیش کرنہٕ آمتی چھِ، تِم لیکھِو مختصر لفظن اندر۔

۲۔ یِم دوٚیو نظریو منز کُس چھُ توہہِ بیٚہہ وُن باسان تہٕ کیازِ؟

# زبان تہٕ باوتھ ۔ زان

وارِیہو شاعرو تہٕ ادیبو چھِیہٕ نِشکا یِتھ کرٕمژ زِ کانٛہہ خیال، احساس یا تجربہٕ باونہٕ وِزِ چھِینہٕ زبان تِمن پوٗرٕ پوٗر ساتھ دِوان ۔ یہٕ چھُینہٕ ہمیشہٕ اوٚکنۍ سپدان زِ تِمن چھُینہٕ پانس تتھ زبٲنۍ پیٚٹھ دسترس آسان یُس نہ چھُہ یہٕ صرف اوٚکنۍ زِباوتھ کرِتھ چھُینہٕ تِمن پنُن وونٛمُت یا لیوٚکھمُت پانسےٚ ٹار کھسان ۔ حقیقتھ چھِیہٕ یہٕ زِ پننہٕ شعورکہٕ پرِیتھ ممکن ضرورتہٕ مطٲبق لفظ بیترِ تھُرِ تھُرِ تہٕ چھِینہٕ تِمن کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ وِرژھے باسان ۔ زبان آسۍ تِن کاژاہ تہٕ ترقی یافتہٕ، سو چھِنہٕ ہر ہمیشہٕ لیکھن والین پوٗرٕ پاٹھۍ اتھ روٹ کران ۔

اَمیُک وَجہہ چھُہ یتہٕ زِ زبٲنۍ چھُہ انسانہٕ ہندِس تَل شعورس ستۍ قریبی واٹھ آسان ۔ اوٚوے کِنۍ چھِیہٕ ماجہٕ زیٚو باوژہندٕ زیادٕ فطری ذٔریہٕ باسان ۔ اَتھ اندر چھِیہٕ خیالچ عمل قودرتی تہٕ غارٕ مصنوعی ماحولس منٛز بڑٕنھان وِوِزِ گو و تِمن الگاےٚ ادیبن ہنٛز کتھ چھِیہٕ بدل یِم وِوِ پرٕ زبانٕ منٛز تہٕ کمالس وانان چھِہ ۔ تِہنٛزٕ وِمثالو تلہٕ گژھِ زانُن زِ تِہنٛدٕ ذہین کوتاہ حلبہٕ ہُشیار چھُہ آسان زِ بیٚیس غارٕ مادری زبٲنۍ منٛز پھیرِ کھ ہنٛنہٕ ماجہٕ زیٚوِ ہندِس ماحولس اندر زامتۍ خیال، تہٕ ہرگہہ تِمو پننی ماجہٕ زیوِ منٛز لیوٚکھمُت آسِہےٚ تہٕ کتھ کمالس آسِہن واتۍ متۍ!

راہی صابُن یہٕ مضموٗن چھُہ ادبس متلق اکھ سنٛجٕ یادی کتھ پیش کران یِمہٕ ستۍ ادبُک عام طٲلبہٕ علم تہٕ اَتھ مسلس سٔنِتھ ہیکہٕ ۔ تہٕ اکھ باشعور پرن وول پنُن ذٲتی سوچ تہٕ مطالہ کامہٕ ہیتھ پننۍ رائے تہٕ پنُن نظریہٕ قٲیم کٔرِتھ ہیکہٕ ۔ یہٕ مضموٗن چھُینہٕ صرف کٲشر ادب پوٚت منظرس

منز تھاؤ وِتھ لیکھنہٕ آمٕژ ۔ بلکہ چھہِ اَتھ منز عام اُدبن ہِندی مسلہٕ تہٕ بێین ترقی یافتہٕ زبانَن ہِندی سوال تہٕ دَلس ہینہٕ آمٕتی ۔ اَوٕکنی ہیکہٕ پَرن وول یہٕ ژٕھینتھ زِ بطور زبان چھِنہٕ کاشُر زبان بێین زبانن نِشہِ مختلف ۔

رحمان راہی

# زبان تہٕ باوتھ

تجربٕچ پوٗرٕ تہٕ پزٕنہٕ پأٹھۍ باوتھ یُتھ ہن وأتِھ چھِ اندٕ وَندٕ بارٕ و دِوان آمٕتۍ زٕ زبان چھیہٕ آدمس وقتٕ کارِ تٕچھ تُوہ بوٗرِ ہن لاگان۔

نہ چھُ لفظن تیٚتھ ہیوٗ شوخ قدم نہ چھُ مانے تِھ کٕنۍ ژھالہٕ تٕلان
بنٕ کیتھہٕ کٕنۍ میانِہ ہن مصرن منٛز یِیہ چوٗن رٕسیُل رفتار متیوٗ

غألۍ بن چھُ امہٕ مشکلک باس یہٕ وٕنتھ دِ تمُت زٕ۔

ہجومِ فکر سے دل مثلِ موج لرزے ہے
کہ شیشہ نازک و صہبائے آبگینہ گداز

کانٛہہ خیال، احساس یا تجربہٕ بیترِ لوٗتاہ فطری طریقہٕ بیان کرنہٕ یِیہ تیوٗتاہ روزِ جان، کیٛنٛس سٕند خیال چھُ زِ شایر سٕندِ وونہٕ منٛز گرٕژھہ شار تٕھتھٕے پأٹھۍ نبر تیٛرن یِتھ پأٹھۍ کٕنہٕ کٕلس یٕن تیران چھُ۔ یوٗہے نوکتہٕ چھُ غالب سٕنٛدِس خاص اندازس منٛز یِتھہٕ پأٹھۍ باوان۔

جوہرِ آئینۂ فکرِ سخن، موئے دماغ! غرضِ حسرت، پسِ زانوئے تأمل تا چند

یانے مضمون تہٕ چھُ سانہِ شارٕک ارمان تہٕ حسرتھ، پوٚز حسرتکہِ اظہارٕ باپتھ کیاز ہیٚز سونچہ کِس کوٚٹھِس ہوٚنجہِ دِتھ؟ شارٕ سوٚنچُن گوٚو حسرتچہ کتھہِ سوٚنچ سوٚنچ کرنہٕ۔ اَسی کوٚنہٕ تراوٕو یہ سوٚنچک تکلُف تہٕ باوٕو پنُن حسرتھ بییہ کُھرک پاٹھی۔ تِرٕن گوٚو شاعری آسہِ تن یا عام کتھ باتھ، اظہارٕک فطری طور طریقہ تہٕ تِمہِ کہِ بییہ کُھرک آسیٚہ اہمیتھ چھیہٕ زانہِ مرٕ شاہانہٕ مرٕ۔ مگر کُنہِ خیالس یا تجربس کمہِ وردارٕ ووٚنکہ چھُ اظہارٕچ موزوٗنیتھ تہٕ بییہ کُھرٕ کبر پراونہٕ باپتھ یکُن پیوان، تمیک باس نہٕ چھُ ضروٗری۔ حالیٚن چھیہٕ کیٚہنہ نے تہٕ ییٚژ ہن صاف کرمژ زلیٚس شارٕ بنہِ چھیکر تس (ULTIMATE) صوٗرژ کِنی توٚرچ وُزی نہٕ ہُند نتیجہِ باسان چھُ سُہ چھُ لبسا اوقاتھ زبردس تخیُل کاری تہٕ مینیٚژن ہُند حاصل آسان۔ غالبن ونُن چھُ زِ شاعرٕ چھُ ژانگی دِہیک پرٛون نشی آسان۔ توے تہٕ سپُد ممکن زِ کولرِج نہ اکہِ ژھوٚچہ "کُبلے خان" نظمہِ ہُند لوٚت آنگُن تچھان کھنان آیہِ "روڈ ٹُ زینڈو" (ROAD TO ZANADO) ہش ضخیم کتاب لیکھنہٕ۔ دلیل چھیہٕ یِہ زِ ییٚتھہِ پاٹھی کانہہ زبان ہیٚچھنہِ اکھ سٹھے پیچیدٕ کلچرل واقعہ آسان چھُ تِتھے پاٹھی چھیہٕ سوٚ زبان کانہہ غار مومولی تہٕ غار رسمی خیال تہٕ احساس تجربہٕ تہٕ دیداگھی (VISION) بیان کرنہٕ باپتھ ورتاوٕ نہٕ تہٕ اکھ سِرسارٕ نفسیاتی تہٕ سماجی عمل آسان۔

انجیل چھیہٕ ونان زِ ابتدایہِ اوٚس (کُن موجوٗد) لفظ تہٕ قورآن چھُ ونان وَعَلَّمَ اٰدَمَ الْاَسْمَاء (تہٕ ہیچھنوٚو اَسہِ آدم ناو)۔ یِمہٕ نوٗرانی اظہارٕ و موجوٗب ہیٚے وُچھوٚ تہٕ یہ زانُن چھُنہٕ زیادٕ کرٛوٚٹھ زِ لفظو تہٕ ناوٕو بیوٚن چھُ بی نہٕ کُنہِ چیژک وجوٗد۔ لفظ چھُ اکھ تیٚتھ استعارٕ یُس پانے مُستعار لہٗ تہٕ چھُ تہٕ مُستعار منہٗ تہٕ، شیکسپیرن چھیہٕ شاعرس تارٕ لیف ییٚتھہِ پاٹھی کرمژ زِ سُہ چھُ "ہواہی کینہہ نن (AIRY NOTHINGS)، اکھ مقامی مسکن تہٕ اکھ ناو عطا کران"۔ اَمہِ اَنمانہٕ ہرگاہ آسی زبانی ہُند ییٚژ کاجر مانان چھِ تیلہِ گژھہِ تہٕ یہ تسلیم کرنس مژ تہٕ کزیچھ باسن زِ کُنہِ زبانی ہُند لوٗتاہ پرٛون تہٕ سوٚن واٹھ اَسہِ آسہِ سوٚ زبان ہیکہِ سانہِ باپتھ باوٕژ ہُند تیوٚتے موزوٗن تہٕ موثر ذریعہٕ ثابتھ۔ بلکہ وَلوٚ ییٚتھہ

پأٹھِ زٕتمی زبأنؠ ہندِ ذری یہِ ہیکوٕ آسی پننؠ پان تہٕ دُنؠ یاہ مافیہا زیادٕ رٕتی پأٹھی ژھانڈِتھ ہیتھ۔ لفظس علامتھ وننٕک مطلب چُھنہٕ یتؠ یوتؠ آسان زٕ کانہہ خاص لفظ چُھ کُنہِ خاص چیزٕک کانہہ تیتھ اشارٕ آسان زِ یپارٕ کنؠ ووت چیز برونٛہہ کُن تہٕ یپارٕ کنؠ موکلیہِ تمہِ لفظٕچ افادیتھ۔ نہ یتؠ یوت چُھنہٕ۔ بلکہ چُھ مطلب یتہٕ زِ تمہِ لفظِ ورأے چُھ تمہِ چیزٕک وٕجودٕے خطرس منٛز ہینہٕ یوان۔ تِوے تہٕ چھنہٕ زانن وألؠ لوکھ سرؠ ییٚس، افتابس تہٕ خورشیدس کُنؠ چیز زانان تہٕ نہ چھ سُہ مانہِ لفظن ہُند وٕجود تسلیم کران۔ لفظن ہندِ یہِ علامتی کردار ییلہِ ذٔہنس منٛز روزِ تیلہِ تیز زبأنؠ ہنٛزِ آرکی ٹایپل اہمیتھ ہندِ احساس تہٕ، تہٕ یہِ چُھ مویتہٕ زِ آرکی ٹایپن ستؠ ییٚس اَسہِ واٹھ چُھ تتھ لوٗتاہ سنٛز، وُستھ تہٕ وُسواری مادری زبان بخشان روزان چھیہٕ۔ دوٚیم بییہِ کانہہ تہٕ زبان ہیکہِ نہٕ تبوٗت کٔرِتھ۔ یہِ چھنہٕ کانہہ ہنگہٕ منگہٕ فیصلہٕ زِ پأغمبر علاوٕ چھیہٕ دُنؠ یہکین سارنؠ بٔڈین تہٕ بٔہلہِ پایہِ شأیرن تہٕ مُفکرن پننؠ مادری زبان باوژہندِ بہترین وسیلہٕ باسے منٛز۔

مادری زبأنؠ منٛز کیاہ تہٕ کمہِ گاچہ چھُ خیالٕک عمل (PROCESS) پرتھان لگان تہٕ ہیکو غألبنہ اکِہ شارکہِ مدد تہٕ سمجتھ۔

آتے ہیں غیب سے یہ مضامین خیال میں

غالبؔ صریرِ خامہ نوائے سروش ہے

وأقأتی علم، چیشم دید مشاہدہٕ تہٕ خأرجی مطالیہ ہٕنزٕ اہمیتھ کُس کرِ نکار۔ عام زندگی تہٕ عام قسمہٕ کین تحریرن منٛز چھ اصلی یمے چیز خیالکِس ڈٕلدس کھوٚرکران تہٕ سماجی تبدیلیہِ چھیہٕ تھنہٕ ییوان، اما پوٚزٕ

نظارہ دیگر و دلِ خونین نفس دگر

آئینہ دیکھ جوہرِ برگ حنانہ مانگ

غأٔلی بن یتھ چیزس "مضامین" وٕنمت چھُ سُہ چیز ییٚلہٕ تہٕ یوان چھُ تیلہِ چھُ یوان از غأب بقولِ رٕسُل میرٕ ع

## اَنہٕ گٹہِ وَنہِ نم نہٕ کتھے لال فروش

اَتھ اَنہِ گٹس وَنی توتل شۄعوٗرتہٕ لاشۄعوٗرنہٕ مطلب دٕراوِ بر تخلیقی نوٗعیژ مند خیال لیُس آسان چھُ تمہِ کہِ وۄجوٗدس ہنگ نہٕ "نوائے سروش" ہیٚنزِ کتھہِ ہنز تلہٕ ترٲوِ پرٲونگ عمل چھُ اَتھی عالمِ غاَٮ۪بس منز یانے تخلیق کارِ سندِس لاشۄعوٗرس منز پرتھان تہٕ پتہٕ چھُ قلمہٕ کہِ سِیرِ سِیرِ کہِ ذٔریہ کاغذ صفس پیٹھ وسان تہٕ پتہٕ تکمیلک لۄندلبس کران ۔ یتھہٕ کٔنی سۄ دۄر منز مۄکھتہٕ ہلم ہیتھ کھسُن چھُنہٕ سۄ دۄر یتھہٕ رٲوی ہیتن ہنز کٲم بلکہ سۄ دۄر زاوِ ڈلنگن ہندہ کارنامہٕ، تیتھے پاٹھی ہیکہ نہٕ عالمِ غاَٮ۪بکی مضموٗن سۄ زبان ہنزنہٕ پاٹھی باوِتھ لۄسہٕ نہٕ باون وٲلی سندِس لاشۄعوٗرس منز لَسِتھ بَستِھ تہٕ بَسِتھ شرٕپیتھ آسہٕ ۔ یہِ فرض ہے ہیکہِ اِحسن پاٹھی انجام اَنِتھ تہٕ مادری زبانے ۔ لیہازا باسہِ نہٕ شاید یہِ وَنُن غلط زِ خیالک عمل ہیکہِ مادری زبٲنی منز یے پننی فطری ارتقاہ بنِتھ تہٕ اکھ پۄرِ لۄر زندگی پرٲوِتھ ۔ مثالہِ مۄکھی ترِ ڈلوکھ کشیرِ ہندی تمِ فارسی یا اُردو شاعرٕ یمن ماجہِ زلو کاشر زبان آسہٕ رۄزمرٕ نہٕ اَتھ خیالس سَپدِ تۄشیق ۔ یمہن شاعرن نِش چھِیہِ تجربک تہٕ تمہِ کہِ اظہارک حال ڈیشِتھ اکثر سۄ کیفیتھ زٕتس یوان یتھہٕ کُن غالبن "بُت طناز بہ آغوش رقیب" وَنِتھ اشارٕ کۄرمُت چھُ ۔

غاَٮ۪ر مادری زبٲنی منز لیکھنس چھُ عموٗمن اکھ شکل نیران زِ وَنُن وول چھُ پننہِ تجربکین تہٕ اِحساسٕکین سنہِ رَن واتنہٕ بجایہِ ہنیس ذٔریہ بیۍہ اظہارس مُتلق کانشس ( CONSCIOUS ) سَپدان تہٕ چھُ ادِ زانِتھ مانِتھ یا ازٲنی پاٹھی ہیتھے جلکھان روزان یتھہٕ زَن دُنیہس ہاوِتھ دِیہ ہے زِ تمی کوتاہ کاپہ چھُ سہٕ اکتسٲبی ذٔریہ اۄنمُت ۔ غنی کاشمیری سُند فارسی دیوان چھُ اَمہِ ٹیٹھہِ بزرگ آٮ۪ینہٕ ۔ میانہِ خیالہٕ چھُ غنی سندِس اَتفشل آسنس سارِوے کھوتہٕ لۄڈ سبب لۄہے رۄدمُت تہٕ واقہٕ چھُ یِرِ غنی چھُنہٕ اَتھ ضمنس منز کانہہ الگاَے 'EXCEPTION' موجوٗدٕ دورس منز یمو کاشر اُردۄ زبان پننہِ شارِ باوژ مند وسیلہِ بناونچ کوشش کٔر تمن نِش تہٕ چھُ اَمہِ کاچہِ زبٲنی نِسبتھ کانشس سَپدنچ کیفیتھ لبنہٕ یوان ۔ کاَنسہِ نِش کم کاَنسہِ نِش ژٕر ۔ مادری زبٲنی منز بولنہٕ

یا لیکھنہٕ وِزِ چھِ اَمہِ قسمکہِ ہاوِ باوُک کمیے پہن خطر رُوزان تِکیازِ اَمہِ زبانٕ چھےٚ شعوری سۭتھ پیٹھہٕ لاشعوری سۭنہِ رَن تام موٗل دِتیٛمتی آسان۔ اسہِ سارنیے ہُند تُل شعور چھُ پننہِ نۄن خابن منٛز لیسلہٕ پاٹھی مادری زبانہِ ورتاوان تہٕ ظاہر چھُ زِ تُل شعورس یا شعورس چھُنہٕ ہاو باو خوش کران۔

مادری تہٕ غٲر مادری زبانن منٛز خیالکہِ عملُک یہِ پھیر ہیٚکہِ بییہِ ہَن واضح سپدِتھ ہرگاہ کینٛژن تِتھین قلمکارن ہُند مطالعہ کرنہٕ ییہِ یِمو زَن دۄشوٕنی قسمہٕ چَن زبانن منٛز باوژہِ منٛز کوشش کٔرمٕژ آسہِ۔ مثالہِ پاٹھی نیتو کتھ کٲشیرِ ہندی غلام رسول نازکیؔ، حامدی کاشمیری تہٕ قاضی غلام محمد یِم ترٛیشوۄے رٕوِدی سارِ وٲنسہِ اردوٕ پاٹھی شارونان تہٕ بظاہر رُتے وَنان۔ مگر یِمو ترٛیشوٕیو چھیہٕ مٲنزی منٛزی پننہِ ماجہ زٕلوٕ کاشر زبان تہٕ پننہِ باوژہُند ذٔریہِ بناونچ کوشش کٔرمٕژ۔ یوسہٕ زَن زیرِ بحث موضوعکِس گاشس تُل توجُہ طلب تہٕ مانے خیز بنان چھیہٕ۔ ترٛیشوۄے چھُ کاشرس منٛز کینٛژن ترٛژھن تخلیقن زنم دیتمُت۔ (خاصکرِتھ نازکی ین رباعی لیکھِتھ تہٕ قاضی ین غزل وَنِتھ) یِمن برونٛہہ کنہٕ یِہُند بیشتر اردو کلام چھیٚنتوٗمُت باسان چھُ یُس لیکھان لیکھان نازکی بڈ لیوونہٕ حامدی لیس قاضی لبس یاوُن سوریوٗو۔ یہِ پھیرِ چھُ قاضی غلام محمدس مقابلہٕ نازکی یس تہٕ حامدی یس نِش زیادِ شدید پاٹھی باسان۔ ظاہرا کینٛزِ قاضی سُند بیشتر اردوٕ کلام چھُ طنزی تہٕ مزاحی ییلہِ زَن کاشرِ پاٹھی وۄنہٕ مژ تِسنٛز اکثر نظمہٕ تہٕ غزل "سنجیدہ" چھےٚ۔ یِمن تہٕ یتھین ہوین اکثر کاشرین اردو گو شاعرن ہُند اردو کلام تَرِتھ چھیہٕ زِ کیتہٕ برونٛٹھ کُن لیوان۔ یا چھُ تقلید تہٕ لفظِ مانے کہ تخلیقی کُنریح وِنژھے یا کمیک مُلکَے نہٕ آسُن۔ حالانکہِ یِمے لکھ ییلہِ پننہِ مادری زبانٕ منٛز (لوٗرِ مہوٗرِ نہٕ آسِتھ تہٕ) کینہہ وَنان چھِ تِہنٛدِیس کلامس منٛز چھےٚ فکرِ واحساس کہ گُنرِکی تہٕ تخلیقی توانائی ہندی امکان پرِیرِ لبنیٛ ہیوان ــــ اما یِمن حقایقن ہندس گاشس تل ہیکوٚنا یہِ نتیجہ کڈِتھ زِ تخلیقی اظہارچہ کوششہِ منٛز چھُ غٲر مادری زبانٕ ہُند ورتاو اکثر صورژن منٛز ذٲتی تہٕ انفرادی صلاحیژن ہندِ گاٹک سبب بنان۔

مادری زبٲنی منٛز کیٛتھہٕ کٔنۍ چھُ خیال گُک عمل ہینٛنس فطری اِرتقہٕس واتان تہٕ پوٚرِ زندگی پراوان
تتھ گرٛزِ ہنا مزید وٕشرِ ہنٛنے سپدِنۍ۔ یہ چھُ ساری زانان زِ غالبس آس مادری زبان اُردو نزِ فارسی
یا اقبالس آس مادری زبان پنجٲبی نزِ اُردو یا فارسی۔ اما پوٚز امہِ باوجود چھُ غالبن فارسییس منٛز
تہٕ اقبالن اُردوس منٛز وارِیاہ تھدِ پایہٕ شارٕ وٕنۍ مٕتۍ۔ تیٚزن گو وَنگو چھُ غاٚر مادری زبانن منٛز تہٕ تخلیقی
کمال ہیوٚ وُمُت۔ تیتھنہٕ یمن ٹاکارِ حقیقژن برونٛہہ کنہِ سوٚن تِمنٛی یادی خیال باطل باسہِ تو کٔنۍ چھُ ضوٗروٗری
باسان زِ زبانن ہندِس مامِلس منٛز کرِو آسۍ "مادری تہٕ "غاٚر مادری" ہوٚین وَنتِن "EXPRESSIONS"
پیٹھ وارِ سوٚنچ۔ ہرگاہ آسی بیٚنِن بحث حدِ رٹنہٕ موکھہٕ زبٲنی ہنٛزٕ آرکی ٹایپل حیثیتھ تہٕ اہمیتھ ژلے
نظرانداز نہٕ کرِو تو نہٕ چھُنہٕ یہ مانٛنس چارے زِ زبان چھیٚ اکھ کلچرل واقعہ (CULTURAL FACT)
تہٕ زبان ہیٚچھنُک سلسلہٕ چھُ زِنہٕ گرِ پیٹھہٕ مرنٕ وِزِ تام چلیہٕ وُن روزان۔ شُری سیتۍ زندگیہ ہنٛد دسلابہ
چھیٚہ آواز، آواز چھیٚہ لفظ بنان تہٕ لفظ زبان۔ چنانچہ پیٚشِرس، تو وُترِ تہٕ ہلِشِنگیہٕ ہنٛزِ یمے خوٚصوصیژ
چھیٚہ کُنہِ زبٲنی شُری سیتۍ مادری زبان یا نۍ باوژہنٛد سارِوے کھوتہٕ فطری، نکھہٕ، سہل تہٕ موثرِ
ذریعہِ بناوان، تہٕ یمہِ نیے خوٚصوٗصیژن ہنٛز کٔمی بیشی چھیٚہ بیٚین زبانن تسندِ خاطرٕ کم یا زیادٕ اجنبی
بناوان۔ زانن والۍ چھِ زانان زِ غالبہٕ نہٕ شخصیژ ہنٛد قوام یمہٕ حسابہٕ اُردوس منٛز نظر گژھان چھُ
فارسییس منٛز چھُنہٕ تمہِ حسابہٕ لبنہِ یوان۔ وجہ چھُ توٚن۔ اُردوس سیتۍ اوس تس زیادِ پرٛون توٗلُق،
زیادِ متواتر، زیادِ شدید۔ تاہم تیٚس کمال غالبن فارسییس منٛز حاصل کوٚرمُت چھُ اشارٕ یمہِ حقیقژ
ہنٛد زِ اکھ اوس غالب غالب (یوسہٕ بجایہِ خود بٔڈ کتھ چھیٚہ) تہٕ دوٚیِم یہ زِ لوکچارِ پیٹھہٕ نے تہٕ
بالہٕ پانہٕ پیٹھہِ تاکہ مرن وِزِن تام اوس سہٕ دلہٕ جانہٕ فارسی ہیٚچھنچہٕ تہٕ موٚحسوٗس کرنچہ کوٚششہِ منٛز
ہیٚتھے مس تہِ مگن۔ غالب نہِ بابتھ ہرگاہ کاشرس منٛز لیکھُن ممکن آسہے تیٚمس غاٚر موٚمولی شخصیتھ
رٚیہناوِہے اکھ زبٲنی تہٕ کُنہٕ نتہٕ کُنہٕ رنٛگی۔ یوٚدوے فارسی کی پاٹھۍ تتھ صوٗرژ منٛز تہٕ آسہے تسندِ
پنٛنہِ ضمیرکہِ آنشکدک کاٹہٕ یقینی)۔ پوٚز اُردو آس چونکہ تسنز مادری زبان تو کٔنۍ پرٛیہ لیوٚو تمہِ کے

قسمتھ ۔ یِہے کتھ ہیکو وِتھِ پاٹھۍ تہٕ وَنتھ زِ فارسی پاٹھۍ شار وَنتھ کھور غالبن فارسی زبانۍ جلد رٕوس
لوش مگر تہٕ کوٗرُن پننہِ لنس اندرِ مس نار رٕٹیس سوتھی گنڈتھ! اتھ وَلو نہٕ غالبنۍ غلط روی بلکہ مانون
یہِ تسنز اکھ کلچرل مجبوٗری ۔ اقبال اگر پننہِ مادری زبانۍ پنجابس منز لیکھہِ ہے تہٕ ضروٗر اوسنہٕ زِ
تسنز پنجابی شاعری کیا آسِہے تسنز موجوٗدٕ اُردوٗ یا فارسی کلامہٕ کھوتہٕ زیادٕ جان ۔ اَمیک دار مدار آسِہے
پنجابی زبانۍ منز موجوٗد اظہار و بیان تہٕ تخلیقی وَنابرٕ کین لۄشیدٕ قوتن ہنزِ کمی یا بیشی پیٹھ ۔ وُں گوو
یہِ کنہٕ چھیہٕ سکہٕ زِ اُردوٗ یا فارسی ہرگاہ اقبالنۍ مادری زبان آسِہے تیلہِ آسِہے تمن ہند تخلیقی مرتبہ بیہٕ ہن
بُلند تکیازِ تتھ صوٗرژ منز کرِہے سُہ پننہِ شخصیژ ہنزِ بادژ یا وَلوٗیزِ پننہِ دیدٕ اگہی ( VISION ) ہنزِ
بازیابی خاطرٕ ورتاوِ ہے سُہ اُردوٗ یا فارسکی لفظ تہندرِ سنہٕ کھوتہٕ سنین مانین منز وۄسی ترین احساسی
علاقو تہٕ زیچھ کھوتہٕ زیچھو خیالہٕ مانکلوسان زننہٕ شہہ رگہٕ پیٹھ ژھٕنۍ رٕنز ۔ تنزن گوو یمن زبانن ہندس
شدید ترین تخلیقی ورتاوس تلہِ ہے فائدٕ ۔ تژھِ صوٗرژ منز چھ شاعرسنز زبان تہٕ تسُند خیال دوشوے
اَکس مشترکہٕ عملہِ منز شریکھ سپدِتھ اکس لوٗحقیقژ زنم دوان، اکھ تژھ حقیقتھ زِ ژھنتھ تہٕ ہیکون
لوٗز باونہٕ ییہٕ نہٕ ۔ احساسہٕ کین سنرن منز ژھنہٕ خیال بیان کرنے لوٗت کافی آسان ۔ اَمیک پھاپھار
تہٕ چھ لازم سپدان تہٕ سینزے کتھا چھیہٕ زِ یہِ پھانپھار پراوُن ہیکہِ تتھی زبانۍ منز زیادٕ ممکن سپدِتھ ییہٕ
کہِ دِسی ونن وٲلۍ سُند شعوٗر تل شعوٗر تہٕ لاشعوٗر پھانپھلیمتۍ آسن ۔

وُں گوو سازِ سنگار روزِ قیامتھ قامتن ہندِ تھوٗو وہ تھنچ کیفیژتھ سینز اشارن ہنزِ ریر کرژ
بیدار تہٕ ، تمچ ڈھیک باوتھ یا تمچ پوٗرِ پوٗر وژھنے چھنہٕ ممکن ۔ زبان آسن مادری یا غٲر
مادری خبالک عمل چھُنہٕ اتھ مانیس منز زانہہ تہٕ پانس تکمیل ہیکان کرتھ ۔ تکیازِ بقول غالب ؎

شوخیِ اظہار غیر از وحشتِ مجنوں نہیں
لیلیِ معنی اسدؔ، محمل نشینِ راز ہے

# پٲنٛتسام

۱۔ غالب :۔ (۱۷۹۷ء – ۱۸۶۹ء) ناماوار اُردو تہٕ فارسی شاعر تہٕ نثر نگار۔

۲۔ کیٹس : جان کیٹس (۱۷۹۵ء – ۱۸۲۱ء) مشہوٗر انگریزی رومانی شاعر۔

۳۔ حالی : (۱۸۳۷ء – ۱۹۱۴ء) غالبہٕ سُند مشہوٗر شاگرد تہٕ اُردوٗک اکھ اہم نقاد۔

۴۔ کولرج : (۱۷۷۲ء – ۱۸۳۴ء) مشہوٗر انگریزی شاعر تہٕ نقاد۔

۵۔ مستعارلہٗ تہٕ مُستعار منہٗ : استعارس چھ ترٛیہ چیز ، مستعارلہٗ ، مستعار منہٗ تہٕ وجہ جامع۔ سمجنہٕ باپتھ نمو اکھ مثال۔ میہٕ وُچھ ماداں جنگس منز اکھ سہہ لڑان۔ اَتھ منز چھ سہہ تمس شخصہٕ سُند استعارٕ یُس سہہ سندی پاٹھی بہوٗدُر چھ۔ سُہ شخص گو مستعارلہٗ (استعارس منز چھنہٕ اَمی سنز ذکرے آسان)۔ تہٕ یُس سہہ ستی تس مشابہتھ دِنہٕ آمژ چھیہٕ سُہ گو مستعار منہٗ (استعارس منز چھیہٕ اَمی سنزے یاژ ذکر آسان۔ تہٕ شخص تہٕ سہہ چھ مشترک وجہ بہوٗدُری ، سُہ گو وجہ جامع)۔

۶۔ آرکیٹایپ :۔ اولین شبیہہ۔ کُنہِ چیزس یا احساس ناوکرنہٕ وِزِ (یا نے لفظ تھٔرنہٕ وِزِ) یُس کانہہ واقعہٕ یُس کانہہ حادثہٕ انسانس پیش آمُت چھ یا یوسہٕ کانہہ آواز تمس کنن گمژ چھیہٕ تیم چھ سُہ ازلہٕ پیٹھے کانہہ نتہٕ کانہہ صورتھ ینس لاشعورس منز رٹہہ ران آمُت ، یمے صورژہ چھیہٕ انسانہٕ سندِس اجتماعی لاشعورس منز پیر درپیر ازتام قایم روزمژ تہٕ یمہٕ صورژ چھیہٕ اسہٕ ماجہٕ زٲلیو ہندِ ذٲری بہر تہٕ وراثتھ تران۔

۷۔ الگاے : اِستثنا۔ EXCEPTION

# سوال نامہ

۱۔ مادری زبان کیازِ چھیۓ باوٕژ ہُند بہترین ذٔریہٕ مانٕنہٕ یِوان؟

۲۔ تٔہۍ مادری زبانِ منز بولن یا لیکھن وِزِ کُمہٕ دِقتہٕ چھیۓ یِوان؟

۳۔ یِمہِ مضمونکین اہم نوکتن ہُند خُلاصہٕ لیکھِو پننین لفظن منز۔

# ہرٕدواو ــــــ زان

ہُرٕدچھُ لوان تہٕ پرٲنس موسمس چھُ زٔزرٕ ازان۔ سٲری سے چھُ لیدر ریکھران۔ کلِٕن چھُ پن لیدٕران تہٕ زٔزران ـــــ یتھے پتہٕ واوکران چھُ یِہ پن چھُ ہٕرتھ پوان تہٕ کُلی کٕٹی چھِ ننی گژھان۔ تہُند رُوپ تہٕ رنگ چھُ ننگہٕ گژھان۔ مگر یہ چھُ ضورٕورۍ۔ اَدے تہٕ ہیکہِ پتہٕ نوِسونتہٕ کلِٕن نوٚو پن نیرِتھ۔

یتھ افسانس اندر چھُ عظیم بُڈ ہرٕدواوکۍ باٹھۍ لوان تہٕ راوی ہنزِ ناوٕ وِمیدی تہٕ صرف از کالس لاٚرِتھ روزنچہٕ نہجہ وُرُن تلُن یِرٕ ژھان ییٚتھ تِس تہٕ تازٕگی پھیر۔ راوی لیس چھیٚہ صرف یہٕ خبرِ زِ زنانہٕ چھیٚہ مُلہٕ تلہٕ کینی، اکھ پژٲ یہٕ کوہ کرِیس لژٕ جھج گنڈِتھ پٕژلے ژُلرٲوِتھ ہیکو۔ بیٚیہ یہٕ زِ از کلِک مسلہٕ زندٕ روزنُک سبیل چھ اسہٕ آورٲوِتھ تھونس کٕنہِ سِٹھاہ۔ پرٲنی توٲریخی قصہٕ کٕس جوش دِن اسہٕ کٕس اَز کیک مسلہٕ ہیکن حل کٔرِتھ۔ سُہ چھُ پتہٕ حقیقتھ لیسند مگر از کالُک پاس تہٕ موٚحدوٗد نظری دوٗر کرنہٕ خاطرٕ چھُ توٲریخُک بحر گُنہِ اتھ روٚٹ کران۔ عظیم بُڈ چھُ توٲریخی مثالہِ دِتھ دراصل عام کاشرٕس پننہِ پایہٕ تھذرک آمُت باس ڈیُن یِرٕ ژھان۔ سُہ چھُ لوکٕٹِن شُرِن تہٕ زنانن کُن زیادٕ توجہ دِوان۔ سون قوم ہیکہِ موٚیے ستی شیر نہٕ پاٚرِتھ۔ یلہٕ نہٕ از کالس اندر کانہہ تھکُن لایق کارنامہِ آسہِ کوٚرمُت، یتھ کالُک بحر چھُ ڈکھ کران۔ افسانس اندر چھُ آخرس راوی ننگہٕ گژھان تِکیازِ تسنز ریاکار یِہ بیٚھ چھُ پرٕدٕوہ تھان۔

•

کھرِ نہٕ باوٕجوٗد چھُ عظمس مازرتھ کران ۔ آخر چھُس سُہ لوزان تہٕ یہٕ وَتھ نیران زِ "بہٕ یمہٕ رُح ہیتھ پھیران چھُس تمِن کتیٖ چھِنہٕ تمری تیار"۔ راوی لیس چھُ وونی ہینہٕ ناتیٲری ہُند ایحساس گژھان ۔

ہر دیٖواو چھُ علامتھ ۔ دراصل چھُ یتھ افسانس اندر پرٛتھ کردار تہٕ واقعہٕ علامتی مانٕنے پراوان ۔ خاصکر عظمہٕ بنٛن آخری مکالمہٕ چھُ یہٕ ہاوِتھ دِوان ۔ کامل صابن تمِن افسانن اندر چھُ عام پاٹھی آخرس پیٹھ واقعہٕ موڑ کران تہٕ افسانچ کوشِش بدل مانٕنے تیران ۔

اپین کامل

# ہرِ دِواو

بہٕ چھینہٕ ووٚنی کانٛسہِ خبر سُہ کوٚت گیوٚو۔ تہِ پتہٕ تیوٚت بیکار تہٕ کُس چھُہ تس مُتلق بنیہِ زٕریاف کرنہٕ بُڈرِ کچِل۔ اسماَنی مَلاَیکَن ژُوٗرِ اوسُے ہُریکانہِ وآن ہیتھ پھیران۔ پیٹھہٕ کیتھہِ کُتانٛی۔ ووٚنی گوٚو میانین شُرین چھُہ کُنہِ دوہہ یاد پیوان۔ شُرین کیاہ، تِمن اوس تِمی سِندِس کیتھہِ بکواسس مزٕ میٹھان۔

تیٚمہِ دوہہ سُہ سون پیہٕ ہے۔ دوٚی مہٕ دوہہ اوس پَندی نیران۔ کانٛسہٕ یارس دوسس اوسا میٚہٕ نشہِ بنان یُن۔ تِمس وُچھتھ اوس پرسٕتھ اکھا پوٚت کھوری والپس ژلان۔ تِمی کُس اکھاہ اوس کن کھینہٕ روٚس تروومُت۔ کیتھہِ پیٹھ اوسُے ونان "بوزتا رٕیٚخ ونے"۔

ناواوُسس عظٕم بَب۔ مگر لوٚت پوٚتامہٕ پاٹھی آسِس ساری ونان "بکواسی"

اکہِ دوہہ آوسُہ سون تہٕ سُے اوسُس پیٚتم ساتھ سون ینِس تہٕ تمی دوہہ سُپد سُہ واقہٕ یمیک میہٕ وُنہِ تہِ ینِنہٕ شاپہٕ افسوٗس چھُہ۔ اصلی پیلہِ کُنہِ چیزس دکھ برابر چھُہ گژھان ادٕ چھُس تڑِ شکل تہِ گنڈان۔ ادٕ تہِ پیٹھہِ لوٗزنہٕ تسنٛز کتھا کُنہِ تہٕ۔

ہرِ دِنی دوہہ آسی۔ نبس آس سفید اوٚبرٕ تَنٛزٕ زال لَج مرٕ۔ تہٕ اوٚبرِ منٛز ہی اوس اختابہٕ ڈُلوان ڈُلوان لولن شامہٕ کُن وسان۔ بہٕ اوسُس دفترٕ پیٹھہٕ یتھ آنگنس منٛز ہڑا پہٕ کوٚ کرہٕ بھوٗتس کرِ ژِھ گنڈان۔

اَمہِ اوس آفس سپرنٹنڈنٹ سندی پاٹھی پژاپ لاگتھ محلہ نکھس تلمُت، ییٚتہِ نتہ ہتھ بہتھ گنڑھیے، ادٕ ہیٚیہِ ہے نہ کھوٚد ووٚد تھنگ ناو۔ تیرِن کرِہے جتھر، پالس کھارِہے تہٕ گنڈی تہٕ دُنیا تُلِہ ہے نکھس۔ زِنتہِ کانہہ کینہہ وَنان اوُسس۔

دپان لژٕ چھ گنڈتھ چھِ کوکر پژاے ژلان۔ میانہِ اتھہِ لژٕ چھ گنڈلنس پتھ اُس یہ وارے بارٕ ودوان۔ آہندِ کھوتہ زیادٕ قیامتھ اُس آنگنی کو کرن تہٕ مژٕ۔ خبر نس کیاہ اوس پننہِ شایہ گمانہِ گژھان۔ ظاہر کُنہِ آمی ماکھییہِ۔ بہ اوُسس اَتھی ستی زِنیٚبری کنہِ گو ومیانین ژٕرِن ہُند چرپرِ گژھ۔

"عظم بب ہا۔ الآے عظم بب ہا آو۔ اجم بب ہا۔"

ژوٚلےِ مییہ ژُونیرِتھ۔ کوکری کوٚھٹین منز تہٕ اتھن منز لژٕ چھ ہیتھ گوس یہ رٕوٚلوٚدٕ ہیوٚر وزِتھ عظم بب ژاو برنہ۔ سفید برف ہش گنز تہٕ زیٹھ وار۔ بوٚر تھ بوٚر تھ امبر ژوٚنٹھ ہیو بُتھ۔ لوٚٹھ بدن۔ حالانکہ ہتہٕ نزدیک اوس وٲنسہِ۔ ازکل کُس ساچھ اتھ وٲنسہِ واتان۔ او، تمہِ چھنہ کتھے۔

"بابا۔ اجم بُلہ بب ہا آو۔" جانہ ہیٚتہٕ مییہ پنٕنہِ کنہِ خوشخبر ونِنہٕ۔ اَمہِ اُس عظیم ببس پھیرِ نہ لوچِہ تھف ژھنہ مژٕ۔

"یہ چھِ میون عظم بُڈ بب،" گُلہِ ووٚتھس تھینکتھ۔ یہ اوس آمی سندس قدمس ستی قدم رلاوِتھ پکنچ کوشش کران۔

"اوٚل چھکھ ناچہ تہٕ توتہِ" جانہ وشٕ لووُنہ گُلُن یہ ونُن کینہہ نہ۔

بہ چھس دوشونِ ہُند بب" عظیم ببن ڈُوٚنگھ دو نیٚوِنہ کلس اتھہِ۔ وُکھن پتھ پھولُس اسُن۔" سارنیے ہُند بب۔ تہندس ماُلی سُند تہٕ "تمی تراو مییہ کُن نظر۔

"تہٕ گووٲسی تھے۔ سلام علیکم ہہا۔" بہ ووٚتھس پژایہ کوکر تراوِتھ، پچھی ہیتو کوٹھو تھوٚد۔ تہٕ تھس پلیٹھ اپز خوشی ہش" ازدرِتھ واریاہ کالی نظر، وجہ؟"

"ژُو ووسُم ناٹھیک، ننہ آسہا آمُت۔" آمی ہیوٚت دچھنہِ اتھہٕ ڈکس ہش دِیُن یتھ وقتن

پننہِ موہر آسہٕ تراوِمژ۔

"تُہی چھِو سارٕی وارٕے، ژٕ کیاہ ییتہٕ نتھ کران"۔ اَمی تراو گوڈٕ میٚہ کُن پتہٕ پراپہٕ کوکرِ کُن نظر یوسہٕ لژٕ ھج گنڈِتھ عجیب گیر بچہٕ اُس کران۔

"بہٕ آسہٕ شش ناو نان اَجم بب ییہٕ" جانہٕ ہیٚژ گُلس پننہِ درویشی تھکنی۔

"الآے خودایا، یہِ ہادپان بہٕ آسس ونان"۔ گُلن کُھٹروٚوس ٹر۔ "سہٕ ونیاو مٔنے، ییلہِ ہے چاے اُسی چیوان"۔

"یہٕ ہسا کیا چھ ونان"۔ میٚہ وٚون عظم بٔبس چھتہٕ ہیوٗ گرِ ھنتھ جواب۔ "پراپہٕ کوکرنا۔ پرآپ لاگ لاگی ہسا اَنہٕ تنگ۔ لژٕ ھج گنڈمس"۔

"اچھا، اوٚت بیٚٹھ چھا اَزِکی مردِ وٚاتی متہٕ"۔ عظیم بٔبن وٚون کنٔرس بیٚٹھ بہان۔ "پراپہٕ کوکرِ لژٕ ھجہٕ گنڈنہٕ۔ یُتھ کالہٕ آسی، بوزتاریخ ونے۔ "تمی ہیوٚت پنٕن بکواس شوٗرٕ کرُن۔ "سُلطان شہاب الدین چھُ سانہٕ کشیرِ ہُند اکھ ناماوار گوبُراو سمُت، ہہودٕرتیوٚت زِ کوٗبل، بدخشان، غزنی، قندھار، ہرات، تبت، مُلتان، لاہورِ فتح کران ہیوٚتن دِلہٕ کُن قدم تُلُن۔ فیروز شاہ تغلق اوس تیتیک پادشاہ" عظم بٔبن اوٚن ڈیکس کُن دستارِ زَن اوس یوٚہے سُلطان شہاب الدین۔

تامتھ پیٚیہٕ بیٚٹھِکنی گانٹہٕ ہنز ژھاے بمبار جہازٕکی پاٹھی۔ کوکرن دِژ خبرداری ہنز الآرم تہٕ پوٚتی کوکرِ ژجہِ شی کرِتھ ژھاپہٕ ہلس کُن۔ میٚہ آو کتھ ڈالنک موقہٕ۔

"بکھہ سا اندر بہمو۔ میانہٕ آشنہٕ چھنہٕ خبر۔ نتہٕ آسہاسو لاران دژامژ"۔

اَدِ کیاہ تتہٕ جانِے "تمی تراو گانٹہِ کُن قہر بَرٕ ژ نظر۔ "بکو تُہی بہٕ ہیمہٕ میٚژ رژھا"۔ "سہٕ بھیوٚر میانین شرٕن کُن یم ووٚدٕ کژھن منز آسس ژامتی۔ "بکو سا گوٚبرو، بہٕ آس"۔

"بہٕ بہمہٕ اَجم بُلہٕ بٔبس کھوٚنہٕ منز"

"ہوٚپ" جانہٕ لوٚر گُلس کُن آسس پھوکھ۔

"ژیہ چھے کھنز وسان" میہ ما" گلُن رٔٹِس بڈ ژور۔

"کتہِ چھم" جانہ دِیت جُل جُل نرِستی نستہِ کھِش" چہ چھکھ" جانہ آونہ کانہہ تہ لفظ "بجھِ" ہیمے وُنی جنگ رِ چوپ"۔

اَسہِ اُس جایہ ہنز سیٹھاہ تنگی۔ وُنہ تہ چھیہ سوے کتھاہ۔ بوینہ اکھ ووٹ۔ یتھ منز اکس پاسس وان چھُ تہ بیٚیس پاسس بہن جاے۔ دۆیمس پورس لوکٹی لوکٹی زٕ کُٹھے۔ یمن منز شونگان چھِ۔ وۆپرژوپر گووہیر کُنہِ بیہہ ناوُن۔ مگر عظم بب اوس گرس اَنزی مَنزی گومُت اُسی یوت کیا، پرِ سِتھ کاکنہِ۔ لۆرِ رنا بڈی بب بنیومُت۔ ادِکنی ژاس بہ سیلۆدُے وٕلِس منز۔

"یہ ہیو بکواُسی وأتتھ" بہ وۆنتھُس گرواجنہ کُن۔ "ووہ نیر راتھ پیدی"۔

"تہ وُچھم اَنگنس منز اژان"۔ اَمہِ اوس تمس کیتھ سماوارس آب لوگمُت"۔ کوٚت گوو۔

"بہ تھاو عظم ببس جاے رٹِتھ"۔ گلُن کور اَکس جایہ زنگِہ ترٲوِتھ قبضہ۔

"اوں، شُہ بیہہ بیتہ نتھ" جانہ کور بیٚیس جایہ قبالہ۔

"تپالہ گوو" بہ وۆنتھُس گرواجنہ کُن۔ "یتکیاہ لۆری واتہ۔ شاماتھِ بد۔ بیٚیہ نہ کینہہ"۔

"کیاہ گوے" میانہ گرواجنہ ترٲو دندن تل اۆرِ نگ" لوہ تہ بہن آس کتھ کران"۔ تمہِ ہیوٚت سماوارس تیوٚ نکلُن تراوُن۔ ہر گہہ سُہ بوزِ پتہ کرِ ژھ خجالتھ گرِ ژھ"۔

"لورہ بابا، یہ کیاہ چھے جانہ۔ وُنہ ساہ گلُن نھوو جانہ کھوکھ

"ونُش، گِچھ" جانہ شرولس نہ کینہہ۔

"حرام چھس بوزنے"! میہ وۆن شرارتہ سان گرواجنہ کُن۔

"بجو داہے۔ ووہ ذ اَزی عظم بکواُسی تنگ"۔

"دیان عظم بکواُسی" گلُس آوٹِپانی پانس ستی اُسن۔

"ژھوپہ" میہ کور گلُس روب"۔ یہ اَزِ نہ وَنان۔ بہ ژٕٹے زلو"

"چٹش جبو، چٹش"۔ جانہٕ آو گلس داو ہورنک موقہ۔

"ادٕ دُنیا مے ییتھے" گرٕ واجنہٕ ہووُم شرٕ ہن کُن"۔ ژھنان ژھکھ وُچھنے کرٕنے پھیار وُنتھ"۔

تام گو وٕ عظم ببٕن پکُن تہٕ اُسہٕ کھیٔیہٕ کتھ۔ میٚہ ہیوٚت جٕجیرٕ تموک برُن تہٕ میانہٕ گرواجنہٕ ہیوٚت سماوارس

پھو کھ دیُن۔

عظم ببٕ لوٗ تاہ اُسہٕ مرٕدن کھران اوس تیوٗ تاہ اوس زنانن سُہ خوش کران۔ تکیازِ سُہ اوس تنزٕ

مُنزٕ زنانن ہنزٕ بہودری ہُند تہٕ بکواس وَنان۔ زنانہٕ دِماغ۔ بِنا اُسہٕ مرٕدن روب بہانہٕ ونہٕ خاطرٕ زُوچھو

اُسی کرٕژھ چھیہٕ آسمٕرٕ۔ زن تہٕ آسی زالو کھ۔

عظم بب تہٕ بیوٚکھ جانہٕ جایہ تہٕ نہ گلنہٕ۔ ٹکہ بیوٚکھ دہ لِوی منز باگہ۔ کلہٕ بیٹھ تھوٚون پرانہٕ آیہٕ

گوٚنڈ مُت دستارٕ پتھر تہٕ ماگہٕ چھِنس مُستس لوگ کھِش کھِش دِنہٕ۔

"ژٕ یہٕ چھِے بی خارٕ، اوٗ، تہٕ میٚہ ییٚیہٕ نہ کورٕ کُن نظرٕ" عظم ببس وو گنے یہ شانہٕ ہی۔

"اسلام الیکم ہسا۔ میٚہ کریا یی سلام۔ ژٕ یہٕ لوٗزٕ تھ نہ" تمٕ ووٗلُس اپزٕ۔ کِنہٕ کرٕلس سلام۔ میٚہ

لوٗز نہٕ۔ کرٕ مرٕژ آسہٕ ہنس۔

"اُجم ٹلہٕ ببا" جانہٕ نیوٗتس کھوٚنہٕ کھسنک باز تہٕ لجِس زٕ یچھِہ دارٕ سیٹھ دِنہٕ۔

"عظم بُڈٕ ببا" گلن تہٕ کر جانہٕ ستی تہٕ لوٚگس کرٕژھس منز اَژتھ چندس وُچھنہٕ۔

"تہٕ کیاہ زٕ کوٗرٕ شس گامرٕ" تمی ووٚن میانہٕ گرواجنہٕ کُن "دہ دِہ ہنا۔ گرسہٕ ہنا گرٕ ژھنایٚڈ برتھ

کھیوٚن۔ لوز بہٕ ونے زنانہٕ کرٕژھ چھیٚہ آسمرٕ" تمی ہیوٚت پنُن بکواس شوٚرٕ کرٕن"۔ نہ بی کوٗرٕ وارہ تھاو کُن۔

تأریخ وَنے"۔

"لوزان ہسا چھس" میانہٕ گرواجنہٕ ہیوٚت تہٕ بزٕی پاٹھی ہوشہٕ گوشہٕ لوزن۔ یہٕ آسس نازنانہٕ

کتھ توٚے۔

"رانی جلیشو مٕتی چھِ اکھ کاشُر زنانہٕ آسمٕرٕ" تمی ہیٚرٕ داستان ٹلنی۔ میٚہ پھوٚش تہٕ دارٕ کِنی نظر تراوٕتھ

لوٗگُس کُلس اَکس لنجہِ گنٛزراونہٕ۔ تہٕ سونچینہٕ زِ زیٚن درٕ گییو وگذارِ کیتھہِ پاٹھۍ کرو۔ عظم بب اوس ونان۔

" دُنیٖ ہِچ گوڈنیچ زنانہٕ لوٗسہٕ تختس چھیہٕ بیٖٹھِ مژ۔ تأریخ چھُسے ونان۔ ییٚتہٕ بیٖٹھِ گژھتھ کرن ہیوٗندُستانس پیٚٹھ فوج کشی تہٕ متھرا یہِ منز لوٗگن شری کرشنس ستیٚ جنگ۔" تٔمۍ وچھ چیرِ ہوٗچھ زٔن دراو رانی جلیٚشومتی ملدس۔ " پرا یہٕ کوٗ کرِن گنجبن نہٕ لژھجہٕ ٹکہٕ ہوٗن شری کرشنس کاشرِ زنانہٕ ہُند جبروٗت" میانہٕ گرواجنہٕ ترآو میٚیہٕ کُن نظر زِ بوزان چھکھہٕ۔ میٚیہٕ تژ ووٚس یور تما کیک زلوٗٹھ کٔش زِ" پھژ" میٚیہٕ مہ تھٕکھ۔

" چَھ مِتیٚ آشس ناو ونان ؟" جانہٕ ہووزِ میٚیہٕ روٗدیاد۔

" پَچ مِتیٚ" گُلن کوٗر کھندرہ بے، شو متی۔ اوٗسُس ناعظم بیاتی ناو" تٔمۍ ژھاآرسند۔

" یہٕ ہسا کیاہ چھِ ونان" میٚیہٕ ڈاج کیتھ زِ دلوٗ جلیٚشومتی نشہٕ خفہٕ وِتھ" تکلیف کیتھ اوسے ژیٚہٕ ووٚنھ ناژورا اوٗسُس ناٹھیک"۔

" اَہَن ساَمیادس اوٗسُم نہٕ سمبزر" تٔمۍ ہیوٚت جانہٕ نسنہٕ ہیٚنتس لمُن" لوٗز بہٕ وَنے پتھ کالہٕ آسی سادِ غذا کھیوان۔ اَدِ آسکھ طاقنہٕ ہن تہٕ آسان۔ نہٕ تہٕ خیال کر"۔ سُہ ووٚنٹ بیٚیہٕ بکواسَس پیٚٹھ" ہوٚس اکھ کوٗر کھ شراب دِتھ بدمس۔ تٔمہِ پتہٕ تژ ووٚکھ اَکس کاشرس جوانس کُن یلاکھ۔ تیٚتھ زٔن تَس توٗسمہٕ وُڈاوِ۔ وارِ لوٗزما تأریخ چھُسے ونان۔ ہوٚس میٚتیو وگر جوانہٕ سُند جبروٗت وُچھ " میٚیہٕ کوٗر سینس واش۔ مگر میٚیاَ ٔ ذٕ گرواجیٚنی آسَس جایہِ غلغوشَس لٔج مژ۔ میٚیہٕ پھرِ لبہٕ کُن اَچھ" اَمۍ جوانن گڈ ہلہٕ منز شمشیرِ تہٕ سوٚ قیامتھ پھِرِن ہیٚسی لتس زِ شرابُک سوٗرِ نشہٕ وولنس۔ بہٕ کاشرِ جوان اوس، تأریخ چھُسے وَنان" تٔمۍ ووٚن کیاہ تام ناو۔ مگر میٚیہٕ لوٗزنہٕ تکیازِ بہٕ اوٗسُس سونچان پگاہ کیتھ پاٹھۍ ہاوِ ماکیہٕ واجنہٕ سُتھ" کہہ ڈبل دارس، تنخاہس دژاو نہٕ چاٹھ نہٕ۔

" بہٕ نہٕ مالَن ہوٚش" جانہٕ تِھیچ گُلُس ییٚنزِ بہوٗدری" کُنے دب کلش"

" سُہ کیتہٕ چھُسے ہوٚش ؟" گُلن کرُکھ" دانس تَل چھُناسُہ گوژژھل گگرنیران۔ بہٕ مارن سُے" گُلن گلہٕ ناوتژ۔

جانہٕ ہیٚتژِس مژِھ ژیٚن۔ گُلن ہیٚتژِس والیٚس۔ جانہٕ ہیوٚت وُدُن۔

"کیٛہو کوٚر کھس؟" میٚہ آو کتھ ڈالنک موقع "سیوٚد چھُونا بہتھ لگان"۔

عظم بَبس آو اَسُن۔ دوہ نوُنی ڈولُن کلس اَتھہِ تہٕ گُلس کُن لوٚگ وَننہِ چون گرٛٹھ سو نہٕ گوٚو بنُن۔ ژٕ نیٚہ چھُے سُیابنُن۔ لوٚز ساتاریٚخ وَنے "میٚہ ڈاجاوا کہِ بکواسہ سُہ وقت بیٚیس بکواسس" سُیا اوس اکھ غریب کوشُر لرٕکہ۔ تِمی لوٚر سبق۔ بَرسیتھ بَرسیتھ سبق۔ سُہ نہٕ اوس کانٛسہِ سیٚتی ژوان تہٕ نہٕ لڑائے کران۔ پتہٕ بیٚلہِ سُہ بوٚڈ گوو۔ الٰہی۔ "عظم بَبن لوٚگ پورٕ شُر" کمہٕ کمہٕ نہرِ کجن یمو سیٚتی لوکو دانیس سگ دِیت۔ دٕری یاوَن گنڈنِ سوٚتھی سیٚتھ زن یُپ واتہٕ ناوِ نہٕ لوکن ددارٕ"

میانہِ گرواجنہِ آنی چاے برونٛہہ کُن تہٕ میٚہ لوٚر بیٚیہ اکہِ لٹہِ شُکرانہٕ۔

"چیٚیہ ساچاے۔ یِم تُلہِ نیا تھیٚھ"۔ بہٕ ووٚتھُس عظم بَبس کُن:

"تلا کتھ اوٚن ووَن تنگ۔ گرٛٹھ ہو گندِ وَانگنس منٛز" عظم بَبس آبہٕ ژاس۔ زن گیٚیس خوشکِ گرٛٹھ۔

"عظم بکواسی" گُلس ژوٚل بہٕ شوٚنکی پاٹھی نیرتھ۔

"چِلٹش جبو چِلٹش" جانہِ کوٚر وارِے نبر۔

میٚہ ژٕج عرفہٕ ژِھٹھ نیرتھ۔ تہٕ گُلس کُن ترٛاوم قہرٕ بَرٕ ژ نظر میانہِ گرواجنہِ ترٛووکلہٕ لوٚن تہٕ دندن تَل روٚٹنُ اَتھہٕ۔

"پھرِ بی چاے ژٕ کیاہ زِ مند چھان" عظم بب لوٚگ میانہِ گرواجنہِ وَننہِ میٚہ زون آمی۔ لوٚز نہٕ گُلن بیہِ بپھیار۔ "کورِ چھا بَبس مند چھان"۔ سُہ پھیوٚر میانٛن شُرِن کُن: "اِدِ سہٕ گوٚو برو۔ باقیِ دلیلہٕ ہن بوزناوو پتہٕ۔ ژٕ پیری نہٕ ہن"۔

میانہِ گرواجنہِ پھُرس شرمندگی سانے چایہٕ پیالہٕ۔ اَمہِ پتہٕ ووٚتھ تھوٚو دتہٕ میٚہ کُن ترٛاوِن ڈکہٕ ژکرِتھ نظر۔ نہٕ یہ گوٚژھے ژٕ نیٚہ، کیاہ وَنے۔ خجل تہٕ خار ہیٚژ تھس کرِتھ۔ تِمہِ تِج جانہِ کھوٚو نہٕ تہٕ گُلس ہوٚوُن کلہٕ سیٚتی زِ دوہ لہٕ لوٚری عظم بَبن تُل چایہٕ پیالہٕ تہٕ اتھی سیٚتی تِجن یمن کُن نظر۔

"یِم کیا بی ژ تُلتھ۔ ہاہاہا۔ مہ کر کھ کیٛہنہٕ۔ یِم تہٕ چلیٚیہٕ ہن چایہٕ دامہٕ سِن۔ ترٛاوکھ پھر۔ ترٛاوکھ بی"۔

گُلہٕ نہٕ اکہٕ پھیارِ پتہٕ رُودی آسی بڈٕ جلسہٕ ژٕلِس گوٚڑنٕ ہہ نہٕ پہ بیٚیہٕ نیرتھ ژٕلُن۔ شُرِس کیاہ آس تہٕ ژھُنٛن وٚنتھ۔ پیٹھہ ہر گاہ عظم ببٕن لوٗزٕ ہس کیتھ چھیٚہ بڈ لوکٕ رمژٕ، اَدٕ ووٚن تِمو شُرِ کتہٕ۔ آسی رُودی راچھہٕ زٕ عظم بب تہٕ شُری گژھن نہٕ کُنہٕ وِزِ نہٕ کُنی رُوزٕنۍ۔ اَمہٕ ستۍ سپز میانہٕ تھوٚدو وتھنس وارے کامن۔ اصلی لوٗزٕ وٕ پنٕنی تراوی مٕتہٕ پھیارک سزا۔

عظم بب بیوٚکھ راتس تہٕ نصفہٕ راژ تام کھیٚین مغزٕ۔ کیتھہٕ پیٹھہ مثال۔ مثالہٕ پیٹھہ لوٗزٕ تاریخ وٕنے۔ "پیٹھ کُس چھیٚہ خبر لوٗزٕ کیاہ، اپُز کیاہ۔ اَسہٕ اوٚن ہمت ہنٛزٕ بزٕ پریشانیو گُدرِتھ۔ نہٕ کُنہٕ کھور لگان تہٕ نہٕ شانہ۔ یِمہٕ داستانہٕ پرِلس تہٕ لوٗزٕنس سٕمب کتہٕ گیہٕ فرصتھ۔ للتاد تیہٕ ہین کم کارنامہٕ کرِی، بڈشاہن کم سو چھہ ہاوی۔ اھبنیو گپت کُس بلایہ آسی ونان۔ اکبرس ستۍ کیتھہٕ پاٹھی لرٕ لیوٚو کاشرِ لو۔ ہِمی کاشری شاعرن کُس طے چھُ کورٕمت، یہٕ کاشرٕ زنانہٕ کرٕتھ دلاور چھیٚہ آسمٕژٕ۔ یہٕ کاشرٕ عالم کیتھہٕ آلہٕ منز روتک اوس موختصر لوٗزٕ و مغزٕ مارِیا۔ کلہٕ دود نا۔ لوٚرٕ کلہٕ دود۔

صُبحن دِژ کوکرن بانگ تہٕ سہٕ دژاو اَتھ سُبتھ چھلنہٕ۔ نیٚبرٕ کنۍ اوس ہردٕ واوک ہوٗہو۔ اَسہٕ تہٕ پیو ڈٕیہٕ کہٕ کھونہٕ سُلی دوٚھن۔ تونہٕ گاش پیٚھ۔ آسی وزٕھایہٕ سُلی۔ شُرِ تہٕ گیہٕ وٕتھتھ۔ زٕن وُزٕناوی ہا تقی ییٚن۔ وادِ ہستۍ اوس کٕلبن گوٚرٕ گوٚرٕ گژھان تہٕ یَچھٕ آسن ٹاسہٕ رارٕ ےتجمرٕ ژ۔

"اَجَم بُلہٕ بب کوٚتے گوٚو" جانہٕ دوٚپ ہہے ہہے ژوٚل ما۔

"سُبتھ چھلنہٕ ہے دژاو۔ ووٚنۍ دلیوس نا نیٚبرٕ تہٕ نیرنہٕ" ماجہٕ بہنوٗوس دِل ڈنجہٕ۔

"سہٕ گو وٕسبتھ چھلنہٕ" گُلن ہو ویٚنۍ کنۍ جانہٕ زِمیہٕ چھیٚہ خبر" بہٕ پژارس وُزس منز"۔

"دوٚیمے آڈی پھلی چھی کیہنہٕ موجوٗد" بہٕ وٚوتھس گرواجنہٕ کُن" کرکھ ناگری ژوٚٹ۔ وُنۍ کہن کُس نیٚبرٕ یِتھ واو گٕنہٕ کارس منز بازرٕ" سو آس سماوارس تیوٚ ننگل تراوان۔

"بہٕ تہٕ پیالش۔ بہٕ پیالش آنگنش منٛج۔" جانہٕ دیت گُلس جواب۔

"اِدٕ یتی کرو۔ اَمس تہٕ چھنہٕ عظم ببس بازری ژوٚٹ کھینہٕ لیوان۔" میانہٕ گرواجنہٕ ہاو اَمس ستۍ

ہمدردی۔

" بہٕ پرارس یَرٕ نہٕ پلیٖٹھ" گُلَن ہاو بہودری۔

" بَلنہٕ پلیٖٹھ چھُے واو۔"

" اد آنگنس منز تہٕ چھُے۔"

" یکھ وٕرٹس منز پیالوش" جانہٕ گوٚر سمجھ تہٕ تہٕ دوٚہ نوٚے بارٕنی درایہٕ اَکھ واس کرتھ نیبر۔

واواوس رٕژھ کھوٚ نہٕ رٕژھ تیزان نہٕ دارِن تہٕ بَرن آس کُنی ٹاسرارے وٕژھ مژھ۔

" دوٚیمے پہٕ گرژھیا بَتہٕ کھیتھ"۔ گرواجنہٕ پرژھُم پیالہٕ چھلان چھلان۔ " تِتھے تراوٕ وٕے تہٕ

" نہٕ چھا خبر۔ رَن تہٕ اَمس سُمب نہٕ۔ گوٚڈ گوٚژھ نہٕ از تہٕ بہتھ گرژھن"۔ میٚہ کھوٚر شرارتھ۔

" آسہٕ ووٚنی دوٚہ دوٚہ ہس لوٚزن۔ لوٚز تارِیخ وَنے۔ فاضل وآنسا ہیتھ پھیران پکور۔"

" ہیٚز تھا بیٚنہٕ زورٕ زورٕ کتھ کرنہٕ۔ شُری تھی وُلس منز۔" تمہٕ دِژ میٚہ ژینہٕ وٕنی۔

" اہانی ادِ کیاہ۔ تنگ اَے آمِن۔ ہیٚتے پہٕ پراٚنی دَن دگ لوٚزِ کُس۔ لوٚز تارِیخ وٕنے، لوٚز تارِیخ وٕنے۔ کرکینہہ نوٚ کنھا۔ یمہٕ زمانکی سوٚخن وٕن۔"

نام دراوکُس تاں زَن دروازِ پلیٖٹھِ لوٚت کھوری والیس۔ میٚہ دِژ نظر گرواجنہٕ کُن۔ تمہٕ میٚہ کُن۔ دوٚہ لوٚنی گوٚوشہہ رُوٚزِتھ۔ بہٕ مااوس عظم بَب اَمی مالوٚز میون پہٕ ونُن۔ اُسی گیہٕ خجل۔

" تلہٕ نظر دِ، شے اوسا" تمہٕ ووٚن لوٚ نہٕ لوٚ نہٕ۔

" کیاہ وُچھہٕ" بہٕ ووٚتھُس پھٹی مِتھو کوٚ ھٹھوٚر آسہٕ راٚسہٕ تھوٚد۔

عظم بَب اوس والیس نیرِتھ میانِن شُرِن ونان۔

" پراٚنِن موٚردن اژِنہٕ ووٚنی زُو۔ بہٕ یم رُح ہیتھ پھیران چھُس تمن کتہٕ چھِنہٕ مٕری نیار۔ بہٕ چھُس محض بکواسی عظم بکواسی"۔ شہ دژاو تیز تیز آنگنہٕ منز۔ واواوس ہوٚ ہوٚ کران۔

" اجم ُبلبہٕ بب ہاگوٚو" جانہٕ ووٚن وٕزوٚنہٕ ہٹہٕ۔

اَہاَنی یہِ ہے گوٚو" گُلہٕ تہٕ اوس رلیوٚد
بیٚہ ہیوٚکنہٕ تس آلوٚکرِتھ۔ بہٕ اوٚسُس ہرِدِ وادِن ننگہٕ کوٚرمُت پَنہٕ چھَنہٕ تہٕ نیٚتھرِ ننہٕ کُلکی یاٹھۍ۔

# پوٚت سام

۱۔ میانِن شُرِن ـــــ یہِ افسانہٕ چھُ لکھاری 'وٕنہِ'، ناوِ کردار سِنٛز زبٲنۍ وَوٚن مُت۔ 'وٕنہِ' وٕنن وول چھُ یمہِ افسانُک راوی۔ یہِ گژھِ نہٕ زانُن زِ یہِ افسانہٕ کیا چھُ لکھاری پننِہ پننِہ حٲری شاتن ہنٛز وکھنہٕ کرنہٕ خاطرِ لیکھان تہٕ 'میہ یا بہٕ' چھُ مُصنفٕی۔ افسانہٕ نگارس آسی تن تہٕ یم پننِہ نی حٲری شاتھ تو تہٕ چھُ اسہِ لِ مانٕنہِ پیٚن زِ راوی چھُ سیٚٹھا افسانس منٛز اکھ کردار۔

۲۔ اجم بب ـــــ راوی ییس چھِ زِ بچہ جان تہٕ گلہٕ۔ جان چھبہٕ لوکٹ اِ موکھ چھُس اڈِ کٕجر گژھان۔ دوشوے شُری چھِ عظم بئس الِنہٕ تہٕ ولنہٕ لوان تکیازِ سُہ چھُ تمن کتھِ وٕنان تہٕ لول بران۔

۳۔ بوٚز تاریخ وَنے ـــــ پرایہِ کوہ کرِ ہند ذکرِ آو تہٕ عظم بئن ہیوٚت تٲریخی حوالہِ دیُن۔ یژھ کتھِ بلیٹھِ چھُ اَمس لوار یخُک کانہہ نہٕ کانہہ قصہٕ یاد پیوان۔

۴۔ ہر گاہ سُہ پیتہٕ بوزِ کیژھ نہٕ ژالتھ گژھ۔ ـــــ راوی سِنٛز آشیٚنز چھیہ عظم بئس زِ رِہنا کھوژان زِ سُہ گوٚژھ نہٕ بوزُن مگر راوی چھُ آمی لپسر اڈ نمُت۔ سُہ چھُنہٕ تسنٛد کتھِ بلیٹھ بوز لوار یخ وَنے، جُملہِ برداش کران۔ سُہ چھُ تس عظم بگوآسی وٕنان۔

۵۔ یا اسہِ مردن روب بہناوان ـــــــ راوی یس چھُ عظم بب اوکنز زیادٕ کھران تکیاز تواریخی تذکرن منز چھُ یہ زیادٕ ترٕ زنانن ہنز بہودری ہندی کارنامہ تھپکہ ناوان۔ راوی یس چھُ خیال زِ اسی مردِ زانو کھو زنانہ کرڈھ چھیہ آسان۔ یمن چھینہ کانہہ برتری مردن پیٹھ۔

۶۔ پرٛایہ کو کرِ گنجن یہ لٹرٕ صحیہ ـــــــ عظم یِٹس چھیہ وُنی کس راوی ہیشز زنانہ کن دارِتھ اوکنز چھُ تس لوش کھو تمُت تہٕ رانی جشومتی ہنز بہودری وننہ بہانہ دِژ تمی راوی یس تہٕ زیپر زیپرایہ کو کرِ لٹرِ ہیچ گنڈنی کو سہ بہودری چھیہ۔ مگر راوی چھُ زنانہ پرایہ کو کرے زانان۔ عظم بیہ بنہ بہانہ چھِہ یم باثر زا کھ اکس ستی زن تہٕ نظر و نظر و ستی مقابلہ کران تہٕ دیکھلاے دِوان۔

۷۔ متھرایہِ ـــــــ متھرا چھیہ اُتر پردیشس منز آگرہس نزدیک۔ شری کرشن آسی کنسس ہراوِتھ اُتکی راجہ بنے متی۔

۸۔ کلہِ دود ناپور کلہِ رود ـــــــ راوی یس چھِہ دُنیاوی پریشانیہ پیٹھ زِ زمین شانہ وہ گناون والین افسانن اندر چھینہ تس کہنی اتھ لِوان۔ سہ چھُ اکھ مولی دفتری۔

۹۔ ہاتفی ـــــــ غائبہ پیٹھِ آواز دِنہ وول فرِشتہ۔

۱۰۔ جشومتی ـــــــ جشومتی یا یشومتی اُس کشیرِ ہندس راز دومودر سنز رانی (۱۲۰۰ م ب) نیل مت پران تہٕ راج ترنگنی مطابق اوس دومودرن مول راز گونند کاشر فوج ہیتھ متھرایہ گومُت یتھ دوس راز جراسندس مدتھ کرِہے۔ تتہِ گو و شری کرشنہ سندِس بائیس بلرامہ سنداتھ مارٕ۔ مالِ سند قتلک بدلہ ہینہ خاطر گو و پتہ کینژ کالی دومودر گاندھار (قندھار) تتی شری کرشنس ستی جنگ کرنہ۔ مگر سہ تہٕ گو و مارٕ۔ شمالک درواز کشیر نہ راج گرٛھنہ لشہ بچاونہ خاطر کور پتہ شری کرشنن پننی اثرٕ تہٕ رسوخ استیمال تہٕ یشومتی بیہہ ناوِن تختس۔ خبر یشومتی تہٕ شری کرشننہ جنگک حوالہ کمہ تواریخہ منز چھُ افسانہ نگارن اوٚنمُت۔

## سوال

(۱) افسانُک اختصار لیکھِو پننِہ زبٲنۍ منز۔

(۲) "یتھ افسانس اندر (چھُ) پرٛتھ کردار تہٕ واقہٕ علامتی مانے پۄاوان" تُہؠ چھِو اتھ دٕپتس سٕتؠ اتفاق کران؟ کیاز تہٕ کتھہٕ کٔنؠ؟

(۳) عظِم بُڈِرنس آخری مکالمس کٔرِو تشریح۔

(۴) رانی جیشومتی، سلطان شہاب الدین، للتادِتیہٕ تہٕ ابھنو گُپتس پیٹھ لیکھِو مۄختصر نوٹ۔

(۵) افسانہٕ کِس راوی سُند کردار لیکھِو۔

# لَلہٕ ژۄل نہٕ تَلہٕ وۄڈھ ـــــ زان

سماجس منز رۄزِتھ چھےٚ اُسہِ اَکی ساتہٕ ڈَبل کِردار ادا کران۔ یُتھہٕ اُسہِ اَکہٕ قسمُک رول کران چھےٚ بدقسمتی سان چھےٚنہٕ اُسہِ تمہٕ وِزِ پننۍ دۆیُم رۄپ یاد تھوان تہٕ اَوے چھےٚ سماجس منز گھر تہٕ مَسلہٕ کھڑا گژھان۔ سماج چُونکہ چھُ زنانن بیٚیہِ جادٕ، ڈٕرِتھ اَوٕ کُنہِ چھُ سانِن زنانن ہُنٛد دُرۄے کِردار سارِنے سماجی مَسلن ہُنٛد ذِمہٕ وار۔ یہُے وجہ چھُ زِ زنانن سِتہٕ برونٛہہ ڈٕکیتھ تہٕ چھےٚ اُسہِ سماجی لِحاظٕ ؤنہٕ ہیتہٕ بَدی وٕری پیٚتھ۔ تعلیم پرٲو اَسہِ دُنیہِچ پیٚتھ کانٛہہ زان کٲری تہٕ عِلم کوٚر اَسہِ حاصِل مگر سون سماجی کِردار بدلیوو نہٕ۔ اَپُز ہاو باو، ٹھاٹھ باٹھ، دیکھا دیکھی رۄز سائنس شوٚدِس کِردارس ریاکٲری ہُنٛد اَکھ اَکھ وار کھاران تہٕ سائنس سماجی ڈانچس گوٚ زوٚہ زُر اَژان۔

داج ہیوٚن مَسلن پیٚٹھ چھےٚ ہیتہٕ بَدی ڈراما لیکھنہٕ آمتۍ ـــ مسلہٕ اَسہِ برونٛہہ کُنہٕ تھۆوِتھ چھُ پیٚتہٕ ڈراما نِگار پانہٕ لوٚب ہیوان۔ سُہ گژھہ نہٕ واظ پَرُن یا کانٛہہ حل دِیُن تہٕ کیازِ حل دِیُن چھےٚ سیٲسی یا سماجی لیڈرن ہُنٛز کام۔ مگر اَتھ مسلس گژھہ سُہ کانٛہہ نوٚو جہت دِیُن تہٕ اَسہِ سوچنس پیٚٹھ مجبوٗر کرُن۔ یہِتھۍ ناٹکس منز چھُ لِکھٲری وار یاہ مسلہٕ تُلان۔ اَکھ یہِ زِ ہش چھےٚ پانہٕ اَکہِ وِزِ نوشہِ آسنہٕ کُنہِ پانس پیٚٹھ سپدِ مَتہٕ ظُلمک بدلہٕ نوشہِ ہیٚوٚن یِژھان۔ یہِ عمل چھُ غٲر شعوٗری طور سپدان۔ تس چھےٚنہٕ اَمِچ خبر روزان۔ یانے سوٚ یُس نوش سوٚے چھےٚ ہش۔ سوٚے یُس کانٛسہِ ہُنٛز کوٗر تہٕ۔ اگر سوٚ سوٚ نچہٕ زِمہٕ پیٚٹھ سپدِ مَتہٕ ظُلمُچ ذِمہٕ دار چھےٚنہٕ میٲنۍ نوش، ماحولے

بَدلہٕ۔ دوٚیِم یہٕ زِ اِنسانی رِشتہٕ چھینہٕ مُرِتھ تہٕ خِتم گژھان۔ ڈاکٹر للامعہ یہٕ مگر ڈاکٹر محبوٗبا یہٕ چھہٕ وِوٕنی فِکرِ زِ تٔمِسند لون گوٚ ژھہ تہٕ تٔہندِس مٲلِس بچاٖرِس بُرُن پیوٚن۔ اَکھ گوٚو جانی بنیٚیہٕ گژھہ مٲلی۔ اَوے تہٕ چھِنہٕ سعہ اَپُز وَنان۔ تٔس چھہٕ کِردارِس اَندر اَکھ کشمکش۔ فرضَس تہٕ جذبَس مَنز کشمکش۔ فرض چھُہ زِ پوٚز وَنہٕ زِ للا یہ کھیوٗزہٕر مگر جذبہٕ چھُ اَتھ زیٖنان تہٕ اَپُز وَنہٕ ناوان۔ اَمہٕ سیٖتھ چھُہ تٔس ہاہہٕرُ تہٕ بَدلان۔ سُہ چھُ تَس نِش اعتراف کَران زِ تٔس چھُ تٔمِسند اَنزرُون پیوان۔ ناٹک کار چھُ پتہٕ دَوان ہاوِتھ زِ اِنسانی جذبن اگر رٲچھ کرِنہٕ ییہِ شاید ییہِ سمٲجی مسلن حل اَتھہٕ مگر محبوٗبا چھینہٕ صرف اِنسانی جذبوٚ موکھے للا یہ مُتعلق اَپُز وَنان۔ للا یہٕ سیٖتھ ہمدردی اَندر چھِنہٕ تٔسِنزِ نیٖنہٕ مجبوٗریہ تہٕ پنُن قِسمَتھ تہٕ اَکھ وجہ۔ آخر تٔس تہٕ چھہٕ واَروے نیٚتھے کٔنہ تنگ کَران، یِکوٚڈ تہٕ موٗڑ منگان۔ بقرز ناٲلیمہٕ خاطرہ ہارِ منگان۔ توَے تہٕ چھِنہٕ سعہ وَنان زِ للا یہٕ ترٲو سعہ اَرہٕ تہٕ ہمیشہ پانٕھی زِندگی ہانٛزِ دَوِ اَندر پیٚتھ۔

موتی لال کیمو

# للہِ ژوٗل نہٕ نلہٕ وٹھ

مرد یوان تہٕ بیہان صوفس پیٹھ۔ زنانہٕ ییتھے نیرن ہیوان اور اژان کوٗر
لو تہٕ ژاسہ ٹوکھ کران کران۔ زنانہٕ تہٕ کوٗر اکھ اکس ییتھ۔

زنانہٕ:۔ رُکیے زِ۔ ژِ کیتھے پاٹھی سِلی۔

کوٗر:۔ کینہہٕ نہٕ۔ مےٚ چھُ کلس دود۔

مرد وُچھان تس۔ زنانہٕ یوان تس پتہٕ پتہٕ۔ کوٗر ہیوان اندر کنھ اژن

مرد:۔ محبوب لالے! ژِ زن چھکھ ییتھِ ڈنجی ہش۔ نے تہٕ دلس کیاہ چھےٚ۔ ژِ کیتھے کنی سِلی از۔

کوٗر واپس پھیران تہٕ یوان صوفس کُن۔

کوٗر:۔ رِہنی نہٕ.... مگر.....

مرد:۔ مگر کیاہ؟۔

کوٗر بیہان صوفس پیٹھ اکھ ڈرین قمیض تلتھ ییتھ ہیوان ژوٗر رِتھاوُن۔

کوٗر:۔ اوہ! مےٚ کیاہ کوٗر یہِ؟ مےٚ کیاہ کوٗر؟۔

مرد:۔ رُکیے زِ۔ رُکیے کوٗر تھ ژےٚ؟

زنانہ :۔ ہے کیّاہ گوم! ونان کو نے چھکھ ؟

کوٗر :۔ مےٚ ماڈیٖت پیہ نس پیٚتس وَتھ۔ مےٚ ماپزِ ہے نہ یہ کرن۔ مےٚ ماکوّر اَتھ؟ مےٚ ماگرٚ ڈاکٹری دغدار؟

مرد :۔ کیاہ!

زنانہ :۔ تہ کیٛے گوَ؟ (کوٗر زنتہ لوتان تہ سنبلان۔ قمیض تراوان اَڈِک طرَف۔)

کوٗر :۔ ( دارِ وارِ ) ڈاکٹر للایہ کرٚ خود کشی!

زنانہ :۔ کمہِ؟

کوٗر :۔ ڈاکٹر للایہ!

زنانہ :۔ کمِی؟ تمی ہے! یوسہ تمہِ دہ ہتہ اُس یوت آمژ؟ یمہِ چایہ کپ تہ چیوو نہ ینیتہ ؟

کوٗر :۔ آ۔ تمی۔ سوٗ اُ۔ سوٗ اُس لوکچارہ پیٹھہ مےٚ ستی ستی پران۔ منیانہ کھوتہ زیادٕ نمبر انان ۔ از تہ ییچھ نہ مےٚ تس مان کرٕتھ۔

زنانہ :۔ ژٕ کیٛے چھکھ ونان۔ ہتےٚ سو ے حوٗر پری ہش اُس تہ۔ واٗئی واٗئی!!

مرد :۔ یہ آسہِ تمیٚ ہنزٕ ے خبر اخبارس چھپیمژ۔

کوٗر :۔ کیاہ! یہ خبر چھا اخبارس تہ چھپیمژ؟

مرد :۔ آ۔ سو ے خبر پٔرتھ کھوو مےٚ تراس ہیوٚ تہ یہ آس سِلی وانہ پیٹھہ یوٚر

کوٗر :۔ اوہ! اوہ!! اتھ لِ آسہِ اخبارس لیکاہ بیاکھ خبر۔ (ژھوو پیہ)

مرد :۔ کوسہ خبر؟ (ژھوو پیہ)

زنانہ کوسے خبر؟؟

کوٗر :- زِ ڈاکٹر محبوٗبَن دِژِنو وسِول سرجَن غلط رپورٹ۔

ہَرد :- کُس غلط رپورٹ؟

کوٗر :- مےٚ دِژِنو وسہ پُلسَس غلط رپورٹ ـــ مےٚ ما پیٚزِ ہے پَنہٕ تہٕ کرُن۔ مےٚ ما پیٚزِ ہے پَنہٕ تہٕ کرُن

زنانہٕ :- ہتنے کوٹھن ہے ژھٕنی تھم لورِ ژٕنڈ۔

زنانہٕ بِیہان صوفس نکھہٕ تیتھہِ

ڈٕہی تس بِچارِ کیٚہہ گوو۔ زہر کھیوٗن لایق؟ ڈٕہی ـــ ژٕ سے کُسے غلط رپورٹ

دِژِنو تھن سِول سرجن ـــ ڈٕہی ـــ دوٚہ ژھِپے پُلیسہٕ وانَن پھیرن۔

ہَرد :- محبوٗب لاے! اَنے تہٕ کیاہ غلط رپورٹ دیت تمی۔ ژٕ سے آیسے ڈاکٹر لَلایہ ہنٛدِ زہرہٕ کھینچ کانٛہہ کتھہ مولوم۔

کوٗر :- نَہ ــ آ ــ تسنٛز جایہ یوٗ دوے بیٚاکھ کانٛہہ یرٛژھے کوٗر آسہے سوہ تہٕ کرِہے تی ـــ بہٕ ـ بہٕ تے آسہاہ ــ بتہٕ کرِہا تی۔

ناہٕ :- ہتے کیاہ گوم! چانِن دُشمنَن ـــ کیٚہ گو تتھ لایق ـــ یہٕ چھُکھے مَنٛدِ چھاوان۔

ہَرد :- دوٚہمے ژٕ اکھ ناچایہ پیٚالہ کھنڈ بنٛاوِتھ ـ بیتہٕ چیٚنیہ ہے اکھ کپ کھنڈ۔ دَم سَنبالِ۔

زنانہٕ :- مےٚ زن گیہ کوٹھی بہتھ۔

کوٗر ہیوٗان وارِ وارِ ووتھن

کوٗر :- وٕلو ـــ بہٕ دِمو وُکرِتھ۔

زنانہٕ ووتھان ہکہٕ۔

زنانہٕ :- ناے ـــ بہی ژٕ؟ ـــ لگے بیٚسے بَلایہ ـــ بہٕ کرٕ پانے ژٕ سے نے چھے نہٕ کانٛہہ حال رُدمت۔

کوٗر وچھان زنانہٕ

مرد:۔ مےٚ وَن پوٚرہ پأٹھی کیاہ بیانہٕ دیُتتھ پُلیس۔ وچھوٚ وتھ وٲنژ کرٕو۔ ہیکو مأ بدلأوِتھ۔

زنانہٕ پھیران برہ بیٹھہ واپس۔

کوٗر:۔ تتھ ہیکہِ نہٕ وۄنی کانٛہہ بدلأوِتھ۔ ڈاکٹر للایہ ہُنٛز لاش آسہِ وٗنی کٔن آدریٚنہٕ منٛز دزان۔

مرد:۔ تہٕ ژٕ نےٚ کٔس غلط رپورٹ دیُتتھ؟

کوٗر:۔ مےٚ تہٕ ثیاہُن دۄن ژٔرَن چھِنےٚ خبر زِ مےٚ دِتھو وسِول سَرجَن رپورٹ غلط۔ پُلیس چھِنےٚ تتھ رپورٹس پیٹھہ پَژھ کرٕنی۔

مرد:۔ (پھٔر کھترأوتھ) تہٕ تیٚلہِ مکیٛگ وسواس ہیوٚتتھ ژٕ نےٚ؟

کوٗر بیٚنیہ جذباتن منٛز گرٛھان۔ بیٚنیہ اتھن منٛز بُتھ رٔٹتھ

کوٗر:۔ اوٚہ!۔ اوٚہ!! ڈاکٹر للایہ کیاہ کوٚریہِ۔ تمہِ کیاہ کوٚریہِ؟ مےٚ چھِنہٕ پَژھے۔ بیہان سوٚ موٚیہِ تمہِ کھیوٚ زہر؟

زنانہٕ ژھوپہٕ کٔرِتھ کوٗرِ ثبرٕ وُنٛہہ کٔن لِوان۔

زنانہٕ:۔ تٔلے وۄنہٕ تھوٚد۔ کٔرِی اٲنٛدرٕ کنہٕ آرام۔ تٔلے مُشراوُن وۄنی۔

کوٗر:۔ یژھہ دِس مُشراوُنی چھِنےٚ محال۔ ڈاکٹر للا مُشراوُنی چھِنےٚ مُشکِل کتھ۔

(ژھوپہٕ)

کاش! مےٚ آسہِ ہے از چھُٹی ہیٚتمژ!

مرد:۔ ہنٛہ! سوٚ کھیٚیہ ہے نا تیٚلہِ زہر۔ تمہِ چھ رأتھکٕیتےٚ خوٗدکُشی کٔرمٕژ۔

کوٗر:۔ مگر بٕ مأ وُچھِہن ڈاکٹر للایہ موٚچشموٚ موٗمٕژ۔ اکھ لاش۔ تہٕ بانس ثبرٕ وُنٛہہ کنہٕ تَس پوسٹ مارٹم سیدان۔

مرد:۔ کیاہ — ژٕ نےٚ وُچھتہٕ؟ تَس کوٗرکھ پوسٹ مارٹم!

کوٗر:۔ آ۔ آ۔ مےٚ چھا ٲمی کِتھ ہِند سےٹھاہ دوٗد کھ۔ سےٹھاہ افسوس!

مرد:۔ ژےٚ نے کیاہ ژےٚ نے کوٗر کٔرِتھ تس پوسٹ مارٹم۔

کوٗر:۔ تمہِ اوسے زہر کھیوٗمت؟

کوٗر ٹاٹھہو دیدِ وِ دوشونی ژھان۔ تہٕ پتہٕ دم دِتھ ونان۔

کوٗر:۔ تمہِ کیاہ اوس کوٗرمُت تہٕ چھنہٕ مےٚ خبر۔

مرد:۔ کیاز! پوسٹ مارٹمہٕ تلہٕ کیاہ نیٚنیوو۔

کوٗر:۔ پوسٹ مارٹمہٕ تلہٕ نیٚنیہ حقیقتھ۔

مرد:۔ کوسہٕ حقیقتھ؟

کوٗر:۔ زِ تمہِ اوس کھیوٗمُت زہر۔ سہٕ اوس تس ٹمن ٹمن تیلیومُت۔ رگن رگن پھٲلیومُت۔

مرد:۔ تہٕ رپورٹ کیاہ ڈیتہٕ وو؟

کوٗر:۔ زِ ـــ تس چھوٗل میاد ـــ تمہِ چھنہٕ زہر کھیوٗمُت ـــ سو چھےٚ دماغ رگ پھٹنہٕ سیتی موٗہر۔ ہیمرج ـــ

مرد:۔ اوہ!!

خاموشی! ــــــ

کوٗر:۔ (جذباتی گژھتھ) مےٚ پتر ہے نہٕ یہ کرُن۔ مےٚ کیاہ کوٗر۔ ڈاکٹر آسِتھ روٗد نہٕ مےٚ تاب۔
مےٚ نش اُس سو خالص اکھ لاش۔ نہٕ کہ ڈاکٹر للا ـــ میانی ولس ـــ میانی کلیگ۔
میوٗن دوٗیم روٗپ ـــ مےٚ ہیٚتر ومر بیٹھ سول سرجن ہنز منتھ۔ یہٕ روٗزِ ژِ س تمی ہنز شکور ومر بیٹھ۔

مرد:۔ ییٚلہِ یوت چھےٚ پھیران تیٚلہِ کیاز کوٗرتھ تہٕ۔

کوٗر:۔ تہٕ اوس نِہایتھ ضوٗرٕوٗری۔ تمہٕ روٗس اوس نہٕ کانٛہہ چارٕ۔

زنانہ:۔ کیازٕ؟

کوٗر:۔ تہٕ کیازِ تمہٕ اُس کٔرمُت خودکُشی۔ تَس ترٛ ہے نہٕ انشورنٛس تٔندلون کُس والِہ ہٕنٛز نکھ۔ سرکارٕ ہنٛیہِ ہے تہنٛدِس مٲلِس سوٗرے ٹریٖنِنگہِ منٛز قرض۔ تمی مٔندموٗل چھُ مُلکے بٔنیین منٛزِ تہٕ قرضدار

مرد:۔ تہٕ سوٗل سٕرجَس کتھ کٔنی موٗن چوٗن؟

کوٗر:۔ مےٚ رٕٹی تس کھور۔ مےٚ وُڈی تس سٲرے ڈیلیں۔ مےٚ تور تس فِکرِ زِ تِمو حالاتو آسہٕ سہٕ کٔرمُت مجبوٗر زہر کھینٛس۔ نہٕ تہٕ کیازِ گٔنڈِہے لاوٕ جوانی۔

مرد:۔ ہوٗں! تُہندِ آسِیہ تَسنٛز کینٛہہ واقفیت؟

کوٗر:۔ سٲرے ہسپتالس منٛز ییٖن گرٛھن۔ وۄٹھن ہیٚن یکہ جا۔ سٲرِنٕہ وۄسہٕ تون آسنس پیٹھ اوس دوٗے ہیٚن رٔشکھ یوان۔

مرد چھ سگریٹ کڈِتھ اکھ زالان تہٕ وَنان۔

مرد:۔ ییٚنہٕ تُرسہٕ پرزٕ کڈن توٚن رٔیِن ہیا نہٕ بدلاوُن۔

کوٗر:۔ رٔتمَن چھُنہٕ تتھ ستی کانٛہہ توٗلق۔ سوال سُہ رجن سٔندِ بیاہ چھُ حمتی۔

(زٕڈھو پہ)

مرد:۔ اد! اتیلہ کوہ سہ پریشانی ہیتِرٕ تھ؟

(زنانہٕ کُن) دٔ بیوٗ نا چاےلاگن۔ ییتہٕ چھنیہٕ کیپ کھنڈ۔

زنانہ:۔ ڈٔہی خودایہ بجاتھ! الایو تہٕ بلایو نشہٕ رٔچھی زٕ م!!

زنانہ وۄدھان تہٕ ہیوان نیرٕن۔

مرد:۔ گوو ڈٔتلکھ ناییم پلوٕ کھوٚد۔ ییٚنہٕ اوٚر کانٛہہ ییہ

زنانہٕ پھیران پوٚت تہٕ پلو تھوٚد تُلان۔ دَرپَردٕ اَکھس مَنٛز تُلِتھ ونان کورِ کُن

زنانہٕ:۔ یم چھلی میتی یَرِ دِکتی نَس چھہ۔

کوٗر وۄتھان تھوٚد

کوٗر:۔ ڈٲلِو بٕہ دِموٚ۔ اَندرٕ چھہ المارٕ مَنٛز

کوٗر اژان اَندرَ کُنٛھ۔

زنانہٕ:۔ دوٚپمے یِنہٕ کینٛہ زَنگَن یِیہِ وَلنہٕ۔ یِہ رپورٹ چھا پِلسس گومُت۔

مَرد:۔ اَدِکس! آخرٕ ہے تمہِ زٕہرٕ کھیو۔ یِہ چھا لوگ کٹے کتھاہ؟ پگاہ یِیہِ وَنہٕ مٲلی ماجہِ دِنٛیس۔

زنانہٕ:۔ توبہ توبہ! اُسی مایمو وَلنہٕ ہَنٛگہ تہٕ مَنٛگہ۔

مَرد:۔ تہٕ چھمہٕ وُنہٕ خبر۔

زنانہٕ:۔ ژٕ نیٚے کیاہ توٚرُسے فِکرِ؟

مَرد:۔ وُنہٕ ہٕ خاص کینٛہ۔ یِہ چھنے وُنہِ جذباتَن مَنٛز۔ اُمس چھہ سٕٹھاہ پھیران۔ سَنٛبالِن دَم بوٗزِتھ نہٕ زنانہٕ بلو بلو کھچہِ کھوٕ نہٕ مَنٛز ہیتھ صوفس پیٹھ بِہان۔

زنانہٕ:۔ گوڈٕ وَنتم تَس کیاہ اوس یوٗت جارِس پیٹھ آمُت۔

مَرد:۔ میٚے کیاہ چھہ خبر؟

زنانہٕ:۔ اُمس آسہِ نا خبر؟

مَرد:۔ مُمکِن چھُہ۔ وٕلِس ہے اُسس۔ بیٚیہِ اَکِ ہے جایہِ کٲم کران۔

(ژھوپہٕ) زنانہٕ ہیوان دِوہ ٹھُن۔

زنانہٕ:۔ ڈٕہی بٕہ زَن چھس دانہٕ کُنٛھ وَسہٕ لَس کھوژان۔

مَرد:۔ (اَپزٕ اَسَن کٕرِتھ) کیا زٕ؟

زنانہ:- وٚہی ! بٔلۍ۔

زنانہ دوہ تھان تہٕ ہیوان بیرٕن۔ کوٗر ییران اَندر کُٹھ۔ تس چھِ نوٚی پرٕ دِ اتھَن منز۔

کوٗر:- یمِکیاہ چھِ چھلِی ہتی پرٕ دٕ۔

زنانہٕ:- نوم ہینگر تھاو کھنا اَندرٕ۔

کوٗر ہینگر رٹان تہٕ زنانہٕ پرٕ دٕ۔ کوٗر گژھان اَندر کُٹھ۔ زنانہٕ صوفس پیٹھ پرٕ دٕ

تراوان تہٕ وارٕ ہندپرٕ دِ اتھن منز رٹِتھ وارِنش ہیوان گرٕ ژھن۔

زنانہٕ:- پرٕ ژھس کونہٕ ؟

دارِ ہیوان پرٕ دٕ لاگٕن۔

مرد:- پرٕ ژھس۔ ژیر کیاہ گو ؟

زنانہٕ:- کیاز گو نہٕ ژیر۔ میتھ نہٕ ریپورٹس کینہٕ کیٔتُ آسم لیکھِتھ گومت تہٕ یتہٕ چھنے ہیکتھ کرٕنہٕ۔

مرد:- یہٕ مبٔن آسہِ تتھ کُس روکہِ۔ تو تہٕ کیاہ گو۔ پرٕ ژھوس۔ جیٚنِ چاےٕ کپ کھنڈ۔

کوٗر ییران اَندر کُٹھ۔

کوٗر:- مئے چھہٕ چاے جیٚنس دِہے کران۔

زنانہٕ پھیران دارِ پیٹھٕ پوٚت۔

زنانہٕ:- رٕلی دوہ نہٕ۔ اَدٕ چھِنہ مُشران۔ کیاہ کیاہ چھِہ انسان وٚتران۔ وَچھِ بچارِ ینی جوٚانی راوٕس تہٕ۔ حاصِل کیاہ آس ؟

کوٗر ژھو یہٕ کرِتھ دروازک پرٕ دٕ ٹلان تہٕ لاگان۔ زنانہٕ وچھان مردس کُن زنتہٕ

چھس کیاہ تام سوال کران۔ کوٗر پرٕ دٕ لاگِتھ پھیران برٕ پیٹھٕ واپس۔

کوٗر:- یس نہٕ پرٕ ِتھ لیکھتھ، نوکری کرِتھ، خاندرٕ یتہٕ وٚ آردی گرس منز سو کھوٚا تہٕ۔ پرٕ تھ طرفہٕ دیکھ اری

آسہٕ۔ تِتھٕندٕ زِندٕ روزُن یہٕ روزُن چھُنے ہشی کتھاہ۔

زناناہ:۔ (ژکھٕ سان) ژٕ کِتھے پیٹھ چھکھ یہ وَنان۔

کوٗر:۔ ڈاکٹر للایہٕ ہٕندس زہر کھینس پیٹھ۔

مرد:۔ تس کیٛاہ دیکھد آری آسی وآرِ وکران۔

کوٗر واریہ واریہ جذباتی گژھِتھ صوفس کُن پیوان وَنان۔

کوٗر:۔ ژٕکی۔ مُژسی۔ زُرکہٕ۔ پامہ۔ ہتک۔ منگ۔ گژاو۔ تہٕ اَیزِچ تہٕ ژھرپرچ تیہٕ۔ خاندانی تیہٕ بڈیمی ہنز تیہٕ! کتیس کانس آوہے سو احساس مَنٛدگاہٕچ نوشش۔ اَمہٕ وُنی تہٕ زینہٕ دِنی ڈاکٹر نوشس۔ یس یہٕ تریتے ژور گانٛہٕ ہسپتالس منز کام کرتہٕ پیتہٕ کینٹینس مَنز چایہٕ کپ چیون کیٛت پرُسس مَنز نیک یوتہٕ تہٕ آسہٕ۔ یس وآروی گراکھ مشین بناوِ تہٕ زانہٕ۔ تتھ مشینہٕ کیٛاہ چاہ اوس اکہٕ نِتہٕ اکہٕ دوہ ہیہٕ بہتھ گژھنس ژھو کنس تہٕ تِنٛہٕن وجوٗد ختم کرنس۔

یک دَم جذباتن مَنز یتھ ترٛیٖم پرداتھن مَنز تلتھ یتھ ژورِتھاو کھ صوفس پیٹھ ہیہان۔

اوہ! مےٚ کیٛاہ ووٚن یہ —— مےٚ چھُنے یہٕ خبر مےٚ کیٛاہ ژوٗل موکھہٕ مَنز نیرِتھ ہِگیس جذباتن مَنز نیرِتھ۔ مےٚ کیاژِ چھیٚنہٕ از پانس تام۔

مرد:۔ محبوب لالے!! تلہٕ بی تراو وہ نی تمی سنز کتھ —— یہ گوڈہٕ تہٕ گوو۔ یہٕ ژرژھے یہٕ وہ نی تس تعلق کانہٕ کتھ۔ مےٚ تور سورے فکر۔

کوٗر:۔ کیٛاہ! توہہ مابچھوس یہٕ غلط؟

مرد:۔ نہ۔ نہ۔ ہرگز یہٕ۔ ژٕ چھکھ میٹھانی نوشش۔ یہ گر چھ چون۔ مگر مےٚ چھنے اکے فکر۔ یس ایوٗرٹ توہہ دیتیو۔ تتھ ما چھنے قونونی غامی۔ ییتھ یہٕ ژٕنے کینہٕ کیٛت آسی۔ ییتھ یہٕ پلسہٕ وانن آسہٕ پھیرن

کوٗر:۔ مےٚ پیٹھ کھسہِ نہٕ کہنی۔ کانٛسہِ پیٹھ کھسہِ نہٕ کیٚنہہ۔ تتھ پیٹھِ میوٚ ہر۔ سول سرجن سُند رپورٹ چھُ وونی حقیقتھ۔ ڈاکٹر للاموٚ یہِ دماغچ رگ پھٹنہٕ ستی۔

مرد چھ تراوان تہٕ خوش ہیوٚ گژھتھ تھوٚد ووتھان تہٕ پنٕنس کمرس اندر پیوٚر کران۔

مرد۔ بس تہٕ تیلہ کوٚس پریشانی چھنے! یوٚد دوے کیس عدالتس گژھِ ڈاکٹری رپورٹ چھس ز سوموٚ یہِ قدرتی ــــ پانے!

کوٗر:۔ یہٕ چھس گوناہ گارۍ! ازد ووہ اوس مےٚ کیٚتث سیٹھاہ ناقص دوہ۔ مےٚ پزِ بے پتہِ کرن۔

مرد:۔ کیٛاہ کرُن ؟

کوٗر:۔ ڈاکٹر للایہ ہنٛد پوسٹ مارٹم وچھن۔ مےٚ چھنے تمی سنٛز لاش اچھن برونٛہہ کنہِ یوان ــ دوہ دچھچ ہوٚرتن۔ دوہ دِسپنہٕ دوان طرفن کُن تراوِتھ وژہ تہٕ تہٕ تراکھ۔ وائے! سوٚ اُس اچھی زوٗٹھ مےٚ کُن وچھان۔

زنانہٕ:۔ (کوٗرِ شانن تل یتھ) محبوٗب لالے! محبوٗب لالے!!

مرد بییس طرفس کُن گژھان

زنانہٕ:۔ دوہ تھی مُشری وونی یہِ سوٗرے۔ گژھ کرٕ آرام یٔہر کھنڈ۔ موختار احمدس چھنے امہِ کیٚتھہِ ہنز خبر

کوٗر:۔ نہٕ۔ تِم چھِ ازکیس گاہتی کیٚتھ تام گام۔ فیملی پلانِنگ ڈیوٗٹی۔

مرد کوٗنہٕ پیٹھ پھیران تہٕ کوٗرِ کُن یوان

مرد:۔ یہ ژےٚ کوٗرُتھ۔۔ تہٕ کوٗرُتھ۔ سیٹھاہ رُت۔ ژےٚ کوٗرُتھ پنُن فرض ادا۔ سوٚ آسہ بے ژےٚ دلیس۔ بییہِ روٗدھتن تمی سُند مول رُسوایی نِش۔

کوٗر:۔ بہٕ چھس گونا گار نیز۔ مےٚ چھےٚ ساری سے پانس نٕژنۍ۔

مرٛد:۔ کیازِ۔ ژےٚ ِ کُس وسواس ہیوٚتتھ۔

کوٗر:۔ تہٕ کیازِ۔ مےٚ چھےٚ ڈاکٹر للایہ ہنٛز از دۄہ چ ڈِوٹی پوٗرٕ کرٕمٕژ

مرٛد:۔ کوسہٕ ڈِوٹی؟

کوٗر وارٕ وارٕ تھوٚد وۄتھان تہٕ مرٛدس مقابلہٕ دۄے مس طرفس کُن گژھان

کوٗر:۔ یٚلہٕ بہٕ از ہسپتال واتِس ڈاکٹر للا اُس نہٕ کُنۍ۔ ڈاکٹر عتیقا یہِ اُس صُبحہ پیٹھٕ ڈِوٹی دِژمٕژ۔ تس اوس گرٕ گومت ژیر۔ ڈاکٹر للا یہ اُس تسنٕز جایہ ڈِوٹی۔ تس اوس اکھ ایمرجنسی اوپریشن کرُن لوسہ وا ڈس منٛز۔ مےٚ دۄپ تس ما گژھہِ ژیر تہٕ بہٕ گٔیس لوسہ وارڈس تہٕ مےٚ کوٚر اوپریشن۔

مرٛد:۔ سہٕ گو سٹھاہ رت۔ تمہِ سٕتۍ کیاہ گوٚ؟

کوٗر پھیران مرٛدس کُن۔

کوٗر:۔ گوٚ نہٕ کہنی تہٕ گو سٹھاہ!

مرٛد:۔ کیاہ گوٚ؟

کوٗر:۔ شُر پیوٚ تھپہٕ۔ لوکٹ اوپریشن کٔرِتھ۔ بچہِ ادس مےٚ اتھن منٛز۔ تمی وِزِ آیہِ اکھ داے۔

مرٛد:۔ پتہٕ؟

کوٗر:۔ تمہِ وۄن ہکہٕ مےٚ سٹھاہ وسواسہٕ سان زِ ڈاکٹر للایہ ہنٛز لاش اٗنکھ پوسٹ مارٹمہٕ خاطرٕ۔

مرٛد:۔ اوہ! تمہِ سٕتۍ؟

کوٗر:۔ مےٚ دلبسر یہِ اکھ مےٚ ژایہ ہیٚر۔ پیٹھہٕ لوٗن تانی پانس نٕژنۍ۔

مرٛد:۔ تہٕ بچہِ؟

کوٗر:۔ مےٚ دُیت سہٕ دایہِ۔ ماہک واٗجم لوٗن۔ گوٚن دُیتم داٗرِتھ۔ مےٚ چھہٕ خبر تس بچس گنڈٕ دایہِ نان کتہٕ

سۄ گزر لو۔ بہٕ ڈرائیس پکہٕ لاش گرِس کنۍ۔

مرد:۔ ژٕ چھکھ ٹلی فکر پیوان۔ بٔہ دایہ کیا تیژ لاپرواہ آسہٕ، زِ تس شُرس واتن نہٕ۔

کوٗر:۔ یوٗدوے تس شُرس کینہٕ آسہٕ گومت مینے گژھ رٹیشن خراب۔ منے کرٕ ڈاکٹری داغدار۔ منے ڈیت پنس پیشس وٹہٕ۔ منے برخلاف نیرن اخبارن منز مراسلہٕ۔ منے روٗدہٕ اکھ پئونت تہٕ خبر۔

مرد:۔ ژٕ چھکھ ٹلی گابران۔ تلہٕ سا گژھ ترٲو آرام۔ مہٕ ہیے کانہہ فکر۔

زنانہٕ:۔ تلہٕ بی مان وو ڈی گژھ ترٲو آرام۔ بہٕ کھارے بو ہٕ چاے کرِتھ۔

زنانہٕ نیران۔ برنز کھنڈ خاموشی۔ کوٗر پھیران واپس۔ سو تلان صوفہ پیٹھ ڈالانک پردٕ تہٕ ہوان پتہٕ لاگن۔

مرد:۔ محبوٗبے! منے تور سورے فکر۔ جذباتن منز یتھ کڈِتھ ژٕ نے سٹھاہ حقیقتھ لیشدی سان پننہٕ دِلچ کتھ ننی منے چھ احساس ٹلی کرِ منے گو احساس زِ بہٕ چھس اکھ گوناہ گار، اکھ لوکٹ موکٹ گوناہ گار۔ یتھے گوناہ گارس لاٗیچ وٕنہٕ والِیس نہٕ انسانس قدر کرِ۔ یس نہٕ نوشہٕ پننہٕ کورِ ہندِ کھوتہٕ زیادٕ مانہٕ۔ یس زن نوشہٕ ہندی کدٕ ن اکھ فخر زانہٕ۔ اکھ جدٕی حق زانہٕ۔

کوٗر پھیران منز دس کن تہٕ حاٗران چشمو مدے گنڈِتھ وچھان۔

گوناہ گارس نوداتہٕ موتھ منشتھ گژھہ یس ولقارتہٕ محبتہٕ کھوتہٕ زیادٕ روپیہٕ تہٕ گرو یٹھ زیادٕ ٹاٹھ آسہٕ۔ دراصل چھ مینہٕ شاید۔ شاید

کوٗر:۔ شاید ـــــ شاید کیاہ۔؟

مرد:۔ شاید موخت اراحمدنہٕ تہٕ چانہٕ رلہٕ دٕنہٕ تہٕ میلہ وٕنہٕ زندگی پیٹھ رشک یوان۔

کوٗر پکان اکھ قدم بروٗ دٕ نہٕ کن

کوٗر:۔ کیشاہ؟

مرٛد:۔ میوٚن مطلب چھُ۔ زِ۔ ژٕ ہیکِکھ تہٕ ٹھیپ کھ پانٛٹھی سمجِتھ۔ مےٚ ماہیٚنوک لوٚکچار ژیاد پٕرِتھ لیکھتھ۔
مےٚ ما آسہٕ لوٚکچارس تہٕ جوانی منٛز تمہٕ راحتہٕ میسر یمہٕ موختار احمدس تہٕ ژٕ نے چھےٚ۔ مگر۔
مگر۔۔ ہٕ چھُس از شرمندٕ۔ ژٕ نے ڈیٚتیتھ مےٚ احساس۔ چھس۔ ہٕ چھس وۄنی پننٮ۪ن اہن تٕر دیکھ
۔۔ ہنہٕ!! یہ گرٕ چھِ تھہنٛدٕ۔ توٚ ہیٚ دۄن ہنٛد۔ میوٚن سورے پونٛسہٕ ڈٲنکھ چھُ تھہنٛدی باپتھ۔
ہنہٕ۔ چونٛکہ مےٚ اوس نہٕ تھہنٛز وانٛسہٕ پونٛسہٕ چیٚندن آسان۔ ہٕ چھس موختار احمدس تہٕ ژٕ نے
تنخاہ پونٛسہٕ حساب کرِتھ رٹان۔ چیٚند خرچ تانی نہٕ دِوان۔ زمانہٕ چھُ سیٹھا بڈٕ وۄنہٕ آمت۔ مگر ہٕ
چھُس سیٹھاہ پتھ۔ گژھہ وازی کہ بیٚٹھ پتھ پانٛٹھی خوش کرِ وۄنن پنن تنخاہ گژھِ پانے خرچن۔
مےٚ زنش تے کانٛہہ پونٛسہٕ آسو یکار۔ سہ گژھہ بنے پھر کھ پانٛٹھی منٛگن۔

زنانہٕ اژان ٹرےٚ منٛز بیشاہ، دۄدٕ آنی تہٕ موٚدر ریدآنی ہیتھ۔

زنانہٕ:۔ کیاہ دۄنتھس؟ گوٚ ییٚتے تانی تھوٚ وتھ تہٕ کینہٕ۔
چایہٕ ٹرے تھاوان ٹی پایس پیٹھ۔

مرٛد:۔ مےٚ کیاہ وۄنٛس۔ ژٕ نے تانی چھِ سوٚرے۔ ژٕ ہے ییمہٕ گرٕ چ ٲی کینہٕ چھکھ تہٕ۔

زنانہٕ:۔ اوٚہ! دۄنی چھیپے ٲی کینہٕ۔ جوانی منٛز کوٚ ڈُنم چانہٕ ماجہِ کمے پنٛدی۔ دۄنی ژٕ چھہٕ ہاپیچوی سٕند بہار تہٕ
تتھ تھوٚ وتھم ییٚمس خبر کیاہ وۄنتھ۔

مرٛد:۔ مےٚ کیاہ وۄنٛس۔ وۄنمس پنن تنخاہ گژھِ پانہٕ خرچن۔ اَسِ کوٚسہٕ کمی چھےٚ خرچچ۔ دۄ شوے
باژ کرنے خدمتھ۔

زنانہٕ:۔ اوٚہ! جوانی منٛز کرٕنم چانہٕ ماجہِ خدمتھ دۄنی کرٕنم یم ژٕ۔
کوٚریوان زنانہٕ نش۔

کوٚر:۔ کیاہ توٚ ہیٚ آسہٕ ہٕش موج کینٛہ وۄنان؟

زَنانہٕ:- نا ے سو اُس فرِشتہٕ۔ تمہِ چھا مےٚ کم ٹِنڈی کوٗ ڈُمت۔

مَرد:- تسُنڈ ناو کتھ چھِ کھوٗ لی کین ہیوان۔ مےٚ کیاہ وۄن یمیٚن۔

کوٗر:- گوٗ تہٕ ہرہ تہٕ چھُ ـــــ

زَنانہٕ:- اَڈ آسہٕ تیٚلہِ چِہ ہشہ ماجہ سیٚنز۔ دَپھ اَز کل چھُنہٕ بنان وۄہنہٕ نے کینہٕ تہٕ۔

پہٕ دُنتھ برس تل واتان مَردس بیٚٹھ ژھو کیوٗمت گاش پیوان۔ کور تہٕ زنانہٕ

بیٚٹھ پیوان الگ الگ سپاٹ۔

مَرد:- تیٚلہ اوس سیٚنز راہ تہٕ پزراہ۔ پرتھ طرفہٕ شرٚوژر۔

زَنانہٕ:- اوہ! یمہٕ سِنی زانہٕ ہتتی بنز دِگ۔ اڈ اوسہٕ ڈاکٹر للاَیہ یوت واَرِوی گرٕ وُچھمت۔

کوٗر:- اَز کل چھِ گاش۔ تاَلیم تہٕ صفاَیی۔

مَرد:- مگر دِلن منز کھو چر۔ لالچ تہٕ طماہ۔

کوٗر: تکیاز آسی چھِ خاَلص نا دِے یوت بدلان۔

گرژھان تہٕ ریڈیو سیٹس نش ہینڈ بیگ تلان۔ ژھو کیوٗمت گاش ژھیوان تہٕ

ترےٚ سپاٹ پیوان ترِین کرِدارن بیٚٹھ۔

مَرد:- تہٕ کتھِ ہنٛدی کرِدار تمے۔

کوٗر:- کم؟

مَرد:- مول، موج، کوٗر ـــــ

زَنانہٕ:- نہٕ! ہش۔ ہہر ـــ تہٕ نوش ـــ

سپاٹ لایٹ ژھیوان تہٕ ساری سیٹس پیوان گاش۔ کوٗر ہیوان نیرن۔

مَرد:- محبوٗبے! ژٕ کوٗتے دراَیکھ؟

زَنانہٕ:- ووٚ نے بہٕ ہے کھارے چاَیہِ کیتلی۔ کوٗتے گژھکھ۔

کوٗر دروازس تَل واتان

کوٗر۔ بہٕ گژھہ ڈاکٹر للایہِ ہٲشرِ ماجہِ نش

زنانہٕ کورِ کُن گژھان

زنانہٕ۔ دٔہ کے گوڈٕ چِنیٚ چایہِ کپ۔

کوٗر۔ نہٕ! بدٕلِن کیتھہٕ ہشدی کر دار تہٕ ناو آدٕ یمہٕ۔

نیران — زنانہٕ تہٕ تسٕی پتہٕ نیران۔ مردیوان تہٕ ہیوان چاے چینہٕ موہ کھہٕ پیشالہٕ

سجاوٕنی تہٕ پردٕ چھ وسان۔

# پٔوت سام

۱۔ **اَز تہٕ ہیٚچھ نہٕ میٚے تَس سۭتؠ مان کرٕتھ** —— محبوبَس چھُ باس ژٕ ویس اُسِتھ تہٕ ہیٚوٚک نہٕ تمہٕ تَس کانٛہہ اَتھہ روٚٹ کرٕتھ۔ پَرنَس منٛز اُس سُہ بڑٕ وُنہٕ نیران اَز پَنُن بیٚرٕتھ رٕچھنہٕ خاطرٕ ڈراپہ موتَس نادِتھ مَرنہٕ وِزِ تہٕ بڑٕونہٕ۔

۲۔ **سِول سرجن** —— سرجن ڈاکٹرن ہُنٛد زیٚٹھ۔ کانٛہہ تہٕ رِپوٹ یا بیانہٕ چھِ اَمہٕ سِنٛدی دستخط بَیتہٕ نیبرٕ نیران یا اخبارَن ہیٚترِ گژھان۔ خود کشی ہٕنٛد کیس چھ ضروٗرٕ اخبارَن گژھان۔ اَتھ منٛز چھُ پُلیس تہٕ مُلوث آسان۔ ڈاکٹر محبوبا پیٚٹھ ریپوٹ دِیُت تَتھ منٛز وونُن زِ ڈاکٹر للا یہ کرٕ نہٕ خود کشی بلکہ اُمِس آیہٕ کلیٚج رگ پھٹِتھ۔ یہ ہیٚکہ کانٛسہ تہٕ پیٚتھ نہٕ اَتھ سۭتؠ چھُنہٕ کُنہ نیٚبرِمِس واقس کانٛہہ فوٗری واٹھ آسان۔ یہ رِپوٹ اوس غلط ییٚمیُک احساس ووٚن محبوبا یہٕ چھُ۔

۳۔ **کُلیگ** —— سأتھی۔ اَکۍ سے محکمَس منٛز کام کرَن وٲلؠ۔

۴۔ **اِنشورنس تہٕ لون** —— سرکار ہیٚلہ پَرنہٕ خاطرٕ قرضہٕ دِوان چھےٚ، سہ چھےٚ گوڈٕ زِندگی ہُنٛد بیمہ کرناوان۔ قرضدار اُرٕکس یا اَرٕکی چھُ نوکری ژٕلِتھ قرضہٕ نکہٕ والُن آسان۔ بیمک پأنسہ چھُنہٕ تَس یا تسنٛدین لواحقن میلان یُس خود کشی کرِ۔ ڈاکٹر محبوبا تہٕ سوٗنٛچ یہی۔

۵۔ **پٔرٕ ژھٕتھَس کونہٕ** —— زنانہٕ سوٗز نوٗش اَنٛدرٕ کُنٛھ عمرٕ بیٚتھ ریٚنس کھیٚنٕ کھیٚنٕ کرٕ زِ اُمِس پٔرٕ ژھٕ شیٚچھ۔ بیٚتھنہٕ ناحقَس اُسِ ڈلیہ ہیمو۔ زنانہٕ چھُنہٕ نوشہِ ہٕنٛزٕ پریشانی

ہُندتیو تاہ غم۔ یوت ینینہِ وَلنہٕ ینِک۔

۶۔ **اوہ مےٚ کیاہ ووٚن یہِ** ـــــ جذبات چھہِ انسانہٕ سنٛز دِلچ حقیقت نٔنہِ راوان۔ محبوٗبا یہِ ووٚن لالایہِ مُتلوق تی تی یہِ تس پانس تہٕ گُدران چھُ۔ حیا سببہٕ وَنہٕ ہےٚ سُہ ینُن دوہ کھ یہٕ کُنہ مگر وُنی کیٚس چھےٚ سُہ ذہٕنی ہیجانہٕ مَنٛز گُزران۔

۷۔ **ڈاکٹر للایہِ ہُند پوسٹ مارٹم** ـــــ مَرنہٕ پتہٕ مَرنُک وجہ نٔنہِ راونہٕ خاطرٕ چھُ مردس ہیٚرِ بیٚٹھ بوٚن تانی کھٔش دِنہٕ یوان تہٕ اَندرٕ وُچھتھ بیٚیہ پتہٕ ٹروٗپ دِنہٕ یوان۔ محبوٗبا دیٚت اَپُز رپوٹ یُتھ لالایہِ مٲلِس اَسیمیہ ہار تُرن تہٕ فرحت نیٚکہ وَسہِ مگر غلط رپوٹ دِنُک چھُ تس سَخ افسوس تہٕ کیاز تَمِس ہیٚشہ چھُنہٕ اَمیُک اجازت دِوان۔

۸۔ **شاید موختار احمد نہٕ تہٕ چانہٕ...** ـــــ محبوٗبس چھُ ہُہُر یہٕ کتھ بوٗزِتھ جادےٚ پشیمان گژھان تس چھُ باسان ینُن پان گوہنگار زِ ینٛچوس تہٕ نوشہِ ہَنٛزِ زِندگی چھُس شرُنک کران غٲر شعوٗری طور۔ اوٚے تہٕ چھُ محبوٗبس یتھ گرس مَنٛز تیٚتھےٚ پٲٹھو زٕرکہ تہٕ پامہٕ دِوان۔

۹۔ **جوانی مَنٛز گرٕ ٹم...** ـــــ محبوٗبنہٕ ہَشہِ اُمس ینٛنہِ ہَش یٕنٛدرکدٲن۔ توٚے چھُ تس نوشہِ ہُند اَزرُون یوان۔ دراصل چھےٚ سُہ غٲر شعوٗری طور تمی سختی ہُند بَدلہٕ دوہ نی نوشہِ ہیوان۔ یتھ کُنہ چھُ سِلسلہ جٲری۔

## سوال نامہ

۱۔ یمہِ ڈرامکِس عنوانس مُتلق کٔرِو پنُن خیال ظاہر

۲۔ یمہِ ڈرامہِ منٛزِ یُس منظرٕ نیٚہ آمُت چُھ تتھ مُتلق کیاہ چھُ توہہِ مولوٗم۔ موختصر پٲٹھی کٔرِو تتھ پیٚٹھ تنقید۔

۳۔ ڈاکٹر محبوٗبُن کِردار لیکھِو پنٕنین لفظن اندر۔

# کأشرِس منز نعتیہ تہٕ مذہبی ادب ــــ زان

کأشرین لُکن چھےٚ مذہبی عقیدٕ تھ کأفی تہٕ یِنہٕ ییٚتہِ اِسلام عام سپُد تہٕ
اللہ تہٕ محمد ﷺ قرآن شریف نہٕ وحدت طرزِ زندگی یِنے یہٕ ییٚتہِ کیٚو أدیبو دیُت اِسلامس پننہٕ مقامی
رنگہٕ واریاہ۔ یِنہٕ کأشرُ ادب بارسس آو تنہٕ سپُد مذہبی ادب تہٕ تخلیق تہٕ کیاز اِسلامک گوڈنیُک
اثر چھُ باسان شیخ العالمؒ ینہٕ نین شُرکین منز تماکارٕ پأٹھی ورتومُت۔ یِمن ترُوٚنتھ مس ادبس
منز چھُ لل دیدِ ہُند تہٕ کم کاس شتی کنیٛتھ بیترِ شأیرن ہُند ادب یُس اوٚتانی چھِ کأشرِ شأیری
منز اِسلامیہ برُونہِیم یانے ہندو مذہبہ کہٕ اثرٕ سیٚتی مالامال چھُ۔ یہٕ ہیٚنہٕ رُوز الگ پأٹھی یِنہٕ تہٕ
چلان واراہ تہٕ رہ یہٕ بھوانہٕ، پرمانند، کرشن جو رازدان، پرکاش رامس بیترِ منز موجوٗد رُوز
اماپوز تیداد لحاظہٕ مُسلمان جادٕ آسنہٕ کنہٕ تہٕ ادیب جادٕ امی مذہبکو آسنہٕ کنہٕ ہیکو اُسہِ
وٕنِتھ زِ ییٚتیُک نُمایندٕ مذہبی ادب چھُ نعتیہ مُناجأتی یا منقبتی۔ یِتھ مضمونس اندر چھُ جادٕ تر
کأشرِ نعتیہ ادبُک تعارُف کرُنہٕ آمُت تہٕ یِنہٕ پیٚتھ نعتِ شریف لیکھنہٕ آمُت چھِ تِنہٕ پیٚتھٕ
از تام کین نعت گو شأیرن ہُند ذکر کرنہٕ آمُت۔

مُصنفہٕ سُندِ مُطأبق ہیکون اُسہِ کأشرُ نعتیہ ادب کالہٕ زٕ تُنگو ژون دورن منز
تقسیم کرِتھ۔ گوڈنیُک گو شیخ العالمہٕ سُندِ وقتہٕ منز چھِ یمے یأتی لبنہٕ یوان۔ دوٚیم چھُ ولی اللہ
متو (شرأیمہ صٔدی) سُندِ پیٚتھ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأرِس تانی۔ ترٛیم عبدالاحد ناظمہ سُندِ پیٚتھٕ
عزیز اللہ حقانی یَس تہٕ ژوٗرِمس منز غلام حسن بیگ عارف سُندِ پیٚتھٕ از تام واریاہ شأیر

گٔنٛزرنہٕ آمٕتۍ۔ امہِ علاوٕ چھُ یتھ منٛز مَنقبَتھ لیکھن والین ہُنٛز نہٕ زان ژھوٚنٛڈ پأنٛٹھ کرنہٕ آمٕژ
تہٕ بیٚیہ ہیتہِ ہاوِنہٕ آمُت زِ نثرٕ رنگو چھُ کأشُر ادب چھوٚن۔ مذہبی اَدب نہٕ چھُ نثرس اَندر سیٚٹھاہ کَم
لیکھنہٕ آمُت۔ ووٚنی گو مولوی یوٗسُف شاہ صابُن تفسیرِ قرآن ہیوٚ ترجمہ چھُ نِشکُن لایق۔ اَکھ کتھ
چھےٚ حوصلہ افزا زِ بیٚشتر کأشِر نعتہٕ یا مُناجاتھ چھِ عام لوکہ مُشیدن اَندر پران تہٕ لولہٕ سان گیوان۔ یہ چھُ
کأشرِ زبأنی خأطرٕ نیک فال۔ یِتھ مضموٗنَس منٛز چھُ بے شک مذہبی ادب وِہرژھ ناوِنہٕ آمُت تہٕ خاصکر
اَمِچ توأریخی اہمیتھ بیان کرنہٕ آمٕژ تہٕ کیازِ مُصنف چُھنہٕ رُود یہ چھُ اَکہ توأریخی مطالعُک مگر
سیٚتۍ چھِ اَتھ منٛز مِثالہٕ دِی دِی یمن ادیبن ہٕنٛدین ادبی وَصفن ہُنٛز زان تہٕ پرکھ وأنِس
کرنہٕ بوتہٕ آمٕژ۔ زبان چھےٚ موٗلہٕ تلہٕ بیانیا لکھنہٕ آمٕژ مگر یِیتن مذہبی ادیبہ ادبی وصف پھرتہٕ یوان
چھِ تِتھن چھِ مُصنفہٕ سُنٛز زبان تہٕ شأعرانہٕ بیان۔ مُصنِف چھُ جان شأعِر تہٕ جان ناقد تہٕ۔

رشید نازکی

# کأشرِس منز نعتیہ تہٕ مذہبی ادب

کأشرِ زبأنۍ منز چھُ نعتیہ تہٕ مذہبی ادب نظم تہٕ نثر دوشوٕنۍ منز چھکرِتھ۔ یتھس ادبس کیس ذأتس منز چھےٚ مُناجاتھ، نعت، منقبت، مرثی تہٕ نثری ادب تہٕ لیوان، مناجاتک لوٚت تام توٚلُق چھُ، یہ چھےٚ پرٚتھ کأنسہِ شأعرن ور تو ومُت۔ یتھ موٚختصر مقالس منز چھنہٕ یہ گنجأیش زِ تمام صنفن ہندین تمام شأعرن ہند سام ہیہِ ہیٚتھ۔ مذہبی شأعری ہنٛد ابتدا چھُ خوٚد لل دیدِ تہٕ شیخ نورالدین صأبنہِ شأعری پیٚٹھے گژھان ہٕکیاز یِہند اندازِ بیان ابلاغ تہٕ ترسیل سوٗرے چھُ مقصدی تہٕ مقصد چھُ وِجدأنی وأری دا تہٕ پیٚٹھ دٕرے یا شیوٗر گأرنس تام محیط، تصوفکس اتھ سوٚدرس منز چھنہٕ مذہبی شأعری ورأے ببیہ کانہہ مقصد کارفرما

ہمین دوشوٕنۍ گوٚنہِ ماتن ہند اندازِ شعر چھُ درگہِ مُناجأتی تہٕ تمن پتہٕ ینہٕ والیو سارِوے گوٚنہِ ماتو چھُ کُنہِ نتہٕ کُنہِ رنگس منز مناجأتی اندازِ بیان ور تو ومت۔ خاص تہٕ تصوف کیس وردس ولیتھ چھُ یا ببیہ کُنہ اندازِ بیانک جامہِ پأران چھُ۔ لل دیدِ ہند یہ مناجأتی شعرک کوتاہ چھُ خوفس تہٕ

رجاہس منز باگ نژان۔

آمہ پنہ سۄدرس ناوِ چھپس لمان　　　　کیتہ بوزِ دے میون میہ تہ دِیہ نار

آمِن ٹاکین پوٚنی زَن شمان　　　　زۄ چھم برسمان گیرِ گرِتھ ھا

یتھے کنہ چھ حض شیخہ سُند گونگل نامہ، بارخودایا پاپ نوار، تیتھے میہ ورِ دلو دود، تہ باقے شرکی مناجاتَن عطرہ ٹاکران بوٚنٹھ پکان۔ بوٚنٹھ نکیتھ چھ شاید یہے سادِ مناجاتی رنگ تصوٚفہ کین مختلف مقامن منز تبدیل گژھتھ زُلفہ خالہ پیٹھہ، شرلعتھ، طرلقیتھ، مارفتھ تہ حقیقتھ کین رمزن رنزِ ناوان، ہتکیا زِ دراصل　　　چھ یہ سوٚرے اکِہ اعلا حقیقتچ ژھانڈ بیتھ انداز بیان کیا تہ اُمسن اصیل یہے مذہبی ادب چھ۔

مناجاتہ پتہ چھ نعتک درجہ یوان۔ تہ اتھ منز چھیہ کاشر زبان سیٹھاہ سرمایہ دار تہ بجاور۔ یوٚدوے سارِنے نعت گو شاعرن ہند تذکرہ کرو سہ بنہ بذاتِ خود اکھ ضخیم کتاب تہ میہ چھیہ کلیاتِ ناٗدم ترتیب دِنہ وِزِ کاشرس نعتس پیٹھ مدلل پاٹھی کتھ کرمژ۔ یتین کرہ بہ فقط نمایندِ نعت گوشاعرن ہند تذکرہ۔

نعتکی شوٚروعات چھ کاشرِ شاعری منز حضرت شیخ نورالدین ہند کلامہ پیٹھے نظر گژھان۔ ینین شرکین تہ واکھن منز چھ حضرت شیخ حضورِ اقدس صلی اللہ علیہ وسلمن ہنز تاریف تہ تہند اخلاص بار بار عاری فانہ اندازس منز پیش کران، یہ چھ گاہے فرِی یاد۔ گاہے ماری فتک موٚلل موخیتہ تہ گاہے دروٗدِ تنبیتھ حضرت شیخہ سند زِہن میہ دہانہ نیران۔

حض روٚسولس کامتھ ژاجی　　　　ژیہ تس سوٚزتھ سہز قرآنہ

بھگہ سے یمی ریا صنتھ پاجی　　　　چھہم ژنتس ژہ مہربانہ

یا

سہ چھ سکلین بوٚڈ پاغمبر　　　　ژیہ لیس بوٚوتھ سرِ آدانہ

سۓ ژٕیہٕ شود منٛز نیوٗوتھ اندر        چھُہم ژٕنتس ژٕ مہر بانہٕ

حضرت شیخس پیٹھ چھُ وَرِی یِہ مُتھ ڈٕہ ڈاہ ہتٕ پےٚ پتہٕ بےٚ پُرسان صحراواہ، یتھ منٛز کأشرِ شأیری ہُند منٛز مون گۄلاب کُنہٕ تہٕ نظرِ چھینہٕ گژھان ۔ یِہ چھُنہٕ مولوم سپدان زِ اتھ وقتہٕ تاپرس کیاز پھۄلنہٕ سوخنُک گُلالہ ۔ شاید چھُ یِہ تِمہٕ گرٕ گرٕ راجُک نتیجہ یُس بڈٕ شہس پتہٕ شہمیری خاندانہٕ کین بادشہن ہنٛز کمہٕ وری کٕنی کٔشیرِ نال وَلِتھ رُوٗد، فارسی زبان اُسی امہٕ وِزِ مُسلط آسنہٕ کس حدس تام محیط ۔ عاٰن ممکن چھُ زِ کأشرِ گۄنہٕ ماتھ تہٕ ما آسہٕ ہن موجوٗد، مگر تہند کلامِ شہادتھ چھینہٕ کُنہٕ موجوٗد۔ حضرت شیخس پتہٕ یُس گوڈنِکس گوٗنہٕ ماتس پیٹھ نظر پیوان چھیہٕ سو گٔیہ حبہ خوتوٗن ۔ حبہ خوتوٗنہٕ ہنٛز لولہٕ شأیری اُس اکھ برپوٗر وِیداکھ، یتھ منٛز تمہٕ وِزِ ہنٛز غولام کٔشیر حبہ خوتوٗنہٕ ہُند روٗپ لٔبتھ پننِس کأسی لدلاٗنس وَنی دوان اُس ۔ اٰہنٛدِس کلامس منٛز نہٕ چھُ نعت نظرِ گژھان ۔ تہٕ نہٕ چھیہٕ نعت ژھانڈنٕچ گنجأیش ۔ مگر اٰہنٛدے ہمعصر شأیرِ خاجہ حبیب اللہ نوشہری چھُ یُس تخلص اوسُمت کران ۔ یُہند سال پأدأیش چھُ ۹۶۲ھ تہٕ تأریخ وفات چھکھ ۱۰۲۷ھ ۔ یُہند کأشرِ کلامہٕ چھُ کم کاسیہٕ دٔسیاب ۔ یُہند اکھ نعت چھُ بڈٕ اہم ۔ یِمہٕ تلہٕ فکرہٕ نزان چھُ زِ یِمی چھُ صوفی اوسُمت تہٕ فلسفۂ وحدتُل وۄجوٗد چھُ یُہند مسلک اوسُمت ۔ اتھ ابتدأیی دورِس منٛز تہٕ چھُ نعت لیکھنُک یِمن بُرت سلیقہ اوسُمت ۔ تُہند یِہ نعت چھُ کأشرِس گیتہٕ کس اندازس منٛز یُس شاید حبہ خوتوٗنہٕ ہندِ اثرُک نتیجہ چھُ ؎

یارِ گژھو دلوٕ ییے        وۄلہٕ یارِ گژھو دلوٕ ییے

آشکارا دژاوٕ ییے        صوٗرتن منٛز ژاوٕ ییے

چھُس محمد ناوٕ ییے        یارِ گژھو دلوٕ ییے

کُنت کنزاً آوٕ ییے        جلوٕ ہاوان دژاوٕ ییے

نحن اقرب باوٕ ییے        یارِ گژھو دلوٕ ییے

پانہٕ احد آوٕ ییے        کُس ہیہٕ ہس ناوٕ ییے

نوٗن سٕہ احمد دژاوِ ییے　　　یارِ گژھو دلیو ییے

جُبس کیاہ چارِ ییے　　　دوٗد سٕہ عشقٕہ نار ییے

ہاوتس دیدار ییے　　　یارِ گژھو دلیو ییے

اَمی دورِ ہنا پتھ ہیٚن چھُ بیا کھ نعت گو شاعر فاخر کشمیری، اوٚہند ناو چھُنہٕ آزاد مرحومس تہٕ مولوم سپدمُت البتہٕ تہُند گُف چھُ زِ یمن چھُ مُلا عطاء اللہ ہما (المتوفی سنہ ۱۱۹۴ھ) وِہ ستاداو سمُت۔ تأریخ کبیرُک مُصنف چھُ یمن متلق وَنان: "در فن شعر دستے عجیب داشت نعوت و مناقب و قصائد فارسی ازو بسیار است"۔ لیکن یِہند کلام تہٕ چھُ سبٹھاہ کم دٔستیاب۔ یِمہٕ نعتہٕ تلہٕ چھیہٕ یِہنز فنی چابُک دستی، زبأنی پیٹھ کمال دسترس تہٕ شاعرانہٕ صلاحیتھ نَنِژ نیران ؎

روے چون کعبہ تہٕ محراب بُمہ　　　دَمہٕ دَمے سجدٕ دِمے نا

بوے چون گولاب تاب روٗدم تہٕ　　　دَمہٕ دَمے سجدٕ دِمے نا

صفا و مروہ روٗخ چون چھُمے　　　حجرالاسود خالِ سیاہ

وُتھ چاآنی کعبہ تہٕ تتھ کونہٕ نمے　　　دَمہٕ دمے سجدٕ دمے نا

خوے چون مذہب اِمام چھُمے　　　روے چون قبلہ تہٕ دل شیدا

خاکبوس یا رسول تمنا چھُمے　　　دَمہٕ دمے سجدٕ دِمے نا

فاخر سنز زبان چھیہٕ بلکُل سانہٕ عصرٕچ زبان زَن تہٕ یہ چھُ اَہنز شاعرانہٕ عاقبت اندیشی ہُند ٹاکارٕ ثبوت۔ اَمہٕ پتہٕ چھُنہٕ دوٚن ہتن وَرِین نام بیٚیہٕ کانہہ نعت گو شاعر یادِ گژھان۔ حالانکہِ مذہبی شاعری ہُند چھُ اَتھ دورس منز تہٕ کم کاسہ سُراغ میلان۔ مثلن میر عبداللہ بیہقی سُند عقایدِ منظوم تہٕ شرح وقایک ترجمہٕ۔

دوٚیمہٕ دورکین شاعرن منز چھُ ولی اللہ موٚتُ گوڈنیُک نمایندٕ شاعر، اَہندس نعتس منز چھیہٕ نیاز مندی تہٕ بیخلا چھکی گولاب

مٲرِ ہیٚم نفسِ اماری وٲنہٕ خٲری یارسوٗل
سَنزِ تہٕ کانہہ کتھ دِینہٕ چِ اَنٛہِ نم بوٲری یارسوٗل

دوٗرِ رِ کرِ نارن بہٕ زوٗلُس نورِ قوربتھ کرِ وچھے
نارِ موٗنڈی سینس میٚہ گنڈی نم کنڈی چھِ لٲری یارسوٗل

قطب الدین وٲعظ چھُ محمود گامیس تہٕ ولی اللہ متس ہمعصراوسمُت۔ یہ چھیہٕ زرارِ شریفکُ روزن وول اوسمُت۔ آزاد مرحوٗمن چھُ یہُند سنہِ وفات ۱۲۷۴ھ ہیو وُمُت۔ یہ چھُ امہِ دوٗرک سارِوے کھوتہٕ عظیم نعت گو شاعر اوسمُت۔ یمی نعتنکی سٲری تقاضہٕ پوٗرٕ کرٕ یمتہٕ چھِ سادِ نتی وُہری تہٕ چھیہٕ آہندِ کلامہٕ ترونازگی یکلا چھِ عطرِ باگران۔ نہٕ تقدیسچ اوراد پران۔ آہندِس نعتس منز چھِ گوڈنچہِ لٹِہ غزلک رنگ لبنہٕ یوان۔ مگر ادب زچھتھ عرض حال کرینچ توزھ تہٕ چھکھ۔

گُلبدنس یاسین قباوزمرمل شوٗبی زیہٕ عبا
سروقدس چھی مرحبا یارسول سلام علیک

چون جبین بالوح سیمین ماہ تابان ازبرج یقین
یا چھُ دزامُت نوٗن نورِ مبین یارسول سلام علیک

بُمہٕ کمان چھا کنہ ہلال خال سیہ بروآج کمال
ستی یکجا ہلال وبلال یارسول سلام علیک

وَنہٕ ونہ کس طرزس پیٹھ نعت لیکھنگ ابتدا تہٕ چھُ قطب واعظنٕے کوٗرمُت چنانچہ تہُندِ یہِ مشہوٗر نعت چھُ ونہٕ ونہ کس طریقس پیٹھ ؎

مرنبہ لوٗڈ چھکھ سانہٕ سردارے  حقہٕ پسندِ یارے وندِ ہیے جان

میر ثناء اللہ کریری چھُ امی دوٗرک بیاکھ نعت گو شاعر۔ ثنا صاحب چھِ کریریکیو سادا تو منزٕ آسی میتہٕ تہٕ نعت تہٕ منقبت دوٕ شوٕے چھکھ لیکھی میتی۔ یہند مشہوٗر نعت چھُ از تہٕ سانین مسجدن

منز دعاے صُبحکی یخلاصیہ ژانگ شولہ ناوان سہ

ہاواوِ واتکھ ناتوٗ تے بیٚیہ ڈاف تراوٚتھ مصطفیٰ

احوال میانی تس وَنکھ سٚے ہوکر یہم دادِن دوا

تہ منقبتک اندازِ چھُ۔

| | |
|---|---|
| سیٚنہِ لوٚدوے چھی سیٚن مُت دٲدی لد | وۄتھ سیٚن اِستادِ شمیعکو پاٹھو وَد |
| نبض نا بینا حکیمس زانہہ مہِ ہاو | شاہِ جیلانس پننِ احوال باو |

سید غلام شاہ آزاد تہ چھُ کم کاسہ اُمی دورک منقبت گو شاعِر یہُند کلام چھُ فارسی تہ کوشُر دوشوٚنی زبانن منز۔

مقبوٗل شاہ کرالہِ واری چھُ کاشُر زبانہِ ہُند رنگہ بختاور شاعِر یہ چھُ واعظ قطب الدین سُند دورک شاعِر تکیاز مقبوٗل چھُ پننہِ مثنوی ہندِ اختتامی شارِ موجوٗب ۱۲۸۶ھ ناوم زندِ او سمت تہ واعظ قطب الدین چھُ ۱۲۷۴ھ منز یمیہ عالمہ گومُت۔ مقبوٗلن چھُ نعت لیسلہِ لیکھ مٕتی، تہ منقبت تہ چھن وار یاہ لیکھ مٕتی۔ نعتس منز چھُ وَن وِلِنس آمی تہ گوڈ لوٚر مُت۔ آہندِ ین نعتن منز چھُ گوڈنچہِ لڑہِ جذبات نگاری ہندِ ستی یا حوریہ بیقراری تہ نظرِ گژھان۔ نعتک نموٗنہِ چھُ یہ سہ

| | |
|---|---|
| عربکہِ سردارِ عجمکہ راجے | شاہِ معراجے کرسون پاے |
| ازلی عٔلمکہ بحرِ موٚاجے | ازلی اسرار ژے نش دژاے |
| ناو چون کرانکھ زن کلیچہِ واجے | شاہِ معراجے کرسون پاے |
| سیر سایہِ شیطانی وُیتہ آسی ڈاجے | بر چانہِ روٚستے کتہ سون پاے |
| پیر ژھینی گامتی چھہِ لا بلاجے | شاہِ معراجے کرسون پاے |

غزلہِ کس اندازس منز چھُ مقبوٗلہ سُند شہ نعت بڈِ مشہور یمیک مطلع چھُ سہ

| | |
|---|---|
| اے بادِ صبا گژھتہ شباسوے مدینہ | منز گلستانن ژھانڈتن دلجوے مدینہ |

ہیتھ تہٕ مواد کہٕ ایتبارٕ چھُ عبدالاحد ناظمس بیٹھہٕ نعتَک تریُم دورشورُ گژھان۔ یُس پیر عزیز اللہ حقانیس نام واتان چھُ ۔ نعتہٕ کیو بنہ یا دی تقاضو لحاظٕ چھُ یہ دور سٹھاہ سرمایہ دار۔ امی دورَن چھُ حضرت نادم ، وہاب ، سائل ۔ جنید ، مسکین پور خوشی پورہ ، سیف الدین عاشق ترالی ، اسماعیل نامی ، قطب الدین کنٹھ پوری درویش عبدالقادر تہٕ حضرت حقانی یس ہی یاد کرنہٕ یِوان ینتھ ۔

ناظم چھُ ونیجہ بڈ اکھ روزن دول اوسمُت ۔ وقتک واعظ آسنہٕ موجوب چھُ شرعی حد بندین نش واقف اوسمُت ۔ امس نش چھُ نعتَک صحی لہجہ ووتلان۔ نعتہٕ کین استعارن، تشبیہن تہٕ نعتکہٕ مزاژک چھُس صحی اندازٕ اوسمُت ۔

چھُس دوٗر ہیوٗمُت گژھتھ روٗدُم یارمدینس

تمہٕ نورٕ روشن گے درودیوار مدینس

واللیل موی کہ پوٗ یہ ہتین مست چھِ زٕ عالم

والشمس تہندے جلوے انوار مدینس

مازاغ چشمن چھکنہٕ نیندر از غمِ اُمت

یتہٕ سوزِ گژھتھ روزٕ یا بیدار مدینس

یہ چھُ عجیب اتفاق زٕ ناظمن تہٕ چھُ ونہٕ ون بروہہ پکہٕ نو ومُت تہٕ اتھ ہنز نعتکی یاسمن چھاوٕ ومُت ۔

عاشق ترالی چھُ بیاکھ پُر گداز نعت گوشاعر اوسمُت ۔ عاشق چھُ فارسیک زبردس ووستاد، نعت لیکھنک سلیقہ چھُس رُت ، ادب تہٕ نیاز مندی چھُس خیالن مشکاوان۔

| | |
|---|---|
| کیاہ سنہ بنہٕ نا نصیبہٕ میانے | چھُم گارٕ بہٕ لارہا مدینس |
| ماشوق چھُم ہنیبہٕ میانے | محبوبہٕ میہ لولہٕ چانہٕ گم تن |

طاہا ژریہ کورُے صفتھ خودائن والّلیل ژریہ موعجیبہ میلنے

عاشق ترآلی سُندِ یہ نعت چھُ سیٹھاہ طویل میہ کرِی امہِ شاداب نعتکۍ فقط کیہہ شار پیش۔

سآیل چھ امی دورک بیاکھ شاعر اَمس چھُ صدیق اللہ ناو میہ چھُ بونٹھ کتہٕ تام یہ مولوی صدیق اللہ حاجنی گنٛز روومُت ، مگر تحقیق در تحقیق تہِ چھُ نٕنان زِ امہِ ناوک چھ بیاکھ شاعر تہٕ اوسمت یہِ گوو صدیق اللہ شانہٕ سازنیمی خدیجہ نامہِ لیو کھمُت چھُ، اَمس چھُ شار ونہٕ نک بڈرٕ رُت سلیقہٕ اوسمُت تہٕ حسن کھوسیاہی بن چھُ اَمس عجآیب شاعرا افسانہ سازاہ ٹآنہٕ ژٹان ژٹان لیو کھمُت ۔ میہ چھُ باسان ژلیوٚت تام نہٕ یہِ ثابتھ گژھِ زِ یہِ کلام چھُ مولوی صدیق اللہ حاجنی سُند توٚت تام پیٚزِ اَسہِ شہ مشہور نعت ییمیک مطلع چھُ سہ لوٚرک گیہ ہیو سنگرمالن دوٚپ لایزالن جبریلس ، صدیق اللہ سآئلنے مانُن تکیازِ تمی چھُ خدیجہِ نامس منز اکثر جاین سآیل تہٕ تخلص لیو کھمُت نہٕ یہ نعت چھُ اَہندس ڈکشنس سیٹھاہ نزدیک۔

طوٗوسِ قودسن از وچھ چالن مشغوٗل روزن صلواتس

بزم دیُت عاشقن آدی خط و خالن دوٚپ لایزالن جبریلس

ژھٹھ کڈ نورِ کین شملن تہٕ شالن رٕٹھ تنس شاہس پیٹھ شانن

ملکن دِچھ نورِ مشعلہِ زالن دوٚپ لایزالن عبر یلس

عبدالاحد ناؔدم چھُ کاشرِ ن نعت گو وشایرن منز سارِنے سرس واقع چھُ بی زِ عربیس منز بوصیرہ یس ، فارسیس منز جامیس تہٕ اوٚردوٗس منز محسن کاکوروِیس مدِ مقابل اگر کانہہ شاعر نٕناوِتھ ہیکون سہ چھُ فقط عبدالاحد ناؔدم ۔ یہِ اوس فقط ناؔدمہ سُندِ نعتک معجزِ زِ رسول خودا تہٕ حبِ رسول دوشوے آے کاشرِ ش تمدنس تیتھہٕ پاٹھی نکھہٕ زِ پاٚ عمبرِ خودا یہِ سُند ووٚجود چھُ تیتھی حدس تام کاشرِ ن پننُ باسان ییتھ حدس تام مکہ تہٕ مدینہ کین لکن باسان آسہِ ، حضرت ناؔدمن واتہٕ نوو نعتیہ ونہٕ وُن اکتھ کنِ طیس پیٹھ تہٕ بیٚیٚہ کنِ کیٚرن فلسفیانہ نوکتہ شاعرانہ اندازس منز دل نشین ، ناؔدمن چھُ جامی سنزِ

مہجوری بیٚیٹھ تہٕ کأشرِ پأٹھۍ تضمین کرمژ لۆ سیہ وازِ یاہن جاین اصلیہٕ کھوتہٕ زیادٕ دِلنواز تہٕ دِل نشین چھیٚہٕ۔

یلتھن ہکو نہٕ نأدِمہ سنز شأیری بیٚیٹھ زیوٗٹھ بحث کرتھ۔ البتہ کرہٕ بہٕ اٰہنز شأیری ہندٕن مختلف اظہارن ہندی مو خصر نموٗنہٕ پیش۔ سہل ممتنعس منز یہٕ ون وَنہٕ طرزک نعت وُچھتو کیتھ حدس تام چھ حوٚضوٗرن ہند مرتبہ سہل لفظن منز فکرِ تاران نأدِم چھ کأشرِ زنانہٕ ہندِس ذہنی سطحس پیٚیٹھ وُسِتھ عقیدتس تہٕ حُرمتس گوٚنڈی کران ؎

کٔلی مکہٕ آگرہٕ تعلی مکہٕ سری ے | بأنن آبا بٔری لو سے
محشرس تام ہے پوشہٕ سوٗ ے تریے | ژٔری یے درفوٗدٕ پٔری تو سے
فرض کوٗر اسہٕ بیٚیٹھ ذاتہٕ اکبر یے | فرمان بٔری یے کرٔی تو سے
پانہٕ تی فرمو مُت چھُ داوری یے | ژٔری یے دوفوٗدٕ پٔری تو سے

جذبات نگاری بے ساختگی تہٕ مژھی جاب کر کوٚستوٗری چھ کلان یٚیلہٕ نأدِمہ سندِ نعتک سو نزلی نغمہ چھُ عاشقن ہند من رنزِ ناوان۔

کمہٕ وَتہٕ روتژ وو سر و قامتی یے | گراین پتہٕ پتہٕ لارو سے
ژھاین تہٕ کر ہوس نالے متی یے | مدنی مارے متی یے مأرٕ ژ

کأشرِ مہجوری ہند نموٗنہٕ چھُ یتھہٕ کنہٕ ؎

ییو اللہ چھنٕہن دولتھ اٰنین گاش
ہیٚیتہٕ نامٔلی دِلو نادرشنُ اے کاشس
پھولیہ وُن والضحیٰ روے چھی گلستان
شبُن واللیل موژنی سنبلستان

تٖہنٛد روخ مستہ تٔل گل سوٗنبلن تل
باّل سوٗنبل نٔھاّوِ و مسول زِ مسلسل
کفن ترٲوِ و قبا پرٲوِ و ب مان
شباہ نیر وِ دوہا پھیر وِ خرامان

"بتن بربست عنبر بوے جامہ     بسر بربند کافوری عمامہ"

شمایل نبوی چھُ کاشرِ شاعری منز سراپا نگاری ہند بہترین نموٗنہ۔ فقط کیہنہ شار چھِ پیش ؎

| | |
|---|---|
| گندمی گونہِ اوس گُل انہار | روے والشمس والضحیٰ اظہار |
| بوڈ تمن بو سر لعمرک تاج | چُھکھ خوداداد دون جہانن راج |
| موے خوشبوے گوٗن سرک اُٹھکھ | عنبر و مشک انبرس اُدسکھ |
| رُت کشادِ جبین نورانی | سوریے نور چی سو پیشانی |

عبدالوہاب پرے حاجنی ین چھُ پننس دیوانس منز النزامن پٔرتھ حرف تہجی کہ مطابق اکھ نعت لیوٗکھمت۔ یمہِ تہِ چھُ شمایل نبوی لیوٗکھمت کلامُک نموٗنہ چھُ یتھ کنہ ؎

رنگ و روے پاکِ حضرت اوس یا سو رخی سفید
خوش یون تہِ دل یوٗن خورشید بار حمتھ سین

پیر محی الدین مسکین چھُ پور توشی پور تحصیل کو لگامکی روزن واّلی آسی مٔتی۔ یہند نعتک انداز چھُ عاشقانہ۔ بقول آزاد مرحوم چھ یم ۱۹۴۷ء بونٹھ ترہ پنٛژ ترہ وری بیمہِ عالمہِ گامتی۔ یہند شاداب نعت چھُ ؎

| | |
|---|---|
| کیاہ میون جانانہِ سبحان اللہ | وندس بہ زُو جان سبحان اللہ |
| طاہا صفاتس یاسین ذاتس | کیا رفعت و شان سبحان اللہ |

مافوق عینن ابرو چھُ قوسین        چھُس تیر مژگان سبحان اللہ

یہِ نعت چھُ سیٹھاہ طویل ۔ میۂ کرِ بے تکلف پاٹھؠ ترۂ شار پیش۔

اَمہِ دورُک آخری نمایندِ نعت گو شاعر چھُ پیر عزیز اللہ حقانی حقانی چھُ صاحبِ حال بُزرگ اوسمُت۔ عشقُک رِہُل وُتار چھُ اَمسن نبش وٚاتتھ گاہے جلالکی نار وَن وزِناوان تہٕ گاہے جمالچہ تنہ پوشہ مرگہ پھرکہ ناوان۔

گو وچھان ناز بروِ خسارِ رسولِ عربی

روٗٹ گلوٗ مشکِ زِگفتارِ رسولِ عربی

خم کمر خاک بسر خستہ جگر حقانی

آشہ ہیٚت آو بدربارِ رسولِ عربی

جمالُک یہِ گولاب وَن وُچھتھ دی تۆ جلالکس اَلاوِ جلوس کُن تہٕ نظرہ۔

ژیٚہ کیا اے چرخ دوٗن پرور دلس منز خار چھُے میونُے

نظر کر دردو عالم مصطفیٰؐ غمخوار چھُے میونُے

سرن سرسون پیغمبر قبا لولاک لب کوثر

یو ہے چھُم یاور و داور یو ہے دلدار چھُے میونُے

یا

دِمو ہلت اے اجل تامتھ میۂ یامتھ یار ہاو کِم روٚے

مرے کر تام یام نے احمدِ موختار ہاو کِم روٚے

موجودٕ دورکین شاعرن منز چھُ میرزا غلام حسن بیگ عارف، تنہا انصاری مرحوم، میر غلام رسول نازکی، فاضل کشمیری، دینا ناتھ نادم، رحمان راہی، روٗشن پونپُر، مشعل سلطانپوری، ناظر کولگامی تہٕ رشید نازکی نعت لیکھان۔ یہِ چھینہٕ

ممکن زسارنے ہند نوٗمونٕے کلام پیش کرٕنہٕ۔ البتہ نمایندٕ نعت گو شاعرٕ میر غلام رسول نازکی ہند کلامک نوٗمونہٕ چھُ یتھٕ کنٕہ ؎

| | |
|---|---|
| چھُ کعبس سنگ اسود داغ سینس | عرق چھُس زمزمک پشپان جبینس |
| سلیٚٹھاہ پرٛارلو مگر بخشش نہٕ ذاتن | شرف یُس تمی عطا کوٚرمت مدینس |
| محمدٕ لےکسن ہند کس محمدؐ | دِلُک آرام روحک رس محمدؐ |
| نجاتُک چھےٚ اکے وتھ رٹھ پیہ وتھ | محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ |

منقبت چھُ اکھ الگ عنوان تہٕ اتھ منز تہٕ چھےٚ کاشُر شاعری مالامال۔ شاعرٕ بی بی پیٹھے چھُ منقبتن دس وۄتھان۔ بیب دید تہٕ اہلیہ رشید یا جمہٕ دید، غلام شاہ آزاد، فاخر، میر ثناء اللہ کریری، قطب الدین واعظ، واعظ حیدر بابا، ثناء اللہ کریری، عبدالاحد ناظم، عاشق ترالی، غلام مصطفےٰ شاہ، سیف الدین عارض، وہاب حاجنی، مسکین محی الدین شاہ، پیرزادہ عزیز اللہ حقانی، محمد اسماعیل نامی، قادری، درویش عبدالقادر تہٕ شمس الدین پاندانی تہٕ چھِ مشہور منقبت گو شاعر یتھ موختصر مقالس منز چھےنہٕ گنجایش زِ مین سارنے شاعرن ہند نوٗمونہٕ کلام پیش دِنہٕ۔ البتہ ییٚز ہن عرض کرٕن چھُ ضروری زِ میوٚ منز اکثر شاعرن ہند کلام چھُ غلام محمد نور محمدن گلشن نعت تہٕ گلبن نعت ناوی مختلف جزون منز چھاپ کوٚرمت نعتن تہٕ منقبتن ہندی مختلف کلیات گژھن شاعرن ہندی حالاتِ زندگی تہٕ کلامہٕ کہٕ تبصرٕ سان شایع ینٕہ کرنہٕ، نتہ بیاز بہ موٗل سرمایہ چھُ بڈٕ تیزی سان اکہٕ ہند لو ذہ ہنو منز مِٹان، تہٕ اکھ وقت ییٚہ ییٚلہٕ یتھ سوٗرٕے سرمایہ معدوم گژھ۔

مذہبی ادبُک نثری حصہ چھُ نظمس مقابلہٕ سیٚٹھاہ کم فقط چھُ اکھ شخص مولوی نورالدین قاری اوسمت ییٚمی کاشری پاٹھو از بونٹھ شیٹھ وری کاشر مسلہ کتاب لیچھ مٕژ چھےٚ۔ امہٕ علاوٕ چھےٚ امی مصنفن کاشرہ بارہٕ باگے سراجی بیٹھہٕ تفسیر سان کاشرس نظمس منز ترجمہ کرمٕژ۔ کاشر مسلہ کتابہٕ ہند

دۆیُم چھاپ چھُ لوہورِ ۱۳۴۸ ھ منٛز شایع گومُت۔ اَمِس پیٹھ چھُ مولوی محمد حسن وفایٖن بیاکھ مسلہ کتاب لیکھِتھ منٛز لوٗسہ اَمہِ مسلہٕ کتابہٕ ہُند نقل چھیٖہ۔ مگر وفایی صاٮ۪بن چھُ اَتھ پیٹھ ناوترووُمُت یِمہٕ نِش چھیٖہ دۆشوے مسلہ کتابہ موجوٗد۔ تہٕ وفایی صاٮ۪بن چھیٖہ پننِس کتاب قارٕی صاٮ۪بس پیٹھ لگ بگ ہندا ہٕ وُہرِ چھاپ کرناوِمٕژ۔

نثرِ ادبُک بوٗڈ بارِ نوٗمُت یُس چھُ مولوی یوسُف صاٮ۪ب مرحوٗمن تفسیرِ قرآن، یُس ازکل بازرس منٛز میلان چھُ۔ دپان مولوی غلام محمد حنفی سوپورین تہٕ اوس ۱۹۴۷ء بوٚنہٕ قرآنِ شریفس کاشرِ پاٹھی تفسیر کوٚرمُت، تہٕ پتہٕ اوسن نظر گزر دِنہٕ باپتھ مولوی یوسف صاٮ۪ب مرحوٗمس نِش سوٗزمُت، سُہ تفسیر کتہِ چھُ تہٕ کوٚت گو وہِ چھُنہٕ معلوٗم سپدان۔

ترجمہٕ رنگہٕ تہٕ چھُ اکثر فارسی تہٕ عربی ادب کاشرِ پاٹھی ترجمہٕ آمُت کرنہٕ۔ مرزا غلام حسن بیگ صاٮ۪بن چھُ چہل اسرارُک کاشُر ترجمہٕ کوٚرمُت یُس سیٹھاہ معیاری چھُ۔ اَمہِ علاوٕ چھُ قصیدہٕ خمریہ، کبریت احمر تہٕ قصیدہٕ بانت سعادُک کاشُر ترجمہٕ آمُت کرنہٕ۔ یِم دۆنوٕے کِنہ بازرِ چھینہٕ میلان۔ نثرِ ادبس منٛز چھُ ڈاکٹر شمس الدین احمد سُند ترجمہٕ حیات النبی اکھ جان کوشش۔

# پوٚت سام

**۱۔ نعت** ــــ آنحضورنٛ ہٕندِس خدمتس منٛز تہٕنٛزِ زِندگی، رحمتس تہٕ پننہِ خاطرٕ منٛگنہٕ یِنہٕ وٲلِس دُعاہس میٖٹھےٚ شارٕ شکل دِمہٕ نٕتھ چھےٚ وَنان نعت۔ مذہبی ادبس منٛز چھےٚ نعتہٕ علاوٕ مُناجاتھ تہٕ منقبتھ یِوان۔ مُناجاتس منٛز چھُ اللہ تعالاہس کُن رُجوع کرِتھ پتہٕ تمِس دُعا منٛگنہٕ یِوان یا تہٕنٛدِس بجرس تہٕ وحدتس تہٕ بییَن صفاتن ہٕنٛد ذکر کرنہٕ یِوان تہٕ منقبتن اندر زِیٹھین اولیاہن ہٕنٛد قصیدٕ لیکھنہٕ یِوان۔

**۲۔ ابلاغ تہٕ ترسیل** ــــ شاعری یا ادبہٕ کیو باقے صنفو ذٔریعہ یُس خیال مُصنِف باوان چھُ سُہ بوزن وٲلِس تانی واتہٕ ناوُن، واتہٕ ناونُک وصف یا واتہٕ ناوُن۔

**۳۔ یمن دوشونی گوٚنماتن** ــــ للہ دیدِ تہٕ شیخ العالمؒ اسہ بذاتی خوٚد ٲیی بجرو کھنان مگر مقصد کیاہ اوسکھ صرف مُناجاتی یا مذہبی یہِ وَنُن چھُ ہنا جلدبازی تہٕ کیازِ یہِ ہٕنٛدِ ین واریاہن شارن اندر چھُ صرف انفرادی تجرُبُک تٕژر۔ للہ دیدِ ہٕنٛد یہِ واکھ "آمہ پنٛنہٕ سوٚدرس ... نہٕ ہیکون نہٕ خٲلِص مُناجاتی وَکھنِتھ حالانکہ "کنہٕ یوزٕ دِسے میون" وَنِتھ چھےٚ یمہٕ دُعا کوٚر مُت۔ خاص مُصنِفہٕ شٕرٕ رازے تہٕ ہیٚکہ صحی اسِتھ۔

**۴۔ گوٚشنگل نامہ** ــــ شیخ العالمہٕ سٕنٛدی تم شُرکِیم "یُس کرِ گوٚشنگل سے کرِ گرٛاو" مصرس پیٹھ ختم گژھان چھےٚ۔ یوٚد زَن حقن شیخن یمن یا نہٕ الگ پاٹھی تخلیق

کرٕتھ پایہٕ گوٚنٛگُل نامہ چھُپنہٕ ووٚنمُت مگر یِم چھےٚ اَمی ناوٕ ژٕہ ہنٛدس ٹھاوِنہٕ آمٕتؠ۔ مُصنِف
سُنٛد یہ دۄن چھُ ٹھیکھ زِ یِمن تہٕ بیٛیہ "یا بار خُدایا....." "تِیتھی مےٚ وَر دِتہٕ دۄ
وغاٰیرٕ شُرکین ہُنٛد رنگ چھُ مُناجاتی۔

۵۔ شریعتھ —— لفظی مانہٕ پکنُک وتھ، ورگہ مذہبُک ظاہری رُوپ۔

۶۔ زمزم دمانہٕ —— پھولہٕ وُن اُس۔ یُس دمانہٕ لُبِس وچھِکھ زمزم (ناگ) اوس۔

۷۔ حق رۄسو لُس ..... —— ہے بھگہ! (بھگوانہٕ!) ژیٛیپے زٕلہ رأوِتھ آنحضرتؐ
چاہت یِیِلہ خُدایہٕ شریف تِمن حق جبریل ہنٛدِ دٔسِو سوٗزِتھ۔ تِموٚ پاٚج پیتہٕ
ریاضتھ پوٗرٕ پأٹھۍ۔ اَے مِیٛہربان خُدایہٕ! مےٚ چھُکھ ژٕ ژٕ ہتس بہٕ مُشراوِتھ نہٕ ژٕ۔

۸۔ فارسی زبان اُس اَمہ وِزِ مُسلَط —— للہ بڑوٚنیتھ سنسکرت تہٕ شیخسؒ پیتہٕ فارسی
زبان کٔشیرِ مُسلَط روزنُک نتیجہ دراو زِ کأشُر وہٕ تلہ یہٕ نہٕ تہٕ اَدے چھُنہٕ اَسہِ حق
شیخس پیتہٕ قریبَن دۄن ہتن وٕرین کأشُر ادبے میلان۔ نعتیہ اَدب تہٕ گۄڈٕ اَتھ
وقتس تخلیق۔ شیخ صأبنہٕ پیتہٕ چھُ ہیٚون لایق ناوِ حبہ خوتوٗنہٕ تہٕ اَرنہٕ مالہ ہنٛدٕ۔

۹۔ وحدتُل ووجوٗد —— اسلأمی تصوٗفُک سہ طریقہ ییتھ منٛز صوٗفی خالقس تہٕ مخلوقس
کُنُے زانان چھُ۔

۱۰۔ تأریخ کبیر —— غلام محی الدین سریہٕ بلؔ سُنٛد لیٚوکھمُت توأریخ۔

۱۱۔ در فنِ شعر دستے عجیب داشت ..... شأیری ہنٛدِس فنس منٛز اُس
اُمِس کأفی مہارتھ۔ تِمۍ ہنٛدۍ چھےٚ فارسی یِس منٛز سیٹھے نعت، منقبت تہٕ قصیدٕ

۱۲۔ یار گرٕھو دیویے —— دِوے، مألہ، دوہ ژھب۔

۱۳۔ کُنت کنزاً مخفیا حدیثِ قُدسی" بہ اوسُس اکھ ژھیپتھ خزانہٕ" یہٕ چھُ خُدا تعالا

فرماوان۔

۱۴۔ **نحن اقرب من حبل الورید** ــــ قرآن شریف۔ "بہ چھس توہہ شہہ رگہ کھوتہ نزدیک"

۱۵۔ **نفس امارٔی** ــــ انسانہٕ سٕندِ تربیُوی نفسو منٛز اکھ۔ امہ نفسہٕ کنہٕ چھُ منوش ناکارگی ین کُن لمان۔

۱۶۔ **گلبدنس یاسین قبا** ــــ یا رسولؐ! چانِس گُلبدنس شوٗبی یاسینک (سوٗرہ یاسین) قبا تہٕ مُزمّلیک (سوٗرہٕ مُزمّل) شوٗبی ژٕٹے چھہٕ۔ چوٗن قدِ ناز چھُ سروِ گُلس ہیو سیُود۔ سلام علیک۔

۱۷۔ **شاہِ جیلانس** ــــ دستگیر صاب۔ حضرتِ سیّد عبدالقادر جیلانیؒ اُسی شہرِ جیلانکی۔ یم اُسی نہٕ دُنیاوی بلکہ روٗحانی شاہ۔ اَوے چھکھ شاہِ جیلان وَنان۔

۱۸۔ **شرعی حدبندی** ــــ شرعی قونوٗنہٕ۔

۱۹۔ **استعارٕ تشبیہن** ــــ ییٚلہٕ کُنہ چیزٕچ خیالٕچ یا انسانہٕ سٕنٛز کانٛہہ خوٗبی یا بدی ہاوَنہٕ خاطرٕ تمہِ بیٚیہِ کُنہ حاضرِ یا غار حاضر چیزس سٕتۍ مشابہت کرنہٕ ییہِ اَتھ مُقابلس چھِ وَنان تشبیہہ۔ مثلن "سروِ قدس چھی مرحبا یا رسول اسلام علیک"۔ یتھین چھِ قدس سروِ گُلس سٕتۍ تشبیہہ دِنہٕ آمٕژ۔ دوشونی چھُ تھزر مُشترکہٕ۔ مگر ییٚلہٕ شاعیر وَنان چھُ ــــ "چھُ کعبس سنگِ اَسود داغ سینس"۔ اتھ چھُنہٕ سنگِ اَسود داغس ہیُو بلکہ داغچ پوٗرٕ پأٹھی، کرُہُن داغ، عُشقُک داغ۔ یہ گو استعارٕ۔

۲۰۔ **نوٗرُک گہہ پیو** ــــ ییٚمہِ وزِ سنگرمالن نوٗرُک گہہ پیو، تمی وِزِ دوٚن لایزالن (خودا صابن) حضرتِ جبریلس۔

۲۱۔ **طووٗس قودسن**…… ــــ مُقدس مور (یانے فرشتہٕ) ین مستی منٛز تہٕ پرن دروٗد

۲۲۔ بوصیری ـــــ مشہور عربی نعت گو شاعر۔

۲۳۔ جامی ـــــ نورالدین عبدالرحمان جامیؔ۔ ژٕ وٕ دٲہِ ہمہ پیشٕہ ہٕندی ہُند موشوٗر فارسی شاعر۔

۲۴۔ محسن کاکوروی ـــــ کُنہٕ وُہِمہ صٔدی ہُند اوٗردوٗک موشوٗر نعت گو شاعر۔

۲۵۔ گندمی گونہ اوس ۔۔۔۔۔ تہُند (آنحضوٗرن ہُند) رنگ اوس گندمی تہٕ تہُند روٗے مبارک اوس آفتابکہ پأٹھۍ چمکان۔ (سورۂ شمس تہٕ ضحیٰ) تہُندس سرِ مُبارکس پیٹھ چھہ تہُندہ قسم تاج بٔنتھ لُس اللہ تعالیٰ ہوو۔

۲۶۔ ہارِ باگے سراجی ـــــ شرع مُطأبق کأشرِ ہٕندِس ورأثتس حصہ باگے کرٕنۍ۔

۲۷۔ شمایل نبوی ـــــ حضرت نبیؐ سٕندۍ ظأہری تہٕ بأطنی خوٗبیہِ بیان کرٕنۍ۔

۲۸۔ چہل اسرار ـــــ شاہِ ہمدانؒ سٕنز لیچھمٕژ کتاب یتھ اندر ژتجی غزل فارسی پٮ۪ٹھ اندر لیکھی مِتۍ چھِ۔ دپان یِموٗ کوٗرٕ ژتجی ہٕن مُریدن ہٕنٛدِ گرا اکی وقتہٕ افطارکہِ سأرِنۍ دِنکھ اکھ اکھ غزل۔ تِمنٛے غزلن ہُند مجموٗعہ۔

## سوال نامہ

۱۔ کأشرِ نعتیہ ادبُک تواریخ گٔژھن حصن منز کرِو تہٕ تقسیم تہٕ کیازِ ؟

۲۔ مِثال دِتھ ہأوِو زِ کأشُر مذہبی ادب کیٛاہ چھُ ادبی لِحاظہٕ رٕت یتھ کنۍ یہ عقیدہٕ کنۍ تہٕ مقدس چھُ۔

۳۔ تِہُنٛز ہیٚکو وٲنِتھ زِ کأشُر مذہبی ادب کیازِ چھُ نثرِ کھۅتہٕ جادٕ نظمس منزے میلان ؟

# ژس ـــــ زان

حقیقتس کیاہ چھُ حقیقی رۄپ یہِ فیصلہٕ کرُن چھُ مُشکل ۔ دراصل ییٚمہِ اندازٕ اَسی حقیقت وُچھوٚ تِتھے چھُ تِتھ مانٔنے تہٕ نیران ۔ ووٚنی گوٚ وسون نظریہٕ چھُ وقتہٕ طے کران ۔ وقت چھُ انسٲنی سوٗنچ تہٕ نظر بدلاوان تہٕ انسٲنی رِشتہٕ چھِ وقتہٕ موٗجبے مانٔنے لبان ۔ اَزیُک وقت چھُ تیز بدلان تہٕ بجہٕ بجہٕ تبدیلیہٕ چھیہٕ یِوان ۔ اَمیُک وجہ چھُ سائنس، سماج تہٕ سیاستھ ۔ اَمہِ سٟتۍ چھِ زندگی تہٕ موتھ نٔوی نٔوی مانٔنے لبان ۔ انسان ییٚنہٕ نِمن ایجاد کٔری مِتٟن چیٖزن بروٚنہہ کنہِ یانٔنے تیوٗتاہ لوکُٹ تہٕ موٗمولی بنیوٚمُت زِ ووٚنی چھُ تمام تِتھٟن مسلن پیٚٹھ تہٕ بدل پٲٹھۍ سوٗنچنُک ضوٗرۄرتھ ییٚم ابدی مانٔنہٕ یِوان اَسی ۔ انسانس چھِ تہٕ جذبہٕ تِتھی مگر سُہ چھُنہٕ ووٚنی جذبٲتی گژھان ۔ سُہ چھُ ووٚنی پانس کُن تہٕ تِمن سنگاہ پٲٹھۍ وُچھان تہٕ تِسندِ بن رِشتن اندر چھُ ووٚنی بے لاگ تہٕ نیارتہٕ آمُت ۔

پۄتۍ سُندمرُن چھُ تہٕ موٗمولی واقہٕ مگر اتھ ہیٚکہِ دۄیو نظرِ وُچھنہٕ یِتھ ۔ اکھ یہِ زِ دُنیہٕ ہِمک تیز انداز ماحول چھُ انسٲنی موتس کُن تہٕ بے لاگ تہٕ ہوٚندرِ جذبہٕ ووٚنلاوان ۔ پۄتۍ سُندمرُن کیاہ ردِ عمل ہیٚکہِ پٲدٕ کٔرِتھ ؟ دوٚیُم یہِ زِ دُنیاہ کوتاہ تہٕ بدلے تَن پۄتۍ سُندمرُن ہیٚکہِ اکِہ بڈِ فلسفُک موٗحرِک بٔنِتھ ۔ سُہ گوٚ وُیہِ زِ خوف چھُ ابدی ۔ زُولرِ چھِ ابدی ۔ زندرُونہٕ تہٕ خٲطرِ چھُ جاندارس ازلے جکھُن پیوٚمُت ۔

وگٲرِ وگٲرِ اگرے راوی سیٚز نظر لکھٲری سُند نوکتہٕ نظر مانن تیٚلہِ چھیٚنہٕ ابدی قدرن، وقتی تہٕ حقیقی صداقتن برونہہ کنہِ کانہہ اہمیتھ۔ بڑِ کھوتہٕ بڑ تبدیلی تہٕ ہیٚکہِ درگُذر کرنہٕ یِتھ۔

یہٕ افسانہٕ چھُ گوڈنچہِ لٹہِ یِیمہِ کتھِ ہُند باس دِوان زِ کاشرس افسانس منز آو وقتی حقیقتُک شعور۔ اَمہِ لیٚحاظہِ چھُ یہٕ افسانہٕ اکھ نظریاتی بحث تہٕ پیش کران۔ اتھ منز چھیٚنہٕ رِوایتی کردار نگاری، پلاٹ یا منظر کشی تہٕ یِم سٲری عنصر چھِ اَکھی بحثس اندر ژھایہِ گژھان ہیٚوان ییٚوان۔

اختر محی الدین

# ژس

" ہے پوٗت ہسا موٗد " بہٕ ووٚن تٔمۍ۔

" اَدٕ موٗد تہٕ ووٚنۍ کیاہ " میٚہ سوٗنچ پانس ستۍ مگر ووٚنم نہٕ کینہہ ۔

" ژھکھ سا بوزان " تٔمۍ ووٚن بیٚیہٕ " پوٗت ہسا موٗد "

میٚہ نژراوُس ہیٚرٕ بوٚن نظراہ ۔ جان انسان ، صاف چھلتھ پلوٗ لاگتھ مژرکُ نہٕ کانہہ نشاناہ ۔ ماسوا یہٕ مس پریشان تہٕ ووٚزجہٕ اُچھ پھٹتھ ڈزامژٕ ۔ ژٕ چھلنس اتھس منز کرہہنہٕ رنگہٕ نیک موٗمتٕ پوٗت ہیتھ ۔ اکھ نظر اُمس کُن نژراوان تہٕ اکھ نظر میٚہ کُن ۔

میٚہ اوس نہٕ کینہہ تٕگان وَنُن ۔ پوٗتۍ چھ مَران ۔ کانٛسہٕ چھیٚہ کانٛٹھ لوٗان ۔ کانٛسہٕ چھ ہوٗن لوٗان ۔ کانہہ چھ ہنگتہٕ منگہٕ مران ۔ کانہہ چھ خاندارنہٕ کھورس تل گژھت مران ۔ ووٚنۍ کیاہ گو و ۔ مران چھہٕ ۔

تہٕ یُس پوٗت اُمس اتھس کیتھ اوس ، سُہ اوس نہٕ تیٚتھ باسان زٕ ہندٕ مرنہٕ کیاہ گژھہ اکھ وارٕ کارٕ انساناہ مژرووُرن ۔ کرہہنہٕ رنگہٕ نُجۍ رُنجۍ جنتھ ۔ بکھن موچہ پہہٕ ژھوچہ تیرہٕ ہا زنگہٕ زٕ یچھہٕ کمبرس اُس کیاہ تام سفید کھرہش ۔ میٚہ باسیو زنتہٕ کیاہ تام موٗردار چیز اوس ۔ مگر ہُمس دل رچھنہٕ خاطرٕ تہٕ کینژہاہ اُمس پوٗتۍ سنز خصوٗصیت زاننہٕ خاطرٕ پرژھ میٚہ یہٕ آسہٕ ہا جان ذاتٕ ہند ۔ کینہہ سا ؟ "

"بلاے ذاڑنیٚ" سہ وۄتھ اوٚرٕ ژاچھِرسان۔ اسہٕ آس سآ ذاژ لیوٚنز دِژ۔ کیاہ تام اوس۔
ظاہر اوس نہٕ زاژل کینہہ۔ تہٕ غار"۔ اَمہٕ پتہٕ ترٚووٕ تٔمۍ ووٚش۔ ژھیکۍ کھاٚلِن ہیوٚر پہَن، بدل نظر ووٚچھن مۄمتِس
لۄتس کُن تہٕ ووٚنُن۔ "میہٕ کنہٕ آس راے"
تٔمۍ ہیوٚک نہٕ لۄرِ ونتھ۔ ظاہر آسس اُشی گنڈ پھٹان۔
"دۄرٕ تہٕ ہناو" میہٕ ووٚن تٔمس تسلی دنہٕ خاطرٕ۔
"کوہند؟" تٔمۍ پرٚژھ بدلیے لہجہٕ تہٕ سوال کوٚرُن نہٕ اَمہٕ چالہٕ زِ میہٕ لۄشہٕ لبہٕ جواب۔ زنتہٕ سہٕ
پننہٕ لِس کھورِ ٹلینڈِس پرٚژھان اوس تکیاز نظر آسس توٚری کُن۔
بہٕ گوس لاچار۔ پننہٕ کنۍ چھس مۄمتس لۄتس ستۍ تھ شانکھ ہیوان زِ لبہٕ ناٚمس منز کیاہ سِر چھُ۔
لِس تٔمس چھِ درٚینٹھی گوٚمت۔ مگر باسان چھُم نہٕ کینہہ۔ کرہ ہینار تہٕ لرٚژھ کنۍ چھُم بہٕ جادٕ شکس لد باسان
تہٕ پلیٹھ کمبرس کیاہ تام سفید کھرہش۔
میہٕ آو کتھ کرنس وارہیوٚ۔ "یہ کیاہ چھُس کمبرس"۔
تٔمۍ ترٚاو لۄتس نوٚسرٕ کمبرس نظراہ۔ زنتہٕ اوٚتام اور کُن نظری آسس نہٕ پیمژ۔ اَمہٕ پتہٕ ژیُن
اٚمس کھوورِ اتھہ پکھ تھوٚد تہٕ پکھن تلہٕ ہیوٚتنس وُچھُن۔ بہٕ تہٕ اوسُس اشتیاقہٕ سان وُچھان۔ لۄتس
اوس ساری سیے کمبرس اوٹ ہیوٚمتِتھ۔ اتھ آسی خوشک گرٚژھت وٚری ہی گامتۍ۔
"ژٕ۔ ژٕ۔ ژٕ۔ ژٕ۔ اَمی دادٕ مۄد لۄتس" تٔمۍ ووٚن" اصلی نسا چھُنے نہٕ کانہہ تہٕ کانسہٕ ہُند۔
مول موج بینہٕ لوے، سورے اپزٕ"۔
اَما لۄوت زٕ لۄٹھ فلسفہٕ کتھ سُناپیٹھ!
"یہ ترٚاوِے اٚمس لۄڈر وبٹرنری والیو" تٔمۍ ووٚن میہٕ کُن وِچھت۔
"اَہنسا ووٚز ژھنی زٕ ہن ترٚاوِتھ" میہٕ ووٚ تٔمس "بُتھ بُتھہٕ وچھنہٕ ستۍ کیاہ نیرٕ"

"اوتی کر" تمی وون لاچار گژھت زنتہ کانہہ ٹوٹھ اوسُس دفن کرُن۔

"تراوتن یورنالہ کُن ہُون یا کاو کھیئیس" میہ وونُس۔

"ہے کیاہ چھُک ونان" تمی وون ناراض گژھتھ" اصلی یوز ژ یتہ یمی دُنی یہک لبسکین"۔

امادِ کیاہ سنا کرِ یہ آمس؟

میہ آس رائے ژ چھک کینہہ کنتھ تری فکرِ۔ خار" تمی وون موٗلیس سپدِ کتھ۔ میہ کرٛ ژھوپہ۔

زنتہ تبراہ اوسُم پوٗر مُت نتہ ووذ اوسُس شرمندہ۔

"یہ بچار کھیوِ ویریتھ کانسہ۔ کانسہ اکس آو نہ آمس ییٹھ انصاف" تمی وون تہ یہ ونان اوٗنن دچھُن اتھ بر ونٹھ کُن۔ سینس سپدِ ژٹھ ہیوٗتُن تمہِ اندازِ لوٗتس وچھُن زنتہ اہندس شوٗس آسہ ووذی ترا اوتھ تازگی بخشہ۔

یتہ آسہ ہا کوٗسہ دوہن گاسہ پھٹس منز وشنیرس ہہتھ خبر کم ارمان ہیتھ یتھ دُنی ہس آمُت"۔ تمی وون ظاہر لوٗتس نتہ پانی یالنس" ژ یہ چھتنہ گاسہ پھٹس پیٹھ یر تڈی مُشکل ہیو لوٗت زانہہ وُچھمُت؟" تمی پرژھ میہ

تہ میہ وونُس" اوٗ وُچھمُت چھُم"

"کیاہ موصوٗم چھُ آسان" تمی وون" زاشر، زاوو ژھ، لوٗت تہ پوش۔ یمن سارنے چھے کُنے تمنا ز آسان۔ یمن چھے نہ خوفُک جذبہ آسان۔ یمن چھے باسان زنتہ قودرتُک سورُے کارخانہ یمہندی رچھنہ پالنہ خاطر بناونہ آمُت چھُ"۔

یہ اوسُس بوزان۔ تہ تمی وون۔ یوٗدوے بہ زورِ یمن اتھ تھوٗدتلہ، ژ رکڈکھ ووٹھ۔ کیاہ زِ؟ امہِ کنی ز ژ یہ منز چھُ خوفُک جذبہ بالغ گومُت۔ ژ ہیککھ نہ ووذی یہ جذبہ ختم کرِتھ۔ اتھ مقابلہ تھاو تہ دوٗ دِشرن ہٹس پیٹھ شرا کھ، شہ آسی اور۔ تور یہ فکرِ، ہہ ہہ ہہ ہہ" تمی کر اسنہ ہنا۔

"پوشُس اگر گوڈے فکرِ ترزبہ یمہِ ژٔٹنہٕ، سُہ ہَرِ خوفہٕ ستہٕ" بہ اوسُس نہٕ اسان ، بہ اوسُس سونچان ۔ میہ اوس اَچھن برونٹھہ کنہِ اکھ لوٚڈ کاروان ۔ جرمنی فلاسفر ہیوٗ پنز ینہٕ ۔ ماشوقہ سندِ اِنہارِ گولاب ، سو نہٕ تھال ئبرِتھ ہمیشہ بہار ، مہارا ٔجی دستارِ گنٛڈِتھ کلہِ ولیوٚٹھ ۔ ساری اسان ، ساری خوش ، آندی پکھی ژٕچھنی کھوفری ژرِ ہارِ کاو گانٹہٕ وَن وِگنہِ زٔن ولنوان ۔

"تُہنز قودرتھ" میہ ووٚن ۔

"کہنز قودرتھ ؟ تمی لاے یم لفظ زن میہ تُھس ۔ بہ گوس حاٰران ۔
کھوژکھ ؟ تمی کرٕ اَسنہ ہنا" ژٕرتہٕ ژھک ژھوٚژ ۔ ژھوٚژ تہٕ پھرٕنہٕ"۔

ژٕرییہ ماچھے کیہنہ تہٕ خبر ۔ یہ لوٚت اوٚن خبر کمہِ طرفہٕ تہٕ پیٹھہ گانٹہٕ جونٹھہ دِتھ ۔ بے رحم پنجہٕ سنز آوی نس سینس ۔ کُنہ جاپہ ہہتھ مارِ ہس ۔ کیا ؟ مارِ ہس ۔ مگر وشفہ کنی پیوس یہ وٕسی ۔ سیوٚدے پیوو ساٰہنس آنگنس منز ۔"

"اچھا ؟" میہ ہیوٚت ہوشہ سان بوزُن ۔

"آنگنہ منز پیٚیہ اَمس پیٹھہ اکھ میہ نظر تہٕ پیٚیہ ہوٚنس ۔ اَسی دور ییہ دوشوے اَمس پتہٕ ۔ بہ ترٕ تہٕ ہوٚن نہٕ ۔ میہ لوٚگ نہٕ اتھہِ ، ہوٗن روٚٹ ۔ ہیوٚتُن مارُن ۔ میہ تُج گٔنی ۔ خوفہ کنی ترووہ ہوٗن اَتی تہٕ ژٕوٚل ۔ ووڈی اوسُس بہ کُنے زٕوٚن ۔ یہ اوس ژلان ۔ نچن زیچھن زنگن پیٹھہ ، تھدرِ ۂٹہٕ چوٚچوکران ۔ ظاہر تس آلوکران ییمی گاسہٕ پھٕلتس پیٹھہ شہہ اوسُس دِتمُت ۔ مگر کوٚت ۔ میہ روٚٹ ۔ میہ ۔ یہ وٕنتھ کرٕ تمی برنزِ س کھنڈس ژھوپہ ۔ برنزی کھنڈی کوٚرُن" اہم "کرِتھ ہوٚٹ صاف تہٕ ووٚنُن میہ کُن" ۔ ماتہٕ ژرِہنگتہٕ منگہٕ گژھن سہہ ، یا سوٚر پھ یا ہاپتھ یا ہلکاری ہوٗتی پنز اہمرہ پیٚتیتبت پاٗدِر دور نے ژرییہ پتہٕ ۔ پتہٕ دور نے مارنہٕ خاٗطرٕ ۔ ژرییہ کیاہ گژھی حالتھ ؟ دپھ میہ چھنہِ خبر ۔ کاٗلنہِ چھنہٕ خبر تس تہٕ چھنہٕ خبر ییس زانہہ گاٗی دوریمتی آسن ۔ تکیازِ ہیچھلن موقن پیٹھہ چھِ ساری حلس بے ہوش

سپدان۔ انسان چھُ ژلان۔ کوت؟ تہِ چھُس نہٕ خبر۔ انسان چھُ وُچھان۔ کیاہ؟ تہِ چھُس نہٕ خبر۔ انسان چھُ ونان۔ کیاہ؟ تہِ چھُس نہٕ خبر ـــــ میہٕ روٗٹ یہِ پوٗت۔ خوفہٕ ستیٖ ٲس اَمِس تھر تھر۔ خوفہٕ ستیٖ اوس اَمِس واٰنجہِ ڈُبڈُب گژھان۔ خوفہٕ ستیٖ آسہِ اَمِس آچھ پھٹِتھ دژامژٕ۔ خوفہٕ ستیٖ اوس یہِ چوٚپ چوٚپ کران، ظاٰہر وَدان، ظاٰہر زارہٕ پارہٕ کران۔ ظاٰہر ونان ہے میہٕ کیاہ کوٚر وٕ توہہٕ۔ بہٕ ہاسا ٲچھُس پوٗت۔ پوٗت ہسا۔ یوٚدوَے کوٚرُم چھُس تیلہٕ دِمہٕ بانگ نے تہٕ تیلہٕ تراوٕ ٹھوٗل۔ میہٕ کیاہ کوٚر وٕ۔

اَسہِ چھِ ہُمِس منز کوکر۔ اکھ کوکُر چھُ صُبحہِ شام بانگہٕ دِوان۔ کوکرِ چھیہٕ گراکھوان آسان۔ گراٹھوٗل تراوان۔ پتُراہ یہٕ بہان۔ جان، ہُمِس منز۔ یہوے نازن لَبِتھ گرا۔ اَکِس خاندارس خاندارِنہٕ ژوٚمبرٕ۔ میہٕ زوٗن زِ یہِ پوٗت لسہِ اَتی۔ وارِ وارِ گژھِ لبوٗڈ۔ لبوٗڈ گژھِتھ مارون۔ مارون تہٕ کھیون۔ میہٕ ٹُل تہٕ ترووُم یمنے ستیٖ۔ دلوٚپٹہٕ ذاٰژِ ہندی جانورٕ وُچھِتھ اَمِس تہٕ بیم ژٕلہِ۔ گانٹہِ کھنڈی پیٚلہِ بہٕ مرِس نظر دِنہٕ گوٚس۔ چھَیہِ خبر اَتہِ کیاہ ٲس ذٕلیل؟" تمی پھر میہٕ کُن آچھ۔ پژاژن بیٚٹھ اوٚسُس زہر خندہٕ۔ میہٕ اوس وُچھان تمہِ نظرِ زنتہٕ پانہٕ خودا اوس تہٕ بہٕ گونہگار بندٕ۔ برزرِ بس کھنڈس یتھے کُنی مُدے گنڈِتھ ووٚنُن۔ "لوٗتِس نیوٗمُت کوکرو دِگہِ دی دی کمبرس سوٗرے مُسلہِ ٹلِتھ۔ اَمِس کمبرِچ اَڈِج ننی۔ رَتِس دِتہٕ گامژٕ۔ اَکِس کونجس کُن بہِتھ۔ ہارِتھ تہٕ پھنگِتھ۔

میہٕ روٗٹ۔ یہِ ژوٚل نہٕ۔ اتھس کیٚتھ تلُم۔ اَکی کرِنہٕ ژھرٕ ژھرٕ ٹھرٹ۔ لوٕتہِ لوٕتہٕ اوس پیچ پیچ پیچ پیچ کران۔ کیاہ تام اوس ونان۔ ظاٰہر، اِدسا ووٚنی مرٕ بہٕ۔ گوکھہِ خوش؟ ژہٕ یہِ ہاسا ووٚنی تمے انسانا۔ ہونیا۔ گانٹھ۔ کوکرا۔ دوٚپیے گوکھہِ خوش۔ بہٕ مرٕ ووٚنی دمہٕ نہٕ بانگ۔ ووٚنی تراوٕ نہٕ ٹھوٗل۔ ووٚنی کرِ نہٕ بہٕ کہنی۔ بہٕ کرہ تہٕ یمہِ ستیٖ ساری خوش گژھن۔ بہٕ مرٕ۔ پیچ پیچ پیچ پیچ، اتھس کیٚتھ ژٕڈی تھیٚے ہوو میہٕ اَمِس توٚمل۔ اَکی کھیٚیہِ تونتہٕ جوراہ۔ ظاٰہر ٲسِس لوٚچھِیا ظاٰہر سوٗنچُن زِ گژھِ تن اوہندے دِل خوش۔ میہٕ کیاہ حرجہٕ گژھِ۔

دپان چھنا خودا چھُ بے نیاز۔ وبٹرزی والیو تراوِس لوڈر۔ میہٕ روٗٹ وشنیرس۔

یہِ اوس نہٕ ووٗنۍ میہٕ کھوژان۔ یہِ اوس نہٕ ووٗنۍ گاٹلسہٕ کھوژان۔ یہِ اوس صرف پیچ پیچ کران۔ میہٕ پاٹزار دِوان۔ لوٗت لوٗت اوس پیچ پیچ پیچ پیچ کران۔ لوٗت لوٗت اوس میانِس رٕوحس سیتۍ کتھ کران۔ تہٕ وننان۔ گوکھ ساخوش ہونیا۔ انسانا۔ گوکھ سا خوش۔ ییکیاہ بہٕ مرٕ۔

گاٹنہِ کھنڈ گژھتھ ہسا موٗد" تمس اوس اوٗش وسان۔ شہ اوس موٗمتِس پوٗتِس نوٗرِ سٕر۔ پھان تہٕ وننان۔" چھک سا آلوزان۔ آخر موٗد۔"

# پۆت سام

۱۔ تمی ـــــ یتھ افسانس اندر چھ زِ ے کردار۔ اکھ راوی تہٕ بیاکھ تس ستۍ کتھ کرن وول۔ زیادٕ تر افسانہٕ چھُ مکالمن اندرے لیکھنہٕ آمُت۔

۲۔ مرُک تہٕ کانہہ نشاناہ ـــــ راوی سِندی کنہِ چھُ پۆتۍ سُند مرُن تیۆتاہ موٗملی زِ اتھ پیٹھ گوٗڑھ نہٕ یُت پریشان گژھنہٕ یُن۔ پۆتۍ وول چھُ سیٹھاہ پریشان تہٕ پۆتۍ سِندِس مرنس اکھ فلسفہٕ ٹھران۔ راوی لیس چھنہٕ اکھ ستۍ برابری۔

۳۔ کوٚہند ـــــ پۆتۍ وول چھُ رووُمُت کیاہ تام تہٕ راوی سُند تسلا کرُن تہٕ چھُنہٕ تس اثر تراوان۔ راوی چھ خود اے سُند ذکر صرف ادٕ خاطر کران زِ نمس گژھ تسلا نتہٕ چھُنہٕ تس کانہہ فلسفہٕ ونہٕ نک اراد۔ مگر سہٕ چھُ کتھ تاز فلسفس سینومُت۔ سہٕ چھُنہٕ یہٕ واقعہٕ رُٹین (ROUTINE) تسلاے ستۍ مشراوان۔

۴۔ شوٗس مالاشنہ۔ شوٗگوٗلاش یامیت۔

۵۔ پۆشس اگر گوٗڈے فکرِ تر ـــــ پۆتۍ وول چھُ پۆتۍ سِند بہانہٕ انسانی زندگی پیٹھ خوفچہٕ ژھایہٕ ہنز ورژھنے کران تہٕ اکھ موٗلۍس تصویرٕ وتلاوان۔ خوفچ گوڈٕ ژینہٕ ون ہے آسہٕ تہٕ تێلہٕ پھولی نہٕ

پوش یا کانہہ تہٕ خوبصورتھ آکار۔ مگر راوی یُس چھ خبر زِ موت تہٕ خوف آسِتھ تہٕ چھ زندگی زِ ہوان پر ستھان تہٕ سونداران۔

۶۔ مانتہٕ ژِ ہنگتہٕ منگہٕ گرِ ژھن سپہہ..... ـــــ یوٚتی وول چھُ خوفچ ورثہٕ ہنیے کرنہٕ خاطرٕ مثال دوان زِ کانہہ تہٕ جاندار چھُ خوفہٕ وقتہٕ بلکُل مشران زِ تسُند آسُن نہٕ آسُن بہودری بُزدلی بتیر کتھن کیاہ مطلب چھُ۔ سہٕ چھُ صرف خو نکہٕ آگرِ نشہٕ دوٗران۔

۷۔ گوکھہٕ سا خوش ہونیا ـــــ یوٚتس ہیوا کہٕ پتہٕ بیا کھ پیٹھ تہٕ ساری آسس زوٗس لار کران۔ تس نشِ اوس ہوٗن، انسان، گانٹھ تہٕ کوکر ہوی۔ یمو ساروی کوٚر وار اِسس حملہٕ تہٕ سارنی ہنز نیتھ آس اہند خوٗن چوٚن۔ فطرتہٕ لیحاظہٕ چھُنہٕ یم اکھ اکس نشِ بیوٚن۔ یمن سارنی ہُند رُجحان چھُ ہوے۔

## سوال

۱۔ یتھ افسانس اندر چھُنہٕ رِوایتی پلاٹ یا کردار نگاری یا منظر کشی۔ توہہٕ چھا باسان یہٕ چھیہٕ اتھ اندر کانہہ خامی؟

۲۔ یتھ افسانس اندر یُس فکری بحث تُلنہٕ آمُت چھُ سہٕ لیکھو پننہٕ نَین لفظن اندر۔

۳۔ یمہٕ افسانہٕ کس عنوانس پیٹھ کرِو پننی خیال ظاہر۔

# ماورأیی دیان ـــ زان

یہ مقالہ چھُ اَکِس نیم فلسفی موضوعس پیٹھ اَکھ ابتدأیی زان کرناونہٕ باپتھ لیکھنہٕ آمُت۔ ہندوستأنی طرزِ عبادتھ چھِ مکولہٕ تہٕ انفرأدی یانے فردٕ سنٛدِ رُوحأنی تسلاہ خأطرٕ مختلف وَتہٕ ہاوان۔ یموٚ منٛز چھُ اَکھ دیان یانے توجہ نیٚبرِمہ دُنیاہہ نِشہ پھیرِتھ مَنس کُن کرُن تہٕ رُوحأنی اِرتقاہس وو تھبو ڈیُن۔ دیان اوس ویدن ہنٛدِ زمانہٕ پیٹھے رِیاضتُک اَکھ موٗثر طریقہ مانہٕ یوان۔ اَتھ آیہِ مختلف فلسفی خیالو تحت وِزِ وِزِ مختلف مانے دِنہٕ تہٕ اَمیکہ ورتاوٕ کہٕ آیہِ مختلف طریقہٕ وِشِھناونہٕ۔ مگر مقصد اوس گُنے۔ مأدی دُنیاہہ نِشہ توجہ پھیرُن تہٕ کیٚشاز مأدی دُنیا چھُ ناپایدار، اَپُز، عارضی، بَرم تہٕ دوکھ۔ مگر دُنیاہس پیٹھ فِطری ہٕنٛز چھِنے مأدیتس گُنے۔ اَو کنہِ کوڈ کینٛژو اَزی کیو مُفکرو تیٚتھ طریقہ یتھ اندر ماد تہٕ دُنیا مانِتھ تہٕ توجہ یا دیان کرُن ہیٚکہِ۔ خاص کر چھ اَسہِ زیٚٹھہ ۳۰ ہن ۴۰ ہن ورین منٛز یِمن مُفکرن اوکُن توجہ تہٕ بیٚچھیو ہیو مُفکرو منٛز چھُ مہرشی مہیش یوگی مشہور۔ ماورأیی دیان چھُ بیہنٛدے دیٚیت۔

یہ چھُ دراصل قدیم روایتی دیانکس تصورس رٕژھا ترمیم کرِتھ تھرٗنہٕ آمُت مثلن یوگس منٛز (یتھ کرم یوگ، راج یوگ، بھکتی یوگ وارِیاہ قسم چھِ) چھُ پرانایام (شاہ اَکہِ مخصوص مشقہ تابع تھوٚوتھ) برونٛہہ پیٹھے اوسمُت۔ مہرشی مہیش یوگی چھُ یتھ پیٹھ زور دِوان زِ نفسیأتی گُھرِ تہٕ اَندرٕ ڈی واہراونہٕ تہٕ مٔژراونہٕ خأطرٕ تہٕ اَدہِ پوٚرِ جسمس کیو رُوحس تسکین دِنہٕ خأطرٕ چھُ یہ دیان ضروٗری۔ اَمہِ سیتی ہیٚکہِ قادرِ مُطلقس سیتہ رابطہ قائم کرِتھ یا زِ شہ ہیکوٗ اَسی جسمس

تہٕ جافس منٛز ژٕہنیتھ۔

ماورائی دٔیان چھُ وۄنی دُنیاہس کیٚن وارِیاہن مُلکن منٛز کأفی مقبوٗل گومُت۔ اَمکو مرکز چھِ جاپانہٕ جاپانہٕ، ہیٚچھہ ناوَن والی تہٕ ہیٚچھن والی چھِ پرٛتھ رنگ نسل تہٕ قومٕکی۔

یہ مضموٗن چھُ اَکِس تِتھِس فلسفی موضوٗعس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت۔ یُس ژٕروٗن اُسمتھ تہٕ جدید سائینسی اَثر قبوٗل کران چھُ۔ مضموٗنس اندر چھےٚ اَکھ مانے ہیٚچھ وکھنے، اَمہ دِیاہ پَنٛچ ریوایتھ، باقٕے ہم شکل دِیانو نِشہٕ اَمیُک بُنہٕ تہٕ جدید سائینسی نۄقطہٕ نظرٕ سیٚتی امکہ موازنٕچ وِشرٕھنٛے سہل خاطرٕ فلسفی زبٲنی اندر کرنہٕ آمژ۔ ییٚتِن تہٕ چار لوٗگس نتیٚن چھُن انگریزی لفظ اِستیمال کوٗرمُت ۔

نور محمد بٹ

# ماورٲیی دیان

یہ کینژھا وجوٗدٕ نیبر چھُ تتھ چھِ ماورآیت وَنان۔ اَمہٕ اُصوٗلہٕ موٗجب چھُ خۄدا یا مالِک کُل یِمہ دُنیاہ بٲتہٕ
دُنیہِ ہیکھو سارِوے چیزو بدون تہٕ یِمَن منز اولیت تھاوان۔ یانے خۄدایس متلق تہٕ کینژھا پزر چھُ سُہ چھُ تمیٚ سٕندی
پےٚ ذاتس منز نہٕ کہیتھ کاینٲتس منز یُس اَمی سُند فن پارہ چھُ۔ ماورٲیی ہنداکھ تصوٗر چھُ یِتہٕ زِ خۄدا چھُنہٕ پرٛیتھ متقاس
منز یِتھ کٕنی زن صوفی وَنان چھِ زِ خۄدایہ سُند ظہوٗر چھُ دُنیاہکس پرٛیتھ ذَرس منز۔ یِمہ تصوٗرٕ مطابق چھُ خۄدا دُنیاہچیو
تمام شکلو نِشہِ الگ۔ ژھوٚٹ ہن لفظن منز ماورآیت چھِ تتھ فلسفس وَنان، یِمہ کِنی پزر سرٕ کھرٕ کرنچ کہوٚٹ چھُ
عقلہٕ بجاے وجدانس، مادہ بجاے رُوحس یا حِسو (SENSES) بدلہٕ حِسہ کیو حدود نیبری چیزن مانیہٕ لیوان
ہرکانہہ شر چھُ تھہنہٕ پتھے یتھ دُنیاہس موحسوٗس کران۔ یوٗت یوٗت یہ اکھ اکھ وٚرٲی برٛونہہ
پکان چھُ تیوٗت تیوٗت چھِ یہ یتھ دُنیاہس مختلف طریقو سمجان تہٕ سر کھر کران۔ ییلہ یہ اِرادہ یا وُہہ وٲہرٕ وُہرٕ آتان
چھُ، یہ چھُ پنہٕ نس پانس اکھ مکمل تہٕ با ایتماد شخص تصوٗر کران۔ یانہٕ تہٕ نل نکھ ڈٕ ہٹھنس لۄٹھنس سیتی چھُ
اُمس دُنیاہک مسلہٕ تتھے کٕنی فکرِ تران یتھ کٕنی اکس شیٹھ وٲہرِس بُڈس یا اکس لوٚکٕچہ کار انسانس فکرِ تران
چھُ فرق چھُنہٕ صرف کینژن درجن ہُنز آسان۔ کُنہ ورِ چھِ اَسہ باسان، زِ یہ کینژھا یہ لوکٕٹ نوجوان بُڈن یا بُڈٕن وَنان یا

مشوٗرِ دِوان چھُ زِ سہ چھُ بہتر یا ورتاونس لایق آسان یانے زندگیہِ ہندِس اَتھ دورس منٛز چھُ اَمی سٕندِ دِماغ اَکس مخصوٗص ترقی ہندِس منٛزِلس تام واتان تہٕ اَمی سٕندِ دِماغ تہٕ چھُ یہِ منٛزِل لبنس منٛز تِتھے کٕنۍ دُمنٛزلہِ ووہٕ ٹلان یِتھ کٕنۍ اَمی سٕند پان ٹلان چھِ۔ بدیٛنچ ترقی تہٕ پوٗھر چھُ اتہِ نس رُکان۔ مگر دِماغچ ترقی چھِیہٕ سوٗت سوٗت اَمِس وُمرِ سپدان تہٕ اَمِ کنۍ چھُ اَمِس دِماغ وُمرِ ترقی کران۔ انسانس چھِیہٕ اَمِہ وُمرِ یانے ۱۸ یا ۲۰ وہرِ پتہٕ بدیٛنچ ہنا بیٚیہِ ترقی ہیٚکان سپدِتھ۔ یِیلہِ یِتھ انسان پہلواٰنی یا بدن پوٗٹھراونس کُن لگِہ، مگر پتہٕ چھُ مساہ کرِتھ بیٚیہِ ذہن یا وُہن وٕری ین تام ہیٚکان سپدِتھ۔ تمہِ الپورتہٕ کیٚنہہ تہِ۔

یِیلہِ یہِ نوجوان پرٛیتھان یا بٹران چھُ اَمِس چھِ زندگی ہندی زٕ دیٚیٹھی پوٗٹھی مدا آسان رانیتھہ پنٕنۍ زندگی وارٕ دَتہٕ لاگنۍ، کارٕ بارس تاٰلیمہِ کَسبس یا کٕنہِ تھٕز کامہِ منٛز۔ یِم بنیادی چیز حاصل گرٕ ھتھ تہٕ چھُنہٕ اَمِس دِلس مکمل قرار آسان۔ وٕری وٕری گرٕ ھنس ستی چھُ یہِ نوٗشٹر کران، اَندری اَندری کیا تام سوران تہٕ گاران، نوٚہن کامین کھوٚرتراوان یا نوٚہن کھرٕین منٛز ینٕنۍ پان آوران۔ یِیمہِ ستی گژھے اَمِس کٕنہِ وِزِ یِمہِ کامہِ کٕنہِ حدس تام اَندواتان چھُ تہٕ کٕنہِ وِزِ اَڈدتی ہوان چھِنہٕ یا مقابلہ سَبَبہٕ یا بیٚیہِ کنہ سبَبہٕ اَمِس ناکاٰمی سپدان چھِ۔ کٕنہِ وِزِ چھُ یہِ ذَنان زِ پننہِ کم عقلی، وٕلی تردٕد آسنہٕ کنۍ یا باقے دجہو کنۍ ہیٚوکُس نہٕ یِمہِ کامہِ اَندواتناوِتھ تہٕ کٕنہِ وِزِ چھُ اَمی سٕنزِ ناکاٰمی ہندی تم اَسباب آسان یِمن ہٕنز اَمِس کٕنہہٕ جواب نیران چھُ یا پَنٕنۍ نَس یہِ لاچار آسان چھُ۔ یانے کھوٚن وٕٹہ کھوٚڈ کھٕنۍ کھٕنۍ تہٕ چھُنہٕ اَمِس کیٚنہہ تہٕ اَندان۔ یا یہِ چھُنہٕ اَتھ لایقے آسان زِ یہِ کاٰم یا یہِ خیال واتہٕ ناوٕہے اَنٛد۔ یِتھہِ ہوے ناکاٰمیو کنۍ چھِ اَمِس کاٰتیاہ اَنٛدرٕ ٹی پاٰدٕ گرٕ ھان۔ تہٕ یِوے وَجہ چھُ زِ اَمِس چھِ کیٚنہہ ذیہنی مرض لوان اگر اَندرٕ ٹی جنسی نوٗیتکۍ آسن تیلہِ آسن سخ تہٕ شدید۔ اگر یِم فوٗری نوٗیتکۍ آسن تیلہِ آسن یِم ہنا نرٕم۔ اگر جنسی اَنٛدرٕ ٹی دٲلِس نوجوانس فطرتن یا ورانٹتن بدنس منٛز دورعصبی نظام آسہِ تیلہِ چھُ یہِ جلدے بیاکھ کانٛہہ وَتھ ژھانڈان تہٕ پنٕنۍ زندگی وارٕ دَتہٕ لاگان۔ اگر اَمی سٕند عصبی نظام کمزور آسہِ اَمِس کرن یِم خیال سوٗرٕ تہٕ وارٕ وارٕ دِماغس کمزور کرِتھ کمبر پھٕرٹوٗ سِ پہٕ ہیٚنیہِ زندگی نِش پیٚتھ پیٚتھ ژٕلن۔ مجلِسن۔ محفلن تہٕ کارٕ بارٕ نِش پیٚتھ ژٕلن۔ یوٚتام تہٕ اَمِس کاٰڈ لس منٛز

EXCITATION تہٕ INHIBITION ہُنٛد متوازن رشتہٕ ختم گژھنہٕ تہٕ یہِ ہیسٹیریاہُک شکار بنہٕ۔

یہِ کتھ دِہرٕنٲونک پیوٚ اَمہِ کِنۍ ضروٗرتھ تہٕ کیاہ ماورٲیی ذیانُک اکھ اہم مقصد چھُ یہِ ذیان کرن وٲلِس
عصبی نظام مضبوط کرُن۔

دوہہٕ نانوٗ زاکھ بچہٕ، یُس پوٗڈوت تہٕ پرتھ گوٚ کاربار تہٕ نیتھر پاتھر کرِتھ واریاہس عدس تام یوٚ
اندر ٹوٗٹنہٕ بچوو تہٕ پننہٕ وۄٹہٕ ژھاٮ۪نہٕ ستی جان کاربار تہٕ صحت و سلامتی کِنۍ پرسوکون زندگی
گزارن۔ تیتھے یِہ شخص ژۍ تہٕ گُمان آسہِ یا ژۍ تجہِ وو قیمت یا ڈوٗلت آسہِ، اُس آسن دٕنۍ ہینس مَنٛز ریتھ
ڈٕنیس تہٕ ڈٕنۍ میہ کیٛن تماشن، انسانن تہٕ انسانی فطرتن متعلق واریاہ سوال ووتل بچہٕ کران۔ کنیتزن الن
آسہِ یہِ پاٲز پانے جواب دِوان تہٕ کنیتزن آسہِس نہٕ برابری لیوان۔ اگر یہِ سنہٕ ونٛ آسہِ تیٚلہٕ ژھانڈٕ یہِ
یہنٛد پے، اگر یہِ کم سنوٚن آسہِ تیٚلہٕ آسہِ مَنٛزٕ منزٕ کانسہِ ستی کتھا باتھا کرِتھ یا پاٲز پانے سوال وجواب
کرِتھ یمن مسلن جواب دِوان سنہٕ وٚن شخص دٕپہ پیٚب پا امنیک آگر ماورٲیی دیانُک اہم مقصد چھُ یوہے آگرٕ لبن تہٕ سر کرُن۔

"ماورٲیی ذیان" کیاہ گو؟ ماوراہچ تشریح آیہ گو ڈے کرنہٕ۔ مگر یتھ مانے یُس مَنٛز یہِ لفظ یتیٚوٗلِس
استعمال سپدان چھُ۔ رُتچ تشری کرنٕۍ تہٕ چھُ ضروٗری۔ اَمہِ برونہہ ژٕ اسی کرواَچ تشری۔ لفظ "دیان" بمجیٚنچ
چھُ زیادٕ ضرورتھ۔

کاشر شیومت چھُ وَنان زِ جیوِ یانے فرد، شیو یانے قادرِ مطلق تہٕ شکتی یانے طاقت چھِ اکھ
اَکس نکھہٕ۔ شیومتُک مقصد چھُ فردس تہٕ قادرِ مطلقس درمیان دوٗرہر ختم کرُن۔ یہِ دوٗرہر ختم کرنُک اکھ طریقہٕ
چھُ کرم سسٹم۔ یہِ تہٕ چھُ شیومتُک اکھ حِصہ۔ کرم سسٹم چھُ راج یوگس ستی براہ راست تعلق تھاوان
تہٕ اَمہِ کِنۍ چھُ اَمنیک واکھ کنڈلنی ستی۔ دیان ییٚلہٕ کانہہ یوٗگی شاہس یانے پرانس پیٹھ ذیان کران چھُ۔
شاہہ چھُ دیانہٕ کہِ طاقتہٕ ستی خوہ دٕ جو دگام کرنٕۍ بند کران تہٕ پینٛی جاے مَنٛزٕ مہٕ رگہِ منز ژٹان۔ یہِ چھُ ہنا
بنیہٕ لوٗن کُن وسان تہٕ موٗلا، دار ژکھرس یُس بڈس انٛدرس نزدیک چھُ ستی ٹکرٲوِتھ کنڈلنی ہنزِ شکلہٕ

مَنز نوٗن نیران، یَیتہٕ لَس یہ پُرسوٗکوٗن شوٚعوٗر بیدار کران چھُ تہٕ یوٗگی یَس قادرِ مُطلقہ سٕندِس شوٚعوٗرس
نکھہ واتناوان چھُ۔ یِتھہ کٔنہِ چھُ یوٗگی پرم شویا نے ماورآیی وُجوٗدس نِش واتان۔ حقیقی ماورآیی وُجوٗدس
نِش واتنہٕ خاطرٕ چھُ شیومت تر یہ ذٔری یہٕ ہاوان۔ اَمہِ کِس اَکِس ذٔری یَس چھہِ ونان اَنوٗپایے۔ انوپایے
ورتاونہٕ چھہِ پانژھہ طریقہٕ۔ یِمو مَنز چھہِ زٕ طریقہٕ دیانَکی۔ اَکِس طریقس مَنز چھُ یوٗگی خودایہ سُند تصوٗر یِمو شیٖہ
چہِ شکلہِ مَنز ژٕھتہِ ذیان کران تہٕ بیٚیس مَنز دِلَس یا دوٚن بُمَن درمیان چہ جایہ پیٹھ مُدٕرے گنٔڈتھ دِلہٕ اَندری
وٚظیفہ پران۔

یتھے کٔنہِ چھہِ بیٚیہ تہٕ کینژہہ طریقہ یِم زَن مختلف قسمکی ذیان ورتاونَچ وَتھ ہاوان چھہِ۔ مگر یتھہ دورس
مَنز یتھِس خیالَس لوٗکن ہندِس سایِنسی یا تحقیقی دِماغس مَنز وِہراونَچ کام چھہِ مہاریشی مہیش یوٗگی ین ذِمہ
ہیٚتمژ۔ یِمے چھہِ ماورآیی ذیانکی بانی۔ یِہُنٛد تربیت تہٕ تالیم یمو پیٚنہِ نِس پیرِس سوامی برہمانند سرسوتی یَس نِش
حاصل کٔرمژ چھہِ۔ مہارشی جی چھہِ دُنیہکِس کوٗنس کوٗنس پھیرمتی۔ تہٕ پرتھ شایہ چھہِ یِمو ماورآیی ذیانکی مرکز قایِم کٔرِی متی
قادرِ مُطلقہ سٕندِ ماورآیی وُجوٗدٕچ حالت چھہِ ہِندِ فلسفہ مطابق سارِوے حواس خمسہ کہِ ادراکہٕ نِشہٕ
دوٗر۔ یہ نہٕ ہیٚکہِ تصوٗرس مَنز یِتھ تہٕ نہٕ ہیٚکہِ کُنہِ طریقہٕ موٗحسوٗس کٔرِتھ یِتھ۔ کُنہِ شکلہِ مَنز پنُن وُجوٗد تھٲوِنہٕچ
قادرِ مُطلق ہُنٛز یہِ حالتھ یتھہ حتمی حقیقت یا خالِص شوٚعوٗر تہٕ ونان چھہِ، چھہِ زندگی ہُنٛز آخری صوٗرتھ۔ یِہِندی کٔنہِ
چھُ اَمیُک احساس تہٕ تجربہ صرف اَکی ذٔری یہٕ آسانی سان سپدان۔ سُہ گو ماورآیی ذیان ورتاوُن۔
ماورآیی ذیان گوٚ سُہ طریقہٕ عمل یِمہِ سٕتی اَکھ شخص پنُن توجہ ماورآیی وُجوٗدٕچ لبولہٕ تام واتہٕ ناوِ۔
اَمہِ خاطرٕ چھُ اَکھ خاص خیال یا نے کینژہہ لفظ یِم زَن کانسہٕ شخصہٕ سٕندِ مذہبہ تہٕ مزاجہ مُطابق آسَن اُمس شخصس
وَننہٕ یِوان۔ یہِ شخص چھُ اُتھی خیالَس دِلہٕ اندری پھِران تہٕ اُتھی کُن مُدٕرے گنڈان۔ یہ مُدٕرے گنڈنہٕ وِزِ چھِنہٕ
اُمس اَتھ خیالَس کانہٕ شکل بناونی پیوان۔ یا اَتھ لفظس پیٚتہٕ پیٚتہٕ دوٗرُن پیوان اُمس چھُ صرف
اَمیُک ظوٗن تھاوُن آسان۔ اَتھ دوران یِم خیال اُمس ین یا یِم تصوٗرات اُمس یادِ گژھن تِم چھِنہٕ
اُمس زبردستی ذیہنہٕ مَنز کڈنی پیوان۔ اگر یہ زبردستی یِمَن خیالَن ذیہنہ مَنز کڈُن ہیٚیہ یا پیرِ سٕندِس

وظیفس کُن شوعوٗری فِکر کرٕ، اُمی سٔندِ ذِیان چھُ ژھینان تہٕ یُس نشہٕ اُمِس اَتہٕ تام کھوتمُت چھُ آسان سُہ
چھُ سوٗرُے ختم گژھان۔ اُمی سٔندِس اَتھ وظیفس چھُ وقتس سیٖتۍ اکھ لہر پأدٕ گژھان یُہے لہر چھُ
اُمی سٔندِس بدنس منٛز ترٛان آسان۔ یہ لہر چھِ دوٚہ ہہ کھوتہٕ دہ ہہ لوٚن لو بنے لمان۔ یوٗت یوٗت یہ لہر لوٚن
کُن لمہٕ تیوٗت تیوٗت چھُ اُمِس شخصس ماورأیی ذِیانُک فأیدٕ حأصِل گژھان۔ گوڈٕ گوڈٕ چھُ اُمِس ذِیان کرٕن
وِزِ یہ باسان زِ میانہٕ بدنُک کینٛہہ حصہ چھُنہٕ کانٛہہ وُجوٗدُے تھاوان۔ اُمی سٔندِس بدنس چھُ مختلف
نوٚی تجربہٕ حأصِل گژھان۔ یِمہٕ سیٖتۍ اُمِس جسمس منٛز نوٚو طاقتھ یِوان چھُ۔ اُمی سٔندی اعصاب چھِ ہِنہٕ
ہِنہٕ مضبوٗط ہیوان گژھی۔ تہٕ اکھ وقتاہ چھُ واتان یِلہٕ اُمی سٔندِس عصبی نظامس اکھ سکوٗن چھُ پأدٕ گژھان
تہٕ داریاہ اندرٛی ختم چھُ گژھان۔ کینٛہہ نفسیاتی بیمارتہٕ چھِ اَمہٕ سیٖتۍ بلان۔ عصبی نظامہٕ کِس اَتھ پرسکوٗن حالژ
چھِ مہارشی RESTFUL ALERTNESS وَنان۔ اَمِچ تشبیہہ چھِ یِموٚیتھ کُنہِ وِژھرِ ژز اکھ تیر انداز چھُ بانبرِ وانبرِ یا
خوفہٕ تہٕ دہمہٕ بغأر پرسکوٗن طریقس منٛز تیر کمانہٕ پوٗرٕ طاقتہٕ سان لمان تہٕ پوزیشن رٹان۔ اُمِس شخصس چھُ
دہ نٛی وُتاولی بجاے سکوٗن تہٕ ٹھہراو بنیہٕ ایتماد پأدٕ گژھان۔ شہُک وُن کھٕس چھُس ذِیانہٕ وِزِ لطیف
سپدان یِمہٕ کِنی کاربن ڈائی اکسایڈ اُمی سٔندِ بدنہٕ منٛز ڈلوٚلی خأرج سپدان چھُ۔ اَمہٕ سیٖتۍ چھُ اُمِس
بدنٛکی داریاہ مرض بلان۔ بدنُک METABOLIC PROCESS چھُ ڈٕنٛجہٕ یِوان۔ یِمن سارِنے کتھن
ہِنٛد دارومدار چھُ ذِیان کرٕن والہِ سٕنٛزِ ذِیان ورتاونٛچہ کامیابی تہٕ اُمی سٔندِ بدنہٕ، مزاژ تہٕ نفسیأتی وُجوٗدٕچ
مخصوٗص حالژ پیٹھ آسان۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ ضروٗری زِ یہ شخص گژھِ پنٔن عادت حدِ رٹن۔ اگر یہ بد عادت ورتاوِ
یا حدٕ نیبر نیر تیلہٕ چھُ عان ممکن زِ اُمی سٔند عصبی نظام گژھِ بنیہٕ خراب تہٕ یُس طاقت اُمی حأصِل آسہٕ کوٚرمُت
سُہ ہیلیہٕ بنیہٕ سوٗرُن۔

ماورأیی ذِیانُک اوٚصوٗل وِژھناوان چھُ مہارشی وَنان زِ اَمہٕ طریقُک مقصد چھُ تخلیقُک وُنیتھی
پوٚھٹی حالژِ پیٹھ اَمہٕ کِنی لطیف ترین حصن تام واتُن تاکہِ دہماغ (MIND) نہ کِ کاڈی (BRAIN)
سپدِ ماورأیی وُجوٗدٕچ نشہِ روشناس۔ یعنی دہماغس سپدِ اَمِچ پأری زان۔ یِہندی کِنی چھُ ماورأیی ذِیانہٕ سیٖتۍ

اَکھ اِنسان خیالہٕ کِس آگرس تام واتان۔ یِم چھ وَنان زِ دِماغ چھُ اَکھ سمندر۔ اَمیُک بۄنِہٕم حصہٕ یانے سطح چھُ زیادٕ چلس وٚ حرکتس منٛز آسان تہٕ اَندرِم حصہٕ چھ پُرسۄکوُن۔ بۄنِمِس حصَس چھ شۄعوٗری حالت وَنان تہٕ اَتھی حِصَس منٛز یِم خیالات وۄتلان تِمنے چھ خیال وَنان۔ مہارشی چھ وَنان زِ خیال چھُ دِماغکہِ تلِمہِ حصہٕ پیٹھہٕ پٲدٕ سپدان مگر اُسی چھ اَکھ تیٚلی خیال وَنان ییٚلہِ یہٕ ہیٚرمہِ سطح پیٹھ واتہِ۔ یِمو شکلو یا مَنزِلو منٛز یہٕ شعوٗری سطحس تام واتان چھُ تِم چھنہٕ اُسی پرزناوِتھ ہیکان۔ تِم چھ وَپان زِ یہٕ چھُ بوُلِس ہیو سمندرکہِ ژٕکہِ پیٹھ کھسان۔

یوٚ تامت یہٕ تَس پیٹھ واتان چھُ۔ ماورٲیی وٚیان چھُ اِنسانی دِماغ خوٗشی ہندِس وٲرِس منٛز واتہٕ ناوان تیکیازِ دِماغچ خصوٗصیت چھَیی زِ تمِس گژھہ خوٗشی تہٕ قرار موٗکیر سپدن۔ ییٚلہِ یہٕ خیالہٕ کِس آگرس تام چھُ واتان، اَمِس چھ اِنتہٲیی خوٗشی موٗحسوٗس سپدان تہٕ چھُ ماورٲیی وٗجوٗدس سٕتی میلان۔ یوٚہے چھُ اَمیُک آخری مُدا۔

مہارشی ہندی وارِیاہ پیرٕوکار چھ سانہِ کشیرِ منٛز تہٕ۔ یِمَن منٛز بٔڈ کھوٚ مُسلمان دٕ شُوے شریک چھ۔ یہٕ چھُ سہٕ فلسفہ یا سوٗ عمل یتھ منٛز مذہبی پابندی ہِنٛز کٲنٛہہ کھوٗنٛٹھ چھنہٕ۔ مہارشی ییٚلہِ پتِمہِ لٕٹہِ کشیر آیہٕ تمن سٕتی اُسی تِہندی پیرٕوکار مصرکی تہٕ ترکی ہِندی مسلمان زنان و مرد سٕتی۔

# پوٚت سام

۱- ماورائی ـــــ سانہٕ زِندگیہ، اوٚنٛد پکھہ، کائیناتہٕ گژھِہتہٕ با ہیوٚر۔ مطلب تتھ طاقتس یا ووٚجوٗدس سیتھ رابطہ قائیم کرُن یُس سانہٕ زانہِ منٛز ووٚجوٗد تھوان، امہ اپارِ چھُ۔

۲- دیان ـــــ خیال کُنہِ پیٚٹھ مرکوٗز کرُن۔ توجہہ دِنہٕ ڈلنہٕ دِیُن۔

۳- حِس ـــــ حِس چھِ کُل داہ۔ پانٛژھ چھِ گیانیکو تہٕ پانٛژھ کرمیکو (عملہٕ ہِندی)

۴- EXCITATION جذبن ہیس لگُن۔ ووٚلسُن۔

۵- INHIBITION ۔ ٹھاکھ ماننہٕ کُنہِ خیالہٕ یا کامہ نِش پان شرٕکہٕ ناوُن تہٕ خیالس کاژ کرُن۔ اندروٗٹ

۶- ہسٹیریا ـــــ عصبی نظامُک گڑبڑیتھ منٛز لارنہٕ گژھات یا لٔہٕٹہٕ پوان چھےٚ۔

۷- کأشُر شیومت ـــــ کٔشیرِ منٛز پریتھیومُت فلسفہ یُس نوٕمہ ژِہمہِ کِہمہ صدی اندر عوٗرِ جس ووت تہٕ واریاہس کالس تانی مُفکرن شاعِرن تہٕ عام لُکن سوچس اثر تراوان روٗد۔ سوم دیو، اُتپل دیو، ابھنوگُپت ہِی عالمٕ اسہٕ امکو ووٚتھناون والی تہٕ لل دید، شیخ نورالدین، شمس فقیر، صمد میر، پرمانند بیتر شاعِر اسہٕ امہ سیتھ متاثر۔ امہ چھِ باقے ہندوستانی شیومتہٕ نِش فرق تہٕ شیومت چھُس اِز کنہٕ وَنان تہٕ کیتہٕ امہ مطابق چھُ ییمہ کائیناتُک مالکہ کُل پرم شیو یُس تھدِ کھوہ تہٕ تھوٚد شوٚعور تہٕ وَنان چھِ۔ شو لفظُک مانے گوٚ جانی، کلیان، فلاح، بہبوٗدی،

۸- کرم سسٹم ـــــ انسانہٕ سٕنٛز زِندگیہ ہُنٛد دار مدار چھُ کرمن پیٚٹھ۔ کرم یانے عمل۔

کرمو مطابق چھے اُمس زندگی پیٹھ یا کرتھ بنان تہٕ یمہٕ زندگیہ پیٹھ ہُمند
انحصار تہٕ چھُ کرمن پیٹھے۔

۹۔ راج یوگ —— یوگ ابھیاس (مشق یا ریاض) رُوحانی تہٕ جسمانی نفس کُشی تہٕ مشقہ
ہُندا اکھ طریقہ۔

۱۰۔ یوٗگی —— یوگ سادن وول۔ حسن وش کرٕنی تہٕ توجہ باقے اَندی یکھہ نیشہ پھِرتھ
پننس اندروٕنی وُجودس پیٹھ مرکوز کرُن۔ یہ گوٚ یوگ تہٕ اَمیک ریاضت کرن
وول گوٚ یوٗگی۔

۱۱۔ سُشرم رگ —— یوٗگی یو چھُ دیان مُکمل تہٕ کارگر بناوتہٕ خاطرٕ انسانی جسمچہ بناوٹہ
مُتعلق ینٛز تصور کھر گوٗمت تہٕ دیان یچ اکھ عمل ٹھوس بناوٕنہٕ۔ یہند مُطابق
چھِ سائنس تھر کُنڈلس ڈیچھنہ کھوورِ نہٕ نار آسان یمن اِڑا تہٕ پنگلا ونان چھِ۔
ترٛبیم نار چھِ سرچہِ پیٹھ پاٹھ آہ کُنڈال کرتھ ریکہٕ اُڈی جَہِ سید آسان، اَتھ چھِ
کُنڈلنی ونان۔ یوٗگی چھُ ریاضتہ سٟتی اَتھی وُزناوان تہٕ شٹے یو نمٛبر لو (یمن شٹے
ذاکر ونان چھِ تہٕ یم مختلف گونٛتر ڈھکر دار پمپوش ہنٛزِ شکلہِ آسان چھِ) یکہٕ ناویتھ
برہمانڈس واتہٕ ناوان چھِ۔ تمی وزِ چھُ دیان مُکمل گژھان تہٕ یوٗگی سوٗکن تہٕ آنند
پراوان۔

۱۲۔ مولادار ژکھر —— گوڈنیُک ژکر یُس چھُ ترٛن ڈکرن ہنٛدِ پمپوشہ شکلہِ
آہان۔ باقے چھِ سواد شٹھان (شٹے) منی پور (دہ) اناہت (باہ) وِشدھ
(شراہ) تہٕ آگیا (دون ڈکرن ہُند پمپوش)؛ یم چھِ تنترک ٹیکنیکی الفاظ۔

۱۳۔ مہارشی مہیش یوٗگی —— ماورائی دیانک موجد یا بانی۔ اَمہٕ دیانُک مرکز چھُ پمو

رِشی کیشہٕ (ہردوار) ترٛاوِ مُت تہٕ مرکز چھِکھ ساری ہے مُلکس منٛز۔ تہٕ مُلکہٕ نێبر مختلف
مُلکن اندر۔

١٤۔ **قادرِ مطلق** ـــــ پرٛم برٛہم۔ ایشور، پرماتما، بھگوان، خُدا ے وغارٕ ناو چھہٕ یِمن
الگ الگ مانے لگاوان۔ مگر پرٛم برٛہم یا قادرِ مُطلق چھُ یمو سارِ وِہے نیشہٕ بیوٚن
تہٕ تہٕ یمن سارنے ہُنٛزٕ خوٗصوٗصیژ تہٕ چھےٚ بیک وقت اُمس منٛز شامِل۔

١٥۔ **لیوِل ـ سطح ـ سوٚتھر**

١٦۔ RESTFUL ALERTNESS مُکمل سوٚکوٗنچ حالتھ۔ ییٚلہٕ انسان پرٛتھ
مادی پریشانی نِشہٕ آزاد گژھہٕ تہٕ جسمہٕ ہشارہٕ سان لگہِ س شوٗعورس سیٚتہٕ یکٕٹ
موٗحسوٗس کرٕ۔

١٧۔ METABOLIC PROCESS جسمہٕ چین سیلن CELL اندر سپدوٗن عمل
یا کرٛاو یتھ کنہٕ پوٚھرٛاونکہٕ مادٕ مثلن پروٹین وِٹامن وغارٕ زندگیہٕ ہنٛدین مادن
اندر تبدیل گژھان چھِہ۔

## سوال نامہ

١۔ ماورائی کیاہ گوو۔ ماورائی ڈیانُک مطلب مانہٕ سمجھاؤو۔

٢۔ کاشُرِ شیومتہٕ مُطابق کوٚہ سہٕ اہمیتھ چھےٚ ڈیانس دِنہٕ آمٕژ؟

٣۔ ماورائی ڈیان کرنہٕ سیٚتہٕ کیا اعصابی تہٕ جسمانی تبدیلیہٕ ہیٚکن ظاہر سپدِتھ؟

# کٲشرٕ تہٕ کٔشِر ذاتھ ــــ زان

کٲشِرِ ہِندِس مولوٗم توٲرٟخس پیٹھ لیوٗتاہ تحقیق سپدان چھُ تمہِ کھوتہٕ واراہ گنہٕ چھُ ضوٗرورتھ امہِ کِس نامولوٗم توٲرٟخس پیٹھ کرنک۔ "راج ترنگنی" چھُ اَسہِ نِش گوڈنیُک قریب قریب مُستند آگُر یِنۍ قدیمی زمانہٕ زانَنہٕ خاطرِ۔ مگر کٲشِرِ ہِندِس ابتدا ہس، اَمہِ کِس ناوس، یتہٕ کین لوٗکن ہِندِس نسلی رِشتس تہٕ یتہٕ کِس تہذیبس پیٹھ چھُ سیٹھاہ تحقیق کرُن لیُس وُنہِ شوٗرُوٗ ہے گژھان چھُ۔ یہ مضموٗن چھُ کٲشِرِ ہِندِس نامولوٗم توٲرٟخس مُتعلق سوٗنچنس سال کران۔ یتھ منز چھِ تیتھی وارِیاہ ثوٗلوٗتھ حماہ کرنہٕ آمتی یِمن منز کاشرِن ہُکن ہِندِ نسلی یتھ کالک باس میلان چھُ۔ گوو کہِ یتھ منز چھنہٕ اتھ مسلس پیٹھ کانہہ حتمی راے دِنہٕ آمڑ مگر یہ راے قاٸم کرنہٕ باپتھ چھِ وارِیاہ اِشارٕ کرنہٕ آمتی۔ حتمی راے ہیکہٕ نہٕ وُنی کُس شاید کُنی دِتھ۔

ہیوٗندستانٕکۍ توٲرٟخ سارِوٕے کھوتہٕ پرٲنۍ سَنَد چھِ وید تہٕ پُران۔ یِمن منز کٲشِرِ ہُند ذِکرِ چھُ ہاوان اکھ زِ کٲشِر آس تمہِ وِزِ وُجوٗدس آمژ یلہِ آریو شُمالی ہیوٗندستانس منز پننۍ تہذیب بسوو۔ دوٗیُم یہ کہِ ویدن ہِندِس زمانس منز اوس آرین کاشرِن سٟتۍ (یُودیم آریہ مالوکھ نہٕ یا کم از کم ہیوٗندستانٕکۍ آرین ہِنزٕ اکھ شاخ مالوکھنہٕ) تیتۍ قریبی تولقاتھ زِ یِہُند ذکرِ کوٗرُکھ تِتھے پاٹھۍ یتھ کٔنۍ پننین لٔنگن لنجن ہُند کوٗرُکھ۔ تمہِ پتہٕ چھُ پُرانن (کاشرِ تہٕ کٔشیرِ نبرِ مینۍ) منز کٲشِرِ ہِندِس ابتدا تہٕ یتہٕ کین لوٗکن

مُتلق نیم توآریخی بیان میلان۔ کشپ ریوش، کش ذاتھ کٔشیر، کشمیر یا کٔشیپر یا ہی ناو چھ ہاوان زِ کٔشیر
چھِنہٕ کانٕہہ الگ تھلگ جایاہ آسمٕژ بلکہ یتہِ کانٕہہ الگ تھلگ تمدُن پھانپھلیوو یُس کہ بیٚنیکُ تہذیب چھُ ساری
آریہ ذاژ اندر اکھ مُنفرد مقام تھاوان۔ شاید چھُ یہ تِتھے کٔنٛز وسط ایشیاہس ستی واٹھ تھوان یتھ کٔنٛز باقیہ
آریہ تہذیبس مُتلق ونُنہٕ یوان چھُ۔ اَوے تہٕ چھ وُنی کیٚس تہٕ تِتھی واریاہ ناو موجوٗد یِم کٔشیرِ ستی رلان چھ تہٕ
یِمن شاید موٗلہِ کش بسکین آسی۔ تِم گٔیہِ کیسپین سوٗدُر، کاکیشس یال، کاشغر، ہشک حاکم، کشان حاکم، ہندو
کش یال وغاریہ۔ تہٕ گرٕتھ چھُ یہ مسلہٕ وُنہٕ حل طلب تکیاز صرف ناو رلنہٕ ستی ہیکو نہٕ وٕنتھ زِ یمن کیاہ چھُ
کٔشیرِ ستی واٹھ۔

یہ مضموٗن چھُ اکہِ طرفہٕ کافی تحقیق کرنہٕ آمت تۄ لوٗتھ سوٗمبرآوِتھ پیش کران مگر بیٚیہِ طرفہٕ یہ تہٕ
ہاوتھ دِوان زِ یہ ہیکہِ صرف تحقیقچ شوٗرُوعات آسِتھ۔ یہ چھیہٕ مصنفہِ سندِ تحقیقی رُوِچ خوٗبی۔ بیان
چھُ سائنسی لائنن پیٹھ۔ واقہٕ چھُ صرف واقہٕ رٔنگی تھونہٕ آمت تہٕ کُنہٕ جذباتی لگاوٕنِشہٕ چھُ پٔری۔ امہٕ کنی چھیہٕ
زبان تہٕ صاف تہٕ برابر۔

اوتار کرشن رازدان

# کٲشِر تہٕ کٔشِ ذاتھ

کٔشیر چھیہٕ ہیوٚنٛدُستانٛچ اکھ پرٲنۍ ریاسَتھ۔ یہٕ چھیہٕ امہٕ کِنۍ تہٕ سیٹھا پرٲنۍ لِوان ماننہٕ تکیازِ اَتھ مُتلق چھُہ ویدن تہٕ پُرانَن منٛز واریاہ کیہنہ لیکھنہٕ آمُت۔ اَتھ مُتلق چھُہ یتہٕ لِوان وننہٕ زِ سندی مانِن یمِن زَن زُو زاژَن ہِنٛدِ لول بوش فکرِ اوس تران پُرژھ اکِہ دوہہٕ اَکس ٹُکرِ زِ چاپاٲنۍ وُمرکیا آسہٕ۔ دپان تمہٕ دُتیٚنس تورِ اَسان اَسان یتھِ پاٹھۍ جواب۔

کوٗشرِ کاشُرِ سَتی سَر
سَتی پری ستی ہرِ ست سَر

اَمیُک مطلب چھُ یتھِ پاٹھۍ میہٕ چھُ سہٕ وقت یاد ییلہِ زَن کوشر ناگ تہٕ گنگہ بل اکھ اَکس نکھہِ اٲسۍ۔ میہٕ چھُہ ستی سَرس منٛز سَتہ لٹہٕ زَنم ہیوٚتمُت۔ کوٚنسر ناگ تہٕ گنگہ بل چھِہ وُنۍ کین اکھ اَکس واریاہ دوٗر۔ سوال چھُ وۄتھان زِ یمہٕ وقتہٕ یم اکھ اَکس نکھہِ نکھہِ آسہٕ ہَن، تِنہٕ پیٹھہٕ از تانۍ کوتاہ وَق آسہٕ گومُت۔ کیہنہ ہکوٚنہٕ وۄتُھ تہٕ سان وَنتھ۔

کٲشِرِ مُتلق چھِ پُرانن منز بیاکھ اکھ کتھ تہِ موہشوٗر تہٕ یمیُک حوالہٕ لگ بگ ییٚتکِ پٔرتھ کانٛسہِ تارٟخ دانن پننہِ پننہِ تٲرٟخہِ منز دِنیٚمُت چھُ۔ دپان کٔشیر ٲس پتھ کالِہ اکھ لوٚڈ بارٕ ڈل۔ یتھ منز زن خوفناک تہٕ زہریلہِ سورِ ذاتھ ٲس روزان۔ اکہِ دۄہہ اوس برٛہماسُند نیچو کشیپ یور دورٕ کران کران آمُت تہٕ یہٕ پان ڈل وُچھِنہٕ پتہٕ کرِ تمو یہِ خٲہش ظاہر زِ تمہٕ گژھن امہِ ڈلُک پونٛ نېبر تہٕ اتھ منز بساوُن لوکن۔ دپان یہِ خٲہش کرِ تمو ظاہر بگوان وِشنوٗہس نِشہٕ، یوسہٕ زن تمہِ ٲخرس پاٚلہٕ ٲنۍ۔ تمو بلوو بگوان شری کرشنُن بوے بلبدر یمۍ زن خادِنۍ بارس (ورٛملہِ) نکھہِ اَلہِ بانہِ سۭتۍ اکس پہاڑس زوٚد کوٚر تہٕ یتھہِ پاٹھۍ دراو ڈلُک پونٛ سوٗرُے نېبر تہٕ زمین گیہِ خوشک۔ ییٚتہٕ ہیٚتِن ماداتۍ علاقو پیٹھ لوکھ لبنہٕ خاطرٕ ینٛز تہٕ یتھہِ پاٹھۍ بنیو یہٕ اکھ آباد علاقہٕ۔ اتھ واقعس نہٕ کوٚت کال آسہٕ گومُت کینہہ ہیٚکوٚ نہٕ ووٚنِتھ۔ یہٕ سان وَنِتھ تکیازِ ازتانۍ چھِنہٕ یہِ نتیو مِتے زِ پُران کرٛ آیہِ لیکھنہٕ۔ یہٕ کوٚت تانۍ چھُ پوٚز تہٕ کوٚت تانۍ آسہِ اَپُز، چھُ ازتانۍ وارِیاہ لٹہِ جیالوجسٹو تہٕ کھووُمُت۔ تمو چھُ یٚیتہِ وقتہٕ وقتہٕ کھداٗے کرٕمژ تہٕ ٲخرس چھِ تمِ اتھۍ نتیجس پیٹھ واتۍ مِتۍ زِ کٔشیر ہندس ورٛملہِ ضلعس منز یُس زمینہِ تہہ چھِ سہٕ چھ ہیرِمہٕ علاقہٕ کیوٚ زمینہِ تہو کھوتہٕ سٹھاہ نرم۔ امہِ کِنۍ چھُ اتھ پیٹھ رژھ کھنٛڈ پرژھ ہش بہان زِ ہیرِم کتھ ما آسہِ کُنہِ حدس تانۍ پٔز۔

کٔشیر چھُ ناو پیوٚمُت 'کشمیر' کشیپ سنٛدِس ناوس پیٹھ۔ یہٕ کتھ تہِ چھےٚ ہاوان زِ یہِ علاقہٕ چھُ پتھ کالہِ پیٹھہٕ آباد آومُت۔ مگر بقولِ آنند کول 'بامزاے' کشمیر چھُ مُلہ تلہٕ اکھ سنسکرت لفظ یُس زن دۄن لفظن ہندِ جوڑہٕ سۭتۍ بنیوٗمُت چھُ۔ سہٕ گو 'کا' یانی پونٛ تہٕ 'شمیرا' یانی گٔڈن۔ مطلب سہٕ علاقہٕ یُس زن پونٛ گٔڈِتھ آباد گوو۔ بیاکھ تواریخدان ایم، ڈی، صوفی چھُ لیکھان زِ لفظِ 'کشمیر' چھُ مُلہ تلہٕ پراکرت منزٕ درامُت یُس زن دراصل دۄن لفظن ہند جوڑ چھُ۔ سہٕ گوو 'کش' یمیُک مطلب گوو ذری یا وتہٕ 'میر' مطلب پہاڑ۔ سنسکرت ادبچہ موہشوٗر کتابہِ اونکوش کس ژیتمس بابس منز چھُ لفظِ کشمیرُک مطلب اکھ پہاڑی علاقہٕ دِنہٕ آمُت۔ ۵۰۰ عیسوی یس منز چھِ ہیوٚندستانکی اکھ موہشوٗر سنسکرت عالِم وراہہ مترٛ ہن پننہِ کتابہِ 'برہت سمہتا یہ' منز کشمیر ہیوٚندستانُک اکھ پہاڑی علاقہٕ وَوٚنمُت ییٚتہٕ زن ابرسر چھِ،

درد، دروس، کھس تہٕ کرزٲژ ہنٛدی لوکھ چھِ روزان۔ موٗ ہشوٗر سنسکرت قوٲید دان پانٕنی ین تہٕ چھُ پننہِ کتابہِ "پانٕنی اُنادِ سوٗترس"، منٛز لفظ کشمیر پٕرٕ وَکھنٕے کران لیوٗکھمُت زِ دراصل چھُ امیک ناو، کشمٕر، یمیک اصلی مطلب گوٚو، کش ذٲژ ہنٛدِ بٕن لوکن ہنٛز زینہٕ جاے۔ بیٚیہٕ چھِ آسی اتھ کٔشیر، تہٕ بیٚیہٕ چہ زبٲنی کوٗشُر وَنان۔ اَتھ پتہٕ چھُ سر والٹر لارنس پننہٕ کتابہٕ وٮ۪لی آف کشمیر، منٛز لیکھان زِ دراصل چھُ لفظِ کشمیر، کشمیر منٛزے دژامُت۔ قدیم لوٗ نانٛی آسی کشپیر، کشپیریا، وَنان۔ بطلیاز پلاٹمی ہنٛز جغرافیہ منٛز چھِ یتھ حصص اُمی ناوِ ستۍ وَکھنٕے آمژ کرنہٕ۔ اتھ منٛز چھُ کشپیر، بدِسپیس BIDESPES یانے وِتستا تہٕ اَدِس ADIS یانے ایراوتی نالہٕ کس سیٚنہٕ منٛزس حصص کشپیریا آمُت وننہٕ۔ ہارو ڈوٹس HERODOTUS چھِ پننِس کلاسکی ادبس منٛز کٔشیرِ ہنٛز ذکر کشپیر یاس KASHPA RYIOS ناوِ ستۍ کرمژ تہٕ ہکاٹِس HEKTIOUS چھُ کشپیرِ مُند ناو کسپیرس ہیتھ اَتھ گندار یانی افغانستانٕچ راجدٲنی وَنان۔

کٔشیرِ متعلق چھِ اَسہِ واریاہ زانکٲری چیٖنی عالمن ہنٛدِ دسی میلان۔ بقول ہیون ژانگ بیٚلہِ زَن چیٖنی ین، ہیوٗندستانس ستۍ زیادِ ین گرژھن اوس تہٕ تمہٕ وقتہٕ آسی یمہ یتھ حصص کی پن KI-PIN وَنان اتھ منٛز اوس سالم افغانستان تہٕ اژان۔ ٥٤١ سنہٕ عیسوی منٛز ووت گوڈٚنیک ہیوٗندستانٛی وفد چیٖنن۔ اَمہِ وقتہٕ اوس اَتہٕ تانگ خاندانُک راجہ حوکومت کران۔ یہ راجہ چھُ تمہِ وقتہٕ پننِس رپوٹس منٛز لیکھان زِ یہ وفد آو چیٖنن شمالی ہیوٗندستانکہ تمہِ حصہٕ کنہِ یٮ۪تہٕ زَن روٗ یہ پنٛدی بال تہٕ سوہٕ پنٛدی کھاہ چھہِ۔ ٥٧٨ سنہٕ عیسوی لیس منٛز دیُت چیٖنی عالم تان ینگن کٔشیر اکھ نوٚو ناو لُس زَن سارِوے ناوَو کھوتہٕ بیوٚن تہٕ بڈوٗن چھُ۔ سنہٕ گوو شی می، شی می چھِ چیٖنی زبٲنی منٛز تتھ علاقس وَنان یُس زَن سرِ آسہٕ تہٕ یٮ۪تہٕ زَن شٮ۪ین پیوان اَسہٕ۔ تانگ خاندانس ستۍ لوٗلُق تھوٚن وٲلی بیٚیہٕ اَکھ چیٖنی حکمرانکہ حوالہٕ مطابق چھُ نٔنان زِ ٧١٣ سنہٕ عیسوی لیس منٛز آسی کشیر پتہٕ چیٖنن زِ وفد گامُت۔ گوڈنیُک وفد اوس اورلوپی لو، نہٕ قیادژ منٛز تہٕ دوٚیُم کوتوپی، نہٕ قیادژ منٛز گومُت۔ یِم زِ ناو چھِ صاف پٲٹھی چندر پیڈ تہٕ تگتا پیڈ ناوکین رازن کُن اِشارٕ کران۔ یِمو سارِوے کھوتہٕ تھٔوس زانکٲری لوسہِ کٔشیرِ متعلق چھیہٕ اَسہِ میلان۔

سُہ چھُ ہیوٗن ژانگُن سفر نامہٕ۔ ہیوٗن ژانگ ووت کشیرِ ۶۳۳ء منز توسہٕ آو ان درٕ کنہِ تہٕ کیہنہ کال پرونژھس منز گُزارتھ ژاے یِم بہرام گلہِ کنہِ وآدی منز۔ یِم رٗودی یلہٕ وار یاہس کالس تہٕ ییتُک چیہ چیہ کوٗرکھ سیر۔ ینلس سفر ناہس منز چھِ یِم کشیرِ ہند ناو کاشمی لو لیکھان۔ ییتھی پاٹھی چھِ کشیرِ تبتی لوٗکھ کھاشل، ونان کھاشلُک کوٗشُر مطلب گوٚو شینہٕ پہاڑ۔ دردستانکی لوٗکھ چھِ ییتھ ہنزِ لولہِ دردی منز، کسمرت، ونان ینمیک کوٗشُر مطلب گوٚو وارِن تہٕ درِن لوٗکن ہند وطن۔

کشیرِ مُتلق چھُ کینژن عآلمن ہندن زِیہ چھِیہ سوے جاے یلہٕ ژن کش، زاژ ہندی لوٗکھ آسی روزان۔ اس لیٔ چھُ اتھ یہندرِ سیٖہ ناوس پیٹھ کشمیر ناو پیوٚمُت۔ کش زاژ ہندی لوٗکھ کم آسی تہٕ یہنز زبنہٕ جاے کوٚسہٕ آس۔ اتھ پیٹھ چھُنہٕ وُنیک تام شقہٕ پاٹھی کیہنہ ننیر آمُت کرنہٕ۔ ونہٕ چھُ لوان زِ ۲۰۰۰ بہم وری بروٚنہہ آسی جوٗنوٗبی ایشیاہس منز اکھ پرانی لوٗکہٕ ذاتھ روزان ییتھ ژن کش، آسی ونان۔ یِم لوٗکھ کرِ پیٹھ آسی اَتہِ لبسان، تہٕ چھُنہٕ ازتام ننیوٚمُت۔ بقولِ گریرسن یہ لوٗکہٕ ذاتھ آس کشیرِ ہندِن شمال مغربی سرحدن پیٹھ روزان۔ سیٹھاہ بنہٕ وُن چھُ زِ اَتہِ پیٹھِ کیہنہ کال گژھِ ستھ ما آسہٕ ہیے یہ ییتھ حصص منز روزنہٕ خاطرِ آمرٕ۔ گریرسن چھِ امیک بیاکھ توٗ لوٗتھ ییمہٕ کتھہٕ ستی دِوان زِ اتھ ساری سیے علاقس چھُ کانتیاہ جغرافیائی ناو تہٕ میلان یِموٚ منز کیہنہ کش، کز تہٕ کس نہٕ چھُ بنہٕ وُن چھُ زِ وقت گُزرنس ستی ستی ما آسہٕ یِمہٕ نے ناون ہنز شکل بگرِتھ کش، بنیوٚمُت۔ اَتھ کتھہِ وارِ پاٹھی واش کڈان چھُ چکوسلوٗکی موٗرخ بیڈرِک ہراجی یَن پننہِ کتابہِ اینشنٹ ہسٹری آف ولیسٹرن ایشیاہس منز ییتھ پاٹھی لیوٚکھمُت۔ لفظِ کش چھُ پرانین وارِیاہن انسان زاژن ہند ناو اوسمُت۔ مثلن کشیین زاژن اُس کششی KASPIEI تہٕ کیشپیانا KASPIANA تہٕ ونان۔ کشیا لوٗکھ آسی ہندوکش پہاڑکس کافرستان علاقس تانی لوان گژھان۔ یوٚہے وجہ چھُ زِ اَتھ علاقس پیوٚ ناو کشپیا KASPIE۔ اَمہِ علاقہٕکس اکس پہاڑِ تھوٚنگس چھُ وُنہِ ناو کزبک KAZBAK۔ سیٹھاہ ممکن چھُ زِ امی پہاڑِ تھوٚنگہٕ کس ناوس پیٹھ ما آسہِ کش، ناو دژاوٚمُت۔ ترکی لفظ قرا گنج، قزاخ، تہٕ قزاکستان تہٕ روٗسی لفظ، کوزک یِمہٕ

سارِنیٚے جایِہ چھِیہٕ کیشپین ساگرکِس اَندرِمِس حصس سِتی واٹھ تھوان۔ یہ آسہِ مولہِ تلہٕ کش، زآرشن ہندین لوکن ہنٛز زیٚنہِ جاے۔ آخرس چھہ یم پننہِ اتھ کتابہِ منٛز یتھ نتیجس پیٹھ واتی مِتی زِ کیشس CA-CASUS تہٕ کیشپین CASPIAN علاقہٕ چھہ یتھ کالہِ پیٹھہٕ تتھی زِ مرکز رودی مِتی یتیٚہ زن بیوٚن بیوٚن مُلکن ہندی مُختلف فرقہٕ لیوان گرٛزھان آسی۔ یم فرقہٕ آسی خانہ بدوش تہٕ گُرِ سوآری کرنس منٛز طاق۔ یِمو نیٚے قبیلن اوس ناو کس، کش، کاس تہٕ کس۔

کیشیر، کش زآرشہ ہندین پہاڑی لوکن ہندس ناوس پیٹھ کشمیر ناو پیوٚن۔ اتھ متلق چھہ بییہٕ کیہنہ انکشافات کرنہٕ آمتی۔ یم زن یتھہِ پاٹھی چھہ۔ یم کوٚت تانی آسن تیزی تہٕ کیتھ حدس تانی ہنکہٕ یمن پیٹھ پرٛژھ کرنہٕ یتھ۔ یہ ہیکن پرن والی سٕرِ کٔرِتھ۔

۱۔ ہندوکش لفظ چھہ اتھ سلسلس منٛز غور طلب۔ عامہ موٚ چھییہٕ لفظِ کشچ بگریمژِ شکل، کش، وٚنی مژ تہٕ ہندوس سِندو۔ یتھہِ پاٹھی چھہ امیک مطلب سِند مُلکچ سرحد بنان۔ چونکہ یتھ حصس اُسی کشپیا KASPIA وَنان چھِہ سہ چھہ کشیر تہٕ ہندوکش کس شمالس منٛزے واقع۔

۲۔ پرانین سنسکرت کتابن منٛز چھہ اکہِ انسان زآرشہ ہند انکشاف کرنہٕ آمت۔ یتھ زن کھس وَنان آسی۔ اتھ متلق چھییہٕ یہ نمبر آمت کرنہٕ زِ یہ کتہٕ آس روزان، البتہٕ چھہ اکس جایہ لیکھنہٕ آمت زِ یہ آس کتھ تام سرحدی علاقس منٛز روزان۔ سیٹھاہ ممکن چھہ زِ یہ ما آسہ ہے کشیر منٛزے روزان۔ یہ تہٕ چھہ ممکن زِ کھس، لفظچ بگریمژ شکل ما آسہٕ کش، یتھ بناہس پیٹھ یتھ کشیر پیوٚناو۔

۳۔ ٹسک چھییہٕ اکھ پرٛانی انسان ذاتھ آسیمژ۔ شاید ما آسہ امی لفظچ ولہٕ شکل، کش،۔ یہ کیتھ نہٕ چھییہٕ ازکل واریاہن حاکمن برونہہ کنہٕ غور طلب۔ ٹسک خاندانکی لوکھ ژاے ہیوٚندستانس منٛز گوڈنچہِ صدی منٛز۔ امہِ خاندانُک اکھ راجہ اوس کنشک یمہٕ زن کشیر پیٹھ راج کوٚر۔ یہ اوس بود دھرمُک پیروکار۔ ٹسکن ہنٛز زیٚنہِ جاے اُس کشیرِ ہندِس جنوبہٕ مشرقس منٛز۔ امہِ تلہٕ چھییہٕ یہ ژینہٕ وٚنی ملان زِ کش، خاندانکی لوکھ ما آسہٕ ہین کشیر ہندس شمالہِ مغربی سرحدس پیٹھ روزان۔ یہ تہٕ ہیکو وٚنتھ زِ اتھ

قبیلس آسیہ ہن زِ حصہِ گامتی یمن منز اَکس شک، آسہ ہن ونان یا پتہٕ چُھ ممکن زِ شک زآژ ما آسہ ہے یمن ستی کانہہ قریبی رشتہ۔

۴۔ کشیر ہندس مغربس منز چھ اکھ علاقہ ملتان یُس زن از کل پاکستانک اکھ علاقہ چھ۔ دپان اتھ اوس قدیمی ناو کشیپ پور۔ عالمن ہندِ وننُ چھ زِ ازتہٕ چھ وُنہ تہٕ کینہہ لوکھ کینشن رسمہ رلوا جن پیٹھ چلان یِم زَن اکش، زآژ ہندین لوکن منز عام چھ۔ امہ تلہ چھ یہ قیاس آرایی حق بجانب زِ کش، زآژ ہندی لوکھ ما آسہ ہن کشیر ترٛی متی۔

۵۔ عالمن ہندِ وننُ چھ زِ کش، زآژ ہندی لوکھ چھ آریہ نسلکین لوکن ستی واٹھ تھوان۔ یہندِ زبان کیاہ آس اتھ پیٹھ چھُنہ وُنہ کھوج سپُد مُت۔ خیال چھ کرنہ یوان زِ یہندِ زبان ما آسہ ہے دردی۔ اگر یہ کتھ ثابت سپد تیلہ کُس کرِ اتھ پیٹھ انکار زِ یِم آسی کشیر ہندی روزن والی تکیاز زِ دردی ستی چھ کاشر زبانی ہند لجہ واٹھ اوسمت۔

کشیر، کشمیر، ناوس پیٹھ چھ اکی بدیشی سیاح سر للکیسن پننہٕ اَکس کتابہ منز بییہ کینشن کتھن ہند انکشاف کرتھ لیوکھمت زِ کشیر ہندین لوکن چھ ونان اکش۔ یم چھ تمے لوکھ یمن ہندس ناوس پیٹھ اکش، کشان تہٕ کاشغر ہشہ جایہ آباد چھ۔ یمن ترٛین جاین ہند آبہ ہوا، لوکن ہند بسن بسن تہٕ بییہ کینہہ ثقافتی رشتہ چھ کشیر ہندین لوکن ستی میلان۔ یمن ترٛین جاین تہٕ سانہ کشیر ہند ناو کیازِ چھ اکش، لفظ ستی شوٗرُو گژھان اتھ نتہٕ کرنہ بروٗنہہ کرِ یہ یمن ترٛین جاین ہند ذکر واضح پاٹھی یوان کرنہ۔

ا۔ اکش، چھ اکھ بوڈ بار گام بخارا ضلعس منز۔ بخارا ضلعہ چھ سمرقند تہٕ بلخ کس تجارتی شاہراہس پیٹھ اکھ قصبہ۔ یتھ پاٹھی کشیر ہند اب ہوا چھ، تتھے پاٹھی چھ اکش، ناوکہ گامک تہٕ۔ اتھ چھ یتھ کالہ پیٹھ آمتی ونان شہر سبز، تکیاز تہٕ چھ کشیر ہندی پاٹھی زٕ وُڈ اطراف سبز داں کھاہ شولہ داران آسان۔ دپان یہ گام گو وستی مہ صدی منز آباد۔

۲۔ کشان چھ بیاکھ اکھ ضلعہ یُس زن ایرانس منز آباد چھ۔ امِچ آبادی چھ بییہ ... ۳۰ تہٕ یہ

چھُ ایرانٕک سارِوے کھوتہٕ گرم علاقہٕ ۔ یہِ چھُ اصفہانہٕ نِشہِ ۹۰ میل تہٕ طہرانہٕ نِشہِ ۱۵۰ میل دوٗر۔ موٗلہِ تلہٕ چھُ یہِ دوٚن حصن منٛز باگرِتھ ۔ اَکھ گوٚو گرم سٕر یا گرم علاقہٕ تہٕ بیٚیہ سرد سٕر یا سرد علاقہٕ ۔ اَتہِ چھِ واریاہ تیداد س منٛز ریشمی کیٖمی رٕچھنہٕ یِوان ۔ تِکیازِ تلہٕ کُلۍ چھِ اَتہِ واریاہ وۄپدان ۔ امہِ علاوٕ چھِ اَتہِ پیٚٹھہٕ قالیٖنہٕ وۄنٛتھہٕ تہٕ ران سوزنہٕ یِوان ۔

۳۔ کاشغر چھُ اکھ موٗہشوٗر شہر یَتھ متعلق پٔرِتھ کانہہ زانان چھُ ۔ یہِ چھُ کشگر یا علاقس منٛز واقع۔ کشگر یا چھُ چیٖنی علاقہٕ ترکستانکس جنوٗبس منٛز ۔ دُنِکین چھُ کاشغر دوٚن حصن منٛز آباد ۔ اَکھ گوٚو کوہنہٕ شہر یا پرٕون شہر تہٕ اَکھ گوٚو نوٚو شہر یم زٕ شہر آسے ۱۵۱۳ء تہٕ ۱۸۳۵ء ہس منٛز بناونہٕ یِتھ شہرس آس گوڈٕ پیٚٹھے سیٹھاہ اہمیتھ حاصل ۔ تِکیازِ اَتہِ پیٚٹھے چھِ واریاہن علاقن ہندی قومی شاہراگژھان ۔

یِمن تِرٛیشی وِنی جایِن ہُند ناو چھُ لفظ "کش" سٍتۍ شوٗروٗ گژھان تہٕ کشمیرُک ناو تہٕ ای سٍتۍ شوٗروٗ گژھن چھُ ۔ یہِ ہاوِتھ دِوان زِ "کش" زاتژ ہندی لوکھ ما آسہٕ ہن یِمہٕ نٕے جایِن منٛز بسِتھ آباد گامِتۍ تہٕ یِہندی سیٖے ناوس پیٚٹھ ما آسہٕ یِمن جایِن کشمیر، کِشن تہٕ کاشغر ناو پیومُت ۔ اکہِ طرفہٕ چھیٚیہ یہِ پوٚر پاٹھۍ بہن لایق کتھ، مگر دوٚیمہِ طرفہٕ ہیٚکیہ یہِ واریاہن اختلافن ہُند موضوٗ تہٕ بٔنِتھ ۔ کُنہِ علاقُک ناو کینژن دوٚیمین علاقن ہندس ناوس سٍتۍ جوڑِتھ کوٚتتھ تام کرِ یہِ ثابتھ زِ اَتھ علاقس منٛز آسہِ کانہہ خاص فرقہٕ یا لوکہٕ ذاتھ آسمژ لبسان ۔ محض ناوکس بِناہس پیٚٹھ ہیٚکِن نہٕ یِژھ کتھہِ ثابتھ کرنہٕ یِتھ یہِ ثابتھ کرنہٕ خاطرٕ چھُ واضح پاٹھۍ کھوج کرنٕچ سیٹھاہ ضروٗرتھ

# پۆت سام

۱۔ وید —— ہیوٗندستانۍ آرین ہنٛز زٕ ور سارِوٕے پرٛانہٕ تہٕ مُقدس کتابہٕ۔ رِگ وید، سام وید یجُر وید تہٕ اَتھر وید۔ کیٚنہہ موٗرخ چھِ مانان زِ دُنیہِ ہنٛز سارِوٕے کھوتہٕ پرٛانۍ کتاب چھےٚ رِگ وید۔ ویدُک لفظی مانے گو علم۔

۲۔ پُران —— پُرانُک لفظی ملنے چھُ پرٛون۔ پرانہٕ توارِیخہٕ خاطرٕ اوس "پُران" لفظُک استعمال کرنہٕ یوان مگر پتہٕ پتہٕ لیوٗ پُرانہٕ کِس تواریخس ستۍ مذہبی اخلاقی وو پدیش تہٕ خالص خیالی کتھہٕ تہٕ بنیہٕ پُرانن ہُند حصہٕ۔ اوٚکنہِ لیٚس روٗپ پُرانن ہُند آسُن از کل لبان چھِ سہ چھُنہٕ پوٗرٕ تواریخ بلکہ تتھ منٛز چھُ آرین ہنٛدِ ینہٕ (قریب ۲۰۰۰ ق م) برونٹھہٕ قریب دٕہِمہٕ صدی عیسوی تام تانیک تواریخ تخلی موادس وِلتھ موجوٗد۔ پُران آسۍ موٗلہٕ تلہٕ اَرداہ مگر پتہٕ گو وُہمن ہُرِ پرگرٛتھ ہان۔

۳۔ بٕرہما —— موٗلہٕ تلہٕ خوداے سنٛز تخلیقی قوٗژ ہُند ناو مگر پُرانن منٛز بنیوو یہٕ الگ شخصیتھ تہٕ آمۍ سنٛز کتھہٕ تہٕ کراماژ آیہٕ ہیوٗندستانہٕ کِس وٕسی علاقس منٛز جایہٕ جایہٕ مقامی رنگہٕ تھرنہٕ۔

۴۔ وِشنو —— خوداے سُند سہ روٗپ ییٚس کاینٲتس رچھان چھُ۔ پُرانن منٛز گیہٕ آمس

تہ یہاے ون۔

۵۔ تموٗ بلو وبھگوان شری کرشن ـــــــ پُران منز روو لیکھن والین (یم اکی وقتکی آسی نہ آسان) سمیٖک پن تہ کُنہ وزِ کانہہ اخلاقی بیز رٔاونہٕ خاطرٕ ہاوکھ توارٖیخی طور دوٗر شخص زن تہ ہمکال آسی۔ مگر ریواینژ منزٕ چھ توارٖیخ نیران بیٚیہ یلہِ توارٖیخک تصوٗر ریوایتھ موکلم بناوُن اوس۔

۶۔ جیالوجسٹ ـــــــ زمین تلکہ مادٕک علم زانن وول۔

۷۔ ہیٚرِم کنتھ ما آسہٕ پٔژ ـــــــ مطلب چھُ زِ اتھ پرانہٕ کتھ منز ما آسہٕ کُنہ توارٖیخی واقک اشارٕ۔

۸۔ فوٲیِد دان ـــــــ گرٛیمر زانن وول۔ پانٔنی ین چھُ سنسکرتُک موہشوٗرِ عالمِ گرٛیمر اشٹ دھیایی" بنووُمت۔

۹ ہیوٗن ژانگ ـــــــ موہشوٗر چینی بود سفیر یٚمی ہرش وردھن سندِ وقتہٕ ہیوٗندستانک سفر کوٗرمُت اوس کٔشیر تہ آمُت تہ پنٕنی تجربہٕ کٔری تٔمی سفر نامس منز درج۔ کٔشیرِ اوس تمہٕ وزِ دُرلبھ وردھن سُند راج۔

۱۰۔ لو پی لو ـــــــ ناو چھِ چینی باسان حالانکہٕ مُصنفہٕ سندِ ونِنہٕ مُطابق چھہ یم چندر پیڈ تہ مُکتا پیڈ راژن ہندی ناو۔ وجہ چھُ یہ زِ یم ناو چھِ چینی منز میلان تہ اوٚے ما آسن یم کاشرٕ ناون ہندی چینی روٗپ۔

۱۱۔ رگِرٛیرسن ـــــــ موہشوٗر انگریز عالم تہ موحقق یمو ہیوٗندستانہٕ چین سارنٕے زبانن تہ کینژن ہندین ادبن مُتلق وار یاہ تحقیقی کام کٔرٕ تہ سرکارس اتھٕ چھاپہٕ ناو۔ گوڈنچ کاشُر۔ انگریزی۔ سنسکرت ڈکشنری، کاشرٕک گرٛیمر، لل دیدِ ہندی واکھن مُتلق چھِیہٕ یہنز لافانی کتابہٕ۔ یہندِس ہیوٗندستانی زبانن ہندس سروے ہس اندر چھُ اکھ جلد کاشرٕ زبانی پیٹھ۔

۱۲۔ کٔشپین ساگر ـــــــ ایران، ترکستان ما ترکی تہ رُوسس منز باگ اکھ بوڈ ڈل یتھ

سمندر وننہٕ لوان چھُ تکیاز اِمیٖک باڑو چھُ سۄدرس ہیٛو۔ اَمہٕ کِس شُمالس پیٚٹھ چھ رۄپ "سیچ گرگرنہٕ ووڈر۔"

۱۳۔ کاکیشس ـــــ رۄسہٕ کِس جنوٗب مغربس منٛز سیاہ سۄدرس (بلیک سی) ہٕتھس پیٚٹھ تھدی بال۔

۱۴۔ کھس ـــــ کھس ذاتھ چھیہٕ وُنی کیس تہٕ ہمالیہ پہاڑن مشرقی لنجن پیٚٹھ بستہٕ۔ ووٚنہٕ گو ووق گرٛزھنس ستہٕ گیہٕ یہٕ زیادے مشرقس کُن گرٛزھان تہٕ منگول نسلس ستہٕ گو وہمین میٖل۔ اَزِکِس میگھالیہ پرٛدیشس منٛز چھِ کھسی تہٕ جینتیا بال تہٕ یمن بالن پیٚٹھ روزن والین قبیلن چھ کھسی ونان۔

## سوال

۱۔ یمہٕ مضموٗنہٕ چہٕ تُہٕ بیاز پیٚٹھ کڈِو باتہٕ ہیٛوندُستان تہٕ وسطِ ایشیاہس ستہٕ کشیرِ ہندی تولقاتھ بدٕ۔
۲۔ کش ذاتہٕ ہندس پیٚر وۄترِس مُتلق کیاہ چھُ مقالس منٛز وننہٕ آمُت ؟

# دیومالایہ ہنزٕ اہمیتھ — زان

انسانی تہذیبک تواریخ چھُ صرف کینژن سائن وری ین ہُنٛد، جادٕ کھوٚت تہٕ جادٕ پاٹھٕ ژن
ساسن ؤری ین ہُنٛد اَسہٕ مولوٗم۔ اَمہِ برٛونٹھ کیاہ سپدے یوٚت تہٕ تتہِ پیٚٹھٕ تہٕ یہِ سپُد تہٕ چھا سونٛے
رٕ کاڈ کرٕتھ؟ نہٕ۔ تواریخ لیکھنک شوٚق گوو نہٕ آو انسانس ژیرہٕ۔ مگر انسانہٕ سُنٛد تخیُل چھُ زِ جِز
تہٕ ییٚلہِ تس سایبتسی مولوٗم آسن قونوٗن بناوِتھ پتہٕ تمِن پیٚٹھٕ نوٚو قوتوٗن نظر نیچ چیمع اُسن تہٕ آمژٕ
شہ ادس پتہٕ نیس اُندی پکھس، قوہ در تہٕ کیٚنہٕ ہسرن تہٕ پتہٕ من سینتھ باجن مُتلق ادب لٕکھران۔ یہ ادس
زبانی اَدب تہٕ اَکھ منز آسہٕ جادٕ تر کہنہ داستانہٕ تہٕ دلیلہٕ۔ دیومالا پنز یمنے وقتن نوٚو موٗدار۔ مگر
دیومالا بناونک رُجحان چھُ وُنہٕ تہٕ جاری۔ ییٚلہٕ ییٚلہِ انسان حیران گژھان چھُ پننے طاقتھ
یا پنٕہ تہٕ ماحولک حال وُچھِتھ شہ چھُ مبالغس کام ہیٚتھ کیٚنہ تہٕ کردار ٹھران۔ اَدٕ موکھ
چھِ دیومالا انسانی قوہ وژن، مولہٕ جبلتن، سوچن ترائین تہٕ آشن ہُنٛد آگر بد کڈتس منز مدد کران۔
اَدے تہٕ چھُ دیومالایہ ہُنٛد مُطالہ تہذیبی ثقافتی تواریخی تہٕ جغرافیایی ارتقا خاطرٕ ضروٗری۔

یتھ مضموٗنس منز چھُ مُصنفن جادٕ تر ہندوستٲنی دیومالایہ ہندین کینژن کردارن
تہٕ قدیم لُکن ہنزن سوچن ترائین ہُنٛد ذِکر کوٚرمُت۔ یہِ ہیکون اَسہِ ٹھیپکھ پاٹھۍ لُکہ پرٛژھ
FOLK LORE ہُنٛد اکھ مُطالہ مانِتھ۔ لُکہ پرٛژھ چھِ ازکل ادبک خاصکر قدیم ادبک
تواریخک تہٕ تمدنُک ضروٗری انگ مانہٕ یوان۔ اَدبہ کیس مُطالس منز چھِ اَکھ جادٕ پہن
اہمیتھ۔ پرٛون ہندوستٲنی، مصری، چینی، یونٲنی ادب چھُ دیومالاٰیی کردارن تہٕ واقعن

پیٚٹھٕے دٔرِتھ۔ اَز کل یُس تحقیقاتھ یِمَن پیٚٹھ سپدیومُت چھُ تِمہٕ سٟتۍ چھِ یِم کردار تہٕ واقہٕ عام گٔژھمتۍ تہٕ اَز کل چھِ لُکھ یِم جاۓ زانان تہٕ پرکھاوِتھ ہیکان۔ وجہ چھُ یہ یوان ماننہٕ زِ یِم کردار چھِ علامتی مانے ہٕتھوان آسمٕتۍ۔ بیٚییہ چھُ یہ تہٕ مۄحسوس سپدمُت زِ یِمن ہیٚکہِ پننہِ تھٔرن کالہ پَتہٕ تہٕ مانے آسِتھ اَز کل تہٕ چھُ یِہُنٛد استعمال سپدان تہٕ یِمَن سانہٕ ہم کالہٕ چَن کنھتَن ہُنٛد نُمایندٕ بناونہٕ یوان۔ واریاہ تیٚیلِکہ ناو چھِ اَز کل اصطلاحہ بنے مٕتۍ تہٕ اَدبہٕ علاوٕ سانِسَن اَنٛدر اِستعمال سپدان۔

یہ مضمون چھُ گوڈٕ مولوٕ ماتی پَتہٕ نشر آمُت۔ اَمہٕ سٟتۍ ہیٚکہِ یِمَن واٗلِسن بیٚییہ تہٕ یُیتھے واریاہ پرنہٕ خاطرٕ ترغیب میلِتھ۔

موتی لال ساقی

# دیو مالایہِ ہنٛز اہمیت

کُنہِ قومِچ نفسیاتھ سَرکھ کرنہٕ باپتھ چھُہ تمہِ قومِچہِ دیو مالایہِ ہنٛدٕ ژیٖن ضروٗری۔ دیو مالا تہٕ لُکہ ژھٔرھ (FOLK LORE) چھہِ دراصل اَمی حقیقتکی زٕ رُخ۔ یِم زٕ چیٖز چھہِ پانہٕ وٲنۍ ہُرٕ ونہٕ آسان آہتی زِ بدٕ کڈٕنۍ چھہِ ناممکن، البتہ چھہِ اَکھ کتھ یاد تھاوٕنۍ زِ لُکہ ادبس رٔنگ بخشنس تہٕ گوہر عطا کرنس منٛز چھےٚ دیو مالا اَکھ پایہِ بوٚڈ حِصہ ادا کران ہرگاہ لُکہ ادبہٕ منٛز دیو مالایہِ ہنٛد حِصہ الگ کڈٕنہٕ یِیہِ اَتھ گرٕژھ زٔہر بر پٲدٕ تہٕ لُکہ ژھٔرِ ہنٛدِس سایٚنٛسَس رادِ وازِ یاس حدس تام سُہ موٚل یُس اَتھ دُنیا کین باگہِ چھُہ۔

دُنیا ہس منٛز یمن ملکن دیو مالایہِ ہنٛد باگہِ بوٚرِت سرمایہِ وراثژ منٛز توٚرمُت چھُہ تمن ملکن ہنٛد ادب تہٕ فلسفہٕ چھُہ سیٹھاہ بخبادار تہٕ آری موٚنٛد۔ مِصر، چیٖن، ہیٚندوستان تہٕ یوٗنان چھہِ تمن ملکن ہنٛزٕ گرٕ نٛز منٛز یوان یمن ہنٛز دیو مالا سیٹھاہ وسی چھےٚ۔ چنانچہِ یمن ملکن ہنٛد لوکاٹلیوتہٕ عالی موکوٚر حسنک تہٕ ادبک دانا نہٕ تیوٗت ڈٕسی زراز چھُہ سوٗرے دُنیاہ یمن نِشہِ فاضِ تلان۔ اَمیُک وجہ چھےٚ یہِ کتھ زِ دیو مالایہِ منٛز ورتاونہٕ آمژ و علامژ ویٖت سوٚنچہِ چیٖن نوٚن نٔہِن وتٔشی تہٕ ودہ ندکین ناگہ رادن پھوٚلی گُل تہٕ گلزار۔ دیو مالا چھےٚ ہٕٹہٕ ہٕٹہٕ تھٔنہٕ پیوان۔ اَتھ پتہٕ چھہِ تِم مختلف عناصِر آسان یِموٚ عناصِر دُنہِ تہند ہیکس وجوٗدٕ پرادنس منٛز اہم رول ادا چھُہ کوٚرمُت آسان۔ دیو مالایہِ ہِندی دِوتا تہٕ دیوٕ، پٔری یہِ تہٕ جِن، ناگ تہٕ پیشاژ بتیرِ چھہِ دراصل اَسی ہِوی ماہنٛدی انسان آسی متۍ۔ یِموٚ منٛز کیٛنٛژھو

پٔننوینیک کامیوٗ کنہِ عواَمکس ووٚ نٕدرس مَنٛز دِتھن ہُند رول تہٕ پزِدوو تہٕ کیٚنژن ہیوٚ ناکارٕ اعماوکنہِ دلیوٚن تہٕ درنیٹھاَلن
ہُنٛد ناو۔

دیومالایہ ویٚدن دِتھ چھِ یِمہٕ کتھ ہُنٛد پے پتاہ کڈنس مَنٛز تہٕ اَتھ رۄٹ سپدان زِ کمہٕ مُلکٕکی لوٗکھ چھ
آدن کالہٕ اکی کرانکی باَتژ آسی مٕتی۔ یونانی تہٕ ہیوٚندستانی کتابن ہُنٛد مطالہٕ چھُ ہاوِتھ دِوان زِ دوشوٚنی مُلکن مَنٛز
روزن واَلی چھ آریایی نسلس سٕتی تعلق تھاوان تہٕ کرتام برونٛہہ چھِ پھٔلِتھ دگر گرٛشہِتھ الگ الگ جاین آباد گامٕتی
یوٚدوے یِمہٕ کتھہِ ہُنٛد ثبوت موجوٗد چھُ تہٕ زیم چھِ یکہِ وٹہٕ لسان بسان آسی مٕتی۔ ہیوٚندستانی دیومالایہٕ ہنٛز اُشا چھےٚ
یوٗنانچ ارورا تہٕ دوشوے چھےٚ پھولہٕ ڈنس صُبحس وۄجوٗد بخشان۔ یتھےٚ پاٹھٕی توٚن ئیندرانہٕ۔ ویدن
مَنٛز چھُ یہِ دِتا طاقتک تہٕ بجاَیی ہُنٛد آگر مگر زندادستایہ مَنٛز چھُ اَمی سُنٛد رول اَتھ برخلاف۔ ئیندرازنس
کردارس مَنٛز یہِ ہیر پھیوٚن چھ بٔنیس اَکس طرفس کُن اشارٕ کران سہٕ یہِ زِ اکہِ وقتہٕ چھُ دوٚن آریایی قبیلن پانہٕ
واَلی اختلاف گومُت یِمہٕ کنہِ کمزور ڈرس پٔنن وطن ترٛاوِتھ ژلُن چھُ پیوٚمُت۔ ئیندرٕ چھُ کمزور ڈریک سردار یا دِوتا او سمت
اَمہٕ کنہِ کورُس زٔبنہِ واَلی قبیلن بدٕ ذاتھ زِنکہٕ پیش تہٕ ژلن واَلی قبیلن تھاَوتس ہنٛز ماری مَنٛز یاد گوٚن گیوٚتھ بٔنیس دوٚ ماس
مَنٛز رچھ کرٕتھ۔ ہیوٚندستان واَتِتھ کور آریایی دیوتاہن ہُنٛد پوزِ کموٚ لوکو تہٕ یوہے وطیرٕ اختیار۔ یم لوٗکھ یِنہٕ گوڈٕ بسان
آسی تم کھاَرِکھ بالن تہٕ چھالن۔ واریاہ ماَرِکھ، اَتھی تہِن کٔرِکھ وجاری تہٕ تہنٛدہِن دیوین تہٕ دِوتن کٔرکھ بےٚ وقری
ناگ ذاتُن ہنٛدی لوکھ بناوِکھ سرپھ تہٕ یکشہٕ ذاتہٕ ہُنٛدہِن دوٚنکھ کھِ تہٕ پیٹھِتھ ضوٗر ورتھ باشوکھ تہٕ بناوِکھ آدِ واسی
پٔننی غولام تہٕ نوکر۔

"شو" چھُ دوٚنی ہنٛدِ دیومالایہ ہُنٛد تیوٚت زبردس کردار زِ ئیندرازس ہیوٚ طاقت ور دیدگ
دِوتا چھُ اَمس برونٛہہ کنہِ ٹھنگنہ ہیوٚ باسان۔ حالانکہ ویدن مَنٛز چھنہٕ اَمی سُنٛد ذکر تہٕ "شو" چھُ دراصل
دراوِڑن ہُنٛد دِوتا تہٕ کیاَزِ یتھ کنہِ سِندھ وادی مَنٛز "ناگ" بوزایہ ہنٛدی نشانہٕ چھ لبنہٕ آمتی تتھےٚ پاٹھٕی چھےٚ اتہٕ
اَکس موہرِ پیٹھ شو سنٛز شکل تہٕ دینہٕ کڈنہٕ آمٕژ۔ مگر توتہٕ تہٕ چھُنہٕ "شو" ہیوٚندستانچہِ بترٛاَژ پیٹھ تھنہٕ پیوٚمت دِوتا

بنان تہٕ کیاز دراوِڑ تہٕ چھِ ہیوٗندستان نیبر پیٹھےٚ آمتی تہٕ تِمن ہُنٛد تولُق چھُ افریقہس منٛز آباد حبشی ذاتن ہٕنٛدین لُکن سٕتی۔ یوٗتے یوٗت نہٕ بنگالکس شمالس منٛز یِم آدِ واسی ذاتہٕ ہٕنٛدی قبیلہٕ آباد چھِ تِمن ہٕنٛز زبان چھےٚ آسٹریلیاہس منٛز بسن والین وارِیاہن قبیلن سٕتی واٹھ کھیوان۔ اَمہِ سٕتی چھُ یتھ کتھِ گوڈٕ بَر پیوان زِ کر تام بٔرونٛہہ چھےٚ ہیوٗندستانس تہٕ آسٹریلیاہس درمیان منٛز سمندرک رٔژٹ اوسمُت۔ چنانچہ ارضیاتکی ماہر تہٕ چھِ اتھ کتھِ تصدیق کران زِ بٔرونٛہہ کالہِ چھُ ہیوٗندستان، افریقہ تہٕ آسٹریلیا اَکے زمینہٕ ہِنٛز اوسمُت یتھ تِم "گونڈوان" ناو دِوان چھِ۔ خاری یہِ آیہِ منٛز کتھ ـــ کتھ اُس شوٚسنٛز چلان۔ تحقیقہ تلہٕ چھُ دُری یاف سپدمُت زِ شوٚ تہٕ پاردٕتی ہنٛز پوٗزا اُس بٔرونٛہہ کالہِ ایشیاکو چکس منٛز تہٕ سپدان تہٕ یوٗ تام زِ گتھہ ماتایہ (عالمی ماج) ہُنٛد تصوٗر چھُ، یہِ تصوٗر چھُ ساری علاقن منٛز تہِ اوسمُت تہٕ ہیندوکش کِس علاقس منٛز یِم کافر ذاتہٕ ہٕنٛدی لُکھ لیسان چھِ تہٕ یِمن سٹائین ناگ ذاتہٕ ہٕنٛدی ونان چھُ، تہٕ چھِ زِ گتھہ ماتایہ ہٕنٛدی نیز آری۔ حال حالے چھُ اَکی رٔوسی عالمن یِمہِ کتھِ ہُنٛد انکشاف کوٗرمُت زِ وسطِ ایشیاہس منٛز چھُ اَکہِ کوہٕ ہٕنٛدس پانٛدک درس شوٚناو اوسمُت۔ یَنہٕ وَن چھِ زِ یہِ ناو ما آسہِ ہے آریا ذاتہٕ ہٕنٛزِ کنہ تِمہِ چھوکہ پانس سٕتی اوٗنمُت لوٗسہٕ اَتھ علاقس اَنٛدی یکھی لبان آسہِ ہےٚ [١]

"سِری یہٕ (آفتاب) تہٕ چھُ ہیوٗندستانی دیوٗمالایہ ہُنٛد اکھ زوٗدار تہٕ وسوار دِوتا۔ ویدن منٛز چھِ اَمی سٕنٛدی صفتھ بٔڈ پترہِ تہٕ جاہِ سان وِپرھناونہٕ آمتی۔ ویدن ہُنٛد مشہوٗر منتھر "گایتری" چھُ تتھ عقیدتس کُن اِشارہ کران لوٗسہٕ گوڈٕ کالہٕ پیٹھہ از تام آریالوٗکن اُمس سٕتی چھےٚ آسی مٔتر

"دِلوٗ اَسی کرو سری یہٕ سٕنٛدِ پوتر گاشک دیان یتھ سانی زِ تھ گاشرادنہٕ یین"

سِری یہٕ تہٕ سوتا چھِ اَکی ہےٚ دِوتا ہٕنٛدی زٕ ناو۔ کشمیرِ ہُنٛد "مارتنڈ" تہٕ "کونارک" مشہوٗر مندر چھِ سِری یہٕ ہٕنٛز پرھِ پٕتھنے کرنہٕ تہٕ گوڈٕ بَرنہٕ باپتھ تامیر کرنہٕ آمتی۔ اَمی کر اَکھ بیاکھ دِوتا چھُ "اگنی"۔ "اگنہٕ" پوٗزا چھےٚ آتش پرستن تہٕ ہیندٕ ہٕن درمیان پتھ کالہٕ پیٹھہ چلان آمتہٕ اَکھ واسک تہٕ رایِ ملک توٗ بوٗتھ۔ دراصل چھِ

---

[١] یہٕ کتھ چھےٚ وُنہٕ سرکھر کرنی۔ وُنتاکہ تحقیقہٕ ہُنٛد جواب چھُ شودراوِڈن ہُنٛدے دِوتاہ ماننہٕ پوان۔

سِری یہِ تہٕ اگنی اَکی پنزرٕکی زٕ الگ الگ پرتوٚ یمن ہُنٛد رَنٛگ بڈٕ اتی گٔژھ چھُ۔ سِری یہِ پوٗزا چھےٚ یہِ ژینہٕ وَن تہٕ دِوان زٕ آدن کالس یوٚسہٕ رفاقتھ "نارن"۔ بیٚیوٚن بیٚیوٚن طُرلقوٚ یمن قبولن کرٕتی رفاقتٕ بنوو "اگنی" اکھ پایہٕ یوٚڈ دِ دِتالیند درجہِ ویدَن منز یُند رازس یتہٕ لِوان چھُ۔ سِرلیس تعلق یہ ویدک باتھ چھُ پرُن لایق ؎

چھکراوان کھوٚت لوٗرٕ زٕ ژن ہُنٛد

دَیہِ شُنٛد اکھ آکار ــــ

زٕ ژٕ ورشن کرُون ــــ نجتاوار

پزرٕلاوان نب نیہٕ نادان آو

زوٚ زاژن حرکژ ہُنٛد آلو

گگٹی حمپکادان ــــ ووہ نٕدٕ وشناوان

توٚ ہی تطرٕ تلوِ ــــ

اَوشایہِ پتے پتہِ دوران آو

حُسنَن مُژرٕ اَدِ کھ تھوٚ دمَن مَتھ

نازلہٕ پتہٕ پتہٕ ودکھ ژھایہٕ وچھان

پوٗزایہِ چھ پژاران یوٗگی شوٗر

یتھ زٕ نچ کانکھیا سپد یکھ سبد۔

اَوشا چھےٚ رٲژ گٹہِ دژوت دِتھ لوٗرٕکی دروازٕ ڈٕتھی تراوان تہٕ آشن ہندِس وٚژہ پژنگس نوٚ ین منزِ لَن کٕنْ جلوٕ پھِران ؎

پھوٚل شوٗرخ گزل

لوٚ لہِ للہٕ وان آشن ہُنٛدا مریتھ

کریکھ لاٰیِن ــــــ

ڈٕرٕھ کرٕی تو کامیٚن اند چھٕو دیٚن

وق ژٕلہٕ وٕنی واوِر نِگش

ٹرٕی تو ــــــ

یِتھے پاٹھۍ چھُہ "ویدن" منٛزٕ اگنہٕ دِوتاسٕنٛد بجر یِتھہٕ پاٹھۍ گوہ نہٕ آمٕت سہ

ژٕ سٔے بخشٕے جنگلو نوٚ وزوٚ تہٕ یاوٕن

گرٛھان چھکھ دِوٚہن ژٕرے وننہٕ سالس

کرٕدیتھ اٰسی تمن لوٚزا بروٚ لول

کرِتھ تھوٚومُت چھُہ اَسہٕ یٔتہٕ دریہِ وٕتھرٕن

پیمبر چھکھ ژٕ اٰند وٕنٛد دِوٚہن ہنٛد

تِمن نادس گرٕھتھ وٕن یور واتٕن

یہِ وٕنی زٕ یکھ ڈلی یِہن ییٚن یور واتِتھ

گرٕھن گرٕھِ دشمنن لیس لیٚمہ انبر

ڈٕرِتھ ساری چھہ تم راکھس ڈکھس ییٚتھ

"اشومید" یانے گرٕی سٕنٛزٕ بٔلی دِنٕی تہٕ چھُہ سری یہ پوٚزا یہِ ہنٛدٕ اکھ حصہٕ اوسمُت۔ گرٕ بٔلی دِنِک رٕسم چھُنہٕ صرف ہیٚوندستانس تام موٚحدوٚد بٔلکہ چھ آمیک رِواج یِتھ کالہِ رٕوسہٕ کین کینٛژن علاقن تہٕ بابُل شہرس منٛز تہٕ اوسمُت۔ گرٕی سٕنٛزٕ دٕری یافت آمٕس تہذیبہٕ دوٚرٕ دٕمنٛزٕ اکھ زبردس پیش رف۔ بگرٕ "گرٕ" گور گوڈٕ آریالوٚکوے دٕنہٕ۔ سامی علاقن منٛزٕ اٰسی گرٕس "جنگلی خر" وٕنان۔ گرٕی سٕنٛزٕ بٔلی ہنٛد رِواج چھ اِسکیموٚ دٕا آرٕ ہنٛدٕ ین لوٚکن منٛزٕ تہٕ اوسمُت۔ تہٕ شٕمالی ایشیاہس منٛز تہٕ چھُہ "اشومید یگیہٕ" سپدان اوسمُت لیٚس آریا وٕکن

ہُندگوڈ کالک گرٕ گنٕڈراونہٕ چھِ یوان ۔ آریاہو کو علاوٕ چھِ سیٹھا بیترِ واَرٕ ہِندی لۄکھ تہٕ گرٕی سُہنزٕ بلی دِوان
اُسۍ متۍ۔ گرٕ اوس اَتہِ سرٕی یہٕ شَند آکار ماننہٕ یوان تہٕ سرٕی یہٕ چھُ بذاتِ خود شُہ "عظیم رُح" یُس ساریے تہٕ
دُنی ہیکہ آگُر چھُ۔

پرانن ہِندِس دورس مَنٛز آو اشومیدس نوٚو مانے بخشنہٕ۔ دوٚہ نٕ ہیوٚتُن یہٕ یہوٚن یَنٛدرازس
سو رگہٕ کہِ تختہٕ پیٹھ والنہٕ موکھ کرنہٕ یِن۔ سرٕی سیتہٕ اُگنہٕ (نارٕ) لۄزُ اُنی ہندیو پانس سیتی ہیوٚندستان اباپوٚز ینٛدرازن
کرِدار پھاپھلیو اپرانس مَنٛز تمہِ ساتہٕ بیٚیلہِ آریو گنٛیڈرس وقتس اپرانس مَنٛز ڈیرٕ ڈیٛت۔

یَنٛدر چھُ ویدن مَنٛز سو کالک اَو برگ تہٕ گگر اینٛ ہِنٛد دِوتا۔ وِرِتر چھُ ہوکھیہ ہِنٛد موکل یُس سو کالس کوٚ کال
بناونس پتہٕ چھُ۔ وِرِتر چھُ ناگ زاتٕ ہِنٛد گُستام زدٕن او سُمت یمۍ گوڈٕ گوڈٕ آریاہ لۄکن کوٚ ٹھُی ڈرراونس وَتھ چھیٛنہٕ
دِرٛمۍ۔ آخرکار یَنٛدر تِس ہِنٛدِس مَرٛتھِ زورَس برٛوٚنہہ کنہِ کار نو مراونی تہٕ مٕرکری ہِنٛدِ بنادِ رتر بینیو و موکل تہٕ خبر کیا کیا
تہِ کیا زِ یُس شخص تہِ زمین وٲلس بُتھ یییہِ سہ چھُ تسٕند دُشمن تسۍ نزکو شش چھٕہے روزان ہارن وٲلین ہِنٛد کانہٕ
تہٕ کِردار گرٕتھِ نہٕ ہیر و ینتھ لۄکن ہِنٛدِس ذہنس مَنٛز پھبن تہٕ کیازِ تمہِ ستۍ چھُ کنہِ وِزِ قومی امارس نوٚسرٕ وِتھس
لگنگ خطرٕ روزان۔ دُنہِ ہیچ تۄارِیخ چھٕہے یتھ کتھ گواہ زِ خانہٕ بدوشن تہٕ وحشی قبیلو یَیلہِ مذہب دار لۄکن
پیٹھ یلغار کوٚر تمو کوٚر گوڈٕ نیچھے تہِ ہِنٛدِس کِردارس تہٕ قومی یادگارن لیٛتھ لۄر یُتھ یمن نوٚ سرٕکلہٕ تِلنس وَتھ یییہٕ نہٕ
فاتح لۄکن ہِنٛد ڈیٛر چھُ ہمیشہ یی روٗدمُت زِ مفتوح لۄکن تھاوَن تم ذہنی غولامی مَنٛز آدرِ رتھ۔

سآنی دیو مالاِ چھٕہے یمہٕ کتھ ہُنٛز باوَتھ تہِ کران زِ دُنیچ سارِوٕے برٕانٛی مقدس کتاب "رِگ وید" چھیٛنہٕ
گنگاہٕ ہِنٛدِس مَوٚدانس منٛز لیکھنہٕ پیمٕژ اَکھ کتابہٕ مَنٛز درج بھجن چھِ باوان زِ یمہٕ وَتہِ پکان پکان آریا ہیوٚندستان
واتی تمہٕ وَتھ چھٕہے گنیو جنگلو منٛزی اوٚس پٔرتہٕ یمن جنگلن کوٚر تمو اگنہٕ دِوتا ہٕسند برکتہٕ تار۔ امہِ کتھِ سیتی چھٕہے بیٚیہٕ
کتھِ ہِنٛد تہِ اشارٕ لگان زِ یورِ یہٕ بَروٚنٛٹھے چھِ آریو نارٕ دنہٕ کوٚڈمُت۔ رِگ ویدُک اَکھ بھجن چھُ یِتھہٕ کِنۍ
گرزِ دِنی وادن اَکھ روٗٹ کوٚرنس

حنگلو مٔنزٕ کٔڈ اُگنن وتھ

کچھہِ زاژن زاجن وس

دٕنن ٹیکہِ تار گٔنڈن

سٔریہٕ ژٕہہ دٕتھ چون

تہٕ ریٚہہ ہٕشرٕ کرتل وایان پوٚک

ترٕ ہرٕ آ... ساری اَنٛدکٕن ژٕلی

دیو مالایہٕ ہٕنٛد کامہٕ دیلو چھُ کاشرِس مَنٛز ییٚتھ مَدٕن تہٕ مَدٕن دار بنیومُت مگر کامہٕ دیلو لفظ تہٕ چھُ برابر ورتاوَس مَنٛز۔ لیکھن والیٚن اَدیٚس لفظ خوش کرِتھ چھُ پننِس لیکھس مَنٛز جاے دِوان۔ یوہے کامہٕ دیلو چھُ یِس "من مِتھ" تہٕ ناو چھُ تہٕ "کامالِکا" یا "رتی" چھِنے کاشرِس مَنٛز لتی بنے ہرٕ۔ دوٕن ناون ہٕنٛز یمہٕ مُختلِف شکلہٕ تہٕ یمہٕ یِچھ چھہٕ ییٚتھ کُنھ کُن تہٕ اشارٕ کران زٕ گسہٕ ینہٕ ستی کِتھ پاٹھی۔ چھ لفظ یِنٛہن انہارٕ بدلاوان تہٕ بازے بازے چھِنے انہارس مَنٛز تیٚژ تبدیلی سیدان زٕ اصل لفظس تہٕ گسہٕ اَہتِس لفظس چھُنہٕ پانہٕ واٚتی کانہہ ہشر بنہٕ یوان۔

دوٕزٕنی تون لفظ "پاتال" اَکھ لفظس یُس سٹھاہ ییٚتھ کالہٕ پیٹھہٕ استعمالس مَنٛز چھُ، متعلِق چھُ عام طور خیال زِ "پاتال" چھُ ییٚتھ زمینہٕ تل کُتام بدل دٕزٕ یاہ یوسہٕ زٕن حقیقتھ چھِنہٕ۔ "پاتال" چھُ سِنٛد کِس علاقس مَنٛز ییٚتھ کالہٕ اکہٕ شہرُک ناو ادسمت یوٚت تام واتُن مُشکل ادس مگر پرانن مَنٛز چھُ یہٕ لفظ بدل بدل پانین مَنٛز تہٕ ورتاونہٕ آمُت۔ اَسہٕ کاشرِن مَنٛز تہٕ چھِنے یہٕ مثال زٕ ناگرائے "ییلہٕ ہی مالہ دوٕ ڈکو ندمس ودل سہ ووت تمی مَنٛزٕ پاتال۔ اَکھ کتھ مَنٛز کتھ حَدَس تام ہیٚکہٕ حقیقتھ آسِتھ یہٕ چھُ اکھ الگ بحث مگر مختلِف کتابن مَنٛز چھُ "پاتال" نگرٕ کِس اَکِس حصس یا باگس مَنٛز ناگن ہٕنٛدِس لَسنس بَسنس کُن اشارٕ کرنہٕ آمُت

"شبرنگ" چھہ ساڑس نکہٕ اَدیٚس مَنٛز اَکھ سٹھاہ دِلچسپ کِردار، تہٕ یوٚتامتھ اَمی سِنٛزِ جاآلاکی ہٕنٛد

تۄلۍ چھُ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ جوٗرٕ۔ شیٖرنگس ہیٚتھ اَکھ کتھ چھےٚ وسطِ ایشیاکین علاقن منٛز وٕنہٕ تہٕ مرُوَج "شیٖرنگ" یُس تامتھ مےٚ فِکرِ چھُ تران، چھُ دیوٗمالایہ پٹھےٚ لکہٕ اَدبس منٛز آمُت مگر دچھُن چھُ یہ زِ یہ کِردار آو وسطِ ایشیا پیٹھٕ یورکُن یِنہٕ پیٹھٕ گۄنٛتوت۔ اَمہِ سٟتۍ چھےٚ یِمہٕ کتھہٕ ہنٛز ژینہٕ وَن لگان زِ سیٚٹھہ کالہٕ تہٕ چھُ کٔشیرِ پانٛس اَنٛدۍ یکھِ مُلکن تہٕ علاقن سٟتۍ تردیکی رٲبطہٕ اوسمُت تہٕ کلچرل لین دینکۍ درواز چھُنہٕ زانٛہہ تہٕ بنٛد آسی متۍ۔ یِتھے پأٹھۍ نی تون "ہی مال ناگ رانے سٕنٛز ساۄز نکہٕ کتھ۔ یژھے اَکھ لۄکہٕ کتھ چھےٚ اَز تہٕ رٗسس یا لِٹک علاقس منٛز مرُوَج۔ یِمہٕ سٟتۍ سانہٕ یا یِتھہٕ سوچنکۍ نۄوۍ تہٕ دٔسی تہٕ حَد بَد چھ نیران تہٕ اَسہِ چھےٚ اَتھ موضوعس پیٹھ نۄسِرٕ سوٚنچنٕ ضوٗرٕ رکھ باسان۔

دیوٗمالایہ وۄن دیُن چھُ اَکھ فٲیدہٕ مَنٛد سودا۔ اَمہِ سٟتۍ چھُ قومن ہنٛد تہذیبی مزاژ ہمجنس یا دادآری رِشتن سام ہینس، طبقأتی تۄلۍ قاتن ہنٛز صوٗرتھ دچھنس منٛز حدرٕوس مدد سپدان مگر شرط چھُ یہ زِ تَقَر گژھہِ دٔسی آسنی تہٕ علمی وسچار گژھہِ آسن۔ نتہٕ اگر دیوٗمالا محض دیوٗمالا زانٛنتھ پرنہٕ آیہ تمہِ سٟتۍ چھُ اِنسان اُتھی نتیجس پیٹھ واتان زِ یہ چھےٚ محض "دٕنہٕ کتھا" یِتھہٕ وۄن دیُن دَق راوٕ راوُن چھُ۔

# نوٹ سام

١- دیومالا ــــ دیوِین تہٕ دِوتاہن ہنٛز کتھ۔ یمہٕ کتھہٕ چھےٚ ہندوستانس منٛز پُرانن منز۔ پُران چھِ تیم توأریخی کِتابہٕ یِمنہٕ انسان تہٕ دیوی دِوتا اَکی وَقتہٕ اَکی اَنٛگنہٕ خۄ، بیَن تہٕ کمئ یِن ہیٚنٛدِ مجسمہ آسان چھِ۔ کُنہِ وِز چھِ انسان دِوتا بنان تہٕ کُنہِ وِزِ راکھس۔ پیتہٕ چھُ ونہٕ یوان زِ آرین اَسی گوڈٕ کالس منٛز (دیو) وَنان تہٕ اسپر یا بیتر علاقہٕ کین لُکن اسُر یمن سیتۍ آرین واریاہس کالس وۄلہرِش چلان روٗز۔ آریہ دراے تمہٕ تہٕ تمہٕ پیٚٹھ روٗزِ تہنٛدِ ریوایژ منٛز اسُرن مُتعلق مُبالغہ سان دُشمنی ہنٛز داستانہٕ وونہٕ یوان تہٕ پانس مُتعلق گوٗن صفت بوٗد ر تہٕ نمو دائے یتھ۔ یتھے پاٹھۍ کور اسُر دیتہٕ ہنٛد ذکر۔

٢- لُکہٕ پرٛتھ۔ FOLK LORE لُکن منٛز مقبول زبٲنی کتھہٕ تہٕ ریوایژ۔

٣- مصر چین۔۔ دُنیاہ کین پرٛانین تہذیبن اَندر چھےٚ دیومالا جادو وسی پاٹھۍ ونہٕ دِلیسے چھُ پرٛتھ سماج تہٕ مذہب پرٛانان یینہٕ تہٕ رنٛگہٕ پننی دیومالا کھرُان۔

٤- ناگ تہٕ پِشاچ ــــ یم چھِ قدیم تہٕ آرین بروٚنٛہہ قوم اَسی یتھ یم پتہٕ آرین منٛزے مدغم گئے تہٕ یہنٛز روزٕ کتھے یا یمن منٛز یہنٛدین قو درتہٕ پیٚٹھ قو وتن ہاز۔ وَکھنے کرنہٕ آیہٕ

٥- اوُشا ــــ گاش پھوٚلنہٕ وِزِ ژیک صُبح سحر دُکھ۔

٦- یِیشِدراز ــــ راز اِندریس سُرن یانے دِوتاہن ہُنٛد بوٚڈ پادشاہ اوس۔

۷۔ ژند اوِستا ــــــ پارسیین ہِنٛز پرٛانٕی تہٕ مُقدس مذہبی کتاب۔ جند اوِستا

۸۔ ڈراوڈ ــــــ اَز کل جنوٗبی ہندوستانس منٛز روزن وٲلی تہٕ تمِل، تیلگو، ملیالم، کنٛڈ بولن وٲلی لُکھ۔ یِم اُسۍ آرین ہِنٛدِ ہِندوستان ییِنہٕ برٛونٛہہ شُمالی ہِندس منٛز تہٕ بسیتھ

۹۔ ہِندوستانس تہٕ آسٹریلیا ہَس ــــــ جیالجسٹن ہُنٛد وَنُن چھُ زِ اَکہ وقتہٕ اوس ہِندوستان آسٹریلیا تہٕ جنوٗبی افریقہ یکہ وَٹہٕ رٔلِتھ تہٕ پتہٕ لجیہٕ بٔڈۍ وٕڈۍ گرٛٹھان گٔیہٕ یِم اکھ اَکس نِش بیٛون تہٕ آیہٕ اَز کلچہ شکلہِ منٛز۔ اَتھ سارِ ہےٚ علاقس چھُ "گونڈوانا" ناو دِنہٕ آمُت۔ مگر انسان کیا اوس تمہِ وِزِ یہِ وَنُن چھِنہٕ صحی۔ اِنسانس گٔیہٕ صرف دہ لچھ وٕری روٗے لبنہٕ ہتس مگر گونڈوانا چھُ اَمہِ سیٹھا پرٛون۔

۱۰۔ سٹاین ــــــ سر آرل سٹاین۔ موشوٗر موٗحقق یِمو کلہنہٕ سٕنٛز راج ترنگنی انگریزیس منٛدر ترجمہ کوٚر تہٕ موٗل آنکوٚن کرٕن۔

۱۱۔ کونارک ــــــ ستومہِ صدی ہُنٛد اُڑیسہ ہُک موشوٗر مندر یِمکۍ کھنٛڈرٕ پاتۍ اَز موٗجوٗد چھِ۔

۱۲۔ مَن مَنتھ ــــــ شہ دِوتایُس مَنٛس ہُنٛدِ نتھ چھُ نٔوان۔ کامدیو، مدن، لول تہٕ مایہ ہُنٛد دِوتا۔

۱۳۔ گرٛٹھان چھُ کھ دوٚہن ــــــ ...... ویدکہ رسمہ مطابق یِتھے ہُوٚن کران چھِ تِتھ منٛز چھ اَکَنس منترو دِزۍ یہِ وَنان زِ گرٛٹھہ دِوتا اَنکھ ناد دِی دِی یِتھ ییِنہٕ نِش پنُن پنُن حصہ ٕنن۔ اَگنس اندر چھ کھۄنٛ چینکۍ چیز ترٛاوان۔ اَتھ ترٛاونس چھ ہُمن وَنان تہٕ یِمَن چیزَن آہوتی یا آہوت۔

۱۴۔ اشومید ــــــ کانٛہہ بادشاہ اوس پننہِ مُلکہٕ اَنٛدۍ اَنٛدۍ مُلک زِینیہٕ باپتھ سجاوِتھ

گرٕ تہِنٛزٕن بٔنۍ کٔنۍ تراوان تہٕ نَس پتہٕ پتہٕ اوس تِمٕنٛد فوج شہ شہ مُلک اَن مٲنٛز زاوِتھ برٛونٛہہ پِکان۔ چکرٕ پوٗرٕ گژھتھ اوس ہوٗن کرنہٕ یِوان تہٕ یہِ گرٕ بٔلی (قربان) کرنہٕ یِوان یُتھ راز سُنٛد چکرورتی بنُن یقیٖن گژھہ ہے۔

۱۵۔ رَتی۔ کٲشرِس منٛز چھُ محبوبہٕ سُنٛد اَکھ ناو۔ در اَصل اَمس رٔتی (یانے۔ مالے) کامدیوس زنانہٕ تہٕ کامہ دیویئہ شنکرُن سُنٛد دُمسرسوٗری گو رٔتی روز زِندٕے۔ کامہ دیو رودُ یتہٕ "کاینات چلہ وُن تہٕ پٲدایش برقرار تھوٗنہٕ باپتھ"۔ جسمہ روٗس تہٕ زِندٕ تہٕ تتہٕ بیہتھ چھُ دوستتس سونتس سیتھ پھیران تہٕ سونتس اندر پھِہ پوٗنی پانژھ پوش پمپوش، اشوک، امب، چمبیلی تہٕ نیلوفرکی کان بناوِتھ جوانن تہٕ حسینن وٲنژہ لایان یُتھ تِم لول تہٕ مائے زِنٛدٕ تھاوَن۔

۱۶۔ شیبر ٹنگ ـــــ کٲشر لُکہٕ کتھ یتھ منٛز اَمہ ناوُک کردار پننہٕ چالاکی بیوٗدری تہٕ عقلمندی کنہ سیٹھا کرٕ یتھ کار زِہین منٛز اَنٛزران چھُ۔

۱۷۔ دنتہٕ کتھا ـــــ خیالی کتھ یتھ حقیقتس سیتھ کانٛہہ واٹھ آسہٕ نہٕ۔ دنتہٕ کتھایہ چھےٚ لُکہٕ اَدبس اندر یِسلہٕ موجوٗد آسان۔ یم چھےٚ دیوی دیوتاہن متعلق انسانن متعلق تہٕ باقی زوٗ فادٲرن متعلق تہٕ آسان تہٕ لُکہٕ اَدبس بٔرٛزٕر کران۔

## سوال نامہ

۱۔ دیو مالا کیاہ گیہ؟ دُنیاہچن کینٛژن مشہوٗر دیو مالاین ہُنٛد تعارف کرناوِو۔

۲۔ مختلف مُلکن ہٕنٛز دیو مالا کِتھٕ پٲٹھی تہٕ کیاز چھِ رلان میلان تہٕ اَکھ اَکس سیتھ تبدیل گژھان؟

۳۔ دیو مالائے کردارن ہٕنٛز مثال دِتھ ہٲوِو زِ یِہنٛز اہمیتھ کیتھٕ کٕنۍ چھِ ازتانی برقرار۔

# ژکھ ــــ زان

ظریف احمد ظریف چھِ ناوتہٕ تخلُصہٕ مطابق تِتھی واحد لکھاری یِم ادبس اندر تہٕ ظرافت یا نے
مزاح لیکھان چھِ۔ ظرافتی اُسلوب ورتاوِتھ سنجیدٕ موضوعن وِژھنے کرنی چھیہٕ یِہُنز خاصیتھ۔
"ژکھ" چھیہٕ انسانی نفسیاتس اکھ اہم عنصر یتھ کٔنی لول، نفرتھ، دوکھ، وودٲسی بیترِ چھِ۔ اکھ
خالص نفسیاتی مضمونس لوٚنہٕ واے اندازِ وکھنے کرتھ چھُ لکھاری پننہٕ قلمی زورک پلے دوان۔
تواریخی حوالہٕ دوان مگر موضوعس نہٕ غٲرضروری سنجیدگی ینہٕ دوان۔ روزانہٕ زندگیہٕ منز مثالہٕ
دوان مگر موضوعکہِ گوبرُگ سۅتھرٕ نہٕ لوٚن وسنہٕ دوان۔ الٚسے ہیٚچ خوٚلی چھِ یِ آسان موضوع کوتاہ تہٕ
ورل تہٕ سنجیدٕ آسی تِتھ گرٕزھ مصنف پننہٕ شخصیتکہ میچھرٕ ستی پرٚکشش بناوُن۔ ظریف صابٕنز شخصیتھ
چھِ یتھ اندر پوٚرِ پوٚرٕ وۄتلے مژ۔ زبانی پیٹھ چھکھ پوٚرٕ عبور۔ خاصکرِ تھ چھکھ تشبی تہٕ اِستیارٕ تتھی
دِتی میتی یِم خوبصورتھ تہٕ چھِ تہٕ برمحل تہٕ۔ چھوکرٕ لد چھینہٕ سیندی پاٹھی گیرٕمن، گاگرِ نمبلہٕ منز
گاد چھسنی، ژانگی برٕیڈی تلی تیل پریڈُن وغارِ چھِ اکچہ کینہہ مثالہٕ۔ بییہٕ چھکھ یِہ الٚسے کتھہٕ باتھ
ہندِس طریقس پیٹھ لیوٚکھمٕت امہٕ ستی چھُ لکھارس تہٕ پرن والس منز سیدِ سیوٚد رابطہٕ قایم
گژھان۔

ظریف احمد

# ژکھ

دیان یُسے ژکھ ژایہِ سُے چھُ لوٚڈ پہلوان۔ نہٕ زانن تمے ژاپل یموٗ یتھ بے جسم وجان دُشمن ژاپِتھ تزوونہٕ نچاتھ لوٚکھُ تہٕ یم ژاپن تمے گئے سوکھل۔ ژاپنِ اُس کتھاہ میٚنہٕ تَنج یہٕ ژکھ زانہہ سرٕونتھ نہٕ نینکلاوِنی یتھمہٕ کنہِ میون نندٕ لوٗن پان امہٕ مسالچہِ کمی سببہٕ زن تہٕ سونتھ کالے ہرد زرد ی لبدٕراٗوِتھ ہرِتھ پوو۔ ژکھِ ہندی قسم تہٕ طرح چھِ تِتی راد زیٹھی تہٕ قدیم یم زن ہینز تہٕ ونہٕ کڈنی ییتن تژھے کتھا چھیٚہ یژھ زن ٹھوٗلس تہٕ کوکرِ ہنز دلچسپ تارِیخ بد کڈنی چھیٚہ زِ گوڈٕ آوا ٹھوٗل بارسس کنہٕ کوکر۔ مطلب چھُ میون تی یہٕ توٚ ہہٕ فکرٕ آسہٕ توٚر مُت ۔۔۔۔ بہٕ زن چھُس امہٕ ژاٗنی ہندِ دری یاوُک بلطخ یُس دوہ ہس آیسے منز توونت ٹھوٚکِتھ تہٕ شامس ڈریس پیٹھ بیٚیہ لوٚ چھِ ہوٚتے لاگِتھ لوس چھُ بران، تہٕ ماچھوِ پتری زِ پام دِیو۔ بہٕ چھُس وُنکین ژاٗنی کارن منز ان ژاٗنی آستھ تہٕ ژاٗنی ہندی مس بانہٕ مینان تہٕ تولان تہٕ پانہٕ اکِہ دامہٕ باپتھ وُٹھ پھیشان۔

شاعِر ونان ؎

باخبر شرمندٕ گامتی بے خبر چھی بے حجاب!

ونُ چھُم زِ ژکھ چھینہٕ کرالہِ منڈی کھلتھ یی یلہٕ تہٕ ژاپنہٕ ستی دٔرن دندہٕ مضم گرتھ بنہٕ ضحتہ ژکھ چھِ سُہ وُٹہٕ مکھی ڈادِ تہٕ چانگل جِن یُس پرستھ گرنہٕ پرستھ وزِ زورٕ ذاتژن نش پنُن بے پتا ڈیرہٕ تہٕ ڈاپھ ترٲوِتھ جاخر

چھُ آسان تہٕ ینِس کُنہِ تہٕ شکارس چھُنہٕ دٔلیٚل تہٕ درٕ سیو نہٕ بیٚیہِ رٕنتوٚسہٕ ورٲے کینہہ نہٕ کھینہٕ دوان۔ ژکھیُل آدم چھُ چھوکہٕ لد پچھینہٕ سندی پاٹھی خانخاہ گیراں گیراں لکہٕ ہنزن دوٚن تہٕ دلواران ٹھاسنہٕ لیوان۔ خٲر۔ یمیہِ کتھِ ہُند تجربہٕ آسہٕ تۄہہِ نہٕ ییٚلہِ زن انسان ژکھہِ منز بوٚڈان چھُ تہٕند فرماوُن چھُ وورنیچ جاے رٹتھ تمِتھے کنہٕ ژکھہِ ہندین آولنین تہٕ وگتنین منز پھسان ییتھ کنہٕ کُنہٕ گاٹہٕ نمبلہِ منزان زٲنی یارِم گاو پھسِتھ تمِے بےٚ ربط تہٕ بےٚ مانہٕ ٹانگہٕ دی یمین منز نہٕ گاوہس ماکس آہنز پریشانی یا مصیبتچ کانہہ نہٕ ژینون آسہٕ نہٕ گاوکتھ کنہٕ موکلہِ نمبلہِ منز۔ دیان زاشرٕ تہٕ نے لوچھ وزِ وُدن ہیٚیہِ موج دلیس نہٕ دوہ دٕ ووہٕ ووٚلہِ تہٕ زیودوٚے کانہہ شرٕ زینہٕ گرِ پیٚٹھے ودٕ وُن اوس۔ تہٕنز لوچھ ہنز کیاہ ژینون چھیٚہ۔ اشارٕ تہٕ گژھِ مانے دار تہٕ یا مطلب آسُن۔ کانٛہہ کوترباز چھُ وُڈوس دوران کوترس بہریا بیٚیہِ کانہہ جاے دشمن سنز ژینوٚز شرٕ دٔ کرتھے دوان۔ شرٕ نہٕ ہُند مانہٕ سمجھتھے چھُ کوترٕ ہُشیٲری سان لوٚن وُسِتھ زُو بچاوِتھ ہیکان۔ پتہٕ زن آسہٕ ان زان کوترباز صرف شرٕ دٕ بےٚ مقصد تہٕ لغارٕ خطرٕ وایانی روزان۔ تہٕندِس کوترس روزِ نہٕ شرٕ نہٕ ہُند کانہہ مقصد تہٕ نہ کانہہ خاص اشارے ولیوٚد۔ بہٕ اوُس ورِ کین ژکھہُند زوٚک موٚدرٕ تۄہہ برو نہہ کنہِ پرٕنا وان تہٕ منزی لوکُس کوترٕ بازی یا کرنہٕ۔ تۄہہِ نہٕ ماپرٕ ژھوٚ خٲر بیٚیہٕ کُس کُس اچھہِ پرٕ ژھان شاعر ونانٛ پلکھ نے کرِتہٕ خاموش سوچھے بٔڈ ووسنہٕ کٲری۔ ژکھہُند رلواج لیوٚدوٚ۔ ییٚٹھاہ پرون تہٕ وٕجوٗد آدمس برونہہ بارسس آمُت چھُ مگر آدمس یے آیہِ مٔژھجہ تہٕ موجبتی ماسہٕ ہندی پاٹھی ولنہٕ تہٕ وندنہٕ تہٕ بیٚیہِ اڈرٕ نہٕ پیٚٹھے باگہِ بنتی چھم ازِ تۄہہ بہ کتھ نہٕ مسلہِ وٲلِتھ ونِزٕ شیطان ژھوٚن کرے یہ آدم دُنیہس منز نہٕ اننہٕ باپتھ سکھ ووٚٹھ ژھانٹھ نہٕ احتجاج۔ ہیے یہ منزٕ موغل ہا نہٕ۔ آسہِ سکھ بُتھی پھیرٕ بیٚیہٕ وزِ ناوِتم تم بناے زمینہٕ پیٚٹھ یم زن آمی سُندے آسُن مٹاونکی سامانہٕ بنن مگر آمی سُندیہ خیالی اندازِ وول مطالبہٕ آو یکطرفہٕ فاصلہٕ سیتی ردٕ کرنہٕ تہٕ تمِچ آدم بناونچ کٲم بٔڈٕ شوقہٕ تہٕ شدِ بدٕ سان پتہٕ روٗد ہیلی صاًبنہٕ (شیطان) عداوت تہٕ کنِی آدمہ سُندیہ خام تہٕ آچھرٕ وٕجوٗد موتس اکس پننہٕ ژکھہِ ہُند نشانہٕ بناوِتھ لٲران تمِیچ نہٕ گوڈٕ گوڈٕ خوداصابن کانہہ سنگین نوٹس نیہ

مگر پتہٕ آو سختی سان اَمس پیٹھ نظر گزرتھٕو تھ آدم بارسس۔ آدم مناونک مانہٕ مطلب تۄر پتہٕ ییٚن
فکرِ زِ امی سند ظلو ہو ریہٕ ووتھ شیطانس مول تہٕ بییہ سپدس سو مول شرف تہٕ حاصل ییمہ کنہِ خود اصابز
ذاتھ تنہٕ تہٕ نورانہٕ زٕھٹتھ زٕھوہ ماران چھیہٕ کتھ کیاہ اُس مگر آدمہ سند آسن مٹاوُن اُس شیطانہٕ سنز
زٕھو چہ نظرِ نہٕ بزدلی ہُند ٹاکارٕ ثبوت۔ یہ کرتھ راوُرن پننے اوقاتھ تہٕ گروول آستھ بنیو وانگ
خوچہ آستھ موحتاج تہٕ یزتہٕ وول اُستھ آوارہ میہ چھیہ شیطان صابنی کانہہ ہمدردی تہٕ نہ چھم از اَمس
اہنز شیطانی ہنز کانہہ گراو یا نصیحتھ بیترکرنچ کانہہ فرصتھ یا ضرورتھ تکیازِ اَمس چھنا ییٚنُ
ووتھُن زِ ہِن یار دوس اوٚند لوکھ تہٕ وچاپہ دلو آی سوچ تہٕ بے ترتیب تہٕ زِٕھلہ کامہِ کارِ پانی پانے اَکھ
اَکھ کڈتھ مندِ چھاوان بوزوے تہٕ آدم اوسنہٕ زنہی ازلہٕ تہٕ آڈرنہٕ کنہِ کھوٹ یا اُبتھی چیز۔ پتہٕ اگر کانہہ
لوٚتاہ لانجاہ وِ ٹھنہٕ یا ولنہٕ پتھ رند دراو تمیک سبب نہٕ چھُ میانہٕ خیالہِ ابیسے توہہ آسہٕ فکرِ تورُمت
زِمیہ کیاہ اوس توہہ وتن تہٕ یہ لوگس دشمن نگریرتھ پاند رٹھِن یہ سو کتھ چھنہٕ یہ تہٕ چھُ تمی ازلہٕ
تہٕ آگرِچی زٕکھ ہُند ٹیچھ لیس میہ ازتہٕ شیطانہٕ سنز تمہِ شیطانی ہند یادیوان چھُ تہٕ اَمس خلاف چھس از
تہٕ زلوتہٕ قلم ہیتھ یہ ڈیپز تہٕ جنگس درامُت یہ کیازِ اوس میانس جدِ سندس ڈُنی یہس منز ییٚنہٕ بروٚنہہ
دشمن نہٕ از مخالف کیاہ ییمہ ڈُنی یہچ بہ مزبلاے نی ہے یہ کنے زوٚن زٕہ ہتھ تہٕ بییہ کرہے پننہٕ مرضی
تہٕ سوچہ راجاہ تاجاہ تہٕ آدمس کرِہے آگرے ازل۔ ڈیپان پس لوٚتن ووت شہ چھُ تتیچ خبراہ ونان۔
زٕکھ زاپنہٕ چھُ واتس تہٕ زیٹھان یہ نو کتھ ہرگاہ میہ توہہ بروٚنہہ یہن آسہٕ ہے یاو مژکو تاہ فایدی ہے
تمن لوکن یم جنتہٕ کو ملکیتی مکانو کھونہٕ یمے ڈُنی یہکو کرایہٕ کھٹی پننہٕ تہٕ پننین ہند خاطرِ غنیمتھ چھ زانان۔
اوکنی کس کھرِ زٕکھ زایہ بہ ونہ یہ کتھ نہٕ توہہ ملاوتہٕ ہی لقا رماوضہ زٕ زٕکھ ییٚنہٕ تہٕ چھُ انسان جائی یا رس نش
دوٚران تہٕ کو ہنہٕ دشمنس نکھہِ لوان۔ زٕکھ کھسنہٕ چھُ تمن لوٚشد تہٕ زانی ہند ہِن خزانن ٹھانہٕ ووتھان یم
غرضہٕ نہٕ مصلحتھ کین سنگین منز فاد چھِ آسان۔ ییٚتین پتہٕ ونتہٕ چھُ آمتِ زٕ زٕکھ آیہ تہٕ کام دژایہ۔
زٕکھ کھسنہٕ چھِ تمن سرِ کھیلن شرکی زٕھنان تہٕ باضے باضے تمن اندر ہمل انسانن اوٚنگل دتھ نہٕ

تہٕ وُچھِتھ انان یہِ نہٕ کانٛہہ ڈٲنگل تہٕ سٔدرٕ ژرکہٕ تلہٕ کھٲلتھ چھِ ہیکان تہٕ نہٕ ہیکن موجوٗدٕ دورٕکۍ سائنس دان آدم بستہِ منٛزٕ تہٕ دٔری یاف کٔرِتھ یہِ ژکھ بٔرنٕس منٛز نوٚن کڑِتھ دی۔ ژکھ پیتراہ مُضر تہٕ نوقصان دِوٕنۍ ذاتھ چھیٚہ تیتراہ چھیٚہ مولوماتہٕ فٲیدٕمند تہٕ ثابتھ سپر مژٕ نہٕ سپدان۔ ووٚنۍ چھُ اتین پیٚنٛن قِسمتھ زٕکس کیاہ پی باگہٕ۔ شاعر تہٕ چھُ اتی ونان ”طالع اگر یاور گژھی میژٕ بنی کونگ خوٗدار چھینے ہوڈہے کری دوٕہلی دلی سونگ“۔ کیتھ ہیٚژن کوٚنہٕ ہیٚنٛز میٚہ ماہیٚر ژکھِ دٲلتھ کرتھ بیٚہ گوناہ تہٕ برۍ کرنچ کوشش کرٕنۍ تہٕ چھِنہٕ میانٛین کٲم ہیٚرٕ ونہٕ ژکھ سِتۍ یارزکرنہٕ کانٛہہ تہٕ کانٛہ یاہ بٔد بٔہنکۍ تہٕ قٔندکاری دادی چھے آدم بستہِ منٛز زنم لبتھ ہیکان۔ یہِ کیتھ آس میٚہ پالنس برونٛہہ بلکہ سیٹھاہ برونٛہہ فکرِ ترمژٕ مگر بدقسمتی یِمٕ آسِم تِتھے کٔنۍ منٛشتھ گژھان یتھ کٔنۍ بٔجرس منٛز وٲلنس تہٕ سرکاری ملازم رِٹیر گژھن وِزِ پیٚنٛن زاستہٕ منٛزٕ اوٚہنچ کوشش چھِ کران۔ ووٚنۍ چھُس پیٚنٛنہٕ لیاقتہٕ نہٕ تہندِ دوٕبہٕ خاطرٕ ژاٹہٕ شٕری سِندی پاٹھۍ گرٕ گرٕ تہٕ وِزٕ وِزٕ ییہے سبقہٕ ہن دٔرران زٕ ژکھ ژاپنٛز گیہٕ بٔڈ پہلوانی ژکھ ژاپنٛز گیہٕ بٔڈ پہلوانی امہٕ وِردٕ پتہٕ لوٚدوٕے کُنہٕ کُنہٕ ساتہٕ بدل کتھاہ امہٕ غوتہٕ اہم تہٕ ضروٗرٲری کاڈِس اگادِ گژھتھ جاے ژٕٹھ چھم بہان تمہِ ساتہٕ چھُم زن بیٚیہِ جوانی اندر لوکچار روٗدمُت آسان۔ زن نہٕ میٚہ زٕہنی تہٕ شٕرُ آرپنٛچ ہانٛزھ چھیٚہ آمژ آسان۔ تہٕ سوٗرٕے منٛشرِتھ چھُس صرف جوان تہٕ لِغارٕ ملاوِتھ شوٚد نہٕ خالص جوانیے آسان“۔ لوکچار روٗدُم ووٚنۍ بہٕ ونٛدے ٹاٹھ جوانی۔ بٔجرس اندر کرٕ سیٚون چھیٚہ سوٗژٕل یاد روزانہٕ“۔ باقی گژھہم دِنۍ زِتہی وٕلوٗژکھِ تہٕ جوانی کیاہ واٹھ چھُ۔ بہٕ ہے اوٚسُس ژکھِ ہندٕ سے ژوٚک موٗدر البساوان۔ پتہٕ زن دراس اوٚبرِ تلہٕ اختابہٕ ہیوٚ بنیہِ نوٚن۔ ژکھ کنہٕ آیہٕ جوانی پیٹھی وٲری کھیٚیہِ وٲرٕ کھینۍ چھہ ییٚنچ رلوایتھے کیٚس آس تہٕ کس کھیٚیکھ تہٕ چھُم نہٕ پیٚتین اَنزٕرن کوتاہ تہٕ ہے وٕننک آدم ماڈرن نہٕ جدنہٕ پسند لاگِ مگر یہِ پتھ کُنہِ قدیم رسمہٕ نہٕ رلواجہ لِشہٕ ہیکہٕ نہٕ دوٚل دِنتھ۔ دراصل چھُ ژکھِ ہُند آگرٕ تہٕ مالیُن جوانی پی لوکٕٹہِ آسہٕ نیے بٔڈ کتھ گژھہم بہٕ رونہٕ زِنارن چھُ جوان وُچھتھے زنم لوٚبمُت۔ جوانی اندر نارناری چھُ آسان۔ بٔلی چھُنہٕ باسان کیہنہٕ ژکھ چھیٚہ سٔبلے جسم جان وُتہٕ مکھ

تہٕ وچاپہٕ حیوان ذاتھ یس نہٕ زنگروتہٕ زوہ گالورٕوس بیٚیہٕ کانہہ کارا بارا چھُ کتھہ منز۔ دی لورے ژکھ چھِیہٕ باضے باضے تیز ہنان تہٕ گوبان یٚمیک بارٕ تلنہٕ نش بڑی تہٕ یارٕ پہلوان لاغر تہٕ لاچار چھِہ۔ سپدان تہٕ مییہ ہوین باٚسی کانہٕ گرم تہٕ کین تہٕ سوٚ ژن تُلی چالہِ ہندین آدمن نش راوِ ژکھہِ پنٕر نُے اوقاتھ نہٕ چھوکہٕ لدگر ژھتھ ہہٕ بٕبس دواتہٕ نہٕ بلیس کُنہٕ نہٕ بلغارِ انگیے تھُہ زن پرٕ ژھو پتہٕ تکیاز ضوٚرٕ وٗری چھُنہٕ تمیٚ خبر کیاہ گرِ ژھیے پالنس تہٕ آسنی یہ بہٕ فرماوان آسہ۔ ژکھ کتھہ ولو؟ ژکھ کیا زِ گژھِ ہیٚز؟ ژکھ چھِیہٕ ہنگامی حالاتن ہند فوج۔ ژکھ چھِیہٕ غارٕ موموٗلی حالاتن منز وچاپہٕ وُتہٕ ہکھی گرِمو چھِ منز اَنہٕ خاطرٕ انسانس بدلنس زن چیرِ ییٚ کاٚم دِتھ تہٕ ترٕ نہٕ ماحولہٕ سٕتی بچاوِتھ ہکان۔ ژکھ چھِیہٕ تمہٕ ساتہٕ تحفظ دوان یٚیلہِ کانہہ یا جہٕ آپراونہٕ پتہٕ غرضکی غاٚیلہٕ کرِ شرط چھُ صرف ژکھ گژھِ نہٕ ژاٚنگی بریڈِ تلی کنہٕ پرٕیڈِ ز بلکہ گژھِ شہ ہٕتی مہ ستی دٕرِتھ گٹلی گوشہ پنٕر ناوِنٕ۔

# پۆت سام

۱۔ یُسےٚ ژکھ ژاپہٕ...... ـــــــــــ یہٕ اَلسےٚ چھُ مزاحیہ اندازس منٛز شوٗرُو کرنہٕ آمُت تہٕ یِہوے انداز چھُ ییتھ آخرس تام رۄزان۔ مٔنزٕ مٔنزٕ چھُ مزاح طنزس ہِنٛز ہیٚس کُن تہٕ اشارٕ کران۔

۲۔ باخبر شرمِندٕ لاگِتھ...... ـــــــــــ مُصنف چھُ اِنکسارٕ سٕۄ کٲم ہیٚتھ پانس مُتلق وَنان زِ تس چھیٚہٕ دُنیہس منٛز عٔلِمن متلق کِہے زان کارِ یتہٕ تۄنہٕ چھُ مسلہٕ وۄچھِتھ یوٚڑ جرکھ کران۔

۳۔ وُتمکھ ڈاڈٕ تہٕ چانگل جن...... ـــــــــــ ژکھِ ہنٛز قودرتھ سمجاونہٕ خاطرٕ چھِ بیٚین جنہٕ سُنٛد اِستیعار استیمال کرنہٕ آمُت۔

۴۔ ژۄک مۄدُر...... ـــــــــــ لفظی مانہٕ دوکھ سوکھ۔ ژکھِ ہِنٛد ژۄک مۄدُر گوو امیک رۄپ یا خدوخال یا فائیدٕ نوقصان۔

۵۔ توٚہہِ تہٕ ما پرژھو...... ـــــــــــ اَلسےٚ چھُ کنھہٕ بانہٕ طریقہٕ لیکھنہٕ آمُت۔

۶۔ شیطان جُون...... ـــــــــــ ابلیسن دژ آیہٕ نہٕ آدم دُنیہس سوزنس وِتھ۔ مگر یور

یِتھ سیٚتھے آدمن ژکھِ تابہٕ اگر ژھتھ یِچھ کار کری، ابلیس تہٕ ترووٕن یِتھ۔

۷۔ بگرِ نیرِتھ پاندرٕ سیٹھن.. ــــــ بےضوٗرٕ وٕرتھ زیٹھن تہٕ ڈلن۔

## سوال

۱۔ 'ژکھ' الیسہٕ ہک اختصار لیکھِو پنٛژن لفظن اندر۔

۲۔ "ژکھ بطورِ اکھ نفسیاتی عمل"۔ یہٕ الیسہٕ پرِتھ کم خیال ہیکو تُہۍ اتھ موضوٗعس پیٹھ ظاہر کٔرِتھ؟

۳۔ ظریف صابٕنِس مخصوٗص اسلوٗبس پیٹھ کرِو پنٛژ خیال اظہار۔

# کأنسہِ مورآوِن شرُے پان ــــ زان

بنسی نرٛدوشِنۍ اَفسانہٕ چھِہ اِنسانہٕ ہِشدِ ین لادین جذباتن ہِنٛز عکأسی ہِنٛزِ رٕژ مِثالہٕ۔ مَردَس تہٕ زَنانہ ہُنٛد موٗجبتھ ، اَتھ اندر میٗل تہٕ دوٗریر۔ اَتھ دوران نفسیأتی کشمکش تہٕ قودرتی قونوٗنیچ بجأیی ، ہیم ہی موٗحرکات ہیتھٕ کُنٛہ زردوش ہِشدِ ین اَفسانن تہٕ ناولن اندر ووہِلان چھِہ تیتھ کُنٛہ آسن خالے کأشِیہ کأشرِس افسانہٕ نِگارس اندر۔ ذأتی تجرُبیچ تہٕ مُشأہدچ اُداُرن چھِے اَفسانہٕ کیمن واقن اَکھ مخصوٗص مُقأمی رنگ دِوان تہٕ بیاکھ انفرأدی خوٗصوٗصیتھ ، چھِے یِمن افسانہٕ گو ادبن اندر الگ مُقام دِوان۔

دومٕوٗدر چھُہ کُن تہٕ تیٛشدِ لوٗنگ مرکز چھِےٛ اَکھ کوتر بلِنٛہِ رٕ تِیس تمۍ ہمسأیے نوشہ ہِشدِ ین ناوس پیٛٹھ اَدٕ کِنٛہ ناو تھوٗومُت چھُہ زِ تَس چھِےٛ اَکھ غلط فہمی۔ سعہ گےٚ یہ زِ کأنٛتہٕ کوتر چھُہ حرف سُےٚ یوت لول برٛن دول ، فِکر کرٛن دول تہٕ نیک خواہ۔ کوترِ ہِشدِ کھ مألکھ دومٕوٗدرِ نِ یارن عبدالغنیَن چھُہ تَس کونرس سیتھ کھاندر کوٗرمُت یہ چھُہ تَس گوٗڈ نیٛکٕ ٹاس پِوان تہٕ دوٗیُم چھُس تمہٕ کھوٗتہٕ بوڈ تأجُب یہ گرٛٹھان زِ تَسُنٛد عزیٖز دوس غنی تہٕ چھا تَس تیتھے کُنٛہ غلط سمجان یتھ کُنٛہ ہمسایہ سٕرۍ وانند تہٕ لیلاوتی ہیم بےٚ زبان تہٕ فرمانبردار شریف ذأژ نوشہ نرٛرکہ تہٕ پامہٕ دِوان چھُہ۔ کوترِ کأنٛتہٕ ناو تھوٗنَس اندر چھُہ دومٕوٗدرَس حرف یہ مطلب زِ تَسُنٛدِس ہِشٕ ہیٛہر سُنٛد ظُلم کٔڈِ نوٗن مجلس اندر کٔرِ کہٕ دِتھ اوس سُہ پننہٕ ہِکٕرِ مُطأبق زن تہٕ سارِنٕے ہُنٛد توجہ کأنٛتہٕ ہِشدِس بےٚ چارِ قسمتَس کُن پھیرٕن یٕژھان۔ پانہٕ اوس تہٕ تَس زِنٛہِ ہےٚ یہ مَنٛس گرٛٹھان زِ سُہ کیاہ ہیٛکہِ بال کٔرِتھ

جاے زٕٹھتھ۔ تس اُس اُمس ووہ پیٚر زنانہٕ ہٕنٛدِس لأتِس سیٚتؠ ہمدردی مگر۔ ترٛٹھ ہٕ یٔیتھ ہیٚہھ کانٛہہ تس بَدنام کرٕتھ ہیٚکہِ ہے۔ دٔو موٗدرٕ شنٛد کرِدار چھُ اُکس کُنِس تہٕ چھیٚنیٚس اِنصانہٕ شنٛد کردار یُس اِنسأنی بے غرضی ہنٛدہِ زٕٹھاکارٕ روٗپ وُچھِتھ ووہ نی جاناوَرن کُن پھیران چھُ۔ گرٕ چھِس بوٚسے تہٕ بےٚ کاکِنہٕ تہٕ ژم تہٕ بےٚ غرض ہمسایہ چھِس سروانند تہٕ لیلاوتی ییٚم حرف نوٗ شنٛکھ کران تہٕ دو موٗدرس لیکہٕ کڈان چھِہٕ۔ اِنسأنی بے غرضی ہنٛدہِ کینٛہہ چھُ ووہ نی یہِ شیٚٹھ بنیوٗمُت تہٕ نٔتہِ وانہٕ کرٕکہِ دِوان۔ مگر اُندرٕ یُس نوزُک دِل چھُس تتھ گرٕاے لگِنہٕ وِز چھُ موٗمنان تہٕ نرمان۔

بنسی نردوش

# کٲنسہِ مورٲوِن شُرے پان

سآری ہے راژ ٲس یہے تمیٚ تآو گاٚمژ۔ اتہِ گُٹس منز ٲسی محلکی سآری مسکانہ پانڈولرین ہندی پاٹھی ژھعہ پہ دم کرِتھ اکھ اکس یمے ولنہ ہی آہتی۔ باسان اوس تھکِتھ ژھینتھ چھُ یمو تہ ڈاف ترٛاوِمُت۔ سہر ہدا اوس نہ کُنہِ طرفہ گرژھان۔ محلہ وٲلی ٲسی دارِ برترٛاوِ پرِتھ شونگمتی۔ مگر دومودر اوس ہشیار۔ دومودرس ٲس نیٚیہ تہٕ نینٛدرِ کامنی گاٚمژ۔ تمیٚ سندِس مکانس سیٚدِہ سیوٚد ٲس سروانندنی لرٕ۔ اتھ لرِ تہٕ ٲس نہ ژرٕ نژ ہرگاہ کُنہِ طرفہ گاشہِ لے اکھ نظر گرژھ ہے، دومودرس کھِسہ ہے وٲنِج لوٚکھٹ۔ مگر اَمِس ٲس وٲنِج زاوان انہِ گوٚنٹ اوشس زن ژِپس لِوان۔ ادے اوس یہ منزی تھوٚود وُتھِتھ بجلی سوٚرچ زالان۔ تہٕ ژھیٚتہ کران بجلی گاشس منز اوس اَمس پنٕن پان کُن زدن دِہ پرچایہِ ہیو باسان۔ تہٕ انہِ گُٹس منز آسس یمے شتہ ہشہ لگان۔ بنیہِ اوسس کنن تل ہنگہ تہٕ منگہ مچھن ہندِ ہیو گِس گبِس گہ گِیوُرتلان۔ انہ گہٹہ منز بہُن تہٕ اوشس نہ خوش کران تہٕ گاشس منز رُوزِتھ تہٕ اوشس نہ دِل ڈرِنٛجہٕ بیہان۔

بے قراری ہندِس اتھ عالمس منز دتھ دومودرٕ کژِ پھِر، دُرِنہِ منز تھوٚد تہٕ بیٹھ دارِ پیٹھ کن

ڈاریٚکھ زِ واہٕ کُنہِ کیٚنہٕ کانٛہہ آواز گژھہ۔ یِکھن ہنٛد ٹاس ٹاس بوزِ۔ سُہ لوٗگ اٮ۪تھ گٹس منٛز آنگنٕہ دوہ سٕے سارنٕہ۔

ہیری پیٚیری بیوٚٹھ عبدالغنی نِس ٹاوٕرس اکِن وُچھنہِ۔ تس آس بٮ۪نیہِ تہٕ بٮ۪نیہِ کانٛہہ یاد پیوان۔ تمی شُند

بوٚل بوٗزِتھ تس سےٹھاہ مارٕ موٗت اوس۔ مگر کیٚنٛژھ کال پرارِتھ تہٕ پیٚلہِ نہٕ کیٚنہٕ کینی کانٛہہ آواز آیہِ۔

زٕ موٗدر دوٚکھ بٮ۪نیہِ دارٕ پیٚٹھ ژھوٚد تہٕ ژاو دُرِنس منٛز تہٕ بیوٚٹھ ڈلہ گٹ ڈی دِنہٕ گژھِ پھرد ڈٕپن دوہ نی گژھہ تو تہٕ

بٕہرری پٮ۪ٹھی۔ مگر نیٚندرٕ آس تس کانٛہہ ہنٛدی یاکھی رٕ ڈشمژ۔ زار پار کٔرِتھ تہٕ آسس نہٕ لوٗت پھیران۔

صُبحہ بیوٚٹھ اوسس نہٕ اہٕ ترٮ۪ش تہٕ لوٗڈ وٕکھن لوگمت۔ یابی اوسنس پرٕژھمُت: "نیا پزی یاکھی

کھٮ۪کھنا ژٕ کہین۔" دٕ ودرن اوٚسس ٹال نہٕ آسنک بہانہ کوٗرمت تہٕ دود لوگمُت۔ یہ دود اوس کیاہ۔

اَرِمہٕ آس نہٕ تس بانس تہٕ خبر۔ ڈے دوہس اوس تس لیہ ہوے حال۔ یہے بے قرآری۔ نہ اوس دکانس

پٮ۪ٹھ دڑامُت نہ اوٚسس گرِ بہنس وارآمُت۔ یتھ کینٛہہ اوس نہٕ تس گرِ ڈٕہٕنی واریوان۔ دِل اوسس نہٕ

لگان۔ بگہِ بس تہٕ کیتھ کینہِ۔ گرس منٛز گوژھ نین کانٛہہ آسن۔ ییٚس دِل تسلاہ خاطرٕ ڈٕکہ مژرِتھ کتھ کرٕ ہٮ۪س، سُہ

تہٕ اوٚسس نہٕ دوہ ژاوٚسس بوے مگر دُور کیتھ تام جنگلس منٛز راکھ۔ تہنز آشینٛہ آس گرس منٛز۔ مگر سوٗ آسس

دوہ کتھ دِن تہٕ بیہون ڈٔنٹان۔ ادے اوس یاٮ۪س گرِ گرِ ونان "یہِ نسہ گیہ زنانہ۔ یہِ چھ وَن ہاپٕژی۔ اُمس ستی

یِمہٕ نہٕ لوٗ زانٛہہ ژار !"

دوٚموٗدرنس ٹیڈِس یاٮ۪س اوس نہٕ شہرس منٛز کھاندر بنیوٗمُت۔ یوٗتام ژھُہ ژٕجی تہٕ ڈٕ ڈل، تس

اوس نہٕ گرِ بساونک کانٛہہ لوٗنٛد ویس سپد یوٗمُت۔ سُہ اوس امہِ شرٕ اَندری گلان۔ تہٕ ادے اوس سُہ ڈٕمرِ ہنٛز ساری

کمٲے ہینتھ اکہِ دوہ ہہ یا نہالہ اپور گوٗمُت۔ تہٕ تور آسن زنانہٕ اُنمژ۔ تنہٕ پیٚٹھ آسی دوٚموٗدرس باے ہنٛز ژکھ۔

سُہ اوٚسس دِیان ڈٕیار دِتھ تہٕ توگ نہٕ اُمس شیٹھ ڈٕہرس بٕرٕتھس جان ہیٚن سود اکرن۔ سہ اوس اکھ تہٕ دانہٕ

ڈالی حسابی نظر کران۔ دوٚموٗدرن لوے اوس بدلہ خیالک۔ تہندی کینٛہہ آس گرِچ شوٗب زنانہ۔ اَدہ سُہ ژِتھ آسہِ

تہٕ تہٕ۔ سہ اوس دوٚموٗدرس ونان — گرِچ شوٗب ہیا گیہ زنانہ۔ یوٗ سہ براندس پھش دِیہ۔ شام نس سندھیا

ژونگ زالہِ۔ تہٕ بڈٕ دہ ہکرِدہ ہہ اہلس مجلس ظہرٕ یاگراوِ ہیتھ سون ناوتہِ کانہہ زلوِ ہیپٹھ ہیلیہ۔ زنانہ لیوٗدوے ون ہاپژ تہِ آسہِ مگر آسنی گژھ۔ نتہ نبانگہِ نہٕ سنید سیٖو دتار۔

دومۆدرس آسہ نہٕ یمہِ کتھ وٕنِژان۔ سہ اوس یہِ کتھ مانان زِ مردو نہٕ زنانہ وراٗیِ کھنڈ ہار۔ مگر سہ گژھِ زنانہ ہشِ آسنۍ۔ بابی ستی اوس سہ یہ ڈیپزرتہِ ہنٹی مینتھ کھیوان۔ گرس منزٕ ے باج نتہ بٔینہ آسہِ ہس۔ دلوٕ تہندی مارمتہِ گرٕگ ژرگی درلاگہِ ہے مگر تمہ تہِ آسس نہٕ۔ وٕوٕنی آس تمی ہنز دلچسپی ہندمرکز کانتہ۔ مگر سوٕ تہِ آس صبحہ ہیپٹھ کوٗت تامتھ غاب گامژ۔ ڈٕ ے دوٕ ہس اوس سہ بازٕری بازٕری تہٕ محلہ محلہ پھیورِمت، دلوٕ کانتہِ ہند نیب لبہِ۔ مگر تسند پے پتاہ اوسس نہٕ کُنہِ تہِ ژرامت۔ وٗرلِس منز لر پھرن دِوان اوس سہ یمِنی خیالن منز۔ تس ستی ستی اسمانس ہوراندس تام وٗفہِ یژان تہٕ ٹکہ واوچہ ہندی پاٹھی نژان۔ تہٕ اتی اوسس ینِن پان یکھ ژٹمتس جاناوارسندی پاٹھی ٹھیس اندر بنہ یاسان۔ امہِ خیالہ کنِز اوس اٗندری نٹان زِ کانتہ گژھ وارٕ وتی آسنۍ۔ مگر یہِ آس نہٕ کانٕسہ پتاہ۔ چھ کتہِ؟ زِندٕ چھا کنہ موٗ یہ! کنہ کانٕسہ نیہ درغلاوِ کتھ۔ دومۆدر تہِ اوس اَن زاٗنی تہٕ دومۆدرن یار عبدالغنی تہِ۔ یُس تسندیار تہِ اوس تہ ہمسایہ تہِ دومۆدرس اوس اٗندری تیلان زِ عبدالغنی کوتاہ بے غارچھ۔ سرِ شاے ہِنیس نیٖہر۔ کانتہِ ہند کرن نہٕ کاہہ پاس۔ کانتہِ ہنزآس تہِ نہٕ کانٕسہ کاہہ فکر۔ محلہ واٗلی آسی ساری شونگمتی۔ عبدالغنی تہِ آسہ ہے کھرٕ وکان دومۆدرٕ پٕنِ کنِز گوژھ عبدالغنی تہِ بے قرار آسُن۔ تمی سندی پاٹھی دارِ ہیپٹھ نظر روزُن خبر یمہِ یا۔ نتہ وٗرِلس منز ڈلہ گنڈی دِنٕی۔ ویسے اوس نس مجبور سپدِ کتھ دوٗنمت زِ ہر گاہ ساٗنی آسہِ پانے واتہِ والیس۔

مگر دومۆدرس اوسہ نہٕ یہِ بیٗوژمت۔ اُتھی اٗکرٕ، دوٕ ہس منز آس اُمس تھس زن ہاے متھنہ آمژ۔ زنگہ زنگہ کیٖو دسوسو تہٕ اندیشو اوس یہِ پریشان کورمت۔ اُمس آسی پھیرِ پھیری کانتہِ ہنز شکل اَچھن تل یوان ۔ تسند سوٗرسے رنگ، تمی ہنز نرم تہٕ نوزک پکھ۔ پوٹ ہشہ۔ یِین اتھ لاگنہ ستی دومۆدرنِ ساری یہ بدنس یمے رنیہِ ہشہِ آسہ دوان۔ تمی ہنز سوٕ زادِج تونتھ، یمیہِ ستی سوٕ دومۆدرس تیکی ہی آس دِوان تہٕ دومۆدرس

اوس ساری پیٚے یدلس کپتہٕ کپتہٕ ہیٚو باسان۔ بیٚیہٕ اوس سۅ سفید رِکھ یاد پیوان یوسہٕ کانتہٕ گردنہٕ اندی اندی تٕرٛاہ اوس شوٗبان زٕن اوس رۅ یہٕ پہٕ سٕنزِ چیپکٕلی کاژاہ ٹاکھ اوس ۔ کانتہٕ یہٕ کوتر۔ مگر یہٕ کوتر اوس دِکھ دِکھ ژٕچھٕر۔ تہٕ قصور اوس دومۆدرس پانس۔ راتھ صُبحس اوس عبدالغنی وُنہٕ شونگتھے زِ دومۆدرن بوٗز وٗرنہٕ منٛزی بٮ۪کھن ہُند ٹاس ٹاس۔ سُہ ڈراو دارِ کِنی۔ اتہٕ وُچھن اسمانس پیٹھ کوترن ہٕنز پھٕگھتھ اور تہٕ یور کران۔ یِمے آسی بِچھمہٕ دۅہ گل ہی اکھ اکِس پتہٕ اندی اندی ژران۔ دومۆدر کھوٚت امی آہ دوان دوان عبدالغنی سٕنٛز ٹاورس پیٹھ۔ اکِہ مرٕ منٛز کڈٕن کانتہٕ۔ اُمس کوٗرُن ٹاٹھینار۔ بٮ۪کھن دِژن پھشہٕ ہناہ۔ تونتہٕ کوٗرنس مِیٚوٹھ تہٕ ژاون یلہٕ۔ اُمس اوس یوٗرِ تٕرٛھرِ زِ کانتہٕ اکہٕ کوترن ہٕنز امہٕ پھگھتہٕ منٛز کالنہٕ نتہٕ کالنہٕ کوترس پانس سیٚتی لوٗری سۅ زانہٕ ہے یِمہٕ ژھونہ۔ ازتامتھ اسی تِمہٕ واریاہ کوترِ یِتھے کِنی پانس پتہٕ پتہٕ پکناوِتھ عبدالغنی سٕنٛز ٹاورس پیٹھ واتہٕ ناوی مٕتی۔ از گوو دومۆدرس نتہٕ یہٕ ہوے شوق۔ کانتہٕ درایہٕ کُنی وُچھہ اسمانس پیٹھ۔ اُتامتھ اوس کوترِ پھگتھ وُچھنہٕ ترایہ ژران۔ وُچھان وُچھان بدلاو تموٚ کتھ تہٕ تِم آیہٕ ساری کھوٚرکُن فضہس منٛز تتھ جایہٕ یتیٚتھ کانتہٕ اکِس آرِ کوٚنڈلس منٛز گتہٕ گیوٚر اوس کران۔ یہٕ لج برٕنہٕ برٕنہٕ دوٗنہٕ تہٕ کوترِ پھگتھ گیہٕ اُمس پتہٕ پتہٕ مس۔ دومۆدر بیٚوٹھ مٕنہٕ منٛزی کانتہٕ آہی کرنہٕ۔ تہٕ اندری لوٗگ سۅ رنہٕ زِ ہرگاہ ساری کوترِ امہٕ پانس سیٚتی اُڈٕ غنیس پیٚیہٕ پٕرٕنہٕ ژھے۔ اسمانس کُن وُچھان وُچھان لوٗسہٕ دومۆدر چشمہٕ مگر کانتہٕ وُژھ نہٕ واپس!

دومۆدر گو وٕلیُتاہ بے صبر۔ سُہ بیٚوٹھ کرنہٕ دِنہٕ "کانتے پکی واپس وِسی لوٗن"۔

یہ وِنان وِنان واتے تِمی تٕرٛٹھ زورِ سیٚتی زٕ اندر لج مٕری سے منٛز بیٚین کوترن چھگ ہٕش۔ کانتہٕ لوٗز تیاہ یہٕ کرنکیہ ناوِکنہٕ لوٗزُن نہٕ اما یوٗز سروانند ڈراو امی وِزِ دارِ کِنہٕ نبر۔ گو ڈٕنیچھ دِژن اسمانس کُن نظر۔ پتہٕ لوٗگ خشمہٕ ہٕرٕ وِچھُمو دومۆدرس کُن وُچھنہٕ۔ کش گُڈِ تھ کھاٗرن کُنی تھو کھہٕ تہٕ یہٕ ہے لاٗین غنیہٕ سٕنٛز آنگنس کُن۔ تِمہٕ تِمہٕ وِزِ دمودھر غنیہٕ سٕنٛز ٹاورس پیٹھ کوترِ وُڈ نادنہٕ پِیہٕ ہے سروانندنہٕ مکاپنٕ سارییے دار آہ ٹاس ٹاس کرِتھ بند سپدان۔ اتھ پیٹھ اوس دومۆدر زیٹھِ زِ یوٹھ اسن کھنگالہٕ ژاوان۔ یِتھ زِ اسیٚنٛج آواز اوس

سروانندنس مکانس دارین تہٕ دروازن اُلہ راوان۔

گوڈٕ گوڈٕ اوس سروانندن دومٕودرس واریاہ دبارٕ کورٕمت زِ کوترٕ مہ سہ آس کانتے کانتے کرِتھ آلو کران۔ تہٕ کیاز ہِ یہ اوس تس پنٕنہِ نوشہِ ہنٕدنا وییمِ سُنند خانہ دار بال کرشن نوکری خاطرہ امرت سر ادس گومٕت۔ کوتاہ بدرد ونِتھ تہٕ اوس نہٕ دومٕودر پنٕنہِ ہنٕنہ بآمت۔ گرٕ پھیرٕ کرٕی سروانندن محلہ وٲلی جماہ تہٕ تمن تھی کرٕن دومٕودرس ییٚڑاہ نہٕ پرٕ ہے تیٚژاہ نے وآری۔ منٕز دومٕودرس اوس نہٕ تلہٕ پتس تہٕ کشہٕ آمٕت۔ تس اوس پان بے تقصیر باسان۔ تس اوس خبر کیاز کانٕتہٕ کُن وچھتھ ترس ہیوٚ یِوان۔ ظاہرا اوٚ کنہِ زِ تس اوس ہنٕن پان تہِ کُن باسان تہٕ کانٕتہٕ تہٕ۔ اوسے اوس سہ منٕزی منٕزی پنٕنہِ دارٕ ہیٛٹھ بہتھ غمگین لیہ منٕز گیوٚن لہراہ تراوان۔

"کانٕسہ مور آوِن شرٕ ے پان!" یِتھ زِ سروانندس تہٕ سروانندنہِ زنانہٕ اوس پھوٚرٕ ژٕنس موقعہ واتان۔ اکِ دوہہ اوس سہ یِتھے کنٕز دارٕ ہیٛٹھ بہتھ پانس سیتی گنگہ راے کران زِ کانٕتہٕ ہنٕز ہشہ لیلاوتی گیہٕ چوکس اندر آواز۔ سہ درایہ نارٕ ڈزہِ ش چوکہ منٕز نیبر۔ تہٕ کانٕی ہنٕز سارییٚے دار کرٕن یند۔ سہ دوہہ تہٕ یہ دوہ سروانندنس مکانس یِیہ امہِ طرفہ دارٕ آسہٕ تہٕ کُھلے یہ نہٕ پتہ زانہہ تہٕ۔ مگر دومٕودر اوس دوہے شامنس پنٕنہِ دارٕ ہیٛٹھ بہان گیوٚن لہراہ تراوان۔ تہٕ یِتھے اندٕی پکھی ساری شوٚنگھن۔ اَدٕ اوس پتہٕ نِس وٕرِنس منٕز اژان سروانندس تہٕ تسنٕز آشنہِ لیلاوتی اوس نہٕ دومٕودرن دارٕ ہیٛٹھ بہٕن تہِ پسند۔ تمن اوس اندری ژوٗر۔ تمن آس نیچوی سنٕز فکر۔ تمی ہنٕز شادی گوژھہ نہٕ کانہہ تھپ دِتھ نیوٚن۔ یوٚ ہیوٚے تردُد اوس تمن.. باژن دُن ہرٕ مرٕ دومٕودرس سیتی ژرٕونا وان۔ تہٕ آخرس آس کٕتھ محلس ہیٛٹھ پیوان۔ اکِ دوہہ ددت سروانندس لوٗتاہ جیرس ہیٛٹھ زِ سہ بوٗکھ دومٕودرس ننے ننے لینکہ پرنہِ۔ اہلِ محلس تھی کوڈٕن تس ٹوٗپ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ دوٗنس نہٕ دومٕودرن کہنی۔ وادس واد تہِ کوٗرنس نہٕ! یِتھ زِ محلہ والیٚن تام گوو دومٕودرنہِ ذرٕ ذرٕ اکِ طرفہ اوس سروانند دومٕودرس اگاذِ گومٕت۔ بییہِ طرفہِ آس لیلاوتی پنٕنہِ نوشہِ حقہٕ ناحقہٕ پنٕدی

کڈان۔ بڈبڈ دنان۔

"یہ نے چھنہ ضابطہٕ۔ دھوتہ لۄنٹھ چھےٚ نہٕ ژٕ نیہ کلس پیٹھ درآیی۔ نلکس پیٹھ وُسکھ تہٕ تور چھکھ نہٕ کھسٲنی تو باہ!! اسٲرے تلہٕ وٲر چھےٚ تالہٕ مژ ھرتھ۔ بنی بنی وُچھمژ چھےٚ نوشہٕ، یہ گوٚ دتاون۔ سن لایٹ صابن چاڑ چھکھ نہٕ ژٕ نیہ دۄہہ تہٕ کڈان۔ گوٚڈٕ سیتھ کٹر پھر چھکھ ژٕ دۄہس منٛز سیتھ چھلان!"

دموٗدھرس آسہٕ یمہٕ کتھ بوٗزتھ ٹوٗ پہ ہشہٕ لگان۔ سہ اوس دپان وُچھنہ بچار کتھ رٹن ژھو ٹہ گنڈ نہٕ اُمس دوٚشس کانہہ۔ نہ تقصیر کانہہ منٛز اوٗسس گژھان۔ امی دار کنِہ دمہٕ دوٚڈ تہٕ ہپٲری کھسِتھ وَنس ژٕ نیہ کیاہ بلی چھتھنہٕ اُمیٚ یہ لوٗکہ منٛز کورہن۔ ستاو تلتھ ژٕ یہ اُمس ہنگہ تہٕ منگس پیٹھ۔ مگر یہ ستی اوس سوٚنچان زِ محلہ کیاہ دنہٕ۔ منٛے کُس حق چھُ منٛز اژنس۔ مگر یہ اندر ریم تلواس تہٕ ہیٚوک نہٕ دموٗدھر ژور تھٲوِتھ نیٚمہٕ دۄہہ سروانندن اہلس محلس تھی دموٗدھر۔ بیٚنے بزتھ کوٗر۔ تمی دۄہہ کوٗر تمیٚ عبدالغنی نہٕ اُکس کوتر شراتس منٛز کانہ ناو۔ سروانندہٕ لیلاوتی ودٕلے یہ زیادے۔ دۄ شوے باژ درایہٕ دار کنِہ لسکہ فاش پران مگر دوٚموٗدر روٗ دُکھ دوٗرِ دوٗرِ اسان۔ سہ اوس یمن دۄ شوٗنی باژن زالہٕ خاطرِ ینہٕ دار پیٹھے غنی یس آلو دِوان۔ "ہیا غنیا یہ چھامیٚ آژ کانہ وارے!"

غنی اوٗسس اُچھوتہ کھور یُہ دوان۔ "تلا ژھو پہ کر۔ پانس ستی تہٕ کڈکھ دۄ زٕ منٛے تہٕ وَلہٕ۔ عبدالغنی اوٗسس دوٗرِ دوٗرِ ہوٚ نکینہٕ رٹان تہٕ دوٚموٗدر اوس ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اُسن تراوان۔ رات صُبحنس تُلہٕ دوٚموٗدرن کوتر رٹنہٕ خاطرِ کانہ فقہس منٛز تراو۔ تس ہوٚکھ آلو دِوان ہیٚر تام۔ مگر کانہہ آیہٕ نہٕ واپس۔ تسندی آلو بوٗزِتھ کھوٚت عبدالغنی تہٕ ٹاورس پیٹھ۔ تمی دِژ اسمانس کُن نظر۔ کوترن ہنز دور بٲزی آس چلان۔ کانہ اُسس یمن منٛز پھسے مژ۔ غنی ین وٚدُلن یہ نایی نہ دۄ زٕ کنیس واپس۔ کتھ چھُے کر یکہٕ نادلو گمت!"

دوٚموٗدر تہر لوہیوٚ۔ تمہٕ وٚدُلس تہٕ چھانبان۔ اکھتے اَنہ پانس ستی اکھ ژٕ کوتر۔ اَتھ پیٹھ ترٛو عبدالغنی ین اُٹن۔ سہ بیوٚٹھ مریو منٛز کوتر کڈنہٕ۔ تہٕ تمن دا، تراونہ بنیبہ کالس منٛز گوٚ اسمان صفا۔ کوتر گیہ سٲری وُڈِتھ

کانٛہ ہُند تہِ لوٗگ نہٕ پیٚیہ سہٕ کوٚت گوٚو۔ دوموٗدرس ژوٚل زنگو کِنۍ زوٗزن ہیٚر کھ۔ آرٕ ہٕژروٚچھِ سو لوٗگ سہٕ آکاشس وٚلۍ دِنہٕ۔ واریاہس کالس پراران تہِ یلہٕ نہٕ کانٛہ پوٚت پھیر۔ دوموٗدر لوٗگ اندری کنٛز ہتھ یادی وسنہٕ تہِ ہتھ یادی کھسنہٕ۔ تتھِس ڈوٚلس رنگ۔

غنی ووٚتھس: ناتو تہِ ژٕ تبنلان کیاز چھکھ۔ یوٗری واتہِ ـــــ مگر دوموٗدرس ہیوٚکھ نہٕ۔ تس پھیوٚر سو سنیار۔ سہٕ ذرا تس ژھانڈنہٕ۔ دوٚہ دوہس پھیوٚر محلہ محلہ کوتر بازن ہندین گھرن ہُند نیب ژھانڈنہٕ تہٕ شام نس آو گرِ نہٕ سوٗرے پان دِتھ بسترس پیٹھ بٔر تھ۔ راتھ درالیس بندی۔ تالو بچہ گنٛزران گنٛزران ہیٚیِس صُبحکہِ دمہٕ نیٚندرٕ۔ تہٕ ہیمہ وزِ آیہ چھی مترادین، عبدالغنی لِنس ٹاورس پیٹھ اوس اُڈس پیٹھ کُس تامت پکھن واش کڈان۔ پکھن ہُند ٹاس ٹاس بوٗزتھ ذرا دوموٗدر دارِکنۍ وٕژھ وانجہ ژٕ جس کریکھ ہیٚر تھ۔

"غنیا کانٛہ ہا آیہ والیس"۔ امی وِزٕ ہیٚن ژٕ ہیٚنجل دوٚتہٕ نہٕ۔ دوٚرے ووٚت غنی لِنس ٹاورس پیٹھ تہٕ بڈِ حسرتہٕ سان ژٕ ٹھن کانٛہ اتھس منٛز۔ پکھن کرِ لُس میٹھی۔ تو نہٕ دِتھس دامنہٕ سیتی پھش پھش تہٕ ہیوٚتھس ژٕ شکایژ کرنہٕ۔ بڈٕ یئے عار چھکھ۔ رأتی راتس تھوٚوتھس بوٚ پراران۔ بوٚ اوسس تھر یوٗمت۔ تامنٛز کھوٚت غنی تہٕ ٹاورس پیٹھ تمی وونس۔

وٚچھتہ با۔ بوٚ اوسہٕ سےٚ ناونان، یہٕ واتہٕ والیس۔ تتھ چھس نہٕ چارٕ محلتُک ہندت چھُ لمان انان۔

دوموٗدرن دِتس نہٕ کانٛہ جواب۔ تس اوس باسان کانٛہ چھہِ رأتی تہٕ منٛزی شُس گامژ۔ تمی وونس وٚچھو آکی سے: دوہس منٛز کیاہ حال چھُ تمیسِ گومُت۔ سہٕ ووٚتھس درجواب۔ آدٕ کیاہ گژھہس۔ دوٚہ پرچھ گالان یہٕ ونان ونان منٛز عبدالغنی ین بیٚنہٕ آکس مٔرس درواز ـــ "ژٕ نیٚ ماچھے خبر آمی سندخانہٕ دار اوس چانہٕ کھوتہٕ دِل ملوٗل۔ شخص چھنہٕ راتہٕ پیٹھ وٚٹھن ترٛیش تہِ لاجمژ۔"

دوموٗدرٕ گوٚو حارٕنس۔ تمی دوٚنس۔ کسُندٕ خانہٕ دار؟"

"کانٛہ ہُند!" غنی ین دِتس جواب، تہٕ مرمنٛز کوٚڈن اکھ کوترٕ نبر۔ دوموٗدرس تورٕ نہٕ تو تہِ فکرٕ کینٛہہ۔

غنی ین ترآدی کوتر دالانس بیٹھ تہٕ دومٲدرن اکھ مٕنٛز نیٚیس کانہہ تہٕ سہٕ تہِ ترآون پتھر۔ دوہ شوٚے نر تہٕ مادہ ٹنگی کینٛژرس کالس پینہٕ نِن بچھن واش کڈنہٕ۔ پتہٕ بیٹھی کیاہ تانی باشہٕ کران۔ اکھ اکس بیٹھی تو نتہٕ ستی نٮ۪کی دِنہٕ۔ پتہٕ اَیہِ اکھ اکس نِش تہٕ ٹنگی گردنہٕ ستی گردن مِلناوِتھ گُھر اونہٕ۔ زِن آسی ٹٕژی پاٹھی نالہٕ مٔتی کران۔ دومٲدرس گیہِ یہ تماشہ وُچھتھ ساری سیٚے بدنس وٕنن۔ ناہ چیاٹزدرالیس ٹتھس۔ تس باسیوٚ اُچھن تل انہٕ گوٚنٹ۔ زِن آسے ژہ واطرف وُنل وہرادنہٕ آمژ تہٕ سہٕ اوس کُنے زوٚن تتھ منز وٕلنہٕ آمت۔ تس باسے یہ کنن تل کرِتھ مشٕ ژھکہ کُنوٚی زوٚن۔ کاٗنسہِ چھُنہٕ چون حاجتھ۔ بآیس تہِ نہٕ بابلی تہٕ نہٕ بیٚمِس کانہہ تہِ نہٕ!

پتھ کُنہِ کھوٚہ کہ بالہِ کھوٚہ کیھ نیرہ پتھے کُنہِ ژوٗل غنی لیس اسُن نیرتھ۔ تہٕ تمہِ دوٚن نس۔ ژھکھاوُچھان دوہ شوٚے بآژ کاتیاہ خوش گیہِ اکھ اکس ڈپشتھ کھاندر ژھکناتو وتووٕے۔

ژیہٕ کرکوٚرتھ یمن خاندر۔ دومٲدرن پٕرژھوس پیراہ سوٗرِچ کٔرتھ۔ "اکِ دوہ ہہ وُچھم پانہٕ وآنی میٹھے مٔتی تمی ورزہ پیوم خیال یوہ سہ یہ ماہ چھ۔ اُمس چھُے ژنے کانہہ ناد کوٚرمُت۔ بیٚمِس کوترس تہِ بیٚیہِ ناد کرُن"۔ غنی ین دژ ہنس کاکلی ہادان۔

"گوہ بیٚمِس کوترس کوٚرتھ ژنے ناو۔" دومٲدرن پرژھوس کھوٚژی کھوٚژی۔ تس اوس زِن زخمن ترٗوہ تھان۔ غنی ین وٕدن نس آو جاو وُچھنہٕ ورِ آے آہنو۔ مٔنے ہا چھُ اُمس دومٲدر ناو تھوٚمت۔

یہ بوٗزِتھ گیہِ دومٲدرس ارقہٕ شران۔ سہٕ گوہ ورسوا ہیوٚ۔ تٔمس آیہٕ اٚشی گنڈ۔

تمہِ وٕدنس وَدِ وٕنہٕ ہٹہٕ۔ "غنیا یہ ناکوٚرتھ جان۔ اُمس گوٚژھ ناو تھاوُن بال کرِشن۔ اُمس نباشوٚ بہٕ نہٕ دومٲدر ناو۔ یہ دناں وناں ژٕچی دومٲدرس کر بچھ نیرتھ۔ تمہِ ہیوٚتھ پتہٕ زور زور وَدُن زِ مِحلکی لوٚکھ گیہِ دار لوٚکہِ الانٛدی۔ سرِ وآنندنہٕ مکاچہٕ دار تام گیہِ یلہٕ۔ عبدالغنی گو وموٹھن ہیوٚ کھڑا سہ لوٚگ ہا لگلہ ہندی پاٹھی دومٲدرس کُن وُچھنہٕ۔ دومٲدرن نیہ کُنی ٹکھ بوٚن۔ سہٕ اوس گیتن ژامت۔ نہٕ دورِ ے گوہ وَ ودان وَدان آنگنہٕ منٛزی تہٕ ہیوٚر کھستھ تھاوُن کُنیچ دار ژدہ بند۔ تہٕ لوٚگ ڈنگہ دِنہٕ۔ پیاری اٚسی مٕلہ وآلی غنی لیس پرژھان۔

غنی جُو۔ اُمِس کیاہ باڈ پیل چھِ دومۆدرِس۔ اُمِس کیاہ رود؟"

عبدالغنی لیس اوس نہ پانس فکرِ ترانٛ زِ دومۆدرِس کیاہ رود!

# پۄت سام

۱۔ پانڈولر ـــــ کشیرِ اندر چھِ پرانین توارٖیخی کھنڈرن عام پاٹھی پانڈولرِ وَنان۔ دپان پانڈو ما آسہٕ ہَمن ملک بدری دوران کشیرِ تہٕ آمتہٕ تہٕ یتہٕ کُنہٕ جایہ روزن جایہ بناوٕمتہٕ۔ وَق گُذرنس سیتۍ آسہ سۄ جایہ کھنڈرات بنیمتہٕ تہٕ توے چھِ پرتھ کھنڈرس پانڈولرِ وَنان۔ ییٚتھین چھُ بیٚتھ مانے وٲنا کھہ تہٕ خاموش۔

۲ کانٛتہٕ ـــــ دومۍ درن اوس غنی ینہٕ کونترِ کانتہٕ ناو کورمُت، تہٕ کیازِ سۄ اُس کُنی تہٕ دومۍ درس اُس خیرِ ژسہ چھپنہ نرکونترس بغاز ژھرتہٕ ژھرِتھ کران۔ کانتہٕ اوس دراصل سروانند نہٕ شہ ناویس رٕژن بالکرشن ذکری خاطرِ امرتسر گومت اوس۔

۳۔ بانہال ـــــ کشتوار اوس پیٚتھ کالہٕ اقتصادی لحاظ پیٚتھ پایہٕ علاقہٕ اوے اُسۍ کشیرِ ہنٛدۍ کینہہ لوکھ اور گژھتہٕ پونسہ دِتھ زنانہٕ نیتھ انان۔ دومۍ درنی بٲے تہٕ اُس اتہٕ زنانہٕ اٲنی متہٕ مگر دومۍ دریُن تِمن زنانن ہنٛد معیار اوس تھود تیتھ بیٚہہ اُس نہٕ سۄ ژوتران۔ تمن ہنٛد معیار اُس کانتہٕ یوسہٕ لۄہ تہٕ ژھۄہ چھ کرِتھ رٲچھ تِمن دوریر تہٕ وارہٕ وین ہنٛدِ ظُلم ژالان اُس۔

۴۔ برانٛد پھش ـــــ صُبحاے برانٛدس پھش دِین مطلب برانٛد کَنہٕ لۄن ڈۄن، صفائی کرٕنی شام وَقتہٕ سنٛدیا ژونگ زالِتھ دمدار بیٚہِتھ پۄر (مشرقس) کُن تھوٚتھ دِیہ تِمن ناوہیون تہٕ اہلس مجلس سیتۍ خوش ورتاو تھوُن چھُ رواتی گرگژا کھہ زنانہٕ ہنٛد وَصِف مانہٕ یوان۔

۵۔ سن لایٹ صابن ـــــ غور بٕتہٕ تہٕ جہالتہٕ موٗجب اُس اوتر تانی یہٕ چھلن صابن اُتھ بُتھہٕ چھلنس لاگنہٕ تہٕ اَمہٕ سیتہٕ شٕران کرُن رُوستی مانیہٕ یوان۔

۶۔ مےٚ چھُ اُمیس دوموٗدرناو ھتوٗومُت ـــــ غنی یَن تہٕ اوس نہٕ دوموٗدر سمجھُمت یہٕ اُس تس سارہٕ وےٚ کھوتہٕ جاذہٕ جاذٕ اٰئنی۔ پانہٕ اَنھور آسنہٕ کنہٕ تہٕ بأیس تہٕ بابی ہُنز شُدۄر ناو وُچھنہٕ کنہٕ اوس دوموٗدرس پان کُٹ تہٕ یَرہٕ ژھیوٚن باسان تہٕ پننُن موٗجبتہٕ اوس تمو اَوے کانٹتہٕ ناوچہ کوتر ڈیتمُت۔ سروانند نہٕ نوہٕ شیہ کُن ،، س نہٕ تمی زانھ تہٕ اَمہٕ نظرو چھُمُت زہٕ یہٕ کیا ہیکہٕ میانی بُنتھ بلکہٕ اوسُس تسنِدِس رٕنِس ہیچھ شرارتھ زٕ یہٕ بچارٕ ترأوُن پانٔن تہٕ ذکن ڈولن گُنی زٕتی۔ غنی ین تہٕ سمجُ نہٕ شہ نہٕ کوتر ہندِس نرس کوٗرُن دوموٗدرناو یہٕ اوس نہٕ تس برداش اَوے لوٗگ وٕدنہٕ۔

## سوال نامہٕ

۱۔ یہٕ اَفسانہٕ کمن انسأنی جذباتَن ہُنز ترجمأنی چھُ کران؟

۲۔ اَفسانُک عنوان چھا موزوٗن؟ بحث کرِو۔

۳۔ دوموٗدرنہٕ کردارٕچ تصویر دِوتہٕ لأگِو پننین لفظن منز۔

# فرانسک سفر ــــ زان

غلام رسوٗل سنتوش گیہ دٕہ یہ لٹہِ یوٗرپ تہٕ یہ سفر نامہٕ چھُہ تموٗ تَلی لیوٗکھمُت یمن آسی کینہہ
بییہٕ مُصور دوس ستۍ تہٕ کینہہ سمکھے یکھہ پیرس میوٗنخ تہٕ لنڈنہٕ۔ گوٚو کہٕ یم آسی حکہٕ کیرنہٕ گاٚمتۍ مگر سفرنامہٕ
تلہٕ چھُہ ننان زِ یم گیہٕ زیادٕ تر تمن جاین تہٕ تِھقین تِکن سمکھے یہ یمن آٹس یا آرٹسٹن ستۍ کانہہ توٗلُق اوس۔
یم گیہٕ تمن جاین ییتہٕ موٗ ہشوٗر فنکار وان گاگ، سیزان، پکاسو، تلوٗلاترے زاےیہ یا پرتھے یہ۔ گوٚو کہٕ یموٗ
چھُ ادیب اِمیل زولا سُندنا وٕ تہٕ ہیوٚت مُت مگر صاف چھُہ باسان زِ یمن چھیہٕ زیادٕ دلچسپی آرٹسٹن ستۍ
اٚسمٕژ۔ مگر سنتوش صاٚب چھہ نہٕ صرف آرٹسٹ۔ یم چھہ ادیب تہٕ۔ اَوے تہٕ لیچھ یموٗ امیسٹرڈیم شہرس منز
نظم یوٚسہٕ اٚتھی دورس ستۍ آمٕژ "بنگٲلی دوستن (سبین گپتاہن) بوٗزنہٕ گوٚو دَم ژھٹی ہیوٗ تہٕ بیاکھ نقل سوٗزکھ
ہینڈی لیس منز رضاہس پیرس"۔
یتھ سفرنامس اندر چھُہ سنتوش تِھ روے بُتھ وٕتلان، اَکس قدیم یوٗنانی یا ہیوٚندستانی
دِوتاسُندی پاٹھۍ۔ شہ گوٚو آرٹسٹ، ادیب تہٕ فلسفی روٗے۔ آرٹسٹ آستہٕ کٔنہٕ چھہ یم آرٹہٕ چن جاین

گرٛھان، آلسٹ دوستن سیتۍ ووتھان بیٛہان تہٕ جاین تہٕ لکن ہُند بیان آلسٹن نظریہٕ کنۍ کران، لفظن تہٕ محاورن ہِندی رنگ تہٕ رکھِ ووتلاوان۔ آدیب آسنہٕ کنۍ چھکھ یتھ سفرنامس منز نہ صرف جاین تہٕ لکن ہندی کردار ووتلاوی متۍ بلکہ چھکھ پننۍ آتہٕ سفرس ذہنی تہٕ ادبی سفر بناوِتھ نیومُت۔ موزوٗن جایہ موزوٗن حرٛف تہٕ اچھر لوگمُت یتھ زِ زبان چھےٚ ساری سیٛے منظرس دُبارٕ زندہ کران تہٕ سفر چھےٚ نہ صرف لۄر کرن وول جاین یا عوٗجوٗبن ہُند فہرس موٗزان۔ ترنیٚم روٗح چھکھ فلسفی سُند روٗح۔ سنتوش چھ پرٛژھ پرٛژھ تہٕ ولوہار رنگی کاشرِ شیٚو متیٚ کۍ علمبردار۔ کاشرِ فلسفچ نوزکی تہٕ نُدرتھ چھےٚ یمو پرزناوِتھ تہٕ تھ چھِ پننین خیالن منٛنس لاگان۔ ۵۵
لُوٗرپی زندگی ہنز لوٗسہٕ عکاسی یمو یتھ سفرنامس منز کرمژ چھےٚ سو ورٛژھناوان تہٕ تھ بیٚچھ پننۍ راے ژٕنی کران چھ یم نوقطہٕ دآیر جیوآتما، پرماتما، جُز تہٕ کُل کس موضوٗعس پیٹھ واتان۔ اَدیب تہٕ آلسٹ آسنہٕ کنۍ چھُ یہُند دِل اکھ حساس رٹن بانہٕ یمہٕ کنۍ فلسفہٕ کانہہ خوشک منطق بنان چھُنہٕ۔

غلام رسول سنتوش

# فرانسُک سفر

پیٛرِس ہوٲیی اڈس پیٹھ کرٕ یہٕ میٛنہٕ کوشش فونس پیٹھ رضا ہَس سمکھنٕچ، یہٕ اوس منز دوہ سُہ کتہٕ لبہٕ ہن۔ اکھ چیز کوٚرُم خوش تہٕ گوو زِ اگر فونس پیٹھ نمبر میلیوو تہٕ جان نےٚ تہٕ مشینہٕ منز چھہ پونسہٕ واپس پانےٚ لاینہٕ یِوان۔ عام طور چھہ پرتھ سرکٲری ٹیلیفون بوٗتھس ستی کُھچِہٕ دوٚٹ حاصل کرنٕچ مشین تہٕ کُھچِہٕ وٲلِس ٹیلیفون COIN حاصل کرنٕچ بیاکھ لوکٕٹ مشین ستی۔ نتہٕ گژھِ ساٲنِس سرکٲری ٹیلیفون یِم اَکِس ٹیلیفون کالہٕ ستی کُھچِہٕ وٲڈ بوٗک حاصل کران چھِ۔ بالفاظِ دیگر سانہٕ مشینہٕ تہٕ چھیہٕ کورپٹ۔ پےٚ پتاہ کڈان نیٚنیوود زِ دوٚیمہٕ ہوٲیی اڈٕ پیٹھٕ چھیہٕ بس شہر گژھان۔ بسہٕ ترٲوِ کٲسی منز شہر اڈس پیٹھ۔ ٲنہٕ کرنوو ٹوٗرسٹ کوٹرٕ پیٹھٕ اَکِس سستہٕ ہوٹلس منز روزنُک بوٚندبس۔ ڈبل بیڈ روٗمس ڈوڈ ہتھ روپیہٕ ناشتہٕ ہیتھ۔ لۄکن ہندوٚن چھہ رٕٹیکسی وٲلی چھانہٕ تہٕ اور یور پھِرناوتھ ٹھکانس واتہٕ ناوان۔ اَسہٕ ستی ییتھ کانہہ واقہٕ آو نہٕ پیش ٹیکسی وٲلِس ووٚن ٹھِکانہٕ۔ سُہ چھُ نقشہٕ کڈان تہٕ اَوپتہٕ چھُ ژھوڑہٕ کھوتہٕ ژھوٚٹ وتھ ژھینتھ ٹھکانس پیٹھ واتہٕ ناوان۔

بس اڈس پیٹھ ٹیلیفون بوٗتھس نکھ وُچھ میٛہ فرانسیسی لوٹ میٹ کرتھ پیٚمتہٕ۔

یِم تِلی میٚیہ تمی اَنماَنہٕ رَنتہٕ میٚیہ لوٚہ کچار منٛز بازرٕ ڈَبل پوٚنسہٕ لوٚ بمُت اوس۔ گوٚڈٕ اورٕ لوٚر نظر دِتھ کانٛہہ ما چھُہ وُچھان۔ اَوپتہٕ وارٕ وارٕ اَتھ بیٚٹھ کھور تراوُن۔ چینٛدٕ منٛز دٕج یا بٕبیٚہ کانٛہہ چیز پٔتھ تراوُن اَوپتہٕ تمُن تہٕ لوٚ بمُت چیز تُلُن۔ از تہٕ بیٚلہٕ میٚیہ یہٕ واقعہٕ یاد چھُہ پیوان۔ بہٕ چھُس پانس ستّی اَسان۔ یہٕ اوس قریبن اَکھ ہتھ روٗپیہٕ۔ پیرسہٕ اَکہٕ دُمک خرچہٕ —— سون یہٕ ہوٚٹل اوس ژٔلوٚرٕ پیرسہٕ کس پرانس شہرکس گڈس منٛز۔ اَتھ علاقس اوس ناو "پگالی"۔ "پگال" چھُہ اَرداہ گُنوٗہ تہٕ ابتدایی وُہمہٕ صدی منٛز انٹلکچول وو ہیہ درو ہیہ ہُند گڈ رٔود مُت۔ اَتھی بازرس منٛز زاے وان گاگ، سیزان، پکاسو، تُلوٗس لاترے ہوی بہلہٕ پاَیہٕ فنکار۔ اِمیل زولا ہیوٚ لکھارَی تہٕ اوس اَمی علاقک پٲداوار۔ تِم رِیستوراں چھِہ از تہٕ تمی اَنماَنہٕ یِیٚتہٕ یِم فنکار کھیوان چیوان تہٕ نوٚین فنی قدرن گوڈٕ رٲن آسی۔ سُہ "مولان رٗوج" ہوٚٹل تہٕ چھُہ اَتھی بازرس منٛز۔ یِمکہٕ لوٚپسٹر تُلوٗس لاترے ہٕنٛ لِتھو تکنیکہٕ منٛز بناوِتھ لِتھو ٹیکنیکہ منٛز انقلاب عظیم اوٚن۔ یِموٗے پوسٹرو دِژ تمس اَکس مُصورس حالے حیات "لوٗور" آٹ گیلری منٛز جاے۔ از تہٕ چھُہ پگال بازرس منٛز قدمہٕ قدمہٕ SEX SHOPS' یِیٚتہٕ الف ننگہٕ، ننگہٕ ناچ چھِہ سپدان۔ ننگہٕ زنانن ہٕندی تصویرٕ چھِہ کینہٕ لوان۔ اَتھی علاقس منٛز بالہٕ تھزرس پیٚٹھ چھُہ یہٕ سوٚہ عظیم جاے تہٕ یتھ مۆماترونان چھِہ یٔچ رلواَیتھ یہٕ چھُہ یہٕ زٕ مُصور آسی اَتہٕ شامس باگہٕ بازرس منٛز تصویرٕ کٔنان۔

سون ہوٚٹل اوس اَکس الجیرین فیملی ہُند۔ ہنا نٔکھ کٔڈتھ دزایہٕ آسی بازرس چکر دِنہٕ۔ یہٕ اَس آتھوار۔ پٔترٕ پیٚٹھ آسی سبزی وٲلی۔ گاڈٕ کِنن والیو شور تھٕ تھِے کُنٛ تُلمُت، یتھٕ کُنٛ سائنس مٔلکس منٛز سپدان چھُہ میٚیہ باسیوٚ یہٕ عجیب ہیوٚ اَدٕ مے کھیٚہ زٕ لوٚرٕ ٹیک سون تصوُر چھُہ یِیٚتہٕ نہٕ کانٛہہ غریب چھُہ۔ یِیٚتہٕ پرٕ یتھ کینٛہہ شائستگی سان سپدان چھُہ۔ یِیٚتہٕ نہٕ چھاپرٕ فروش آسن یا پھیرٕ وٲلی ڈٔلی ژٕٹان آسن۔ دوٚیمہٕ دوہہ صُبحن یُتھے آسی ہوٚٹلہٕ نیرٕ نٕ ہیٚتِن زٕ ہوٚٹل واجنہٕ وٕوٚن زٕ کمرٕ خٲلی کٔرُن تکیا زِ اَسہٕ اَس صرف راتہٕ سیے بُکنگ۔ اَسہٕ اوس ہوٚٹل ژٔون دوہن ہٕندِ خاطرٕ بُک کوٚرمُت۔ ظٲہر یا اَس تس زیادٕ ریٹ میچمرٕ ژنہٕ تہٕ آسی زٲنِن نہٕ منٛز آنٛز تہٕ یُتھ ورتاو کوٚرُن۔ اَہندس نوجوان نیٚچوِس آو انصاف تہٕ تمی کٔری فون زٕ ژور تہٕ کٔرِن اَسہٕ

بٔنیس ہوٹلس منز ژون دوہن ہند خاطرٕ جاے۔ موج گٔیس سخ ناراض زِ سُہ چھُ فولس پیٹھ پونٛسہٕ ضایہٕ
کران خامہٕ خاہ۔ یہ توٚر اَسہٕ آنکھ وٕنی کٔنی فکرِ۔ یہ ہوٹل اوس اَکھی علاقہٕ سے منز اَکس فرانسیسی فیملی ہُند۔ یمن
اَٹس کوٚر لوٗسیہٕ انگریزی زانان اَسن۔ ہوٹلہٕ واجینٛ اَس صبحنس پانٛسے ناشتہٕ کمرس منز اَنان۔ کافی، جام،
ژامن، تھنہ تہٕ بٔبیہٕ زیٛتھ ڈنڈ ہش ژوٹ یتھ فرانسیسی زبٲنی منز بگیت' وَنان چھ۔ اَمہٕ قسمٕچ ژوٹ
اَس نہٕ میٚہ کُنہہ وُچھمٕژ۔ جرمنی منز وُچھم گدروس تیلہٕ دار ژوچہ ووٚر۔ ہوٹل واجنہٕ دِتی اَسہٕ تمام پیرسکی
نقشہٕ جات۔ زمین دوٗز ریلوے ہُند نقشہٕ۔ میٚہ توٚر نہٕ زانہہ تہٕ فکرِ زِ زمین دوز ریلوے منز ڈایریکشن
ژھانڈنی یا ریل بدلاوتھ کھکالس واتُن۔ اَکس ژون جاین گژھنک اوسُم پے پتا دوٚیمہٕ لٹہٕ گوٚمت۔
ہوٹلہٕ واجنہٕ سمجاوی اَسی زِ بازرس منز زمین دوٗز ریلوے سرنگہٕ وٕشن کتھ چھُ۔ کوسہٕ ڈایریکشن رٹو تہٕ
لوٗور"۔ میوزیم پلیٹ فارس نشہٕ وَسو۔ لوٗور زمین دوٗز ریلوے پلیٹ فارم چھُ پرانیو موٗرژن تہٕ تصویرن
ہند پونقلو سٕتی سجاوتھ۔ بجاے خود اَکھ MINIATURE میوزیم۔
یہ پیرسچ کانہہ سرکٲری میوزیم چھُ صرف آتھوار دوہ یلکہ خاطر مُفت آسان۔ نتہٕ چھیہ پیرسچ
میوزمیس پانژ ورہ پیٹھ وُہن روپین تام ٹکٹ دِنی۔ پیرسچ میوزیم تہ خانس منز یا مُلحقہ چھُ بہترین
SELF SERVICE سستہٕ ریستورانٹ آسان۔ دوٚہہ دوہس روٗدی اَسی ژیر تام لوور گیلری
منز شاہکار تصویرہٕ وُچھان۔ یمہٕ تصویرہٕ میٚہ کتابن منز چھاپ شُدہ وُچھمٕژ اَسی تمہٕ وُچھم ORIGINAL
یمن متلق میٚہ اوس ظون زِ یم آسن سیٹھاہ بٔڑی تمہٕ اَسی لوکٕٹ تہٕ یم لوکٕٹ اوس سکھ زانان تم اَسی
سیٹھاہ بٔڈی۔ بہر بار اگر اوس سُہ اوس "مونالیزا" تصویرس برونہہ کنہٕ یا "وینس" موٗرتی اَندی اَندی۔
کٔھیا آرٹ سٹوڈنٹ وُچھم اَتہٕ تصویرن نقل کران تہٕ کنان۔ تلوٗس لاترے یسندی تم پوسٹر تہٕ وُچھ
یموٗ لیتھوگرافی منز انقلاب اوٚن۔
دُپہر پتہٕ ژرایہ اَسی نقشہٕ وُچھان وُچھان CONTEMPORARY۔ آرٹ گیلری وُچھنہٕ یمن
دوہن اوس اَتہٕ GEORGE ROUAIT سُند RETROSPECTIVE شو چلان۔

ٹکٹ اُس شُراہ روپیہ۔ ۲۵ ہن کونٹرن پیٹھ آسہٕ آہندِ ین تصویرن ہُنز۔ بناوٕ مژ سرکاری ڈاک ٹکٹہٕ
رکِنتہٕ یہ لیوان۔ گوڈنچہِ لٹہِ وُچھ مےٚ سیزان، وان گاگ، پکاسو، تہٕ گوگان ہندی ORIGINAL
تصویرِ۔ بیٚیہ تِمن مختلف یوٗرپی زندٕ یا سٹرن ہندی شہکار۔ گوڈنچہ لٹہِ وُچھ مےٚ کوچہٕ گلیٚن منٛز تِتھے کُنہِ آٹ نمائیشہ
ہندی پوسٹر لاگتھ۔ یتھ کُنہ سائنس ٹکس منز سینز ماہ پوسٹر لاگتھ چھِ آسان۔ لُکھ چھِ عظیم فن کارن تِتھے کُنہ
زانان یتھ کُنہ آسی بیٚیتہٕ فلمی سٹارن زانان چھِ۔ پوسٹر لاگنہٕ خاطرٕ چھِ وتہٕ وتہٕ تِھمن دُرٹ فانہٕ بوڈ لاگتھ۔ تہٕ بِنہٕ
یہٕ زکلس ہُرن پوسٹر یا دلیوارس۔

یوٗرپی نوجوانن وُچھ مادی ترقی ہُنز تمام آسائیشہ۔ مادی طور سورُے سوکھ پرٛاوِتھ چھِ یہ تِمس
مادٕ پرستی ہُنز ڈِےٚ گمرٕ۔ تس چھُ یہ فکر لوٚرمُت زِ روٗحٲنی بیٚیتہٕ روٗس مادی ترقی چھِ یہ ناپایدار۔ انسانس مشیٖن
بناوان۔ جُزس کلہِ نیشہ بدٕون کُدھتھ وتہٕ لاج کران۔ شروٗمرٲوِتھ آمس شکنجس منز چاران۔ انسان چھُ پزٕکر تمہٕ
اکھ حسیٖن روٗپ، پزٕکرتس بتھِ چھِ یہ سیمنٹ کنکریٹ دوسہٕ دیوارنہٕ SKY SCRAPPER نظرن
ٹھر کردوان۔ مشیٖن ہند سوٗر چھُ آمس پرنہٕ جایہ لار لار کران۔ انسانی رشتہٕ چھِ مادی اوسوٗدگی
ہندِس بارس تَل دوٗبراونہٕ آمتی۔ اکھ نیٚندرِ گاٹنہٕ کرنہٕ خاطرٕ چھُ اُمس قِسمہِ وار دوا کھینی پیوان بیوکونُک
اکھ زٕلیوہ ٹھاران چھِ یہ آمس وُمرِ چھینمبی گرٛزھان۔ اَدے چھُ از کلک یوٗرپی نوجوان بھارتس کُن بتھ کرِتھ
نمان۔ بھارتیچ زبار نھ کرنہٕ باپتھ پولنسہٕ پولنسہٕ سوٗمبراوان۔ یتِنہٕ چہ گرمی منز پھیری پھیری یان زالان۔
کھلہِ اسمان وُچھنہٕ باپتھ لیوان۔ شوٗدکشیرٕ ہنداب چینہٕ لیوان۔

دوہ گزورا سہٕ لوور گیلری منز۔ بیٚیہ پھیری اورِ یور بازرن۔ گرِ شامس پینہٕ وکھتہٕ آسہٕ اَسہٕ
زمین دوز ریلوے منز تمام پیرس ژھونڈمُت مگر پیٚنُن ٹھکانہٕ لوٚب نہٕ۔ یہ اُس مِہربانی زلیوت تام انسان
زمین دوز چھُ لوٚت تام ہیکہٕ سہٕ اکی سے ٹکٹہٕ پیٹھ سفر کرِتھ۔ یہ کرِتھ تہٕ بیٚیہ اَسہٕ زرٕ تریہ تریہ ٹکٹہٕ
تلِ ہینہٕ، اڈِ گاٹنک سفرکوڈ اَسہٕ ژرون گانٹن اکس موٚزورس آدسون رورکانہٕ وُچھتھ انصاف نہٕ آسی واتہٕ
ناوٕن ٹھکانس پیٹھ۔ فرانسیسی لوٗکن چھُ پننہٕ زبانی پیٹھ ناز۔ لہٰذا چھِ تِم انگریزی زانتھ وُن آستھ نہٕ بنہٕ بنہٕ

دری زبٲنؠ منز بولان۔ یِتھے زبٲنؠ ہنز قدر وُچھ مےٚ بنگالین تہٕ۔ شامس آیہ اَسی وشوانا کھس سمکھنہٕ۔ درواز ہٕنز روو اُہنزِ ولیبہٕ "نٔلی" اَس انگریزی کران۔ گوڈٕ اکھ ہیوٚندُستانٔی تہٕ پتہٕ وشوانا تھُن دوس وُچھتھ گیہٕ سو خوش۔ امی دمہٕ گیہ سو بازر تہٕ اوٚنُن کالہٕ خاطرٕ کھیٚن چین سامانہٕ۔

پیرِسس منز سٲنؠ یِم تجربہٕ دوہ گُذٲرؠ اَسہٕ وشوانا تھس ستی۔ تِمی ہوٚو دوہس سورُے پیرس۔ پرائیویٹ آٹ گیلری۔ مختلف علاقہٕ۔ اَکس علاقس منز وُچھ اَسہٕ سڑکہٕ کوٚنن پیٹھ کرِٕتھ پوشاکھ لٲگتھ کور اور رِ لویہ پھیران۔ یِمہ آسہٕ CALLGIRLS ۔ شامس شیہٕ بجے آیہ نٔلی دفترٕ پیٹھ۔ آسی بیٹھ اَکس ریستورانس برونہہ کنہٕ پٹرٕ پیٹھ سجتھ کُرسین پیٹھ۔ فرانسیسی ین ہند محبوب مشغلہ چھُ تِتھین ریسٹورنٹ پٹرن پیٹھ سجاوِتھ میز کُرسین پیٹھ بِہتھ شرابہٕ چوٚن تہٕ وَتہٕ پکہٕ وِلن لوکن تماشہ وُچھُن۔ نمبرٕ بِہنس چھیہٕ ہارٕ زیادٕ لگان بہٕ نسبتھ اَندرٕ بِہنس۔ شامس کال سُلی کھیتھ کھٔتی اَسی "موٚماترٕ" یتہٕ عام آرٹسٹ تصویر بناوان چھِ سڑکہٕ پیٹھ تہٕ کنان چھِ۔ زیری خوشتس باگی چھِ موسیقار گیوان تہٕ ساز وایان۔ اَمہٕ تھزٕ پیٹھ چھُ سورُے پیرس بوزنہٕ یِوان۔

دوٚیمہٕ لٹہٕ بیلہٕ بہٕ پیرس گوس تہٕ رٔتس اَکس اتہٕ روٚدس ادٕ آو مےٚ موقہٕ فرانسیسی لوکن ہنزِ زندگی گُزارنک مُشاہدٕ کرنس۔ پیرٕ تھ پاٹی منز چھِ میہمان پننی پننی بوتل عام طور شراب بوتل ستی انان۔ زمین دوز ریلوے پلیٹ فارم جاے چھیہٕ مُشاہدٕ کرنس لایق۔ تِمی کِراک شرٲبی، یِہند کارِ صِرف راتھ دوہ شرابہٕ چوٚن چھُ تہٕ اَدپتہٕ کرِکہٕ دِنہٕ۔ یا تِم خوبصورتھ مونالزا ہوی بُتھ۔ مگر یِمن زوٚال مالن ہندی اَتھہٕ وُچھتھ چھُ تردُد گژھان۔ کورن ہُند بُتھ تہٕ جسم چھِ انتہٲیی خوبصورتھ آسان مگر کام کرنہٕ ستی یِہندی اَتھہٕ مردٕ اَتھہٕ ہوی گژھتی آسان۔ ریلوے پلیٹ فارمس پیٹھ ریلہٕ پراران کور تہٕ لڑکہٕ چھِ نالہٕ موٚت کٔرتھ اکھ اَکس موٚہ نہٕ تہٕ میٹھی کران۔ باسان چھِ زن یِم اَمی انمانہٕ پأدٕ چھِ گژھتی۔ مگر یِہند یہٕ کٲنہٕ چھُ محض جسمن ہُند۔ یِہند ذہن چھُ اکھ نہٕ بیٚیرِ گژھدُن خلا۔ لوکھ زن چھِ مشینہٕ اور رِ لویہ پکان یپارٕ وُچھ لار لار۔ ماے موٚحبتھ باگراوٚن پکان پکان۔ کھیوٚن چوٚن

یکان یکان ۔ خاندر کران یکان یکان طلاق تہٕ یکان یکانِۍ سیدان ۔

پننہٕ ہیوٗندستانۍ مُصوٗر دوس آسۍ اکہِ طرفہٕ مادٕ پرست بنتھ وکھتی کار کران تہٕ دوہہ دوہہ گنڈان ۔ مگر یِمن تصویرن ہیوٗندستانۍ فلسفک مٔلہٕ مایہ کٔرِتھ روحانی بنتھ علمبردار پانس ونان ۔ اکہِ طرفہٕ تشدد دُس پیٹھ مبنی فلمہٕ وُچھتھ انٹیلکچول بحث مُباحثہٕ کران تہٕ حظ تُلان ۔ دوٚیمہِ طرفہٕ یوٗرپکۍ حُلیہ بناوان ۔ یوٗرپی زندگی چھیہٕ اکھ سو ورا اٹھ مشین یوسہٕ لوکچین لوکچین مشینن کرٕ وُپس کٔرِتھ پھٹہٕ پھراٹ کران چھیہٕ ۔ انسانس چھُ پنہٕ اکھ پُھٹہٕ پھراٹس منز شر سیتھ لبنۍ پیوان ۔

یوٗرپی انسانن چھُ سیتھ کالہٕ پیٹھہٕ نوو دلیس انسان شکل دِتھ سُہ تیوٗتاہ عام کوٗرمُت زِ IDEAL تصورے چھُنہٕ روٗدمُت ۔ اَوے چھ کالہٕ تہٕ کاجہ نوٚو بُت بناوان تہٕ مسمار کران ۔ نوٚو ٹرنڈ بناوان تہٕ پھٔکی کران ۔ اتھ برعکس چھُ بھارتن انسانس IDEALISE کٔرِتھ دِیہ سُندرتہٕ بخشمُت ۔ سُہ IDEAL یُس از تہِ اِنسانی عناصرن نِشہٕ کھٔٹتھ چھُ ۔ تہٕ تِہُند تصوٗر چھُ IDEAL بنتھ سائنس وجوٗدس پانس کُن کشش کران ۔ یوٗرپی فنکار چھُ پانس نِبر وُچھان ۔ ہیوٗندستانۍ فنکار چھُ پانس اندر وٚسان تہٕ حقیقتھ پراوان ۔ پننہِ حدِ اندر زندگی تہٕ زندگی ہُند تجربہ یمہ کیر بناوِتھ تمہ نوٚ حد پراوان یمن تہٕ کانہہ حد چھُ ۔ یہے کنۍ چھُ سیتھ کال از کال تہٕ برونہہ کال وکھتک تصوٗر بجاے تہٕ اکھ نوو احساس بنتھ UNIVERSAL بنان بیکوقت جُز تہٕ کُل آسیہ نگ سوٗر سیتھ دِوان یتھ منز تمام کاینات موٗرتھ لو قطرٕ چھُ بنان تہٕ لو قطرٕ پھہلتھ تمام پرٕکرتس روٗپ دِوان چھُ ۔ پرٕکرتنک ارتقا یا ہیتھ پراوِچ عمل چھیہٕ تہٕ سیزر رِکھ یُکہ اکس ڈایریکس صوٗرتس منز سوٗرے برہمانڈ آورِاوان ۔ شُنیہٕ آدرِاوِنک یہ تصوٗر تہٕ پرٕکرتک روٗپ پراوُن چھُ سوٗنے دین ڈٕ رِشتس عالمس یُس سیزر رِکھ بیٹھ نکیتھ اکھ انلیتھ بنیس اندس ژھانڈان ژھانڈان وُمرِ چھینبمی کران چھُ ۔ یہ جُز تہٕ کُل، جیو آتمانہٕ پرماتمامنش تہٕ بھگوان چھُ اکھ سُہ اژھینی دٔری یا دُک تصوٗر یُس اگرِ نیرِتھ زمانہٕ مکانس منز ناو پراوان چھُ او پتہٕ سمندرس منز آلبس ستی آب رٔلتھ پنُن روٗپ بے ناو روٗپس منز تحلیل کٔرِتھ اگرس تہٕ سمندرس کُن کران ۔ اکہِ دوہ یہ آو مبہ موقہٕ پننہِ خیالات یوٗرپی لوکن نشہٕ وِشرٕ ناونک موقہٕ کینژھا

میانہٕ کم گوٕیی تہٕ کینژھا فرٛیچ نہٕ زانُنہٕ کنہٕ یا جرمنہٕ زبان نہٕ زانُنہٕ کنہٕ اوٚسُس بہٕ ژھوٚپ آسان۔ یَیلہٕ یَیلہٕ میٚہ
زبان مُٹزراوُنٛگ موقہٕ میوٚل۔ یا تہٕ اوٚسُس بہٕ بیٚھتھ خیالاتو کنہٕ OUTSIGHT REFLECT
سپدان یا تہٕ آسی لوٚزن وٲلی گرِ وِپہٕ سپدان۔



# پلۆت سام

۱۔ بُوتھ ——— لوکیٹ کوٹھریتھ اندر اکھ انسان ووہ دنی رۆزتھ فون کرِتھ ہیکیہ۔

۲۔ انٹلکچول ——— دانشور۔ پکاسس اندر اوس ادبی موضوعن پیٹھ بحث سپدان۔ آٹ تہٕ فنکی تخلیق بناونہٕ یوان تِم اکھ اکس ہاونہٕ باونہٕ یوان۔

۳۔ رِستوران ——— چاے بیترِ چینہٕ خاطرٕ ہوٹل۔ ہوٹل چھُ انگریزی لفظ یمیُک مانے روزن جاے چھیہٕ یوسہ کرایہ پیٹھ ہینہٕ ییہ۔ کاشرِ یا ٹھی چھ اَسی رِستورانس تہٕ ہوٹلے وَنان۔

۴۔ مولاں رۆج ——— پیرس شہرُک مشہور ہوٹل یمیتہٕ تِکی آلسٹ سمان چھِ۔ تِلو لاترے تہٕ اوس اوّت یوان۔

۵۔ لتھوٹکنیک ——— تصویر کشی ہُندِ سُہ طریقہٕ یمیہٕ مُطابق گوڈٕ چوٗنہٕ کنہٕ یا سلیٹس پیٹھ عکس تارِن چھِ تہٕ پتہٕ تتھ ٹھپہ ٹُلان چھِ۔

۶۔ SEX SHOPS ——— جنسی بازریاوان۔ یورپس منز چھُ عام جاین پیٹھ نظارٕ درینٹھ گژھان۔

۷۔ سبون ہوٹل اوس ——— واریاہ ہوٹل چھ اتہٕ گرِکی باتہٕ چلاوان۔ پۆژھ چھُ گرُک باتہٕ ہیو

روزان۔ موٗہنِو لوٗ آہنِو لوٗ بجایہِ چھ گرِ کی باٹھٕرے تس خدٕمتھ کران۔

۸۔ اَہندس نوجوان نیچوِس ——— یورپس اندر چھُ کاربارٕی ذہین زیادٕ یہن۔ پرٛژھس مدتھ کرنہٕ یا پتھ یتھے نیچوِ بیٚین ہوٹلن فون کرٕنی ہیٚتی اوٚ موجب زِ انصاف آسَ، موج وٚژھس پولنسِہ مہٕ کرضایہِ۔ یا مُمکن چھُ یہ گرٕ اوس مُلہٕ تلہٕ الجیریاے یم دراصل افریقی چھِ۔ اوٚکنہٕ پٕرمے یہِ موج زیادٕ ریٹ وُچھتھ تہٕ نوٚی پرٛژھی رٹن۔

۹۔ زمین دوز ریلوے ——— بیٚٹھی سٹرکہٕ تہٕ تٕلی ریلین ہُند یکُن چھُ برٕ بارٕ والین گنجان آباد شہرن ہُند روش بنیومُت۔ یمہٕ ریلہٕ تہٕ یہندی سٹیشن چھِ راتس دوہس بجلی گاشس اندر زوٚتان آسان۔

۱۰۔ MINIATURE ——— لوکُٹ موکُٹ عجایب گرٕ یہنا ہیوٚ نکیاز اکھ سٹیشنس پیٹھ تہٕ چھکھ لوٚو آرٹ گیلری ہندی پاٹھی تصویرٕ لبن اویزان تھوٚی متہٕ۔

۱۱۔ SELF SERVICE ——— یمن ہوٹلن اندر پولنسہٕ دِتھ پانے پننہٕ کھینہٕ چیز سوٚمرٕ آوِتھ انُو۔

۱۲۔ مونالیزا ——— لیونارڈو داوِنچی (شُراہِم صدی) سُند مشہور تصویر یُس تمی (دیان) دہن وریین مکمل کوٚر اتھ اندر چھُ اَہس زنانہِ ہُنداسہٕ وُن بتھ اپنٕ خوبصورتی۔ یہِ تصویر چھُ ازکل اٹلی اندر بیٚیہِ واتناوِنہٕ آمٕژ تہٕ اتھ چھِ اکھ بندوٗقی جماتھ پہرٕ س آسان۔

۱۳۔ CONTEMPORARY ——— ہمکال یا پننہٕ وقتہٕ کین آرٹسٹن ہندین تصویرن ہنز گیلری۔

۱۴۔ زِندٕ ماسٹر ——— حالے حیاتھ عظیم آرٹسٹ۔

۱۵۔ وشواناتھن ——— مشہور ہیوٚندستانٕی آرٹسٹ۔ یم بیٚیہِ حیدر رضا، طیب مہتا تہٕ سٔتین گُپتا ہی آرٹسٹ آسہٕ اتھ یورپی دورس منز سنتوش صابس ستہٕ۔

۱۶۔ CALL GIRLS ——— ڈُڈ یا ہہ کین بڈٕ بن شہرن منز تمہٕ کو ریمہٕ کالنسہٕ ستی تہٕ پھیرتھ تھوٚ ؤتھ
دل رشتن ناٹو تھ ہیکن۔ یمہٕ چھیہٕ بُلاونہٕ یوان تہٕ اوٚے کال گرل

۱۷۔ ٹرینڈ ——— TREND۔ رُجحان، نہج۔ ادبس فلسفس مُرشد گری ہشینن، روزن
طریقن، لسنس بسنس غرض زندگیہ ہندس پرتھ شعبس اندر یمہٕ نوٚوی چیز، نوٚو
خیال تہٕ بینیہٕ کیہنہ نوٚ رُجحان چھہٕ سہ چھُ زیادٕ تر ستیہہٕ صدیہٕ منز یورپہ پیٹھے
شوٚرٕ گومت۔ یوٗرپس اندر تہٕ چھُ خاص کر فرانس سہ مُلکھ یمیک ناوٕ یہ
نوٚ رک ہم مانے چھُ۔ مشہور انگریزی فلسفی برٹرنڈ رسل چھُ اوے دوٚ نمت
زِ ووسمہٕ صدی ہندٕ تہذیبک (مطلب لسنہٕ بسنک) ازکال آسہٕ ڈٕ چھُن تہٕ
یوٗرپس اندر ووچھو، بر وہہ کال آسہٕ ڈٕ چھُن تہٕ امریکاہس اندر ووچھیون تہٕ پتہٕ کال
یا وسطی دور ووچھُن ہیتھ ہو تہٕ آزی گنز ہو ہیوٚندستان۔ مطلب نوٚ بر سائینسی ترقی
خیالن ہند آزادی مادی خوشحالی بیتر رنگی چھُ سون مُلکھ یوٗرپہ کہٕ مقابلہٕ ووٚنہٕ وسطی
دورس (دہہ پیٹھہ شراٹھ صدی تانی) اندر یہ زوال۔ اما پوٚز ازکہ یوٗرپک
وُپھلوایے گومت انسان چھُ ذیہنی سوکھ کہٕ خاطرہ ہیوٚندستانے یوان تہٕ ییتکہ
مذہبہٕ فلسفہٕ وغارٕ نشہ فائض حاصل کران۔

۱۸۔ جیوا تماتہٕ پرماتما ——— یورپی انسان چھُ زہرٕ گنز ران زندگی گذاران۔ یوٚہے دم غنیمتھ
زانان۔ ازکال شاندار آسنہٕ کنہ چھُ سہ ازکالی گومت مگر ہیوٚندستانی فکرٕ چھُ انسان
کالہٕ چوٚ حدو کڈتھ تمام سمسارس تہٕ کایناتس پیٹھ سرس تھوومت۔ توٚے
چھُ ییتہٕ انسان بیک وقت جیویانے زٕ خاتھ تہٕ پرماتمایانے روٗحِ عظیم خودا۔
یم دوٚ شوٚے چھہ اکی کالہٕ دری یا وٕری ملر۔ نریانے انسان تہٕ نارایِن یانے بگوان
چھہ اکی ہنگی تھرتہٕ نانک۔ انسان چھُ روٗپی تہٕ خودا یے ارٗوپی یم دوٚ شوٚے چھہ

اَکہِ سِیٚ کُلس منزٕ رل گرٛزھان۔ یہِ کتھ سمجاوَنہٕ خاطرٕ چھُ مصنفن لفظن اندر پننہِ آٹنگ
اکھ نوٗمونہٕ پیش کوٚرمُت۔ سُہ گوو یہِ زِ کاینات چھُ نوقطہِ بنان۔ نوقطہِ چھُ پھہلتھ پرکرت
یانے فطرتھ بنان۔ یہِ بنان بنان چھُنہٕ نوقطہِ سیٚزٕ رٕکھہِ پکان بلکہِ دآیرٕ شکلہِ منز۔ دآیرے
گوو برٛماںڈ{ پرٛہم (قادرِ مطلق) سِنز شکل انڈٕ یانے ٹھوٗلِہ آکارٕچ } یُس پانس منز
شُنزِ آوران چھُ۔ شُنزِ آورِتھ ہیکُن گوو کایناتہٕ کُن رازن اونٛد لوٚرلُن تہٕ کُل سپدُن۔
سنتوش چھِ تانترک آرٹسٹ۔ یہندِن زیادٕ تر تصویرن ہُند موٗلہ خیال چھُ تنتر (کاتنتر
شتومنک عملی رُوپ) نشہٕ ووتلان۔ تتھ منز چھِ برٛماںڈ شوتہٕ شکتی ہُنٛز بنیادی اشارٕ
یم یہندِن مختلف تصویرن اندر بیون بیون جہتٕ پراوان چھِ۔ عام پاٹھی چھِ اَسی
یہندِن تصویرن اندر نوقطہِ ٹھوٗلِہ آرٕ کوٚنڈل، لِنگ، پرٛنالی، جوٗتی گاش، زٕرٛن ہندی
رنگ برنگی پھہلاو وُچھان۔ سنتوش صاب چھِ پننہٕ شایرٕ یہِ اندرٕ تہٕ یکسے خیال تتھ
تمن لفظن ہُند جامہٕ ولان۔

# سوال نامہ

۱۔ یتھ سفرنامس منز یمن آلِسٹن تہٕ آدیبن ہُند ناو ہیٚنہٕ آمُت چھُ تمن ہیٚتھ لیکھو پرٛنس وِستادس پیٹھ زٕ ژٕ حصتھ تعارُفی نوٹ۔

۲۔ یوٗرپچہِ زندگیہِ ہیٚتھ کم خیال چھِ مُصنفن پیش کٔرِی متی۔ پننہِ مُلکچہِ زندگیہِ ستیٚ کٔرِو اتھ مقابلہٕ۔

۳۔ یتھ سفرنامس منز چھُ "سنتوشُن تمٕ رِوے بُتھ وِوہ تلان، آکس قدیم یوٗنانی با ہیوٗندستانی دوتاسِندی پاٹھی"۔ اتھ ہیٚتھ تراوِو گاش۔

۴۔ سفرنامہٕ کیاہ گوو؟ یہ سفرنامہٕ چھا امکی ساری لوازمات پوٗرٕ کران؟

# میر ہنز — زان

خاکہٕ چھُ اکہِ لیحاظٕ افسانس سِتۍ رلان تہٕ بیکہِ حسابہٕ ایسےٚ ہس سِتۍ۔ اَتھ اندر چھِ کردار آسان۔ تِمن سِتۍ چھُ کانہہ واقعہٕ گژھان تِم چھِ پانہٕ وٲنی کتھ باتھ کران تہٕ واقعہٕ چھُ باضے افسانہٕ کی پاٹھۍ ارتقا پراوان یا نتہٕ تتھ چھُ گوڈتہٕ انڈ آسان۔ مگر یہِ ہیکہِ نہٕ افسانہٕ آسِتھ تہِ کیازِ اَتھ اندر چھُ لیکھن وول پزنہٕ پاٹھۍ موجود آسان۔ کردارن ہنز زیادے ہَن ویڈھنے تہٕ وکھنے کران۔ تہندی ضورۍ وری تہٕ غار ضورۍ وری صفتھ وۄتلاوان تہٕ خاصکرِتھ تہندی غار موٗمولی تہٕ ونیکھتی پہلوٗ گاشراوان۔ اَمہٕ سِتۍ چھُ کِردار نگاری اندر طنز تہٕ مزاح تہِ وۄتلان تہٕ واقعہٕ رژھا پتھ گژھان۔ ایسےٚ ہس اندر چھُ لکھٲری پنٕنۍ شخصیتھ واضیح کرِتھ ہاوان تہٕ شخصیتھ ہاوی کرنہٕ سببہٕ چھِ نٕ اَسی خاکہٕ ایسےٚ ہس زیادٕ نکھہٕ مانان۔ ”میر ہنز“ ناوکس یتھ خاکس اندر چھُ لکھٲری گوڈٕ گاوہٕ ہند رۄپ تہٕ پتہٕ رمضان جوٗمن قدوصوٗرتھ بڈٕ ہوٗنرِ سان بیان کران۔ افسانہٕ ہیے آسہِ ہے اَتھ ہیکہٕ ہاوِ سوال کرِتھ زِ یہِ ما چھُ کُھم پاٹھۍ افسانہٕ کِس تونٛرِس فلیش دِوان۔ مگر یمہِ خاکچ خوٗبی چھِنہٕ تتھ واقس اندریُس پوٗتس وۄنگتُن کھیوان چھُ پانے گاوٕ چھیہٕ ڈاتب لاگِتھ زلان یا پرِن وٲلِس چھُ پوٗتُس وننہٕ لوِان زِ لیسُند ذکر اوس سۄ آس صرف اکھ گاو، بلکہ تمن جُزی یاتن اَندر یمہٕ سِتۍ یہِ خاکہٕ بنیوٗمُت چھُ۔ گاوِ ہنز صوٗرتھ تہٕ سیرتھ، بُڈٕ رمضان آہی سُند بیان، تسند ین نیچوین ہندی مکالمہٕ تہٕ آخرس گاوٕ ڈسِ رمضانس وارِتہٕ گرِڈہٕ ڈاس کرن۔ یمہِ خاکچ سارے کھوتہٕ بڈ خوٗبی چھیہٕ اَمِچ زبان محاورٕ بٔرِتہٕ تہٕ موزوٗن بُرتبہٕ ہندی پاٹھۍ پھرِکہِ وان تہٕ آہرِک پاٹھۍ دِوان۔

یتھ خاکس اَندر چھُ افسانوی عنصر تہِ۔ آخرس تانی چھُ پرِن وول مشتاق روزان زِ اَما یہِ

کُسنٛد بیان چھُہ؛ سو چھا کانہہ کوٚر کانہہ زنانہٕ کینہہ کوٚ سہٕ؟ آخرس چھُہ لکھارؠ اَسہٕ یہٕ ڈٲپِتھ زِ تہٕ ووٚٹھ کھیاوان زِ یہٕ مہسا آس میر ہنز گاو۔ خاکس چھُہ عنوان تہٕ صرف "میر ہنز" تھونہٕ آمُت یِتھ آخرس رازس گوڈے فاش گژھنہٕ تہٕ خاکہٕ کِس افسانوی خوٚصوٚصیتھ راوٕنہٕ۔

غلام نبی بابا




اکھ ووکُر بنیہ تیز گُرٕ گزہنی کیٹھ کال ہِش، رادٕ گژ جوراہ ڈایہ مَرِتہٕ ہونزٕ تہٕ گنج، اَنچی وال دَند، شیٖشہٕ کھوتہٕ پرٛیٖنی، زنگہ کنہٕ ناگرٕ ہی نٔلی جیہ، کھوٗڈھبو بدلہٕ گٹھاہ گٹھاہ گنڈِتھ، اَچھ کنہٕ مَس پیالہٕ، فنجانن سونبہٕ سونبہ سورمہٕ ٹاری، لوٗشہٕ وٗن سورہا پاہٕ زٕلجلالی لوگمُت، تسند پان شوٗبہٕ تِہنزٕ ن چلیٖشمن وَندِتھ۔ تہنزٕ اَچھ پھرنہٕ اوس نہٕ کینہہ تہٕ لگان ونُن، چلیٖشمہٕ پھرنک انداز بدل، گوڈٕ لرِپان تراوُن، وۄپرٕ دَپہٕ ہِن موٗیہِ ہا، مگر اَسہٕ لالس اَتھٕ گرِ اکھ وٕیدی، سُہ اوس نہٕ کانسہِ ونان زِ یہ کیتھٕ گنی جھیہ بازیوان، جان اوس کران، سو آس نامژرٕ کِس عالمس منز اگر کانہہ اَنزی مَنزی گِیو ونیٖین ہکہٕ وِتھ۔ یہ ماجرٕ ہنز گور أَس نہٕ کم پایہِ، وۄپرس نکھہٕ نہ گژھان، دلبس ہنِنس خبردار، خانہٕ ماجرٕ ہنا زیادٕ گومُت، لوکہٕ چارٕ ہِپیٹھے ژھوٹہٕ پیتھ ژھوٹہٕ پھرنس ہاٰل رٕوزمژ، گوڈٕ ہیٹھے اگر گنڈٕ روزِہے ہِہن روزِہِس، اَمیک وۄبال اِسہٕ لالس، یِمہٕ یہ مہج مرنہٕ ہیتہٕ بے گنڈ تھاو، غلطی ہُند اَحساس سپدُن ناگرٕ یتہٕ یہن، یِیلہٕ تِمہٕ محلہٕ والین تیز ژرانہٕ، رمضان آرِمس نیوٗن دستار

رمضان آرِمس دستار نِیٖن اوس اکھ عجیب واقہٕ، سُہ اوس ماٰدان منز تِماکی کاچھن راچھ آسان، نمتہٕ پانژِ نمتہٕ رمضان جو اکھ دند نہٕ آسس منز۔ یہوے بُٹھِہ ہیو آس، ژٕ سموٗ ستی قَہرٕ ژاپان، بنیہِ اندٕ ہرٕ رہ بیہ گنزٕ ران، اَمہِ دوہ آس تس تِماکی کاچھن راچھ کران کران ماٰدان منز نیٖندرٕ پیٖمژٕ مَستہٕ روٗستے وۄژِ تال تاپس نپہٕ نپہ کران، ژامنہِ موٗنجہٕ دَستار ہورکُن تہٕ نیہٕ وٗن کلہٕ لیو رکُن، ییٖلہِ سو اَپاری آیہِ یِیژاہ ہیٚنچن لِتہٕ موٗنڈا کرِنس، کرِوتھ پیتھ وٕنَن تہٕ کوٗرنس، کانہہ بناہ رٕوٗدُس نہٕ گُنہِ بندس ستی۔

پننہِ عادتہٕ موجب ییتہٕ زٔٹاہ پلواہ وُچھ ہے تہٕ تہِ پکہٕ ناوِ ہے۔ تمہِ کٔڈ کُنی ٹِکھ گرٕ تام، رمضان جووٕنؑ

ژوٕ نوٕ نیچوٕ پرِ دوری لیس پتہٕ۔ سوٗ ژایہ برونٹھ برونٹھ تہٕ یِم پتہٕ پتہٕ۔

ہے اِسہ لالا ئہ ہے اِسہٕ لالا، وُچھ آلو ماچھ کڈان، ہے اِسہٕ بُسا، لیحاظہٕ تہِ گوٗ ولپوٗزٕ ے مگر لوٗت

لیحاظہٕ کتہِ کروٕ ے اسی، اَمہِ کھوٚتہٕ کیاہ کرِ ہے، ماٗلِس تھوٚوٗن نہٕ کانٛہہ بناراہ کُنہِ بندٕس ستۍ۔ پُشہٕ نیوٗنس دستار۔ یہ

کوٚسہٕ بلاے نوٚو ر آوٕ تھن، اَمِیٚ محلہٕ کانٛہہ نوٚو۔ محلکی شُرۍ تھاوِن زخمی کٔرِتھ۔ وُچھ اَلہٕ گُذار ماچھِس گرٕ ژھان۔ یِنۍ

کنہٕ چلشمہ جوراہ کٔرِتھ۔ بُسہٕ دلگُل، اَنہٕ لٹہٕ نگرِ ستۍ بتھ نٔہ ناوِتھ۔

"دِلو ہاز ماٗفی، بہٕ چھُس سیٹھاہ شرمندٕ"

ماٗفی چھیہٕ تناژک اَند آسان مگر ژٕہم کیاہ مانہٕ ہاٗنس،

ماٗفی چانہٕ ترٕٹھ، کمینہٕ، ہنہٕ موٗنڈ جاہ نُستھاہ کٔرِتھ۔

ژٕ گوکھ ہمسایے، یِیلہِ یتھی ہمسایہٕ آسَن، تیلہِ کھوٚبتہٕ۔

اَدٕسہٕ ماٗلِنٛ ناماٗفی، تیلہِ کیاہ گژھہٕ کرُن ...... ہے زبان مہٕ کرِ کٔرِ، گٕژھِ سوٚ یہٕ خوش کرِ وِ تہٕ کٔرِو۔

بلایہِ آیہٕ یمِن بےحساب روٚپین یمہٕ نہٕ ماٗفی مانٛن۔

بٔڈِس باٗلِس رٕوٗد نہٕ کانٛہہ آب تاب تہٕ نرِ تھُران وٕنٛن اِسہٕ لالس:۔

"ہیو وٕسہٕ لوٗن، باٗنس کانہِ نرِ ہاوٕزِ ہٕ ژھتھر"

لاو لوٗد گیہِ ساٚوٕ اَہنٛدی لوکٕٹ باے کوٗر اِسہٕ لالس زار پارے۔

راتی راتِس اوٚس اِسہٕ لالس تیلان۔ سُہ اوٚس پانٛسے ستۍ ونان، یمِن چھا لوٗت نشہٕ۔

سبزۍ ٹھیکہٕ داری چھِم ہاوان، ہاکہٕ کنۍ تام کرِکھ کامنہٕ۔ یِمو ماٗنٛ نہٕ ماٗفی ۔ اَدٕسہٕ یادِ دِپٕرنہٕ ہاووٕ۔

صُبحس سُلہِ وٕتھتھ دِیت اِسہٕ لالن ہٕمس جلس ۔ سوٗ گیہِ نستہِ سیوٗدٕے دوان تہٕ دوران رمضان جونہٕ

وارِ منز۔ یہٕ شوٗبہٕ ہے تہٕ گوٗرنکھ۔ موٗنجہِ گوٗ گجہٕ نہٕ کُنہِ، ماجہِ نہٕ کساہ کُنہِ۔ ٹھلی سٕرنن لجس واٗو اوحد

اوس آب کھاران۔ باہرِ ستۍ آیس تولہٕ ژٕڈِچ رز زنگہِ ولنہٕ۔ چھیکرس تہٕ ژٕنکھ کو ٹمہٕ کٔرِتھ۔ ژٕنکھ نہٕ ژٕنکھ

تمہِ دِیت لَرِ پان دٲرِتھ ۔ زنگہٕ تچھِنَ تہٕ اَچھ پھِرنِ ۔ لِکھ گیہٕ جماہ ۔ ہیو کہو کہو، یِہ کمیٚو ؟ تلا دُور رۄزِو۔
جاے گیہٕ کُشادٕ گرٕتھان ۔ پاشاہ کٔرِتھ گُڈ تمہِ گرٕ دَو۔ ساری گیہٕ حٲران ۔ ہیو وُچھوا سانگ ۔ یِہ کٔہنزٕ،
یِہ کٔہنزٕ ۔ یِہ ہا چھے میر ہنزٕ گاو۔





# پۆت سام

۱۔ اکھ وُکُر ... ـــــــ یُس قودرتی وُکُر (ہوّل کوّل) آسہِ لتس پرٕنہٕ ہے نرم طبٲیتھ آسُن مگر عام پاٹھٕ چھُ سُہ ترٛ زکُر آسان۔ عام پاٹھٕ چھُ اَتھ کہاوٕژ یہِ مانہٕ زِ گاٹنس آسہِ خطاہ پیٹھٕ تھوِ اور چی لوٕر پیٹھٕ۔

۲۔ اِسہٕ لالس اَسی گرٕ اکھ ویڈی ـــــــ اِسہٕ لالس آس پتاہ زِ تسنٕز یہِ گاو چھیٚیہٕ ڈانبل۔ یہِ چھیٚیہٕ مورد لاگان یُتھ اُمس ٹاس لائِنس کانہہ بھرنہٕ تہٕ پتہٕ ژھلہٕ ژلان۔

۳۔ رمضان آرم ـــــــ یہِ چھُ گاوِ ہندِس مالکھ اِسہٕ لالس ہم سایہ۔

۴۔ اِسہٕ لُبا ـــــــ رمضان جُوٕنی نیچو چھ اِسہٕ لالس رِنٛزھ گُڈِ تھٕ آلو کران۔ یِتھے کنٕز چھس "لبُسہٕ دِگل" وَنِتھ تہٕ آلو کڈان۔

۵۔ مأنی چانہِ ترٛ ژھ ـــــــ رمضان جُوٕنی نیچو چھِ سُٕنٛ شرارتس منٛز اَوِ کنٕز چھ اِسہٕ لالنہٕ مأنی منگنہٕ پتہٕ تہٕ لتس ناس تراس وَنان۔

۶۔ صُبحس وُٕتھِتھ یلہِ اِسہٕ لالن ـــــــ "ہُمس" وَنِتھ چھُ لکھاٹرِ یہِ کیٚتھ کھٕٹی تھے تھاوان زِ یہِ کسُند اَتھ چھُ، کس پیٹھ چھُ رمضان جولیوت تیلیمومُت تہٕ کُمی دِرٛ اِسہٕ لالس تہٕ رمضان جُوس ژوٕپناوِتھ۔ آخرس پیٹھ چھُ، آخری جُملس اندر ینان زِ ذِکر چھُ دراصل گاوِ ہندِ لیوسہٕ رمضان جُوس دستار نوان چھیٚیہٕ تہٕ وونی یُس اِسہٕ لال رمضان جونٕن سبزی وارِ اندر یلہٕ تراوان چھُ۔

# سوال نامہ

١۔ یَمہِ خاکہٕ کِس عنوانس پیٹھ کٔرِو پنُن خیال ظاہِر۔

٢۔ خاکہٕ کیاہ گوو؟ یَمہِ خاکچہِ خوبیہِ لیکھِو تفصیلہٕ سان۔

٣۔ پنٕنِس پانس پیٹھ یا پانہٕ تجربہٕ کٔرِمتس واقس پیٹھ کٔرِو خاکہٕ لیکھنٕچ کوشِش۔

# سُہ اوس اَڑٕ پھوٚل پوش ـــ زان

"شُمرن" چھےٚ نثرٕچ اَکھ اہم صنف بنیٚمژ۔ اَتھ اندر چھُ کانٛسہ اہم شخصیتس مُتلق کانٛہہ اہم واقعہ نِنہٕ یِوان تہٕ پتہٕ سُہ بیان کرنٕہ تس شخصیہ سٕنٛز کردار نگٲری کرنہٕ یِوان۔ اَتھ اندر چھُ لِکھٲری پنُن کانٛہہ ذٲتی تجربہٕ دِوان اَوٕ موکھ چھِ اَتھ اندر بییک وقت زٕ نٛوٚ صوٗرژ وُوتلان۔ لِکھٲری سُنٛد پنُن روحجان، پنُن کِردار تہٕ شخصیت بییہ تس شخصیہ سُنٛد کِردار یتِھ شُمرن کرنہٕ آمُت آسہ۔ شُمرنک لفظی مانہٕ چھُ یاد۔ اَتھ چھُ تیٚلہٕ جاد پٲٹھ موٗل لگان ییٚلہٕ سُہ شخص اَدبی یا ثقافتی مٲدانس اندر کانٛہہ ناماور اِنسان رُود مُت آسہ۔ وۄنۍ گو بیٚتہٕ چھُ مُمکن زِ کانٛسہ غٲر اَدبی شخصیتس مُتلق پیہٕ لیکھنہٕ مگر لیکھن والی سُنٛد قلم آسہ اَدبی حُسن ہیٚتھ۔ شُمرنہٕ اندر چھُنہٕ عام پٲٹھۍ تس شخصیتس سیٚتھ سوال جواب کرنہٕ یِوان۔ اَدٕ کِنہ چھےٚ یہ اِنٹروِیوٗ نِشہٕ مختلف آسان۔ اَتھ اندر چھِ افسانکۍ جُز تہٕ موجوٗد آسان۔ یِتھہٕ آسہ کِرداری افسانہٕ وَنو۔ مگر یہ چھےٚ نہٕ افسانہٕ آسان۔ یہ ہیٚکہ کُنہ لِحاظہ اِسِے ہیٚس تہٕ نکھ آسِتھ۔

سوم ناتھ بھٹ آسہ کشیرِ ہِنٛزِ کلچرل تحریکِ اَکھ اہم رُکُن۔ ییٚمن دوہن قبٲلی حملس مُقابلہٕ کرنہٕ خٲطرٕ ییٚتہٕ لُکن ہُنٛد قومی شعور بیدار کرنُک ضروٗرت اوس باقیو اَدیبو ڈرامانٛکۍ تہٕ مُصورو کھوتہٕ کرِ سوم ناتھ بھٹن جادٕ کٲم۔ کلچرل فرنٹ بدلیوٚ کلچرل کانگرس تہٕ کانفرنس بنیوٚ۔ مگر نظریٲتی لِحاظہٕ رُودۍ اَتھکۍ کارکُن اِشتراکیتس لٲرِتھ۔ پتہٕ گیہ یہ تحریک دارٕ دارٕ ختم۔ مگر سٲنۍ اَزکۍ بہلہ پایہ ادیب تہٕ فن کار دِتۍ امۍ تحریکہ۔ تحریک پھُٹنس سیٚتۍ زن روو بھٹ

یێمیُک شدید اِحساس ییٚنہٕ کێن خاصکرٕ مُصَوِر دأیرٕن سپُد۔ اَمِس اوس اَکھ دوران شرابہٕ زاُمت تہٕ اُمی سٕتۍ تخلیقی قوت وٕلہٕ اُسِن سَوہ تیتھٕ ہێیِتھ آمٕژ۔ مَرنہٕ بروٚنٹھ کیٚہہ کال کوٚرٕ اُمی بێیہ اَکھ یلغار ہیوٚ تہٕ تصویرٕ بَناوِتھ دِژِن نُمائِش۔ بَس زن تہٕ یہو ے اَرمان اوسُس۔ سُہ ڈرامس تہٕ وَچھُن اُچھ۔ اُتھی حادسٕ تَس بێیہٕ چھێنہ پہ سٕمرن لیکھنہٕ آمٕژ۔ لِکھاری چھُ پانہٕ تہٕ مُصَوِر ییٚہ دوے تَس اَزکل جادٕ مکھہ ڈرامہ پروڈیوسر تہٕ ہدایت کار پأٹھی زانَن۔

پران کشور

# سُہ اوس اَڈ پھوٗل پوش

ییٚلہٕ ریڈیو پیٹھہٕ یہِ دِلدوز خبر نشر سپٕز زِ مشہوٗر فنکار سومناتھ بٹ سپُد فوت۔ مےٚ
سپٕز دِلس دُبراے اَکس لحظس بنْد۔ تہٕ ییٚلہٕ مےٚ اَمہِ خبرِ ہٕنٛزِ حقیقتُک ہُنٛد احساس سپُد میانِس
ذیٚہنس منٛز ووتھ ٹیلیویژن ہیوٗ مَس، دِہہِ ہٕنٛزِ نادِرہٕ سفید گوٗنٛزِ تہٕ اَتھ اُنہارس ستیٚ زٕلہٕ وٕنِس
چھٔتس بُتھِس پیٹھہٕ زن تہٕ شیٖنہٕ دوہہِ مَس منٛز تابہِ رٕٹِھن ہٕنٛد وُشُن وُشُن اُسُن، تہٕ کٔنِن گٔیم تِمہٕ
ہٕنٛز سوہ میٹھہٕ تہٕ اَسہٕ وِنیٚ آواز، زَن تہٕ وَنان اوس: "اَدٕ ساٖئہ تہٕ بہِ ہوٚتو ہی ییٚہ دٕراس۔" مےٚ پیٚیہ
ژٕ ہتَس تمِہ ہٕنٛز ترٕتے وٕری ییٚرٕ ہٕنٛزِ نُمائیش یوسہٕ ٹوٗرسٹ سَنٛٹرٕ سپٕز۔ یہِ نُمائیش شوٗر وُسپد بِنہٕ تِرٕوہ
قریب پنٛداہ دوہ آو سہ ریڈیو سٹیشن تہٕ عانکہٕ پیٹھہٕ مخصوٗص انداز وٕچھہِ وُن، رِوٹنس نالہٕ مَتہٕ
تہٕ دوٚپُن "مےٚ ہا ترٕ دوٗے چُھوٚن"۔ مےٚ آو اَسُن بیکیاز وار یاہہ پھیراوس تمِہ اَمتیک دا اکوٗر مُت۔
غالبَن ژیٚیترٕ اَمی زِ مےٚ آیہ نہٕ پٔرٕ تہٕ لوٗگ وَننہِ زَن تہٕ مےٚ تہٕ "بلِہ یہِ پانس کُن"۔ کانٛسہِ نا
بےٚ فادر پٔرٕ ہُے یوان۔" مےٚ اُس تہٕ گوڈ پانَس پٔرٕ زِ یہِ گیاہ ہیٚکہ یہِ کٔرِتھ۔ مگر بھٹُن ہا ہیوٗتے
نوٚوٗ زُلم۔ مےٚ ہا دوتےٚ ریتھ صِرف پینٹنگ، کٔران تہٕ فلانٛی تاریخہٕ چھیے مےٚ ایگزِبشن۔ صادق صاٗب
ہا کٔرٕ افتتاح"۔ مےٚ آیہ نہٕ توتہٕ پٔرٕ۔ مگر ییٚلہٕ سومناتھ زٕتشی یُن پم تیمَن دوہہِ مَن صادق
صاٗبنٛز ڈپٹی سیکریٹری اَسی، ووٗن مےٚ زِ یہِ چھےٚ حقیقت۔ مےٚ تہٕ وِوٗتھ پَنہٕ نَین کلچرل فرنٛٹہٕ کِن

باقے دوستن ہندی پاٹھو دِلہٕ پیٚچھٕ اَکھ پورا۔ سعہٕ خٲلِص کیٚہ ہنا کم پیوسہٕ اَکس عظیم فن کارس
منٛز وٕنی گژھن لگنس پیٚچھٕ گَنےٚ ہزٲس۔ اَمہِ پتہٕ اوس اَکہٕ دوہہٕ بٔیِہ بھٹ اَمہِ نِش
ریڈیو سٹیشن پیوان نوٚ ناو بوٚ نام نمٲیِشہِ ہِند اِفتتاح سپد۔ ئُسے سومناتھ بھٹ، یُس
اَمہِ دیو داوس ۱۹۴۸ء پیٚچھٕ۔ ئُسے فن کاریُس کانٛہہ نوٚیر وُچھِتھ شُری ہِندی پاٹھو دوہہٕ
نُلان اوس۔ اَکی ہیٚے اوس وَنان فلٲنی دوہہٕ چھُہ میون اِگزِبِشن ضرور یِزِ، چُھنا؟
یہ اوس تمُہ سُندِ لول، تمِی سُند خوٚلوٚص، تمُہ سُند صاف تہٕ شوٚد دِل زِ نمٲیِش وُچھنہِ اَسہِ تمُہ
ہِندی سٲری پرٲنی یاردوس، ساتھی فن کار، اَدیب تہٕ پرٲنِس سومناتھ بھٹُس زانن وٲلی
دانشور آمِتہٕ۔ یہٕ کوس نمٲیِشہِ کالہٕ ٹوٗرسٹ سنٹر تمُہ پیٚٹھ۔ پینٹنگ وُچھنہٕ تہٕ بھٹ وُچھُم پرٛتھ
کانٛہہ چیز منٛز اَوِتھ تصویرَن ترتیب دِنس منٛز مست۔ مےٚ سیٚتہِ اَسہِ پُشکر بھان، اَسہِ
رُودی وار یاہس کالس اَمِس فن کارس سُند یہ نوٚو زَنم وُچھان۔ تصویرَن ہُند میار کیُتھ اوس
یہ وَنُن چھُ مُشکِل۔ مگر اَکھ تاثر اوس ژھٕوا یا سے گرا یہٕ ماران۔ پھولہٕ وِنن، اَسہِ وِنن تہٕ
ووہسہِ آمتین رنگن ہِند اَکھ رقص۔ بھٹ اوس مےٚ، سے رنگن ہِند جادوٗگر۔ مگر یہِ شدید
ایحساس اوس سپدان زِ رنگن ہِند یہ جادوگر چھُ زٕنتہٕ روٗد گومُت۔ مےٚ باسیوو زٕنتہٕ فن کار
بھٹ چھُ سداہ وِہر نیٚبند رُوٗ کھمُت اَچھن موژن دِوان۔ کاشِہ کوٚرنہٕ یمَن تصویرَن پیٚچھ
بحث شوٚروٗ۔ تکیا زِ یِہ ہتھ اَکس اَس تہٕ ایٚزری پاٹھو پژھ پیوان زِ فن کار بھٹ چھُ بٔیِہ بُرُش
تُلنس لایق گومُت۔ یِم تصویر وُچھتھ اوس ییٚمہِ کیتھہ ہِند زبردس ایحساس گژھان زِ سومناتھ
بھٹ چھُ رِپ وان وِنکل ہِندی پاٹھو بیدار گژھتھ اَڈ لوٗک پرکرِتھ تیتھ سیٚتہِ وہ تمنیٚچ کوشش
کران۔ ییٚمہِ کنہِ وار یاہن تصویرَن منٛز سہٕ روودمُت اوس۔ مگر تہٕ کرِتھ تہٕ اوس فنکار بھٹ، رنگن
ہُند سہٕ بادشاہ جلوہ گر تہٕ سٲری اَسہِ یمَن رنگن منٛز زٕنتہٕ راوی ہتھ۔ مگر یہ کُس اَس خبر زِ یہ

آسہ تَشند" راز ہٕ ہوتھ نغمہ" رقصِ بسمل۔ یہ تقریب بییہِ ختم تہٕ شہ لوٗگ نیمَن دوستَن اڈک اوک
اَنوار وَنتہٕ، ییم اتہ بیچھ کٔن رؤدی ہیتھ اُسی" سأرے ہسأ وسکی بییکی بند" زَنیتہٕ شہ پأنی پانس
سیٖتی جنگ اوس کران۔ زن تہٕ تس پانس تہٕ پرٛژھ اُس نہٕ یوان زِ شہ کیاہ ہییکہ شرابہٕ تراأوِتھ۔
اَمہ پتہٕ کیٖنژ کالی گوٚو شہ جوٗم تہٕ اَسہِ وأتھ شیٖچھ زِ تور وأتتھ ہیٚوکتہٕ شہ پانس لاکم کرٛتھ تہٕ یُس
شرابہٕ نیٚتھ ۱۹۵۳ ہس منز چیوٚن اوس ہیٚوتمُت۔ تمیٚ شرابہٕ اوس تس ووہ تی دوہ تہٕ راتھ چیوٚن
ژِ ہیہ پتہٕ یٖہ ژھان۔ بھٹیٖنہ یہ حالتھ وُچھِتھ اوس مےٚ خبر کیاہ زِ اَکھ سیٹھاہ بے پرژلوٗن مُصوٚر
اوترِی لو( UTRELOO ) یاد پیوان۔ اُمِس فن کارِس منز ماج اُس اَکھ ماڈل۔ اوترِی لو
اوس لوکٕٹ۔ ماڈلہٕ سٕنز زِندگی چھےٚ سیٹھاہ کرٛیٖچھ۔ اَمہ سٕنز ماج اُس گنٛٹہٕ وادَن پیٚنٛ یہ لُرٛکہ تراأوِتھ
مُصوٚرَن ژرو نہہ کنہٕ شرم وحیا بالائے طاق تھوٚوِتھ، بیٖہتھ روزان۔ یہ لُرٛکہ اوس اَتھ عجیب
دُنیہِ ہس منز روومُت تہٕ تمی ہیٚوت شرابس کُن رُجحو کرُن۔ تہٕ وَقتاہ وۄت زِ شہ بنیوو پانے اکھ
شراب خانہٕ ژوٚو ہمہ گنٛٹَن اوس شرابس منز مست آسان۔ یہ ماڈل، اَخر ماج۔ تمہ بییلہ اَمہ سٕنز
یہ حالتھ وُچھ سعہ پھیر ڈاکٹرَن زِ اَمہ سٕند یہ نیٚچو گوٚو ژھ اَمہ بیمار نِشہ آزاد کرِتھن۔ اَخر دیٖت
اَکی ڈاکٹرَن اُمِس مشوٗرٕ، زِ مُصوٚری چھےٚ اَکھ تیٖتھ کار، ییٚتھ کُن اِنسان ہرگاہ لگیہ تس گرٛژھ پیٚنٛ
پان تام مشغول تہٕ ہرگاہ یہ لُرٛکہ اوترِی لو اَتھ کارس کُن لگاوِنہٕ ییہ، سیٹھاہ مُمکن چھُ اُمِس
مَشہ شراب۔ چناچہ اَمہ سٕنز ماجہ کوٚر یہ وارٕ وارٕ اَتھ فنس کُن راغب۔ پکچر پوسٹ کارڈ دِتی نس
اَنتھ تہٕ دوٚپنس ییمَن نقل کرُن۔ گوڈٕ سٕپُد نہٕ اوترِی لو اور کُن مائل۔ مگر پتھے رٕژھ ہنا اُمِس
اور کُن مأل پھیوٚر، تس موٚکلیوٚ شرابہٕ۔ شہ سپنیوو تیوٗتاہ اَتھ فنَس منز زِ تمی دیٖت فنِ مُصوٚری
اَکھ نوٚو مُقام۔

مُصوٚری ہٕلبرود اوترِی لو شرابہٕ کِہ ژٕٹہٕ وِنہٕ تہٕ اَڈی جَن سَمہِ وِنہٕ اشر تہٕ تمی کوٚر اَکھ سیٹھے

تھوٚد مقام حاصِل۔ یِی زانٛنہٕ چھُ لیوٚ ہے عجیب ہیوٚ باسان زِ مُصَوِر آسنہٕ باوٚجوٗد کیا ژوپ سومناتھ بھٹ شرابَن مُصَوِری چھِنےٚ دود ئلراوان۔ یہ ژانہٕ ہے نہٕ تَس زانٛہہ تہٕ سُہ رُوٗگ بیٚیمہٕ آخر سٕہ مور۔ یِتھ کُس دود اوس تَس، یَیمہٕ کِنہٕ تٕمی پننہٕ دگ لوٗتراونہٕ خاطرٕ شراب نالہٕ مَتہٕ روٗٹ۔ یہ بوزنہٕ تٕمی زانٛہہ تہٕ کانٛسہ۔ مگر کُس تام دود اوس تَس، کُس تام زَخمہٕ زُر اوس یُس زَن تَس اَندری کوٗران اوس۔ فن کار چھُ حَد کھعہٕ تہٕ زیادٕ حسّاس آسان۔ یوٚت جان فن کار سُہ آسہِ تیٚتھ چھُ تٕمی سٕنْدِ حَد باتھ اَتھ آسان تہٕ تَس ہر گاہ ییتھاے گراے لگہِ دِلَس تَس چھُ پنُن میزان ڈلان۔ یِی آسہِ تَس تہٕ سپُد مُت۔ مگر یہ دود بھٹَس اوس تمِیٚک سرہیتھ ژوٗل سُہ ژھل کرِتھ۔ اَتھ منٛز تہٕ چھےٚ تیٚتھٕ عَظمتھ نَنِنْد بجر۔

کیشرُ وٚوٚن تَیشِہ یس مُرتَس پیٚتھ زِ فن کار بھٹ ہَسا اوس کےٚ حال مۄدمُت ہیٚے ۱۹۵۳ منٛز کیشرُ وٚوٚن تٕمۍ ہسا مور پنُن پان پانے۔ یہ ہسا گیہِ خود کشی کرِنی۔ مگر شاید نہٕ اوس فن کار بھٹ مۄد مُت تہٕ نہ کرِ تٕمۍ خود کشی، بلکہ فن کار بھٹ اوس ظاہری بھٹَس سیٚتۍ بیٚتھِن وُرِی ین جنگ کرٛان۔ تہٕ آخرس ہارِتھ ترٛو فن کار بھٹَن یہ میٚیتہٕ موٗر۔ سُہ نے اَکھ بوٚڈ فن کار آسہِ ہے اَز کیا زِ سپدِ ہے یوٚت ذِکرٕ نَشِنْد۔ سُہ اَے وَننہٕ کِنہٕ ۱۹۵۳ء ہیٚسے منٛز۔ بجٛتِہ یِیتہٕ اَکھ فن کار مۄد مُت اوس۔

سومناتھ بھٹ اوس اَوٚ کِنہٕ کشمیرِ ہنٛزِ کلچرل تحریکہِ ہُنْد اَکھ اہم بھتوٗنگ۔ اَنکیا زِ تٕمۍ ترٛاوٕ یِیٚنہِ جدید فنِ مُصَوِری ہنٛزِ بُنیاد۔ تیتھ سیٚتۍ آیہ تٕمۍ سٕنْدِ یس اَثر کَس دٕ بَرَس منٛز۔ تِم وار باہ یِہُنْد ناو ہیٚنہٕ سیٚتۍ سانٛی شانہٕ وُنی کین وۄ گتان چھِہ، تِم آسۍ تٕمۍ وِزِ کھعہٕ کھج گران تہٕ سومناتھ بھٹُن ناو اوس مُلکہٕ کین باقے حِصَن تام تہٕ وۄتمُت۔ مگر تہٕ کرِتھ اوسنہٕ تَس کانٛہہ نخوت نہٕ سُہ اوس یِتھ تَس نوجوان فنکارَس نالہٕ مَتہٕ رٹان یَس منٛز تَس موموٗلی زِ تام بوزنہٕ یِیِیہٕ ہے۔ یِہوے آسہِ ہے ۱۹۵۱ء یِیٚلہِ تٕمۍ گوڈٕ نِچ نُمائش بمبیہ دِژ۔ تٕمہِ وِزِ لیوٚکھ مُصَوِری ہِنْدۍ اَکۍ مشہور نقادَن زِ "اَز ہیو ہِنْدُستانُ

مُصوٗری ہٕنٛدِس آکاشس پیٹھ اَکھ نوٚو تارُکھ ژھٔنِنہٕ۔" یہٕ چھُس نہٕ یہٕ اوٚد موٚکھ لیکھان زِ اَمہِ رَسنتو
بیٚہہٕ ہاہے اَسہِ وارِ زِ بھٹس اندر ژٕس اَکھ سیٹھا بوٚڈ فن کار بنیٚنچ صلاحیت۔ تیکیاز عام طور چھِنہٕ
اَسہِ کاشرِ بیٚنس کأنسہ پیٹھ توٚتام ایمان اَنان یوٚتام نہٕ نیبرٕکیو کانٛہہ تسُنٛد تأریف کرِ۔ مگر یہِ چھُس
بٕ فنِ مُصوٚری لول بَرن والین بیٚنین دوستن ہُنٛد دوکھ باوُن خأطرٕ لیکھان، تیکیاز گولاب ٹوٚٹھ
اوس بیٚحد چمنس لاجواب ژرامُت، نہٕ سأری اَسہِ پٲران وُچھنس زِ بھوٚو لبتھ کیثھ آسہِ اَمہِ گولاب کُ
اَنہار۔ مگر زانہٕ قہوٕ درِتھ کوٚسہٕ تاپہٕ ژٔنٛڈ آیہِ زِ یہِ اَڈ پھوٚل ٹوٚٹھ گو بَرِ۔ یہوے گولاب ٹوٚٹھ اوس
سوٚمناتھ بھٹ۔ ہرگاہ مانوٚ تہٕ زِ فن کار بھٹ اوس موٚدُمُت مگر توٚتہٕ ہیٚکو نہٕ اَسہِ مُصوٚری
ہٕنٛدِس مأدانس منٛز تٔمۍ سُنٛد بٔرژر مُشراوِتھ۔ فن چھُ اَکھ سیٹھا ہے اَنیکھ سوٚدُر۔ تہٕ پٔرتھ کانٛہہ
فن کار چاہے سُہ بوٚڈ چھُ یا لوٚکُٹ، چھُ اَتھ سوٚدرس پھیٚیرِ پھیٚیرِ بٔرژر کران۔ یہِ وَنُن چھُ ویسے
مُشکِل خاص کٔرِتھ مُصوٚری ہٕنٛدِس مأدانس منٛز زِ کُس چھُ بوٚڈ تہٕ کُس چھُ لوٚکُٹ۔ مُناسِب
مُقام دِنہٕ فنکارس وَق۔ یہِ نہٕ ہیٚکو نہٕ وٕنتھ زِ یِمہٕ تٔہنٛدِ مُصوٚری ہٕنٛدِس مأدانس منٛز چلان
چھِتے یا چلان آیہِ تِمَن آسیا بقایے دوام کیٚنہہ نہٕ۔ سوٚمناتھ بھٹُن مُصوٚری کیاہ مقام آسہِ
ساٗنہِ مُصوٚری منٛز تہٕ کرِ وَقتے فأصلہٕ مگر یتھیٚچہ کلچرل تحریکہٕ منٛز یُس موٚلُل بٔرژر تٔمۍ کوٚر سُہ
ہیٚکہ نہٕ کانٛہہ تہٕ مُشراوِتھ۔

# پۄت سام

۱۔ نُمائش — مُصوٚری ہُنرٕ نُمائش، یتھ منٛز سومناتھ بھٹن پنٕنہِ تصویرِ تھوٚوِمتہٕ آسہٕ۔

۲۔ سومناتھ زتشی — کاشُر ڈراما نوٚیس تہٕ افسانہٕ نِگار۔ بھٹ صابُن دوس۔

۳۔ کلچرل فرنٹ — ۱۹۴۷ہس منٛز بناونہٕ آمٕژ اداریُس اَدبی علاوٕ باقٕے کلچرل سرگرمیہٕ تہٕ کرناوان اوس۔ ادیب، مُصوٚرن ناٹک کرن ہُنرٕ اٚژ پُے چھےٚ تقریبن سارے اَمی فرنٹک پٲداوار۔

۴۔ رِپ وان وِنکل — امریکی افسانہٕ نِگار واشنگٹن اِروِنگ ہِنٛدِ افسانُک کردار یُس وُہن وٕرِ ہِن کھہ پھِرِ اندرٕ شونگِتھ تمہِ وِزِ ہُشار گژھان چھُ تہٕ دُنیا بدلیوٚمٕژ چھانٛ چھُ۔

۵۔ اُوٹری لو UTRELOO — مشہوٗر مُصوٚر۔ سُہ چھُ مُصوٚری بہٕ شرابہٕ نشہٕ مگر بھٹ ژوپ شرابن۔ شاید گےٚ اَوے اُمِس مُصوٚری اَتھہٕ۔ وار یاہس کالس ہنٛدِ وِنہٕ تمی کٔہیں۔

۶۔ مگر کُس تانی دود اوس تس — بھٹ اوس غریب پوٚت منظرس منٛز وٕنہٕ تلیوٚمُت بیتھہٕ تہٕ کانٛہہ حل تس ڈرٕنیٚھان اوس۔ شراب چوٚن اوس تس وقتی قرار۔

## سوال نامہ

۱۔ "سمرٕن" کیاہ گیہٕ۔ یہٕ مضمون کیتھہٕ کٕنہٕ ہیکون اَسی سمرٕن گنٛزراوِتھ؟

۲۔ ییٚمہِ سمرنہٕ بیٹھہِ چھُ سوٚم ناتھ بھٹُن اکھ تصویر وۄتلان۔ تسنٛدِس روٗلس رٕوٲیس تہٕ مزاجس متلق کیا چھُ اَسہِ نِشان؟

۳۔ پران کشور چھُ مُلہِ تلہٕ ناٹک گوٚر۔ ییٚمہِ سمرنہٕ ہنٛدِ واقعہٕ تصویر کٕتی کران کران چھا یہنٛز ناٹک گٔری یہٕ ہنٛز کانٛہہ خصوصیت وٕنہٕ تلیمُت چھُ؟

# اَکھ صاب تہٕ بیاکھ صاب ــ زان

بےٚ شوٗعوٗری تہٕ لاعلمی کنہِ چھہ ساںہٕ مُلکُک لوٗکھ پَتھ مِیوٗ تہٕ ہوٗ تجبہوٗ وٗرہ یوٗ ہیچھہ واریاہ زنگہ

دوہ کھٹلان۔ آزادی، بولنچ، اختلاف ظاہِر کرنچ آزادی چھےٚ پرٛتھ کانٛسہ ہیچ مگر یوٗتانی تہٕ

لوٗکھ بیدار گژھن توٗتانی تمن یِم حوٗقوٗق آسنہٕ تہٕ آسنہٕ چھےٚ ہِشی کنٛھاہ. تیٚتھیٚ لاعلمی ہُند فائیدٕ تُل

اَکہِ مخصوٗص جماعژ یوٗسہٕ دُپن دلاٰزی تہٕ دغل دوٗزی کنہِ باروٗسوٗخ تہٕ طاقت وَربنےیہ۔ اَمی جماعژ

منٛز درٛا یہِ ساٰنؠ بیشتر سیاسی رٕہبر، سماجی نیتا تہٕ مذہبی اِمام یِموٗ لکن خوٗن چٕنہٕ چھِ نوٗ نوٗ وَتہٕ کڈِ.

یِموٗ زوٗن زِ بے انتہا آزادی تہٕ بےٚ انتہا بےخبری ہیٚنٛدِس اَتھ تضادس ہیٚکہ فائیدٕ تُلنہٕ یِتھہ. اَمہٕ فائیدٕچ

گوٗڈنیچ وَتھ باسے یِہٕ یِمن زِ سیاستس کرٛو قبضہٕ. لوٗکھ روٗدی قوٗنوٗنی آزادی تہٕ پننہٕ بےٚ سوٗنچہِ کِس

دُنٛیمِس اندر پریشان تہٕ سیاسی جماعژ نیوٗ فائیدٕ تُلتھ. فائدٕ تُلنٕ چھُ یُہُنٛد اَکھ اوٗصوٗل تہٕ اَمہٕ خاطر

چھےٚ کانٛہہ تہٕ وَتھ جاٸز.

یِتھہ اَفسانس منٛز چھُ اَکہِ طرفہٕ اَمہٕ جماعژ ہُنٛد اوٗندروٗنی جابرہٕ ہیٚنہٕ آمُت تہٕ اَمہٕ کِسن جماعژ

کرٛدارس وِہژھنےٚ کرنہٕ آمُت. بیٚیہِ طرفہٕ تمن لُکن ہِنٛد جہالتُک اَکھ نظارٕ پیش کرنہٕ آمُت یِم اَمہٕ جماعژ

ہِنٛزِ سیاسی کھیلہِ منٛز بال تہٕ بیٚنٛد لُٹھٕ رٕکھ تہٕ لوٗٹھ ہوٗی گِنٛدرن تماشہٕ بنان چھِ۔ اَکھ صاب تہٕ بیاکھ

صاب چھِ پننہٕ نَس پوٗس خبردار. جان کھوان چَوان پننہٕ نین شرٛہٕ بن جان وَتہٕ لاگان تمن مُستقبل

گاشدار بناوان۔ اَکھ چھُ پاپ چَوان تہٕ بیٚیس چھےٚ کوٗر مُصوٗری ہوٗی شوٗغلُ کرٛان یِم عام لُکن

نصیب چھِنہٕ۔ یِم چھِ سیاسی جلوٗسہٕ جلسہ کرنہٕ خاطرٕ تمن منٛز اَکھ اَکس زِنٛدٕ باد موٗردٕ باد کرناوٕنہٕ،

استقبال تہٕ مُخالفت کرناوِنہٕ خاطرٕ اکھ اَکس سۭتۍ مشورٕ کران، اَکھ اَکس سۭتۍ پانٛژَسک لین دین کران۔ غرضمند اجنٹ چھہِ یمن نِش پانے یوان۔ ہارِ توان تہٕ یِمہٕ پٲنٛز سیاسی شخصیتھ برقرار تھاوان۔ تِم چھہِ جمہوری سماجس دٕروت دِنہٕ وٲلۍ تمہِ سے اجنٹ بیٚتھۍ انگریزن ہُنٛد کو متس مٔژ۔ ہندوستٲنی راے بہادُر تہٕ خان بہادُر، جاگیردار تہٕ نواب اٲسۍ۔

مُختصر آسُن چھُ افسانہٕ خاطرٕ لازمی مگر تتھ اندر تہٕ کیتھ کٔنہ ہیکہٕ اکھ بوڈ سوٗدُر وٕچھتھ تہٕ چھُ ہری کرشن کولُن یہِ افسانہٕ ہاوِتھ دِوان۔ اَتھ اندر چھِنہٕ کردارن ناو تہٕ کیازِ یِم چھہِ زمانن تہٕ جمٲژن ہُندۍ نُمایندٕ۔ افسانکۍ سٲری واقعہ چھہِ اَکہ ڈراما ہکۍ پاٹھۍ اَکی سے کمرس مٔژ۔ یا تہٕ سیدان یا تہٕ چھُ تِہُندعکس اَتھ بیٚہِتھ بوان۔ مُختصر مکالمو ذٔریعہٕ تہٕ واقعہ نگٲری ذٔریعہٕ چھُ افسانہٕ واریاہ کیٚنٛہ وَنان تہٕ سانہٕ زندگی بیٚہِتھ اکھ زبردس طنز کران۔

ہری کرشن کول

# اکھ صآب تہٕ بیاکھ صآب

چاے واتر۔ اکھ صآب لوگ چاے بناونہٕ تہٕ بناوان بناوان ووتھ سہ بینیس صآبس کُن۔

ژٕ حض چھکھ رجعت پسند، فرقہ پرس تہٕ فرسوٗدٕ ذہنک مالک۔ ژٕ حض چھکھ یژھان قومس گژُن۔

ژٕ حض چھکھ لوٗکن وَتہٕ ڈالان۔ اشتعال انگیز تقریر کرِتھ ملکس منٛز فساد تُلان۔ تاکہ ملک گوژھنہٕ ترقی ہنٛزِ وَتہٕ پیٹھ برونٛہہ کُن پکُن۔ مگر شُکر زِ لوٗکھ چھِ ہوشمند۔ تم چھِ تہنٛز چال ٹھیک پاٹھی زانان۔ ممکن چھُ کینٛہہ سیدی سادٕ لوٗکھ آسن وُنہٕ تہٕ تہنٛزَن میچھَن میچھَن کتھَن منٛز یِوان۔ مگر انشاءاللہ اسی کرو ژٕ توٗہی تمن برونٛہہ کُنہٕ تہٕ نَنگہٕ۔

کھنڈ کُتۍ چمچہ چھوٕ ہیوان۔

"اکھ چمچہ"

"یہ کرٕ پیٹھٕ چھوٕ کھنڈ کم کوٗرمُت؟"

"ہا۔ اَتھ حض گوٗ ڈری زیادے۔" بیاکھ صآب ووتھس۔

"ڈاکٹرن حض چھُم وونمُت کھنڈ کم استیمال کرُن۔ اکہِ دَقہٕ ژوٗٹ کھینہٕ تہٕ ہفتس منٛز اکہِ دہہ بلکل فاقہٕ دِیُن۔"

"کیاہ کینژہ فرق؟"

"کنہِ کور حَض۔ تۄہہِ چُھنا باسان پرٕ سہٕ کھوتہٕ میٚیہِ واریاہ پھوکھ وۄنٔہ ہمت؟"

"آہن حَض۔ واریاہ فرق ہے چھ گومُت۔"

دۄشوٕے صاٮ۪بو موکلاو ژھوپہٕ کرِتھ چاے۔ چاے چیٚتھ زول صاٮ۪بن سگریٹ تہٕ وۄتھ گوڈنکس

صاٮ۪بس کُن۔

"ژٕ حَض چھکھ اکھ ظالِم ڈکٹیٹر۔ ہٹلرس۔ مسولونی ہَس یا سٹالنَس اوس ناوہے اوت۔ یُس کانہہ

تۄہہِ خلاف کینژہ وَنان چھ سُہ حَض چھو ون قاد کران۔ کُنٛدِ چھو اکھ کران۔ تتی ادلو چھو اکھ آپراوان۔

باقے گیہِ تۄہیہِ ترقی۔ کوٚسہ حَض ترقی سپد ییہِ چآلِس دٔرس منٛز؟ عواٚمچ حالت گیہِ بدتر۔ تۄہی تہٕ تہنٛدی

حوالی موالی چھہِ غریب لُکن ہنٛد خون چیوان ییٚتہٕ رُدی نہٕ کم کم سکندر۔ اَدٕ رۄزی دٕ تۄہی! انشاء اللہ

اُسی کرو تۄہی جلدٕے ختم۔ یہ ڈٔنی تۄ بے بی ہنٛد پینٹنگ ہنٛد شوق غل کوٚت ووت؟"

بناوان حَض چھ کیاہ تمام رِکھہ پینٛزی۔ دپان چھہِ یہ گو ماڈرن آرٹ۔ بُجو دامیہٕ اگر کینژہ تران فِکری۔

"ماڈرن آرٹ ڈٔلی تۄس یا جدیدیت۔ یہ چھوو دٔنی ادبس منٛز تہٕ ژامرٕ۔ نخَض تران نظم فکرِ نہٕ افسانہ۔

نہٕ آسان کُنہِ ہوٚٹ تہٕ نہٕ آسان کُنہِ لوٚٹ۔"

"تِکر چھُ ژٕ سیاستَس منٛز آیہٕ نہٕ یہ جیٚنہ پٮ۪تھ۔ تیلہِ کتہٕ آسہٕ ہے اَسہٕ اکھ اکی سٕندنو کنے نظر فکری

تران۔"

دۄشوٕے ترٕ دواَسن کھنگالہٕ۔ اَمی ساتہٕ ژاو اکھ نفر تہٕ گوٚ گوڈنکس صاٮ۪بس وۄنُن کیاہ تمام کنس تل۔

سُہ وۄتھ بییس صاٮ۪بس کُن۔

"اَدٕ حَض اُنٛدرٕ چھی وَنان۔ یِنہٕ کوٚج کھینے نیرِکھ۔"

"ہا نخَض۔ ئہ نخَض ہیکہٕ نہٕ کھیتھ۔ میانہِ طرفہٕ منٛگیو کھ حَض مانی۔"

"تٲنی کتھ حض چھےٚ منگٕنۍ۔ کُہ حض بتہٕ۔ خود دادِن نجات اَسہِ چھا پانہ وٲنۍ کانٛہہ ذٲتی عناد؟ یہٕ چھ اُصوٗلن ہنٛز لڑٲے۔"

"بِلکُل سہی فرمووِتوٚہ۔ سٲنۍ لڑٲے چھ اُصوٗلن ہنٛز لڑٲے۔ تہٕ یہ حض گوس اُصوٗلو خاطرٕ زُو تام دِنہٕ وول۔ لیکن حض چھ یہِ پتاہ تہٕ اَوے چھ تم میٚہ پیٹھ مَران۔ میٚہ حض چھ قسم کوٚرمُت زِ یہٕ مِٹاوِ تِہنٛز فرعونیت ـــــ یا تے گوٚ توٚہ ہِہ ستی چھ اَسہِ ذٲتی تعلقات۔ تم روزَن ہمیشہ۔"

"مَنَن دِژوٚو امتحان؟"

اَہن حض دِتیمُت چھُن۔"

"پرچہ کیتھ چھن کٔرۍ متی۔"

ویان حض ادس جانے چھن کٔرۍ متی۔ وو لہ حض جلدے نٔنہٕ۔"

"بردٕنٛٹھ کُن کیاہ چھس خیال کرنس؟"

"یہٕ حض بنیس۔"

"تحض توٚہی ڈیلو۔ اگر ڈلوٕ تہٕ ولایت سوزون بردٕنٛٹھ کُن پرنہٕ۔ یانٛتی دِموس کانٛہہ جان پیٚن نوکری۔

اختلاف چھُ توہہٕ تہٕ میٚہ بجو کیاہ کوٚر؟ مٕنہٕ چھنا میون بچہ؟"

"اَہن حض بہٕ چھُسہٕ اکھ تہٕ توٚہی چھوٚ اُس بیاکھ۔"

"اچھا ہیرِن پاس، پتہٕ گژھِ میٚہ نِش سوزُن۔ بہٕ پرٕژھس پانے۔"

"بہتر حض۔"

گوڈنکی صاٲبن زاجی یاٹیپ۔ نہٕ ترٕیہ دام دِتھ دوٚہتہ شہ بییس صاٲبس کُن۔

"اد ترٕ یوٚرُم تہنٛد ایڈیٹوریل۔ جانے اوسو لیوٚکھمُت۔"

اَہن حض۔ میٚہ اُس تِہنٛز پارٹی ہنٛدِن انتہاپسند عناصرن ہنٛز شدید نکتہ چینی کٔرمٕژ۔ تم حض چھ

تمہ کتھ وَنان۔ یِم نہٕ اوٚرٕ وژھمژٕ ے چھ۔" آ۔ انتہاپسند عناصِر چھ پرٕ ہتھ جمازٕ منزٕ آسان۔ تہٕ پٔرتھ جایہ چھ یِم پھکھ ملان۔"

"اَسہِ حَق چھُ تہٕندِس گرٕ یس ستی تہٕ اختلاف۔ جلدی ہیمو تُوہہ تہٕ خبر۔"

"تُوہہ چھہ اظہارِ خیالچ لوٚرٕ آزادی۔"

کیٚنژَس کالس بیٹھی دہ شوٚے صاب ژھوپہ کرِتھ۔ اَکھ صاب پایپ چیٚنہٕ تہٕ بیاکھ صاب کوٚ ستام تسکلہٕ کتاب وُچھنہٕ۔ اٰخر دوٚپھ گوڈنیک صاب دٔ دیمِس صابس۔ تیٚلہٕ کیاہ سوٚچِو کوچ گھنک؟"

"جناب ضروٗر وٗر کھیمہٕ۔"

"یہٕ چھیم بینہٕ بوٗی کاکنہٕ ہندسال۔ اَدے کوٗرمیہٕ توٚلوٗل۔ اگر تُوہہ آسہِ ہیوٚہ وُنمت۔ یہٕ کھیمہٕ ہانہٕ ہرگز بیتہٕ۔ اصوٗل تہٕ چھا کانہہ چیز کنہٕ نہٕ؟"

رژِھ کھنڈی ژ ایہ ژٔی ژدورکمرس منزٕ۔ گوڈنکی صابن کرٕ تمَن ستی دس بوٚسہٕ تہٕ بیٚنہٕ آدِن پانس برونٹھ کنہِ کرٕ ی سیٚن بیٹھ۔

دوٚیِم صاحب اوس تسکلہٕ کتاب وُچھنس ستی مشغوٗل۔

"تُوہہ آسِو نیٚوُمت، یگاہ چھُ میٚہ تہٕندِ علاقک دورٕ کرُن۔"

گوڈنیک صاب دوٚپھ تمَن ژدن نفرَن۔

"تُہی چھِو تجربہٕ کار تہٕ باشعور کارکُن۔ تُوہہ چھا کیٚنہہ وننک ضروٗر رتھ۔"

"جناب استقبال آسہِ شاندار۔" تمَو ژورَو نفرو منزٕ دوٚپھ اَکھاہ۔

"یہٕ استقبال چھُنہٕ تُوہہ میٚہ کرُن۔ ٹلی کرِتھ کانژس کرُن۔ تمَن اصوٗلَن کرُن یِم اَسہِ ماٹھی چھہ۔ یہٕ چھس یمَن اصوٗلَن تہٕ اَمہِ کاژِ اَکھ علامت۔"

ژدشوٚے نفر دوٚر نِدرٕ نِدرٕ ژرٕ لوٚپ۔

تمیٚ صاین کرٚ واسکٹ چنٛدہٕ منٛز نوٹن ہنٛز کھیٚش تہٕ کرنکھ حوالہٕ۔

تموٚ ژوٚرو نفرَو منٛز ووٚتھ بیاکھ نفر اجناب استقبال آسہِ ٹیٚس پیٹھ۔ ڈیڑ واو مالہٕ۔ ینگوپہ پوشہِ مالہٕ سوٚرے آسہِ شاندار پیٛتھ شاندار زِ ساینٛن دشمنَن گژھَن زِ سمہٕ بہتھ۔"

گوڈٕنکی صاینٛن کرٚ آسہٕ ہنا۔ تموٚ ژورو نفرو وچھ بیٚنیٚس صائبس کنٛ، زَن تَس خوٚن چَھن۔ مگر سہٕ اوس شکلہٕ کتاب وچھنس کنٛ مشغوٗل تمیٚ آسہٕ نہٕ یمہٕ کنھہٕ بوزمژ۔ یا ممکن چھ بوٗزِتھ اوسُن نہٕ دخل دِین مناسِب زونمُت۔

یتھے تِم ژور نفر ڈرایہِ۔ سہٕ ووٚتھ گوڈٕنکِس صائبس۔

"کیا حضٕ پگاہ چھُ توہہ دورس گژھن تہٕ وُنہٕ چھیٚنہٕ یموٚ تیاری کرٚمژ۔"

"ووہ لہ حضٕ تیاری کرنس کیاہ لگِیکھ!"

"نحضٕ اَسہِ چھے اوترے تیاری کرٚمژ۔"

"اچھا! تُہُنٛد پروگرام کیاہ چھُ؟"

ترٕہن جاین حضٕ سیدٕ توہہ سِیاہ جَنڈو سِتی اِستقبال لَبٕ حضٕ بیٚنیہ نہٕ کینٛہہ۔"

"جَنڈٕ وَنڈٕ چھو بناوی متی؟"

"بنادِتھ حضٕ آسنکھ تھوٗی متی۔ اوترٕ حضٕ دِتکھ کیرٚ انِتھ۔"

"تُہُندی کارکُن چھِ ایاری جان کاٗم کران۔"

"گژھی نا حضٕ کرٚنی؟ آخر ہے چھُ اَسی اکِہ تھَدہٕ کارٕ خاطرٕ لڑان۔"

"مگر بہٕ گوس نہٕ یموٚ چیزو سِتی کھوژن وول۔ میٚہ سِتی چھُ عوام۔" گوڈٕنکی صاین ووٚن بڈٕ ہٕٹہٕ۔

"عوام چھُ اَسہِ سِتی۔" بیاکھ صاب ووٚتھ زیادے بڈٕ۔

واریاہس کالس روٗز کمرس منٛز ژھوپہٕ۔ پتہٕ ووٚتھ سگریٹٕ وول صاب پایہٕ وآلس صائبس کنٛ۔

"توہہ ما آسن رٕ وپیس پانژ ہتھ؟"

"توہہ کتھ چھِو بکار۔"

"بزازس حض چھ کرہنہ کپرک پانشہ دِنہ۔ بیٚیہ چھ کینہہ پانسہ باگراونی۔"

شورٕ ٹیوٗن تیزٕ ن۔ دوہ شوے گیہٕ پریشان۔ پاپیہ والی صاٰبن کورٕ گستام آلو۔ تہٕ سوزن نبرٕ ڈلیل

مولوٗم کرنہٕ۔

سُہ شخص آو دِ ہہ نبدا ہہ منٹہ پتہٕ ڈلیل مولوٗم کرِتھ۔

"جناب۔ یورٕ اوس تہندین حامیَن ہُند جلوٗسہٕ نیران۔"

سُہ ووٚتھ پاپیہٕ والِس صاٰبس کُن۔ "تِم آسی نارٕ دِوان۔ تہند زندہ باد کران۔ ییتھے تِم چوکس منز واتی

تِمو وُچھ دویمہِ طرفہٕ آسی ییٚنز جماژ ہُند جلوٗسہٕ یوان۔" تمی ہوو سگریٹ والِس صاٰبس کُن۔

"پتہٕ کیاہ گو؟" سگریٹ والی صاٰبن پرژھس۔

"جناب۔ پتہٕ کیاہ گو ژھ گژھن؟" چوکس منز کیہ دوہ شوے جلوٗسہٕ۔ دوہ شوے طرفو آیہ زورٕ زورٕ

نارٕ دِنہٕ" زندہ باد کرنہٕ۔ پتہٕ حض بلہٕ ناوکھ پانہٕ واتی جنیٚھی۔ اورٕ لورحض لایکھ کنہٕ۔ دَپان حض چھ اکتھٕ زٕ نی

چھ زخمی گامتی۔ یمن منز کاہن ہنز حالتھ خراب چھ۔"

دوہ شوے صاٰب گیہٕ سٹھاہ غمگین۔ واریاہس کالس۔ پھی دم پھٹی گٔژ۔ ہتھ اکھ اکس کُن سوالیس

نظرو وُچھنہٕ۔

"یہ گو سٹھاہ ناکارٕ۔" آخرٕ ووٚتھ اکھ صاٰب۔

"تشدد گو غلط۔ اَمِچ گژھِ مذمت سپدٕ نی۔" بیاکھ صاٰب ووٚتھ۔ "سیاسی لڑائے چھ اصولن

ہنز لڑائے آسان۔ تشدُ دستی چھ اَتھ لوژرٕ لگان تہٕ یمن اصولن زکھ واتان۔"

"اصلی چھنہٕ وَنہٕ سانین لوکن منز سیاسی شعورٕ یا دٕ گومت۔" گوڈنکی صاٰبن ترود ووہ ش

پایپ اُسس ژھینہٕ گامُت۔ تتھ دِژن بٔنیہ گنک تجٕ۔

دۄیِمہِ صاینَ دۄن نَس نہٕ کینٛہہ۔ تَس اوس اُچھن مَنٛز اۄش اِیران۔ تمیٚ کۄر سگریٹ ژھینہٕ پتہٕ رمالہِ ستی بیٚیہ ٹھُر اچھ دۄہ تھرادنہٕ۔

# پوٚت سام

١- اَکھ صٲب —— اَفسانہٕ کیٚن یِمَن دۆن کردارَن چھُہ اَکھ صٲب تہٕ بیا اَکھ صٲب وَننہٕ
آمُت۔ یِمَن چھُنہٕ کانٛہہ ناو دِنہٕ آمُت۔ لِکھٲرۍ چھُ وَنُن یژھان زِ یِمَن ہیٚکہِ کیٛنہہ
تہٕ ناوٕ ٲسِتھ تِمَہ سیٖتھ پیٚیہِ نہٕ یہِنٛدِس کردارس کانٛہہ فرق۔ تہٕ یہِنٛد کِردار چھُ نوٚن
یِم چھہٕ زِ سیاسی لیڈر اَکھ ٲکِس سیٖتھ دوستی وَرتاوان اَکھ ٲکِس مَدَتھ کران،
سال سَبہٕ کرٕان کھیٚیاوان چاوان تہٕ ہارٕ خرچ کرِتھ لُکَن باپتہٕ وٲنۍ کَڈ نادان۔

٢۔ رَجعت پَسند —— یُس پرانہٕ آیہٕ سوچِتھ تہٕ سماجَس ترقی ہیٚنہٕ دِتہٕ یکہٕ پنَس تہٕ تبدیل گژھنَس
اَندر رُکاوٹھ آنہٕ۔

٣۔ فِرقہٕ پرس —— یُس صِرف پننِس فِرقَس (خاص کر مذہبی فرقَس) ترقی خاطرٕ تہٕ باقیے فرقَن
نُقصان واتہٕ ناونہٕ خاطرٕ کیٛنہہ کَرِ۔

٤۔ کھٔنٛڈ گژھِتھ چھِہ ...... —— یِمَن فِرقہ پَرس رجعت پسند بیترِ کُڈِرٕ لفظ وٲنِتھ چھُ
پَتہٕ تیٚتھ کُنۍ کھٔنٛڈ مُتعلق پرٕژھان زَن تہٕ یِم بڈٕ نارمَل پاٹھۍ کتھ باتھ کران۔
ٲسۍ۔ ہُہ تہٕ چھُس سیٚود جواب دِوان اَکھ چھِہ۔ تَس تہٕ چھُنہٕ یِم الفاظ بوزِتھ
کانٛہہ شرارتھ کھَسان تہٕ زٕژی کھٔنٛڈۍ چھُس شُہ تہٕ تیتھی کُڈِرۍ لفظ استعمال
کرِتھ جواب دِوان۔

٥۔ ڈِکٹیٹر —— یُس بیٚیِس پرٕژھنہٕ ورأے پانہٕ خوٗدی پنُن بول بجا آنہٕ خاطرٕ حُکم
چَلاوِ یا حوٗکومت کرِ۔ ہِٹلر مسولینی تہٕ سٹالِن ٲسۍ بِلترتیب جرمنی، اِٹلی تہٕ

رؤسکۍ تۆتھۍ ڈکٹیٹر ہیوٚ یَتھ نِمن مُلکن منٛز اختلاف تہٕ مُخالفتھ بیٚنہ گاٹہٕ تہٕ دوٚیُم
جنگِ عظیم (۱۹۳۹ء – ۱۹۴۵ء) تُل یتھ اندٕر بیٚین قومن ہٕنٛدۍ لُچہٕ بدٕ نکھ مارٕ گۍ۔

۶۔ بے بی ——— گوٚ ڈائنس صایبہٕ سٕنٛز کوٗر۔ ڈکٹیٹر ہیوٚ گُڈرۍ الفاظ بوٗزِتھ تہٕ چھُ دوٚیُم
صایب پننہِ کور ہٕنٛدِ شوٗغلُک ذِکر بڑٕ موٗلہ پاٹھۍ کران۔ بیٚبہ چھےٚ امہ سٕتۍ یہ
کنھ تہٕ نشان زٕ یمن صایبن ہٕنٛدۍ شُرۍ چھِ بچیا۔ بےٚ فکری تہٕ سماجی تہٕ اقتصادی
تحفُّظ آسنہٕ سٕتۍ چھِ یِم یِران لیکھان تہٕ دِیہ کران، یِمن ہٕنٛز مالِ سٕنٛدِ سیاسی
روٗسوٗخہٕ کِنۍ ٹریننگ کران تہٕ کانٛہہ تہٕ سوٚ ہیوٚ لیتھ تُلان یمیُک خاب تِم لکھہٕ وُچھان
ڈُچھان مران چھِ یِم یمن لیڈرن ہٕنٛدِ خاطرٕ سر کٹ بیٚہتھ نارٕ دِوان دِوان گولہ
کھیوان چھِ۔

۷۔ ماڈرن آرٹ ——— وُہیمہٕ صدی منٛز یوٗرپ تہٕ امریکہ کہِ صنعتی وو تھیو تہٕ سیاسی
کشمکشہٕ کِنۍ یوٚسہٕ تبدیلی انفرادی سوچس تہٕ فلسفس آیہ تمہ کِنۍ گوٚو ادب
تہٕ آرٹ تہٕ تبدیل تہٕ ذیٚہنی انتشار تہٕ سائنسی نقطہ نظر ڈراو نوٚن۔ آرٹس
(مُصوری) پیٚٹھ تہٕ پیوٚ ایٹمک اثر تہٕ روایتی شکلہٕ ہیٚرِ بےٚ شکلی منٛز تبدیل
گژھنہٕ۔ نہ سمجھنہٕ کِنۍ چھِ اَتھ یِم صایب رٕکھ پیٚٹھ ٹھُن تہٕ شُکرُ کران زٕ
سیاستس منٛز آیہ تہٕ یٔژھ تبدیلی۔ بکھارۍ چھُ اتھ اکہ طرفہٕ سائنس سیاستس
پیٚٹھ طنز کران زٕ ادبی تہٕ فنی تبدیلی نہ زانِتھ تہٕ چھےٚ بیٚیتہٕ سیاستھ چلیتھ
ہیٚکان۔ بے ادب سیاستھ چھےٚ ادبس پیٚٹھ فتوا دِوان یہ چھُ سانہٕ ادبی
تواریخُک بوڈ المیہ۔

۸۔ یہ چھےٚ اوٚصوٗلن ہٕنٛز لڑائے ——— دہ شوٗے صایب چھِ اَتھ کتھہِ پیٚٹھ متفق

ز تہٕنزٕ لڑٲے چھےٚ صرف اُصوٗلن ہٕنز لڑٲے۔ یمن کیاہ اُصوٗل چھِ تہٕ چھُنہٕ
کٲنٛہہ سیاسی لیحاظہٕ چھِ اَکھ بیٚیس رجعت پسند تہٕ فرقہ پرس وٕنان تہٕ بیاکھ
اَکس ڈِکٹیٹر۔ تہٕ کیاہ زٕ اَتھ چھُنہٕ تردید کانٛہہ کران بلکہٕ کیتھے چھِ کھوان اُوموکھ
چھُ ازاُفی پاٹھۍ دوشوٕنی ہُنٛد سیاسی روٗپ یموہے کُنھٕ سیتھ دوتلان۔ مگر دوشوٕ
چھِ اُصوٗلن ہٕنز کٕنہہ تیتھہ پاٹھۍ کران زن تہٕ بڈٕ اُصوٗلی انسان چھِ۔ یہ چھُ
سانہٕ سماجُک اَلمیہ کہ یم ییٚمہ سنجیدگی تہٕ اخلاقہٕ سان اَکھ اَکس پۍٹھ حان گران
چھِ، سال کران چھِ، اَکھ اَکس سٕنٛدِ گرگلی رِشتہٕ رٕچھان تہٕ پوٚٹھراوان چھِ سُہ چھُ
باسان آدرش جمہوری ماحول ییٚتھ اندر اختلاف تہٕ قوتِ برداشت بڈٕ ضروٗری
چھُ۔ مگر یہ چھُ یہنٛد خود غرضی ہُنٛد تہٕ ریاکاری ہُنٛد روٗپ۔ یہنٛد اصلی روٗپ
چھُ سُہ ییٚمہ کِنۍ یم لُکن ہار دِتھ کلہٕ پھاٹہٕ ناوان چھِ۔

۹۔ یہ استقبال چھُنہٕ تُہُند ...... —— اَمہ صاٮ۪بن دِتی یمن نوٹ زِ مےٚ گرِو زٕ یو
استقبال تہٕ تمہٕ ہیٚتی جوشس منز ییتھ اَتی نار دِنی۔ لُطف چھُ یہ زٕ یمو وُچھ تہٕ
بیاکھ صاب اَتی یِس یمن ہُنٛد سیاسی حریف چھُ مگر کیتھے کھیٚیکھ۔ یم زٕ ونفر
تہٕ چھِ زانان زِ اَسہٕ ہا چھِ لوکھ بیوقوف بناونی۔ یم چھِ اَمس صاٮ۪بہٕ سٕنٛد لوکُٹ
روٗپ۔ یمن مُطلب کڈان ہار کھیوان تہٕ لُکن ہیٚس دِتھ پننہٕ نس لیڈرس خوش
تھوان۔

۱۰۔ تُہُند ما آسن روپیس پاٹرٕ چھہ ہیتھ —— یِس خلاف کرٕ یہنِن جِنٛڈن ہُنٛد
اِحتجاج کران چھُ تسُنٛد چھِ رو پیہ دوز میٹھ ہیٚنہٕ یوان

۱۱۔ تشدد گوو غلط —— کُٹھس منز بیہتھ تہٕ اَکھ اَکس سیتیٚ نام نہاد اُصوٗلن ہٕنز

لَڑٲے لُڑٕتھ چھِہ یِم لُکھ لَڑنہٕ خٲطرٕ تَیارٕ تھٕ تِمَن اشتعال دِوان۔ تِمَن ہٕہ دِوان تہٕ لَڑایہٕ ٹھلان۔ پَتہٕ اَتی کُھٹِھس مَنزٕ اوّش وَسہ تھراوان زٕ تشدُد گوٚ ژھہٕ نٕ گژھُن یمن کوتاہ دِرد چھُ لُکن ہُشند تہٕ چھُ ظٲہر۔

## سوال نامہ

۱۔ اِفسانہٕ کِس عنوانَس پیٹھ کٔرِو بحث۔ تُہیٕ ہیٚکِو اَتھ اَفسانَس بیٚیہ کانٛہہ جادٕ موزوٗن عنوان تجویز کٔرِتھ؟

۲۔ اَفسانَس اَندر کتیٚت تہٕ کَتھ کتھِہ پیٹھ چھُ طنز کرنہٕ آمُت؟

۳۔ اوٚسلوٗبہٕ لِحاظ کٔرِو اَفسانَس پیٹھ تنقید۔

# حآج بابُن لوٗٹری بنُ ـــــ زان

تحقیقہ پتہٕ چھُ ڈاکٹر شمسُ الدینٛ احمد صأبن شُقہٕ کوٗرمُت زِ جیمس جسٹینن موٗرِیرٕ ناوِکر
آکٕ انگریزن لیچھ THE ADVENTURES OF HAJI BABA OF ISPHAHAN
ناوُک سفر نامہٕ نُما ناوِل کنٛوُہمہِ صدیہٕ ہندس گوڈنکس دٔہلس (1800 پیٹھٕ 1810 ہس تام)
مَنٛز۔ تقریبن پٔنٛژاہ وٕری پتہٕ کوٚر اَتھ حاجی شیخ احمد کرمانی ین فارسی لیس مَنٛز ترجمہٕ۔ تسندِ زبان اَس
مُلکِ ایرانکِہ مزازِ مطابق میٹھ موٚدُر تہٕ لکن وِیہ وِرٕ۔ اصلس کُر تٔمی رٔژھ کھنٛڈ شیرِ ژارتہٕ تیتھ یہٕ مشہوٗر
گوو زِ یہٕ کتاب چھیہٕ موٗلہٕ تلہٕ فارسی لیس اندر ے لیکھنہٕ آمژ۔ امیک فارسی چھُ دراصل موٗل انگریزیک
ترجمہٕ آسِتھ تہٕ اصلہِ کھوتہٕ زیادِ سوٚندر۔ امہِ کتابہٕ ہُند ادبی موٗل چھُ تمِن محاورن برجستہٕ تہٕ جل فکرِ
تَرن واجبِن ضربُل مثالن تہٕ وضع دار عبارٔژن یتہٕ رنگہٕ وِتھ لیکھِ تِس مَنٛز یم ترجمہٕ کرن والی اتھ پانہٕ
ہُرآوِ متی چھِ۔ شمس الدین احمدن کوٚر اَتھ حآج بابہٕ ناوس تل فارسی پیٹھ کاشُر ترجمہٕ۔
جیمس موٗریرس اوس ازلس سفر کرُن زن تہٕ لیکھِت۔ زاوُژری مَنٛز پتہٕ گوو مالس ستی
قسطنطنیہ۔ تالیم پرِنہٕ گوو انگلستان۔ پتہٕ ڈرا و انگلستانٕ کِس سفیر ہار فوڈ جونس ستی بمبہٕ

سمندری جہازس کیتھ بیٹھتھ پیٹھ دۄشوے ایران گے۔ موریر اوس تمی سکٹری بنووُمُت۔ ایرانہ
پیٹھ گوو ایران کس سفیر میرزا ابوالحسن سٟتۍ لندن۔ اَتھ سفرس دوران گو وُسہ تبریز، ارض روم
ایشیاۓ کوچک، سمرنا تہٕ قسطنطنیہ تہٕ پتہٕ سمندرچہ وَتہٕ لندن۔ اَمہِ سفرٕک حالاتھ لیکھن پننہِ کتابہِ
"سفرنامۂ ایران آرمینیا تہٕ ایشیاۓ کوچک" اندر یوس ۱۸۱۷ء ہس منز چھپیہ۔ لندنہٕ آو سُہ تہران دربارٕ
کس خاص سفیرٕ سُند سکٹری مقرر کرنہٕ۔ بیٚیہ آو ۱۸۱۹ء ہس منز لندن بُلاونہٕ تہٕ اَمہِ سفرٕک سفرنامہٕ
چھپیوٗن دۆیمہِ اَمی ناوچہ کتابہِ اندر۔ ۱۸۲۴ء ہس منز بنووُکھ میکسکوہس اندر کمشنر۔ پینشنس
گژھتھ برووُد صرف لکھان۔ حاجی بابا آف اصفہان، کتابہِ اندر دیت تٟمۍ یمہِ کتھہِ ہُند ثۆبوتھ
زِ تٟمۍ کوتاہ مشاہدٕ چھُ کوٚرمُت اَمہِ علاقُک۔ اَتہٕ کین رسمن رِواجن، عادتن، لسنس بسنس کٲم
کار کرنہٕ کس طریقس چھِیہ تٟمۍ تِتھے کٔنۍ سام ہیژمٕژ یتھ کٔنۍ کانہہ تہٕ بہلہ پایہ ناول نگار ہیتھ ہیکہِ۔
تمہِ وقتُک ایران اوس سیٹھاہ پتھ تہٕ پسماندٕ۔

حاجی محمد کرمانی اوس بہایی مذہبُک موتقد۔ اصفہانس منز ہیوٚتھ اَمی انگریزی تہٕ پتہٕ کوٚرُن
موریرسنز کتابہِ فارسی ترجمہ۔ پانہٕ تہٕ لیچھن کینہہ کتابہٕ مگر مشہور چھُ سُہ اَمہِ ترجمہٕ کِنۍ۔ ترجمہ کرنہٕ وِزِ
کرٲمی اصلہِ کس اندازٕ بیانس شیرٕ ژاریتھ پننہِ تجربہٕ تہٕ مشاہدُک پوٗرٕ فایدٕ تُلُن یتھ زِ یہِ ترجمہ چھُ تقریبن
تہُند پانے لیوٚکھمُت (طبعزاد) باسان۔

شمس الدین احمد گے گوڈنچہ لٹہِ ترٛین وٕرین ایران نہٕ تمہِ پتہٕ تہٕ وارِیاہ لٹہِ تور یتھ ایرانٕ
گٔیہ ہُند قریبی مشاہدٕ کرنس موقہٕ میوٚکھ۔ فارسی زبٲنی ہُند یتھ ہُند مطالہٕ چھُ تِتھے دسرس چھُ یمن
کاشُر زبٲنی پیٹھ تہٕ۔ یہِ ترجمہ چھُ نہٕ کُنہ طبعزاد لیکھنہٕ کھوتہٕ کُنہ رنگہٕ تہٕ کم۔ مولہٕ زبٲنی ہنز روانی تہٕ
میچھر چھُ یتھ ترجمس اندر نفیس پاٹھۍ رژھراونہٕ آمٕژ۔

اصل :- جیمز جسٹینین موریر

ترجمہ :- ڈاکٹر شمس الدین احمد

# حاجی بابن لوٚٹری بنُن

ترکمانَن ہُند قدری بے ہمتس اوس میٚہ دوٚہ نہٚ اکھ وٚری زیادے گوٚمُت تہٕ اَتھ وقتس منٛز اوٚسُس بہٕ ہنٛنِس آغہٕ سُند سرِ لوٚج تہٕ مشورِ دِنہٕ وول بنیوٚمُت ۔ ہنٛنِن تہٕ بٔیین سارنے کامین منٛز اوس میٚہ ستی مشورِ کران تہٕ میٚہ اوس سٹھاہ موتبر تہٕ تجربہٕ وول زانان ۔ تِمسنٛزِ موچھہٕ تلہٕ ہنٛنٛ نال موکلاونٕچ موکھ دوٚن میٚہ تس وار یاہ پھرٕ لوٚلُس آسی تو میٚہ تہٕ پانس ستی نوان ۔ آخرس ییلہِ تس ہنٛنہٕ جایہٕ میٚہ بیٹھ پوٚرٕ ژھ بیٹھ، تمی کوٚر بقرار یُس شورِ لدٕ ماٗدان اَسہِ تہٕ ترکمانَن منٛز باگ چھے، میٚہ آس نہٕ تمِچ وتھ وَنہٕ، نہٕ آسِم ویٖران تہٕ جرٛا این ہنٛزے خبر ۔ اَسمانس تانی تھدی کوہ تہٕ بال یِم وَنہٕ لوان آسی تِموٚنشہٕ تہٕ اوٚسُس لےٚ خبر تکیازِ ییلہِ تہٕ میٚہ زانہہ تِموٚنشہٕ ڈلنگ ترٛنے اوس تہٕ نہٕ اوٚسُم دوٚرنین منٛز یُن گژھنے لہاذا اَگرِ تھ اوٚسُس بہٕ زانِتھ زِہرگاہ بہٕ گُنٛے زوٚن ژلہٕ بٔیین ہندی پاٹھی لگہ بہٕ لوٚسرِ ژالس تہٕ وُنی کین ہے اَکُے عذاب چھُم پتہٕ گژھنم اَکس عذابس ساس عذاب ۔ اَوے زوٚن میٚہ نہٕ ژلنُے جان ۔ خوٚجس ستی لوٚلُس گژھنس منٛز اوٚسُم یہ مطلب زِہرگاہ میٚہ وُنی کین ژلنس وار بیہہ تہٕ نہٕ امالوٚزِ لو تہٕ روزِ یِم وَتھ وَنہٕ تیٚتھ زَن بٕتھ وار بیچھے بہٕ دگ تھوٚرٕ تہٕ

وَتہِ ہُند یِیم تہٕ کانٛہہ ٹھوٚر۔

ارسلان سُلطانَن آیٖ قبیلکۍ ساری تجربہٕ وٲلۍ تہٕ ایرانچہٕ یِڈ تام گژھِ واتُن۔ اصفہانس منٛز گژھِ شاہی سَریہٕ منٛز راتھ کیٚت اژِتھ تَتہٕ قرار کرِن والین بڈین بڈین سوداگارن، تاجرن تہٕ دیارہٕ والین ہُند سوٗرے مال تہٕ جاداد لوٗٹہٕ انُن۔ پانہٕ اوس یہٕ ارسلان سلطان وَتہِ نِش تیٚتھ خبردار زِ بیٚیہٕ کانٛہہ واتہِ ہیٚیس نہٕ وَتہٕ نَنہِ کڈنس منٛز۔ پانے اوس وَتھ ہاوَن موکھہِ بروٚنٛہہ بروٚنٛہہ نیران۔ اما پوٚز میٚیہٕ ورٲے اوٗسکھ نہٕ راتھ کیٚتھ اصفہانس منٛز اژُن موکھہِ بیٚیہٕ کانٛہہ وَتہٕ ہاوُک۔ اَدِ موکھے کوٚر آمۍ اصفہانس منٛز میٚون وَتہٕ ہاوُک بننہٕ خاطرٕ یمَن ستۍ مشورٕہ۔ اَڈلو کرا اَکھ کیٚتھ سَتھ مخالفتھ نہٕ دوٚپکھ "لُیس انسان کُنہِ جایہٕ منٛز پرٛتھیومُت تہٕ پلیومُت آسہٕ سُہ تتھی جایہٕ لوٗٹھ کرنہٕ سوٗزُن چھیٚیہٕ نادٲنۍ۔ یہٕ زٕھنۍ تِن اَسہِ اَچھن میٚیٚشرٕ تہٕ یہٕ خوش کرِہ یس تہٕ تہٕ کرِنۍ تَن" وارِہیس کاس مشورٕ کرِتھ کوٚرکھ چھیکرس فٲصلہٕ زِ تِے بنہٕ وَتہٕ ہاوُک۔ اما پوٚز زرٕزنۍ تھاوۍ ہم راچھ زہرِ گاہ تمن میٚون کیہنہٕ شُکھ گوٚو تِمہٕ زِٹن میٚیہٕ تِتھے گردن۔

اَمہِ فٲصلہٕ پتہٕ گٔیۍ ساری گرِن واش کڈنَس، پکہٕ ناوِنس ٹکہٕ ناوِنس تہٕ وَتہِ ہُند سامانہٕ جماہ کرِنس کُن میٚیہٕ دِنکھ ژارِتھ گُراہ اَکھ یِمۍ دِوہ یہٕ لڈِہ گرِ دورِ زیٚنِژ آس۔ کیٚٹہٕ مسلح بڈ لوٗ پیادٕ زمٕ کلس۔ دالوٗ کوٹھ لوگم نالی، پھکوُک تروُوم تیر کمان الونٛد تہٕ نیزٕ اَکھ اَکس منٛز زٹِتھ گوٚس یہٕ تہٕ ترکمانن ہِندی پاٹھی سِلے سامانہٕ گنٛڈِتھ تیار۔ یڈس اَکس ٹھیلس منٛز تھووُم توٚبرٕ زِ تہٕ بیٚیہٕ گرٕ گنٛڈنہٕ موکھے کیہنہٕ کیٚچہٕ۔ زینٛس تلہٕ کنہِ تھونہٕ موکھہِ تلُم ہرِ یانہٕ شمدٕ اَکھ تہٕ ستۍ۔ ایحتیاطہٕ خاطرٕ تجہم ژوچہٕ پوٗلشہٕ تہٕ سوٗتھ ٹھوٗل شیٚیہٕ مرِ تہٕ گوژرٕ اَکس منٛز ژورٕ پاٹھی تھوٗتھ ترٲوِم الاندی۔ باقۍ دوہ ہِنٛد کھٔن کُنشرٕ وُم خوداِیس عُثمان آغنہٕ پنژاہ اشرفی تھوٚیم کمبر بنٛدس منٛز پٔیرِ سوٗتھ۔ سُہ پچھراوس اَچھو کنۍ توٚن ہٲری ہٲری غمہٕ ستۍ کرِزِ نیوت موژیوُمُت۔ آمۍ دوکھہِ زٕدن ترٕو ژٕرن دوہ شاتہٕ چھُم دِیان"۔ ہتہ سہٕ ہبہٕ کس یمہٕ یاد۔ کانسہِ کتیکٕ گوٚو زِ سُہ ہیٚیہٕ میٚون غم۔ لُیس پوٚنسا لوٗ لنکاہ تہٕ مالیتھاہ میٚیہٕ کرٕ جماہ کرِ مرٕژ اَٹس تہٕ وُچھتھ آسہِ میٚون نیٚچو پھولان تہٕ اَکھ عاشا آسہِ کران۔ زنانہِ آسہِ دوٚپمُت سُہ نہٕ موٗد، تمہٕ آسہِ نیوٗمُت

بیاکھ نیتھر اکرتھ تہٕ تس ستۍ آسہٕ ناٛلی نال۔ میٚہ ہٕسہٕ پیوٗب پرِتھ طرفہٕ تاونے، کانہہ وتھاہ چھےٚ بوزنہٕ یوان۔ خارہ ووٚدٕ چھم اکھ عرض یہ زِ تتہٕ کوٗرتھ وارِ پناہ زِ بخاراچن کیٚتہٕ بستن ہند بازر کٔیتھ چھُ استنبولس منز۔ رٔٹِتھ تھوٚوِتھ آٛز زٕ کہم یہٕ سٕنٛچِھ ضوٗرور کرہٕ تھ۔

اَمی سُند یہ حال وُچِھتھ وُڈٕہم جگرس دَگ تہٕ بیٚیہ دِیوم زِ لوٗنسہٕ دِمس واپس مگر شرھگ حُکم نظرِ تَلہٕ آنِتھ تہٕ کینژھا پٔن گاڈہٕ جارتہٕ دوٗرِ ناوِتھ سوٗنچم زٕ وُنی کٔن چھُ پونسہٕ میانِس اَتھس منز۔ ہرگاہ میانہٕ زٕ لیٚنچ کانہہ وتھاہ درایہ، پانے نیرِ اَمی سُندِ خاطرِ تہٕ یِمہٕ یلایہ منز آزاد گژھنچ وتھ۔

ستارِ باگےُ وُچھن والۍ کوٗڈ ساتھ یٔلہٕ کوٚ وونکھ ستارِ اَسہٕ تہٕ کنی تہٕ رُت ستارِ اَسہٕ مُتھ اوس تہٕ اَمی دوہہ دژاے اَسی راتھ کٔیتھ گُرن پیٹھ۔ ارسلان سلطان بنیووپانہٕ سوٗن زِٹھ تہٕ کُل اَسی وٕ نفر یم ساری ناماوار لڑن والۍ تہٕ تجربہٕ والۍ اَسی۔ سارنے اَسی گُرِ کھسنی تہٕ یم گُرِ تہٕ اَسی پکنس ٹکنس کتی تہٕ جسوار آسنس منز بڈٕ آری تہٕ درِی۔ زِ یہٕ گاشس منز اَسی یم تیھہٕ پاٹھی گُرن تنبلہٕ تِلناوان زِ زنتہٕ یم لوٗٹرن منز تہٕ سام تہٕ ترسیمان اَسی۔ یتھ رٕوُدس بہ۔ اَسہٕ اَس ینِز خبرے زٕ اَسی کم چھہ۔ جٹہ تہٕ نے اوسکھ تہٕ ٹھگ تہٕ اوسکھ نہٕ کیہنہ۔ کُنہ کُنہ وِزِ اوسُس بہ تہٕ بلہٕ بڈی بازی کھرا یہٕ ہری ماوان تہٕ لوٚمدوٗری منز بڈ دخیل دِوان۔ ییتھ تمن فکرِ ترزِ یہ ناچھےٚنہٕ مُز کیہنہ۔ مگر اَندرِ رکنی اوسُس گلان زِ پانہٕ وونٕ گوٗڑھے وختہٕ وِز بیور ڈیشتھ لشتہٕ پھوٗرنے۔

وتہٕ ہاوُک اوس اَسہٕ قبچاق بالہٕ دامنی دامنی گنبو جنگلو منزی تِتھہٕ پاٹھی وتھ ہاوان تہٕ لِکان زِ اَکس قدمس تہٕ اوسُس نہٕ کھور ڈلان۔ بہ اوسُس اَمی سِنز یہ چالاکی وُچھتھ راوان۔ وتہٕ یٔلہٕ بہ تمی ہیم ناکھ تھنگرتہٕ خونا کھ وُترایہٕ تہٕ چڑایہ اوسُس وُچھان۔ میٚہ ہوس ہیٚچھرس تہٕ نہ آنس اوس وُچشتھ وہہ وُستھ گژھان۔ اَماپوز گُرن ہندس پٔنس پیٹھ اَس یُڑھ تہٕ یُڑھ۔ لہٰذا کرنہٕ گے اَسی کھوڑنہٕ ورائے آرو منزی، نالو منزی تہٕ وُڈرو ییٹھی لِکان تہٕ لکان لوٚت تام اَسی عراق کس آبہٕ رَسی تِنس تہٕ وُجار مادانس اَکس منز واتی۔ اَمہٕ ساتہٕ توٗر میٚہ فکرِ زِ ارسلان سُلطانس کاژ زاہ زان اَس اَمہٕ علاقچ۔

سارِنے بالن، وُڈرن، نٔبن تہٕ زُوِن ہِندی ناوتانۍ آسِس ژرٕ تِس۔ کھوٚرن ہِندی نِشانہٕ وُچھِتھ پیے پتاہ کڈِتس منٛز اوس ووستاد۔ یتہٕ آسِس عبر آسان زِ تِس اَپاری لوٚکُمٕت آسہِ، سُہ کُیتھ نہٕ کیاہ گرٕژھہ آسُن، کوٚت چھِس گرٕژھن، ژھوٚرے چھا کینہہ مال بیتر چھِس ستی، شخص اوس صرف کھوٚرن ہِندی نِشانہٕ وُچھِتھ یہ سوٚرے وَنان۔ آمی سِنز یہ نظر تہٕ گاٹہٕ جار وُچھِتھ اوس کر یمانہٕ کڈان۔

بستیوٚ ڈلِتھ آسی راتس پکان تہٕ دوہس خلوکھ جاین منٛز بِہِتھ تھک کڈان۔ آخری بستی منٛز یینہٕ کینہہ زٕ ژٕ خمن منٛز آسی روزان۔ تٔل اَسہٕ کھٔلِن چُنگ کینہہ سامانہٕ پانس ستی تہٕ ژرائے عراق کس اَتھ آنتھ رُستِس دَدوٚنس منٛز۔ یوٚت پیٚل تیوٚت زورٕ دوٚرِ ناوِ گرُی تہٕ اکھ ہتھ تہٕ وُہ فرسنگ ژٹِتھ وآتی آسی چھیکرس اصفہانس نکھہٕ۔ یوٚمڈوٚری ہاونکُ وَرخ ووت تہٕ میانہ یاجوٚ ہیوٚت حملہٕ کرنکُ بوٚند بس کرُن۔ یہندِ حملچ تدبیر لوٚزِتھ پوشوٚٹھ چھِنیتھ۔

یہنٛز رائے آس یہ زِ کُنہِ خلوکھ وَتہِ کنِز نَمکھ بہ یمِ شہرس منٛز تہٕ نصف راژ کینٛتھ بیلہٕ سآری ژوٚنگتھ آسن اَژو آسی شاہی سَریہ منٛز لوٚسہ اَمہ وِزِ باپار لوٚستی، روٚپیوٚ ستی تہٕ مالیہ جاداد ستی ژٹِتھ آسہٕ۔ یہ کینٛژھا نقدی رَنگ اَتھ ییہ تہٕ ہمولوٚٹہٕ تہٕ ستی ژھوٚ کینٛژن جان جان موہنوٚرن تہٕ تھِیہ سیتھ تَم پوٚتس لوٚڈ رقماہ دِتھ پئن موکلن پاے کرُن۔ شہرس کُزیتھ گرٕژھنہ وزِ آے تہٕ صُبح پھولنہ برٕونٛہٹھے یموٚ آسی تَمی وَتہٕ پھیر تھِیمہٕ وَتہٕ گمِتی آسی۔ میہ زون یہ تیٖتھ خطر دار قھا تہٕ نا ممکن کتھا زِ مبہٕ ہیوٚت یمن ٹکرُن۔ مگر ارسلان سُلطانس گووُتھ نارِ تیوٚ ٹکُ ہیوٚتہ اَچھ دِژ الیس ژکھِ ستی پھٹِتھ۔ آتی چھُم دِپان۔ "حاجیا! یوکُن بوز۔ یہ چھُنہ شٔری گندُن۔ اَسی چھہ ہر ہمیشہ آمتی لی کران یہ ہر ہمیشہ سپاہان رٕوٚدتی سپدِ ازتہٕ۔ قسم چھُم خوداۓ سُندٕ نہٕ رسوٗلہٕ سُند، یہ بیر وَنے ہرگاہ تَتھ بیٹھ لوٚکھنہٕ، یاد تھآوی زِ چاۓ نِجِبنہٕ کتھے چانس مٲلس کڈِ کآڑی موٗلہٕ" اَمہ پتہٕ تھوٚونس وَتھ ہاوِنہٕ موکھہِ پانس نکھہٕ تہٕ ستی تھوٚون بٔلیس اکس خبیثس وَنِتھ زِ ہرگاہ ژٕ یہ آمس منٛز کانہہ کھوچیر یا بدنیتی بوزنہٕ ییہ تمی وِز کڈی زلس ڈوٚنب۔ دوٚہ شیرے کھیو کھاتھ بیٹھ قسم نازتہٕ کوٚڈ ہَس بہ بروٚنٹھ برونٛہٹھ تموٚ وتوٚ کنِز یمن ہنز میہ خبر آس، وآتی آسی آبادی نکھہ نہٕ ستی گئے ہُم تہٕ وَتھ وَنہٕ تھوان۔ شہرس منٛز

واتہٕ نس لگہِ ہے وُنہِ ہیوٗنت کھنڈ تہٕ اَکس وُجارِ جایہِ تھوٚو اَسہٕ پنٕنۍ کیٛنہہ گرٕ پنٕنۍ منز اَکس زَنٛس حوالہٕ شہرٕ نِشہِ پانژھِ فرسنگ دوٗر کٔر جایاہ اکھ مقرر ییٚتِن حاجتہٕ وِزِ اَسۍ سمکھان کران آسو۔ اَمہِ پتہٕ درا اَسۍ لوتہٕ لوتہٕ کرٕ نکہٕ نادِ ورٕے۔ تمہِ ژوتہِ ڈٔلتھ بیٚیہِ روندِ وٲلۍ روزان چھِ دراے لبۍ لبۍ تہٕ سڑکہِ ڈَندرٕ وِیکۍ نکۍ واتٕ سریہِ ہندِس برس پیٚٹھ۔

سَرٕ یہِ نِشِ مالِ سُند وان آسنہٕ کِنۍ اَسۍ مییٚہ اَتھ رَژھ رَژھ منز خبر۔ سَرٕ یہِ ہُند براوس دِتھ۔ اَکھ کوٗرم کنہٕ اَکہِ سِتۍ ٹُھکھ ٹُھک تہٕ ڈیڈی وانس کوٗرم آلو۔ "ہے علی محمد! تلہٕ سہٕ برٕ مُشراو قافلہٕ مَسہٕ چھُ آمُت۔" علی محمد چھُم اڈٕ نیندرِ ربریہٕ پتۍ کِنۍ جواب دِوان "کُس سا قافلہ؟ کیٛتھ قافلہٕ؟" "مییٚہ دوٚپُس۔ "بغداد ک ہسہ تہٕ کیٛتھ! یہِ ووٚتھم تلہٕ سہٕ لمتہٕ، ژٕ یہِ ماچھے وکھ لوٗٹے میرٕ، یہِ چھُکھ نِصف شبَس مییٚہ خند کرنہٕ آمُت! بغداد ک قافلہٕ ہے یورٕ راتھ ووت، ژٕ کیاہ وُنان؟" مییٚہ دوٚپ افسوس، ظاہر گیہِ وَژھ، مگر کیٛتھ ڈاٗجم تہٕ ووٚنمس "ہانسہٕ، ژٕ یہِ چھے نہٕ فکری تران، دوٚپُکھ ہسہٕ قافلہٕ چھُ آمُت تہٕ اَکھ چھُ بغداد گرٕ ژھن۔ اَکھنٕے چھُکھ حسن تاوٕ دُن نیچوٗ حاجّ بابہٕ سِتۍ لیُس عثمان آغس سِتۍ گوٚمُت اوس، یہِ ہسہٕ چھُسے حاجّ بابہ، ماِلس چھُس آمُت خوش خبر ہیتھ۔" ییتھے ڈیڈی وانن یہِ بوز تھٕے دژِن کرٕ یکھ۔ "اوہ ہو! حاجّ بابا، مُبارکھ ہا مُبارکھ! کرٕ وا اَکھ وارِ کارِ؟" "اَمۍ مُشرٕ وو برس کرٕ ژ کرٕ مچ کران تور تہٕ وارِ وارِ ہیوٚتُن برمُشراوُن۔ یہِ دراو اتھس کیٛتھ ژونگ ہیتھ کُرتنہِ زٕ چہٕ اَکس مشر نبرٕ۔ اَمۍ ساتہٕ دژِ کھ اَمس اَسَس پیند نہٕ اندرٕ اَژِتھ نگی لوٚٹس کُن۔ ییٚتھین موقن پیٚٹھ چھُ ترکمانن دیارٕ والین ہندِ کھوتہٕ دیار تہٕ مال بتیر تھوٚنچن جاین ہُند زیادِ ووٚن آسان۔ اَوے اوٚن یِمو صرف دَہن مِنٹن منز سوٗرٕے مال تہٕ نقدی وُٹھِتھ۔ بیٚیہ اوس یُہُند غرض کیٛنہہ جان پونسہٕ وٲلۍ ژٹِھ اَنِنۍ ییٚتھ یِمن موکلاونہٕ وِزِ جان پاٹھۍ ہارِ ترمنکھ، تمہِ موکھ کُڈۍ یِمو ترٕ یہٕ نفر ژارِتھ تہٕ جل جل پھِرٕ کھ یِمن گنڈ تہٕ گُرٕ بن لَدِتھ ژٕ لۍ تِتھ وُجارِ جایہِ کُن۔

# پۆنتسام

۱۔ ترکمانن ہندی قدری بنے مِتس . . . ـــــــ حاجی بابہ اوس شہر اصفہانک ناوِ داکھ یس سرایہ رِنش وان آسنہ کِنی واریاہن باپاری مُسافرن سمکھنک موقہ میلان اوس۔ تس دراے عثمان آغہ ناوِ نفر پنِنہ ستی سفرچ کل تہ دژاو تسی ستی خراسان کُن۔ کیہنہ دوہ پتھ سپُد یہندس قافلس پیٹھ ترکمانن ہند حملہ۔ عثمان آغہ ہتھ سپُد حاجی بابہ تہ قاد۔ مگر ناوِ د کارِ کِنی کر آمی ترکمانن اندر بروے جلے حاصل پتھ زِ پتہ یس دوٚیمس مُہمس نیوٚن ترکمانن ہندی زِ بٹھ ارسلان سُلطانن پانس ستی۔

۲۔ ارسلان سُلطانن آمی قبیلکی . . . ـــــــ باغی ترکمان آسی تیلہ اصفہان، خراسان تہ مشہد ہوبن تسیتھ لبستھ شہرن منز باغہ کین عمیق واران تہ دُدون ماداتن اندر قبیلن اندر روزان تہ راتھ کیتھ ژھابہ ژھایہ نیرِتھ بستی ین لوٗٹھ کران یا دوہلی پکہ ونین باپاری قافلن حملہ کرِتھ لوٗٹرِتھ نوان۔

۳۔ توٗبرِ ـــــ گرِس دانہ کھیاونک ٹھیلہ۔

۴۔ عثمان آغنہ پنژاہ اشرفی ـــــــ لوٗٹہِ وِزِ آسہ عثمان آغن پنژاہ اشرفیہ پننہ ٹوٗپہ اندر کھٹتھ

تھومٕژ۔ حاجیس آسٕ یہِ خبر تہٕ اوٚے رٕدٕ دُسہٕ پہٕ ٹوٗپۍ ترکمان زنانو دٕسی ٹھپہٕ نٕنہٕ پتہٕ تتھ شالکان تہٕ ترکمان قبیلچہٕ اکِس زنانہِ "مالِ کبِنۍ" یلاج کرنہٕ وقتہٕ نین ٹوٗپۍ چالاکی سان تہٕ تمہٕ اَندرٕ نین اشرفیہٕ کڈٕتھ۔ وٗنۍ کِس تھوٚپن ستیٚ زٕ ژلنس اگر موقہٕ میوٗلُم تہٕ پولسہٕ ٹوٗنک لگہم۔

۵۔ ستارٕ بلگے وُچھن وول ـــــ نجومی یا جوتشش یُس نیرنٛگ ساتھ وُچھان اوس۔

۶۔ سام تہٕ نریمان ـــــ ایرانکۍ بہلہٕ پایہٕ پہلوان نریمان سُند نیچو اوس سام پہلوان۔ آمی سُندے نیچو سُند نیچو اوس پہلوان رُستم۔

۷۔ قبچاک ـــــ تُرکستانُک جنگل۔

۸۔ فرسنگ ـــــ فاصلک اکھ میژر۔

۹۔ بیٚپہِ اوس یہُند غرض ... ـــــ ترکمان آسی اکھ لوٗٹھ کران بیٚپہٕ کینژن امیر سوداگارن یا پولسہٕ والین رٹتھ لِوان یِمھ تمن موکلاونہٕ خاطرٕ پتہٕ تہندۍ آشناو یا دوس ہارٕ واتہٕ ناد دِوان۔

## سوال نامہٕ

۱۔ حاجۍ بابہٕ، اندریُس حصہٕ یَتھ کتابہٕ اندر دِنہٕ آمُت چھُ تتھ اندر چھا سفرنامُک عنصر کِنہٕ ناولہٕ ہندۍ کنہٕ دوشوٕنۍ ہندۍ۔ تہٕ نظرِ تل تھاوِتھ دِیو جواب زِ ناول کیاہ گٔیہٕ۔

۲۔ یٔمہِ سبقہِ تلہٕ کیاہ چھُ ڈوڈ ہتھ وٕری برونٛھ اپرآنۍ زندگیہِ مُتلق نناں؟

۳۔ یَتھ سبقس اندر دِیو کاشر ترجمہٕ چہِ خوٗبیہِ ہاوِتھ۔

# رۄمانیتھ کیاہ گیہ ـــــ زان

یوٚدزن رۄمانیتھ سدأہمہ اردأہمہ صدی اَندر یوٚرپی ادبس منٛز اکہ الگ نٕہجہ حیثِیتہٕ پرزناونہٕ آیہ، یہ ترٛاے چھےٚ بروٚنٹھ تہٕ دُنیاہ کین وارِیاہن اَدبَن اَندر موجوٗد اسمٕژ وُنہ تہٕ چھُ وارِیاہن ادبَن اَندر رۄمانی رجحان لبنہٕ یوان۔ اَز کل تہٕ چھِ وارِیاہ اَدیب زٕوِیہ کینٛہ تخیُلی تہٕ پننہِ زمانچہِ حقیقژ وٕلِتھ مُلتھ ورتاونُک عادَتھ تھاوان۔ تِم چھِنہٕ پننہِ دورکین مسلن پدٕہتھ پننہِ وقتٕکی انداز وقتٕکی نظریہ سیٚتھ سوچان بلکہ تِہندۍ امکانی حل دِوان یا حلن کُن اِشارٕ کران یِم اَسہِ یتھ کالکی یا بروٚنہہ کالکی باسان چھِ۔ یہ چھےٚ صاف پأٹھۍ رۄمانی ترٛاے۔ یہ ترٛاے چھنہ ضروٗری پأٹھۍ جان یا ناکارٕ۔ یہ چھُ مسلس تہٕ اَدبہ پارکس موضوٗعس ہیٚژ منحصر خأریتھ مضموٗنس اَندر چھُ اَمہِ اہم اَدبی ترٛایہ ہُنٛد توأریخی مُطالہٕ پیش کرنہٕ آمُت تہٕ اہم رۄمانی شاعِرن ہُنٛز زان کرنہٕ آمٕژ۔

یتھ کنہِ چھُنہ شک زِ رۄمانی شاعِرو چھُٹرو یوٚرپس اندر گوڈنچہ لٹہٕ کلاسکی ادبَن ہُنٛد لٔمرُمُت شٕنجیدٕ ماحول تہٕ عقلہِ کھوہ تہٕ کھوٗرکھ جذبَن تہٕ اِنسانی اۄوِ جارس تہٕ زاوِچ جارس بوش۔ زنانہِ ہُنٛد حُسن تہٕ عشقٕچ بیقراری کٔر یِمَو حسین زبانی اَندر بیان۔ مگر یتھ کِنۍ کلاسکی یورپی شاعِرن تہٕ نقادن یِم ٹاوس تُلٕمتی چھُ باسان اَمہِ لفظٕ ورتاوٕ کِنۍ اوٗردوٕ ہیٚنٛدی ہشُن ہندوستانی زبانَن کوٗمُت۔ تِمو دِژ پکھ عشقہ عاشقن ہیٚنٛدی شاعِر تہٕ، اوٗردوٕ ہندی یِس منٛز گو رومان لفظٕ عشقہ شاعِری خأطرٕ چالو۔ مگر یتھ رومانٹسزم وَنان چھِ تتھ چھِہ ہیٚنٛدی پأٹھۍ سعہ چھنٛدتاواد یا چھایاواد

وناں تہٕ اوٚردوٗ پأٹھؠ روٗ مانیٖت۔

یِتھہٕ مضمونٕس منٛز چھِہ نہٕ صرف انگریزی یا یورپی پوٚت منظرس منٛز روٗ مانیٖت چیرِ ترٛاپہِ سام ہانہٕ ہینہٕ آمٕژ بلکہ تِم عنصر بدٕ کڈنہٕ آمٕتۍ ییم تِمہِ زمانہٕ کیٖن شاعرن اندر آسۍ تہٕ یِم آسۍ اَز کل چہِ شاعری اندر تہِ زانٕنہٕ ہیکو۔ اصطلاحی لفظن ہُنٛد خان استیمال چھُ کرنہٕ آمُت تہٕ اکھ خالِص تنقیدی موضوع سہَل زبأنی اندر اہسے کِس قالبس لدنہٕ آمُت۔ کأشرِس تنقیدس چھُ یِہ ہُرہرِ تہٕ بُرزٕر بخشان۔

غلام نبی فراقؔ

# رۄمانیت کیاہ گیہٕ

رۄمانیت کیاہ گیہٕ؟ یہ اہم سوال چھُ تِمہٕ ڈٖہہ ڈٖہتہٕ وٕری یہ پیٹھہٕ فنکارن، اُدیبن تہٕ نقادن ہنٛد بحثُک موضوع رۄدمُت۔ یوٚدوے یمن بحثن ہنٛدی نتیجہ عام طور یکسان تہٕ ہیٚو چھینہٕ تاہم چھُ وارِیاہ تم نوکتہٕ نٔنی دٔرامتی یموکنِ اَسہِ رۄمانیت زانٛنس تہٕ پرزٕناونس مَنٛز سٹھاہ اَتھہٕ رۄٹ سپدان چھُ۔ اَسی چھِ از شیٚقہٕ پاٹھی یہ کتھ زٕنتھ ہیکان زِ اَرڈاہمہِ تہٕ کُنوہمہِ صدی ہنٛد انگریزی تہٕ یوٚرپی ادبی یوت ادسہٕ رۄمانی رنٛگس منٛز رنٛگنہٕ آمت بلکہِ چھُ اَمیُک غوطہٕ عالمی ادبہٕ کین اکثر عظیم شہپارن تہِ لوگمُت۔ تِمن شہپارن منٛز تہٕ چھُ باقے عنصرو علاوٕ رۄمانی عنصر موجوٗد۔ اکھ ممتاز دانشور سٹینڈل چھُ وَنان زِ سوری بہلہٕ پایک ادب تہٕ فن چھُ پننہِ دَقہٕ رۄمانی اوسمُت۔ ہومر آسی تن یا ورجل، ایسکائیلس یا شیکسپیئر۔ ملٹن یا فردوسی، مارلو تہٕ سپنسر یا کالیداس یمن سارنے ہنٛدین ادبی کارنامن تہٕ عظیم شہکارن منٛز چھے باقے خصوصیتو علاوٕ رۄمانی خصوصیتھ تہِ موجوٗد۔ ہنٛس طرحدار تخیلس پیٹھہٕ سوار سپدِتھ نظم آدی ہومرن یتھ کالکی عظیم جنٛگی کارنامہٕ۔ اَمہِ یتھ کال پسندی تہٕ طرحدار تخیلہِ سیتی دٕیت تمی اَکس خاص رۄمانی عنصرس زَنم۔ فردوسی اوس ایرانس منٛز عربن تہٕ غار ایرانین خلاف زمین تیار کرنی یژھان۔ تمی سنٛدِ زمانکس مزازس اُس یہ آے کتھ براہِ یوان۔ چنانچہ یہ کتھ بائیس انہٕ باپتھ

اوس سُہ ایرانین مَنٛز قوم پرستی ہُنٛد جذبہٕ عام لوٗکن مَنٛز بیدار کرُن یژھان۔ ہوٗمرٕ سٕنٛدی پاُٹھی ژاوسُہ تہٕ رنٛگا رنٛگ تخیُلہ کِس پرٛزٕنہ س مَنٛز تہٕ لیوٗکھن شاہنامہٕ۔ اَتھ مَنٛز کوٗر تمیٚ باقے کتھو علاوٕ مُبالغہ آمیز انٛدازس مَنٛز ایرانکہ پیٚتھ کاُنٛک جلال تہٕ جمال تیتھہٕ پاٹھی پیش زِ قوم پرستی ہِنٛدس جذبس لوٗگ کھو لوٗ۔ یِتھہٕ پاٹھی ڈیٖت فِردوسین پننہٕ پیٚتھ کال لیٚنٛدی میٹھہِ اپزٕ تہٕ زیٚٹھہ تخیُلہ ستی شاہنامس مَنٛز اَکھ تھٔس مزازس تہٕ نم یِتھہ آسی رومانی مزازٕ ڈنتھ ہیکو۔ انگریزی زبانی ہٕنٛدی اکھ عظیم شاعرٕ ملٹنَن لیوٗکھ اکھ بوٚڈ بارٕ رزمیہ یتھ تمیٚ "رووٗمت فِردوس" ناو تھوو۔ تمیٚ سٕنٛد مقصد اوس خودایی طور طریقہٕ تہٕ خودایی وَتہٕ عام لُکن ہاونہٕ تہٕ باونہٕ۔ اَمہٕ داستانک آگر اوس مذہبی کِتابہٕ تہٕ بایبل۔ باقے کتھو علاوٕ ہاوٕ ملٹنَن شیطان تہٕ تمیٚ سٕنٛز لشکر پننہٕ شِکستک تہٕ ہارٕنک اِنتقام ہینہٕ باپتھ خودایی لشکر خلاف صفہٕ بنٛدی کران تہٕ جنٛگ کران۔ جنٛگکی یِم نظارٕ کٔری تمیٚ محض پننہٕ تخیُلہ کہِ مدتہٕ ستی تخلیق۔ پیٚتھ کاُلج یہٕ مذہبی داستان بیان کران کران کوٗر ملٹنَن پننہٕ تخیلک بَرپوٗر مظاہرٕ تہٕ یِتھہٕ پاٹھی لوٚگ تمیٚ سٕنٛدین تخلیقن تہٕ رومانی رنٛگ۔ پیٚتھ کالکہ ہِنٛدستانک ناٹک کار کالیداس چھُ تمی ساہ رومانیتک ناک نقشہٕ ووتلاوان یِیلہٕ سُہ خوبصورت انٛدازس مَنٛز قودرتی مناظرَن تہٕ لوٗکس جذبس میٹھہِ اپزٕ ستی اَکس خاص جذباتی انٛدازس مَنٛز پیش کران چھُ۔ شیکسپیر سٕنٛدین ناٹکن ہٕنٛدین کیٚتین ٹرٛیجک کردارَن چھِے محض یِیمہٕ موجوٗب رومانی آدرَن زِ تِمن چھِے پننہٕ وقتچہ سماجی سیاسی تہٕ اخلاقی پرزٕنش دِمن دلآزی تہٕ دغل دوٗزی ہنٛز لوبے لوان۔ اَتھ نام نہاد پرزٕنس ستی اَتھ واس کرُن تہٕ یارا ہہٕ لاگُن یادہ آہہٕ شیٚیہ آہہٕ کرُن چھُ تِم پننہٕ ضمیرک موت مانان۔ لوٗتے لوت ہہٕ بلکہ چھِ تِمن پنُن یہٕ مثالی ضمیرٕ اَتھ مروجہ پرزٕنس خلاف جہاد کرنہٕ باپتھ تہٕ رضامند کران۔ یِیلہٕ ہیملیٹ پننہٕ وقتکہ پرزٕنک مشاہدٕ کران چھُ تَس چھُ واراگ ووتھان۔ سُہ چھُ وولان تہٕ متان۔ اَتھی لڑایہ مَنٛز چھُ تس پنُن لوٚڑھ جان تہٕ ختم سپدان۔

ٹیمپیسٹک ہیرو پراسپیرو چھُ سیٚٹھاہ زنجیدٕ تکیارٕ تس چھُ نہٕ سُہ مقامی انسان کُنہٕ تہٕ سمکھان یا نظرِ گژھان یُس وُچھِتھ تس جگر شہلہ یِیہ یُس پرٛتھ لحاظٕ مکمل آسِہے موٗدب آسِہے تہٕ پزی پاٹھی تمہٕ نیٚ قدرن ہُنٛد پاسبان آسِہے، یمہٕ سیٚٹھاہ نفرت چھیٚیہ تہٕ انسانس ستی لاگنہٕ آمژ چھیٚیہ تمیٚ سُنٛد آخری لفظ چھُ بی آسان زینتس پانس

کرٕ واصلاح تہٕ چھلہٕ چھو کھ۔ مارلو سُند ڈاکٹر فاسٹ تہٕ چھُ رومانی طبیعتُک مالِک۔ تس چھُ کُلِ کاینا تھ سر کرنُک شوق۔ اَتھ سُتۍ سُتۍ چھُ تس یِمہٕ بزرگ تہٕ شدید احساس زوق چھُ ژلان۔ پنٕنہ زمانُک مروجہ پرزمانہٕ نس چھِنہٕ تس کانٛہہ برابری یِوان۔ پیٹھ چھُ سُہ انتہائی لذتھ لپسند تہٕ۔ سُہ چھُ مثالی حُسن تہٕ ژھانڈان۔ اَتھ سلسلس منٛز چھِیہٕ تس قدیم یوٗنانی ہیلن تہٕ یاد پیوان۔ سُہ چھُ فاٹتن بے رحمن، سنگ دِل، جابر حکمرانن انتقام ہیوٗن یِژھان۔ ظاہر داری تہٕ اپُز ہاو باو چھُنہٕ تس پسند۔ سپنسر سُندی تخلیق پرتھ چھِیہٕ سائنس منٛز اکہ قسمُچ شینہلتھ پیوان سوان تخیُل تہٕ چھُ حرکتس منٛز یِوان تہٕ تمہٕ وِے گژھ گُٹھو منٛز یکان یمن ہند ذِکر شاعر پانہٕ کران چھُ۔ یِم ساری تہٕ بیٛکھی ہی واریاہ خوٗصوصیاتھ چھِہ تم یِمو سۭتۍ فن تہٕ ادب رومانی کردار لیان چھُ تہٕ رومانیتھ ٹھنہٕ پیوان چھِیہٕ۔

شلر، وارڈزورتھ، کولرج، سکاٹ، بائرن، شیلی تہٕ کیٹس سُند تذکرٕ کوٚرِتہٕ ہیٛونیگ نامتھ زانٛنِتھ مانِتھ۔ یِم ساری شاعر تہٕ یِمن سۭتۍ باقے ٹھدِ پایکۍ نثر نگار یِمن اندر چارلس لیمب تہٕ ہیزلیٹ تہٕ شامل چھِ آے منٛز واریاہ کال گرٕ ہِتھ۔ یِہُند زمانہٕ چھُ کُنوٗہمہ صدی ہُند ابتدائی حصہ۔ یِم ساری اَدیب تہٕ فنکار چھِ صرف رومانی ادیب مانٛنہٕ یِوان یِمو ساوٕے اَدبہ وُدیت پنٕنو تخلیقی کارنامو سۭتۍ رومانیتس اَکھ خاص اَنہار تہٕ واتناوکھ یہ عظیم ادبی تحریک اَکس ٹھدس مقامس۔ کُنوٗہمہ صدی ہُندس صدی ہِندس ابتدائس منٛز یُس ادبی انقلاب یِمو شاعرو تہٕ اَدیبو اوٚن تتھ چھُ دہ نٕ تواریخس منٛز رومانی انقلابُک ناوِ دِنہٕ آمت۔ یِمے چھِ تم اَدیب یِمو رومانیتس اکھ ٹھوس کردار دیُت۔ یِہُندس کلاس تہٕ تحریرس منٛز چھُ قریب قریب تم ساری عناصر یِمن ہنٛز ترجمانی رومانیتُک لفظ کران چھُ۔ پنٕنس فنس تہٕ ادبس منٛز یتھ رومانیتس یِمو زَم دیُت تتھ منٛز چھِ منٛز ووتھ، نظم وضبط، غار جانب داری رلواتھ تہٕ مروجہ ادبی ہیئت ہوٚرن کلاسیکل اصولن یہ ڈیلہٕ زتہٕ ٹیٹ کڈنہٕ آمٕژ۔ اَتہٕ چھِ ادب سُند تخیُل، جانب داری، جذبات تہٕ احساس لذتھ حواس، انفرادیت تہٕ شاعرن ہنٛز شخصیتھ پرتھ چیزس پیٹھ غلبہ حاصل کوٚرمت، یِمو منٛز چھِنہٕ کانٛہہ تہٕ فنکار تہٕ اَدیب کُنہٕ لوایٹریا قایدس بردٕ نِتھ کُنہٕ پنٕنۍ آزادی راونٕنس پیٹھ تیار۔

رۄمانیتس زَنَم دِنہٕ والیو کیو گژھوٚ ہمہٕ صدی ہندلو اکثر اۮیبو تہٕ فنکارو کوٚر نہٕ شہرن ہندچ گش تہٕ شور و شر پسند۔ گامچہ خاموشی ژھوپہ تہٕ سوٚکونس منز لوٚب یموٚ بے انتہا قرار۔ انگریزی زبٲنی ہندۍ اکھ مشہور شاعر تہٕ رومانی تحریکک وَتہٕ ہاوکھ ورڈزورتھ لوٚگ یتہٕ وَننہٕ زِ شہر باشن مقابلہٕ چھ دیہہ باشی زیادٕ جان۔ تمی بنیادی یے دیہہ باشن تہٕ ٹیلی ہنین اہم نظمن ہندی مرکزی کردار۔ سہ اوس وَنان زِ دیہہ باشن ہندی جذبہٕ چھ شہر باشن ہندس جذبس مقابلہٕ شوٚدی تہٕ لوٚدی تہٕ انسٲنی ضمیرس تہٕ پزرس سیٹھاہ نزدیک۔ یمن رومانی شاعرن ہنز شاعری منز چھنے مناظرِ قدرتچ عکاسی تہٕ دَرژھ وانجہ کرنہٕ آمژ۔ یمہ تہٕ ییژھہ ہشہ کینہہ ڈُنہ چھ دراصل رومانی اۮیب تمہٕ نفسیاتی ڈُبرایہٕ تہٕ بیقرٲری ہندۍ بے پناہ دوان یوسہٕ مشینی دورچہ سماجی ثقافتی تہٕ اخلاقی بے پناہ تلکھ پیٹھن تمن منز پادٕ کرمژ آس۔ چنانچہ تنقید نگارو ڈیٹ تمن موٚلول دانشور آوارہٕ وطن مغموم مفکرن ہند ناد تہٕ۔ مارکسی دانشورو منز وۄن کینژو یتہٕ زِ یم رومانی اۮیب آسی رجعت پسند انقلابی۔ انقلابی اوٚ موجوب زِ یمو کوٚر دِلاورن ہندی یا کھٹی مشینی دورچن واریاہن بےانصافین خلاف پننہٕ نفرتک اظہار۔ رجعت پسند اوٚ موجوب زِ نفرتک یہ اظہار اوس مزاحٕ کٕہ ڈٔری یہ سپدان۔ یمو رومانی اۮیبو یُس ادب تخلیق کوٚر تہٕ سگنوو سہ اوس ٹھوس کتھو مقابلہٕ مثالی، بیکنار پُر اسرار خیال شبیہن تہٕ خابن منز ژۄر روزنہٕ بایتھ آمادٕ کران تہٕ تمی دیہاتی ماحولس کُن نِوان یمہ منز صنعتی انقلاب تتھ کڈان اوس۔ تم آسی ترژھن وِدہ میزن پیٹھ زِندٕ تھاوان یا تھاوٕن ییژھان یمہ بنیاد زِردٕس آسہٕ۔ یوٚہے چھ رومانیتک بوٚڈ حسن تہٕ تہٕ قوٚلوہ۔

اَسہٕ پزرٕ یہ کتھ کنہے منز تھاوٕنی زِ رومان مزاجٕ اۮیب آسی کُلہم پُرخلوٚس مُبلغ۔ تِمن مُبلغانہٕ کردار کوٚر تمو اکہٕ نتہٕ بیہ طریقہٕ پننین تخلیقن منز ظاہر۔ پننہٕ زندگی منز ژھونڈکھ سہ حسن تہٕ ماری مَنْدِ ثیت، یتھ تمو حقک ناد تہٕ ڈیُت نیک و بد، یزدان و شیطان، ہوہن مسلن سیتی روزنہٕ تمن تیژ دلچسپی یوتاہ انسانس تہٕ تمی ہندس رژرس سیتی تمن قربی تولُق روُد۔ چنانچہ یہ مقصد حاصل کرنہٕ بایتھ کوٚر تمو رِوایتی مذہبی تہٕ فلسفی پزرس مقابلہٕ انفرادی سوچنس تہٕ تجربس ہمیشہ وَرژھ وانجہ استقبال۔ تہنز یہ سوچن ترِلے چھنے لدیس منز کنہٕ وِزِ شبیہن ہند بدٕ تہٕ سیتی نوٚمودار سپدان تہٕ کنہٕ وِزِ یمبلن ہنز شکل اختیار کران۔ امہٕ خصوصیژ سیتی چھنے حسنس پیٹھ رومانی ژھاے ہش

پیوٚن یہ روٗمانی رٕتھاے نظر کڈنی چھِنے ساںنہِ باپتھ تمہِ ساپنہٕ آسان سپدان ییلہِ اَتھ منز اکھ خاص طبعی حقیقت ہیو، نظرِ گژھان چھُ۔

ازکالہٕ نش بیزآری، ہیتھ کال پسندی، بروٗنہہ کال پسندی، انسان دوستی، رِوایتہٕ نشہٕ بغاوتھ، جذباتن ہنز شدَتھ۔ یِہ دل موٗلوٗل گاشہٕ چار سوتھ تہٕ ظُلمس ستی نفرَتھ، آزادی ہنز کل۔ نوبرتہٕ جانب دٲری ستی ستی چھُ روٗمانی اُدیبن محبوٗبس تعلق تہٕ پننی اکھ الگ تصوٗر۔

یوٚدوے وارڈز ورتھ پنڈس لوٗس منز جنسی لوٗ چھُ ہُنڈ پہلوٗ ٹاکارہٕ چھِنہٕ تاہم چھُ تمی سُنڈ تصوٗر حسن تہٕ پرتھ لحاظ مٲری موٚنڈ تہٕ بے سوٚکھ بناوَن وول۔ اگرچہ اَتھ تصوٗرس منز بے راہ رٕوی چھِنہٕ تاہم ہیٚکہِ کانہہ تہٕ مٲری موٚنڈ تصوٗر حسن اِنسانہٕ ہنڈس وٕجوٗدس منز نفسیٲتی طور اکھ ہیجان پٲدٕ کرِتھ۔ اَمہِ باوجوٗد چھِنے یہِ کتھ بُرزٕ زنانہٕ حُسنکس یہِ مثٲلی تصوٗر ہیٚکہِ جنسی بے راہ رٕوی کٔرِ تہٕ نتہٕ۔ چنانچہِ یتہٕ چھُ سُپدمُت تہٕ اُسی ہیٚکہ اَتھ سلسلس منز کم ازکم شیلی تہٕ بائرن سُنڈ ناد ضروٗر پیش کرِتھ۔

# پوٚت سام

۱. رۄمانیتھ ---------- ـــــــ اۆردۄ ہێندی یَس مٔنٛز چھُ یہِ لفظ اَز کل تہٕ خاٚلی عشقہٕ نٕہجہ یا غأر سنجیدٕ عشقی خیالو باپتھ ( افسانس شاعری یا ڈرامایس کُنہِ تہٕ منٛز آسُن ) استعمال کرنہٕ یوان. مگر رۄمانیتھ چھُ انگریزی رومانٹسزم یُس رۄمانہٕ نسبتہ بیوٚن چھُ.

۲. ہومر ـــــ اوڈیسی تہٕ آئیلیڈ ناوچن رزمیہ نظمن ہُند خالق مشہور یونأنی شاعر.

۳. ورجل ـــــ (تُلہ سنہ ۱۹ م پ) رۄمی شاعر. اینیڈ چھ اَمی سُنٛز مشہور رزمیہ نظم.

۴. اِسکائیلس ـــــ مشہور یونأنی ڈراما نِگار (سنہ ۵۲۵ - ۴۵۶ م ب) کُل ۹۰ ڈراماہو منٛز چھ صرف ۷ دستیاب. یمو منٛز اگامیمنن یومی نیڈیز، پرومی تھیس (قیدی) مشہور چھ.

۵. شیکسپیئر ـــــ مشہور انگریزی ڈراما نویس تہٕ شاعر (سنہ ۱۵۶۴ - سنہ ۱۶۱۶) اَمی لیکھی اوتھیلو، ہیملیٹ، جولیس سیزر، کنگ لیئر، رومیو جولیٹ ہوی دوکھ اند ڈراما دی ٹولفتھ نایٹ، دی مرچنٹ آف وینس بیتر ہوی مزاحی تہٕ خوش اند ڈراما.

۶. مِلٹن ـــــ (سنہ ۱۶۰۸ - سنہ ۱۶۷۴) مشہور کلاسیکی انگریزی شاعر. برونٛہہ برونٛہہ اوس بڑٕ تیز مزأژی مگر اخرس گو اچھ گاشہٕ نشہٕ تہٕ عظیم شاعری لیچھن یمہٕ منٛز "پیراڈائز لاسٹ" "پیراڈائز رگینڈ" عیسائے اخلاقیاتھ وکھنان چھ.

۷. فردوسی ـــــ (سنہ ۱۰۲۰ - سنہ ۱۰۹۳ م پ) مشہور فارسی شاعر. سلطان محمود غزنوی پنٛدس

وقتس منٛز لیوٚکھ "شاہ نامہ" یہ چھُ ہومرسٕندِس "ایلیڈس" ہیوٚ عظیم تہٕ بوٚڈ رزمیہ

۸۔ مارلو ——— (۱۵۶۴ء ۔ ۱۶۰۴ء) ڈاکٹر فاسٹس، تیمور لنگ، مالٹاہُک یہوٗدی وغیرٕ

ڈرامہ لیکھن وول مشہوٗر ڈرامہ نگار یُس شیکسپیرس ہمکال تہٕ تس مُتاثر کرن

والین منٛز گنٛزرنہٕ یوان چھُ۔

۹۔ سپینسر ——— (۱۵۶۲ء ۔ ۱۵۹۹ء) ہومر تہٕ ورجل ہندِ کلاسیکی آیہ لیکھن وول "دی فیری کُیٖن"

چھِ اُمِنٛز مشہوٗر نظم۔

۱۰۔ کالیداس ——— (دوٚیِم تہٕ ترٛیِیم صدی) مشہوٗر سنسکرت ڈرامہ نویس تہٕ شاعر۔ اُمی

لیکھ شکنتلا، مالوِکا تہٕ اگنی مِتر، وِکرم تہٕ اُروشی ڈرامہ تہٕ بیٚیہ موسمن ہٕنٛز سوٗمرن،

رگھو سٕند خاندان، شیٚچھ گوٚر اوٚبُر، کُمار سمبھو ناو ہٕشہ زِ چھہ نظمہٕ یا رزمیہٕ۔

۱۱۔ میٖچھِ اپیٚر بستی ——— رومانی تہٕ چھےٚ شاعرانہ تخیُلس زیٖٹھ لاکھ ترٛاوان تہٕ شاعر

چھُ پنُن پسندیدہ اپیٚر ڈُنیاہ کھڑا کران۔ مگر یہ ڈُنیاہ چھُ خوٗبصوٗرت تہٕ میوٚٹھ آسان۔

۱۲۔ ٹریجک ——— دوٚہ کِھ اند۔ یمن ہٕنٛد تکمیل دوہ کھس یا کُنہ وِزِ موتس پیٹھ تہٕ پید۔

شیکسپیرٕ سٕندی کینٛہہ مشہوٗر کردار چھِ پننہِ مٲصوم مزاج کِنہِ یا دوٚکھدٲہی نِشہ لوٚب

روزنہٕ کِنہِ آخر بڈٕ دوہ کھلدٕ حالاتن منٛز آوُرنہٕ یِوان یا یِمَن حالاتن ہٕندی شکار

گژھِتھ مران۔

۱۳۔ شِلر ——— (۱۷۵۹ء ۔ ۱۸۰۵ء م پ) جرمنٛز شاعر تہٕ ڈرامہ نگار۔ اُمی سٕندی

ڈرامہ چھِ المیہ تصوٗر پیش کران تہٕ کلاسیکی تہٕ جدید تجربن پیٹھ مبنی۔

۱۴۔ وَرڈزوَرتھ ——— (۱۷۷۰ء ۔ ۱۸۵۰ء) رومانی شاعرن اندر سارِوٕے کھوتہٕ زیٖٹھ تہٕ

عظیم۔ فرانسیسی مُفکِر روٗسوہس نِش مُتاثر۔ انگلینڈس اوس آزادی ہٕنٛد مُحافظ

مانان مگر فرانسچہ آزٲدی ہنٛز لڑایہ کوٚر متاثر۔

۱۵۔ کولرج ــــ (۱۷۷۲ء ــ ۱۸۳۴ء) وآڈز ورتھ سُند ہم کال تہٕ دوس۔ شاعر علاوٕ

نقاد تہٕ فلسفی۔

۱۶۔ سکاٹ ــــ (۱۷۷۱ء ــ ۱۸۳۲ء) شاعر تہٕ ناول نگار

۱۷۔ بایرن ــــ (۱۷۸۸ء ــ ۱۸۲۴ء) انگلینڈ کہ جاگیردار ورگک رووکُن، پننہِ

وزِ لٔھد ایوانک پارلیمنٹ ممبر۔ انگلینڈٕ نیبر تہٕ وٲرٕ اوٚس تٔمسٕنز شوہرتھ۔

۱۸۔ شیلی تہٕ کیٹس ــــ لوہ کھارٕ رٔدشیلی (۱۷۹۲ء ــ ۱۸۲۲ء) دہری خیال

پھہلاوان تہٕ پَیِنہٕ تہٕ آیس نہٕ کٲنسہٕ سیتہٕ برابری۔ شاعری منٛز چھُ پأیمبرانہٕ شیچھ

باوان یوسہٕ مُلکہٕ تَلہٕ سماجی چھےٚ۔

کیٹس (۱۷۹۵ء ــ ۱۸۲۱ء) گُذٲرِ بد قسمتھ زندگی تہٕ "لیمیا" "ازابیلا" نظمن

منٛز نظماون زیچھِ دلیلہ۔

۱۹۔ چارلز لیمب تہٕ ہیزلٹ ــــ لیمب (۱۷۹۵ء ــ ۱۸۳۴ء) چھُ نثر نگار تہٕ "ایلیا

ہنٛد کاہ لیسے" تہٕ "اٰخری اہ لیسے" ناوٕ نثری کِتابو کِنہٕ مشہور۔ اُمسُند اسلوب چھُ شاندار

لفظن تہٕ جُملہٕ گرٚتس پیٚٹھ دٔرِتھ۔ ہیزلِٹ (۱۷۷۸ء — ۱۸۳۰ء) اوس آزادی
تہٕ انقلاب پسند مگر مانان نیپولینس "زمانُک رُح" چھُ اٚہنٛدِ زبان ساز تہٕ محاورٕ ساز
نثرِچ سوٚمبرن۔

۲۰۔ **مشینی دور** —— یوٗرپس منٛز آو اردأہمہ صدی منٛز صنعتی انقلاب ییٚمہ سٟتۍ زَن
وارٕ وارٕ گام شہرن تہٕ قصبن منٛز تبدیل گژھنہٕ ہیٚتۍ۔ گامن ہنٛدِس قودرتی حسنس تہٕ مأحول
مزاجی پیٚٹھ تہٕ پیو امیک اثر۔ سمأجی تہٕ اخلأقی قدرٕ تہٕ بدلییہِ۔ روٗمأنی اُدیبن گوٚو
انسان سُند مشین بنُن برداش۔

۲۱۔ **بأطن بین** —— اٚندرٕ وُچھن۔ صرف بێنٛہٕ نٕس دِلس تہٕ مَنس وُچھِتھ ییٚمہ سٟتۍ مسلن تہٕ
اٚندرِم جذباتن تہٕ خیالن ہٕنٛز زبأنی منٛز حل ژھانڈُن ودل۔

۲۲۔ **مافوقیتھ** —— انسان چھُ قوۂ درتس اندر قوۂ درتہٕ کیٚن باقے سارنٕے طاقتن ہیٚور
کھسِتھ تہٕ بہلہٕ پایہ۔

۲۳۔ **مارکسی دانشور** —— مشہور جرمن مُفکر کارل مارکس سُند فلسفے حیاتہٕ تہٕ سیاسَتھ
مانن وألۍ۔ یِہنٛدی کنہٕ چھُ سماجس اندر روٗزِتھ اکھ بێتھ بنہٕ والین قوۂ ونن تہٕ
روٗہ حجانن سیتۍ لڈُن ضروٗری یُس تھ سماج ترقی کرِ تہٕ ہشترک نظام قأیم گژھہ۔

۲۴۔ **دیومالا تہٕ اساطیر** —— انسأنی تہذیبہٕ کہ ارتقاہچ زان کرناوَن وألۍ نیم تواریخی
تہٕ نیم تخیلی کردار داستان تہٕ دلیلہٕ۔ (وُچھو ییٚتھ کتابہٕ منٛز "دیومالا یہٕ ہٕنٛز اہمیتھ" ناوُک
مضموٗن)۔

**۲۵۔ سِمبل** ـــــ عَلامَتھ۔ بیٚیلہٕ اَکھ چیٖز، اِشارٕ، لَفِظ، خیال یا واقہٕ بیٚیہِ کُنہِ چیٖزُک یا خیالُک نُمایِندٕ آسِہ تہٕ پننہِ مانہٕ بدلہٕ بدل چیٖزُک مانہٕ دِیہ۔

**۲۶۔ نٔرلِتا** ـــــ وِنِکھزار۔ سارِنے نِشیہ بدٕون آسنچ خوٗصوٗصیتھ۔ نٔرلتا

## سوال نامہ

۱۔ رۄمانیٚتھ لَفظَس کٔرِو پننین لَفظَن منٛز تأریف تہٕ تشریح۔

۲۔ انگریزی زبأنی ہنٛدِین سرکردٕ رۄمأنی شأیِرن ہُنٛد تعارُف کرنأوِو۔

۳۔ رۄمأنی نہٕج کیٛازٕ آو زوال؟ اَز کل تہٕ چھا یہٕ نہٕج کُنہِ کُنہِ شأیِریہِ منٛز نظرِ گژھان تہٕ کیتھ کٔنی؟

# کاینات ـ زان

بِہتھ زمینہِ پیٹھ اَسہِ روزان چھہِ یہِ چھےٚ سیٹھا بٔڈ۔ مگر یہِ چھےٚ نہٕ پننہِ کُنہ خوٗ صوٗصیٚژ کِنہ آزاد یا مُکمل۔ اَمیُک ژٕم تہٕ ماز مادٕ چھُ اَفتابُک، وُشنیر چھُس اَمہ کےٚ، ہوا نوا چھُس اَمہ کےٚ، نژان چھےٚ اَتھ اَندی اَندی۔ بہاےٚ یاژ نہٕ بٔبیہ اَتھ بٔڈی یتھی سیارٕ، پننہِ زوٗ نہٕ تہٕ تارکھ ہیٚیے ہیٚیے۔ مگر افتاب یوٗت اہم اَسہِ تہٕ چھُنہٕ کٔنٛہہ اہمیتھ تھاوان یٚیلہِ اَسہِ وُچھان چھہِ زِ یہِ تہٕ چھُ بِہتھ کائیناتس منٛز کروڑ بدو یِیتہٕ دٕےٚ سِری یوٚ منٛز اَکھاہ۔ یِم کروڑ بٔدی سِریہٕ تہٕ تارکھ نہٕ کہکشان چھہِ شِنہس منٛز اَکھ اَکس کٔشنہِ ہیتھ لٔارِتھ تہٕ الاٰ اَندی بِشنیاہ چھُ یوٗت وُسی زِ یوٗت بوٚڈ دُنیاہ سِریَن تہٕ تارکَن ہُنٛد دُنیاہ چھُ اَتھ منٛز غائب گژھان۔ یہ چھُ یِیمہِ کائناتُک روٗپ۔

یِیمہِ کائیناتٕچ قوٚوتھ چھےٚ حٲران کران۔ گاش چھُ دوٚن زٕ لچھہ میلہٕ سیکنڈس پکان۔ نو تہٕ چھُنہٕ واریاہن سِریَن تہٕ تارکَن ہُنٛد گاش وُنہٕ اَسہِ تانی ووت مُتُے۔ سیکنڈس دوٚن زٕ لچھہ میلہٕ پکِتھ پکہِ گاش وُری یِیس: ۳۶۵ × ۲۴ × ۶۰ × ۶۰ × ۱۰۷۵ لچھہ میلہ۔ یہٕ فاصلہٕ اَکھ گاشہٕ وُری واریاہ تارکھ چھہِ اَز تہٕ خبر کیٚتھو گاشہٕ وُری اَسہِ نِشہِ دوٗر۔ واریاہ چھہِ سائنس افتابس کُتھ کران۔ تہٕ واریاہ چھہِ بدل اَفتابن اَندی اَندی نژان۔ اِنسان ہٕشرٕ وُہرِ چھےٚ صرف داہ لچھہ وُری بیتھ مُتر اَژ بیٚیٹھ۔ کاینات ٕچ وٲنس وُچھتھ چھہِ اَتھ وُقیتھے کانٛہہ۔ صرف چھہِ سانہِ زمینہ ہٕنٛزٕ ےٕ وٲنس زٕ اَرب وُری۔ اَمہ بروٚنٛہہ ٹٲس یہِ خبر کیٚتھن کھرٕبن وُری یَن اَفتابُک حِصہ۔ خبر کیاہ چھےٚ اِنسان

ہیکیاہ نبازانہہ کاییناتکؠ پۆرٕ عٕلم تہٕ حأصِل کرِٕتھ، تۄتہٕ تھ واتنۍ کتھ ترٛاوی تۄ۔

کاییناتچ زان چھنہٕ صِرف اعداد و شُمارن ہٕنٛزٕ رے بأژ زان بلکہ انسأنی کوٗشِشن ہٕنٛدِ سِلسِلچ تہٕ زان۔ بیہِشراہ اِنسانس یہِ زان ہٕدان چھےٚ تیہِشراہ چھُ تس پنٕنہِ کمتری ہٕنہ موموٗلی آسنچ تہٕ پےٚ میلان۔ اَمہٕ سِتھ چھُ تیٚشدٕرِس سوچِنس تہٕ فلسفس بیمۍ اَثر پیوان۔ سایِنس تہٕ عٕلم چھُ اَمہٕ حسابہٕ بدلان۔ مذہب تہٕ اِیتِقاد چھُ اَمی حسابہٕ نۆو اَنمانہٕ نۆو رنگ ترٛاوان۔

یہِ مقالہٕ چھُ اَکہٕ طرفہٕ کاییناتس مُتعلِق حأران کُن اعداد تہٕ شُمار دِوان تہٕ بٔیِیہ طرفہٕ اَتھ مُتعلِق نۆو سوچنٕک پےٚ پتاہ تہٕ دِوان۔ سلیس زبأنی منز چھُ اَتھ سایِنسی موضوٗعس عام پرٛن والی ہٕنٛدِ خأطرٕ جان پأٹھۍ پیش کرنہٕ آمُت۔

شفیع شوق

# کائناتھ

گرٚنید چھَ اکھ تیتھ چیز یَتھ کانٛسہٕ ہٕ تہٕر ہیٚوک رٹِتھ تہٕ نہٕ موٗل. آسی ہیٚکو کھربن ہِندی کھرب گنٛزرِتھ۔ مگر تَمہٕ پتہٕ۔ اکہٕ بوٚن چھُ عشارِیہ نوَ ۔ تَمہٕ بوٚن تہٕ ہیٚکو سیٹھاہ وُسِتھ۔ مگر کوٗتاہ؟ یِہَے بٲتھ چھَ یَمہٕ کٲیناتِچ۔ وُنیکٕ تان ہیٚوک نہٕ اِنسان تہٕ امہِ کہٕ بجرک اندازٕ کرِتھ تہٕ نہٕ امہِ چہِ لوکچہ کھوتہٕ لوکچہِ شکلہِ ہند۔

کٲیناتس مَنٛز کیٚتیاہ زوٗن، تارکھ تہٕ اَفتابہٕ چھِ؟ یہ کمن سرحدن تام چھُ وُہرِتھ؟ تہٕ سرحدن اپار کیاہ چھُ؟ یِمَن سوالن ہُند جواب دِین چھُ سیٹھاہ مُشکِل۔ دوٚن گوٚ کتھ زھوٚٹراوہٕ باپتھ ہیٚکو آسی لیٚ وُنِتھ زِ کٲیناتھ چھُ تیوٗت بوٚڈ زِ آسی ہیٚکوَ نہٕ خیالس مَنٛز اَنِتھ۔ اَتھ مَنٛز چھِ ہِتی زوٗن، تارکھ تہٕ افتابہٕ، یِمن نہٕ اَنٛتھے چھُ۔ یہ چھُ تَرٕ ہٕ ہش کتھاہ اگر آسی نہٕ بٔڈی آنہٕ کمرس مَنٛز دوٚن لبَن پیٹھ اکھ اکس سیٚدٕ سیٚود اوٚیزان تھاوَو۔ پتہٕ تھاوَو اکس شیٚشس بروٚنٛہہ کنہِ کانٛہہ چیز۔ یِمن دوٚن آنن مَنٛز کیٚتیاہ عکس ییٚن تَمہِ چیزُک، تہٕ ہیٚکہٕ نہٕ کانٛہہ ژٔنِتھ!

گاش چھُ اکس سیکنڈس مَنٛز ۱,۸۶,۰۰۰ میلہٕ پکان۔ امیُک مطلب چھُ زِ افتابُک گاش چھُ اَسہِ نِش تقریبن اَکھٹھن منٹن مَنٛز واتان ییٚلہِ زِ افتابہٕ چھُ زمینہِ دوٗر ۹,۲۵,۰۰,۰۰۰ میل۔ امہِ حسابہٕ سوٗنٛچِو تَوے یِمہٕ اَفتابُک گاش

زمینہِ پیٹھ اکِہ گاٹہِ پتہٕ پیوان آسہِ، سہ کوتاہ دوٗر چھُ اسہِ نش! تہٕ زانیٚو بہٕ پتھ چھ اسہِ اَکس گنٹس سیکنڈ بناوٕنۍ تہٕ تتھ چھُ ۱,۸۶,۰۰۰ اسیتۍ ضرب دِین۔ ۵۹۹ لۍ چھ کیٚنہہ تیتھۍ افتابہٕ تہٕ ییٚندٕ گاہ یُس اکھ زٕ ژاسہِ تام دوہن تہٕ ہفتن رٕتن تہٕ اَہلِ کہٕ وٕری ین منٛز چھ واتان۔ وُچھنہٕ چھُ آمُت زِ کیٚنژن افتابن ہندِ گاہ یُس اکھ زٕ ژ چھ بتر آژ (زمینہِ) پیٹھ لچھ بدلو وٕری لویتہٕ پیوان گو تمن لچھ بدہن وٕری ین چھ گوڈٕ سیکنڈ بناوٕنۍ۔ تہٕ تمن سیکنڈن چھُ ۱,۸۶,۰۰۰ سیتۍ ضرب دِین۔ تیتۍ میلہٕ چھ تمہ تارکھ اسہِ نش دوٗر — کیٚنہہ تارکھ چھ تیتۍ دوٗر اسہِ نش زِ تہٕندگاش چھنہ وُنہِ تہٕ زمینہِ تام داتان۔

تارکن ہندِس اتھ بارہ ہو جوٗمس منٛز چھُ سانہِ رادنک خدشہ — بہتر چھُ زِ اَسی یمو ینہِ ناج بتر آژ نش والپس تہٕ دامن لوکچہٕ پتھ کرِتھ وُچھوٗ اَسی تارکن ہندیہٕ دوہ رسہٕ!

سانہِ بتر آژ گے یمے ..........,۲ وٕری افتابس اَندی اَندی تھکہٕ روٗس گتھ دِوان۔ امہِ بروٗ نہ اُس زمین تہٕ افتابہٕ کُے اکھ حِصہٕ۔ تہٕ افتابہٕ ادس وُہان مادک اکھ سیٹھاہ بوڈ نار الاو۔ شاید لوٗک کُتان بیاکھ افتاب اپارِ کِنۍ یمہٕ چہ کُشِشہِ سیتۍ زمین اکھ چھل ہش جدا گیہٕ۔ وُنیک تام چھ سانۍ زمین سوٕ سے پرانۍ تیہٕ شہلاوان زمینہِ ہندِ اندرِیم حِصہٕ چھُ وُنہِ تہٕ گرٕ کرِ دِن۔

اسہِ نش چھ زمین سیٹھاہ بڈ۔ اَتھ چھُ اَٹھ ساس (۸,۰۰۰) میل موٚ چر۔ یہٕ گول مول زمین چھ اکِہ کوہ کرِ ٹھوٗپلہٕ شکل تھاوان۔ مگر یہِ پزر چھ از اَسی لکھ زانان۔ از بروٗنہہ یمے ڈاے ساس (۲,۵۰۰) وٕری اَسی وقتکی گاٹہِ ونان زِ زمین چھ اکھ پٹہٕ ہش، یوٚس انتہ روٗس سمندرس منٛز پران چھہٕ۔ تو ئے اَسی تمہ گاٹہِ لوٗکن ہیبہِ کران زِ پتھنہٕ کانہہ سمندرک سفر کرِو۔

زمین چھ سرِ یہِ نش ۹,۲۵,۰۰,۰۰۰ میل دوٗر ژوٗ وہن گنٹن منٛز پانس اکھ ڈلہٕ گیٚن دِوان۔ تہٕ امہِ سیتۍ چھ دوہ تہٕ راتھ بنان۔ زمینہِ اَندی اَندی چھ زوٗن گنہ دِوان۔ تہٕ زمین چھیہٕ زوٗن ہیتھ سرِ یس اَندی اَندی ترین ہتن تہٕ پانژہٕ اَٹھن دوہن منٛز اکھ پھیر لوٗرٕ کران۔ امہِ سیتۍ چھ وٕری تہٕ موسم بدلان۔ زمین

تہٕ زِ ن یُتہٕ چھِنہٕ سرِیس اَندی اَندی پھیران ژلِکہٕ چھہِ ین دوٚن لگاتار بنیہٕ اٹھ سیارٕ، مرِیخ، مشتری، زُحل، زہرہ نیپچوٗن، عطارد، یوٗرینس تہٕ پلوٹو سرِیس اَندی اَندی پھیران۔

یم نوٚن زوٗنی سیارٕ تہٕ سرِیہ چھِ اکھ خاندان ہیوٗ بناوان۔ یتھ اَسی سرِیہ کرٛون وَنو۔ یہ سرِیہ کرٛون چھُ اَکس بڑس تارکھ مٹلکس منز۔ یتھ اَسی "دوٚدہ کوٚل" یا کہکشاں چھِ وَنان۔ کہکشانس منز چھِ سرِیہ کرٛ ائنس ہِوی ساسہٕ بُڈی تارکھ خاندان۔ دِپان اکھ منز چھِ تقریبن ....... دا تارکھ سمان۔ مگر اَسی چھِ پرٛتھ راتھ وُچھان زینس منز چھِ کہکشاں اکھ لوکٹ حِصہٕ۔ حالاں کہٕ سانہٕ اَچھ چھِ نہٕ سٮ۪ٹھاہ کم حِصہٕ ڈیشِتھ ہیکان۔ نبس منز چھِ واریاہ کہکشاں تہٕ پرٛتھ کُنہِ کہکشانس منز چھِ تقریبن ...... دا تارکھ۔

یم کیتیاہ تارکھ چھِ یکہٕ وَٹہٕ سمان؟ تہٕ ہیکو نہٕ اَسی خیالس منز اَنِتھ۔ امیک کینہہ اندازٕ کرنہٕ باپتھ لوکٹاون اَسی یہ کائیناتھ مِثالہٕ منز۔ تہٕ سو مِثال چھِ زِ اگر اَسی کُشیرِ ہنزِ ساری زمین ذرن منز تبدیل کرٛون۔ تیتی تارکھ چھِ یتھ کائیناتس منز چھُکہٕ کتھ، یتھ پیالس بیٹھ اسہٕ تارکھ ذرن منز موژراوی، تیتھی پیالس پیٹھ اگر اَسی یہند پانہٕ وٕنی دوٗر بہٕ تہٕ موژراوو۔ تو تہٕ آسن یم زرٕ اکھ اَکس نِش ساسہٕ بُڈی میل دوٗر۔ یا وَنو اَسی زِ اکھ تارکھ چھُ سمندرس منز اکھ نٮ۪پہٕ وٕن کیوٗم باسان۔ گویم کائیناتہٕ کس ژھرِ رس بروٚنٹھ کنہِ چھِ سارِنے تارکن ہند سورِے مادٕ نہٕ آسنس برابر۔ یوٗدوے یم تارکھ سٮ۪ٹھاہ بُڈی چھِ ـــــ وونہٕ چھِ وُچھُن زِ یم اَنِتھ رُدسی تارکھ کتہٕ چھِ یوان؟ سانہٕ دوٗر بینیہ چھِ ہاوان زِ کائیناتس منز چھِ وُہان مادٕ کِ واریاہ بُڈی بُڈی زُندکھ۔ یہند درِجے حرارت چھِ لوٗد ڈگریہ چھِ۔ میند بجرٕ اندازٕ کرٛن چھُ سٮ۪ٹھاہ مشکل۔ یم چھِ طاقتیح تہٕ تادٕرح اکھ منزِم صوٗرتھ یانے یمن منز چھِ طاقت مسلسل مادس منز بدلان۔ یمن چھِ "نارٕ ونل" (NEBULOUS) وَنان۔ یہندی اٹم چھِ وارٕ وارٕ اکھ اَکس نزدیکھ یوان تہٕ ثیٚہلان۔ یکے نارٕ ونلہٕ چھِ اَنِتھ رُدسی آفتاب۔ تہٕ تارکھ بناوان۔ یم تارکھ تہٕ چھِ گوڈگوڈ سٮ۪ٹھاہ گرم آسان۔ اِہم مِثال چھِ اسہِ پنُن افتاب۔ سون آفتاب چھُ وُنہٕ تہٕ تیوٗت گرم زِ امیک تژر چھِ اسہِ لچھہٕ بُڈی میل دوٗر تہٕ موژر تلان۔ افتاب چھِ وارٕ وارٕ شیٚہلان۔ تہٕ آخر وارٕ تہٕ سہ دوٚدھ تہٕ

ییلہِ یہٕ امیک گاش سانہِ زمینہِ پیٹھ واتِتھ ہیکہِ۔ تیلہِ کیاہ گژھہ؟ تہٕ چھُ سارِے نہٕ فِکرِ تران۔ مگر تۅتام چھ وۄنہِ کرۄر بدی وٕری۔ تمہِ برونٛہہ گژھہِ زمین تیٚژ ترٛٹھ ز اتھ پیٹھ لگہِ پرٛیٹھ کُنہِ چیزس نہٕ۔ تہٕ زندگی ہیتہٕ سپدِ اند۔ امہِ کِس بَرٛ دگرٕ ہنٛس سیتی تہٕ پکن یم سارِی زِ ؤ ذاتٕ خطِ استوا ہس کُن تہٕ تمنیٚ علاقن منٛز سور یکھ دم۔

اگر اسی یہٕ نس تخیل کس دلیس شانن پیٹھ بہتھ وچھان وچھان یمہٕ کائناتہٕ کس اندس پیٹھ گژھتھ کائناتہٕ کس اَکہِ دۄن رسس دِ موثر دہ وا پاری نظر۔ یم اتھ رٔوسی باترِ وچھتھ کیاہ باسہ اسہِ بیٚنٛہِ زمین؟ یہٕ باب تہٕ اسنس برابر۔ خبر کیتھ جایہ راوِ مٔژ! اگر ساٛنِ پرانِ گاٹلی اسی ونان زِ زمین چھَ یمہٕ ساری کائناتک مرکز۔ تہٕ باقی زٕ ژٔن تارکھ چھُ اتھی اندی اندی نژران۔ تہُندِ دۄن اندس زِ کائناتھ چھُ اکھ گرٛیٹھ۔ پیٹھیم پوتر چھُ اسمان ساری تارکھ ہنتھ۔ تہٕ بنیم پوتر چھُ زمین۔ منٛزس چھُ اسی انسان یہنہٕ یوان۔ یتیے یوتہٕ یہٕ ٹلی کہٕ تمو دۄن زمینہٕ ہندٕ بنہ تک وٕری تہٕ یانے ۴۰۰ وٕری عیساہس برونٛہہ۔ تمہِ اسی یہٕ اسہٕ وۄن اکشاف کرنہٕ پتہٕ یتھ کیتھ پیٹھ لڑائے لاگان زِ کیتھ رتس منٛز چھُ زمین بنے مٔژ۔

عیساہس برونٛہہ پانٛژہ ہتھ وٕری وۄن گوڈنیک لیٹہِ اکی نجومی آرسٹارچس زِ یہٕ چھ زمینے لیہس افتابس اندی اندی پھیران چھ، مگر مانہٕ ہس کُس؟ یہٕ نوٚو خیال مانن گیو زمینہٕ ہُند وقار کم کرن۔ نتیجہ دراو زِ یہٕ خیال رُد بنیہ دۄن ساسن وٕری ییتھے کنہٕ۔

از برونٛہہ ژور ہتھ وٕری اندس بیاکھ نجومی کاپرنکس ونان زِ زمینے یوتہٕ یہٕ ٹلی کہٕ بنیہ تہٕ کینٛہہ سیارِ چھُ افتابس اندی اندی پھیران، یہٕ اس تمی سنٛز خوش نصیبی زِ تمس پتے آو گلیلیو ہینٛز نوٚ ایجاد دوٗربین، ہیتھ تہٕ تمی سنٛز کیتھ کھوت باد۔

یتھ پاٹھی پیوو آج بتراہ ہُند تفرز تہٕ بکر ہمیشہ خاطر ییتھر۔ کیتہٕ یہٕ ساری وٕدٕ جوٗدُک مرکز تہٕ کیتہٕ یہٕ اکھ لوکٹ اکِس ٹھہرِتھ تارکس اندی اندی گیتھ کران۔ مگر اکھ بکر چھُ زمینہٕ ضرور زِ اتھ پیٹھ چھُ سہ جاندار روزان، یُس یہٕ سورے وٕدٕ جوٗدٕ پرزنادِتھ چھُ ہیکان۔

# پلوٚت سام

۱- عشاریہ —— اَکھ کَم گوٚو صِفر یا زیرو۔ تمہِ بوٚہن چھ یَتھ منفی گٔژھند شوٗرٕ گژھان۔ مثلن منفی اَکھ منفی زٕ منفی ترٛےٚ بییتر۔ عشاریہ سیتۍ تہٕ چھ رقم یا گٔژھند لیکھان۔ اَمہِ سیتۍ چھُ گَنزٕنہٕ ہُند دٔہیُم، ۂتیُم، ساسیُم بییتر حِصہٕ ہاوُنہٕ یوان۔

۲- زوٗن —— سُہ سیارٕ یُس کانٛسہِ سِتارس یا بێیس بٔڈس سیارس اَنٛدی اَنٛدی گِنٛدھ کران آسہِ۔

۳- افتاب —— اَفتاب چھُ پَنٕنہِ سوٗنۍ یوت۔ یِتھی کرور بٔدی اَفتاب دٕیان ییٚتھ کاےناتس منٛز چھِ۔ سارٕنۍ اَنٛدی اَنٛدی چھِ نہ خبر کیٚتۍ سیارٕ گِنٛدھ کران۔

۴- تارکن ہٕنٛدِس اَتھ ہوٚجوٗمس منٛز —— تارکھ چھِ بےٚ اَنٛتھ۔ دٕیان کھَربن ہٕنٛدٕ کھرب گَنٛزر، اَدِتھ تہٕ ژھوکہٕ نہٕ یِہنٛز گٔژھند۔ کرورٕ بٔدی اَفتاب، پَرٛتھ افتابس پنٕنۍ پنٕنۍ نظام یِتھ اَنٛدر کرورٕ بٔدی تارکھ چھِ۔ لَچھ بٔدی کہکشان چھِ گاشہٕ کہِ رفتارٕ کھوتہٕ تہٕ تیز دَوان تہٕ اَسہِ نِش دوٗران۔ مگر یہٕ اَسِتھ تہٕ چھُ بێیمہِ شِنٛہک بوٚڈ بارٕ مسلہ ژھرٕرُک۔ اَتھ اَنٛدر چھُ ژھرٕ بر نہٕ زِ بر یا دوہ سہٕ دَرٕ وس بلکہ خاموشی تہٕ شِنیاہ، خالی یَن تہٕ دُدوٕنہٕ۔

۵- زمینہ ہُنٛد اَنٛدرِم حِصہ . . . —— زٕ اَدٕب وٕری گٔژھِتھ نہٕ یوسہٕ سانہِ یہٕ زمین اَنٛدرٕ دٕزان چھےٚ سوٗ کیٛاہ آسہ ہے برٛونٛھ تہٕ ہیکہِ اَنٛگوٕنہٕ بیتھ۔ ووٚنی تۍ اَمکہِ شیٚہلنٛچ رفتار چھےٚ یورہ ہنا بڑیمژ۔ دٕیان اَفتاب تہٕ چھُ وارٕ وارٕ شیٚہلان۔ مگر

اَمیٖنٛک وۄیٚوٹھ پۄلھٹھ اَثر ییہِ نہٕ اَسہِ بڈٕییہِ خبر کیتھٕ پٲٹھ ساسَن وَرٛیَن تانی ٹاکارٕ

پٲٹھ لبنہٕ۔ کاٛے نانہٕ چھِ وٲتسہِ منٛز گٔے نہٕ ساس یا لچھ وَری کینہِ

۶۔ **نارٕ وۄتھل** —— دٕپان مادٕچ یوٗسہٕ شکل اَسہِ بۄتھ زمیٖنس پیٹھ یا زمیٖنس

اَنٛدرٕ بۄتھ لبنہٕ یوان چھےٚ، یہِ چھےٚ دراصل توانٲیہِ منٛز ڈٲمٕژ۔ توانٲیی یا ایٖنرجی

ENERGY کیٚاہ شکل آسہِ گوٚڈٕ آسان، تہٕ ہیکوٚ نہٕ وَنِتھ۔ ووٚہ نٕ گوٚسہِ

چھےٚ یِتہٕ مادٕچ ترٛیٚن صوٗرتَن ٹھوٗس مایہ تہٕ گاٛسس منٛز نوٗموٗدار سپدان۔ توٚے

چھُ انداز یہِ آسہِ وُنٛل ہیٚش مگر ترٛشِھہِ وُنٛل نہٕ ییٚتھ اَسہِ صٕبحس وُچھان چھِ

سہٕ چھےٚ باضابطہ مایہ (یانےٚ آبہٕ پھیٚرِ) تہٕ گاٛسک (بانتےٚ یا بہٕ) ہُنٛدٕ مِثٲل آسان۔

۷۔ **پٔرٲنی کَگاٹلی** —— یِم اَسہِ فلسفی تہٕ مذہبی عالِم، مشرقی مذہبن ہٕنٛدہِ تہٕ مغربی مذہبَن ہٕنٛدہِ

تہٕ۔ مذہب چھِ جاے تر مشرقی اَسہِ یِتھ نہٕ کانٛہہ مذہب چھُنہٕ زمیٖنس ہیٚوٗر بڈٕیہِ گٕنہٕ ستارٕ

فوقیت دوان تہٕ اِنسانس ہیٚوٗر کانٛہہ جاے عقلمند زُو ذات مانان۔

۸۔ **گلیلیو** —— یہِ وَننہٕ بابتھ آو اَمِس نجوٗمیٖس موتک سَزا دِنہٕ زٕ زمیٖن چھےٚ ہیرِیس اَنٛدرٕ

اَنٛدرٕ گنٛتھ کران۔ مگر بچھہِ کوٗرِتھس پیٹھ نہٕ ووٚن اَمہِ دِلہٕ ڈٔرِ سایٖنس دانَن مذہبی

ٹھیکہ دارَن زِ مٔٹے دِیو توٚہی بچھہِ مگر زمیٖن چھےٚ تونہٕ ترٛان۔

## سوال نامہ

١۔ ییٚمہِ مقالک لُب لباب لیٖکھو پننہِ لفظَن منٛز۔

٢۔ " کاینٲتس منٛز زمیٖن " اَتھ مضموٗنس پیٹھ لیٖکھو پنٕنۍ خیال۔

٣۔ " کاینٲتچ زان چھےٚنہٕ صرف اعداد و شُمارن منٛزےٚ یاٚژ زان " اَتھ ڈٔپتس سِتۍ چھِوٕ تۄہۍ

اِتفاق کران؟ ییٚمہِ مقالہٕ کِس پوٚت منظرس منٛز دِیو جواب۔

# آدم حوا تہٕ ابلیس ۔ زان

ادبک موضوع یا مٔتن چھُ پانہٕ پنٕنۍ اۄسلوٗب ہیتھ دِلس اندر زلوان۔ یہِ چھیہٕ جدید تنقیدن مانٛز مٔژ اکھ حقیقتھ۔ تہٕ اَمِچ بہترین مِثال چھُ یہِ ڈراما۔ یَتھ چھُنہٕ اۄسلوٗب یا ورتاو رلوایتی یا کُنہِ مولوٗم یا مقبوٗل لیکھن ترایہِ ہند نقل۔ امیک موضوع چھُ دراصل مُصنفس پنٕنۍ شکل ہیتھ اورٕ آمُت۔ بیٛٹھ وانٛنۍ باسہِ یہِ صرف مکالمہ بازی مگر ڈرامایی ہیٛژ ہند ژھانڈو چھِ یتھ ڈراماہس اندر لون صاف کران۔ پننہِ خاطرٕ پنٕنۍ ہیتھ بدِ کٔرتھ چھُ موضوع تٔو جہار تراوان۔

مرد تہٕ زنانہٕ چھِنہٕ توٚتانٛز خالقہٕ سٕنز رٕژ تخلیق یوٚتانٛز نہٕ یمین پننہِ عقلہِ تہٕ پایہٕ موجوٗب پنٕنۍ رشتہٕ طے کرنٕچ آزادی آسہِ۔ یہند رشتہٕ تہٕ چھِ یتھ رٕٹِن کاینالس اندر رٕٹِن بنیٚمتی۔ ییمہِ چہٕ مشینی حصہِ باگیہِ مٔنٛز شیقہِ کرنہٕ آمژ۔ لول یُس یہند ازلی تہٕ فطری حق چھُ، تہِ چھُ مشینی طرزس اندر مُقرر مانٕنے ین گنڈنہٕ یوان۔ مگر اِنسانی فِطرتھ چھیہٕ مٔنٛزی اتھ لغاوتھ کران۔ لغاوتھ چھیہٕ ختم کرنہٕ یوان تہٕ انسانہٕ سٕنز بہترین تخلیقی کوشش چھیہٕ رٕٹِن تہٕ بے رس زندگی پاش پاش کران۔ اما پوٚز انسانی کوشِشہِ ہند پرٛاوُت کیاہ چھُ؟ ناکام لغاوژ ہندی کٔمہِ ژٕہی۔ ییلہِ انسان صرف پننہِ رنگہٕ پننہِ مرضیہٕ زندٕ روزان چھُ۔

آدم حوا تہٕ ابلیس چھِ نہٕ صرف دیومالایی کردار ییلہِ کہِ ازکالس تام ژوٗری کردار۔ تِم تہٕ آسی علامتھے

تہٕ تِتھے کُنۍ چھِ یتھ ڈراماہس اندر تہٕ یِم کردار علامتھ۔ یِمے چھِ جمال تہٕ سحاب یِمے چھِ آدم حوا تہٕ یِمے چھ عام انسان، زندگیہِ ہِنز کوٗشِشہ گوڈبران، مُنزی ورتہٕ لوٚدترٲوِتھ پننہِ مرضیہِ بالن تہٕ بیرن لگان تہٕ بیٚیہِ کنہِ دٲرکرِتھ پوٚت اَنہٕ لوان۔

یہِ ڈراما آو سٹیجس ریڈیوہس تہٕ ٹیلی وِجنس پیٹھ کامیابی سان پیش کرنہٕ۔

یہِ اوس "شیرازس" منز جٲری یاتھ ناوِ چھاپ گومُت مگر ریڈیوہس تہٕ ٹیلی وجنس پیٹھ گوو "آدم حوا تہٕ ابلیس" ناوِ نشر۔

علی محمد لون

# آدم، حوا تہ ابلیس

## کردار

۱، زنانہٕ ۲، مردٕ ۱ ۳، مردٕ ۲

[ کھوورِ طرفہٕ کوٗنس منز اکھ سِنگار میز تہٕ میزس ستۍ اکھ کُرسی۔ منز سٹیٚجس اکھ ٹی پاے۔ ٹی پایہٕ ستۍ ترٕ یہٕ کُرسی۔ ٹی پایس پیٹھ پھولدان۔ پھولدانس منز پلاسٹک پوشہٕ ہُند اکھ گوٚند۔ پوٚت سٹیٚجس منز لَبہٕ اکھ دآر۔ دارِ پیٹھ وٕنٛھٹین گلن ہنز چھینٹہٕ ہُند پردٕ اویزان۔ دٔچھنہِ طرفہٕ کِس دروازس تہٕ آمی چھینٹہٕ ہُند پردٕ ترآوِتھ۔ زنانہٕ تہٕ مرد چھہٕ دروازٕ کہِ پردِ تھوٚد تُلِتھ یکہٕ وٹے اندر اژان۔ تہٕ

اڑان اڑاؤنی اُسن کھنگالہٕ ترٛاوان۔ تمہ چھ لوٗت زورٕ اسان زِ
اوٚش ژھکھ پھٹان۔ تہٕ اُسن ٹھہراوِتھ چھ سِنگار میزس کُن
گژھان۔ اوٚش ووتھ راوان تمہٕ آبہٕ سُتی زن یِہ میک اپ
خراب گژھہ۔ یِم دۄشوے چھ سِنگار میزکس اٰنس منٛز پنٕنۍ
پان ہیرٕ بۄن وُچھان۔ پلوٗن گیٚنہٕ کڈان۔ تہٕ کلہٕ کھوٚد تُلی تُلی پتہٕ
برونٹھ پنٕنۍ پان وُچھان۔ امہٕ پتہٕ چھ یِم پوٗرٕ اطمینان کرنہٕ پتہٕ
ٹی پایہٕ نِش ووٚدنہٕ روزان]

مرد۔ (زنانہٕ کُن) مس سحاب۔

زنانہٕ۔ ییس مسٹر جمال۔

مرد۔ آئی ایم سوری۔

زنانہٕ۔ مینشن ناٹ۔

مرد۔ ژٕ کوٚنہٕ بہاں؟

زنانہٕ۔ بہٕ چھس نہٕ بہِتھ ہیٚژھان۔

مرد۔ مگر بہِتھ چھُ ضروٗری۔ ژٕ ہیٚکِکھ نہٕ ووٚدنہٕ روٗزِتھ۔

زنانہٕ۔ کیازِ ہیٚکہٕ نہٕ ووٚدنہٕ روٗزِتھ۔؟

مرد۔ تکیازِ اَسہٕ چھ تھئیٹری ہرسل کرٕنۍ۔

زنانہٕ۔ اوٚہو ہو۔ ری ہرسل ری ہرسل۔ ڈراما۔ ناٹک۔ مگر بہٕ چھس نہٕ بہِتھ
یِژھان۔ میہٕ چھُنہٕ دِل کران بہنس۔ بہٕ چھس یتھ سٹیجس پیٚٹھ ژھالہٕ
مارنہٕ یِژھان۔ میہٕ چھ سٹیجک یہٕ فرنیچر کھران۔ یِمہٕ ساریٚے پراپرٹیز
کھیٚنہٕ لوان!

مرد ۔ مس سحاب۔ ژِچھکھ از بدلے کیاہ تالی وَنان۔

زنانہٕ ۔ مسٹر جمال۔ بہٕ چھُس اکھ اداکار۔ ٹھیکھ چھُ۔ مگر اکھ انسان تہٕ چھُس۔ از چھُ میہٕ دل کران زِ بہٕ کرٕ تِتھ ساری سے اُلٹ یہٕ تُہہ از تالی میہٕ ہیٚچھ ناوان آو۔ بہٕ چھُس تُہندی یم ساری زولانہٕ ژٹِتھ صرف ہیٚنزِ نہٕ مرضی حسابہٕ پھیرِن تھورِن یژھان۔

مسٹر جمال۔ مسٹر جمال، بُوزان چھُکھا؟

مرد۔ اوہ نو۔ بہٕ چھُس نہٕ جمال۔ بہٕ چھُس آدم۔

زنانہٕ ۔ مگر مسٹر آدم۔ بہٕ چھُس نہٕ از حوا بنیہٕ خاطرٕ تیار۔

مرد ۔ ہُہُند کیاہ سوٗنچھتھ؟

زنانہٕ ۔ کمِن ہُند؟

مرد ۔ ہہٕ کیاہ ہُمن لُکن ہُند یم سون ڈراما وچھنہِ چھہِ آمتی۔

زنانہٕ ۔ یمن ہُند کیاہ چھُ میہٕ سوچُن؟ تہٕ گو وسوچُن ڈاریکٹرس تھیٹرِکس مالکس۔ میہٕ کیاہ یمن ستی لین دین؟

مرد ۔ مس حوا۔

زنانہٕ ۔ نہٕ نہٕ۔ بہٕ چھُس سحاب۔

مرد۔ (زیادٕ زور رسان) مس حوا۔

زنانہٕ ۔ (زیادٕ کمزورگرٕ ھتھ) بہٕ چھُس سحاب۔ سحاب!

مرد۔ (زیادے کریکھ دِتھ) حوا۔

زنانہٕ ۔ زیادے کمزورگرِ ھتھ) سحاب۔

زنانہٕ ۔ (ہار مانتھ) ون آدمہٕ ون!

مرد ۔ کرُسی چھیہٕ حاضر۔

زنانہ ۔ اَکھ نوو کاینات۔ یتھ منز سورُے کینہہ آزاد آسہِ۔ یتھ اندر نہِ کانہہ اداکار تہِ کانہہ پرٛوڈیوسر آسہِ، کانہہ ہیرو تہٕ کانہہ وِلن آسہِ۔ کانہہ لایٹ مین تہٕ کانہہ پرٛومپٹر آسہِ۔

مرد۔ (حیران گژھتھ) سحاب۔ ژٕ کیاہ ونان یہٕ؟

زنانہ ۔ (پننہِ مستی منزٕ رے) یتھ منز میٚہ پننا و آسہِ سحاب۔ تہٕ ییتہِ نہٕ میٚہ حوابن آسہِ پیوان۔ تہٕ ژٕ آسکھ صرف جمال تہٕ آدم بننہٕ خاطرٕ آسکھ نہٕ مجبوٗر۔

مرد۔ سحاب۔ ہوشہٕ یہٕ۔ ژٕ چھکھ غلط ڈیلاگ بولان۔

زنانہ۔ (ہوشہٕ ییتھ) غلط ڈیلاگ؟

مرد۔ (کرنکھ دِتھ) آ۔ غلط ڈیلاگ (نادلایاں) پرٛومپٹر!

زنانہ۔ (یتھے کنی نادلایتھ) پرومپٹر!

مرد۔ پرومپٹر۔ امایہ کتہٕ سنار وٹھ؟

زنانہ ۔ آسہِ ونگہٕ منز پیوٚمُت۔ وولہِ یہٕ تہٕ گو وجانے۔ پرومپٹر پیوٚو ڈھیرٕ چھتھ۔ تہٕ آسہٕ تہٕ موکلے یہٕ عذابہٕ تلہِ۔

مرد۔ مگر سحاب؟

زنانہ ۔ جمال۔ میٚہ چھیہٕ خبر۔ ژٕ ونکھ یمن تماشہٕ وُچھن والین کیاہ بنہٕ؟ یی ونکھ نا؟

مرد۔ (کلہٕ ستی آنکار کران) آ۔

زنانہ۔ یم تہٕ ژاوکھ کُنہٕ ترہن ستی۔ اسی کروٚ پننہٕ کتھ۔

مرد ۔ بے شک کیا زنہٕ۔ اسی کیاہ یہندی آویز چھا؟ غولام چھا؟

زنانہ۔ جمال۔

مرد۔ ونان گژھ۔ کُن چھُم ژیہٕ کُن سحاب۔

زنانہ۔ (گردش دِتھ اور یور) نا تہٕ آخر چھُ یہند سونچہ نے۔ آخر کیو ہے حکمٹ آسہِ ہیٚر ژرٕ

پولسیہ آسکھ خبر چھ دِمتھ۔ یِم کیاہ ونن؟

مرد۔ ٹکٹ؟ اَدِ تہٕ بوزی تَن مالکس ستی۔

زنانہٕ۔ کس تس دِچ ٹھگس ستی با؟

مرد۔ اٰہنی تمی سیٖ چارسو بٕیس ستی۔

زنانہٕ۔ (ژرٕ لوٚپ وایان) آ ٹھیک چھُ۔ تسی ستی بوزن۔

مرد۔ (پھوٗل دانس کُن اَتھ ہتھ لوش ژٹہٕ نچ کوٗشش کران) منتھ چھُم گژھان۔ رٹن تہٕ آہی رنجہٕ پھٹہٕ راوس گنہٕ دہن۔

زنانہٕ۔ سہٕ بوزتن پلاسٹک پوش۔ رنگہٕ دار، مگر بُمشک تہٕ بیجان!

مرد۔ سورُے چھُ یتہٕ مصنوعی۔ اِپزٕ۔ تہٕ بہ جان!

زنانہٕ۔ آسی تہٕ۔ نتہٕ کتہٕ گوکھ ژٕ آدم پادٕ تہٕ بہ گیس حوا۔ سورُے پھند۔ سورُے فریب۔ مگر اکھ کتھ ہاوِنے جمال۔

مرد۔ ونی۔

زنانہٕ۔ ژٕ او دُسکھ نا دیان بہٕ پھٹراوہا آمس پروڈیوسرس آہی رنجہٕ۔

مرد۔ بے شک۔

زنانہٕ۔ بہٕ گو دبڈہٕ جاہلانہٕ طریقہٕ جمال۔ بلکل وحشی انداز۔

مرد۔ سحاب۔ اَدِ کُس مہذب طریقہ جدید انداز ورتاو تھ گالون یہٕ جاہل؟

زنانہٕ۔ (چھاتی نبر کڈتھ فخرٕ سان) میون انداز۔ میون طریقہٕ!

مرد۔ (بانبراں تہٕ کرٕ یکھ دواں) سحاب!

زنانہٕ۔ (اَساں اَساں) میہٕ چھینہٕ خبر جمال۔ ژٕ یہٕ چھٕنے حسدٕ کی نارن ژھٹھ کڈ مرٕ۔

مرد۔ سحاب!

زنانہ۔ (بڈ آنچ ہورنکہِ جذبہٕ سان) تہٕ آسہٕ ہا میہٕ سہٕ خبر کرتام لرِ پاٹھ وِتھ زہر کھیاو تھ قبرِ منز سوو مُتھ۔ سُہ بیتہٕ ووتھِ ہیٚس نہٕ کاونہٕ۔

مرد۔ سحاب۔ ژٕ چھکھ قاتل۔

زنانہ۔ جمال۔ قتل کرُن چھُ میون فطرت۔ اَدِ زہر دِتھ مارن کانہہ یا شرٕ اکھ چلاوتھ۔ غمہٕ ہاوِتھ مارن کانہہ یا دلس منز لول نراوِتھ۔ قتل چھ سپدان۔

مرد۔ (خوفہٕ سان) سحاب۔ ژٕ کیاہ چھکھ ونان؟

زنانہ۔ (تس کُن اکھ قدم بیتھ لولہٕ سان) جمال تی۔ یہٕ پزر چھُ۔ خبر ژٕ یہٕ تورِ یہٕ فکرِ بہ؟

مرد۔ سحاب۔ گو وادِ چھس بہٕ تہٕ چانہٕ واتھو قتل سپدان؟

زنانہ۔ (اَسان اسان چھس نیلہٕ گژھان) قتل سپدان کیاہ گو و؟ جمال ژٕ چھکھ کے حال قتل گومُتھ۔ تہٕ چون خوٗن چون مار چھُ میانہٕ گردنہٕ (اَسان اَسان اَتھن کُن وچھان) ژٕ مور کھ میہٕ پانہٕ یمو اتھو ستی۔ قتل کورُکھ یمو اتھو ستیہٕ (زورِ کھنگالہٕ نراوان) ہا ہا ہا! قتل! خوٗن!!

مرد۔ (خوفہٕ ستی بیتھ ژلان) سحاب!

زنانہ۔ (لولہٕ سان تس کو ٹھک دامن رٹِتھ) کھوژمہٕ جمال۔ ژل مہٕ۔ وولہٕ بہٕ ہا وے از بیٚیہٕ ژٕ کیتھہ کنی۔ کمہٕ اندازہٕ تہٕ کمہٕ طریقہٕ کورُکھ میہٕ قتل۔ وولہٕ میہٕ نکھہٕ بہٕ!

[ زنانہ چھیہٕ تس نرِ آلوان۔ تہٕ لولہٕ سان تس کُن وُچھان۔ مرد چھُ گوڈٕ ہے بنگہٕ ہیو روزِتھ گژھان۔ مگر وارِ وارِ چھُ امی سُند بدن ڈیول گژھان۔ اکس پریشن نرمان۔ دوشوٕنی چھُ وارِ وارِ اچھن منز لول وہ پدان۔ شہہ تیز ان کیہنہ برژٕ وی چھے بیتھے کنی نیران ]

مرد ۲ (بانبرِ ہوت اندر ازان۔ تہٕ ڈکس ژٕ نڈ دِتھ کرِ بیتھ لایان)
مس حوا!

زنانہٕ۔ (خاموشی)

مرد ۲۔ (پیتھےٚ کنٛز کرِکھ دِتھ) مسٹر آدم!

مرد۔ (خاموشی)

مرد ۲۔ مِس حوا! (ٹیٚز زورٕ سان) مِس سحاب!

زنانہٕ۔ کیاہ گژھی؟ (تس کُن وُچھنےٚ) وُنان کونہٕ چھُکھ کیاہ گژھی؟

مرد ۲۔ (ٹیٚز زورٕ سان) مسٹر آدم! (کرِکھ) مسٹر جمال!

مرد۔ (تس کُن نظر دِنےٚ) کُس چھُوٚ؟

مرد ۲۔ مسٹر جمال۔ بہٕ چھُس بہٕ۔

مرد۔ اوِ دُہلی ٹھگ۔ وَن سانٛہ کیاہ گژھی؟

مرد ۲۔ اوٚہو ژٕ کُس چھُکھ ٹھگ وَنان؟

مرد۔ ژٕ یہٕ تہٕ بییہٕ کُس؟

مرد ۲۔ ژٕ چھُکھ میہٕ توٚہین کران؟

زنانہٕ۔ بدماشَس تہٕ چھا توٚہین گژھان؟

مرد ۲۔ یہٕ چھِیہٕ سراسر بدتمیزی، بداخلاقی۔ بییٚتِس مُلکَن تھٕی تُہٕنز بے شرمی ہُند یہٕ ننٕہ وانہٕ اظہار۔

مرد۔ بے شرمی؟

زنانہٕ۔ کرٕژھ بے شرمی؟

مرد۔ ہے وُوران۔

زنانہٕ۔ گُتہٕ!

[ زنانہٕ تہٕ مرد چھِ آمی سٕند وَن اکہِ کنہٕ لوٚزِتھ دوٚی مہٕ کنہٕ تراوان۔ تہٕ اکھ اَکِس زیادٕے نکھہٕ یتھ لول ہوان برٕن۔ مرد تہٕ چھِ وٕنی زنانہٕ پینہٕ نہٕ فرِ

[ آلوان مرد۲ چھُ حٲران تہٕ پریشان گژھِتھ یمن دوشوِنی کُن وُچھان۔ یمن آندی آندی بھیراں تہٕ یمن کُن دَر نظراہ کران۔ حٲرٲنی ہُند یہٕ اکھ پوٗر چکر کرِتھ چھُ سُہ یِمَن کلہِ دوشوِنی اتھن منز رٹان۔ زن گیوٗر چھُس لیوان ]

مرد ۲۔ یہٕ گوو ناوُن۔ سراسر بد تہذیبی۔ بے شرمی۔ ( اُکُن کُن ) چھوِ سٲری وُچھان۔ کوٗت ووت زمانہٕ؟ ہتہِ تِلہِ نوو ہَس بہٕ پرِ دِ زِ ڈراما کرُو شوٗرُکُ تہٕ لوٗت واتہِ بیٹھم یم اکھ اَکس لول برنہٕ ڈراما گوکھ مَشدِے۔

زنانہٕ۔ ڈراما ہَس بلاے یِنہٕ۔

مرد۔ لول بَرُن چھُ سون پٲدٲیشی حق۔

زنانہٕ۔ زادِکارو نہٕ سوٗ زادِکار۔

مرد۔ اَمس کُنُس ترے تہٕ فکرِ؟

مرد ۲۔ (یمن برونٹھ کُن یِتھ تکھٲلی چاٹرِتھ) پٲدٲیشی حق۔ زادِکار یہٕ چھُ سراسر بکواس۔ ڈونگ، ژھل، اَپُز۔ تُہی چھوِ اداکار بلیشہ ور ایکٹر۔ میٲنی تنخاہ دار مُلازم۔ تو ہے چھُنہٕ کانہہ حق میانہٕ مرضی خلاف یکُن۔ تھیٹرُک ماحول یِتھ کنی گندہ کرُن۔

زنانہٕ۔ (زورٕ اَسان تہٕ مردس مس کھیٚیشہٕ ماہ کران۔) ہاہاہا!

مرد۔ (زورٕ اَسان تہٕ زنانہٕ مس کھیٚیشہٕ ماہ کران۔) ہاہاہا!

مرد ۲۔ (مردس تھپھ دِتھ زنانہٕ نِش الگ کران) جمال! ہوش کر ژِ کیاہ چھکھ یہٕ کران؟

مرد۔ نہٕ۔ بہٕ نہٕ کہینی کران۔ گژھ یِمس پرژھ۔

مرد ۲۔ سحاب۔ یہٕ کیاہ؟

زنانہٕ اتھ وَنان قتل، خوٗن، مار!

[سو چھیہِ بیہِ اکہ لٹہِ مردس نرِ آلوِنہ گژھان۔ مرد چھ اورِ تہٕ اُمی اندازِ لِوان۔ نگرامہِ برونٹھ زِ تمِ رٔلِہ ہأتِھ اکھ اَکس ستیٖ۔ مرد۲ چھ یمین دۄن منزس کھڑا روزان]

مرد۲۔ خودا بہ سِندِ پاسہ ترآوِو یہ مٔرزِوو نۍ۔

زنانہٕ (حأراں) خوداہ؟ سہٕ کُس گوو خودا؟

مرد (حأراں) سہٕ تہٕ چھا کانہہ اکٹر؟

مرد۲۔ نہٕ سہٕ چھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ پروڈیوسر۔ یمی یہ سوٗرے کاینات تخلیق کوٚر۔ تہٕ کرِی نوٚو تخلیق۔

زنانہٕ۔ تیٚلہِ آسہِ سہٕ پنٕنین اکٹرن تستہٕ کنی کڈان۔

مرد۔ وۄنہ تہا بیٹھی کری کری آسکھ ییل اَنان۔

مرد۲۔ اَدِ تُہی چھوِ پاگل۔ یہ گوو نہٕ سہٕ خودا

زنانہٕ۔ اچھا اچھا۔ یہ ما گوو سُے وِلن۔ یمی میانی تاج حوا دربدر کٔر؟

مرد۔ ٹھیک ٹھیک یہ گژھ سُے ظُلم گار آسُن۔ یمی میون بابہ آدم تا ونس لوگ۔

مرد۲۔ اَدِ تُہی چھوِ کُفر بکان۔ تو ہہ چھوِ شیطان پژکھر ژامتھ۔

زنانہٕ۔ (دوٗر یہین گژِ ھنتھ) جمال۔

مرد۔ (پنٕنہ جاہ پٹھے) ونی۔

زنانہٕ۔ یہ شیطان کُسو گوو؟

مرد۔ ہا آسہِ ہے کانہہ۔ اَدِ اَسہ کیاہ تسن ستی لین دین؟

زنانہٕ۔ نارا تھ اوس نا پرومپٹر ونان زِ سون پروڈیوسر چھُ اکھ بوٚڈ بارِ شیطان؟

مرد۔ اَدِ تیٚلہِ گژِھ لوٚہے سہٕ شیطان آسُن۔

مرد ۲۔ (مرٚدس تھاپر گڈِتھ) بکہٕ واس کرٕ بند!

[مردس چھیہٕ پانس یِہے دِنن ہش گژھان زن تہٕ مرٕ نیندرٕ ہُشیار

چھُہ سپدان۔ تہٕ پانس اندرٕ یکھُن نظراہ دِتھ یوٚہے بانبران ہیوٚ]

مرد۔ پروڈیوسر صاحب۔ تُہی جناب کیاہ کران چھِو یتہِ نس؟

[مرٚدس اَتی پھیٹے تراوِتھ زنانہِ نش واتان تہٕ تس چپاتھ کڈنہٕ باپتھ

تُرہوان تُلِنی زٕ مرد تِھ دوران دوران اوٚتتھ واتان۔ تہٕ تِمی سِینز تُر

رُکاوان]

مرد ۲۔ میہ تراوِکہٕ۔ اَتھ چھُ صرف یوٚہے یلاج۔

مرد۔ (تُرٕ برابرٕ رٹِتھ) پروڈیوسر صاحب۔ زنانہِ بِپھُٹھ اَتھ تُلُن چھُنہٕ شائستہٕ قدم۔

مرد ۲۔ اَدٕ چھا یتہِ نس ماکس دُہلی ٹھگ، چارسوبیس تہٕ شیطان وَنُن شائستگی منز یوان؟

مرد۔ (اَتھِ یلہٕ تراوِتھ حارائی سان) مگر جناب سُہ کُس کرِ جوٚرتھ تو ہرٕ یہٕ وَنہٕ نس؟

مرد ۲۔ ژٕ یہٕ وٕوٚنتھ۔ مِس سحاب اُسس دَنان!

مرد۔ ناممکن!

مرد ۲۔ ہے جمال صاحب! ایکٹنگ گیہٕ تُہن ہاوِنی۔ میہ نش چلہٕ نہٕ ایکٹنگ!

زنانہٕ۔ (یوٚسہٕ وُنیس تام اَکہِ سِے پوزس منز ووہ دِنہٕ اُسس) جمال!

ژِ کُس سِتی چھُکھ بحواس کران۔ سُہ قتل سپدٕ نہٕ۔

مرد۔ سحاب! خاموش روز

زنانہٕ۔ کیا ژٕ روزٕ خاموش؟

مرد۔ (زنانہِ تُرِ لمتھ ہوشہِ انہٕ پنٕچ کوشش کران) سحاب! سحاب!

مرد ۲۔ جمال۔ یہٕ ییہٕ نہٕ پتھ کنٕز ہوشہِ۔ چپاتھ تراوُس چپاتھ!

مرد۔ سحاب! اَمس سحاب!

[زنانہٕ چھُس اورٕ نیرٕ داران۔ مرد چھُ اَمس دٕہ شوٕے اتھ رٹان تہٕ پانس چھُس دِنن دوان۔ زنانہٕ چھیہٕ وارٕ وارٕ ہوشہٕ یوان۔ تہٕ حالان گژھتھ دوشوٕنٕ مردن کُن نظر ترٛاوان]

زنانہٕ۔ پروڈیوسر صاب۔ تُہی کیازٕ سٹیجس پیٹھ؟ کانہہ حادثہٕ ما سپد؟

مرد۲۔ ژٕ چھکھہٕ وَنان حادثی تہٕ ترٛٹھ ژھنہٕ وٕ سٹیجس ترٛٹھ!

زنانہٕ۔ جمال۔ ژٕ کیازٕ میہٕ اُتھن تھپھ کرٕتھ؟

مرد۔ کہینی نے۔ یتھے۔

مرد۲۔ (اکِس کُن وُچھتھ) حضرات۔ اَسہٕ گژھہ مافی دِنی۔ خبر کوسہٕ غلط فہمی گیہٕ یمن اداکارن۔ تہٕ ڈراما ہیوٚکنہٕ برونٹھ چلتھ۔ مگر یم چھ تُہندی ٹاکٹھی اداکار۔ یمو چھیہٕ وِزٕ وِزٕ تُہنز دل بہلاوی کرمژ۔ تُہنٛدِ تفریحک سامانہٕ کوٚرمُتھ۔ تُہی خوش کرٕ مِتی۔ اَسہٕ ناوی مِتی گِندٕ ناوی مِتی۔

آواز۔ (سوٕے گمبھیرٕ تہٕ گوٚب آواز) تہٕ چاوٕنٕ چندٕ برٕی مِتی۔

[مرد۲ چھُ ووٚتھ کڈان۔ تہٕ بانبرٕ ہوت چھُ دروازٕ کُنی کُنی دوٕ ژلان۔ مرد تہٕ زنانہٕ چھ اُسن روکنہٕ بایتھ چاٹن اتھہٕ تھوان دولہٕ۔ تہٕ برونٹھ سٹیجس کُن یوان۔]

مرد۔ پروڈیوسر موٚکلیوو!

زنانہٕ۔ کوٚہ وٕ کھتک کوٚ ستوٚر۔ وُچھ کمہٕ وِزٕ چھوٚرُس پوٚز۔

مرد۔ اِدٕ چھلن اتھہٕ نوکری نشہٕ۔

زنانہٕ۔ بینن کیاہ سوٚنچھتھ؟

مرد۔ (بانبرٕ تھ چھُ نیران۔ تہٕ اداکارن ہندی پاٹھی بولان) حوا! ہرگاہ ژٕ میہٕ پیٹھٕ ساتھ دِکھ۔

بیہ دمہ یمین ڈُنی یاہ والین میٚنزٕ نوٚن!

زنانہٕ۔ آدم! ژٕ چھکھ بکہٕ واس کران۔ ڈُنی یاہ والیو کیاہ کوٚر۔

مرد۔ (تس نکھہٕ یتھ لفظن پیٹھ زور دِتھ) اَدٕ یمو بنووسون یہ ڈُنی یاہ یوٚت ذٔلیل؟ یہ خٲری یمو پسند ڈٔسی سپز اَتھ حوا۔ یمی پسند ڈٔسی۔

زنانہٕ۔ تی تہٕ چھُ اَسہٕ وُچھن۔ تہٕ سون حملہٕ آسہ تِمنے خلاف۔

مرد۔ مگر حوا دشمن پرزٕناوُن چھُ مُشکل۔

زنانہٕ۔ یہ کٔڈن کرور والسانو منزٕ نوٚن۔

مرد۔ تیٚلہٕ وَن کُس چھ سون دُشمن حوا؟

زنانہٕ۔ سُے اکھ منحوس انسان۔ یمی گوڈنچہٕ لٹہٕ زمینہٕ پیٹھ رٕکھ دِتھ ونیو و یہ گو میون ئہ گو وچون۔

مرد۔ اوہ سحاب۔ ژٕ چھکھ ازگرٕ بڑ کران۔ یہ ڈیلاگ کتہٕ اوٚنتھ رٹتھ؟ یہ چھُ یمی تام مشہوٗر انسانن وٚونمُتھ۔ تہٕ ژٕ یہ ہیوٚتھن پینہٕ نِس کھاتس منز درج کٔرِتھ۔

زنانہٕ۔ جمال ژٕ کہوٚ ونان؟ سکرپٹس منز چھنا یہ لیکھتھ؟

مرد۔ بلکُل نہ سحاب۔ بلکُل نہٕ۔

زنانہٕ۔ (اَسن کھنگالا تراوان) تیٚلہٕ آسہٕ میٚہ یہ جُملہٕ خبر کتہٕ پوٚرمُت یا بوٗزمُت۔ تہٕ اوٚری روٗد مُتھ لانتہو ہوٚرس تل ڈٔبتھ۔

مرد۔ تہٕ ازٕ دراو کو موتہٕ پھٹتھ نبر۔

زنانہٕ۔ جمال۔ وَلا ژٕ لو ہا۔

مرد۔ کوٚت ژٕ لو؟

زنانہٕ۔ یمہٕ سٹیجہ نبرٕ دٕزر۔ یہ ہا چھُ اکھ ژھوٹ تماد خانہٕ ہیوٚ باسان۔ کُرِن تام فلٹن اندر اندر روزتھ زندگی ہندسانگ لاگن چھیہٕ اکھ بڈ بارٕ ریاکاری۔

مرد۔ سحاب۔ ژِ چھکھ لوٚز وَنان۔ مگر اَسی ہیکوٚ نہٕ فلحال یموکرٕ شوٚ تانٛ فٹوٗ نبرٕ نیرِتھ زندگی ہُند کانٛہہ
تہٕ تصوٗر کرِتھ۔

زنانہٕ۔ اوٚہ یہٕ ژھوچر! یہٕ حدبندی!

مرد۔ یہٕ آسے چھیہٕ ساٛنۍ زندگی!

زنانہٕ۔ تہٕ سون سونچ؟

مرد۔ سُہ چھُنہٕ امہِ حدبندی نہٕ ژھوچہ برٕ ستی ژھوٚٹان بلکہِ چھُ واش کڑان۔ سحاب۔ اگر چون اجازت
آسِم۔ بہٕ چمہٕ ہا سگریٹھ دام اکھ؟ ۔ چمہ؟

زنانہٕ۔ ہاہاہا! سگریٹھ؟ چون سونچ چھُ یُس اوٚتھ واٚتتھ دَم پھُٹ گژھان (زورٕ زورٕ اسان) ہاہاہا!
سِگریٹھ دام!

مرد۔ سحاب۔ ژٕ کیازِ چھکھ فضوٗل اَسان؟

زنانہٕ۔ کہینی نہٕ۔ ژٕ چیہٕ سگریٹھ۔ بہٕ وُچھے تانٛ میک اَپ!

[مرد چھُ سگریٹھ کڈِتھ زالان۔ زنانہٕ چھیہٕ سِنگار میز بس نش
گژھان، لپ سٹک ٹلان تہٕ وُٹھن پھروان۔ مرد چھُ
سگریٹس دام کڈِتھ دٕہ ہور دوان داٛرِتھ ]

آواز۔ (سوے گوٚب تہٕ گمبیر) تیٚلہٕ ون کُس چھُ سون دُشمن حوا؟ کُس چھُ سون دُشمن حوا؟

[مرد تہٕ زنانہٕ چھہٕ وٕوٚتھ کڈان۔ تہٕ لوٚہ زرٕ ڈرِ اکھ اَکس نش واتان]

مرد۔ وَنی کُسے چھُ سون دُشمن؟

زنانہٕ۔ میہٕ ووٚنے بہٕ کڈن کروروانسانو منزٕ وَنہٕ۔ سُہ ہیکہٕ نہٕ میہٕ دوٚنکھ دِتھ۔ بہٕ زانن سُہ۔ بہٕ زانن
وارٕ پاٹھی۔ اسبھاہ جان پاٹھی زانن!

[یی وَنان وَنان چھیہٕ سوٚ دٕہ شوٚے اَتھ کَس تام ہوٚتھ چیرنہٕ کرٕ

اَنداز ژُلان نہٕ ڈیلاگ کس اَندس نام چھ آمی سِندی اَتھہ
مرد ہ بِندس ہٹس چیر آسان دِوان ۔ مرد چھ ہوٗٹ موکہٕ لاوِنچ
کوٗشش کران ۔ مگر موکلِتھ چھُس نہٕ ہیکان ۔ زنانہٕ چھیہٕ وَنان
گژھان ]

زنانہٕ۔ میون دُشمن ۔ سون دُشمن ! از تراون نہٕ بہٕ زندہ !

مرد۔ (زور ہوٗٹ موکہٕ لاوِتھ کریکھ دِوان) حوا ۔ ژٕ ما چھکھ مٔتیمژ ؟ پاگل گامژ ؟

زنانہٕ۔ (تس کُن تھر کرِتھ تہٕ گُلی موٗرِتھ) آدم دُشمن چھکھ ژٕ ے !

مرد۔ مگر کِتھہ کنٕی حوا ؟ کِتھہ کنٕی ؟

زنانہٕ۔ تکیاز ژٕ ے اوٗسکھ سہٕ گوڈنیک دُزنگل پوٗش ۔ یمی میانی تخلیق کٔر ! ژٕ ے گوکھ سہٕ نفس پرست ، خود غرض جاندار ۔ یمی میانی مآج تاوِنس لاج ۔ دربدر کٔر ۔

مرد۔ (تس برونٹھ کُن ییتھ) حوا ! میہٕ کُن وُچھی ۔

زنانہٕ۔ (تس کُن وُچھنے) وَن کیاہ چھےٚ وَنُن آدم ۔ بہٕ چھُس بوزان ۔

مرد۔ (تمی سِندی اَتھ رٹِتھ لولہٕ سان) حوا ۔ ژٕ چھکھ میانہٕ لوٗلچ پادٲوار ۔ میانہٕ سوٗرُے چھُکھ دوٚپچ ساتھی ۔ میانی زنانہٕ ۔ میون بوج !

زنانہٕ۔ (نفرتہٕ سٟتی تس کُن وُچھِتھ) آدم ۔ مگر ژٕ یہٕ چھیہٕ یقین زِ بہٕ تہٕ ہیکہٕ ژٕ یہٕ متعلق پزٕ چھے رائے تھٲوِتھ ؟

مرد۔ کیاہ زِ حوا ۔ کیاہ زِ نہٕ ۔ میہٕ کوٚس پیٚرگی تھٲوِ ے لول وَرتاوِنس ۔ ژٕ یہٕ تٔے زندگی بناوِنس منز ؟ وَن حوا وَن !

زنانہٕ (تس نِشہٕ دوٗر گژھِتھ نفرتہٕ سان) آدم ۔ ژٕ یہٕ زٲنی تھٔس نہٕ بہٕ زانہہ تہٕ پنٕنہٕ زندگی ہُنداکھ حصہ پنٕن ساتھی ۔ پنٕن بوج ۔ بہٕ چھُس ٹھیچ ہار ۔ یمی سند لول لوٗش ژٕ یہٕ خوش چھےٚ کران ۔ یمی سِنز ن پکھن پھٔش دِیُن ژٕ یہٕ خوش چھےٚ کران ۔ تہٕ یمِس برونٹھ کنہٕ ژٕ کٔژ تانی پھٔلی تراوِتھ زنانن چھکھ

زِ ہٰار روزِ وُمرِ وُمرانَن ہِند باپتھ چٲنی تابیدار۔

مرد۔ حوا۔ژِ چھکھ میٚہ سیٹھاہ ظُلم کران۔

زنانہٕ۔ بَرعکس پوٚز وَنان آدم۔ صرف پوٚز۔ ژِ چھکھ کھاشُر قٲتِل۔ تمہِ سےٚ پروڈیوسر سندی پاٹھی۔ لیُس سانہٕ کمایہِ پیٚٹھ لچھہِ دول چھُ بنیومُت۔ کولہِ دزِک!

مرد۔ (سورُے اکھ ڈرانہ انداز ترٲوِتھ) اوٚہ سحاب! ژِ یہ بنی کیاہ از؟ ژِ کیاہ ووران؟

زنانہٕ۔ جمال۔ کہوز؟ بییہ گووا ڈیلاگ غلط؟

مرد۔ ترٲوِتھ ژِ ھنتھ ساری سےٚ ڈرامہ ہاٲس!

زنانہٕ۔ (اکھ کِھ دِتھ) پرامپٹر!

مرد۔ (اکھ کِھ دِتھ) پرامپٹر!

زنانہٕ۔ کتہِ ستار روٹھٕ؟

مرد۔ گو وفتہ کاٲری گاٲب!

زنانہٕ۔ اَمہِ کولہِ دزِکہِ ماکرِس چھٹی؟

مرد۔ تاٲجُب کیاہ چھُ۔

زنانہٕ۔ وولہِ جان گوو۔ بلایہِ دفاہ

مرد۔ نا سے نیٚہ ڈراما؟

زنانہٕ۔ تتھ نہٕ بلایہِ ینی۔

مرد۔ تہٕ پروڈیوسر؟

زنانہٕ۔ پروڈیوسرس چھُنا ہوٹ چیرِن؟

مرد۔ سُہ کُس چیرِہ ہس؟

زنانہٕ۔ ژِ ماتہٕ بییہ کُس؟

مرد ۔ خبر میون گژھیا کار گر ؟

زنانہٕ ۔ تیٖلہٕ چھا میٲنۍ اِجازت ؟

مرد ۔ بے شک ۔ بہٕ کٲم ہیکہ ژٕ رے اندوانتھ تھٕ ۔

زنانہٕ ۔ دِس تیٖلہٕ ناد ۔

مرد ۔ ییٚلیاہ بہٕ گژھس اوٚری ناد دِس

[ مرد چھ دروازٕکنۍ نیران ۔ زنانہٕ چھےٚ آمس نیران وُچھان ۔

تہٕ پتہٕ بڈٕ نفرتہٕ سان ونان ]

زنانہٕ ۔ بُزدل ۔ کھوژ بڈٕ ! آدم چھُم بنان ۔ آدمہٕ سُند ہیو جگر کتہٕ انکھ ؟ ژٕ کہٕ چھکھ نا ایکٹر ۔ تنخاہ دار مُلازم ! تہٕ بہٕ ؟ بہٕ کیاہ چھس ؟ بہٕ تہٕ کیاہ چھس ؟ یمن ہندین اشارن پیٹھ نژان یم وایان ڈابرٕ تہٕ بہٕ خوتہٕ ہندی پاٹھو ڈالہٕ دِوان ۔ یم گوان حبہ خوتونٕ ہند باتھ تہٕ بہٕ ہا پرژٕ ہندی پاٹھو پنٕن پان الہٕ راوی الہٕ راوی ناچ کران [ اسان زورٕ ] ہاہاہا ! ( رُکان ) پنٕنس ؟ ہا پرژ ؟ یہ کیاہ چھس بہٕ ووران ؟ کانسہٕ مالوٗزم ؟ [ غورٕ ہٕ رسان ] لوٗزی تن ۔ بہٕ کیاہ اپُز چھا ؟ [ بییہٕ اسان گوان تہٕ نژان ] ژٕ کمیوٗ سوٗنہٕ میانہٕ برٕم دِتھ نیوکھ ژٕ بہٕ کہوژِ گنی میانٕی دِے !

[ زورٕ زورٕ نژان ۔ بے ڈٕطیرٕ پاٹھی ۔ مگر سیٹھاہ تیزی سان ۔
اتھی منز چھ مرد تہٕ مرد ۲ دروازٕکنۍ اژان ۔ زنانہٕ چھنہٕ یمن ہند کانہہ ہوش سو چھےٚ نژان ۔ مرد تہٕ مرد ۲ چھ حارٲن گژھتھ آمس بروٚنٹھ کُن لوان ۔ تہٕ زنانہٕ چھےٚ یمن کُن وچھتھ نژُن بند کران تیس چھےٚ شانس گھرٕمژ ۔ کھوٚر چھس زورٕ زورٕ وہان ۔ نژنکہٕ اثرٕ ستی کلہٕ گیران تہٕ زنگہٕ اورٕ یور لاینہٕ لوان تہٕ سو چھ گیران گہر آنی مرد ۲ ہس کوٚمہٕ رٹان ]

مرد ۲۔ مس سحاب۔ ژِ کیاہ پہ کران؟

زنانہٕ۔ (کوم پٮ۪ٹھہ ترٲوِتھ) اوٚہ شیطان۔ ژِ کوتاہ لوٗلی چھکھ۔ مگر ژٕ کٔہ چھکھ بزدل۔ توٚے تہٕ چھکھ میانس لوٗلس کھوژان۔

مرد ۲۔ مگر سحاب ڈٲرِ۔

زنانہٕ۔ مِیہٕ مہ وَن ڈٲرِ۔ جمال وولا۔ آسہِ ہا کروٗ بٮ۪ین ڈراما۔

مرد۔ سحاب۔ پروڈیوسر صاحب ہے کیاہ ناٹھ چھہٕ وَنان۔

زنانہٕ۔ یہٕ کیاہ وَنہٕ۔ بٮ۪نہٕ وَنہٕ تی پہ بہٕ وَنان چھس۔ یانے ڈراما کرِو۔

مرد ۲۔ تٔرٕٹھ ڈراماہس پٮ۪ٹھ۔ ہرگاہ بہٕ ازٕ ژٕ یہٕ موڈ چھُے۔ تیٚلہ چھا ضروٗری۔

مرد۔ مگر پروڈیوسر صاحب۔ یمن مُکن کیاہ بنہٕ؟

زنانہٕ۔ تی وَنتس۔ یمو بچارو آسہ نا ٹکٹ ہیتھ مرٕش۔؟

مرد ۲۔ اوٚہ ٹکٹ دِتھ کیاہ ین اَدِ ڈرامہٕ وُچھنہٕ۔ بڈو داسٲری چیٚتہٕ درِے مُفتکی تماشہٕ وُچھن وآدٕ۔

زنانہٕ۔ ٹھیکھ۔ تیٚلہٕ ترٲو ونا آسہ پردٕ؟

مرد ۲۔ ضروٗر۔ (ژٕرِ توٗپ وآیتھ کرِتھ دِوان تہٕ ہیوٚرکُن وچھان)

ڈراپ! ڈراپ!

مرد۔ باسان چھُ الیکٹریشن تہٕ چھُ ازٕ گاٮ۪ب۔

زنانہٕ۔ ازٕ کھٔرشیٚتھ گوڈٕ پٮ۪ٹھے پٔرٕ ژھے کو نٕہ۔

مرد ۲۔ بلا یہٕ اَنُس۔

زنانہٕ۔ میانی کِنی دوہ پہ لٹہٕ۔

مرد ۲۔ تیٚلہٕ کیاہ چھکھ وَنان سحاب؟

زنانہٕ۔ کمیٚکھ؟

مرد ۲۔ ستے ہے۔ ژٕ آسکھ ناوٕنان بہٕ کوتاہ لوٗلی چھُس۔

زنانہٕ۔ اَچھا تہٕ۔ اَدٕ اَتھ کیاہ تاَر چھا۔ مگر جمالس تھی گژھِ ناوِ لوٗٹھ بہن۔ ژٕ یہٕ چھے خبرے۔ جمال چھُ میون گوڈنیُک لول، مائے فرسٹ لَو!

مرد۔ اوٗہ سحاب۔ ژٕ مہٕ کرٕ مائنڈ۔ بہٕ دٕراس۔

زنانہٕ۔ جمال۔ (اَسان اَسان) ہاہاہا! ژٕ کوتاہ چوٗر چھکھ جمال۔

مرد۔ مگر سحاب۔ سُہ خوٗن۔ سُہ قتل۔

زنانہٕ۔ تہٕ چھُہ میانہٕ مرضی پیٹھ۔ یُس مارن نہٕ سُہ۔ یُس قتل یٕژھن کرُن تہٕ سُہ۔

مرد ۲۔ سحاب۔ بہٕ چھُسے ناٹارِ کھسان قتلہٕ باپتھ؟

زنانہٕ۔ نہٕ ہرگز نہٕ۔ چاٗنی کتھ گٕبہٕ سو بدتہذیبی۔ بےٚ شرمی تہٕ بلیہٕ تہٕ کیاہ تانی خرافات۔

مرد ۲۔ اوٗہ سحاب۔ ژٕ چھکھ میہٕ آنچ ہوران!

مرد۔ خبر کمن زٕمن ہُند۔

مرد ۲۔ مگر سحاب۔

پرومپٹر۔ (گمبھیر تہٕ گوٚب آواز) بہٕ چھُس پوٚز وٕنان آدم۔ صرف پوٚز۔ ژٕ چھکھ کھاشُر۔ قاتِل۔

[زنانہٕ چھیہٕ چکھ ژلان تیٚر تھ تہٕ سو چھیہٕ وٕلی وٕلی یٕژون پوٚز رٹان۔

مرد تہٕ چھ ایکٹنگ کرنکس اندازس منٛز کھڑا روزان۔ تہٕ مرد ۲ چھُ بڈٕ شرارتہٕ سان وِنگہٕ کُن وُچھتھ ڈٕکس ژٕنڈ لاٚیتھ نیران]

زنانہٕ۔ ژٕ چھکھ میانین جذباتن ہُند قاتِل۔ میانین ارمانن ہُند قاتِل۔

مرد۔ مگر حوا۔ اگر میہٕ قتل کوٚر نہٕ۔ مگر ژٕ یہٕ کیازِ تھوٚوِتھ پانے موٚنڈِس پیٹھ گردن؟ تلوارِ کیازِ دوٗرتھ کٕلہٕ؟ ژٕ کٕرکٕ زٕ ماہ بغاوتھ۔

زنانہٕ۔ بہٕ آسس چانہٕ کھوتہٕ کمزور۔ اوٚے ہیٚچ نہٕ میہٕ بغاوتھ کٕرتھ۔ مگر میہٕ ہیوٚنے ژٕ یہٕ پوٚر انتقام۔ ٹیٚتھ

آپنچ ہۆرِ ۓ ۔ ژٕ بنیوکھ میانہٕ کھوتہٕ مظلوٗم۔

مرد۔ حوا۔ ژٕ کیاہ وَنان؟

زنانہٕ۔ اَوٕ آدم اوٕ ۔ مےٚ یہ کوٗر ژٕ یہٕ ستی موحبتھ۔ تہٕ ژٕ بنووکھ پَنُن قٲدی۔ [ اَسان اَسان زورٕ سان ] ہا ہا ہا!
سہٕ اکھ قٲدی۔ تمیس کرورٕ وادوٗری گیہٕ میانۍ زولانہٕ چھٹہٕ راونچ کوشش کران۔ مگر ناکام رُود۔

مرد۔ حوا! جان کوٗرتھ۔ سیٹھاہ رُت کوٗرتھ۔ سہٕ کُس کٔری زِ ین یُس چانۍ زولانہٕ ژٕ ٹنہٕ یِنہٕ۔ نہ نہ سحاب۔
ہرگز نہٕ۔ یِمہٕ لولہٕ زنجیر ژٕ یہٕ مےٚ نالی تراوِتھ۔ یہٕ ژٕ ٹہٕ نہٕ تمہٕ ہرگز۔

زنانہٕ۔ (ہاران) آدم ژٕ کیاہ وَوران؟

مرد۔ سحاب۔ ژٕ چھکھ میانۍ زندگی!

زنانہٕ۔ اوہ جمال۔ وہنۍ چھکھ ژٕ گڑبڑ کران۔ یِم ڈیلاگ چھنہٕ ڈرامہس منز۔

مرد۔ (کلس دِنہٕ دِتھ) ڈرامہ؟ کیُتھ ڈراما؟

زنانہٕ۔ ڈراما۔ سُے ڈراما" آدم حوا تہٕ ابلیس"

مرد۔ سحاب۔ کتھ وَنۓ۔۔۔

زنانہٕ۔ وَن با۔

مرد [ تَس نکھ یِتھ ] سُہ پروڈیوسر کوتہٕ گوو؟

زنانہٕ۔ آسہِ ہا وِنکن منز بہتھ ساٹی یہٕ مُتلی وُچھان۔

مرد۔ گوو سُہ چھُ وُنہٕ زندے؟

زنانہٕ۔ اَہنو شاید ہا آسہٕ زندے۔

مرد (زنانہٕ اَتھہٕ رٹِتھ لولہٕ سان) سحاب۔ اَز ہے مےٚ تہٕ تران فکرہٕ یہٕ سٹیج کوتاہ لوکٹ چھُ۔ عامن تہٕ
غامن اَکھ قٲدخانہٕ۔ جیل یِتھ منز اَسی بند چھِ۔

زنانہٕ۔ قٲدخانہٕ تہٕ چھُ۔ مگر ساٹی جذبات چھِ تو تہٕ آزاد۔

مرد۔ غلط سحاب۔ سراسر اُپز۔ اَسی چھ پنزی۔ ڈابرِ بیٹھ نژان۔

بنسری بیٹھ نژان۔ ہاپتھ تہٕ ہنسی بینڈس بیٹھ کھیلہٕ ہاوان۔ اَسی چھِ نہٕ انسان۔ اَسی چھ ایکٹر۔

زنانہٕ۔ مگر اَسہِ چھُ پنُن وجوٗد۔

مرد۔ غلط۔ سون وجوٗد چھِنہٕ کانہہ حقیقتھ تھوان۔ اَسہِ چھُ کُس تانٛہ بے وقوٗف ڈرامانگار تخلیق کران۔

زنانہٕ۔ مگر۔

مرد۔ اگر مگر نہٕ کینہہ تہٕ سحاب۔

زنانہٕ۔ مگر اَسی چھِ ایکٹر آسِتھ انسانٛ ہِندی پأٹھی دَوان دَوران اَسان گِندان کھِوان چَوان زُوان تہٕ مران۔

مرد۔ نہٕ نہٕ۔ یہ سورُے چھُ اَسہِ پروڈیوسر کرِناوان۔ اَتھ منٛز چھِنہٕ کُنہ تہٕ سانٛی مرضی شأمِل آسان۔ یہ گو سراسر ظُلم۔ سانٛین شخصیتس چھُہ امہِ ستۍ کھش گژھان۔ اَسہِ چھُ پنُن وجوٗد راوان۔

زنانہٕ۔ جمال۔ جذبأتی مہ لاگ۔ پنٛنہٕ شخصیتھ گرِ وٕنٛھوی تھےٚ چھِ اَسی دوہ دوہ کڈِتھ ہیکان۔ پنُن وجوٗد رٔٹِھ تھوی تھےٚ چھِ اَسی زندٕ روزان۔ یہ چھُ پرتھ جایہ سپدان۔ پرتھ شایہ سپدان۔

مرد۔ مگر سحاب۔ یہ چھُ ظُلم!

زنانہٕ۔ اَتھ چھُنہٕ چارٕ تہٕ کانہہ!

مرد۔ بہٕ کرٕ اَتھ خلاف بغاوتھ!

زنانہٕ۔ اگر ژیہ ہِمتھ چھےٚ۔ کر۔ بہ تہٕ دِمے ساتھ۔!

مرد۔ (تس کُن اَتھ دأرِتھ) یہ چھاوادٕر؟

زنانہٕ۔ (تس ستۍ اَتھہٕ رلأوِتھ) وادٕر!

[ زنانہٕ تہٕ مرد چھِ زورٕ اَتھہٕ واس کران، تہٕ امہِ پتہٕ وِنگہٕ کُن نیرِن ہیوان اَتھس منٛز اَتھہٕ رٔٹِتھ۔ تہٕ آنہٕ تمہٕ ورِ زیٖلہٕ تمہ دروازس

نکھہٕ واتان چھہٕ۔ پرومپٹر سنز آواز چھےٚ ووتلان ]

پرومپٹر۔ (اَگبھیر نہٕ گوٚب) زولانہٕ چھٹہٕ راونچ کوٗشِش کران مگر ناکام رۅ٘زد۔

زنانہٕ۔ [مردس نرہ درٕسہٕ دِتھ اَتھہٕ موکلاوان تہٕ دٔوی منٛز سٹیجس پیٹھ کرکہٕ دِی دی بولان) تہٕ آدم

ژٕ روز کھ ہمیشہ ناکام! آدم! یُہ ہے چھےٚ میون انتقام!

مرد۔ (دوران دوران یتھ کرکہٕ دِوان) حوا! ژٕ چھکھ ظالم! ژٕ یہٕ کوٗڈتھس بہٕ جنتہٕ منٛز۔ یور لوگتھس۔

مگر پتہٕ چھہم نہٕ سوکھ دوان! ازگژھہ فاصلہٕ پُسدُن۔ یا روزِ بہٕ زنہٕ سون پرۄڈلۄسر!

زنانہٕ۔ اۄہ جمال! ژٕ ڈوٗلکھ ہیٚیہٕ!

مرد۔ بہٕ ڈوٗلُس نہٕ بہٕ آس ہوشہٕ! بہٕ گالن ازسہ شیطان! بہٕ گالن!

[مرد ۲ چھہٕ بڈٕ اطمینانہٕ سان اَتھس منٛز ڈرامچ کاپی ہیتھ اژان۔

زنانہٕ تہٕ مرد چھہٕ نکھہٕ روزان تتھ کنی زِ دِہ شوٗپہٕ سِندی خوفہٕ ہتھ

بُتھی چھہٕ تماشہٕ وُچھن والین کُن روزان۔ تہٕ پرۄڈیوسر چھہٕ یمن

نش واتتھ ینٛزِ تھر تماشہٕ وُچھن والین کُن تہٕ بُتھ زنانہٕ تہٕ مردس کُن

کرِتھ ڈرامہ کھور اَتھہٕ تھوٚد ہیٚرٹان تہٕ دٔچھنہٕ اَتھ اوٚرنگ تھوٚد

تُلتھ گوڈٕ مردس کُن اشارٕ کران۔ مرد چھہٕ وَسی پیوان لاش ہیوٚ۔

اَمہٕ پتہٕ چھہٕ سہ زنانہٕ کُن اشارٕ کران تہٕ سوتہٕ چھےٚ وَسی پیوان لاش

ہِش۔ اَمہٕ پتہٕ چھہٕ پرۄڈیوسر ینہٕ بُتھ تماشہٕ والین کُن پھران۔ تہٕ

یڈٕ نکھو تہٕ سان تمن کُن نظراہ کرِتھ درواز کنہ وارہٕ وارہٕ نیران۔ اَمی

بتدرس نیرنس ستی چھےٚ سٹیج لایٹ ژھوکان تہٕ پردٕ پیوان ]

پردٕ

# پۆت سام

۱۔ زنانہٕ تہٕ مردس چھُ سحاب تہٕ جمال ناوتہٕ کٔرِتھ تہٕ چھُ یمین مصنف 'مرد' تہٕ 'زنانہٕ' ونان۔

۲۔ آے ایم سوری ـــــ میٚہ چھُ افسوٗس زِ توہہٕ سپُد میانہٕ زٔنگی تکلیف۔ زنانہٕ چھس دپان یہٕ میہٕ ڈنوٚ تہی۔ کیٛہنہ چھُنہٕ پرواے۔ سہلے چھُ۔

۳۔ پراپرٹیز PROPERTIES ۔ پٔردٕ ونہٕ ڈچِھنہٕ کھوٚرِ کھڑا یکھو (وِنگو) علاوٕ یہٕ کیٛہنہ سامانہٕ سٹیج سجاونہٕ تہٕ ڈرامٲٹک ماحول سبٔتھ کرنہٕ خاطرٕ واہرانہٕ یِوان چھُ تتھ چھِ پراپرٹی یا سامانہٕ ونان۔

۴ ۔ ببرٕ چھُس آدم ـــــ مرد چھُ اکھ عام انسان آسِتھ تہٕ پننہٕ اصل ذاژ کُن اشارٕ کران۔ آدم اوس گوڈنیُک انسان یُمی پننہٕ کانہٕ پتلہٕ منز پننہٕ ستی لوچ حواپادٕ کرےیہ۔ تنہٕ پیٹھٕ چھُ از تام مرد تہٕ زنانہٕ ہُند رشتہٕ اُنھی آدم حوا تولقس وبرٔنھاوان تہٕ زندگی ہندس ناٹکس منز پننہٕ نین رولن پھیُر دِوان۔ دُنِہ یہکہٕ یُمہٕ ناٹکُک پروڈیوسر یا ڈیریکٹر چھُ پیٹھٕ کنہٕ یُمی یہٕ قاعدٕ خانہٕ بنوومُت چھُ۔ اتھ اندر چھا آزادی سان روزٕن پننہٕ قونونہٕ پانہٕ بناوٕنی یا پھٔراوٕنی ممکن۔ اُتھی سوالس

چھِ یمِن دۄن کردارن ہُندر رول بدلاوُن وُچھنے کران۔

۵۔ غلط ڈٲیلاگ ـــــــــ یِتھ ڈرامہس اندر چھُ مصنف زِمتوٲزی کردارن ستی یکہِ ناوان تہٕ مرد تہٕ زنانہٕ ہِندی زٕ زٕ رۄپ بیک وَق دِوان۔ مرد تہٕ زنانہٕ چھِہٕ مُلہٕ تلہٕ زٕ عام انسان جمال تہٕ سحاب۔ یِہُندر رشتہٕ ہِنکہٕ آدم تہٕ حواسنٕدِ رشتہٕ ستی وُچھناونہٕ یِتھ۔ مگر یِتی چھِ یم زٕ کردارتہٕ ناٹک کران تہٕ پرومپٹر سِندی ڈٲیلاگ بولان، ڈریکٹر سِندین اِشارن پیٹھ نژان۔ ڈٲیلاگن ہنز کتھ کرِتھ چھِ یم یہِ تہٕ ژینہٕ ون دِوان زِ یم چھِ شعوری طور یہِ ناٹک کران یِتھ اکی وقتہٕ پنٕن پان مشرِن تہٕ تہٕ یاد تہٕ تھٲوِتھ ہیکن۔

۶۔ ژاو شکھ نادِیان ـــــــــ یِتھ دُنیاہس اندر یِتھ چھُ متھ گرٕھان زٕ ژھ زندگی گُذار ہَونہٕ یِوسہٕ گُذاریٕ پیوان چھ۔ تہٕ کرہٲو نہٕ بدل کیہنہٕ کرہٲو۔ پننہٕ مرضی ہُندر رول کرنُک ارمان چھِ لبِغاوتھ پٲدٕ کران، انقلاب انان تہٕ فلسفن زنم دِوان۔

۷۔ شیطان ـــــــــ آدم تہٕ حواہس جنتکہٕ باغٕ منز نبر کڈناونُک وجہ اوس شیطان یُس سٕر پھُ ہنتھ آو تہٕ یمِن غلط وتھ ہاوِن۔ (مگر سو آسا غلط وتھ؟ تکیازِ تمی کٕنی پیو گوڈنیُک گوناہ تھنہٕ تہٕ مرد تہٕ زنانہٕ ہنز ابدی کششہٕ ہُند چیشمہٕ دزاو) تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ شیطان وُنہٕ انسان پزٕ کرٕ ژ منز موجود تہٕ یہِ کینژھاہ نیک تہٕ جان چھُ تتھ پھیش زِوان۔ یِتھ ڈرامہس منز چھُ سُہ یِہندس فطرتی لولس ژھلن کرُن یژھان۔

۸۔ حضرات اسہٕ گرٕھ مٲنی دِتی.... ـــــــــ پژوڈیوسر چھُ مرد تہٕ زنانہٕ ہِندی اپزی ڈرامٲیی رۄپ مشرِتھ پنہٕ نس فطرتی رۄپس اندر تحویل گژھنس غلطی تہٕ غلط فہمی ونان تکیازِ مشینی زندگی اندر چھیہٕ نہٕ بے واہ تہٕ غار مصنوعی کتھ کرنس کینہہ سکوپ۔ یمو دۄ یو کردار وکریوٚ آکس ان زان ژٕہس اندر تی۔

۹۔ تیلہٕ ون کُس چھُ سون دُشمن ـــــــــ مرد تہٕ زنانہٕ ہُند ازلی لول چھُ تمہٕ وِز پھٹان ییلہٕ یاٚ نہٕ یار

ختم گژھان چھُ تہٕ دُنیاہ چھُ خود غرضی تہٕ بێنِرس اندر باگرنہٕ یوان۔

۱۰۔ ژریہٕ زآدی نھس نہٕ بہٕ بزرانہہ ــــــــــ انسٲنی تہذیبہٕ کِس تواریخس اندر چھُ واریاہہٕ لٹہٕ مردن زنانہٕ ہنز کمزوری ہند فایدٕ تُلِتھ تس استحصال تہٕ کوٗرمُت۔

۱۱۔ باسان چھُ الیکٹرشن تہٕ چھُ غآیب ــــــــــ الیکٹرشن یانے بجلی مِستری کُس سٹیجہ چین بجلی ین ہُند انتظام کران چھُ پردٕ تُلان تراوان چھُ۔

۱۲ مرد (۲) ترٕ چھُ ڈیکس ژنڈ کڈان ــــــــــ زندگی ہندس ڈراماہس منز چھُ بدکردار تہٕ کُنہٕ وزِمایہ موجبتھ ورتاوُن یژھان مگر حالاتھ چھُنہٕ تس ساتھ دِوان تہٕ تمے چھُ تمہٕ وزِ ولِن بنان یتھ کِنی پرامپٹرُس صرف رلوایتھ رچھنہٕ خاطرٕ ڈراماہک اصلی دستاویز پالُن یژھان چھُ۔

۱۳۔ مرد چھُ وسی بیوان لاش ہیو ــــــــــ یوٗتانٕ سون اکٹر بنتھ یتھ دُنیاہس اندر زُونگ توٗلُتھ چھُ توتانٕ چھُ آخرس تقدیرٕ زیبان نہٕ انقلابکی ژہی ختم گژھان۔ مگر تمن ژہین چھُ ژھوچر یا وُجودٕ خوبصورتی۔

# سوال نامہ

۱۔ پأتھِر کیاہ گوٚو؟ یتھ ڈراماہس چھُ لکھاری اَکس جابہِ چأری پأتھِر عنوان دِیتھ مُت اتھ یہِ ناو دُین چھا موزوٗن؟

۲۔ ڈراماہس اندر کیاز چھیہٕ کِردار بدلی کرنہٕ آمِتۍ؟ امیُک مقصد کیاہ چھُ؟ امہِ سٟتۍ کیا اثر چھُ یمہِ ڈراماچہِ ہیتِس پیٹھ پیوٚمُت؟

۳۔ یمہِ ڈراماہچ تحریک کیاہ چھیہٕ؟ ڈرامہٕکس مرکزی خیالس پیٹھ کرِو بحث۔

# ہُرُد ــــ زان

یوٗدوَے زَن کشیٖر ہِنٛدِ پرٛتھ کانٛہہ موسم سوٗندر چھُ تہٕ ہوٗہہ کُس پرٛتھ وَلگتس ستۍ قوٗدرتُک رنٛگ بدلان چھُ، ہرد چھُ رنگن ہنٛزِ پوٗختگی کِنۍ باقین نشہٕ بدوٗن تہٕ نبرل۔ یمہٕ اِلسے ہُکۍ لکھارٕی چھُ پینہٕ آگہی کِنۍ تہٕ زبانی ہنٛز قوٗدرژ کِنۍ ہرُدک سنفِ روٗٹمُت تہٕ امہٕ کین رنگن تہٕ انہارن ناو کوٗرمُت۔ سُہ چھُ ہرُدکِس عاشہٕ مِتس حُسنس منٛز باگ زَن تہٕ پانہٕ تہٕ راوان زِ کتھ دِمہٕ تھپھ، بوٗنہٕ ہندِس وۄزِلس شبابس کِنہٕ بالن ہندٮ۪ن رنگ برنگ وۄہن، ڈلہٕ کِس آنہٕ پٹس کِنہٕ تاپہٕ کین وشنین میٹھین کِنہٕ مخملی ذرٕمن وآلس ناگِنہٕ تنٛجس۔ امہٕ ستۍ چھُ یمہٕ اِلسے یِک اوٗساوب شاعرانہٕ بنان۔ مگر شاعرانہٕ چھُ نہٕ صِرف لفظ ژاٹھ، ورنا چھُ نثرُک۔ منٛزی منٛزی چھُ مصنف اشارہٕ پاٹھۍ غالبہٕ پسندِ قاضی صابہٕ نہٕ تہٕ سمندراپارِ مس گوٗن ماتھ کالرج (COLERIDGE) پسندِ شارِح موٗخصر حوالہٕ ہنادوان یمہٕ ستۍ نثرس اندر وۄتھنیہٕ ہند عنصر تہٕ لِوان چھُ۔ یتین اشارٕ ذاتی نوٗعیتکۍ چھِ تتین چھُ نثر ڈراماٰیی کتھ باتھِ ہنٛز شکلِ منٛز وۄتلان۔ اتھ کتھ باتھِ اندر چھُ اکھ کردار لکھن وول تہٕ بیاکھ پرن وول۔ ”وَلو، گوٗناہ کیاہ گوٚو، دِموٗنطرا۔۔۔۔“ ”تاپس گوٚژھے نامد کھسُن؟“ ”خبر یتھ کرناو۔۔۔۔ پرزنوٗد کھتنہٕ؟“ ”ژِ تہٕ ما چھکھ سالس دژامُت؟۔۔۔۔“ بیانیا DESCRIPTIVE گرژھنیہٕ نشہٕ بچاونہٕ خاطرِ چھُ منٛزی ژکری عنصر تہٕ یتھ اندر موٗجوٗد۔ سُہ چھُ تموٗ النکار دِ منٛز وۄتلان یم

نثرکِس فائِلس برنہٕ آمِتؠ چھِ۔ مثلن "وقتٕک ینؠدر"، "میٚثرِ مہرِنیٚز"، "شانہٕ دوٚگنہٕ شرآئی زنانہٕ" "پرانہٕ زمانٕک ہائٹز" بیتر۔ ایٚسے ہٕس اندر گنٛزِھ اندٕرونٕد کانٛہہ وِرثار کانٛہہ سوٗرپٕچ حاوی آسُن۔ ہر دکہٕ سوٗنزلی وِردٕرپٕچ جذباتی رکائسپہٕ باووٗجوٗد چھُ یِتھ ایٚسے ہٕس اندر انسانی مُشاہدٕک سنبرِتہٕ جایہٕ جایہٕ پرٛزکھُٹ لیس اکھ بیا نیا بنہٕ نِشہٕ بچاوان چھُ۔ یِتھ کٔنہٕ چھُ یہٕ شائیر راہی سُند اکھ نمایندٕ نثر پارٕ بنیومُت۔

رحمان راہی

# ہُرُد

وَقتُک یَندرِ ژھُنژان، ازلہِ پیٹھ ازتام، نہٕ نژان روزِتھ تَنس تہٕ نیلِس نبَس پیٹھ ظاہر سپدن واجنہٕ آزِچہ پیٹھہٕ گوڈنچہ اوّبرلشہٕ ہنزٕ ڈُکھرایہِ پیٹھہٕ ابدرِکس سوٚدرس انٛدٕ ژھارن واجنہٕ انٛتِم پال گرایہٕ تام

وَقتُک یَندر ژھُنژان۔ شِنہٕ شٹھی نیار لوٗن، سرِیہِ موکھ پرزلوٗن، تابہٕ توٗندرِ توٗن، رنگ تہٕ رس پوٚپروٗن۔ وقتُک یَندر ژھُنژان۔ آدنچ ژھوپہٕ، لوکرِ چارگ چکرِ چاو یاوُنک پھٹہٕ پھٹہٕ تہٕ وآنسہِ ہنٛکی اسہٕ وٕنی آشی گنڈ۔

وقتُک یَندرِ ژھُنژان، وندِ، سوٚنتھ، ربہٕ کول تہٕ ہُرُد۔ غالبس پرزھم دلہٕ: یہ سوٚنتھ کیاہ؟ دوٚپہم ہُرُدرِ مہرِبنہٕ تلہٕ پدی ماتٕز، ماتزٕ گیہٕ رنگ، رنگ گوٚو رتھ، رتھ گوٚو وشنیر، وشنیر گوٚو لول، لول گوٚو مثِل، مثِل گوٚو موت۔ وندُکھ کیاہ پرزھہس، دپہٕ ہیمُہ شہ گوٚو مالین مُشرِتھ وٲری ورِشرِ ژپ۔ ہیر ژھپس پانہٕ کاشُر۔ مینہٕ ہرگاہ پرزھن ہُرُد کیاہ گوٚو؟ دکِپھ شِشنبس مشرُگتھ دِنہٕ واجنہٕ میٛشرِ مہرِبنہٕ ہند سوٚنزلی وردن۔ وانگُنی، نیوٗل، لاجوٗری، سبز، شنگرفی۔ لیٛدُر، وۄزُل، سوٚنزلہٕ ہندی ستھ رنگ ستن بنان ہتھ تہٕ ہتن ہٕنہٕ لیوان گرِنٛد۔ داٚن تھر تہٕ پھلس، ہکُر تہٕ ژوٗنٹھی کُج گلاب تہٕ خطاے، گُل چیپا تہٕ گُلہِ داوودی، ککوٚ تہٕ کوترِ سوٚنزلہٕ ہندی ساری رنگ تَمِتھ کشیرِ ہنزِ

ہرد مہریٔنہ وَردن پاراوان۔

وٚلو، گو ناہ کیاہ گوو، دِمو نظراہ! اَہا، ماشااللہ! یہِ چھا سوے بوٚنۍ یۄسہٕ کسِ گنہِ سبزارس منٛز تیٚم سفید شوخ پچھن نکین نکین بچن آنیہٕ آسۍ آپہٕ پراوان؟ اَتھ رنگس کیاہ ناو کرۍ زِ یتھ منٛزامس ازگو نتہٕ چھُہ لوگمُت! یہِ چھا بوٚنۍ کنہٕ کتلُ مس چیتھ وۄ شلیمتہٕ بتھِ کانہہ نشانہٕ وۄ گنٛزِ شرابۍ زنانہٕ، لا تقربا ھٰذہ الشجرۃ۔ مہٕ پکھ اَتھ کلِس نکھہٕ۔ دوٗری کرُس نظراہ، پانس تہٕ دِ ووٚن تہٕ ستی سوٚنچ یہِ وۄ شلیمٕژ بدہٕ ماتی ذاتھ کمہٕ بیٚنیہٕ تھنہٕ یتھ میژِ بنہٕ، تہٕ آہنٛز واَلنہٕ منٛد بنٛدرِ یلیہٕ پٔنٛن گتھ پوٗرِ کرِ اَتی پرژھ زِ پننہٕ بیٚہٕ سوکھ واَنۍ جہٕ: کیاہ یہِ ہرد نارہٕ دٔزمٕژ بوٚنۍ چھا محض اکھ بے مانہٕ حادثہٕ، اکھ لغو ووٚجوٗد؟

بوٚنۍ زَن ژٔٹہِ من تہٕ پن تان زالہٕ ہیس ہمن کوہ ہتہ دلن تہٕ یتھ بالہٕ ڈرِس کیاہ ونکھ یم یتھ ہردِ کالس منٛز صبح پیٹھٕ شام تام وِہرِ بدلاوی بدلاوی ژیہٕ پننہٕ ووٚجوٗدک باس دِوان چھی؟ سحر کی سوٗرمی، صبحکی نیٖلمی، پشینکی ککوی، دگرک لوٗسٕنۍ، شامکی لاجوری تہٕ راتکی کاوٗتی۔ کشیرِ منٛد کوہ تہٕ بال ہردِ کالہٕ، میانہٕ مزازک تلوٗن، چانین اورِ زٕوین ہنٛز ناکارگی تہٕ شوٗژر تہٕ اَسہٕ سارنی ووٚجوٗد بخشن والی سنٛز لیلا یہِ تہٕ لوٗلک لطیف تہٕ مانہٕ ہوٚت رمز۔

ہرگاہ ڈلک ناو ہیوٗتھ میہٕ پیٚیی تُس مٔتی ہنٛز یہِ باوتھ ژہٕ تس لیُس میہٕ از برونہہ دہ ؤری، کنہٕ ہتھ وری کنہٕ ہتھ ساس ؤری یتھ ڈل ڈہس پیٹھ سمکھوہٕ: میہٕ کُن کیاہ پھیرِ ہیس ظلو(۱)، تس اوس برونہٹھہ کنہٕ اکھ موکھہٕ پرٛوٗن افتابہٕ فنتہٕ کوہ چھہٕ منٛز ازل تہٕ ابد۔ دہ شوٗنۍ آسکھ وٚٹھ پھولان، دہ شوٗنۍ آسکھ آچھ ستن سوٗدرن وونتھ وچھان۔ دہ شوٗنۍ آسہٕ آندی پکھ رٔنیل پری یہِ نژان۔ میہٕ کیاہ ترِ ہیم فکرِ؟ فقط گیم کنن اکھ سارٕ لہر۔ میہٕ کوٗر مس کاشر مانہٕ:

ہرڈک یہِ تاپھ پوشہٕ مٔدن ستی سالِ ڈل

دوٗ تُس حقیقتس چھہٕ اگر ییٚتھی وَنا(۱) مجاز

تالِس گوژھے نامد کھٔس ۔ اکھ یِیمہٕ طلسمی ماتی ناگہ پوکھر ہٕندسر ہیہ رٔوس بوٗٹھ یمیک مخمٔل
درمٕن گونٕی تھوٗی مَتہ دانیک رنگ ژٕنتس پاوان چھ تہٕ پیٹھ مسامومنزی اَژِتھ انگس انگس میوٗٹھ
مس چاون وول یہ بیٚہ کھتاکھ تاپھ ۔ گوژھس ناقاضی صأبنی پاٹھی وٕنٕی ۔

ناگِنہٕ بوٗٹھ، پوٚت ہرڈک تاپھ
پالنوکوتاہ وَھراوَتھ !

خبر یتھ کرناوِنمس پیٹھ بہِتھ یہ پرانہٕ زمانک ہأژٕ ماپرزٕنووتھن ؟ آمی کیاہ
آوِراولیو وینہٕ نوٗر مہل نظرٕ دنہٕ مانتھرِ دارِ کتھوستی سمندرٕ اَپارِ یمہٕ سہٕ گوٚنہ ماتھ لیٚس بچوٗر مہرازٕ پرازٕ
ہستی دَری یارِ اپارِ کھاندرسالس منز شامل یرتھان اوس سپدٕن ، مگر آمی کرناوی کوٗرِس موتھن ۔ اپارِ
اوس وٗنومن گرزان ، سوٗ رنیہ وزان ، شادی یانہ سپداں ، مگر بچوٗر سہٕ گوٚنہ ماتھ اوس یپارِ یتھ گراووش
تراوان تہٕ گرائس وآنسٹھ ہأنز سِنزٕن زال ووٕنٕی واجہِ نٕین کتھن منز راوان ۔

ژٕنہ ماچھکھ سالس درامت ، حیٚس کرٕ نہ زِ ۔ آمس بڈس نیرٕ یکھ تکی زٕنہٕ ۔ نتہٕ گزٕھی
سوٗرے اتھ ۔ نیر گژھ چھاو یہ وزِ ، بجلی زٕول وچھ ، ووسہٕ دروسہٕ منز گژھ شرپکھ وِگنہ وٗنومن
بوز ۔ آتشبازِ گند ، مہرازٕ سٕند کوک چار ، مہرینہٕ ہٕند وَچھ وٕچھن ژین ، سالرن ہنز پھسرایہٕ تہٕ
کھنگالہٕ بوز ۔ سانک ٹِک ٹِک بوز ۔ وِرٕ ہٕند سوٗری گزٕھن ، راژٕ ہٕند ہٕندرن ۔ ژٕنہ کاشک نیپہ نادتہٕ ڈولہٕ
ہٕند پأراو ، مالنہٕ پیٹھ وآری دیگ سفر ، اسنگ اوٗش تہٕ اشک اسٕن ۔ ساری سے کرٕ زِمیٚل ، دلوکشیرِ
ہٕند ہُرد پزنہٕ پأٹھی پزٕ نادِ ہن ۔

وٕتنک ییٚندرٕ چھ نژان ، تھکہٕ رٔوس ژٕژان ، ٹھہراوِ ورآے پھیران ۔ اَماوکھ کیاہ آسہٕ آمٕت ۔
یہ کرِ وکرِ وِ اوس منزی منزی راتی رائس گژھان ، تہٕ وٕہ نی ییلہِ سونتھ پھوٚل یمیہٕ نبہٕ ہیٹھ وچھم
وڑان اکھ زٹھ ینگتھ تچھن ہنز ۔ تو درتھ ہرگاہ مانون شأیہ ، نہٕ یہ اَسمان نس بروٚنٹھ کنہٕ سادٕ کاکنہٕ
وٗرق ، ژٕرٕ دَنکھ جاناوارن ہنز یہ سیٚز تہٕ زٹھ ینگتھ چھیہٕ اَتھ کاکذ ورقس پیٹھ کرٕ نہٕ مِلہٕ لیکھن

آمُت اکھ تانٛہٕ تہٕ وُپھ وُن شار ـــــ چٹاخ پٹاخ، لکھ دِپن یہِ اوس شکارٕ ی، اگر چوٗن گرٛھکھ وُنُن خبر کانہہ شار شناس ما آسہے۔ ییمی قوٗ درُنگ یہٕ تازٕ شار لفظہٕ لفظہٕ پرنٛچ کوٗشش کرے یہٕ پوٗز ساٗری سیٚے ہیوٚکُن نہٕ وِہاتہٕ کرِتھ۔ لوٚندقیہِ ٹاشک صدا وُچھیو ساٗری سیٚے فضہَس تہٕ بچھیوٗ رٔشنہٕ ورٕ ی طرفن، تہٕ چھیکرس آلیس وَتھ میاٗنِس دِلس کُن، تہٕ وۄ نی چھُ تتھی منٛز وَزان تہٕ ہمیشہ روز وَزان، باے وندہٕ آسہِ یا سونتھ، رہتہٕ کول آسہِ یا ہرٛد!

# پۄت سام

۱۔ وقتُک ینٛدرٕ: وقتُک بوٚڑ بارٕ صِفتھ چھُ یہِ زِ یہِ چھُ ژلان وٕن۔ اَتھ چھُنہٕ ٹھہراو۔ بیٚیہِ چھِ اَتھ وِہرٕ بدلان۔ یہِ وُنی لوٚنہٕ اوس سُہ واتہٕ ہیوٚرتہٕ ہیٚرٕتُم وسہٕ بوٚن۔ یٚندرُک استیارٕ چھُ وقتُک ژلُن تہٕ بدلُن ہاوُنہٕ خاطرٕ برٛونٛٹھتہٕ استعمال کرنہٕ آمت۔ سے چکر با سمیکُ ژھٕرتہٕ گوٚوبی۔

۲۔ غالبس پرٛژھم دلہٕ: اشارٕ چھُ میرزا اسد اللہ خان غالبٕنِس یتھ اردو شارس کُن:

حنائے پائے خزاں ہے بہار اگر ہے یہی　　دوام کلفتِ خاطر ہے عیش دنیا کا

۳۔ لَا تقربا ھٰذہِ الشّجرۃَ:۔ یُتھنہٕ یتھ کُلِس نِکھ یِکو۔

۴۔ لوٚلِ زن ژٕٹہٕ ہن.... ہرِدس اندر چھُ اکِہ پیٚتہٕ اکھ نظارٕ دِل لوٚبہٕ وان تہٕ پیٚنہٕ ننِن سونٕزلی رنٛگن ہندی وِہرٕ بدلاوان۔ یہِ چھُ وچھن وٲلِس مٔشراوان۔ یِتھیٚہِ السے یُک لکھٲرۍ تہٕ چھُ لوٚتہٕ حالہٕ لیوان زتِسنٛد لیکھن اُسلوٗب چھُ اکھ خاص ترائے رٹان۔ لوٚلِ زن مٔشراودن تہٕ بالن ہندٕ حُسن تِمہِ کھوتہٕ پُرکشِش۔ پیٚتہٕ چھُ قوودرٕنٛک اکِہ پیٚتہٕ اکھ چیز آسنگن ہندی ASSOCIATIONS پاٹھی لیوان۔ ڈل، ہرٛدٕ نا پھ، نالُکنہٕ لوٚنٛٹھ بیترِ....

۵۔ ہرگاہ ڈلک ناوہیوٚتھ .... : یہ موٚت ہیٚکہِ کانہہ تہِ حسنہٕ موٚت تہٕ لولہٕ ہوٚت آسِتھ۔

۶۔ قاضی صاہنۍ پاٹھۍ .... قاضی غلام محمد۔ اکھ ناماوار کاشُر شاعر۔

۷۔ سمندرٕ پاپارٕ ژیم گوٚنہٕ ماتھ : انگریزی زبانۍ ہِند شاعر کولرج (S.T. COLERIDGE) یِمو ہنز اکھ سٹھاہ ناوِوار نظم چھیٚیہ "دا اینشنٹ میرینر"

THE ANCIENT MARINER

۸۔ قودرتھ ہرگاہ ماٰنون شاعر : مصنف چھُ یتھ اکھ استیار ورتاوان۔ ییٚہ کُس سفید کاغدس پیٹھ لیکھنہٕ آمُت شار چھُ ژھپنہٕ یِنگتھ تہٕ شار لیکھن واجیٚنۍ چھیٚیہ قودرتھ۔

# سوال نامہ

۱۔ نثرس منز چھیٚیہ مختلف صنفہٕ آسان۔ 'ہُرد' چھُ اَکھ اَیسے گنز رنہٕ آمُت۔ امہِ نثری ہنز خوٚصوٚصی یِتھ بیان کرِتھ لیکھِو "ہُرد" ایسے لَیں پیٹھ اکھ تبصرٕ۔

۲۔ کشیرِ ہندِس ہردس پیٹھ لیکھِو پانژن لفظن منز اکھ موٚختصر مضموٗن۔

۳۔ اَیسے یکہِ آخری پیرا گراف مطلب ؤرژھناوِو۔

# کأشرٕ صدآوی (VOWELS)

| آوازٕ نشانہٕ | تلفظ | ورتاو |
|---|---|---|
| َ | اَ | اَکھ ، قَلَم |
| ا (ا) | آ | آب ، بادام ، وَفا |
| ٲ | اٲ | اٲچھ ، ژٕر ، پٲنٛژ |
| ٔ | أ | ٲس ، دٲر ، کٲم |
| ِ | اِ | اِنسان ، فِلِم ، ہارِزٕرِ |
| ی (ۍ) | ای (اۍ) | ایمان ، کٔشیٖر ، کٲفی |
| ٕ | إ | تٕر ، وٕٹھ ، بٕڈٕ |
| ٟ | اٟ | تٟر ، ژٟن |
| ُ | اُ | اُف ، کُلُ ، گُتُل |
| ۆ | اۆ | ٹھۆل ، ژۆنٛٹھ ، اُردۆ |
| ۄ | اۄ | اۄن ، کۄل ، وۄژھ |
| و | او | اول ، بور ، ہوہو |
| وٚ | اوٚ | دوٚد ، کوٚل ، ووٚٹھ |
| وٚآ | اوٚآ | سوٚآد |
| ێ (ێ) | ایٚ (اێ) | ریٚہہ ، میٚہ ، بیٚتہٕ |
| ے (یہ) | اے (اے) | کھیل ، ٹیب ، واتے |
| ۓ (ۓ) | اۓ (اۓ) | وۓتھ ، دۓل ، سۓکھ |
| ۓٚ (اۓٚ) | اۓٚ (اۓٚ) | بیٚٹ ، میٚچ ، ویٚگن |
| ۍ | (ۄچھولنٹ) | شُرۍ ، لۄنٛز ، کٕتٕر |

نوٹ : کانٛہہ تہٕ ژھوپاوی بانٛنے 'CONSONANT' ییلہٕ تاپرٕ بناوٕن آسہٕ اتھ چھہٕ پتہٕ کنہٕ تاپر (ۍ) لاگان (کٲشرٕ ڈپا

